# کأشُر انسائیکلوپیڈیا

## جلد (۲)

(آثارِ قدیمہ، فنِ تعمیر، ضربیات
لوٚیہ مُرٕژ، کَنہِ مُرٕژ تہٕ کتٕر مُرٕژ)

چیف ایڈیٹر

**محمّد یوسف ٹینگ**

جموٗں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز۔ سرینگر

(۱۹۸۹ء)

عِلِم چھُے صنُدوقس سوٗن زَن بَرُن

نُندرٛیوٗش رحؒ

گوڈنیُک ایڈیشن : ۱۹۸۹ء

تعداد : ۱۰۰۰

تزئین وکتابت : محمد یوسف مسکین

تصاویر : بشیر اختر، اوم پرکاش، غلام محی الدین

چھاپ خانہ : فوٹو لیتھو ورکس۔ دہلی۔


اِدارتی ناوَن ہِنٛدٕ ژھوٹہ ری :

موتی لال ساقی (م۔ل۔س)

محمد احسن احسن (م۔ا۔ا)

عبدالغنی ندیم (ع۔غ۔ن)

شمیم اختر (ش۔ا)

مجید عاصمی (م۔ع)

م۔نوشین نگہت (م۔ن۔ن)

ادارتی صلاح کار :۔

پروفیسر پی۔این پُشپ (سابق ناظم آرکیولاجی، میوزیم و ریسرچ)

ڈاکٹر محمد اسحاق خان (صدر شعبۂ تواریخ۔ کشمیر یونیورسٹی)

# پیش لفظ

یێمہ اِنسائیکلوپیڈیاہک گوڈنیُک جلد اوس ترٛیے ؤری برٛوٚنٛہہ کاشراونہٕ آمُت۔ دوٚیُم جلد اوس پننہِ مُشکل نُمٲیی تہٕ مشقّت طلبی باوجوٗد ؤری کھنٛڈ برٛوٚنٛہہ تیار مگر اَمہِ زدن مُناسب زِ بێیہِ رژھا دم گرٛہ دِنہٕ یُن یُتھ اَتھ دَم پُختہٕ نعمژ وارٕ چھاو ییہِ۔ تہٕ گوٚیہِ زٕ اَکھ ییہ اَتھ ترٛێیمہ ژوٗرِ مہِ پھِر بێیہِ چھٲنٛی لاگنہٕ تہٕ ژھٹ کڈنہٕ۔ بێیہِ تھاوو اٰسی گوڈنکہِ جلدٕ کین پوٚت آلون وارٕ کَن۔ دلوٕ کاشُہ باخبر نادِ یا ندا اَسہِ کُنہ بےشوٗنٛکس کھٹہ کجرس کُن توجہ پھِرِ لُیس سانہٕ تحقیقی پھیارنہٕ مَنٛزٕ نظرن ژھل کرِتھ سروٗنٛٹے دژامُت آسہِ۔ الحمدللہ زٕ اَتھ دورانَس گے سأنی یہِ پرٛژھ محکم زِ یہِ محنتھ چھےٚ رَتھ کھُژھرٕ۔ گوڈنیُک جلد آو کاشرِ زبٲنی ہنٛدین سارِنے معتبر اُدیبن تہٕ عالمن (کاشُہ بُل چِک ہے رٕدمت آسہِ، سہ چھُنہٕ اِرادی بلکہ بشری) سوزنہٕ۔ یہِ معیاد اوس سیٹھا یتھ مَنٛز تِم فرُصتھ تہٕ فراغژ سان اَتھ نظر گذر دِتھ ہیکہٕ ہن تہٕ ہر گاہے کانٛہہ وشفہٕ ییہ ہیکھ بوزنہٕ تِمچ نِشاندٕہی کرِتھ ہیکہٕ ہن۔ مگر اکثر سپُد یہِ زِ تِمو دیُت اَسہِ شاباش تہٕ مرحبا۔ اَتھ حدَس تانی زِ ییٚلہِ وونی تِمن موضوعن پیٹھ، یِم گوڈنکہِ جلدُک مغز چھِ، کانٛہہ ریڈیو، ٹیلی وِژن، فلم، اخبارن، رسالن یا کتابن مَنٛز لیکھان چھُ، سہ چھُ لگ بگ لٲزمی تہٕ لابُدی طور اَمہِ جلدٕ کین نوشتن ہنٛز عبارت نقل کران۔ وون گو کانٛہہ کانٛہہ دوست چھُنہٕ حوالہٕ دِنٛچ ضروٗرت محسوٗس کران۔ ظاہرا اَمہِ کِنی زِ یہِ چھُ اَسہِ سارِنے ہُنٛد سروٚد سرمایہ تہٕ سروٚدِس پیٹھ چھُ سارنے حق۔ کینژھا اَمہِ کِنی تہٕ زِ کاشرِ تحقیق کِس کلچرس مَنٛز چھُنہٕ دُنہٕ حوالہٕ دِتھ کتھ پیش کرنُک عادت پوٚختہٕ گومُت۔ یہِ انسائیکلوپیڈیا چھُ خاَر اَکہِ اَدارٕچ پیش کش۔ تنقیدی تہٕ تحقیقی مادان مَنٛز چھنےٚ وُنہِ اَسہِ عام پأٹھی (معزز استثنا ہو ورٲے) اِنفرادی عالمن تہٕ اُدیبن ہُنٛد ناد

اَمہِ کیلاشس یاترا یہِ پتہٕ کاشُرس انسائیکلوپیڈیاہَس کُن وُچھان ۔ اکادمی چھےٚ یمَن تجویزَن پیٹھ غور کران ۔ مگر سُہ چھُ اَکھ الگ موضوٗع ۔ اَلبتہٕ تِمَن ہِنٛدِ یتھ اِنسائیکلوپیڈیاہَس مُشتاق گژھنہٕ چھےٚ اَسہِ کاشرِ ہٕنٛدِ کار ووٚگنان ۔ اَمہِ جلدِ کِس ہُدہس نوٗشتہٕ نِگار موتی لال ساقی صابَس صدرِ جمہوریہ ہِنٛدِ طرفہٕ پدم شری ہیک اعزاز عطا کرُن چھُ بالواسطہٕ طور یمہِ انسائیکلوپیڈیاہچ عزت افزٲیی تہٕ اَمیُک عرفان عام گژھنُک اعتراف تہٕ انعام تہٕ ۔ یہِ RECOGNITION چھےٚ یتھ انسائیکلوپیڈیاہَس تہٕ پھیوت گنڈان ۔

---

یمہِ انسائیکلوپیڈیاہُک دوٚیُم جلد چھ اَسی ہَنا ژٕرِ اعتمادٕ تہٕ پژہ سان پیش کران ۔ اَکھ وَجہ چھُ یی زِ تجرُبہٕ چھ پانہٕ بوٚڈ ووستاد تہٕ وَتہٕ ہاوُک ۔ دوٚیُم یہ زِ اَسہِ ڈِژ اَزی کِہ پھِر داراہ ژھاَنڈ ژھارٕ تہٕ زیادٕ مَتَن کوٚر جمع ۔ یَتھ جلدَس مَنٛز چھنہٕ صِرف کٔشیرِ ہِنٛدِ ہٕنٛدِ آثارٕنے یوت زیادٕ تیز تہٕ ترٕوِی نظر تراونہٕ آمٕژ ، اَکھتی چھےٚ جیٚمہِ تہٕ لداخ کِین آثارَن متعلق زیادٕ وٕسیع باڈٕچ کام سپٕزمٕژ ۔ تصویرَن ہُنٛد شُمار تہٕ معیار تہٕ چھُ ژٕرِ ہَنا تھٕزراونچ کوٗشِش کرنہٕ آمٕژ ۔ یمہِ جلدُک اَکھ اَنداز ہیکہِ بیوٚن بیوٚن آثارَن متعلق شٲمِل یمہِ گوشوارٕ سِتی کرنہٕ یتھ ۔

عام دِلچسپی ہِنٛدی نوٗشتہٕ ۱۶۳

لوٚکہٕ مُرژَن پیٹھ نوٗشتہٕ ۵۹

کَنہٕ مُرژَن پیٹھ نوٗشتہٕ ۱۷

کٕٹرِ مُرژَن پیٹھ نوٗشتہٕ ۱۳

سارِنے صِنفہِ ہِنٛدِ ہٕنٛدِ نوٗشتَن ہُنٛد میزان ۲۵۲

اَمہِ عَلاوٕ چھُ یمہِ جلدُک اَکھ سیٹھاہے دِلکش ، عالمانہٕ تہٕ تفصیلی جُزو ضربیات ۔ یہِ چھُ ماقبل مسیح یعنی یوٗنانی دورٕ پیٹھہٕ آغاز گژھان تہٕ اوتُرٕ اوتُرٕ یعنی ڈوگرٕ دورٕ کِین سِکَن پیٹھ اَنٛد وٲتِتھ تقریبَن ڈاین ساسَن وَریَن کوٚم کران ۔ کٔشیرِ ہِنٛدِ ہٕنٛدِ ضربیاتَن پیٹھ اُس مرحوٗم ابنِ مہجوٗرَن کینٛہہ اِبتدٲیی مگر سیٹھا معتبر کام کرمٕژ اَلبتہٕ ساقی صابَن یمہِ تفصیلہٕ سان تہٕ سَنِتھ سُنٛزِ تھ اَتھ واتھ کوٚڈمُت تہٕ گاش ہُر روومُت چھُ ، سُہ چھُ اَکھ کاشُرس ضربیاتَس مَنٛز اَکھ تیُتھ ہُرہ ، ربناوان یُس ہرہمیشہٕ زوتان تہٕ شوٗبان روزِ ۔ بوزوَے تہٕ انگریزی زَبانی ہٕنٛدِ سبر چھُنہٕ ظاہرا کُنہِ ہِندوستٲنی زَبانہِ مَنٛز اَتھ موضوٗعس پیٹھ اَمہِ اَندازٕ ووٚنیُک تام لیکھنہٕ آمُت ۔ مےٚ

ہنٛس تِھٲے کٕنٛہ گٹھ گوچھ گژھان یِتھ کِنۍ ازبرٕ وٕنہٕ ہتہٕ شتھ وٕری کاشُر مہرینی پٔننِس رٕنٛسندناو ہنٛس مٔنٛز چھان
اُس۔ بہرحال، یِتھ کِنۍ دوہٕ نۍ آشنین گلہٕ زیو چھِنہٕ گژھان تِتھٲے کٕنٛہ سیٚد بہٕ علمی کجٕر تہٕ پلنے۔ واریاہ ہو دوستو!
وون نہٕ کہیں تہٕ اُسی چھِ اتھ خاموشی اکثریژ SILENT MAJORITY ہُنٛز منظوری ہُنٛد اشارٕ تصوٗر کران زِ
سارِنے سوسایٹین مٔنٛز چھُ امہٕ اہم طبقک کردار یِتھٲے کٕنٛہ اُنکہٕ وَنہٕ یِوان۔ البتہٕ اتھ جلدس مٔنٛز آسہٕ پرٛوفچہٕ
کیٚنٛہہ ووکھ غلطی روزِمژٕ۔ اتھ پیٹھ کُر اُسہٕ واریاہ ہو ڈالموکھسرتہٕ پانہٕ تہٕ سپیزٕ اُسہٕ اَچھ مٔنٛز چھُ محسوٗس۔
مگر یہٕ PRINTERS DEVIL چھُ یُتھ ہاکھل زِ آکسفورڈ ڈکشنری تام مٔنٛز چھُ اَمی ہٕنٛدی ہینگ بوزنہٕ یِوان۔
یہٕ چھُنہٕ کانٛہہ جواز صرف یِنہٕ کتھ ہُنٛد اظہار زِ غلطی سٟتی گژھہ نہٕ پرٕٛژ کامہٕ پیٚتھ۔ رٕتین ارادن پیٹھ شک کرنہٕ
یُن۔ بہرحال اُسی ہکو دوہٕ نۍ بٔڈ عاجزی تہٕ انکسارٕ سان وَنِتھ زِ یِنہٕ انسایکلو پیڈیاکہٕ گوڈنکہٕ جلدِ سٟتی چھُ تمہٕ
کاشرِ کلاسیکیک کُن وۄتھمت یِنِمکی خاب اُسہٕ وٕرِیہٕ وادن رٕچھمتی اُسرٕ تہٕ یِمَن لَل دٟدٕ ہُنٛدیہٕ دُعاے خیر
آشیرواد دوان رُود ع

اُسی اُسی تہٕ اُسی آسو
اُسے دور کرٕ پیٚتہٕ وتھ

چنانچہٕ یہٕ پٔرٛھ حاصل کرنہٕ پتہٕ کوٚر اَسہٕ یِمَن نوٚشتن ہُنٛد پنہٕ رسالہ ہانٛگلہٕ شیرازس، مٔنٛز ترجمہٕ پیش کرنُک
سلسلہٕ شروٗع۔ یِم نوٚشتہٕ چھِ ژٲری ژٲری اُردو، ہندی، پنجٲبی، ڈوگری بیترٕ شیرازن مٔنٛز باقاعدٕ نیران تہٕ
انگریزی شیرازس مٔنٛز تہٕ یِیہٕ یہٕ دَس جلد تُلنہٕ۔ یِمَن زبانَن ہٕنٛدی عالِم تہٕ ادیب تہٕ چھِ وۄنۍ یِمَن نوٚشتن پران۔
یِمَن نہٕ صرف چھِ یِم ٹارِ کھتی ہتی بلکہ تِم چھِ اصرار کران زِ کٲشرِ ہُنٛز پرٛزنتھ تہٕ شِنی تہٕ گنٛی بناونہٕ خاطرٕ گژھہ یہٕ سلسلہٕ
زیادٕ باضابطہٕ تہٕ مستحکم بناونہٕ یُن۔ یِمَن نوٚشتن ہٕنٛدِ اعتبارُک اَکھ پہلوٗ چھُ یِترٕ زِ یِمَن ہٕنٛدِ ترجمہٕ کارن
مٔنٛز زوٗن نہٕ پروفیسر رحمٰن راہی ہوٚیو ادیب تہٕ علم شناسو تہٕ شٲمِل روزُن خلافِ شان کیٚنٛہہ۔
کاشرِ انسائیکلو پیڈیاکہٕ معتبر تہٕ مستند آسنُک اَکھ ثبوٗت چھُ ہنا ورگہٕ مگر توتہٕ سیٚٹھاہ باوَن ہار۔
سُہ گوٚیہ زِ ڈوگری تہٕ گوجری زبانَن نہٕ چھُ یہٕ انسائیکلو پیڈیا ڈیشِتھ رسوٗل میرنہٕ کتھ 'لوٗب آمے خوبصورتیے'
ہیوٚ معاملہٕ سپدمُت۔ یِمَن دوٚشوٚنۍ زبانَن مٔنٛز آیہٕ اکادمی ڈکشنرین ہٕنٛدی منصوٗبہٕ ہیٚتھے مکمل کرنہٕ۔ چنانچہٕ
دوٚشوٚنۍ چھِ شِتے شِتے جلدٕ۔ ڈوگری ڈکشنری ہٕنٛدِ شییمہٕ جلدچ رونُمٲیی کُر ۲۷، فروری ۱۹۸۹ سنہٕ اکادمی ہٕنٛدی
صدر نشین ڈاکٹر فاروق عبداللہ صابن جِنِمہٕ اکادمی ہٕنٛدِس جشنِ اعزازس مٔنٛز۔ وۄنۍ چھِنے دوٚشوے زبانہٕ

یعنی CONSENSUS کس علمس ترتیب دوان، اَہم نقطہٕ نظرن ہِستی پَنُن پان وابستہ کرنہٕ وراے
تہٕنز نوٹس نوان تہٕ یوتانٛ تہٕ یم نظریہ اَکھ قابلِ لحاظ اعتبار تہٕ اعتماد حاصل کرن، توتاں یمن پیٹھ تصدیقچ
موہر تژاونس ہراسہٕ کران۔ انسائیکلو پیڈیاہَچ کام چھےٚ لازمی طور پہٕ زِ کُنہٕ منصوبس متعلق کرِ پننی دورٕس
تہٕ سِنٛہٕ ونی تحقیقی مُہم شروٗع۔ تہٕ چھ تواریخ چہ سونہٕ کور GOLDEN GIRL یعنی ہیلنہٕ ہِستی منسوب
ٹرائے شُہرچہ باز تلاشُک مژ پیش کران مگر پانہٕ چھےٚ نہٕ یُتھ ہیو کانہہ منصوبہ تُلان۔ انسائیکلو پیڈیا چھ بنیادی
طور علم تہٕ تواریخُک ژِبہٕ تہٕ ووٚتر تہٕ عطر پیش کران۔ یژتھ مَن سرس منز وودھن واجنہٕ لہرِ ہُند حساب
تھاوُن نہ چھ امہٕ خاطرٕ ممکن تہٕ نہ واجب۔ میٚ دِژ ذرا دورِچ مثال امہٕ سببہٕ زِ بقول مولانا رومی ع

خوشتر آں باشد کہ سرِّ دلبراں
گفتہ آید در حدیثِ دیگراں

اَتھ سِلسِلس منز روز اکھ مثال دِنی مُناسب۔

روضہٕ بل سرینگرٕ یوز آصف[1] ہِنٛدِس مقبرس متعلق چھ وُنی کِس تقریبن ساری سے اسلامی،
مسیحی تہٕ بودھ دُنیاہس منز اکھ علمی مجادلہ تہٕ مناظرٕ جاری۔ کشیرٕ، ہندوستانس، پاکستانس، یورپس تہٕ
امریکہس منز چھپے اَتھ پیٹھ کتابہٕ شایع سپنز مژ تہٕ یہ سِلسِلہ چھُ وُنہ پکان۔ اَڈ چھ اَتھ لیسوع مسیح سُند مقبرٕ
مانان تہٕ اَڈ چھ اَتھ انکار کران۔ ساٰنی انسائیکلو پیڈیاہَن چھےٚ پننہٕ اصولہٕ مطابق اَمیچ نوٹس نیٖمژٕ مگر حتمی
فاصلہٕ امہٕ بحث وتکرارکس نتیجس پیٹھ تروومُت۔

یہ نہ زِ ییٚمہٕ جلدِکس ترتیبس منز کیاہ پھکی اسی ہر روز سوہن سترہن وتنے یوت پیٹھ
اَسہٕ آیہ بارٕ کنٛڈی تہٕ تیز کھمبرٕ تہٕ درپیش تہٕ کُنہ وزِ ہیوک نہٕ اَسہٕ یُن منشا حاصل کرِتھ۔ مثلن
رینچن پورکس ملحق نوِشتس ہِستی اَسی اَسہٕ کشیرِ ہِنٛدِس گوڈنکس مسلمان سُلطان صدرالدین رینچن شاہ
(ییمی اکس وانسٕٹھ تہنٛد ہنٛس اَندت لیوکھ تہٕ بیٚیس تواریخی انقلابس دُس تُل) ہِنٛزٕ قبرٕ ہُنٛد تصویرٕ
یژھان شامل کرٕنی، مگر تہٕ چھ کمیٚ تام قُلفس تَل تھووُمت تہٕ پیٹھ چھس زِ نٛیک بٹھیک تیوت

[1] ڈاکٹر تاراچند ہِنٛدِ ونہٕ مطابق چھ در اصل یوز آصف بودھی ستواء (بِنہٕ کالک بُدھ) اصطلاحکی اکھ روٗپ (م۔ی۔ٹ)

چھنے پٔتھ زِ کاشرِس توٲریخس پیٹھ لیکھن وٲلی یم توٲریخ کس اَتھ انتہائی مستند، مسلسل تہٕ مستحکم سرچشمس سوٗرے مواد برٛونٛہہ کنہٕ نہٕ آسنہٕ کنی واریاہن جاین دول دِوان آسی تم ہکن امہٕ باب چہ روشنی پانژن پانژن شین شین تخت بدلین، ہند معتبر کلینڈر یمو سکو ہند مدد سیتی مرتب کورمت۔ مرحوم ابن مہجوٗرن اوس اٰخری کٲشیری حکمران محمد شاہ تہٕ فتح شاہ نین، نقش برسنگ ہش کتھ آسان تہٕ امیک لیکھت چھ توٲریخ کِ چھوٚر چھوٚر کرونہٕ آبہٕ جہٕ یہ ہند مہر تصدیق آسان تہٕ توٗرے پیٚیہ اَتھ بابس سارنے وارٕ اَچھ مُژراوِتھ نظر دِنی۔

ییٚمہ جلدِ کین شاملاتن منٛز چھ کینہہ تژھ جایہ تہٕ آثار تہٕ موجوٗد۔ یمن متعلق غالبن گوڈنچہ لٹہٕ قلمس کتھ چھنے آمژٕ تہٕ یہند تفصیل بیٚیہ کُنہٕ کتابہٕ منٛز خالے نظرِ گژھہ۔ یمن منٛز چھ تُجر، اہم، بھیم سوامن بھوج منٛدر، امام باڑہ احمد پور بیترِ۔ امہٕ علاوٕ چھ تقریبن پٔرتھ نوِشتس سیتی تصویر تہٕ۔ تصویرن منٛز چھ عمارتو علاوٕ آثارک مزاز تہٕ طرز بیترِ ہاونہٕ باونہٕ خاطرٕ خطاطی تہٕ باقی نقوٗشن پیٹھ تہٕ توجہ دِنہٕ آمت۔ موٗنی تِژھرن یعنی دیواری تصویرن ہُنٛز تہٕ چھنے گوڈنچہ لٹہٕ وِژھنے کرنہٕ آمژٕ تہٕ تصویری وضاحت تہٕ۔

یَتھ جلدس منٛز شٲمل وارِیاہ کٕچ نوِشتہٕ چھ برٛونٛہہ شیرازس منٛز اُدیبن تہٕ عالمن ہند سوال جوابہٕ خاطرٕ چھاپنہٕ آمتی۔ اَسہٕ کرٕ ثاو وارِیاہن اُدیبن بیترِ محفلن منٛز یِم بوزُنک سال تہٕ مگر چھیکرس موژیوو اَکس یژھہ محفلہٕ منٛز صرف محمد امین کامل صاب تہٕ یَتھ شعرس گوٗ مفہوٗمس تُلکھ پیٹھ ع

زمانہ بڑے شوق سے سن رہا تھا<br>
ہمیں سو گئے داستاں کہتے کہتے

---

انسائیکلوپیڈیا نولیسی چھنہٕ کاشرٕ بلکہٕ اکثر وبیشتر ہندوستانی زبانن ہند خاطرٕ وِہرنے تہٕ کم وٕیز صنف اَو خاطرٕ چھنے کینژن نوکتن پیٹھ سون نظر کون واضح کرنچ ضروٗرت ہش باسان۔ انسائیکلوپیڈیاہن منٛز چھ موضوعس متعلق نوٚین کُتھن ہند اشارٕ آسہٕ وُنے مگر یہ چھنہٕ ضروری زِ سہ کرِ کُنہٕ خاص موضوع یا منصوٗبس متعلق بلکُلے نوٚو تہٕ نیرل تحقیقات پیش۔ یہ چھُنہٕ انسائیکلوپیڈیا نولیسی ہند گوڈنیک PRIMARY فرض۔ انسائیکلوپیڈیا چھُ بنیادی طور پننہٕ ترتیبہٕ کِس وقتس تام استصواب

بوڈ پہاڑ زِ اتھ زیرِ دٕنی گیاو پنٕنہِ کلہٕ ہیرِ گنٛڈُن ۔ لہٰذا پیو اَسہِ رٔنٛچن مُشیدہِ ہٕنٛز تصویرِ پیٹھے قناعت کرُن ۔ یتھین سٕہون پیٹھ مَنٛگو اَسی ضرور عفو گریم آثار اَتھ مَنٛزِ ترٛاوٕنی تہٕ گو قومی بے حِسی ہُنٛد ثبوت دیُن ۔ اُمیٖک تدٕرُک ہیٚکہِ اَکھ بیدار قومی رایہ کٔرِتھ ۔

---

آثارِ قدیمہٕ کین دون جلدن ہٕنٛدِ تکمیلہٕ پتہٕ چھِنے اَسہِ وونی پنٕنین باقی موضوعن کُن مُدے گنٛڈمٕژ ۔ یہ زان نوٚن تہٕ پرٛون چھُ سہ گو زِ یہ منصوبہٕ واتہٕ دَرجہٕ وادٕ وٕریَن مَنٛز اَند تہٕ اَکو ہمہٕ صَدی مَنٛز تہٕ آسہِ دوان دوران ان شاء اللہ اَسی تِلو پنٕنیو مجاز ادارو تہٕ پنٕنین صلاح کار کمیٹین تہٕ عالمن ہٕنٛدِ بٔڈِ حلقہٕ کہ مشورٕ سٟتی جغرافی تہٕ اَرضیات کِس موضوعَس جلدے دِس تہٕ یُوتاہ پوٗشو تیوتاہ وُلی کرو بیاکھ جلد پیش ۔

ییٚمہِ جلدِ کین نوٗشتن چھِنے پروفیسر پی. این پُشپ تہٕ کشمیر یونیورسٹی ہٕنٛدِ تواریخکہِ شعبکی صدر ڈاکٹر محمد اسحاق خانن تہٕ نظرِ دٕژمٕژ ۔ بہٕ چھُس سٹاف ممبرن، ادارتی صلاح کارن تہٕ خطاط محمد یوسف مسکین، انچارج پبلی کیشن بشیر اختر، فوٹو گرافر اوم پرکاش، سارنے ہُنٛد شکر گذار زِ تِہنٛدہِ ہمتو سٟتی ووت یہ جلد مَنٛزِ لَس ۔ ذاتی طورِ یہ کامرانی ڈیشتھ چھِنے میرٕ سٕنٛدِ شعرٕچ بٲش گٲمٕژ ؎

مُنہ کی جھلک سے یار کے بے تاب ہو گئے
شب میرؔ ہم کو پرتوِ مہتاب لے گیا

سرینگر ۔ یوم نوروز
۲۱ مارچ ۱۹۸۹ء

محمد یوسف ٹینگ

## اُتپل سوامن

اُتپل سوامن چھ ویتھہِ ہٕندِ کھوورِ بٹھِ کاکہٕ پورہٕ۔ یہِ گوٗ سُے کاکہٕ پور یتھ راج ترنگنی مَنٛز اُتپل پوٗر چھُ آمُت وَننہٕ۔ زوٗنراژن تہِ چھ اَمہِ قصبٕیک ذِکر اَمے ناوِ کوٚرمُت۔ صاف چھُ ظاہِر زِ تَسٕندِس زمانَس (۱۳۸۹ء ــ ۱۴۵۹ء) تام تہِ چھُ یہِ قصبہٕ اُتپل پوٗر ناوَے مشہوٗر اوسمُت۔ تاوِتلہٕ چھُ ظاہِر زِ اُتپل سوأمی مَنٛدَر چھُ وِشنو مَنٛدَر۔ طرزِ تعمیرٕ اعتبارٕ گاندھار طرزٕچ ژینہٕ وَن دِنہٕ باوجوٗد چھُ یہِ مَنٛدَر یاڈوِ کِنہِ وَرمَن دورُک بٲقی کِنہِ مَنٛدَرو کھوتہٕ سیٹھا لوکُٹ۔ اماکاری گری حِسابہٕ چھُس نہٕ کانٛہہ پرٕگی۔

اُتپل سوامن مَنٛدَر تعمیر کَرن وول اوس اُتپل، یُس راز اَونتی وَرمنَس (۸۵۵ - ۸۸۳ء) رِشتہٕ کِنہِ بُڈی بَب اوس۔ تمی اوس مَنٛدَر تہٕ بنو وُمُت تہٕ قصبہٕ تہِ پننِس ناوَس پیٹھ بَسوومُت۔

راز رام دیو (۱۲۵۲ - ۱۲۷۳ء) ہٕندِس دورِ حکومتَس مَنٛز تہِ چھےٚ مَنٛدَرَس مرمت کَرنہٕ آمٕژ، یُس صاف چھُ ہاوان زِ مَنٛدرس آس کیٛاہ تام خرٲبی گٲمٕژ۔

یوٚدوَے اُتپل سوأمی مَنٛدَر وُنہِ تہِ پننہِ جایہِ ڈٔنجہ چھُ مگر اَتھ چھےٚ پتہٕ کالہٕ کِنہِ کھنٛڈرٲتَن ہٕندی پاٹھۍ ہیَیت ڈُجمٕژ۔ (وُچھِو کاکہٕ پور تہٕ) (م۔ ل۔ بی)

کتاب نامہ:


*Kaul S.K: Jonaraja's Rajatarangini
*Stein: Kalhana's Rajatarangini


## اُدھمپور

اُدھم پور چھُ جموٗم کِشتواڑ سَڑکہِ پیٹھ جمؠ صوبُک اَکھ اَہم ضِلہٕ۔ عرضِ بلد چھُس ۳۳° ۵۵َ، طولِ بلد ۱۱ اَ ۵° ۷ تہٕ سَمنٛدَرس تھٔدِ پیٹھہٕ تھزر ۲،۴۰۰ فُٹہٕ۔ یہِ زیٚلہٕ چالہِ علاقہٕ چھُ یَمہِ کِس جنوٗبَس مَنٛز شِوالِک پربتو پیٹھہٕ شمالہٕ اندٕکِس ہمالہ کوہہٕ سِلسِلَس تام پھٔہلِتھ۔ اَمہِ کوہہٕ سِلسِلہٕ اَپارٕ چھُ کٔشیر ہُنٛد کولگامی تحصیل، مَشرِقہٕ طرفہٕ چھُس ڈوڈا ضِلہٕ



## اعظم گڈھ کوٹ

اعظم گڈھ کوٹ چھُ بھمبر گلی کِنۍ پٔژٕ وٕنٛژھ راجٕ وِیر
وَتہِ راجوری پیٹھٕ ۱۶ کلومیٹر دوٗر۔ مغل طرزُک یہِ کوٹ
چھُ سیٹھا مضبوٗط اوسمُت تہٕ بھمبر گلی پیٹھٕ چھُ اکہِ راٹھ
چوکہِ ہنٛز کٲم اوسمُت دوان۔ یوٗدوَے یہِ کتھ معلوٗم چھِنہٕ زِ کوٹ
کمۍ چھُ تعمیر کوٗرمُت مگر اَمیُک ناو چھُ ژینہٕ وَن دِوان
زِ یہِ گژھِ پٔژٕ وٕنٛژھ کِس یا راجٕ وِیرِ ہِندِس کٲنٛسہِ مُسلمان
بادشاہ سُند تعمیر آسُن۔ (م۔ل۔س)

### کتاب نام

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh

## اکھنور قلعہ

وِچھِو "اکھنور" (جلد ۱)

## امام بارہ احمد پورہ

یہِ امام بارٕ چھُ احمد پورِ۔ احمد پوٗر
چھُ سرینگرٕ پیٹھٕ ٹنگمرگ گژھٕ وُن ماگم قصبہٕ کِس
شُمالَس مَنٛز اَتہِ پیٹھٕ دوٗن ژور کلومیٹر دوٗر۔ احمد
پورکِس امام بارَس شُمال مَغربہٕ پاسہٕ لَیرِس کُنۍ چھُے سیّد
احمد قُمی صاٰبنۍ زِیارت، یُس کشیرِ مَنٛز رضوی ساداتن



ہُند جد مانہٕ چھُ یِوان۔ امام بارٕکِس شُمالَس مَنٛز چھُ قبرستان
یَتھ مَنٛز کینٛہہ سیٹھا پرٲنۍ باڈٕ بڈۍ پیٛرِ نظرِ چھِ گژھان۔
انداز چھُ زاتھ مزارَس مَنٛز چھِ پننہِ وَقتکۍ کینٛہہ اکابِر
دَفن۔ سُلطان حسن شاہ (۸۴-۱۴۷۲ء) سُند سپاہ سالار
ملک احمد ماگرے تہٕ تمۍ سُند موٗل ملک لدی ماگرے
تہِ چھُ احمد پوٗری دَفن۔

یَتھ جایہِ امام بارٕ تعمیر چھُ کرنہٕ آمُت، تتھِ چھِے
بژٕ وٕنہہ بونہِ آسمٕژ۔ حاطَس اَندۍ اَندۍ اوس ترِ بن طرفن
کنہِ دیوار یَیلہِ زَن اکہِ پاسہٕ عام کٲشُر طرزِ تعمیرُک اِمام
بارٕ اوسُس۔ محرم الحرام کِین دوہَن تہٕ باقی موقعن پیٹھ
آسہٕ حُسینی مجلِسہٕ اَتھِ حاطَس مَنٛز سپدان، یَیلہِ زَن اِمام بارٕ

تہٕ مغربہٕ طَرفہٕ پژوٗنژھ علاقہٕ۔ اُدھمپور ضِلہٕ کِس اَہم ترین قَصبَس تہٕ چھ اُدھم پورٕ ے وَنان۔ اَمہٕ علاوٕ چھ ضِلَس مَنٛز بییہٕ زٕ قَصبہٕ رام نگر تہٕ ریاسی۔ پَتھ کالہٕ اوس اُدھمپور ضِلَس مَنٛز زانسکار ہُریانہٕ وادٕ وٕن تہٕ کِشتوار تہٕ شامِل۔ اُدھم پور قَصبَس چھُ ڈوگرٕ مہاراج گلاب سنگھٕنی زِٹھی نیٚچوی میاں اُدھم سِنگھٕن کُنٛ ذٕتیمت تہٕ توَرے کِنی اَسی اَتھ گوٚڈٕ گوڈٕ اُدھم سِنگھ پور وَنان تہٕ پَتہٕ پیٚوو اَتھی اُدھمپور ناو۔ بڑوٗنہٕ کالہٕ چھُ اَتھ جایہ بودھ پورٕ ناوٕ اَکھ گام آباد اوسُمت۔

اُدھمپور ضِلکی اَہم ترین مَنٛدَر چھ اُدھمپور قَصبہٕ نیٚبرٕ۔ تِمَن مَنٛزٕ چھ اکثر وِشنو مَنٛدَر یم پولیس



ٹرینِنگ سکوٗلَس نَکھٕ چھ۔ یم وِشنو مَنٛدَر چھ ڈوگرٕ راجہٕ کِس ابتدأیی دورَس مَنٛز تعمیر سَپدیٕمتی تہٕ طرزِ تعمیر حِسابہٕ چھ یم شِیکھر طرزٕکی یُس مادأنی علاقَن مَنٛز میلان چھُ۔ مَنٛدرَن ہُنٛد یہٕ طرزِ تعمیر چھُ اودھمپورس ہمسایہ علاقہٕ کَرمِچی تہٕ بلاوَر مَنٛدرَن ہِنٛدِ طرزِ تعمیرٕ نِشہٕ بلکُل مُختلِف۔

اُدھمپورَس مَنٛزٕ چھیٚنے کیٚنٛہہ باولی (ٹُبڈی دَمہٕ کھارِتھ اَبہٕ چاہ) یِمَن مُرزٕ گری کُرِتھ چھیٚنے۔ کیٚنٛژَن باولین چھیٚنے پأترِ لأگِتھ یِمَن پیٹھ ناگَن ہِنٛدی آکار بَنأوِتھ چھ۔ یہٕ چھیٚنے ژیتہٕ وَن زِ اَتھ علاقَس مَنٛزٕ تہٕ آسہَن پَتھ کالِہ لُکھ ناگہٕ پوٗزا کَران — آزأدی پَتہٕ آیہٕ اُدھمپورِ پیٹھٕ بٹیاکھ سَڑک دار اُدھمپور سَڑکہِ نأوی کَڈنہٕ یِیمہٕ کِنی یہٕ قَصبہٕ، جوٚم اوٚک طرف تژأوِتھ کٹھوعَس نَکھٕ جَرنیلی سَڑکہِ سیٖتی رَلاونہٕ آو۔

اُدھمپور قَصبہٕ چھُ وونی کَتہِ کور بَدلِتھ اَکھ جدید قَصبہٕ بَنیومُت، یِتہِ جدید طرزٕکیو مکانو، بازرو تہٕ سَڑکَو علاوٕ مختلِف دَرجِکین سکوٗلَن ہُنٛد زال وُہرِتھ چھُ اَتہِ چھُ اَکھ ڈگری کالج تہٕ۔

(ام۔ن۔ن)

کتاب نامہٕ:


※Ashok Jairath: Folk Art of Duggar
※Charak: Culture of Himalayan States
※Drew: J&K territories
※Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
※Tikoo P.N: Story of Kashmir.

امام بارٕکِس دوٚیمِس پوٚرِس پٮ۪ٹھ ۱۳ فُٹہٕ کھجٕر چوٗرِس گیلری یَتھ اٚندرِ مِہ پاسہٕ ساری سے پنٛجرٕ دارِ چھِنہٕ۔ گیلری مَنٛز چھِنہٕ مَذہبی اجتماعَن ہِنٛدِس موقعَس پٮ۪ٹھ مستوٗرات بیہان۔ گیلری چھِنہٕ پٮ۪ٹھ ۲ فُٹہٕ موچرٕ ۵۵ ہَن کَنہٕ تھَمَن پٮ۪ٹھ رَٹنہٕ آمٕژ۔ امام بارَس چھُ ٹیٖنہٕ پُش۔ پوٚکھر سیٛود چھُس اسلامی طرزٕکِس مرکزی بٔڑنگَس اٚندی اٚندی ژور لوٚکٕٹۍ خوٗبصوٗرت بٔڑنگ۔

سید احمد قُمی صٲبُن اَستان تہٕ قبرستانس ہٮ۪تھ چھُ اَزکَل امام بارَس اٚندی اٚندی پوٚختہٕ چیتایہٕ مَنٛز کَنہٕ دیوار دِنہٕ یِوان۔ (م.ا.ا)

کتاب نامہ :


*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Safdar: Shian-i-Kashmir


## امام باره بڈگام

بڈگامُک امام بارٕ چھُ سِرینٛگرٕ کِس مغرِبَس مَنٛزِ ۱۴ کِلو میٹر دوٗر۔ امام بارٕ چھِ جایہ چھِنہٕ گوڈٕ بونہٕ آسَمٕژ یِمَن تَل مذہبی اجتماع تہٕ حسینی مُجلِسہٕ سَپدان آسہٕ۔ اَتھ جایہ اوس آغا سیّد مہدی جمعہ نماز پَرناوان۔ ۱۸۸۷ء مَنٛز کوٚر جواہرِ ایمانی تہٕ منہاج فلاح کِتابَن ہِنٛدی مُصنِّف آغا سیّد محمدن اَتھ جایہ امام بارٕ تعمیر یَتھ تالوٗس پیپر مٲشی کَرِتھ اُس۔ اَتھ اٲسی محتشم کاشٲنی سٕنٛزٕ باہ بَنٛدَل مَرثی ہِنٛدی شعر خوش خط لیکھِتھ۔ امام بارٕچ نقاشی چھِنہٕ سِرینٛگرٕکی اصغر علی یَن گٔرمٕژ تہٕ خطاط چھُ میرہٕ گُنٛڈ (بڈگامُک) میر سیّد حُسین اوسمُت۔

۱۹۲۴ء مَنٛز آو امام بارَس آغا سید احمد سٕنٛدی دٔسی وُسعت دِنہٕ۔ یَتھ مَنٛز پرانہٕ امام بارکِہ پیپر مٲشی تہٕ خطاطی ہِنٛدی ژٕکَل استعمال کَرنہٕ آے۔ یہِ کام وٲژ ۱۹۲۱ء مَنٛز اَنٛد۔ اکتوٗبر ۱۹۵۵ سَنہٕ مَنٛز آو امام بارَس انجمن شرعی شیعانَس تحت آغا سید یوٗسف الموسوی سٕنٛدی دٔسی بیٚیہِ یَن وُسعت دِنہٕ۔ وُنی کٮ۪ن چھُ امام بارٕ



امام بارہ احمد پورہ

صِرف مستوٗراتن ہٕنٛدِ خاطرٕ مخصوٗص اوس۔ پٔرانہِ دیوارِ چہ کنہِ چھےٚ وُنہِ تہٕ اِمام بارس ژٕچھنی کھووٕری نظرِ گژھان۔

اِمام بارُک نوٚو تعمیر چھُ مرحوٗم مولوی محمد جواد انصاری ہٕنٛدی ژٕسی سٕپُدمُت تہٕ اتھ چھُ ۱۰ دسمبر ۱۹۵۲ء کِنہِ دِنہٕ آمُت۔ ۱۲۵ فُٹہٕ چورس یہ امام بارٕ چھُ کشیرِ منٛز سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ امام بارٕ۔ اتھ چھُ ۴ فُٹہٕ تھزرٕ دِوٕری کنہِ ژوٚک تہٕ پیٹھ چھُس سیمنٹس منٛز سیرِن ہُنٛد لداو۔ تعمیرِچ اکھ خصوٗصیت چھےٚ یہِ زِ اکہِ ژوشوٕے کوٗن چھہ ہیٚرِ لبن آرِشہِ دار۔ اِمام بارس چھےٚ جنوٗبہٕ تہٕ مشرقہٕ پاسہٕ دِوٕری کنین ہٕنٛزٕ ۱۴ فُٹہٕ کھجرٕ ژٕڈیڈٕ۔ مغربہٕ پاسہٕ محرالبن یِتی کنی چھُس لوکٹ ڈیڈی یتھ نیٚبری کنی دِوٕری کنین ہٕنٛزٕ ہیر چھےٚ ہیٚلہِ زن جنوٗب تہٕ مشرقہٕ پاسہٕ چوٚ ڈیڈٕ یوٚکنی امام بارس منٛز یٚتھرِ پیٚٹھی اژُن چھُ۔ مغربہٕ پاسہٕ چہ ڈیڈِ اٗندر اژوٗن ژٕچھنی کھووٕری چھےٚ گیلری پیٹھ کھسنہٕ خاطرٕ ژہیٚر۔ امام بارس چھےٚ بوٚنہٕ مشرقہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ ژوٚداہ ژوٚداہ پنجرٕ دارٕ۔ مغربہٕ پاسہٕ چھُس باہ تہٕ شُمالہِ پاسہٕ ارداہ پنجرٕ دارٕ۔ بوٚنہِ مہٕ پورِ چہ پٔرتھ دارِ سیٚود چھےٚ اتھ ہیٚرِ تہٕ امی گاچہ اکھ اکھ پنجرٕ دارٕ۔

اِمام بارس چھُ اٗندرٕ ٦٨ فُٹہٕ چورس پوٚکھر یتھ



اٗندی اٗندی دِوٕری کنہِ ژوٚک چھُ تہٕ منٛزٕ چھُس میٚنٛزِ برٲے کٔرتہٕ آمژٕ۔ پوٚکھرُک تالو چھُ ۲۰۴ فُٹہٕ موٚچِرٕ شُرہَن لکرِ تھمن پیٹھ رٔٹنہٕ آمُت۔ پٔرتھ تھمس چھُ خوٗبصوٗرت کنہِ ژوٚک۔ پوٚکھرس منٛزس دٲیرِ سیٚود ژوٚرن تھمن پیٹھ چھُ اِمام بارُک یٔژنگ کھارنہٕ آمُت۔ پوٚکھرس چھُ ڈیڈوٗ تالو ییٚلہِ زن یٔژنگ اٗندریُم گُنبزٕ کنہِ پٲرادٕ ورٲے چھُ۔ پوٚکھرس اٗندی اٗندی چھُ ۱۲ فُٹہٕ کھجرٕ غلام گردِش یتھ سیٚود امام بارس یُش یا تالو چھُنہٕ۔ لیوٚنکھی چھُ ۱۴ فُٹہٕ کھجرٕ ڈالانہٕ یتھ بُتھِ ۲ فُٹہٕ تھزرٕ دِوٕری کنہِ ژوٚک تہٕ اٗندرٕ میٚنٛزِ برٲے کٔرتھ چھےٚ۔ ڈالانہٕ سیٚود چھےٚ

جنوٗب، مغرب تہٕ شُمالہٕ پاسہٕ پیپر مأشی گرِتھ۔ انداز چھُ
زِ امام بارس وُسعت دِنہٕ وِزِ چھ پرانہٕ امام بارٕکی
پیپر مأشی ژُکل پرٕ پیمتی ییٚمہٕ موٗجوٗب مشرقہٕ طرفہٕ
گیلری تلہٕ پیپر مأشی چھنہٕ۔ گیلری چھےٚ کنہ
تھمن پیٹھ رٹنہٕ آمٕژ۔ مشرق، جنوٗب تہٕ مغربہٕ پاسہٕ
چھ ۲/۱ فٹہٕ موٚچر شُراہ شُراہ کنہ تھم ییٚلہِ زن شُمالہٕ
پاسہٕ اَمی کارِچکی ژوداہ تھم چھ۔ گیلری چھےٚ اندرِمہٕ پاسہٕ
چوٗرس پنجرٕ کأری سٕتی وُلِتھ۔

اِمام بارس قِبلہٕ پاسہٕ چھےٚ جامع مسجد یُتھ
۱۹۲۷ء منٛز آغا سید یوسف الموسوی ہٕندی ڈٕسی
وُسعت دِنہٕ آو۔ ۱۹۶۸ سنہٕ منٛز آو مسجدِ بییہٕ ہَن وُسعت
دِنہٕ۔ مسجد ہٕندِ مشرقہٕ پاسہٕ چھےٚ امام بارچ لب مُحرا
کھینہٕ آمٕژ۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:

*Akbar Hydari: Ed. Baharistan-i-Shahi
*Safdar: Shian-i-Kashmir

## اِمام بارہ حسن آباد

یہِ امام بارٕ چھُ سِرینگرٕکس حسن آباد محلس منٛز۔
امام بارٕ چھُ گوڈٕ ریچہٕ لٔٹہٕ پٹھان گورنر جمعہ خان الکوزئی
ہٕندِس دورس (۹۲۔ ۱۷۸۷ء) منٛز مشہور تاجر
مرزا محمد علی ین تعمیر کرنووُمت۔ واریاہس کالس خستہٕ
حال روزنہٕ پتہٕ کرنوو ۱۹۳۵ء منٛز مرحوم آغا سید احمد
الموسوی ین نوِ سرٕ تعمیر۔ امام بارٕکس حاطس منٛز مشرقہٕ



۱۵ فُٹہٕ چوٗرُس بیٚیلہٕ زَن اَتھ پٔرتھ کوٗنُس پیٹھ ۱۲ فُٹہٕ کھجر ژور ڈیڈر چھِنہٕ۔ یِمَو ستی چھُ یہ اَٹھ پاسُل بنیوٗمُت۔ ترٛےٚ فُٹہٕ تھزر پٔہ دوری کِنہٕ ژاکہٕ ہیوٗر چھُس سیرِ ہُند لداو۔ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھےٚ اِمام بارس ۱۲ فُٹہٕ کھجر بیاکھ ڈیڈی یوٚس مستوراتَن ہنٛدِ ہِنہٕ گژھنہٕ خاطرٕ مخصوٗص چھےٚ۔ اَتھ ڈیڈِ اَژوٗنے ڈیچھنی کھووُری چھےٚ گیلری پیٹھ کھسنہٕ خاطرٕ زٕ ہیر۔ اِمام بارچَن پانژوٕنی ڈیڈَن چھےٚ خوٗبصوٗرت پَنجرکاری کٔرتھ۔ کوٗنَن ہنزَن ژوٕن ڈیڈَن چھ دوٕ یُو پاسو کَنَن ہنٛدی مینار کھاٚرِتھ، یِم سنگتراشی ہنٛدی جان نموٗنہٕ چھِ۔ ژوشوٕنی ڈیڈَن چھ اَلگ اَلگ ناو۔ شمال مغربی کوٗنہٕ چہ ڈیڈِ چھُ "باب الرضوان" شمال مشرقی ڈیڈِ "باب الامان" جنوب مشرقی ڈیڈِ "باب السلام" تہٕ جنوب مغربی ڈیڈِ "باب الرحمہ" ناو تھاونہٕ آمُت۔

اِمام بارس چھےٚ ہیر گیلری سیٚود شُمالہٕ، مشرقہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ پَنداہ پَنداہ پَنجرِ دار۔ مشرقہٕ پاسہٕ چھےٚ بوٗنِمس پوٗرس تہٕ پَنداہ پَنجرِ دار۔ بیٚیلِہ زَن شمالہٕ طرفہٕ دٕہَو بَجَو پَنجرِ دار یہ عَلاوٕ نَو اوک پٔٹی دار چھےٚ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھےٚ اَتھ یوسہٕ ترٛواہ پَنجرِ دار۔

اِمام بارس اَندرِ چھُ اَٹھ پاسُل یوٗکھُر یَتھ ڈیڈ یو سنز رِکہ طرف ترٛواہ ترٛواہ فُٹہٕ چھِ۔ باقے ژور طرف چھ دٔاہٹھ دٔاہٹھ فُٹہٕ زیٛٹھ۔ یوٗکھُر چھُ دوٕ دُ فُٹ





تھوٚد دِوری کنٛن ہُند۔ اَنہ چھ پٔرتھ اَندٕ ۴ فُٹہٕ موٚچر ژور ژور تھم یِمن کِنہٕ ژاکی چھِ۔ یوٗکھرس مَنزس ۲۰ فُٹہٕ چوٗرُس داٸرس اَندی اَندی چھ اَمی گاچکی ژور تھم۔ یِتھہٕ پاٹھی چھُ یوٗکھُرک تالو تہٕ بٔژنگ وُہَن تھمن پیٹھ رٔٹنہٕ آمُت۔ داٸرس سیٚود چھُ گُنبزِ جالہٕ تالو یَتھ پیپر ماشی کٔرِتھ چھےٚ تہٕ مَنزِ مَنزِ چھِس فارسی شعر لیکھِتھ یتھ حِصس چھُ پٔژون اَنہار ڈیٚجہٕ آمُت تھاونہٕ۔ بیٚیلہٕ زَن گُنبزُک دامنہٕ نوٚو چھُ بَناونہٕ آمُت۔ گُنبزس سیٚود چھُ امام بارس اِسلاٰمی طرزُک بٔژنگ کھاٚرِتھ۔ یوٗکھرس اَندی اَندی چھےٚ دِوری کِنہٕ وَکھراوِتھ وَوتھ غلام گردِش۔ لبوٗنکھی چھ پانژہ پانژہ فُٹہٕ کھجر ترٛےٚ رٔوی شرہٕ، یِمَو سیٚود پیٹھ اِمام بارچ گیلری چھےٚ۔ رٔوی شوٗ سیٚود تالوس پےٚ چھےٚ

امام بارہ حسن آباد

شمالہٕ تہٕ مشرقہٕ پاسہٕ چھِ ڈیڈِ ڈٕچھنی کھوورِ چھےٚ ہیٚرِ تہٕ ژور ژور پنجر دارِ تہٕ یمہٕ نے سپدِ بوٚنہٕ تہٕ۔ جنوبہٕ پاسہٕ چھ ڈیڈرِ ڈٕچھنی کھوورِ بنی مرٕ پورٕ چھ زٕ دارِ چھےٚ حال حالے بنٛد کرنہٕ آمٕژ۔ قبلہٕ پاسہٕ چھےٚ محرابس سیٚود دٕیمِس پورس اکھ دٲرٕ ہُرِیمانہٕ۔

امام بارس أندرٕ بوٚنٛ مِس پورس مٔنٛزس چھ ۵۰ فُٹہٕ چوٚرُس پوٚکھُر ییٚمیُک تالو گُنوہنٛ تھمن پیٹھ رٹنہٕ چھُ آمُت۔ یمن مٔنٛز چھ پوکھرس مٔنٛزس دٲیرکی ژور تھم تہٕ شامِل۔ دٲیرٕ چھ ۱۴ فُٹہٕ چورس۔ اَتھ سیٚود بَرنٛگک گُنبزِ چالہٕ تُلیم حِصہٕ چھُ پیپرِ ماشی سیٚتی پارٲوِتھ۔ ییٚلہٕ زَن



اَمہٕ نیٚبرِ نیٚبرِ پوکھرکِس باقی حِصَس وَسہٕ تالو چھُ۔ پوکھرس أنٛدی أنٛدی چھُ ۸ فُٹہٕ کھجر غلام گردِش یَتھ پاٹرٕ وَتھراوِتھ چھےٚ۔ غلام گردِشس سیٚود نہٕ چھُ اَتھ تالو تہٕ نہٕ پَشِ۔ لبوٚنکھی چھُ چورس ۱۴ فُٹہٕ کھجر ڈالانہٕ یَتھ زٕ ژوی شہٕ چھےٚ۔ ڈالانہٕ سیٚود دٕیمِس پورس چھےٚ ۱۴ فُٹہٕ کھجر گیلری یَتھ پیٹھ مذہبی اجتماعن ہنٛدِس موقعس پیٹھ مستورات بِہان چھےٚ۔ گیلری چھےٚ أنٛدرِ مِہ پاسہٕ پَرتھ أنٛدٕ لکرِ ہنٛز جافرِ گنٛڈنہٕ آمٕژ۔ ہیٚور کھسنہٕ خاطرٕ چھےٚ جنوبہٕ پاسہٕ چھ ڈیڈرِ اَژون ڈٕچھنی کھوورِ زٕ ہیٚرِ۔ بوٚنٛ مِس پورس چھُس قبلہٕ پاسہٕ ڈالانس بُتھِ خوبصورت

امام بارہ حسن آباد

پاسہ دوٕ دَرپوکھرِ بُٹھِس پیٹھ چھُ مرزا شاہ صابُن مقبرٕ یتھ ۱۰ فُٹہٕ چورُس تہٕ ۲/۱ فُٹہٕ تھزرٕ شیٖشتر و جنگلہٕ گُنٛڈِتھ چھُ۔ جنگلس اَندرٕ چھےٚ بُڈی پیٖر لاگِتھ بیٖیہٕ زٕ قبرٕ۔ امام بارِکس شُمال مَغرِبی کوٗنس کُن چھُ شیعہ عالمَن تہٕ فاضلَن ہُنٛد سُہ مزار یمہٕ چَن اکثر قبرن ہٕندین لوٚحن پیٹھ فارسی تہٕ عربی زبانَن منٛز کتبہٕ چھِ۔ کتبہٕ چھِ مختلف خطَن منٛز فنِ خطاطی ہٕندی بہترین نموٗنہٕ۔ مزارٕکس شُمالہٕ پاسہٕ چھُ لنگر باغ یتھ منٛز دولت چکن (۱۵۵۱۔۵۵ء) بابا حسن نجارٕ سٕنٛدِ خاطرٕ اَکھ عالی شان خانقاہ تعمیر کوٚرمُت اوس۔ اَز چھِنہٕ اَتہٕ خانقاہکی آثار تہٕ نظرِ گژھان۔ اما پوز حال حالے کھُدایہِ دوران مَلبہٕ تلہٕ چھُ نشان زٕ خانقاہ اوس چوٗنہٕ سُرخہٕ منٛز سیرہٕ بن ہُنٛد تعمیر۔

۹۶ فُٹہٕ چورُس اَتھ امام بارس چھُ ۳۔ فُٹہٕ تھزرٕ دِوٕری کنہٕ ژوٚک تہٕ پیٹھ چھُس چوٗنہٕ سُرخہٕ منٛز کنین تہٕ سیرہٕ بنِ ہُنٛد لداو۔ اَتھ چھےٚ شُمال، مَشرق تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ ترٕے بَجہٕ ڈیڈٕ۔ یموٚ منٛزٕ شُمالہٕ پانٛژ دِوٕری کنین ہٕنٛزٕ ۸ فُٹہٕ کھجرٕ ڈیڈی محراٰبی چالہِ چھےٚ۔ جنوٗبہٕ پانٛژ ڈیڈی چھےٚ مستوٗراتَن ہٕنٛدِ یِنہٕ گژھنہٕ خاطرٕ مخصوٗص۔



اَتہِ ڈوٗگرہٕ مہاراجَن ہٕنٛدِ پوٗرٹریٹَن ہٕنٛز گیلری تہٕ وُچھَن واجِنٛ سُنٛد توجہ مُنگان۔ اَمرہِچلیچ لایبریری چھیٚ بوٚڈِ کِتابَو رٔنٛگی علم دوستَن ہٕنٛدِ توٗجہک مرکز۔

(م.ل.س)

کتاب نامہٕ:

*Charak: Culture of Himalayan States IV
*Saraf M.R: Jammu Darshan

اَتھ جایہِ اکھ پوٗز آبادیُس یَتہٕ گُنٛڈِ اَہلمَر ناوٕ مشہوٗر گوٚو تہٕ اَمے ناوٕ چھُ لوٗکَن وَنِس تَل۔ اَزکَل چھِنہٕ گُنٛڈِ اَہلمَر یَتھ کالچہِ سَرایہِ ہٕنٛدی آثار موجوٗد۔ اَندازٕ تَلہٕ چھُ باسان زِ مَٹھ چھُ ٹھٔہی جایہِ اوسمُت یَیٚتِن اَزکَل مَنٛدر چھُ۔

کتاب نامہٕ: (م.ل.س)

*Dhar K.N.: Kashmir Culture Seires V
*Kaul S.K: Jonaraja's Rajatarangini

## اونتی پور

وُچھو" وٕوٗنتی پور" (جلد ١)

## اہلمر

گُنٛڈ اَہلمَر (ناوُک) مَحلہٕ چھُ وٚیتھہٕ ہٕنٛدِ ڈٔچھنہٕ بَٹھہٕ پٔرٛانِس کھوٚڈٕ بَلَس تہٕ ٹٔڈی یارَس دَرمیان بَسِتھ۔ اَہلمَرس چھُ یہٕ ناو تَمہٕ مَٹھ (سَرایہِ) کِنی پیوٚمُت یُس مَٹھ اَتہٕ رازٕ لکھشمہٕ دیو (١٢٢٠ء –١٢٨٦ء) ہٕنٛز رانہِ اہلیایہِ پَنٛنِس ناوَس پیٹھ اہلیا مَٹھ ناوٕ تعمیر اوس کوٚرمُت۔ سُے گو اَہلمَر سَرایہِ اَنٛدٕ پکھٕ چھُ

## اہم شریف

اہم شریف چھُ سرینگرہٕ پیٹھٕ ٦٢ کِلومیٹر دوٗر بَنٛڈِ پورِکِس شُمال مَشرقَس مَنٛز بالہٕ دامَنَس پیٹھ۔ بابا داوٗد خاکیؒ تہٕ حسن ہٕنٛدی کِنی چھُ اَتھ گامَس آہام تہٕ اَسی مٔتی وَنان۔



محراب تہٕ تہٕ منبٔرتہٕ اِمام بارس چھُ پٔنٕنۍ ٹین دِتھ۔ پوٚکھرس سیٚود مٔنٛزس چھُس اِسلأمی طرزُک بٔرنگ۔

(م۔ا۔ا)

کتاب نامہٕ :

※Hasan: Tarikh II
※Safdar: Shian-i-Kashmir

## امرگڈھ

امرگڈھ قلعہٕ چھُ بھمبرٕکِس شُمال مَشرقس مٔنٛز ۱۵ اکلومیٹر کٔشیرٕ ترَن واجنہٕ وَتہٕ نِش ژورمیل ڈلِتھ۔ گنیشو یہٕ ژکونجَل قلعہٕ چھُ اَکِس کھنگرِ پیٹھ تعمیر آمُت کرنہٕ۔ مغربہٕ طرفہٕ چھُس بتھی دگرِ سوٚن تار۔ ژوٚن کونَن پیٹھ چھُس ژور رأچہ ٹاور آسی ہتی۔ قلعہٕ چھُ راجہ دھیان سنگھ سُند تعمیر کُس ۱۸۲۸ سنہٕ ہس مٔنٛز وِلشاکھِ دوٚہ بھمبرُک راجہ مُقرر کرنہٕ اوس آمُت۔ اَمہٕ برٛوٚنٛہہ اوس یہٕ علاقہٕ راجہ سُلطان خانس ماتحت۔ گنُوہی مہٕ صدی ہُند تعمیر آسنہٕ کِنۍ چھُ قلعُک طرزِ تعمیر مُغل چالہٕ۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

※Bates: Gazetteer of Kashmir
※Charak: Gulab Nama
※Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh



## امرمحل

اَمرمحل چھُ جیٚمہِ شہرٕچ اَکھ سیٹھاہ اَہم عمارت۔ مخصوص طرزِ تعمیر کِنۍ چھُ اَمرمحل سأنِس ریاستس مٔنٛز یوٗرپی طرزِ تعمیرُک اَکھ شوٗبہ دار نموٗنہٕ۔

یہ محل کوٚر مہاراجہ پرتاپ سنگھ سٕندی بأے امر سنگھن (وفات۔ ۱۹۰۹ء) اَز برٛوٚنٛہہ اَلہٕ پلہٕ سواد ہتھ ؤری تعمیر تہٕ اَمیُک نقشہٕ چھُ فنِ تعمیرٕکۍ اَکۍ فرانسیسی مأہرن تیار کوٚرمُت۔

اَمرمحل چھُ اَکِس ٹینگرِ پیٹھ تعمیر آمُت کرنہٕ تہٕ اَتہٕ پیٹھ چھُ توِ تہٕ جیٚمکِس اَندِس پکھس پیٹھ دوٗر تام نظر پلان۔

فنِ تعمیرُک یہٕ مأری موٚنٛد نموٗنہٕ چھُ ووٗنۍ اَکِس عجأیب گرس مٔنٛز تبدیل آمُت کرنہٕ۔ یتھ مٔنٛز پہأڑی مصوری ہُنٛز سیٹھاہ نایاب سوٚمبرن ژھرِتھ چھےٚ۔ اَمہٕ علاوٕ چھےٚ

چھ اکھ اَکس پیٹھ زِنہٕ لوکٹی طاقچ۔ جنوٗبہٕ تہٕ شمالہٕ پاسہٕ
چھُس اکھ اکھ لوکُٹ دٲر۔ اَمِیُک دَرواز چھُ "۲-'۴
تھوٚد تہٕ '۴-'۲ کھوٚل۔ مسجدِ اندر چھےٚ زِ داں گاہ
ژاٗنگی جَہ یمن پیٹھ رِوایَتہٕ مُطابق مخدوٗم صابؒ عبادت
اَسی کران۔

۱۲۹۴ھ (۱۸۷۷ء) مَنٛز آیہٕ امان اللہ نٲوی
اَکس عقیدت مَنٛدٕ سٕنٛدی ذٕسی مسجدِ مرمتھ کرنہٕ۔ اَمہِ
وِزِ چھُ اَتھ زاوٗیِل بور کرنہٕ آمُت۔ یتھ پیٹھ مسجدِ نیٚبرِمہِ
پاسہٕ نقشہٕ نِگٲری کرنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ تالوٗس تہٕ چھُ اَمہِ وِزِ
زاوٗیِل بور کرتہٕ آمُت۔ مسجدِ ہٕنٛدِس بُرزِ پٹھس
چھےٚ اَتھ وَقتس دوران مرمتھ کرنہٕ آمٕژ یتھ پیٹھ لُکرِ
ہُنٛد پَنٛجرٕ دار بُرنگ چھُ اوسمُت۔ اَمی زمانہٕ چھےٚ مسجدِ
اَنٛدی اَنٛدی غلام گردِش تعمیر کرتھ اَتھ اَستانچ شکل
دِنہٕ آمٕژ۔ مرمت شروٗع سپدنُک مادٕ تاریخ چھُ دہلیزس
پیٹھ کنہٕ پَچہٕ پیٹھ کھٔنتھ یمو شعرو مَنٛز نیران ے

شکر للہ کہ نوبتِ ثانی
از کرامات قطبِ ربّانی
شُد بہ شوق و یقین امان اللہ
ایں مطافِ طواف ربانی!
گفت عبد ضعیف تاریخش
بُرجِ پُرنور مکۂ ثانی!
۱۲۸۹ھ = ۱۸۷۲ء

تعمیر مکمل سپدنہٕ پتہٕ چھُ امان اللہ سٕنٛدی فرزند
محمد عبداللہ پارساہن یمن شعرن مَنٛز اَمِیُک تاریخ
بوومُت ے

بحمد اللہ کہ ایں غیرتگہِ نور
کہ اسمش مکۂ ثانیست مشہور
شُد از سعی امان اللہ بنامش
معلّی قُبّہ از عین کافور!
زِ عبداللہ شنو تاریخ خانہ
سراز بُرج زمین زد مہرِ پُرنور
۱۲۹۴ھ - ۱۸۷۷ء

۱۹۷۸ء مَنٛز دِیُت مقامی اوقاف کمیٹی اَستانس
وُسعت یتھ روٗحانی بُزرگ مرحوٗم کوثر صابن کٕنۍ دِیُت۔
اَمہِ وِزِ آو مسجدِ ہٕنٛز پرٲنی عمارت رٔژھراونہٕ تہٕ پٲراونہٕ
خاطرٕ اَتھ اَنٛدی اَنٛدی لبن سیتی سیتی شیشہ خانہ بناونہٕ۔
یتھ بوٚنہٕ ڈایہ فُٹ تھزرِس تام سفید ٹایلہٕ لاگتھ چھےٚ۔
اَمہِ شیشہٕ فریمہٕ مَنٛزی چھےٚ مسجدِ ہٕنٛز پرٲنی نقشہٕ نِگٲری
تہٕ لبنہٕ یوان۔ اَمہِ وِزِ چھُ اَستانہٕ کِس غلام گردِشس
تہٕ وُسعت دِنہٕ آمٕژ۔

مسجد چھےٚ نیٚبری نیٚبری '۱۵ × '۱۵۔ غلام گردِش
چھُ جنوٗبہٕ پاسہٕ "۶-'۱۰، مغربہٕ پاسہٕ ۱۰ فُٹ، شمالہٕ پاسہٕ ۱۵
فُٹ تہٕ مشرقہٕ اَنٛد "۳-'۱۵۔ شمالہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھےٚ اَتھ



غازی چک سندس عہدس (۱۵۶۳-۱۵۵۵ء) منز کور شیخ حمزہ مخدومن کھیہ ہامی علاقہکس سیاحتس دوران اہمہ کینشرس کالس قرار تہ اتہ بناؤن پننہ عبادتہ خاطر اکھ مسجد۔ امی نسبتہ چھ اہم گامس اہم شریف ونان۔ گامس متعلق چھ حسن لیکھان زِ یہ اوس "گزرگاہِ رجال الغیب" ییٚلہِ زن بابا داود خاکیؒ مخدوم صابنہ مسجد ہند تاریخ لیکھنہ وزِ اتھ "عبادت گاہ رجال الغیب" چھ ونان۔ مسجدِ ہند تاریخِ تعمیر چھ یمن شعرن منز یاونہ آمٕت۔

مسجدے ساخت در دیہہِ آہام
شیخ حمزہ کہ شیخ شیخاں است
ہم عبادت گہہِ رجال الغیب
ہم مطافِ ملائکؑ جان است
کردہ طوافِ ایں دو کعبہ بہ جان
ہر مریدے کہ اہلِ ایقان است
بندہ خاکی کہ از سرِ اخلاص
حضرتِ شیخ را ثناء خوان است

گفت تاریخ ایں عبادت گاہ
"کعبۂ ثانی مریدان" است
۹۶۳ھ

"کعبۂ ثانی مریدان" یعنے ۹۶۳ھ (۱۵۵۵ء) چھ مسجدِ ہند تاریخِ تعمیر۔ کتر پیٹھ کھنتہ یہ کتبہ اوس مسجدِ لاگنہ آمٕت۔ مگر کترِ کتبہ چھٹنہ پتہ چھ یم شعر ٹینس پیٹھ لیکھتھ استانہکس دروازس پیٹھ کنہ لاگتھ۔

مسجد چھےٚ اندری اندری چورس ۸ فٹہ تہ تھزر چھس ۶ فٹہ۔ انہ چھ نالوس پچھوِ بدلہ باٹھ تراوتھ یتھ تلہ کیٚسر بور گرتھ چھ۔ مسجدِ منزس چھ ۶ فٹہ تھود تہ ۲-۱ اموٚٹ اکھ تھم یتھ تالو پاسہ گولکھ گڈتھ چھ۔ محرابس ڈچھنی کھوورِ

یوسہٕ أنٛدرٕ ی أنٛدرٕ ی ۱۳ × ۱۲½ چھےٚ۔ اَتھ چھُ أنٛدرٕ نیٚبرٕ کیٚسرٕ بور کٔرِتھ۔ مسجدِ چھُ گوڈٕ بُرزٕ پٔشس اوسمُت مگر حال حالے چھُ اَتھ مُقاَمی اَوقاف کمیٹی ہنٛدِ دُسی ٹین دِنہٕ آمُت۔

(م ۔ ا ۔ ا)

کتاب نامہ :


*Daood-i-Khaki: Virdul Muridin
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Ishaq Qari: Chilchi-hatul-Arifin
*Sidiqi Tayub: Zik-rul-Aarifin.


## اہن

سِرینگرٕ کِس شُمالَس مَنٛز ۲۶ کِلومیٹر دۄر "اہن" چھُ اہن سرٕ کِس مَشرقی بُٹھِس پیٹھ آباد۔ گامہٕ کِس مَغربَس مَنٛز چھُ مانسبل۔

توأریخی کِتابَن مَنٛز چھُنہٕ اَمہِ گامُک کانٛہہ زِکرٕ، نہ چھُ مانسبلٕکِس بُٹھِس پیٹھ تَمہِ ٹینٛگُک زِکرٕ آمُت یَتھ پیٹھ آثار اَتھ چھ آہتی۔ ۱۹۶۲ء مَنٛز دٔرا اَمہِ ٹینٛگرِ پیٹھ کینٛہہ نایاب چیٖز یِمَن مَنٛز ہاروَن ٹایلن ہنٛزٕ چالہٕ ٹایلہٕ، لأری مہٕ کٔن تہٕ اَکھ خَستہٕ حال ستوپ شأمِل چھُ۔

قَیاسہٕ موجوب چھُ اہن آثارَن ہنٛد تعلق تُتھی دورَس سٟتی یَتھ دورَس سٟتی ہاروَن آثارَن ہنٛد تعلق چھُ۔

(م ۔ ل ۔ س)

کتاب نامہ :


*Baldev Kumar: Early Kushans
*Hasnain: Buddhist Kashmir


## بابا پور

وُچھِو "بور" (جلد ۱)

## بردان گمپہ

پَدم (زانسکار) کِس جنوبَس مَنٛز دۄن گنٛٹن ہنٛزِ وَتہٕ بردان گمپہٕ چھُ اَکِس ٹینٛگرِ پیٹھ تہٕ اَمہِ کِہ دامنہٕ کِنی چھُ لنگتی نالہٕ وَسان۔ دۄرِ پیٹھ چھُ گمپہٕ کوٹ باسان۔

بردان گُمپُک بأنی کار چھُ دِربا۔ رگیا۔ مَٹھہ یِیٚمی اَچھ بُنیاد سَدأہی مس شیٚتیٖ لس مَنٛز ترٛاو۔ گمپس سٟتی وابَستہٕ واریاہ مکانہٕ چھِ خَستہٕ گأمتی۔ گمپہٕ کِس سَمن رَوقس پٔتھے لبَن پھرٛاٹہٕ یِیٚمہٕ کِنی مۄنی زِتھرَن سَخ نوقصان چھُ وۄتمُت۔ بردان چھُ لداخہٕ کِس ستکنہٕ گمپس سٟتی وابَستہٕ۔ گمپس مَنٛز چھِ زِتجھی تامُتھ لامہٕ روزان۔ گمپہٕ کِہ أنٛدرِمہِ آنگنہٕ کِس کۄنَس پیٹھ چھُ اَکھ مَنٛدر یِیٚمہٕ کِنی لبَن تیٚوت مۄٹ دٕہی تاہ چھُ کھۄتمُت زِ زِتھر چھِنہٕ پۄرٕ پأٹھی دٕرینٛٹھ یِوان۔ صِرف

اہم شریف

پانٛژہ پانٛژہ محرأبی شیشہٕ دارٕ تہٕ مغربہٕ پاسہٕ چھُس ژور دارٕ۔

غلام گردِشَس تہٕ چھےٚ أندی أندی ڈاپہ فٹہٕ تھزرَس تام سفید ٹالہٕ لاگِتھ۔ اَستانَس چھ دہلیزَس ڈ چھنیٚ کھووِری زٕ کمرٕ بناونہٕ آمتی۔ یمَن مشرقہٕ پاسہٕ ترٛےٚ ترٛےٚ دارِ چھےٚ۔ ڈ چھنہٕ طرفہٕ کِس کمرَس چھےٚ شمالہٕ پاسہٕ تہٕ کھووِرِ پاسہٕ کِس کمرَس چھےٚ جنوٗبہٕ پاسہٕ أکھ أکھ دأر۔ سارِنٕے دارِن چھ پیٚٹھہٕ پنٛجرٕ دار روشَن دان مغربہٕ پاسہٕ کِرٕ کمرٕ منٛزی چھےٚ ڈوٗیمس پورَس ہیر کھارنہٕ آمٕژ۔ ڈوٗیمہٕ پورچہ کوٗٹھہٕ منٛز چھ تبرکات یمَن منٛز حضرتِ محمد صلعم سُند عمامہٕ شریف تہٕ جامۂ مبارک چھ۔ کوٗٹھہٕ سیدٕ چھُ پَتَس الگ برنگ کھارنہٕ آمُت یُس درشَن دارِ پُرژھی استعمال چھُ سپدان تہٕ یتیٚمہٕ پیٚٹھی تبرکاتَن ہنٛز زیارت ہاونہٕ چھےٚ یِوان۔ اَستانَس چھُ نوِ طرزُک ٹینہٕ پَش یتھ پیٚٹھہٕ ژیٚش طرزُک برنگ چھُ۔ برنگس چھ منٛزرٕ منٛزی پنٛجرٕ یٹی یم اندازَن پرانہٕ برنگی چھ۔ برنگچ ٹوٗپی تہٕ چھےٚ پرانہٕ برنگٕ چی۔

اَستانَس منٛز تبرکاتَن ہنٛز زیارت چھےٚ ترٛمہٕ نے دوہَن ہاونہٕ یِوان یمَن دوٚہَن پیٚٹھہٕ آثار شریف حضرت بلہٕ موئے مقدٔسچ زیارت ہاونہٕ چھےٚ یِوان۔ امہِ علاوٕ چھےٚ اَتہِ پٔرتھ وٕری یہِ ۲۴ صفر مخدوٗم صاحبنس رح وہرَسس پیٚٹھہٕ شب خوانی سپدان۔

مخدوٗم صاحبنِس اَستانَس جنوٗبہٕ پاسہٕ چھےٚ تہنٛدی مُریدِ خاص بابا داوٗد خاکی رح یُن مسجد تعمیر کٔرمٕژ۔

| | |
|---|---|
| شکر للہ کز توبت ثانیے | از کرامات قطب ربانی |
| شد بشوق و یقین امان اللہ | این مطاف طواف دا بانی |
| گفت عبد ضعیف تاریخش | برج پر نور مکے ثانی |
| | سنہ ۱۲۸۹ |

# بھدرواہ قصبہٕ

بھدرواہ اوس ژٕمہِ صدیٚک پڑون گڈٕ راج یُس مُغل دورس تام مقامی راژن ماتحت اوس۔ عرض بلد چُھس ۵۹، ۳۲°، طول بلد ۴۵، ۷۵° تہٕ سمندرس ستھر پیٹھٕ تھزر ۷، ۴۲، ۵ - ڈوڈا ضلعٕ چھ کوہی علاقہٕ مگر بھدرواہ قصبچ وادی چھےٚ مقابلتن ہموار۔ بھدرواہ وادی چھےٚ جوٚمہِ کس شمال مشرقس منز ۱۰۲ میل، کشتوارکس جنوبس منز ۴۶ میل، چمبا کس شمال مغربس منز ۶۰ میل تہٕ بسوہلی ہندس شمالس منز ۶۲ میل دور۔ قصبہٕ کس شمالس منز چھ چناب دریاو وسان تہٕ بھدرواہ وادی ہند سورے آب چھ نیرۍ نالہٕ کہ ذریعہٕ اتھ دریاوس ستی رلان۔ وادی چھےٚ اکھ میل کھُل تہٕ زیچھر چھس ژور میل تہٕ دوشوٕنی اندن نش چھےٚ تیز تنگ زِ کوہہ دامنوٹلی چھےٚ مشکلہٕ نیرن وتھ روزان۔

راج ترنگنی منز چھےٚ بھدرواہچ ذِکر بھدراو کاش ناوٕ سپزمژ۔ روایت چھےٚ زِ بھدرواہ چھ بھدر کالی دیوی ستی منسوب۔ دپان ییلہٕ واسکی ین گرڈ ہنز ناراضگیہ نشہٕ بچنہٕ موکھ بھدر کالی دیویہ زارپار کور تمہٕ بخش بھدرواہ واسوکی یس تہٕ پانہٕ گھژ کیلاش پہاڑی ہندس سرس کُن ییتھ کالی کنڈ تہٕ ونان چھ بھدرواہ تہٕ اندۍ پکھۍ گامن منز چھ ونہٕ تہٕ کینہہ مندر بھدرکالی ستی منسوب۔

بھدرواہ وادیہ چھ نپلین نپلین، نپہ نپہ کرِ وہِن تہٕ گرزوہِن ناگن تہٕ آرن ہند زال وہرتھ یم لوکٹیو بڈٕ پلو پیٹھۍ ژھالہٕ ماران تہٕ پاں ژادرن ہنز صورتھ پراوان تہٕ وچھن والین دِل نوان چھ۔ اکہِ ناگک آب چھ بلکل قصبہٕ منزی نیران تہٕ امہِ منز نیرن واجنہٕ لوکچہ لوکچہ جمہ پہ چھےٚ قصبہٕ کیو تمام بازرو منزی لکان۔ اتھ چھےٚ پرتھ طرفہٕ شینہٕ تھنگین تہٕ پہاڑی دترائن پیٹھ بجرٕ تہٕ قداوار یارِ گرژایہ ماران۔ کوہہ دامن نکھہِ چھ ہیرٕ پادی چالہٕ لوکٹی لوکٹی دال ڈوری یم اندۍ پکھۍ وسہہ وۄنیو نالو تہٕ آروستی سگہٕ ونہٕ لوان چھ۔

بھدرواہکی پرٛانی بستیکین چھ ناگن ہندی عقیدت مند اسی ہتی تہٕ واسک ناگ مندر چھ امہ کتھہِ ہند نون ثبوت۔ بھدرواہ چھےٚ خالے کانہہ جلے ییترٕ نہٕ کانہہ شکتی مندر چھ۔

بھدرواہ چھ کیلاش یاترایہ تہٕ پٹ مالہٕ باپتھ مشہور۔ کیلاش یاترایہ ہنز چھیڑی چھےٚ شراونہٕ پنم پتہٕ پنڈاہہ دوہی بھدرواہہ کہِ واسک ناگ مندرٕ پیٹھٕ پرتھ دوہہ وہری نیران تہٕ ۱۴۰۰۰ فٹہٕ تھدِس کیلاش سرس

بردان گمپہ

چھ کینٹرن کمھٹن تہٕ ہتھی یارن ہندی آکار لبنہٕ یوان۔

سٕمن روقس بتھہِ ڈیڈی چھےٚ اندرِمہٕ آنگنچ خاص شوٗب۔ اتھ پیٹھ چھےٚ ترٕےٚ ہتھ وٕری پرٛانی مصوٚری سیٹھا خوشہٕ وٕنی تہٕ پوٗرٕ پاٹھی ڈٲنجہ۔ سٕمن روقہٕ چھ کھوورِ لبہٕ پیٹھ چھ کھاگے سُند ترٛہرادن وول ژِتھر۔ امہٕ ہیٚور چھ مرپاسُند ژِتھر۔ بٔڑک پالامَن ہٕنزٕ نگہٕ چھےٚ ژِتھرن ڈچھنی تہٕ کھووٕری بناوِتھ۔ ڈچھنہٕ لبہٕ پیٹھ چھ وجرٕ دھر، سُم وَر امتیاہٕ تہٕ اکھشوبے ہٕندی ژورمنڈل۔ سٕمن روقس اژدُن ڈچھنہٕ لبہٕ ہٕندِس کوٗنس منٛز چھےٚ وجرٕ ستوہٕنزٕ اکھ خوٗبصوٗرتھ مورٕتھ۔ درواز اژدُنے چھ اکھ کتبہٕ، یتھ پیٹھی



کنہٕ نکہٕ نکی ژِتھر چھ، مگر یمَن چھےٚ ودٕنی ہیتھ ڈجمٕژ۔ کتبہٕ چھ منٛدر تعمیر سپدنہٕ کرٕ ہٕنٛز نشان دِہی کران۔ درواز ہٕنگس پیٹھ چھ ژور نرٕ گرتھ مہاکالہٕ سُند ژِتھر۔

واریاہَن دیوین تہٕ دِوتہَن ہٕنٛز مورٕژ چھےٚ دروازس ہیٚور الماریَن منٛز سجاوِتھ۔ یمَن چھےٚ منٛزس بُدھہٕ سٕنٛزٕ پیتھ کالہٕ چہٕ، ازکالہٕ چہٕ تہٕ پیشِ کالہٕ چہٕ مورٕژ۔ یمَن کھوورکُن چھےٚ وجرٕ دھر تہٕ زبھیہس سٕنٛز دٕژنگ، ناگ ڈبنگ تمگیال تہٕ ڈچھنہٕ پاسہٕ چھےٚ پدم سمبھو تہٕ اولوکیتیشور سٕنٛزٕ بجہٕ بجہٕ مورٕژ۔ بجن مورٕژن بتھہِ چھےٚ بٔڑیہِ کینہہ سَم قد مورٕژ۔ کھوورِ طرفہٕ اندس پیٹھ چھ وجرپانہٕ سُند اکھ مجسمہٕ یُس ہمَس پیٹھ استعمالس چھ لگان۔ یہٕ چھ ہُمہٕ وِزِ نارس پیٹھ تھاونہٕ یوان تہٕ اہوتی ہٕنٛدی چیز چھ مجسمہٕ کِس اَسس منٛز تراوان، یم اندری کھوکھرٕ یارٕ ہٕنٛزی نارس منٛز چھ پیوان۔

یمو مورٕژو علاوٕ چھےٚ گمپس منٛز نروپا، مرپا، ملارسپا منجوشری مٕیترے یہٕ ہٕنٛزٕ مورٕژ تہٕ ترٕےٚ چورتن۔

(ام۔ ل۔ س)

کتاب نامہ :

*Franche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh II

داتہٕ زیرِ زمین۔ چنانچہ جنوٗبی اَنٛدس کُن چھُ شیٚیٛستر نیران۔ بھدرواہَس مَنٛز چھِ پاز یَسلہٕ پاٹھۍ نَظرِ گژھان تہٕ لوٗکھ چھِ تمیٚن ژھل لاگِتھ زٕٹان آسرٕمتی۔

(م۔ ن۔ ن)

## کتاب نامہٕ:


*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Drew: J&K Territories
*Pathik: cultural Heritage of the Dogras
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Saraf M.R. Jammu Darshan


# بُھرج وِشنو مَندر

بُھرج گام چھُ جیٖنمی شہرُکس شُمال مَشرِقَس مَنٛز ژوداہ کِلومیٖٹر دوٗر مُقاٗمی رِوایژ موجوٗب اوس اَتہٕ کہِ وِشنو مَندرِ چہ جاپہِ باہ شَتہ وری برٛونٛہہ تہٕ اَکھ مَندر یتہ مشہوٗر راز پرِتھوی راج چوہانَن (١١٧٠-١١٩٢ء) جاگیر تھوومُت اوس۔ اَزیُک پوٗختہٕ مَندر چھُ مہاراجہ رنجیت سِنگھن (١٧٩٩-١٨٣٩ء) تعمیر۔ یِیٚمی باہ ایکڑ زمین مَندرس جاگیر کَرِتھ تھاوِ تہٕ مَندر کوٗرُن رامانند سمپرداہِ حوالہٕ۔ مَندرُک طرزِ تعمیر چھُ راجستھانی تہٕ گُردوارٕ طرزِ تعمیرچ مِلہٕ مِشہٕ بارسس آمُت۔ مَندرُکس دَروازَس پیٹھ چھِ کَتبہٕ لگِتھ یُس سوٗرے پرنہٕ یوان چھُنہٕ۔ مَندر دُچھِتھ چھُنہٕ باسان زِ یہِ چھُ راز مَندر اوسمُت، مگر رِوایت چھےٚ زِ مہاراجہ گُلاب سِنگھ اوس مَندرس پیٹھ یوان۔ مَندرس پیٹھ چھِ اَز تہٕ تمام طبقَن تہٕ فِرقَن ہِندۍ لوٗکھ یوان گژھان روزان۔ مَندرس اَنٛدر چھےٚ رام، سیتا، ہنُمان مُرژ لاگِتھ۔ مَندرِچ خاص کَتھ چھےٚ اَکھ موٗنی ژِتھریم دَرنٛڈاہَس پژکرمس تہٕ اَنٛدرِ مَندرس چھِ بَناوِتھ۔

مَندرُکس دَروازَس پیٹھ چھُ کَتبہٕ عَلاوٕ گنیش بَناوِتھ تہٕ گربھ گرٛیہہ نیبر چھےٚ ژوداہَن موٗنی ژِتھرَن ہُنٛز تَشدَل یِمَن ہُنٛد کھجر ٣٨ پیٹھ ٤٣ سنٹی میٹر تہٕ تھزر ١٠٥ پیٹھ ١٦٤ سنٹی میٹر چھُ۔ دَروازٕ ہیوٚر موٗنی ژِتھرَن ہُنٛز تَشدَل چھےٚ ١٣١ سنٹی میٹر کھج تہٕ تھزر چھُس ٢٥ سنٹی میٹر۔ وِشنوی رِوایژ ہُنٛد جہار چھُ اَمہٕ مَندرُکین موٗنی ژِتھرَن مَنٛز دریٖشٹھ یوان مگر اَتھ رِوایژ لرِ لور چھُ شیوٚمَتُک اِظہار تہٕ نظرَن تَل یوان۔

وَرنٛڈاہَس مَنٛز اَژُن کھوٗورُکُن چھُ وِراٹ سروٗپس مَنٛز کرِشنہٕ سُنٛد لوٚڈ موٗنی ژِتھر۔ دوٚیُم ژِتھر چھُ مہنت بھگوان جی سُنٛدُیس سادھوہَن سیتی چھِ بِہِتھ۔ ترٛیٚیمِس ژِتھرَس مَنٛز چھُ اَکِہ پاسہٕ کرِشن دوٚن راکھسس ماران آمُت ہاونہٕ تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ چھُ تَسُنٛد وِراٹ سروٗپ نَظرِ گژھان۔ یِتھےٚ پاٹھۍ چھُ پژتھ موٗنی ژِتھر اَکھ نوٚو مَنظر

بھدرواہ قصبہ

پیٹھ واتان۔

پٹ ٹالہٕ چھُ بھدرواہُک اَکھ سیٹھاہے مشہوٗر لکہٕ ٹالہٕ یُس قصبَس مَنٛز کھُلہٕ جایہِ مَناونہٕ یِوان چھُ۔ یہِ شادیانہٕ چھُ ترٛین دوہَن چلہٕ وُن روزان۔

بھدرواہ قصبَس تہٕ اَتھ اَندٕ پَکھی علاقَس مَنٛز چھِ کیٛنٛتی قلعہٕ، یِم اَتہٕ کیٛن بسکینَن ہُنٛز دِلاوری ہُنٛز شیٛنیچھ وَنان چھِ۔ یِم قلعہٕ چھِ اَز برٛوٚنٛہہ ۵۰۰ ۸۰۰ وُری تعمیر سَپدی مٕتؠ۔ بھدرواہ قلعہٕ چھُ قصبہٕ کِس مغربَس مَنٛز ۵۰۰،۳ فُٹہٕ تھزرِ ٹینگرِ پیٹھ تہٕ اَمہِ کِس طرزِ تعمیرَس پیٹھ چھُ مغل طرزِ تعمیرُک ٹاکارٕ اَثر قلعہٕ اوس ڈوگرٕ مہراج پرتاپ سِنگھنِس (۱۹۲۵-۱۸۸۵ء) دورَس تام فوٗجی مَقصدٕ باپتھ استعمال سَپدان۔ قلعس نکھے چھِ پرٛانؠن راجٕ مَندورَن ہٕنٛدی کھنٛڈر اتھ نظرِ گژھان۔ قلعس ہَنابوٚن ہیٛن چھےٚ اَکھ پرٛانٛی مَشید تہٕ سید صابٕنٛی زِیارَت۔ قصبَس مَنٛز چھےٚ بیٛاکھ اَکھ مَشید تہٕ گُنداصابٕنٛی زِیارَت۔

بھدرواہکؠ اَصلی حکمران چھِ میاں راجپوٗت اَسی مٕتؠ یِمَن ڈاٛژکنی بسوہلی تہٕ کلوکیٛن حکمران خاندانَن سٕتؠ واٹھ اوسمُت چھُ تہٕ یِہنٛز وِے مختلف پیٖرِیَن ہٕنٛدِ بوٚ اَتھ ووت چھیکرَس بھدرواہ جوٚمرِکِس راجٕ گلاب سنگھَس تام۔

بھدرواہ قصبہٕ یُودوٕے کوٗہی قصبہٕ چھُ مگر اَتہٕ چھےٚ پرٛتھ وِزِ ووسہٕ دروسہٕ روزان۔ ڈُرد چھُ گُنوٗہی مہ صدی ہٕنٛدِس اِٹھِمِس ڈٕہِلِس مَنٛز لیکھان زِ اَتہٕ کیٛن اَلہٕ پلہٕ سارِنٕے مکانَن چھےٚ دِو داٗرٕ لکر، کَنہٕ تہٕ زیٛن لاگنہٕ آمٕژ تہٕ اَکثر مکانَن چھِ وَسہٕ وِنہٕ آیہِ سنگلہٕ پٔشں۔

قصبَس مَنٛز یِم مختلف لوٕکٕٹؠ کیٛوٕ بٔڈی بازر چھِ تِمو مَنٛز چھُ پیٛتھ کالہٕ اَکھ کھُلہٕ بازر اوسمُت یُس اَکہٕ زیٛچھ تہٕ سیٛدٕ سیٛود وَتہِ بھدرواہ قلعس سٕتؠ رَلان اوسمُت چھُ۔

بھدرواہکؠ لُکھ چھِ زمیٖنداری تہٕ دُکانداری علاوٕ شالباٗفی تہٕ کران آمٕتؠ۔ قصبہٕ اوس نقش دار کنگنو باپتھ تہٕ مشہوٗر۔

بھدرواہَس تہٕ کشیٖرِ چھُ پانہٕ وٕنٛی آب و ہَوٕہُک وارِیاہ ہِشر۔ یِمہِ کِنؠ اَتھ 'چھوٹا کشمیر' تہٕ وَنان چھِ۔ چنانچہ اَتہٕ چھِ ژوٗنٹھی، ژٕہِنی، ژیرٕ، گِلاسہٕ، بادام، تہٕ تُل ہِوی مزدار میوٕ ووہپدان۔ کُلیٛن مَنٛز چھِ پھٔرٕ پس نہٕ بوٚنہٕ تہٕ شاٗمِل۔ اَتہٕ چھُ تھٔدِ قِسمُک خوشبودار ماچھ سوٚمبرنہٕ یِوان۔ اَتیُک تموک تہٕ اوس نفیٖس تہٕ جان گٔنٛزرنہٕ یِوان۔

بھدرواہَس مُتعلق چھُ خیال زِ اَتہٕ چھےٚ مختلف

لۆکھ گنیش زانِتھ پوزا چھ کران ۔ باچھ دروازس نِش ہاگنیش ناوِ اَزکل دِنس تَل یِہ استھاپَن چھ بڈ وُنہِ کالہِ بھیم سوامن تہٕ بھیم سوامن گنیش ناوِ مشہور رُدمُت۔

بھیم سوامن سوٚمبوتیٚر تھَک ذِکر کران چھُ کلہن لیکھان :۔

"تَمِہ (راز پرورسین نہ) پنہِ دِلہٕ عبادت کرنہٕ کِنی چھٹیٚر وِنایکن یَس بھیم سین تہٕ وَنان چھ پننہِ مرضی پنُن موکھ مغربہٕ پیٹھہٕ مشرقس کُن، یہ ہاوِتھ دِنہٕ خاطرٕ زِ سہ چھُنہٕ تَہندِ نوِشہرٕ نِش ناراض۔"

کلہن سُند بیان نظرِ تَل اَستھ چھ صاف زِ بھیم سوامن مَندر چھ کم کاسہٕ پتی میوٚ پنُد ہوشتوٚ وَرِی یو پیٹھہٕ لوکن ہنٛدِ عبادتُک مرکز رُدمُت۔

یَتھ کھَنگرِ گنیشس، زانِتھ اَز تہٕ پوزا سپدان چھےٚ، سو کھَنگر چھےٚ لوکن ہنٛدِ عقیدہٕ کِنی ہَسی کلس سٟتی رلان۔ کھَنگرِ چھُ سٹھا موٚٹ سیٚنٛدرِ تاہ پیٹھہٕ کھوٚتمُت یمہٕ کِنی اَصلی صوٗرت وۄنی نظری چھنہٕ پوان۔

جونراج چھُ لیکھان زِ ژوداہمہٕ صدی مَنٛز پھٹیٚر وِنایکن بنیہٕ مشرقہٕ پیٹھہٕ مغربس کُن بُتھ۔ یِلہٕ زَن شری وَرن لیوکھمُت چھُ زِ سلطان زین العابدین

بڈشاہن (۱۴۲۰۔۱۴۷۰ء) کوٚر بھیم سوامن مَندر نوِ سرٕ تعمیر۔ (ام۔ل۔ب)

کتاب نامہ :

*Dutt J.C: Kings of Kashmir
*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Stein: Kalhana's Rajatarangini

بھیم کیشو

وُچھو "گوپہٕ مَنٛدر" جلد۔ ۱

## بیرو

بیرو چھُ پرانِس دۆنٛژہ پرگنس مغربہٕ کِنی پیپر پانٛژالس نکھہٕ۔ عرض بلد چھُس ۱ ۳۴ تہٕ طول بلد ۳۹ ۷۴ یہ اوس بڈ وُنہِ کالہِ پرگنہٕ تہٕ اَزکل چھُ تحصیل صدر مقام۔ گامس مَنٛز چھ اکھ ناگ یتھ بہروٗپ ناو چھُ۔ دیان امی ناگہٕ کِنی آسی گامس تہٕ بہروٗپ وَنان۔ بہروٗپ موجودہٕ صوٗرت چھےٚ بیرو۔ ناگچ ذِکر تہٕ چھےٚ امی نیل مت پورانس مَنٛز بھدرکالی دیوی تیرتھہٕ ناوی سپزمُژ۔

بیرو چھےٚ اکھ گوپھ۔ روایتھ چھےٚ زِ مشہور شیوی عالم تہٕ فلسفی ابھینوگپت (ڈہم، کہم صدی) ژاو اتھ گوپھ مَنٛز پننی چیلہٕ ہٕتھ تہٕ پتہٕ چھیوٚ رنہٕ واپس۔ ۱۷۶۶ عیسوی مَنٛز بناوِ بیروس مَنٛز دُرانی گورنر لال محمد کھٹکن اکھ گڑی۔ ۱۸۰۱ عیسوی مَنٛز کوٚر عبداللہ خانن اتھ قلعس مرمتھ یُس پتہٕ ۱۸۸۴ عیسوی یَس مَنٛز بُنلہٕ سٟتی وَسی پیو۔ (ام۔ن۔ن)

کتاب نامہ :

*Hasan: Tarikh I
*Pandey: Abhinava Gupta
*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Ved Kumari: Nilamata Purana I

اُچھن بٔرٕ وٕنہ کنُ انان۔ اکثر مؤنی ژِتھرن ہُنٛد آگُر چھُہ رامایَن، بھاگوت تہٕ شِو دَرشَن۔

مَنٛدرکہٕ بٔرکرٔمک سوٗرٕے تالوٗ چھُ پوشہ تھَر بوٗستی پٲراونہٕ آمُت۔ یِتھے پٲٹھی چھ تمام مؤنی ژتھرن انٛدی اَنٛدی پوشَن ہٕنٛدی نظارٕ ووتلاونہٕ آمتی۔ گربھ گرٛیہس ژُھچھن کنُ محرابس مَنٛز چھیٚے حاشیہ چالہِ مؤنی ژِتھرس مَنٛز لاس لیلا ہاونہٕ آمٕژ۔

مؤنی ژِتھرن ہٕنٛز یہ سہٕ رنگاژنگی اَسہِ اَتھ مَنٛدرس مَنٛز دٔریٛنٹھ یوان چھیٚے تہٕ رنگاژنگی چھُ مَنٛدر عقیدَتک مَرکزٕ آسنس لرٕ لوٗر مُرژٕگٔری ہُنٛد اَکھ موٗلُل گنٛجینہٕ تہٕ بنوومُت۔

(م۔ ل۔ س)

کتاب نامہ:

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## بھیم سوامن

ہارِ پَربتہٕ کِس جنوٗبی کوٗنس پیٹھ چھیٚے اَکھ کھنٛگرٕ یتھ



مسجدِ مرمتھ کرنہٕ تہٕ اَتھ ستی آدحمام تہٕ کھارنہٕ تہٕ دَرس گاہ
تہٕ تعمیر کرنہٕ۔ اَمہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ اَتھ دورس منز چھےٚنہٕ

مسجد بند آسمٕژ ــــ ۱۷۵۴ہ اکس دِژاگس منز کورکشیرِ
ہنٛدی گورنر سُکھ جیونٕن مسجدِ منز دانہٕ جمع تہٕ واریاہس



# پِپِتنگ

پِپِتنگ گٔمپہٕ چُھ پدم (زانسکار) قصبہٕ بوٚن شُمال مشرِقس کُن لِنگتی (دٔریاوِ) اَکِہ کھوٚورِ بٔٹھِ. گٔمپہٕ چُھ گامہٕ ہیوٚر بالہٕ تیٚنتالِس پیٚٹھ تَتھ جایہٕ یٚتِھ اَکھ بوٚڈ چورتَن تہٕ وارِیاہ مکانہٕ چھِ. یِم سٲری آثار چھِ پرانہٕ گٔمپچ یاد تازٕ کَران ییٚمِیُک ذِکرٕ زانسکارُک تَوارِیخس مَنٛز چُھ آمُت.

بُڈِس چورتنس نَکھے چُھ مَنٛدَر یَتھ مَنٛز اولوکیشوَر پدم سمبھو تہٕ میترِیہ سٕنٛز مُرٛژ چھےٚ. دٔچھنہِ لَبہِ پیٚٹھ چھُس اِمتیازَس، شاکِہ منی، ژوٕدَہن اَرہَتَن تہٕ بٔھے شبِیہ گرو تہٕ کھوٚورِ لَبہِ پیٚٹھ چھِ دھرمبھیروٗ پدم سمبھو تہٕ ژھوٚنگ کھا. یاسہٕ ندی موٗنی ژِتھر پدم سمبھو سٕنٛدی چھِ اَتہِ اَٹھ روٗپ ہاوِتھ. درواز لَبہِ پیٚٹھ چھِ ژوٚن دِشن ہٕنٛدِین راژن ہٕنٛدی موٗنی ژِتھر بناوِتھ.

خاص پِپِتنگ گامہٕ بوٚن چھِ البتی ناوٕکِہ اَکِہ پرانہٕ قلعُک آثار موجوٗد.

(م.ل.س)

کتاب نامہٕ:

*Franche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh II

# پتھر مسجد

پتھر مسجد چھےٚ سرینگرس مَنٛز خانقاہ معلی ہس سیٚدِ سیوٚد وٕیتہِ ہٕنٛدِ کھوٚورِ بٔٹھِ. مسجد چھےٚ مغل بادشاہ جہانگیر سٕنٛدِس دورَس مَنٛز ملکہ نوٗر جہانہِ ہٕنٛدِ وَننہِ ۱۶۲۳ سَنہٕ مَنٛز تعمیر کرنہٕ آمٕژ. یہ چھےٚ کٔشیرِ مَنٛز مُغل فنِ تعمیرُک اَکھ جان نموٗنہٕ. اَمیُک ذِکرٕ چُھ شاہی مسجد، مسجدِ سنگین، تہٕ نو مسجد ناوٕ تہٕ سپُدمُت.

تواریخ "شیعانِ کشمیر" مطابق اوس نوٗر جہانہِ یہ مسجد شیعہ مسلکہِ کین مسلمانَن ہٕنٛدِ خاطرٕ تعمیر کرناوِمٕژ. تہٕ کیٚنہہ کال گزٕرِتھ سپٕز کَمو تام وَجہو کنی بَنٛد. مگر حکیم صفدرنہِ اَتھ رایہِ چھُنہٕ باقے مورخو ڈٔکھ کوٚرمُت. کیٚنژَن جاین چُھ اَمِرُک غارآباد روزنُک یہ وَجہ وَننہٕ آمُت زِ چونکہِ مسجد چھےٚ زنانہِ ہٕنٛدِ دٔسی بناونہٕ آمٕژ تمہِ موجوب چھنہٕ اَتھ مَنٛز نماز پرٕنی جایِز. مگر یہ تہٕ چُھ اَکھ وَجہ دِنہٕ آمُت، ییٚلِ نوٗر جہانہِ پرٛژھنہٕ آو زِ مسجد بناونَس کوتاہ رقم لوٚگ، تمہِ دِژٕ ت کَونشِہ کھوٚرَس کُن اشارٕ کٔرِتھ تیٚتھُے وَلِٹہِ جواب زِ لگہ گےٚ نارو تارٕ تہٕ کوٚرُکھ اَتھ مَنٛز نماز پرنَس پرہیز. یِتھہٕ پأٹھی روٗز پتھر مسجد وارِیاہَس کالَس غیر آباد.

فاضِل خان سٕنٛدِ وقتہٕ (۱۶۹۷ء — ۱۷۰۴ء) آیہٕ

پتھر مسجد

پیٹھ سیرن ہُنٛد کھارنہٕ آمُت ۔ سیرن ہنٛدس حصس ہنٛزٕ چار دیوٲری تہٕ چوٗنہٕ سُرخہٕ بور کرنہٕ آمُت ۔ پایہٕ چھ پیٹھمہٕ
چھُ موٚٹ دزوٗٹ چوٗنہٕ سُرخہٕ بور کرِتھ ۔ امی تھزرٕ چھُ مسجدٕ اَنٛدٕ اکھ اکس سیتی اَمہٕ آیہٕ رلاونہٕ آمتی زٕ چار دیوٲری ہینٛتھ



کالس آیہ گُدامہٕ ژنگی استعمال کرنہٕ۔

میر ہزار خان سٕندِ وَقتہٕ آیہ مَسجدِ ۱۷۹۳ءمنٛز بٔنیہِ مرمتھ کرنہٕ۔ اَمیُک تأریخ چھُ یمَو شعرَو تلہٕ نَنان

ے

شکر حق کز دعای اہلِ یقین
باز آباد گشت خانۂ دین
کرد سردار خِطّ میر ہزار
مسجدِ نَو بناء بقصد تزئین
اختر و نقشِ او فروزان باد
تا بود بر فلک مَہ و پروین
این چُنین مسجد اَز بلندیٔ قدر
آسمانی بود بروئے زمین
عاقبت رو سیاہ و ملعون شُد
ہر کہ او غلرمی نہاد درین
خبر اَز ہاتفی بپُرسیدم
تا کُند سالِ آں مرا تلقین
ہاتفی گُفت "عہدِ میر ہزار
نَو شُد آباد مسجد سنگین"

۱۲۰۸ھ = ۱۷۹۳ء

یہ ہے کنبہٕ چھُ مسجدِ ہٕنٛدِس صدر دَروازَس



دہلیزِ پیٹھہٕ کَنہٕ کھٔنِتھ۔ مورّخ حَسنَن چھُ تمہِ یِیمُہ تہ ژوٗرٕمیم شعر دَرج کوٗرمُت۔

یِتھہٕ پأٹھی چھےٚ ژرینہٕ وَن لگان زِ اَمہِ وِزِ چھےٚ مَسجد نوِ سرٕ آباد کَرنہٕ آمٕژ۔ اَمہِ پتہٕ کرِ پیٹھہٕ آو اَتھ منٛز نماز پرنس مَنع کرنہٕ، تمیُک چھُ نہٕ کُنہِ جایہِ ذِکر۔ اما پوز یہِ چھُ ثٕبقہٕ زِ ۱۹۳۱ءمنٛز آیہِ مسجدلوٗکن ہٕنٛدِس مُطالبس پیٹھ مہاراجہ ہری سِنگھنہِ وَقتہٕ یلہٕ ترٛاونہٕ۔

پتھر مسجد چھےٚ ۱۸۰ زیٛٹھ تہ ۵۴ کھجٕ۔ مَسجدِ ہٕنٛز کُرسی چھےٚ گرِتھ دِوٕری کنِین ہٕنٛز۔ کَنہٕ داسس چھےٚ پمپوشہِ وُتھرِن ہٕنٛز ڈوٗر گُڈِتھ۔ داسہٕ ہیٚوُر چھِ مسجدِ ہٕنٛدِ روٗیہِ پاسہٕ صَدر دَروازَس ڈٕچھنی کھوٕوٕری ژوٗر ژوٗر محرأبی یٔلہٕ۔ یم اَتھ دارِن ہٕنٛز کأم دِوان چھِ۔ یمہٕ نٕے محرابن سٕیدِ سیٛوٗد چھُ اَتھ قِبلہٕ پاسہٕ تہ نَو محراب۔ یمَو منٛز چھُ دَروازکِ سبزٕ رَنگٕ مرکزی محراب سٮ۪ٹھا بوٚڈ۔ محرابس ڈٕچھنہِ تہٕ کھوٗوٕری یِم ژوٗر ژوٗر محراب چھِ تِمَن پیٹھ چھِ محرأبی آیہِ روشندان۔ مسجد چھےٚ زِیٛچھرِ آیہِ اٗٹھن اٗٹھن پایِن ہٕنٛزو دوٚیو تٕشدلوٚ سِتی ترٛین حِصَن منٛز تقسیم کرنہٕ آمٕژ۔ پٔرتھ کانٛہہ پایہِ چھُ بہہ کوٗنٕل۔ مَسجدِ ہُنٛدِ پٔتِس چھُ چار دیوٗاری علاوٕ یمہٕ نٕے شُرہَن پایَن پیٹھ رٹنہٕ آمُت۔ یِیلہِ زَن پُرسی براوُن اَردٕہَن پایَن ہُنٛد حوالہٕ چھُ دِوان۔ پٔرتھ کانٛہہ پایہِ چھُ بوٚنہٕ کَنِین ہُنٛد تہٕ

چھےٚ مسجدِ أندی أندی دِوری کَنِہٕن ہُنٛز گنٛڈٕی ژُھرتہٕ پَشہِ دامِنٕس مَنٛز چھےٚ ژٕہ پأری گوٚ یہِ گُڈٕتھ یِمن أندی أندی پمپوشہِ وُتھرَل نَقأشی کٕرِتھ چھےٚ۔ یِژھ نَقأشی چھےٚ مسجدِ ہِنٛدِ رٕو یہِ پاسہٕ تہٕ مُنٛزی مُنٛزی نَظرِ گژھان۔ مَسجدِ ہِنٛدِ نیٚبرِ مہِ طَرفہٕ محرابہٕ سیٚود چھےٚ کنِہٕن چھٕلہٕ وَژھمٕژ۔ یِم چھےٚ مسجدِ سیٚتی قبلہٕ پاسہٕ چہٕ وانہٕ لأنہِ نارِ لگنہٕ وِزِ تاوِ سیٚتی پھَچہٕ مٕژ۔

پَتھر مَسجدِ ہِنٛدِ س آنگنَس آسہٕ خوٗبصوٗرت دِوری کَنہِ اَمہِ آیہِ وَتھراونہٕ آمٕژ زِ سورُے آنگُن اوس کُنی کُنی باسان۔ آنگنُک فَرِش تہٕ چھُ مہان سِنٛگھ نے پٕراٹھہٕ نووُمت تہٕ پٕراچہ مٕژ کَنہِ چھےٚ تمہٕ سٕنٛزی نِگرأنی مَنٛز لبَنٛت باغَس تہٕ شیر گَڈِ ہِنٛدِ ن یارِ بلَن لاگنہٕ آمٕژ۔

کمےٚ کال برٛونٛہہ چھےٚ آرکیالوجیکل سروے آف انڈیاہَن مَسجدِ کینٛشن جایَن مُرمتھ کٕرمٕژ تہٕ ڈٕنٛجہ تھاونہٕ باپتھ دوا پأشی تہِ کٕرمٕژ۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ :


※Bates: Gazetteer of Kashmir
※Brown: Indian Architecture I, II
※Hasan: Tarikh II
※Sufi: Kashmir II
※Safdar: Shian-i-Kashmir


# پٹن

پَٹنُک بِنٛیأتی ناو اوس شنکرپوٗرِ یُس راز شنکر وَرمَنَن (۲-۹۰۲-۸۸۳ء) پَنٕنِس ناوَس پیٹھ آباد چھُ کوٚرمُت سِرینگرٕ پیٹھٕ شُمالَس کُن ۲۹ کِلومیٖٹر دوٗر وَرمُلی سَڑکہِ پیٹھ ۷، ۳۰، ۴ طولِ بلد تہٕ ۳۴ عَرضِ بَلدس دَرمیان آباد پَٹنَس چھُ برٛونٛہہ کالہِ پَنٛجاستر ناو اوسمُت۔

برٛونٛہہ کالِ چھُ یہِ قصبہٕ پَٹَن (منڈی) اوسمُت۔ یُس پوٚٹ تہٕ چاروأے کِنہٕ دِنہٕ نُک مرکز اوس یَمہٕ کِنہٕ اَتھ وارِ وارِ یِہ ہےٚ ناو دِرِتھ گوٚ تہٕ اَصلی ناو گوٚ گال کھاتَس۔

رام چند کاک چھُ لیکھان زِ پٹنَس چھُ پَتھ کالہِ شنکر پَٹن ناو اوسمُت۔ مگر راج ترنگنی مَنٛز چھُ اَمیُک ناو صِرف شنکرپوٗر لیکھِتھ۔ کھیشمٛندرَن تہٕ چھُ پٹنَس شنکرپوٗر ناو لیوٗکھمُت۔ ابوالفضلَن چھُ اَمیُک ذِکرِ اَکِہ پرگنہٕ کِنہٕ کوٚرمُت۔ غازی شاہ تہٕ وِزِ ۱۵۵۷ء مَنٛز لوٚگ شاہ ابوالمعالی تہٕ غازی شاہ نِس فوجَس پٹنہٕ مُقابلہٕ یتھ مَنٛز شاہ ابوالمعالی کٕشیرِ مَنٛزہٕ نیبر نیرنَس پیٹھ مجبوٗر گوٚ۔

شنکر وَرمَنَن تہٕ تَسٕنٛزِ رانہٕ سوگندایہ کٕری پانہٕ آباد کٕری مٕتِس قَصبَس مَنٛز شنکر گورِیش تہٕ سوگندیش ناوی زٕ مَنٛدَر تعمیر۔ راز ہِنٛدی وَزیرِ رَتنہِ وَردَنَن کوٚر قصبَس مَنٛز رَتَن وَردنیش ناوی بیاکھ مَنٛدَر تعمیر۔ یہِ مَنٛدَر

پتھر مسجد

پٔرتھ تروٚرن پایَن مَنٛز باگ چھُ اَکھ گُنٛبزٕ بنان۔ یِتھٕ پأٹھۍ چھِ تالوٚس سَتووُہ[۲۷] گُنٛبزٕ، یِم کھۄلِتھ یمپوٚرشہ چالِہ چھِہ۔ مِحرابَس سۭدٕ بوٚڈ ہیوٚہ گُنٛبزٕ چھُ کرنیل مِہان سِنگھن (۱۸۳۴ء) مَنٛز لۄہروومُت۔ مَرَمت کرنٕ پَتہٕ چُھنہٕ یہٕ گُنٛبزٕ باقٕے شَتہٕ وُہَن گُنٛبزَن ہیوٚہ خوٗبصوٗرت ہیوٚکمُت بٔنِتھ۔

گُنٛبزَن چھےٚ پیپر ماشی کٔرِتھ اَسمٕژ۔ یِش خراب گژھنہٕ کِنۍ اَس یہٕ نقاشی وُتھِہ سِتۍ چھلِہ چھلِہ وُژھمٕژ۔ وُنۍ کینٛس چھےٚ یِمَن گُنٛبزَن تہٕ لِپاے کرنہٕ آمٕژ تہٕ پٔتھس تہٕ چھُ پیٚٹھٕ سیمنٹ کرنہٕ آمُت۔ یِشِہ داٰمنَس بوٚن یِہَن





(أزی چھ پدم سمبھو گونپہ نِش) اَکِس بدرٕ حِس ستی بُتھی لاگے۔ دپان پدم سمبھوہَن کوٚر یَتھٕ پان اُتھی جایہ اَکِس بڑِس کنِس پلِس حوالہٕ یِیمی اَمِس (پدم سمبھوہَس) پانَس منٛز جاے دِژ۔ یہ گونپہ چھِنے اَمہِ موجوب تہٕ مشہور زِ اَتھ منٛز چھُ پدم سمبھو وارٕہَس کالَس دھیان کران اوسمُت۔

تِبتی عالِم چھِ پدم سمبھوہَس گورُو رِنپوچَین پوجی دِنان یِمیُک مطلب یا گِہ بوٚرُت وستاد گو۔ اَتھ جایہ چھُ گورو نانک جیا تہٕ ووتمُت اَوے چھِ اَتھ جایہ یِنہٕ وٲلی سِکھ سیٹھہٕ ہے تعظیمہٕ سان نمان تہٕ عبادت کران۔ اَتھ گونپہ ہِنا پیٹھہٕ کُن چھُ سِکھو اَکھ لوکُٹ موکُٹ گُرِدوارٕ تعمیر کوٚرمُت (م۔ع)

کتاب نامہ:
❊Franche: History of Ladakh
❊Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh II

# پرتھوی گری

پرتھوی گری ہُنٛد کوٹ چھُ پرٛونٛژھ پیٹھہٕ ۴۵ میل دوٗر مشرقَس کُن تھدین بالَن منٛز باگ۔ کوٚرٕ پیٹھہٕ چھِنے کرن کوٹ، میٹرٕ تھرٕ تہٕ رازٕ ویرٕ ہنٛدِس ساری سے علاقس پیٹھ نظر پیوان۔ یِیمہٕ ستی اَلہٕ پَلہٕ سمندرٕ پیٹھہٕ کاہ ساس فُٹہٕ تھزرس کوٗٹھ جنٛگی اہمیت ثابتھ چھِنے سپدان۔

قلہٕ چھُ ووٚنی پوٗرٕ پاٹھۍ وَسی پیومُت۔ آثارو کنہٕ چھُ موقس پیٹھہٕ کنہٕ دیوار، کینٛژی دروازٕ تہٕ بُرژون کٕرژور موجود۔ قلک کنہٕ دروازٕ چھُ اَز تہٕ بالہٕ تھونٛگین درمیان دوٗرِ پیٹھہٕ بوزنہٕ یِوان۔ دپان یُتھٕ وُنہٕ کالہٕ اَسی قلس منٛز رازن ہنٛدی سرتلہٕ بانہٕ تہٕ موجود۔ لوکھ اَسی اَتھ جایہ متبرک مانان تہٕ قلک کنہٕ دروازٕ مُترٕتھ اَسی نیازٕ کنہٕ تھَہر بیتر تراوان۔ مگر ووٚنی چھُ یہ سِلسلہٕ بنٛد گومُت۔ پرتھوی گری ہُنٛد اَکھ کتبہٕ چھُ سری پرتاپ میوزیمس (سرینگر) منٛز موجود تہٕ یہ چھُ رازٕ اننت دیونہٕ زمانکُ۔ اَمہٕ ستی چھُ ثابتھ سپدان زِ کہٕیمہٕ صدی منٛز چھُ پرٛونٛژھ کشیرِ ماتحت اوسمُت۔

پرتھوی گری ہُنٛد ذِکر چھُ راج ترنگنی منٛز کلہنن تَمہٕ ساعتہٕ کوٚرمُت۔ یِیلہٕ رازٕ ہرشن (۱۰۸۹-۱۱۰۱)



اوس تمی سدا شو سنٛزٕ پۄژھ بنوومُت۔ ناوٕ تلہٕ چھُ باس لگان زِ وَردنیش اوس شومَنٛدر۔

پرٛانین آثارن ہنٛدِس مغربَس منٛزٕ ۱۰۰ گزٕ دوٗر یُس لوکُٹ مَنٛدر موجوٗد چھُ، اندازٕ چھُ زِ یہِ ہے چھُ رتن وردنیش راز ہس تہٕ رانہِ ہنٛدِ ہن تعمیر کرٕ ہمِتین مَنٛدرن علاوٕ قصبہٕ کِس شُمالس منٛزٕ آسی گاشس پوٗرِس نِش زِ خاص قٕسمکی کنہِ تھَم یِمن ہُند تعلق کُتہ تام خاص تعمیرس سیٖتی اوسمُت چھُ۔ بنہٕ وُن چھُ زِ اَتھ جایہِ ما آسہِ ہے بنیا کھ کانٛہہ خاص تعمیر۔ مَقامی لوکھ چھِ اَتھ جایہِ گرٕ مٕٹھٕ وَنان۔ حسن چھُ لیکھان زِ اَتہِ آسی پرٛانہِ وقتٕکی کیٛنہہ دُکان تہٕ موجوٗد مگر وُنی کِنس چھُنہٕ اَمہِ قٕسمُک کانٛہہ نِشانہٕ نظرِ گژھان۔

شنکر پور قصبہٕ تعمیر کرنَس متعلق چھُ یِتھ کٕتھِ پھیُر دِیُن ضروری زِ شنکر وَرمنَن کوٚر پرِس پورکین تعمیرن لٕرٕ پار تہٕ تَتہٕ اَنِن جان جان چیز یِنہِ آباد کٔرِ مَتہٕ قصبٕچ شان ہُرراوِنہٕ باپتھ

(م۔ل۔س)

کتاب نامہ :

*Abul Fazl: Ain-i-Akbari III
*Bamzai P.A.K: Archaeological Remains in Kashmir
*Hasan: Tarikh I
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Stein: Kalhana's Rajatarangini

## پدم سمبھوٕ سنٛزٕ گوپھ

پدم سمبھو سنٛزٕ گوپھ چھےٚ سری نگر لیہہ سڑکہِ پیٹھ نی موگامَس پور ۱۳ کِلو میٹر۔ اَتہِ چھُ انسان تھزرٕ اکھ بٔڈ سوٚم کنہٕ پل یِتہ مغربہٕ پاسہٕ بیٚہنہٕ باپتھ جاے کوٚرتھ چھےٚ۔ مقامی روائیژ موجوٗب ییٚلہِ اِٹھی مہٕ صدی منٛزٕ بُدھ دھرمُک عظیم گیانی پدم سمبھو ہندوستانہٕ پیٹھٕ تبتہٕ کیو سُنسان وَتو لداخ ووت۔ اَمِس پیو جایہِ جایہِ بدرٕ وٕچھَن سیٖتی لڑُن تہٕ یِمَن جاین نِش بناوِ تمی دھیانہٕ باپتھ اَکھ اَکھ گوپھ۔ اَکِہ روائیژ موجوٗب ییٚلہِ پدم سمبھو لداخ کُن گژھان اوس۔ اَمِس سپیٚزٕ اَتھ جایہِ

وُچھنَس لایق چھُ۔ چنانچہ باغ وُچھنہِ چھِ پٔرتھ وٕری یہ مُلکی تہٕ غیر مُلکی سیاح اور واتان۔

گرٕجک مُبلغ چھُ پادٕری خانَس مَنز روزان تہٕ اور ینہٕ والین سمکھان۔ مُبلغس چھےٚ چرٕچ کونسل مُقرر کَران تہٕ یہاے کونسل چھےٚ گرجہِ کین معاملن ہُنٛد اِنتظام کَران۔

پَتہ کالہِ آسی کشیرِ مَنز ٹھٔہرن واٹلی انگریز گرجکی اَخراجات پوٗرٕ کَران تہٕ ووٚنی چھُ یہ ژوٚر پٔہن چنٛدَس تہٕ خیراتَس پیٹھ چلان۔ بپتسِمہٕ تہٕ کھانٛدرس متعلق شٮ۪چھ خبَر چھےٚ عموٗمَن مُبلغَس سوزنہٕ یِوان۔ (م۔ن۔ن)

کتاب نامہٕ:


※Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade
※Christian Conference: Christianity in J&K


## پمبرون

وُچھو" اکھنور" (جلد ۱)

## پیرن

ورٕمُل قصبہٕ کِس جنوٗب مغربَس مَنز ۱۳ کلومیٹر دوٗر پیرن چھُ ووٗرِ تحصیلُک گام۔ وٮ۪تھہِ ہنٛدِ دٔچھنہِ



بٹھِ پٮ۪ گام چھُ ۱۱-°۳۴ عرضِ بلد تہٕ ۱۹-°۷۴ طولِ بلدَس درمیان۔ اَتہِ چھےٚ بابا عبدالغفورسٕنٛز زیارت۔ بابا عبدالغفور اوس بابا مسعود نروری سٕنٛد پوٚ اولادُو مَنزٕ یُس پیر حاصل کَرنہٕ خاطرٕ مُلتان ووت۔ واپس ینہٕ پَتہٕ گوٚ مقامِ بَجہ ہامہٕ (اوڑی) ۲۶ صفر ۱۱۰۵ھ (۲۶ اکتوبر ۱۶۹۳ء) رحمتِ حق۔ نقل کَرنہٕ برٛونٛہہ اُس تمی وصیت کٔرمٕژ زِ یہ گژھہ نہٕ دفن یُن کَرنہٕ بلکہ یتھ جاے پٮ۪ مٮ۪یون توبوٗدٕ بیہہٕ سُے آسہِ میون آخری آرام گاہ۔ دپان وُڈان وُڈان آو تُنٛد توبوٗدٕ تہٕ بیوٚٹھ پیرنہٕ وٮ۪تھہِ بٹھِس پیٹھ۔ غفور صأبنی بٔڑے بابا محموٗدن کرنوو

راز ویر پیٹھ حملہٕ کوٚر تہٕ اَمہٕ کوٚٹکِس دامنس تَل ڈیٚتِن ڈیرٕ۔ کوٚٹ کاپہٕ اَننس مَنٛز ناکام روزنہٕ پتہٕ آو سُہ خزانہٕ تہٕ مال جاداد تراوِتھ واپس کشیرِ۔ سرارل سٹاینَن چھُنہٕ کوٚٹُس متعلق کانٛہہ تفصیل دیٚتمُت۔ ییٚمہٕ تلہٕ ژینہٕ وَن چھِنہٕ لگان زِ تَس چھُنہٕ یہ جاے اَتھہ آمُژ۔

کوٚٹ کَر چھُ تعمیر سپدمُت تتھ متعلق تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ ثقہٕ توٲریخی حوالہٕ اَسہِ نظرَن تَل۔ بگر دیدٕ رانہِ (۱۰۰۳۔ ۹۸۰ ء) ہِنٛدِ وقتہٕ چھُ پرتھوی پال راز ویرِ ہِنٛدُ حکمران اوسمُت۔ یُس تَنگِن شکست دیٚت تہٕ بنوٚون باج گُذار۔ ینان چھُ زِ کوٚٹ آسہِ پرتھوی پالُن تعمیر۔ کوٚٹک پرٛون تعمیر آسُن اَنٛدی ٔپکھی مضبوط قلعن ہُنٛد تہٕ ذِکر کوٚرمُت یَتھ ہُنٛد پرتھوی گری تہٕ شامِل اَسِتھ ہیٚکہِ۔ راج ترنگنی پرتھوی پال کوٚٹہٕ ناوٕ وَنس تَل یُس یتھ اندازس کتاب ناماہ:

(م ر ل س)

ہُنٛد کوٚٹہٕ ہرکیانہٕ چھُ البیرونی ین راز ویرِ مَنٛز پرتھوی گری تہٕ۔ راز ویرِ علاقہٕ کین لوٚکن پُشنٕے چھُ گران زِ کوٚٹ چھُ پرتھوی پالُن تعمیر۔

*Bashir K: Ed. Tameer



# پروٹسٹنٹ چرچ

رام مُنشی باغ سری نگرکہٕ جنوٗب مغربہٕ طرفہٕ ویتھہِ ہِنٛدِس دٔچھنِس بنٛڈس پتھ کُن یَہن تہٕ دوٗر درشن کیندر سرینگرس مشرقہٕ اَنٛدٕ چھُ آل سینٹس پروٹسٹنٹ گرجہ سیٹھاہ خوٗبصورت جاے۔ یُس ۱۸۹۶ء مَنٛز سرینہ پتھر سول سِنٛدِ ڈیزاینہٕ مطابق تعمیر کرنہٕ چھُ آمُت۔

گرجس تہٕ اَتھہ سیتی موجود پادری خانس چھُ اَنٛدی ٔپکھی اکھ بوڑ باغ یُس رنگہٕ رنگہٕ پوشہِ ذاتٕو بیتر کنی





اُستانہٕ کِس شُمال مَغرِبس مَنٛز اَوڈ کلومیٖٹر دوٗر وُڈر پیٹھ چھےٚ ژاکی طرزِ تعمیرٕچ اَکھ بُڈ بارٕ ڈیٚڈی یَتھ مُتلق وَننہٕ چھُ یِوان زِ اَتھی جایہِ چھِ گوڈٕ تو بوٗدٕ بیوٗ ٹھُمت۔ زِیارتس پیٚٹھ چھُ پرٛتھ ؤری یہِ ۲۶ صَفَر وُہرُس لگان۔ (م۔ا۔ا)

کِتاب نامہٕ:


*Hasan: Tarikh I, II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar


## تجرُ

تجرُ چھُ سوپورٕ کِس شُمالَس مَنٛز سِرینَگرٕ پیٹھٕ ۶۷ کلومیٹر دوٗر۔ زاٗنہٕ گیٖر پرگنَس مَنٛز یہِ گام چھُ ۲۷ ۰ ۷۴ طولِ بَلد تہٕ ۲۳ ۰ ۳۴ عرضِ بَلدَس درمیان

بالہٕ دامنَس تَل۔ اَتھ گامَس چھُ یہِ بَجَر زِ یہِ چھُ سلطان العارفین شیخ حمزہ مخدوٗم سُنٛد آبٲیی گام۔ اَتہٕ چھےٚ مخدوٗم صاٲبنِس بابہٕ صاب بابا عثمان رینہ تہٕ تِہنٛدِس بٲیِس بابا علی رینہ سٕنٛزٕ زِیارتہٕ علاوٕ سو مَسجِد تہٕ موٗجوٗد یوسہٕ مخدوٗم صاٲبنہِ رَحمتِ حق گژھنہٕ پَتےٚ تمیٚ سٕنٛزٕ زاجایہِ ہٕنٛزٕ پُرنہٕ پیٚٹھ تعمیر کرنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ یِمَن زِیارتَن ہٕنٛدِ برکتہٕ چھِ تجر گامَس تجر شریف تہٕ وَنان۔

بابا عُثمان رینہ سٕنٛز زِیارت چھےٚ گامَس مَنٛز مَشرِقہٕ پاسہٕ۔ بابا عُثمان چھُ تَھدِ دَرجُک رُوحانی بُزرگ اوسمُت۔ سُہ اوس بارَستہٕ جاگیر دار۔ تجرٕ وٲرِ تِہنٛد سورُے جاگیر اوس ژِک دوٗرِس مَنٛز ضبط کرنہٕ آمُت۔ عِبادَت تہٕ رِیاضَت کرنَس سٕتی سٕتی اوس سُہ پانہٕ تہٕ زٔمیندٲری کران۔ رَحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ آو تمیٚ سٕنٛدِس مَقبرس پیٚٹھ روضہٕ تعمیر کرنہٕ۔ یَتھ مختلف دوٗرَن مَنٛز مرمَت سپدان روٗد۔ ۱۹۱۹ء مَنٛز چھےٚ زِیارَت نَوِ سرٕ تعمیر کرنہٕ آمٕژ۔ یہِ خوالہٕ چھُ پَچہٕ پیٚٹھ کھَنٛنہٕ آمتہٕ اَکِہ کتبہٕ سٕتی میلانہٕ لِس صاف پاٹھی پرنہٕ چھنہٕ یِوان۔ زِیارتس اوس گوڈٕ بُرزٕ پِش یَتھ پیٚٹھٕ کَترٕ ٹو بژنگ چھُ اوسمُت۔ بابا عثمان صاٲبنہِ قَبرِ چھُ پنٛجرٕ کٲری کرِتھ ژھر تہٕ اوسمُت۔ یِمہٕ صَدی ہٕنٛدِس پوٗنٛژِمِس ڈہِلِس مَنٛز کرٕ نو لشگیٹکی عبداللہ میر ناوی عقیدَت مَنٛدَن یہِ



توبوٗدس أندی أندی ڈُمٹھ چالہِ روضہٕ تعمیر یَتھ کُنہٕ طَرفہِ داراس نہٕ۔ افغان دورس مَنٛز ییٚلہِ گورنر آزاد خانن (۱۷۸۲ - ۸۴ء) فوجن پیرنہٕ لَش وِیتھہِ اَپور ترِتھ کرِ ہامہِ پَننی چھاوٕنی بناو۔ پیرنہٕ وُچھ تمو ڈُمٹھ چالہِ عبدالغفوٗرُن روضہٕ تہٕ ژھُنکھ یہٕ زانِتھ پزاٗٹھ زانَتھ مَنٛز آسہِ خزانہٕ۔ امہٕ پتہٕ آو عبدالغفوٗر صابُن استان نَوِ سرٕ تعمیر کرنہٕ یتھ مَنٛز مرمتا سپدنہٕ باوجود پرانی ہیئت قایم روٗز۔

زیارتَس چھُ روے شُمالہٕ پاسہٕ، تعمیر چھُ چوٗنہٕ سُرخہِ مَنٛز ژاٗکی طرزہٕ لوکٹَن لوکٹَن آرِ یلِن ہُنٛد۔ ۲۸ فُٹہٕ چورُس استانُس چھُ شُمال، مَشرِق تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ ۵ فُٹہٕ کھجرٕ وَرنڈا اُگڈِتھ، یِتھ خوٗبصوٗرت نقش گُھنِتھ ۱۸ تھم چھِ یِمَن پیٹھ پُشس چھُ رُٹنہٕ آمُت۔ مشرقہٕ پاسہٕ چھےٚ استانس زٕ لوکچہٕ شیشہٕ دارِ یمو مَنٛزی روٗضیچ زیارت کرنہٕ چھےٚ یِوان۔ شُمالہٕ پاسہٕ چھُ اَتھ ۵ فُٹہٕ تھوٚد دروازٕ۔ أندرٕ چھُ ۱۱ فُٹہٕ چورُس روضہٕ یَتھ ترٕیے ترٕیے خوٗبصوٗرت پَنجرٕ دارٕ چھےٚ۔ روضَس چھُ پیٹھ چوٗنہٕ سُرخہٕ پلَستر گرتھ ڈُمٹھ چالہِ تالو۔ اَتھ چھُ ترٕیِن اَندن ۲/۱۳ فُٹہٕ غلام گردش ییٚلہِ زَن قبلہٕ پاسہٕ پہٕ ۲ فُٹہٕ کھجرٕ چھہٕ۔ روضَس أندرٕ چھُ سہٕ توبوٗد یَتھ مَنٛز غفوٗر صاب اوسوٗد چھہٕ۔ توبوٗد چھُ عام قِسمُک یَتھ ژور کھوٗری چھہٕ۔ اَتھ چھُ شاند قبلَس کُن۔ توبوٗدس پیٹھ چھُ پَنجرٕ دار ژھر۔ روٗضیچ تہٕ توبوٗدکہِ ژھرٕچ لکرٕ چھےٚ بالکُل ساٗدٕ روار باسان۔

استانَس چھُ ترٕ وور چار بام ٹینہٕ پیش۔ یَتھ پیٹھ عام رٕیش طرزُک برٛانگ چھُ۔ برٛونٹھہٕ چھُس اَمی چالہِ بُرزٕ پیش اوسُمت۔

استانہٕ کِس حاطَس مَنٛز چھُ غفوٗر صابٕنۍ برادر بابا محموٗد، بابہٕ تھر، بابا اَسلم پیر، بابا فقرالدین، بابا حضوٗر پیر تہٕ بابا شیخ پیر دفن۔ یِمَن سارِنی چھِ أندی أندی روضہٕ تعمیر کرنہٕ آمتۍ۔ یِمو مَنٛزٕ چھِ کینٛہہ خستہٕ حال۔



چھ۔ زیارتہ کس غلام گردشس
چھ نوو تالو دنہ آمت یتھ
منز منزی پیپر ماشی
کرتھ پرانی پچہ ژکل تہ چھ
وانٹھ۔ یم چھ پرانہ زیارتکی
آسہ متی۔ زیارتس چھ چار بام
ٹینہ کش یتھ پیٹھ ریش
ٹرنگ بڑنگ چھ۔ اتہ چھ پرتھ
وری یہ ۲۴۔ صفر ووزس
لگان۔ اتھ موکس پیٹھ چھے
اتہ مخدوم صابنہ تسبیح، عاصے شریف، کلاہ شریف
جامہ مبارک تہ کھڑاو علاوہ تہنز طشت تہ نار منز زیارت
ہاونہ یوان۔ تسبیح چھ صرف پانژہ دانہ۔ مخدوم صابنی
یم تبرکات چھ امی دوہ ہندواری تحصیلہ کہ شہلورگامہ
پیٹھ انہ یوان ییتہ مخدوم صابنی پانہ تعمیر کرمژ مسجد
چھے۔ اتھ مسجدِ تہ چھے زیارتچ اہمیت۔

تجر چھ شیخ حمزہ مخدوم سنز زاجاے آسنہ
کنی مشہور۔ مخدوم صاب یتھ جایہ زامتی چھ تتھ پرنہ پیٹھ
چھے تہند رحمت حق گژھنہ پتے مسجد تعمیر کرنہ آمژ۔
مسجد چھے تمہ مکانہ کس کنہ گنس پیٹھ تعمیر سپنز مژ یتھ منز
مخدوم صاب زاو۔ یہ چھے ۲۴ فٹہ چورس۔ چار دیواری چھس
دروازس ڈچھنی تہ کھووری چھے اکھ اکھ محرابی دارِ۔ مشرقہ،
شمالہ تہ مغربہ پاسہ چھے اتھ ترے ترے محرابی دارِ۔
دہلیزس ڈچھنی کھووری چھے چوکہ۔ اتھ حصس چھ الگ
کش۔ زیارتس اندر چھ روضس اندی اندی ۶ فٹہ کھجر
غلام گردش۔ بابا علی رینہ سند روضہ چھ ۹ فٹہ زیوٹھ تہ
۷ فٹہ کھول۔ روضک لکر ژوک چھ سیٹھا پژون یتھ
نقش کھنتھ چھ۔ ترے فٹہ تھزرس تام چھ روضس
لکر پیٹھ سن مائیکا لاگنہ آمت۔ امہ ہیور چھ اتھ
ژوپاری پانژہ فٹہ تھدی ششہ پٹی لاگتھ۔ یمو منزی
قبرہ ہنز زیارت کرنہ چھے یوان۔ بابا علی رینہ سنز
قبر چھ سیمنٹ کرتھ ساد بیؤر بتھ پیٹھ لکرہ ہند ژھر

تجرٕ



اَستان نوِ سٕر تعمیر۔ نَوٚ زِیارَت چھےٚ ۲۲ فُٹہٕ چوٗرس۔ اَتھ چھُ ترٚے فُٹہٕ تھوٚد کَنہٕ کٔن تہٕ پوٗرس چھُس چوٗنہٕ سُرخہٕ مَنٛز سیرہٕ پَن ہُنٛد لَداو۔ زِیارَتس چھُ جنوٗبہٕ پاسہٕ دَروازٕ یتھ ڈُچھنی کھوٗوِری لکرِ جَنٛگلہٕ دِتھ زٕپِیٛنٛجہٕ چھےٚ۔ دَروازٕچ چارچوٗبی چھےٚ نَقش دار۔ مَشرقہٕ شُمالہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھےٚ اَتھ پانٛژہ پانٛژہ محرابٕی دارِ۔ روٗبہٕ پاسہٕ چھےٚ دَروازس ڈُچھنی کھوٗوِری اَمی گاچہِ اَکھ اَکھ دارِ۔ زِیارَتس مَنٛز چھُ روٗضس أندٕ أندٕ ۸ فُٹہٕ کھجہٕ گردِش۔ روٗضہٕ چھُ ۱۲ فُٹہٕ چوٗرس۔ ڈاپہٕ فُٹہٕ کھَزر پلیٹھ چھُ اَتھ شیشہٕ لاگتھ۔ روٗضک لکرِ ہُنٛد ژوک چھُ نَقش کٔڈنتہ سیٹھا پژون باسان۔ روٗضس اندر چھےٚ

باباعثمان رینہ ہَس نکھ تمیٔ سٕنٛز آشنی بی بی مریَم تہٕ دفن اَستانس چھُ ڈُوور چار بام ٹیٖنہٕ پٔتِس یتھ پیٹھ رٔنٛس طرزُک بُرٛنگ چھُ۔ پرانہٕ زِیارتُک کَتہٕ دُوٗو بُرٛنگ چھُ استانس دہلیٖزٕ سیٖوٚد بُڈِس بُرٛنگس بُجہٕ لاگنہٕ آمُت۔

بابا علی رینہ سٕنٛز زِیارت تہٕ چھےٚ تُجرس مَنٛز۔ مَقامی لُکھ چھ اَتھ عَلہٕ بابہٕ صٲبُن تہٕ وَنان۔ بابا علی رینہ اوس مخدوم صٲبُن بوے۔ سُہ چھُ صاحبِ کمال روٗحانی بُزرگ اَسیمُت۔ تذکِرۃُ العارفین چھےٚ تمیٔ سٕنٛز تصنیف۔ رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ آو تمیٔ سُنٛد روضہٕ تعمیر کَرنہٕ۔ روضہٕ چھُ گوڈٕ لکرِ ہُنٛد تعمیر اوسمُت۔ یتھ پٔنجرٕ مَنٛزی شیشہٕ بَرِتھٕ چھ أسی مِتی۔ مختلِف دوٗرَن مَنٛز مرمت سپدنہٕ رِکنی چھنہٕ اَتھ زِیارَتس پرٲنی ہیَت قٲیم روٗزمٕژ۔ حال حالے چھُ اَتھ زِیارَتس پٲراو کَرنہٕ آمُت۔

زِیارت چھےٚ ۲۰ فُٹہٕ زیٖچھر تہٕ ۱۸ فُٹہٕ کھجہٕ کَنہٕ کٔن چھُ ژدر فُٹہٕ تھوٚد یتھ سیمنٹ گٔرِتھ چھُ۔ پوٗر چھُ پوٚختہٕ سیرہٕ پَن تہٕ کنٕن ہُنٛد۔ زِیارَتس چھُ جنوٗبہٕ پاسہٕ دَروازٕ۔

یہ اَکھ بۆڈ ستوٗپ ہیُوہ باسان ییٚلہِ زَن أنٛدرِی کہٕنہ اَکھ بُدھ خانقاہ اوسُس یَتھ مَنٛز ۱۰۸ اَکٕھٹھ اَسی۔ اَچھ حالتھ چھےٚ ووٗنی کھنگرن ہِنٛزَن صوٗرتَن مَنٛز اَتھ جایہِ موٗجوٗد۔ اَتھ مُتلِق چھُ مشہوٗر زِ اَتھ جایہِ نِش اوس راز بوٗم وے یَن اَکھ شِگاف بنٛد کرنہٕ باپتھ اَکھ ستوٗپ بَناونوومُت۔ اَکہِ روایژ موٗجوٗب اَس اَمہِ شِگافہٕ مَنٛزی کو ستام بلاے نیران۔ یِیمہِ ستی اَتہِ کیٚن روزن والین سیٹھاہ نقصان واتان اوس۔

فرینکی یَن کرناوے یہٕ اَتھ جایہِ کھُدأے۔ مگر تَس دِیُت نہٕ اَتھ جایہِ روزن والیو اجازت۔ تِکیازِ یِمَن لۆکَن اوس خدشہِ زِ اَمہِ مَنٛزٕ ما نیرِ بییہِ کانٛہہ بلاے یوسہٕ راز بوم وے سٕنٛدِس عہدس مَنٛز اَتھ جایہِ نیران أس۔ یہ ستوٗپ چھُ وُنی کیٚن محکمہ آثارِ قدیمن ہِنٛزِس تحویلس مَنٛز نیومُت۔ (م۔ع)

کتابِ نامہ:


※Franche: History of Ladakh
※Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh


# تکیہ بل

سرینگرٕ پیٹھہٕ ۳۳ کلو ڈور اننت ناگ ضلعس

مَنٛز چھُ تکیہ بلہٕ کُشان دورکی قدیم آثار اَتھ آمتی۔ یَتھ جایہِ آثار اَتھِ چھِ آمتی سو جاے چھےٚ رِیلہٕ ؤترٕ چالہِ اَتھ آمتین آثارن مَنٛز چھےٚ لیٚدرِ، کرٕیٚہنہِ تہٕ کاژرِ رنٛگہٕ چہِ گَتر شأمِل۔ خاص توجہ چہِ حقدار چھےٚ ہأرون طرزٕچہِ تِمہِ ٹایلہٕ یِمَن پیٹھ پَنہٕ وُتھر چھِ بَنأوِتھ۔ ژٕنٛڈٕ ہار کولہِ دُچھتہِ بٹھہِ أرس کھنگرِ پیٹھ براہمی خطس مَنٛز کَتبہٕ تہٕ چھُ قأبلِ توجہ۔ یُس غالبَن ژوٗرِ مہٕ صدی ہُنٛد چھُ۔ براہمی خطس مَنٛز بیاکھ کتبہٕ چھُ مربوٗ وٕڈوٕتہٕ اَتھِ آمُت۔ براہمی خطس مَنٛز کتبہٕ اَتھِ یُن چھُ ژٕیِتہٕ وَن دِوان



کوٗنڈ سیرِن ہٲنزٕ۔ اَتھ چھِنۍ قِبلہٕ پاسہٕ ترٛےٚ دارِ جنوٗبہٕ
تہٕ شُمالہٕ پاسہٕ تہٕ چھَس اَکھ اَکھ دٲر۔ وَس تالوٕ کی پَچہٕ پیٚس
چھہ خوٗبصوٗرت نقاشی کٔرِتھ۔ مَسجِدِ ہٲنزٕ روٗہ یہٕ پاسٕچ
لَب چھےٚ شِہیٖد سپنزٕ ہِشٕ۔ یوٗسہٕ حال حالےٚ نوٗکھارنہٕ
چھےٚ آمٕژ مگر اتھ چھُنہٕ دَروازک کانٛہہ حِساب تھاونہٕ
آمُت۔ مسجِدِ اَندر اَژنَس چھےٚ جنوٗبہٕ پاسہٕ چہ دارِ کنۍ وتھ۔
مَسجِدِ اَندرٕ چھہ زٕ تھَم۔ یِم چھہ دوٕن بیٚون بیٚون گرتھَن
ہیٚنڈی۔ شُمالہٕ پاسہٕ کِس تھَمَس مُتلِق چھےٚ رِوایتھ زٕ
یہٕ چھُ مخدوٗم صابنہِ مکانک سُہ تھَم یَتھ سیتی ڈوٗکھ دِتھ
سُہ ریاضت کران اوس۔ اَتھی تھَمَس ڈٔچھنہِ پاسہٕ
چھےٚ سوٕ پایٕتر اَسٕژ یَتھ پیٹھ مخدوٗم صاب نِماز اوس
پران۔ یہٕ پایٕتر چھےٚ مسجِدِ جنوٗبہٕ پاسہٕ سَڑکہٕ نکھہٕ کَنہٕ ژاکِس
پیٹھ لکرِ المارِ منٛز زیارتہٕ بایَتھ تھاونہٕ آمٕژ۔
مَسجِد اَس گوڈٕ ٹین دِتھ ڈُپۆر
عمارت۔ اَتھ ہمسایہِ جامع مَسجِد تعمیر
سپدنہٕ وِزِ آو مخدوٗم صابنہِ مَسجِد ہُنٛد
پَش تہٕ دوٚیِمہٕ پوٚرک دار اَتھی لاگنہٕ تہٕ
اَتھ تاریخی مَسجِد آیہِ خستہٕ حالتَس منٛز ترٛاوِتھ
ژھےٚ دِنہٕ۔ اَتھ چھُ اَز بیٚیہِ ٹین دِنہٕ آمُت۔

(م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہ:

*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Tayub Sidiqi: Zik-rul-Aarifin

# تخت سُلیمان

وُچھو "گوپادری" (جلد ۱)

# تِسرُوستوپ

تِسرُوستوپ چھُ لیہہِ پیٹھہٕ ترٛےٚ کِلومیٖٹر دوٗر۔ یہٕ چھُ
لداخہٕ کِین سارِنٕے ستوٗپَن منٛز تھوٚد تہٕ بالا ستوٗپ
مانہٕ یوان۔ پنٛداہِمہِ صدی منٛز اَسی اَتھ 'ژھنگ پو' وَنان۔
تِسرُوستوپ اوس ۵۵۰ فُٹہٕ تھوٚد کُنیٖو بنیوٗمُت دوٗر اوس



یہ اَکھ بۆڈ ستوٗپ ہیوٚہ باسان ییلہِ زَن أنٛدرِ کِنہٕ اَکھ بُدھ خانقاہ اوسُس۔ یتھ مَنٛز ۸۰۱ اکٹھ آسی۔ اَز چ حالتھ چھےٚ ووٚنی کھنٛگرن ہٕنٛزَن صوٗرژَن مَنٛز اَتھ جایہِ موٗجوٗد۔ اَتھ مُتلِق چھُ مشہوٗر زِ اَتھ جایہِ نِش اوس راز بوٚم وَےیِن اَکھ شِگاف بَنٛد کرنہٕ باپتھ اَکھ ستوٗپ بَناونہٕ آمُت۔ اَکِہ روایژ موٗجوٗب آس اَمہِ شِگافہٕ مَنٛزی کوٚستام بَلاے نیران۔ ییمہِ سِتی اَتہِ کیٚن روزَن والین سیٹھا ہے نقصان واتان اوس۔

فرینکی یِن کرناوے یہٕ اَتھ جایہِ کھُدأے۔ مگر تَس دُیت نہٕ اَتھ جایہِ روزَن والیو اجازت۔ تِکیازِ تِمَن لوٗکَن اوس خدشہِ زِ اَمہِ مَنٛزٕ ما نیرِ بیٚیہ کانٛہہ بَلاے یوسہٕ راز بوم وے سٕنٛدِس عہدَس مَنٛز اَتھ جایہِ نیران أس۔ یہ ستوٗپ چھُ وُنی کیٚن محکمہ آثارِ قدیمن ہٕنٛزِس تحویلِس مَنٛز نیوٚمُت۔ (م۔ع)

کتاب نامہ:

※Franche: History of Ladakh
※Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh

## تکیہ بل

سرینگرٕ پیٹھٕ ۳۳ کِلوٗ دوٗر اننت ناگ ضِلعس مَنٛز چھُ تکیہ بَلہٕ کُشان دورٕکی قدیم آثار اَتھِ آمتی۔ یتھ جایہِ آثار اَتھِ چھِ آمتی سو جاے چھےٚ ریٚلہٕ وٕترٕ چالہٕ اَتھِ آمتین آثارَن مَنٛز چھےٚ لیٚدرِ، کرٛیٚہنہِ تہٕ کاژرِ رَنٛگہٕ چہ کیتر شأمِل۔ خاص توجہ چہ حقدار چھےٚ ہارون طرزٕچہ تِمہ ٹایلہٕ یِمَن پیٹھ یِنہٕ وُتھر چھُ بناوِتھ۔ ژنٛدٕہار کولہِ دُچھنہِ بٹھہِ اَرس کھنٛگرِ پیٹھ براہمی خطَس مَنٛز کتبہٕ تہٕ چھُ قأبلِ توجہ۔ یُس غألبَن ژوٗرِمہِ صٔدی ہُنٛد چھُ۔ براہمی خطَس مَنٛز بیاکھ کتبہٕ چھُ مَربوٗ وڈٕونہٕ اَتھِ آمُت۔ براہمی خطَس مَنٛز کتبہٕ اَتھِ یُن چھُ ژینہٕ وَن دِوان



کوٗنٛدٕ سیرٕ پٕن ہٕنٛز۔ اَتھ چھےٚ قِبلہٕ پاسہٕ ترٛےٚ دارٕ، جنوٗبہٕ

تہٕ شُمالہٕ پاسہٕ تہٕ چھُس اَکھ اَکھ دُار۔ وَس تالوٗکی پچھہٕ پیٚس

چھہ خوٗبصوٗرت نقاشی کٔرِتھ۔ مَسجدِ ہٕنٛز روہ پاٛسچ

لَب چھےٚ شہیٖد سپٕنٛزٕ۔ یوٗسہٕ حال حالےٚ نُوکھارٕ

چھےٚ آمٕژٕ مگر اَتھ چھُنہٕ دَرواُزک کانٛہہ حِساب تھاوَنہٕ

آمُت۔ مسجدِ اَندر اَژنَس چھےٚ جنوٗبہٕ پاسہٕ چِہ دارِکنی وَتھ۔

مَسجدِ اَندر چھہ زٕ تھَم۔ یِم چھہ دوٚن بیٚون بیٚون گٔرتھَن

ہٕنٛدی۔ شُمالہٕ پاسہٕ کِس تھَمَس مُتلِق چھےٚ رِوایَتھ زِ

یہ چھُہ مخدوٗم صابنہٕ مَکانُک سُہ تھَم یَتھ سِتی ڈوٗکھ دِتھ

سُہ رِیاضت کران اوس۔ اُتھی تھَمَس دُچھنہٕ پاسہٕ

چھےٚ سوہ پاٛتٕر اُسمٕژ یَتھ پیٚٹھ مخدوٗم صاب نِماز اوس

پَران۔ یہ پاٛترٕ چھےٚ مسجدِ جنوٗبہٕ پاسہٕ سَڑکہِ نَکھہٕ کٔنہٕ ژاُکس

پیٚٹھ لکرِ اَلمار مَنٛز زِیارتہٕ یا پَتھ تھاونہٕ آمٕژ۔

مَسجد اُس گوڈٕ ژٕن دِتھ دُپوٗر

عمارت۔ اَتھ ہَمسایہِ جامع مَسجد تعمیر

سَپدنہٕ وِزِ آو مخدوٗم صابنہِ مَسجدِ ہُنٛد

پَش تہٕ دوٚیِمہ پوٗرک دار اُتھی لاگنہٕ تہٕ

اَتھ تاریخی مَسجدِ آیہِ خستہ حالتس مَنٛز تہٕ ژٕہ اَتھ

ژھٕچے دِنہٕ۔ اَتھ چھُ اَز بیٚیہِ ژٕن دِنہٕ آمُت۔

(م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:


❇Dedamari: Tarikh-i-Aazmi
❇Hasan: Asrar-ul-Akhyar
❇Tayub Sidiqi: Zik-rul-Aarifin


## تختِ سُلیمان

وُچھِو "گوپادری" (جلد ۱)

## تِسرُوستوپ

تِسرُوستوپ چھُ لیہہ پیٹھٕ ترٛےٚ کِلومیٖٹر دوٗر۔ یہ چھُ

لداخہٕ کِس سارِنے ستوپَن مَنٛز تھوٚد تہٕ بالا ستوپ

مانہٕ یِوان۔ پَنٛدٔہِمہِ صدی مَنٛز اُسی اَتھ "ژھنگ پو" وَنان۔

تِسرُوستوپ اوس ۵۵.۰ فُٹہٕ تھوٚد کینٛژھن ہُنٛد مُدَت دوٗرِ اوس



جناب محمد عبداللہ خان۔ (م۔ع)

کتاب نامہ:

*Hasan: Tarikh I

# جامع مسجد شۆپیٖن

سرینگرکس جنوٗبس منز ۵۱ کلو میٹر دور پژانس شۆپیٖن قصبس منز اژان اژانی چھے ہیر پوٚر گرٚھن واجنہِ سٕڑکہِ اندس پیٹھ شاہ صابنس محلس تہٕ ٹاکہٕ محلس درمیان شۆپی ینچ جامع مسجد سارِوے چیزٕ و برٕونہہ پانس کُن توجہٕ پھران۔ اَتھ جایہ یوسہٕ پرٕانی جامع مسجد اُس سو تہٕ اُس اَمہِ کی پاٹھی سٕڑکہِ انٛدٕ اکس تھدِس بُٹھس پیٹھ اِستادٕ ییتہٕ پیٹھہٕ کشیر ہٕنٛز وادی ہُنٛد نظارٕ



زِ اکہِ وَقتہٕ چھُ بَراہمی خَط کٔشیرِ مَنٛز تہٕ مُروج اوسمُت۔
یہِ کَتھ چھےٚ پھِرٕنی لایَق زِ شاردا خَط تہٕ چھُ براہمی کُے
اَکھ رۄُپ۔ ٹایلِن ہُنٛد تکیہ بلہٕ تہٕ دٔوِیمِن جایَن
اَتھِ یُن چھُ ہاوان زِ نقش دار یا روغنی ٹایلہٕ بناونُک
کار چھُ کٔشیرِ مَنٛز واریاہَن جایَن چَلان اوسمُت تہٕ اَتھ
چھُ کٔٹُک دَرجہ اوسمُت حاصِل۔ (م۔ل۔س)

کتاب ناہ:

*Thaper: Indian Archaeology

## جامع مَسجد سوپور

سوپورٕچ جامع مَسجد چھےٚ سِرینگرٕ پیٹھٕ ۵۵
کلومیٹر دۄُر وٮ۪تھِ ڈٕچھنہِ پاسہٕ۔

مُغل بادشاہ اورنگ زیب عالمگیرَن اُسٕ
یہِ مُشید (۱۶۵۸ء - ۱۷۰۷) مَنٛز تعمیر کٔرمٕژ۔ واریاہَس
کالَس اُس یہِ خستہٕ حالَژ مَنٛز تہٕ ستمبر ۱۹۷۹ء مَنٛز
گٔر مقامی لۄکَو نٔوِس طرزَس پیٹھٕ تعمیر۔

۱۷۰ فُٹہٕ زیٹھ تہٕ ۸۸ فُٹہٕ کھُج اَزٕچ جامع
مسجد چھےٚ ترٕ پوٚر۔ اَمہِ کِس تعمیرس مٔنٛز چھُ بٔڈ شاہی سیرَن،
دِوٕدار لکٕر، دِورٕ کنٕن ہُنٛد چۄنگُ تہٕ سیمنٹُک
استعمال کَرنہٕ آمُت۔ اَتھ چھےٚ مغربہٕ اَنٛدٕ ۸ فُٹہٕ تھٔز



تہٕ زِ فُٹہٕ کھَجہ ۲۶ تہٕ جنوبہٕ پاسہٕ ۱۶ محرابی چالہِ دار۔ مشرقہٕ
پاسہٕ چھُ سٕ سُتی مَس پوٚرس ۴۸ فُٹہٕ چوٚرس سیمنٹو ڈَب،
یَتھ ۲ فُٹہٕ لیپٹہٕ دار ۱۰۸ اسیمنٹو ہٕ تھم چھِ۔
ترٕیمِس پوٚرس پیٹھ چھِ ترٕہن اَنٛدَن سیمنٹو ہٕ ترہ
فُٹہٕ گول ۲ گُنبَد تہٕ ۲۴ فُٹہٕ تھوٚد اَکھ مینار۔ مُشیدِ اَنٛدر
چھُ قبلہٕ پاسہٕ سَتھ فُٹہٕ تھٔدٕ تہٕ ساڑ پانٛژھ فُٹہٕ کھُلی
زِ محراب۔ شمالہٕ پاسہٕ چھُ اَتھ زِ بُزرگ سیّد آسوٕدٕ، اَکھ
عزیز الدین بُخاری یِم حضرت میر سیّد علی ہمدانی رحٕ یَس
سٕتی اَتھ جایہِ آمٕتی اُسی تہٕ بییہ اَکھ مقامی دَرویش

زِ وینی چھ پننہِ ہمکال تہٕ ہموطن انگریزن مشورٕ دِوان
زِ ہرگاہ اِنگلستانس منز رِٹنہٕ کالہِ باپتھ یاگنہٕ سجاوٹی
تعمیر کرٕ خیالہٕ پٔرہ ہٕش جایے بناوٕن تمن تگہٕ زانُن زِ
محل وقوٗع بدلنہٕ کِنی گژھہٕ نہٕ امہٕ طرزِ تعمیرُک حُسن کم۔
شوپیانٕچ جدید مسجد چھےٚ سری نگرٕچہ جامع مسجدِ
ہنٛدِس طرزس پیٹھ قصبس منز بنن والیو تعمیر کرٕمٕژ۔
مسجدِ آو ۱۹۴۴ عیسوی یس منز کٔن دِنہٕ تہٕ امٕچ
تعمیر سپٕد آزادی پتےٚ کینٛہہ ؤری گژھتھ مکمل۔ تمہ
وقتہٕ چھےٚ تعمیرس ۸۰,۰۰۰ ساس روپیہٕ لٔجمٕژ۔
مسجدِ منز باگ چھُ صحنہٕ تہٕ اُتھی صحنس اندر چھےٚ



دوٗر دوٗر تام بوزنہٕ یوان اوس۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ سوٚ قدیم مسجد سَپنٕز پتھ کالہٕ واریاہ لَٹہٕ شہید تہٕ اَکہٕ رِوائژِ موٗجوٗب کرٕ سُلطان زین العابدین بڈشاہ صابُن (۱۴۲۰ء ـــ ۱۴۷۰ء) نوٚ سرٕ تعمیرٕ مَنٛز آیہٕ پرٛانٛی مسجد پوٗرٕ پاٹھی شہید کرنہٕ تہٕ اَمِیک لگہٕ ہار مسالہٕ آو نوِ جامع مسجدِ ہٕنٛدِس تعمیرس لاگنہٕ۔ ۱۹۴۴ء

قدیم جامع مسجدِ ہٕنٛدِ طرزِ تعمیرُک تفصیل بیان کران یہٕ کینٛژھا ویتی لیکھان چھُ (تہٕ تَس پتہٕ یِنہٕ والیو چھُ یُسلہٕ پاٹھی مسجدِ مُتعلق تمی شُنٛدے تفصیل نقل کوٚرمُت) تمہٕ موٗجوٗب چھےٚ سوٚ تہٕ تمی چالہٕ اُسمٕژ یینٛمہٕ چالہٕ تمہٕ وَقتہٕ چہٕ (یعنی سِکھن ہٕنٛدِ دورِ چھ) وادی ہٕنٛز اکثر مُشیدٕ آسہٕ۔

اَمِچ شکل صوٗرتھ تہٕ طرزِ تعمیر اوس پگوڈاہس سیتی رَلان، اَما پوٗز چینی چالہٕ چار بام پشہٕ بَرعکس اوس اَمِیک بُرزس پیٹھ میٹر وہرٲوِتھ زمینہٕ کِہ سوٚتھر پیٹھ کینٛہہ فُٹہٕ ہیوٚر کھاٲرِتھ تہٕ تَتھ پیٹھ اُسی گرِتھ تہٕ ژٲرِتھ اَٹھ تھَم اِستادٕ یِمَن یوٚنی پیشٕ سیٚود تہٕ ہموار پاٹھی وَسہٕ وُن۔ کُرسی اٲسس مَنٛز اُس کنیو عَلاوٕ لکرِ تہٕ استعمال سپنٕز مژٕ کرِنہٕ تہٕ ہیٚری مِن اَندرٕ عجیب عجیب شکلن ہٕنٛدی وُتھرنال ڈلِتھ اُسی۔ سارِسٕینی طرزٕکین محرابن



تہٕ کانسن اُس یُسلہٕ پاٹھ نقاشی کٔرِتھ تہٕ چینی فانٛشنہٕ سجاوٹی تماشہٕ الاٰنٛدی۔

مسجد اُس اَنٛدری کِنی ژُ پاسَل تہٕ ہچہٕ کاٹہٕ ہٕنٛز اُس اَکھ لوٗبہٕ وُن نموٗنہٕ۔ دارِ تہٕ دَروازٕ تہٕ اٲسس سارسینی طرزٕکی یِمَن شیشہٕ پٹیو بجایہ نفیس پنٛجرٕ کاری کٔرِتھ تہٕ جاہ فری لاگِتھ اُسی۔ تعمیرس منٛز ورتاونہٕ آمژٕ ساٙرے لکرٕ اُس دِودار۔

مسجدِ ہُنٛد پُش اوس ہیر پادِن ہٕنٛدی پاٹھی اَکھ اَکس ہیوٚر قدیم ٹُسکَن (اطالوی) طرزٕکین پُشن سیتی رَلہٕ وُن۔ چُنانچہ پُشکُ سارِوے بوٚنیُم تاہ اوس باقے پادلو کھوٚتہٕ بوٚڈ تہٕ یژٕتھ کانٛہہ۔ ہیٚرِ ژُیُم تاہ اوس پانٛس بوٚنی مس پادِس مُقابلہٕ لوکُٹ۔ سارِوے ہیٚری مس پُشَس پیٹھ اُسی کینٛہہ سیٹھہٕ ہیٚ پَس قَدٕ تھَم ووہنی یِمَن پیٹھ بٮ۪اکھ اَکھ لوکُٹ ٹُسکَن چالہٕ پُشہٕ ہَن اُس۔ اَتھ پُشہٕ ہنٛدِ پیٹھ اوس اَکھ مَخروٗطی شکلہٕ بژنگ اِستادٕ تہٕ بژنگس تالہٕ پیٹھ سرتلہٕ ہُنٛد ٹوٚپ یُس ڈَنٛڈس اَکس پیٹھ دُبہٕ پھِرِتھ ڈٕلج باسان اوس۔

جی۔ ایم۔ ڈی صوٗفی سُنٛد خیال چھُ زِ وُنٛتی پوٗرٕ پیٹھے ہیل دوٗر ترال علاقُک خانقاہ چھُ شوپیٖن چہ پرٛانہٕ جامع مسجدِ ہٕنٛدِ طرزِ تعمیرُک نموٗنہٕ۔

مسجدِ ہُنٛد عام خوٗلہٕ خط چھُ تبوٗت لوٗبہٕ وُن او سُمت



کھوٗل تہٕ اَتھ اُس مَغربہٕ پاسہٕ رَیِش محلہٕ تہٕ پورشیار طَرفہٕ وَتھ تنگ۔

۱۹۵۱ء مَنٛز آیہِ پرتاپ سِنگھنس تعمیر کرٕنہٕ آمتس کدلس شیخ محمد عبداللہ سٕنٛدِس دورس مَنٛز مرمتھ کرٕنہٕ۔ ہاوس بوٹ چالہِ تٕرٛن کھٹھٕن ہُنٛد یہ کدٕل چھُ دوداری لکرِ ہنٛد جنگلہ دِتھ تقریبن ۳۰۰ فُٹہٕ زیٛوٗٹھ تہٕ ۲۰ فُٹہٕ کھوٗل۔ اَتھی دورس مَنٛز آیہِ کدلس دوشوٗے پاسو یُدی وَتھ کُشادٕ کرٕنہٕ۔ دُنی کِبن چھُ کدلس دوشوٕنی طرفن شیٖشتٕرُو جنگلہٕ دِتھ۔

۱۹۳۱ء پتہٕ تحریکِ حُریت کشمیر دوران اوس یہ کدٕل اکہِ سیاسی پلیٹ فارمہٕ کہِ حَیثیتہٕ استعمال یِوان کرٕنہٕ۔

(م۔ع)

كتاب نامہ :


*Hasan: Tarikh I
*Ishaq Khan: History of Srinagar
*Khan G.H: Freedom Movement in Kashmir


## حَضرت بَل

وُچھو "آثار شریف حضرت بَل" (جلد ۱)

## حویلی بیگم

حویلی بیگم ناوچہ مَنٛدورِ ہٕنٛدی کَم کاسہٕ آثار چھہ پنٛج تیٖر کھی علاقَس مَنٛز چھکرِتھ۔ اَتھ علاقَس مَنٛز اوس جیٖنمِکی روشٔن خیال تہٕ رٕوادار راجہٕ رنجیت دیٖون مسلمانَن ہُنٛد اکھ محلہٕ لبوومُت یتھ تِمہِ زمانہٕ مغل پورناو اوس۔

حویلی بیگم مَنٛدورٕ اُس راجہٕ رنجیت دیٖون مغلانی بیگمہِ ہٕنٛدِ باپتھ تعمیر کرٕناوٕمُت۔ یوسہٕ پنجابہٕ کِس گورنر معین الدین (۱۷۴۸ء – ۱۷۵۳ء) سٕنٛز آشنٕز اُس۔ معین الدین سٕنٛدِ مرنہٕ پتہٕ بنوو تٔمِس سٕنٛد دٲرِ شُن تیٖنچُو محمد امین خان شہنشاہَن پنجابُک گورنر تہٕ اقتدار کوٗرُن مغلانی بیگم



موورتی پھِٹنے کاہ شتہ وٕری برٛونٛہہ دریافت سپٕنہٕ.

جین مَندر چھُ شیکھر طرزٕکین مَندرن سٕتی رٔلان، مگر اَمہِ کِس ٹوٗپس چھُ کرچی مَندرن سٕتی کُنہِ حدس تام ہِشر. اَمہِ طرزٕکی ییتھی ہوی مَندر چھِ اَسہِ اُڑیساہَس مَنٛز نَظرِ گژھان۔
(م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ:

※Ganhar J.N: Jammu Shrines

## حبہٕ کدٕل

حبہٕ کدٕل چھُ وٕیتھِ پیٹھ بڈشاہ کدٕلس تہٕ ٹِسکو میموریَل برٛجَس درمیان لال چوکہٕ پیٹھہٕ اَکھ کِلومیٹر دوٗر۔

سرینگر شہرَس اندر کولَن تہٕ دریاوَن مُستقِل پاٹھی کدٕل تارُنک رواج چھُ دورِ سلاطینَس مَنٛز شروع سپُدمُت. شاہمیری خاندانہٕ برٛونٛہہ آسی اکثر کولَن تہٕ دریاوَن، ناوَن ہِنٛدی کدٕل آسان یِم کُنہٕ تہٕ حَملہٕ وِزِ دٔٹنہٕ آسی یِوان۔

کلہن سٕنٛدِ وَننہٕ مُطابِق چھُ وٕیتھِ پیٹھ گوڈنیک ناوِ کدٕل شٕیِمہِ صدی عیسوی مَنٛز راز پرٛورسین ثانی یَن تورمُت یَتھ برٛہت سیتو وَنان آسی۔ رازہٕ ہَرشن (۱۰۸۹-۱۱۰۱ء) کوٗر اَزی کِس حبہٕ کدٕلس نزدیک وٕیتھِ کھور بٔٹھِ بیاکھ ناوِ کدٕل تعمیر یُس پَتہٕ رازہٕ سُسل سٕنٛدِ وَقتہٕ ۱۱۲۳ء مَنٛز نارٕ بُزری کَرنہٕ آو۔

گوڈنیُک حبہٕ کدٕل اوس سلطان حبیب شاہ المعروف حبہٕ شاہَن (۱۵۵۴-۱۵۵۵ء) تعمیر کورمُت. ۹۷ گز زیٛٹھِس اَتھ کدلَس آسی دِوداری لکرِ ہِنٛدی ۱۶ فُٹہٕ تھدی ترٛے ٹھٔٹھی۔ اَمہِ پَتہٕ آیہِ اَتھ مختلِف دورَن مَنٛز مرمتھ کَرنہٕ. اَمِچ خستہٕ حالَتھ تہٕ تجارتی اَہمیَت نَظرِ تَل تھاوِتھ آو پٔروُن حبہٕ کدٕل مہاراجہ پرتاپ سنگھنِس دورَس مَنٛز (۱۸۸۵-۱۹۲۵ء) لُہراونہٕ تہٕ اَتھی جایہِ آو نوٕسر بناونہٕ۔ نوٕ تعمیر اوس دِودارِ بن ٹھٔٹھِن پیٹھہٕ پچٕو دلوٕ دِتھ۔ کدٕل اوس ۳۰۰ فُٹہٕ زیوٹھ تہٕ ۳۲ فُٹہٕ

ابو البرکات خانن شکست۔ مغل دورس منز اُس پہ سرائے سرینگر واتنہٕ برٕونہہ آخری پڑاو۔ (م۔ع)

کتاب نامہ:


*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Cunningham: Ancient Geography of India
*Hasan: Tarikh II
*Mohibul Hassan: Kashmir under Sultans


## خانقاہ بابا نصیب الدّین غازی رحؒ

بابا نصیب الدین سُنز خانقاہ چھِ وینجہ برارکس بابہ محلس منز۔ کشیرِ ہُند یہ تھدِ پایک دینی بُزرگ اوس ۹۷۷ھ (۱۵۶۹ء) منز سیالکوٹہ زامت۔ شیخ میر حسن رازی سُند اوس اولاد تہٕ بابا داؤد خاکیؒ



حوالہٕ۔ مگر محمد امین گوٚو وہری پتے مرتھ۔ مونٛڈ گژھنہٕ وِزِ اُس مغلانی صرف اَرداہ ؤرِش مگر ۱۷۵۶ءتام رۆز سو سیٹھا سرگرم۔ اَمہِ پتہٕ نیوٗکھ تَس اقتدار مگر سو بیٹھ نہٕ ژھوپہٕ کرِتھ تہٕ احمد شاہ دُرانی سُندمدد کوٚرن حاصِل ۱۷۵۷ءَ منٛز ییلہِ احمد شاہ دِلہِ ووت تمہِ دِیُت اُمس جالندھر تہٕ جموں وکشمیر جاگیر۔ پتہٕ دِژوکھ تَس جاگیرِ بَدَل ترٛہہ ساس روپیہ وٗظیفہٕ یُس دُرانین نِش رَٹنَس تمہِ اِنکار کوٚر۔

مغلانی بیگم گیہِ حویلی بیگم مَنٛدورِ انٛدر ۱۷۸۰ءَ منٛز پَننہِ وَتہِ۔ چنانچہ یتھ علاقس منٛز یہِ مَنٛدور اُس سُہ چھُ اَزتہِ اَمے ناوٕ وَنیوٚد۔ حویلی بیگم تعمیر کَرنہٕ سیتی چھُ راژِ رنجیت دیوٕ سٕنٛزِ رواداری ہُنٛد پے لگان۔

راژِ رنجیت دیوٕ سٕنٛدِ وَقتہٕ اوس جیٚمس منٛز مغل طرزِ تعمیر زورَن پیٹھ۔ اَمہِ کِنی چھُ یی انداز زِ حویلی بیگم تہٕ آسہِ ہے اَمے طرزِ تعمیرُک نموٗنہٕ۔ (ام۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ:

*Charak: Culture of Himalayan States
*Nargis: Duggar Desh

## خامپور سرائے

خام پور چھُ سرینگرکِس جنوٗبَس منٛز شوٗپیٛن گژھن واجنِہ سڑکہِ پیٹھ پلوامی تحصیلس منٛز اَکھ لوکُٹ گام ۵۶-۳۳ طول بلد تہٕ ۵۲.۴°۷ عرض بلدس دَرمیان آباد۔

۱۵۸۹ءَ گوٚ مُغل بادشاہ جلال الدین محمد اکبر کشیرِ ہُنٛد دورِ کرِتھ خامپور کِنی رازدانہٕ واپس اُتھی گامس منٛز قلعس بژٕ وٕنہہ کَنہٕ خامپور ڈُڑٕ پیٹھ کَرناوٕ مغل بادشاہ شاہ جہاں (۱۶۲۷-۱۶۵۸ء) سٕنٛدِ حُکمہٕ مُوجوب ناظمِ کشیر علی مردان خانَن اَکھ مضبوٗط تہٕ سنگین سرائے تعمیر۔ یوسہٕ ووٚنی بلکل خستہٕ گاہٕ ژھیٚنے۔

خامپور سرایہٕ ہٕنٛدِس تعمیرس چھُ کَنہٕ، سیرہِ ن تہٕ چوٗنگُک استعمال آمُت کرنہٕ۔ اَتھ آسی مُربع چالہِ داہ بَڈی کمرِ۔ کاڈ اوٚسُس اَکھ ہتھ مُربع فُٹ، گَنٛوہہ صدی ہٕنٛدِس گوڈٕ کالس تام آسی سرایہٕ انٛدر مُسافر ٹھہران تہٕ تِمہِ وِزِ آسی اَتھ ژور کمرٕ ڈٕنٛجہ۔ سرایہٕ بژٕ وٕنہہ کَنہِ اوس کھُلہٕ میدان یتھ منٛز مُسافر خیمہٕ دِتھ ٹھہران آسی۔

خامپور جایہ چھےٚ کٔشیرِ ہٕنٛدِس توارِیخس منٛز اَمہِ لحاظٕ تہٕ اہمیت زِ اُتھی جایہ نَکھہ آو 'تاریخِ رشیدی' ناوی کتابہِ ہُنٛد خالِق تہٕ مغل بادشاہ ہمایون سُنٛد رشتہٕ دار مرزا حیدر دوغلات سُلطان نازک شاہ (۱۵۴۵-۵۱ء) سٕنٛدِس عہدس منٛز ہلاک کَرنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ دِیُت سرایہٕ نکھہٕ پٹھان دورس (۱۷۴۱ء) منٛز عنایت اللہ خانس

چھُ اَمہِ کہِ تعمیر کہِ وَقتہٕ کےُ کھوٚنمُت کرٛیوٚر سرٛانہٕ لاگنہٕ آمُت۔ خانقاہَس اَنٛدیٔ اَنٛدیٔ چھُ مزار۔ گژھتھا
کُھٹھوٚسان اَز تہِ موجوٗد یَتھ ووٚنۍ ہیٚنڈ پمپ چھُ دٔوُر چھِنیٚ جامع مسجد ییٚتہِ اَکہِ روایژ موجوب لٔل دیٚدِ



خانقاہ نصیبُ الدین

شُندمُرید۔ حق تعالیٰ ہِندِس عبادَتَس مَنٛز اوس دوہ راتھ مَحو روزان تہٕ غریبَن غُرباتَن تہٕ فقیرَن اوس پَلالہٕ کَران۔ اَمی مُوجوٗب اُس ابوالفُقراء وَنان۔

بابا نصیبُ الدّین غازیؒ رُود جایہ جایہ گژھِتھ دِینی تبلیغ کَران۔ گامَن تہٕ پَرگنَن مَنٛز مسجدٕ، غسل خانہٕ تہٕ بیتُ الخلاء تعمیر کرناوان۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ تِمَو آسہٕ باہ شَتھ مسجدٕ تعمیر کرناوِمٕژٕ۔

بابا نصیبُ الدّین غازیؒ یَن چھُ علمی جہادٕ علاوٕ قلمی جہاد تہٕ کوٚرمُت۔ ژوٚداہ کِتابہٕ چھَن لیٖچھمٕژٕ یِمَن مَنٛز ”نوٗرنامہٕ“ تہٕ ”ضروری خورد“ زیادٕ مشہوٗر چھِنہٕ۔ نوٗرنامَس مَنٛز چھُکھ شیخ نورالدین نوٗرانیؒ تہٕ تِہنٛدین خلیفَن ہِنٛز سوانحِ حیات دَرج کرٕمٕژٕ۔ ضروری خورد کِتابہٕ مَنٛز چھُ فقہ، مَسلہٕ تہٕ تِمَن ہِنٛز تَشریح۔ نوٗرنامہ تحریرَس مَنٛز آمُت، گوڈٕنیُک رٮ۪شنامہٕ۔ اَمہٕ کِنی چھِنہٕ اَتھ کاشِرِ رٮ۪شِ تحریکہٕ مَنٛز کافی اَہمیت حاصِل۔

بابا نصیب الدّین غازیؒ سُنٛد خانقاہُک رٮ۪وے چھُ ۴۵ فُٹہٕ تہٕ شیر چھُس ۴۰ فُٹہٕ۔ خانقاہچ کُرسی چھِنہٕ پانٛژھ فُٹہٕ تھزٕ۔ گوڈنیک پوٗر چھُس دِوری کنٛین ہُنٛد۔ خانقاہ چھُ دُلوٗرٕ، یہٕ چھُ سیٹھا شوبہٕ دار۔ اَتھ

خانقاہَس اوس بَڑوٚٹھہٕ بُرزٕپُش۔ ۱۹۸۵ سَنہٕ مَنٛز آو اَتھ سَب اوقاف کمیٹی ہِنٛدِ طَرفہٕ ٹیٖن دِنہٕ۔ اَتھ آسہٕ پرانہٕ تعمیرٕ وَقتٕ ترٛے ڈُبہٕ کَڈنہٕ آمٕژٕ۔ یِمو مَنٛز اَکھ شُمال بٮ۪یاکھ جنوب تہٕ ترٛیٚیم مَشرِقہٕ طَرفہٕ چھِنہٕ شُمال تہٕ جنوب طَرفہٕ چھَن ڈُبَن چھِ اَز تہٕ زالی پَنٛجرٕ۔ بَڑوٚٹھی مَنٛز ڈُبہٕ چھُ بَرنٛگ کھارنہٕ آمُت۔ خانقاہ کِس گوڈنِکِس پوٗرس چھُ سیٚود سادٕ وَس تالوٗیُس ژِدٕن سیٹھاہ موٚٹین دِوداری تھمَن تہٕ لوٚمَن مێٚٹھ دٕرِتھ چھِہ۔ اَمہٕ کِس دوٚیِمِس پوٗرس تہٕ چھُ یِنٛھے تالو اوسُمت یُس لَہراوِتھ وَوٕنی پَش چھُ تھوٚد کھارنہٕ آمُت۔ وَوٕنی چھُ اَتھ خانقاہَس اَنٛدرِ سیمٮ۪نٹہٕ پلَستر کَرنہٕ آمُت۔ یِمہٕ سِتی اَمہٕ تعمیرُک اَصلی اَنہار روٗدمُت چھُ۔ دوٚیِمِس پوٗرس تہٕ چھِ ژوٗر تھَم لَگِتھ یِمَن پیٹھ ہَچہٕ کانٛی لاگنہٕ چھِہ آمٕژٕ یِمہٕ سِتی تِمَن ہُنٛد حُسن تہٕ کھٹنہٕ چھُ آمُت۔ اَتھ پوٗرس چھِنہٕ ژور پنٛجرٕ دارٕ لٲگِتھ۔ یِمہٕ کَشیرِ ہِنٛزٕ ژور ہَتہٕ وَری پرانہٕ ہَچہٕ کامہٕ ہِنٛدی آثار مانٛنِتھ ہیٚکو کھہٕ۔

حَضرت بابا نصیب الدّین غازیؒ صابنہٕ زیارژ تہٕ اَمہٕ خانقاہ کِس آنٛگنَس آسہٕ اوٚترٕ تام مَشرقہٕ مَغربہٕ تہٕ شُمالہٕ کِہ پاسہٕ اَنٛدرِ تہٕ نٮ۪بری ڈیڈٕ۔ اَنٛدرِ ڈیڈٕن ہِنٛدی آثار چھِہ وُنہٕ تہٕ موجوٗد ییلہٕ زَن نٮ۪برِمِن ڈیڈٕن ہُنٛد نِشانہٕ تہٕ کُنہٕ چھُنہٕ۔ خانقاہَس بَڑوٚٹھہٕ کِنہٕ

اگر خواہی کہ معلومت شود تاریخِ ایں منزل
بکُن از "شیخ" استفسارِ تاریخ بنائش را
(۹۱۰ھ)
۱۵۰۴ء

حالانکہ تحفتہ الاحبابک " حوالہ دِتھ چھُ" بہارستانِ شاہی"
منز درج زِ خانقاہ سپُد (۹۰۹ھ) ۱۵۰۳ء منز
مکمل تہٕ دروازٕ ہٕنگس پیٹھ اُسس یہ عبارت لیکھنہٕ۔

بنیت ھذہِ البقعۃِ الموسومۃِ المتبرکۃ
الشریفۃ الشمسیۃ النوربخشیۃ
فی التاریخ سنۃ تسع وتسعمائۃ من
الھجرۃ النبویہ علیہ الصلوٰۃ والتحیۃ۔

خانقاہک تعمیر مکمل سپدنہٕ پتہٕ آو اَتھ "خانقاہِ
نوربخشیہ" ناو تھاونہٕ۔

یہ دُپوُر خانقاہ اوس ۱۸ فُٹہٕ چوُرس۔ ہیٚر یوٗن
اوس کنیٚن ہُند تعمیر۔ گوڈنیک پور اوس ۲۰ فُٹہٕ
تہٕ دوٚیُم پور ۲۴ فُٹہٕ تھوٚد۔ ییٚتہِس وسیع خانقاہس
چھُنہٕ کانہہ تھَم اوسُمت یُس فنِ تعمیرُک اعجاز اوس۔
خانقاہس آسہٕ باب الطریقت، باب الشریعت تہٕ
باب السلام ناوٕ ترٛےٚ ڈیڈر۔ اَتھ ستی اوس حمام تہٕ تعمیر
کرنہٕ آمُت یُس روایتہٕ موٗجب زیُن زالنہٕ ورٲئی وہرِ
ڈوریُس گرم اوس روزان۔ خانقاہس شُمالہٕ تہٕ مشرقہٕ
پاسہٕ اُسی کھوڈہوی یِم پُروِتھ حاطس وُسعت دِنہٕ تہٕ کنہٕ
فرش وِتھراونہٕ آو۔ حاطس اَندی اَندی آو داہ گز تھوٚد
کنہٕ دیوار کھارنہٕ تہٕ کوٚنَن تل آس خوٗبصوٗرت چبوٗترہٕ تعمیر کرنہٕ۔
خانقاہک تعمیر پزٕتھ اَنٛد مکمل سپدنہٕ پتہٕ آیہٕ اَتھ
اَندرٕ لبن میر شمس الدین عراقیؒ سٕنٛزِ فرمٲیشہِ پیٹھ،
قاضی محمد قُدسی سٕنٛز "سلسلۃ الذہب" ناوٕ ۴۹ ہن شعرن
ہٕنٛز مثنوی لیکھنہٕ۔ خطاط اُسی مُلا ولی گنائی تہٕ مُلا حاجی
گنائی یِم خطِ ثُلثکی ماہر اُسی۔ میر شمسُ الدین عراقی ہٕنٛدِ
(۹۳۲ھ) ۱۵۲۶ء منز رحمتِ حق سپدنہٕ پتہٕ آو سُہ
گوڈٕ اَتھی خانقاہس منز اوسوٗدٕ کرنہٕ۔

۱۵۴۸ء منز سپُد خانقاہ میرزا حیدر کاشغری
سٕنٛدِ دسی نارٕ بُزی یتھ منز اَندٕ پکھ سوُرے محلہٕ
ہینہٕ آو۔ اَتھی دوران ییٚو زوڈری مُلکو مرزا حیدر سٕنٛدی
ظُلم نظرٕ تل تھاوِتھ تہٕ میر شمس الدین عراقیؒ بے حُرمتی
نِش بچاونہٕ خاطرٕ تمی سُنٛد جسدِ خاکی خانقاہہٕ منزٕ ہٕد
دِتھ زٕڈرِ زٕڈرِ کڈِتھ تہٕ کوٚرکھ زٕوڈرِ دفن۔ مگر خانقاہس
اَندر تمی سٕنٛز تُربت آیہٕ عقیدتہٕ موٗجوب قاٲیم تھاونہٕ۔
مرزا حیدر سٕنٛدِ ۱۵۵۰ء منز قتل سپدنہٕ پتہٕ آیہٕ میر
شمس الدین عراقیؒ سٕنٛدِس فرزند میر سید دانیال سٕنٛز
میت ڈب (گاندربل) کہ شہید مزارٕ منز کڈِتھ
مالی سٕنٛزِ تتھ قبرِ نکھہٕ دفن کرنہٕ یتھ منز سُہ گوڈٕ دفن اوس

ہُنٛد مقبرٕ چھُ۔ خانقاہس برٕ اژُون ڈچھنہِ کنہٕ چھُ کأشرِ زبأنی ہُنٛد بٔہلہِ پایہ شاعر عبدالاحد ناظمؔ تہٕ دفن۔

وینجہ برارِ چھُ غازی صأبنس یوم وصالس پیٹھ پرٛتھ وری یہ مالہٕ لگان۔ یتھ منٛز طرفاتو پیٹھٕ دمالین ہنٛز جماژ شرکت چھےٚ کران۔ غأزی صأب سپُد سنہ ۱۰۴۷ھ (سنہ ۱۶۳۷ء) رحمتِ حق۔ یہُنٛد مقبرٕ چھُ جامع مسجد ہٕنٛدِس شمالس منٛز اَز تہٕ زیارژ ہٕنٛدِس صوٗرتس منٛز موجود۔

(ش۔ ا)

کتاب نامہ:


*Academy J&K: Burj-i-Noor
*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Maqbool Muqbil: Ab-ul-Fuqra (Sawaneh Hayat)
*Sufi: Kashir II
*Sarwari: Kashmir Mein Farsi Adab


## خانقاہِ زڈی بل

یہ خانقاہ چھُ سرینگرکس زڈی بل محلس منٛز۔ سلطان فتح شاہ سٕندِس ابتدأیی دورس (۱۴۹۰ء — ۱۴۹۳ء) منٛز آو زڈی بلس تہٕ خوشحال سرس أندی پکھ زمین ملک موسیٰ رینہٕ ہس بخشنہٕ۔ تمی بنأوی اتھ منٛز مکانہٕ تہٕ پتہٕ بخشُن پننہِ طرفہٕ یہ زمین تہٕ اتھ منٛز تعمیر سپدی متی مکانہٕ بیترِ میر شمس الدین عراقیؒ یس۔ ملک موسیٰ رینہٕ ہن کر نو اتھ جایہ عراقی صأبنہِ خاطرٕ اکھ عألی شان خانقاہ تعمیر۔ یتھ میر شمس الدین عراقیؒ پانہٕ نگرأنی کران روٗدی۔ خانقاہس آو ۱۴۹۶ء منٛز کٔن دِنہٕ۔ قاضی محمد قدسی ین چھُ خانقاہس کٔن ڈِنک تأریخ یتھہٕ کٔنی لیوکھمُت ؎

خانقاہِ چناں عمارت کرد
کہ فرشتہ در و زیارت کرد
بر رواقش نوشتہ روح الامین
سالِ تاریخ "کاشفِ امتین"
(۹۰۲ھ)
۱۴۹۶ء

خانقاہُک تعمیروُوت (۹۱۰ھ) ۱۵۰۴ء منٛز اَند۔ اَمِیک تأریخ چھُ مولانا کمال الدین محمد گنائی ین یتھ قطعس منٛز بوومُت۔ ؎

بترتیب عمارت خانقاہِ نوربخشیہ
مرتب شد زِ حسنِ اہتمام مرشدِ دانا
ولیٔ مقتدا شیخ المشایخ میر شمس الدینؒ
کہ روشن ساخت فیضِ نوربخشِ دیدۂ دلہا



ہِنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ اَتھ چھُ پٔژتھ اَنٛدٕ سٕتھ فُٹہٕ ترٛیے آنٛچہ زیٖچھ تہٕ پانٛژہ فُٹہٕ کھَجہ ترٛیے ترٛیے تہٕ زٕ زٕ دارِ۔ قبلہٕ پاسہٕ چھُس ترٛیے محراب یِمَن ہُنٛد تھزر ۷ فُٹہٕ تہٕ کھَجر پانٛژہ فُٹہٕ چھُ۔

خانقاہَس اَنٛدر اَژتہٕ باپتھ چھےٚ برٛوٚنہہ کالہِ ہیرٕ اُسمٕژ۔ یِیمہٕ چہ کرِوٗنی کِنہٕ تہٕ اَتہٕ آنگنَس منٛز دٕچھِنی کھوٗرہٕ چھٕکرِتھ چھےٚ۔ (م۔ع)

کتاب نامہ :


*Hasan: Tarik I, II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar


## خانقاہِ سیّد برخوردار

سید برخوردار سُنٛد خانقاہ چھُ چھٕژبل وٕیرٕس تہٕ صفاکدلس درمیان دانا مزارٕ۔

یہ خانقاہ چھُ (۸۶۹ھ) ۱۴۶۴ء منٛز سلطان زین العابدینَن سیّد برخوردارٕ سُنٛدِ خادِمَن ہِنٛدِ باپتھ تعمیر کرنووُمت۔

خانقاہ چھُ ۲۴ فُٹہٕ چوٚرُس۔ اَمِہ کِس تعمیرَس چھےٚ زِیٖتہِ منٛز بڈشاہی سیرٕن تہٕ دوٗدارِ لکرِ ہُنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ اَتھ چھُ اَنٛدرِ کِنہِ ژٕہ شوٗنی لیٖٚن ۳ فُٹہٕ زیٖچھ تہٕ ڈاے فُٹہٕ کھَجہ محرأبی چالہٕ دارِ۔ قبلہٕ پاسہٕ چھُ اَتھ ۶ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ ڈاے فُٹہٕ کھوٚل اَکھ محراب۔ اَژوٗن دٕچھِنی کِنہِ چھُ اَتھ کِنِہ روشندان گٔڈِتھ۔ اَتھ اَنٛدر چھُ پأترِ کَنِہ ہُنٛد فرش گٔڈِتھ اَکھ حمام یِیمہٕ کِس بامَس پیٹھ نقش نگأری کٔرِتھ اَکھ برٛانٛگ کھأرِتھ چھُ۔

(م۔ع)

کتاب نامہ :


*Hasan: Tarikh I
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

سُلطان اسماعیل ہِنٛدِس دورس (۱۵۵۱ء-۱۵۵۲ء) مَنٛز آو خانقاہ دولت چک ہِنٛدِ ذریعہٕ پرانہِ کھوتہٕ زیادٕ سنگین تہٕ پٲراوِ سان تعمیر کرناونہٕ۔ ۱۵۸۵ء مَنٛز آو یہٕ اکبر ہِنٛدِس دورس مَنٛز ظفرخان چک ہِنٛدِ دٔسی بیٛیہٕ زالنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ رٕوٗد خانقاہ داریاہس کالس بے چراغ۔

جہانگیر ہِنٛدِس دورس مَنٛز آو خانقاہ ۱۶۲۰ء مَنٛز ملک حسن ژوڈری ہِنٛدِ دٔسی نٔوِ سرٕ تعمیر کرناونہٕ۔ مگر ۱۷۱۹ء کین فرقہٕ وارانہٕ فسادن مَنٛز گو گورنر میر احمد خان ہِنٛدِس دورس مَنٛز خانقاہ تریٛیمہِ لٹہٕ نارٕ بٕزی۔ تہٕ اَنٛدی پکھی سوٗرے محلہٕ تہٕ سپد خاکستر۔ اَمہِ پتہٕ آونہٕ خانقاہ نٔوِ سرٕ تعمیر کرنہٕ۔ صرف چھٔے ۱۹۴۳ء مَنٛز آغا سید احمدن اَمہِ کِس حاطس خوشحال سر پاسہٕ اَکھ ڈیٛڈی تعمیر کرناوِمٕژ۔

خانقاہ کِس حاطس مَنٛز چھہٕ پرانین تعمیرن ہٕنٛدی آثار وُنہِ تہٕ موٗجوٗد۔ اکتوبر ۱۹۸۱ء مَنٛز آو اُنجمن شرعی شیعاں چہ نگرانی مَنٛز آغا سید یوسف الموسوی ہِنٛدِ ذریعہٕ خانقاہس نٔوِ سرٕ کٔن دِنہٕ۔ نٔو تعمیر چھُ ۱۷ فُٹہٕ چوٗرس رٔٹنہٕ آمٕت تہٕ اَز تام (۱۹۸۸ء) چھُ اَکھ داہ فُٹہٕ تھٔزرٕ کِنہِ ژوک تیار سپدمٕت۔ (م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہ:

*Akbar Hydari: Ed. Baharistani-i-Shahi
*Hasan: Tarikh I, II
*Safdar: Shian-i-Kashmir
*Syed Baqir: Akhtar-i-Darakhshan

## خانقاہِ خاوندیہ

وُچھو "خانقاہِ نقشبندی"

## خانقاہِ سوختہ

خانقاہِ سوختہ (دٔودمٕت خانقاہ) چھُ نٔوس کدلس تہٕ صفا کدلس درمیان وٕیتہِ ہِنٛدِ وُچھنہِ بٔٹھ حضرتِ بابا خلیلؒ ہِنٛدِس مقبرس نکھہٕ۔

مقامی لُکھن ہِنٛدِ وَننہٕ کِنی چھُ یہ خانقاہ سُلطان سِکندر ہِنٛدِس عہدس مَنٛز حضرتِ میر محمد ہمدانیؒ ین (۱۳۹۲-۹۴ء) مَنٛز تعمیر کوٚرمُت۔ اَتھ خانقاہس اوس مہاراجہ ہری سِنگھنِس عہدس تام سرکاری قبضہٕ ٲسِتھ پتہٕ ۱۹۳۱ء ہس مَنٛز ترٛاونہٕ آو۔ یہ خانقاہ چھُ واریاہ لٹہٕ نارٕ ستی شہید گومُت یمہِ کِنی اَتھ دٔودمُت خانقاہ وَنان چھِ۔

موٗجوٗدٕ خانقاہ چھُ ۵۶ فُٹہٕ چوٗرس۔ اَمہِ کِس تعمیرس مَنٛز چھُ دٔوری کٔنین، مہاراجی سیرٕ ین، زیٖنہٕ تہٕ لکرِ کامہٕ



تہٕ ہیوٗتن مُنہدِم گرٛزھن ۔ پیر عبدالسلام نقشبندی ین
کرٕ اَکہٕ لٹہٕ بیٚیہِ اَکھ کثیر رقم خرٛچ کرِتھ یہِ مسجدِ
نوٚ سرٕ اِستادٕ۔ مقٲمی لوٗکھ چھِ اَتھ مَنٛز خدایہٕ
سٕنٛز عبادت کران۔ اَتہِ چھِ یِم تبرکات موجوٗد:
موئے مُبارک حضرتِ خلیفہ اوّل جناب ابوبکر صدیق رضؓ
جامہٕ مُبارک حضرتِ امام اعظم، عمامہ مُبارک
حضرت شیخ سید عبدالقادر جیلانیؒ، عصائے
مُبارک جناب امام موسیٰ علی رضاؓ، کمر بند مُبارک
حضرت رسالت پناہ صلی اللہ علیہ وسلم، آنحضرتؐ
ہُنٛد موئے مُبارک تہٕ تمہِ قرآنِ شریفچ ڈایہ سپارٕ

یَتھ عام پأٹھۍ مُصحفِ عثمانی وَنان چھِ۔ یہِ چھُ زاوٕلِس
ہرنہٕ مُسلَس پیٹھ خطِ کوٗفی لِیس مَنٛز لیکھِتھ۔ حضرتِ
عثمانِ غنی رضؓ أسۍ تمہِ وِزِ اَمِچ تلاوت کران ییٚلہِ تِمن پیٹھ
حملہٕ کرنہٕ آو تہٕ تِمو کوٚر جامِ شہادت نوش۔ اَتھ چھِ
کُنہِ کُنہِ جایہِ خوٗنہٕ چھکن ہٕنٛدۍ نشانہٕ تہٕ۔ اَمہِ قرآنِ
شریفچہٕ کینٛہہ سپارٕ چھِ استنبولہٕ (ترکی) منٛز تہٕ کینٛہہ
سپارٕ چھِ تاشقند میوزیمس مَنٛز محفوظ۔ ڈایہ سپارٕ
چھِ مغلو خاندانِ نقشبندی یَس بحثیت تحفہٕ دِژٕمٕژ۔
ہمہٕ شاہ نیاز صأبنِس آستانس مَنٛز موجوٗد چھِ۔ مغربہٕ
طرفہٕ چھُ مسجدِ سیتی اَکھ سیمنٹو کُٹھ یتھ مَنٛز یِم تمام

# خانقاہِ شاہ نیاز نقشبندیؒ

شاہ نیاز نقشبندیؒ سُنٛد خانقاہ چھُ سرینگرس مَنٛز سیدواری خانیارِ۔

شاہ نیاز نقشبندی اوس خواجہ سید عبدالرحیم نقشبندی سُنٛد دوٚیُم نیٚچُو، عبدالرحیم نقشبندی اوس تُرکِستان کِس اَکِس شاہی خاندانَس سٟتؠ تعلق تھاوان۔ شاہ نیاز صاب چھُ جیٚنٛمہِ زامُت تہٕ پننِس والِد صابَس سٟتؠ چھُ جیٚنٛمہِ پیٚٹھہٕ کٲشِر آمُت۔ بابہٕ صابن پتھ کُن ترٛوومُت جایداد خرچاوِتھ کوٚرُن (۱۷۹۷ ۱۲۱۲ھ) سَنہٕ مَنٛزِ یہِ خانقاہ تعمیر۔ حسن چھُ لیکھان زِ آستان آو (۱۲۲۵ھ) ۱۸۵۵ء مَنٛز تعمیر کرنہٕ۔ مگر حیاتِ جاوِیدس مَنٛز چھُ یہِ سَنہٕ ۱۲۱۲ ہجری ہاونہٕ آمُت۔ خانقاہس مَنٛز چھُ اَکھ حمام، مہمان سرائے، مسافر خانہٕ تہٕ درس گاہ تہٕ شامِل۔ ییٚلہِ اَمہِ خانقاہُک تعمیر مکمل سپُد، شاہ نیاز صابَن کُڈ زائرن ہنٛدِ اَتھہٕ ژھٕتہ چھلنہٕ باپتھ اَستانہٕ کِہ آنگنہٕ مَنٛزی دولت کول ناوی اَکھ نہر یُس ناٛلہٕ مارَس سٟتؠ رلان اوس۔ وقت گُذرنَس سٟتؠ چھیٚ یہِ کول خوشک گامٕژ۔

شاہ نیاز صابنِس خدمتَس مَنٛز اوس ترکستانہٕ پیٹھہٕ اَکھ تھدِ پایُک وفد وتمُت یُمی یمن ترکستان



پٮ۪نٛچ دعوتھ دِژٲے۔ یہ چھُ سُہ وقت ییٚلہِ کٲشِر مَنٛز سِکھ شاہی ہُنٛد دور شروع اوس سپُدمُت تہٕ مغل تہٕ افغان دورِکی عطا سپدی ہِتی جاگیر آسی لوٗکَن واپس نہٕ آمتی۔ کرنل مورکرافٹ سُنٛد ترکستانُک سفرنامہ چھُ خواجہ شاہ نیاز نقشبندیؒ ہنٛدِ بجرُک تہٕ بزرگی ہُنٛد گواہ۔

شاہ نیاز نقشبندیؒ اوس تھدِ پایُک شاعر، عالِم تہٕ فاضِل۔ اُمی چھیٚ فارسی پاٹھی کینٛہہ کتابہٕ تصنیف کرمٕژٕ۔ یمو مَنٛز "چاے نامہ" تہٕ "دیوانِ نیاز" زیٚر پیٹھ ہیٚنہٕ لایق چھہٕ۔

شاہ نیاز نقشبندیؒ چھُ ۱۸۲۹ء عیسوی (۱۲۴۵ھ) مَنٛز کابلہٕ رحمتِ حق گومُت۔ تورا اوس سُہ ولیم مورکرافٹس سٟتؠ گومُت۔ یِہنٛز تُربت چھیٚ کابلہٕ شاہی قبرستانَس مَنٛز یتھ پیٹھ یہِ جُملہٕ چھُ لیکھِتھ۔

مَن مَاتَ مِنَ العشق

فَقَد مَاتَ شَهِيداً

ژُنکہِ یُس روضہٕ چھُ تتھ اَنٛدر چھُ شاہ نیاز نقشبندی سُنٛد والِد عبدالرحیم نقشبندیؒ اوسُدِ تہٕ یہِ روضہٕ چھُ خوشا صائب ناوِ لوٗکَن وٕنِس تل۔ خوشا صابُن آستان اوس سیٹھہٕ خوبصورت تہٕ شوبہٕ دار۔ کینٛہہ کال گژھِتھ ڈٕج اَتھہٕ پرانی ہیت۔

عالیشان کُتب خانہٕ یتھ مَنٛز دینی تہٕ درسی کِتابَو
عَلاوٕ منطقس پیٹھ بے شمار کِتابہٕ آسہٕ۔ خانقاہس
مَنٛز کٔر بابا اسماعیل زاہدن دُہن وُری ین ریاضت۔

حضرتِ شیخ حمزہ مخدومؒ کشمیری ین اوس
اُتی فقہٕ، تفسیر، حدیث، صَرف، نحو تہٕ منطق ہیتر
پوٚرمُت۔ کُتب خانس دیُت پتہٕ یعقوب خان
چکن ۱۶۷۹ء منٛز نار۔ خانقاہس سیتی اوس لنگر
تہٕ چلان یتہٕ طالب علمن مُفت کھین میلان اوس۔
کتب خانس سیتی دوٚد یہ لنگر تہٕ نارس منٛز۔ (م۔ع)

**کتاب نامہ:**

*Hasan: Tarikh I, II
*Mohibbul Hasan: Kashmir under the Sultans

## خانقاہِ میر نازک قادری

خانقاہِ میر نازک قادری چھُ نالہ مارکہ دچھنہٕ
طرفہٕ کدلس نکھہ کڑالہ ٹینگ محلس منٛز۔ کشیر اندر قادری
سِلسلُک یہ گوڈنیُک خانقاہ، چھُ لگ بگ ۱۰۲۴ھ
منٛز بناونہٕ آمُت۔ کشیر منٛز چھُ میر نازک قادری،
قادری سِلسلُک بانی، یہُند سِلسلہٕ نسب چھُ قاضی میر



علی صائبس سیتی رلان۔ نازکی خاندان چھُ میر نازک قادری
سندی دِے اولادو منٛز۔ یم سرینگرٕ عَلاوٕ بنڈپور، بڈگامہٕ
لولاب تہٕ لیٚتہہ لداخہٕ بسان چھِ۔ حضرت میر نازک قادری
اُسی لوکچہ وانٛسہٕ منٛزے وجدانی حالتس منٛز روزان تہٕ
بابا داوٗد خاکیؒ سندٕ خدمتہٕ منٛز روزنٕچ سعادت تہٕ چھکھ
حاصل آمٕژ۔ یم اُسی پننہٕ وقتکی باکمال، مُتقی تہٕ
پرہیزگار۔ (۹ ذی الحجہ ۱۰۲۲ھ) ۱۶۱۴ء منٛز سپدی
رحمتِ حق تہٕ یہُند جسدِ خاکی آو کادی کدلہ کڑالہ ٹینگ
محلس منٛز سپردِ خاک کرنہٕ یتہٕ خانقاہس منٛزے
یہُند مقبرٕ پتہٕ تعمیر سپد۔

خانقاہُک زیچھر چھُ ۲۷ فُٹہٕ تہٕ کھجر ۲۴ فُٹہٕ۔

تبرکات تھونہٕ آمتی چھہ۔

اَتھ خانقاہَس چھہ بٔیین خانقاہن ہٕندی پاٹھی اکھ بٕرنگ کھالِتھ یتھ پیٹھ پَنہٕ وُتھر چالہٕ بٕنٲلیٚو پُنتٕر تہٕ ٹۆر چھہ۔ اَتھ تَلہٕ چھےٚ بٕرنگس مَنٛز ترٕٹے ترٕٹے دارِ کڈِتھ۔ اَستانس چھےٚ ژوٕ پٲرۍ شیشہٕ دارِ۔

حال حالے چھےٚ مسجدِ ہٕندِس بُنِہِس پورِس مرمتھ کرنہٕ آمٕژ۔ ۱۹۵۸ء مَنٛز چھےٚ اَتھ اَستانس ٹین پوشی کرنہٕ آمٕژ۔

اَستانُک کھجر زیچھر چھہ شُمالہٕ کنۍ ۵۵ فُٹہٕ تہٕ جنوبہٕ کنۍ ۵۵، مَشرق طرفہٕ ۱۳۲ فُٹہٕ، مغربہٕ طرفہٕ ۱۳۲ فُٹہٕ، شُمالہٕ طرفہٕ چھُس راہِ عام۔ مَشرقہٕ طرفہٕ چھُس زمین یلہٕ، مغربہٕ طرفہٕ سڑکھ چھُس راہِ عام۔

اَمہِ خانقاہُک رٲچھ راوُٹھ آسی خواجہ محمد شاہ صاحب نقشبندی اسعد گران تہٕ اَز چھہ اَمی سٕندی زُری ڈاکٹر محمد اشرف نقشبندی یہ کٲم انجام دِوان۔

(ش۔ا)

کتاب نامہ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Hasan: Tarikh I
*Saadat Mohammad: Hayati Javid II
*Sarwari: Kashmir Mein Farsi Adab

## خانقاہِ شمس چک

شمس چک سُنٛد خانقاہ اوس سرینگرٕ بَجہٕ مُشیدِ ہٕنٛدِس شُمال مَشرقی حاطَس مَنٛز سیّد محمد نورستانی سٕندِس اَستانَس نزدیک۔ شمس چک اوس بابا اسماعیل کُبروی ہٕنٛدِ عنایتہٕ سُلطان حسن شاہ (۱۴۸۴ - ۱۴۷۲ء) سُنٛد وزیرِ اعظم بنیومُت۔ پیرَس خوش کرنہٕ تہٕ تِہٕنٛدین مُریدَن آسائش واتناونہٕ باپتھ کوٚرنمی خانقاہ تعمیر یتھ مَنٛز پرٲنین تعمیرَن ہُنٛد مسالہٕ اوس وَرتاونہٕ آمُت۔ خانقاہ اوس دُپور تعمیر۔ کٔنۍ اوسُس سیاہ کنین ہُنٛد تہٕ لداو اوسُس لکرِ سیتی کرنہٕ آمُت۔ افغان دورِس تام گوو یہ خانقاہ وارٕ وارٕ وُجاڑ تہٕ اَمیک سوٗرے مسالہٕ آو بَجہٕ مُشیدِ ہٕنٛدِس مرمتَس لاگنہٕ۔ کشیرِ مَنٛز اوس پننہٕ نوٗعیتُک یہ گوڈنیُک خانقاہ یتھ مَنٛز دینی درس حاصل کرنہٕ باپتھ طالبِ علمَن تہٕ عالمَن ہٕنٛدِ خاطرٕ الگ کمرٕ آسی۔ خانقاہَس مَنٛز اوس پرٛتھ صُبحَس فجرِ نمازِ پتہٕ اورادِ فتحیہ پران پرنہٕ۔ عبادت تہٕ اسلامی تبلیغہٕ علاوٕ اوس خانقاہَس مَنٛز اسلامی مدرسہٕ تہٕ۔ عربی زبانِ ہنٛز اعلیٰ تعلیم حاصل کرنُک اوس اَتہٕ سہٕ ٹھارُت انتظام۔ خانقاہَس سیتی اوس اکھ



خواجہ معین الدّین نقشبندی رح سَپُد ۱۶۷۴ء مَنٛز سوٗزِ تِمۍ پَنُن فرزند خواجہ معین الدّین نقشبندی کٔشیر سَپُد۔ خانقاہچ نِگرانی تہٕ جاگیرُک انتظام کرنہٕ خاطرٕ

رحمتِ حق۔ سُہ آو خانقاہس ہمسایہِ شُمال مغربہٕ پاسہٕ دفن کرنہٕ تہٕ تَس پتہٕ کٔر تٔمِسٕنزِ آشنہِ خانقاہچ نِگرانی۔ رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ آیہِ سوٚ تہٕ خواجہ صابٕس نکھہٕ دفن کرنہٕ۔

خانقاہ تعمیر کرنس منز چھ لکرِ تہٕ پوختہ سیر بوٚ علاوٕ چوٗنہٕ سُرخہِ تہٕ کنہٕن ہُنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ اَتھ چھُ چار بام بُرزٕ پشس اوسمُت۔ یتہ بخشی غلام محمدنس دورس منز ٹین دِنہٕ آمُت چھُ۔ پشک چھجہِ چھُ لکرِ ہٕندین خوٗبصوٗرت برٛاکٹن پیٹھ ڈرِتھ۔ اَچھ مورکھ چھےٚ لکرِ کامہِ ہُنٛد اَکھ شوٗبہٕ دار نموٗنہٕ تہٕ پشہِ کہٕن ژونہٕ وٕنی کوٗنن چھ لکرِ ہٕندی دوٗر اویزان۔ اَستان کہٕن ژونوٗنی دٲرفِن چھےٚ محرٲبی چالہِ ژور ژور دارِ۔ یمن خوٗبصوٗرت زٲلی پنجر چھہٕ۔ اَستانک دروازٕ چھُ لکرِ کامہِ ہُنٛد اَکھ خوٗبصوٗرت تہٕ شوٗبہٕ دار نموٗنہٕ۔ اَچھ دٕوری کنہٕن ہنٛز نیٚبرِم ڈیڈی چھےٚ حال حالے۔ (۱۳۸۵ھ) ہجری یس منز تعمیر کرنہٕ آمٕژ۔ زیارتس لرِ چھہٕ اَکھ خانقاہ یُس میر نازک صٲبنہِ سٕے عہدس منز تعمیر اوس سپدمُت۔ اَتھ خانقاہس منز چھےٚ لوکچہِ لوکچہِ سَتھ چلہٕ کوٗٹھرِ یمن منز میر نازک قادری رحؒ عبادت کران اَسی۔ اَستانس منز چھُ میر نازک قادری سُنٛد عیال تہٕ دفن۔ حضرت میر نازک قادری رحؒ ہنٛز قبرِ پیٹھ چھُ لکرِ ہُنٛد ژھر۔ اَنٛدی اَنٛدی چھُس اَٹھ فُٹہٕ فلام گردِش یتہ ختم بنٛد تالو چھُ۔

(ش۔ ا)

کتاب نامہ:

*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

# خانقاہِ نقشبندی

خانقاہِ نقشبندی چھُ سرینگرس منز خانیارس تہٕ نوٗٹس درمیان خوجہ بازرٕ سڑکہِ کھوورِ طرفہٕ۔ یہ خانقاہ چھُ سُلطان سکندر (۱۳۸۹ء - ۱۴۱۳ء) ہُنٛدِ بسٲوی متہ سکندر پور محلک شہ حِصہ یتہ منز سُلطان حسین چکن (۱۵۶۳ء - ۱۵۷۰ء) باغ بنوومُت اوس۔ اَمہِ خانقاہ کِس تعمیرس چھُ خواجہ خاوند محموٗد نقشبندی ین دس تلمُت۔ موٗرخ حسن چھُ لیکھان زَ بڈشاہن (۱۴۲۰ء - ۱۴۷۰ء) اوس سیّد محمد امین اویسی سُنٛدِ خاطرٕ اَشم (سوٗنہٕ وارِ) ونیتھ ہٕندِس ڈچھنس ٹھٹھس پیٹھ اَکھ خانقاہ تعمیر کوٚرمُت۔ اویسی صٲبنہٕ ۱۴۸۴ء منز رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ روٗد یہ خانقاہ واریاہس کالس غیر آباد۔ خواجہ خاوند محموٗدن کرٕ نوو ۱۶۳۳ء منز اَکھ شرعی فتویٰ حاصل کرنہٕ پتہٕ یہ خانقاہ شہید تہٕ اَمی ملبہٕ سیتی آو سلطان حسین چک ہٕنٛدِس باغس منز خانقاہ تعمیر کرنہٕ۔ خانقاہ کِس تعمیرس لٔگی اَمہِ وزِ ۴۵۰۰۰ روپیہ۔ اَتھ چھ خانقاہِ خاوندیہ تہٕ خانقاہِ فیض پناہ تہٕ وَنان۔ خواجہ خاوند محموٗدنہِ نسبتہٕ پیٚو اَتھ محلس خوجہ بازر ناو۔

خانقاہ تعمیر سپدنہٕ پتہٕ کینٛژہِ کٲلی گوٚ خواجہ محموٗد دلہِ پیٹھہٕ لاہور۔ یتہِ شہ ۱۶۴۰ء منز رحمتِ حق

چھِے، ہیٚر ترٚتے دارِ تہٕ بوٚنہٕ دَروازِس ڈٔچھِنۍ کھوٗورۍ
زٕ پنٛجر دارِ۔ دَروازٕس سیٚوٚد چھُ دٔہلیٖزٕ نیٚبر کُن گٔڈِتھ
یِتھ پأتر وَتھراوِتھ چھےٚ۔ شُمالہِ پاسہٕ چھِے خانقاہَس
ہیٚر ترٚتے پنٛجر دارِ تہٕ بوٚنہٕ چھِے دَروازِس ڈٔچھِنۍ کھوٗورۍ
زٕ دارِ۔ شُمالہِ پاسہٕ کِس دَروازٕس تہٕ چھُ دٔہلیٖزٕ نیٚبر کُن
گٔڈِتھ تہٕ اَتھ تہٕ چھِے پأترٕ وَتھراوِتھ۔ خانقاہٕچ کُرسی
چھِے گُرِتھ دوٚرِ کنہٕ ہنٛزٕ۔ یِتھ اَندۍ اَندۍ دوٚرِ کنہٕ نےٚ
ہُنٛد صُفہٕ چھُ۔ کُرسی ہیٚوٚر تعمیرِس چھےٚ لکرٕ تہٕ مہراَج
سیٖر لاگنہٕ آمٕژٕ۔ یژتھ کَروارِس پیٚٹھ چھُس ژور ژور
مہراَج سیٖر وار۔ اَتھ چھُ ترٛوٚوٚرپِش یِتھ پیٚٹھ اَٹھ
گَب گٔڈِتھ رٔنٛیش طرزُک بژنگ چھُ۔

نیٚبرِ کِنۍ یوٚدوَے خانقاہ دُپوٚر چھُ باسان،
اَما پوٚز اَندرٕ چھُ یہٕ تقریبن دوٚہ فُٹہٕ تھوٚد کنٔے پورٕ اَمنٛیک
خوٗبصوٗرت ختم بند تالو چھُ چار دیوأری علاوٕ ژوٚن
تھمَن پیٚٹھ رٔٹِتھ آمُت۔ تھمن چھِ لوٚکٔٹ لوٚکٔٹ لکرٕ
ٹُکرٕ خوٗبصوٗرتی سان واٹنہٕ آمٕتۍ۔ ژوٚشوٗنۍ تھمن چھِے
پیٚٹھہٕ مٔنٛزٕ تہٕ بُنہٕ مٔنٛزٕ اَنٛدۍ اَمی آیہٕ چِرۍ چیٖنۍ کٔرِتھ۔

ختم بند تالو چھُ چارٕ وسیٚوٚد رنگو سیتۍ سجاونہٕ
آمُت۔ خانقاہ کِس محرابس چھِے خوٗبصوٗرت پنجرٕ کأری
کٔرِتھ۔ محرابس پیٚٹھہٕ کنہٕ چھُ شیٖشہٕ لٲگِتھ روشن دان۔
خانقاہچہ ڈاہِ فُٹہٕ موٚچہ لبہٕ اَندرٕ چھُ لبِن ہیٚر بوٚنٛ لکرٕ
ہُنٛد ڈیٚڈ ڈکٔرِتھ۔ یژتھ نیٚبرٕ مَہٕ دارِ سیٚوٚد چھِے اَندرِمہٕ
طرفہٕ تہٕ اَلگ دارِ۔ یِہنٛد اَندرٕ نیم پاس گرِتھ تہٕ رنٛگٕ
لحاظٕ لبن ہنٛدِس ڈیٚڈوٚس سیتۍ رلاونہٕ چھُ آمُت۔

خانقاہَس چھِے اَندرِمہٕ پاسہٕ شُمال مشرق تہٕ جنوٗبہٕ
پاسہٕ ترٚتے فُٹہٕ کھجٕ گیلری گٔڈِتھ یِتھ پیٚٹھ کھسنہٕ خأطرٕ
مشرقہٕ پاسہٕ کِس دَروازٕس اَژوٚن ڈٔچھِنۍ تہٕ کھوٗوٚرۍ زٕ
ہیٚر چھِے۔

خانقاہَس نیٚبرٕ کِنۍ مشرقہٕ پاسہٕ چھِے حال حالے
اَکھ مسجد تعمیر کرنہٕ آمٕژ یِتھ حمام تہٕ سیتۍ چھُ۔ قبلہٕ پاسہٕ
چھُ خانقاہَس مزارِ شہداء یِنیٚمہٕ کِس شُمالَس مَشرٕ
اُستانَس بژونٹھہٕ کنہٕ مزارِ نقشبند چھُ۔ خانقاہُک حاطہٕ
چھُ مشرقہٕ تہٕ شُمالہِ پاسہٕ سبزٕ کنہٕ دیوارٕ سیتۍ گنڈنہٕ آمُت
یِتھ مشرقہٕ پاسہٕ تہٕ مغربہٕ پاسہٕ زٕ ڈیٚڈٕ چھِے۔ مغربہٕ پاسے
چھُ خانقاہکہٕ مُقأمی اَوقافُک دفترٕ تہٕ۔

حاطَس اَندر خانقاہَس شُمال مغربہٕ پاسہٕ
چھِے زیارتِ نقشبند۔ زیارٕچ عمارتھ چھِے اَوکھ پوٚر۔
اَتھ چھُ ترٛوٚوٚرپِش تہٕ پیٚٹھہٕ چھُس رٔنٛیش طرزُک بژنگ
کھأرِتھ۔ زیارتس اَندر چھُ خواجہ معین الدین نقشبندیؒ
سُند روضہٕ۔ یِمن سیتۍ چھِے اَندرٕ یِہنٛزٕ آشینٛزٕ تہٕ فرزند
خواجہ اشرف الدین محمد تہٕ تمی سُند نیٚچُو خواجہ نظام الدین
دَفن۔ یِمن ژوشوٗنۍ قبرَن چھِنہٕ کانٛہہ کتبہٕ کھٔنِتھ۔

فاضل خان یُس وقتہٕ ییلہِ (١١١١ھ، ١٦٩٩ء) منز
پیغمبرِ اسلام سُند موئے مقدس نور الدین اِشہٕ بری
سُندِ وساطتہٕ کشیر ووت۔ گوڈٕ تھوو یہ موئے شریف
خواجہ معین الدین نقشبندی سُندِس روضس اندر۔
زائرن ہنز تعدادٕ بڑتھ تہٕ جایہٕ تنگی نظرِ تل تھاوِتھ آو
فاضل خانس سیتی مشورٕ کرنہٕ پتہٕ موئے مقدسک قرارگاہ
باغِ صادق خان (حضرت بل) مقرر کرنہٕ۔ موئے مقدسہٕ کشیرِ منز واتنک تأریخ چھُ:

کشمیر مدینہ بشُد از موئے نبیؐ

١١١١ھ = ١٦٩٩ء

شیخ غلام محی الدین صوبیدار (١٨٣٦ء – ١٨٨١ء) یُس وقتہٕ آیہٕ خانقاہس مرمت کرنہٕ۔ ١٨٨٦ء
منز سوزی نواب احسن اللہ خانن (ییمی سُندی جداجداد
سرینگرٕ ناوپورکی اُسی متی چھِ) ڈھاکہ پیٹھٕ خانقاہکہٕ
مرمتہٕ خاطرٕ خواجہ ثناء اللہ شال سُندِ ناوٕ ژساس
روپیہ۔ شال صابن باسیوو زِ خانقاہ چھُ خاص توجہ
منگان۔ تِمس میج تحریک تہٕ دیُتن پنُن تہٕ وارِیاہ رقم
تہٕ لوکن نِش تہٕ کورُن چندٕ جمع۔ امہٕ پتہٕ سوزی نواب
احسن اللہ خانن بییہ ترٛسے ساس روپیہ۔ یتھہ
پأٹھی آو کأفی رقم خرچاوِتھ خانقاہ نوِ سرٕ سیٹھا خوبصورتی
سان تعمیر کرنہٕ۔ امہٕ وزِ آو اتھ ختم بُند تالو تہٕ دِتہٕ تہٕ لیش
تہٕ بدلاونہٕ۔ نوٕ تعمیرک تأریخ چھُ سہ

خانقاہِ عجیب عالی شان

١٣٠٤ھ = ١٨٨٦ء

امہٕ علاوٕ چھُ جیدّ سُند عربی قطعہ تاریخ تہٕ درج:۔

یا اَخِی اَقبِلْ بِھٰذَا الْمَسْجِدِ
طَاعَۃً بِاللّٰہِ وَاسْجُدْ وَاقْتَرِبْ
مِنْ بَھَاءِ الْحَقِّ وَالدِّیْنِ دَائِمًا
فِیْہِ فَیْضَانٌ عَلٰی مَنْ یَطْلُبْ!
بَانِیُ الثَّانِیْ ثَنَاءُ اللّٰہِ بِہٖ
صَارَ اِیْقَانًا بِاَجْرٍ یُرْتَقَبْ!
لَوْ اَرَدْتَ عَامَ تَعْمِیْرِ الْجَدِیْد
خَانقَاہِ النَّقْشْبَنْدِی اِحْتَسِبْ

١٣٠٤ھ

امہٕ پتہٕ روز خانقاہس مقامی اوقافہٕ کرِ اہتمامہٕ
وِزِ وِزِ مرمت سپدان۔

خانقاہس چھِ نییبری نییبری مغربہٕ پاسہٕ ہیر
زٕ پنجر دارِ تہٕ بونہٕ یمہٕ نے سیود زٕ شیشہٕ دارِ۔ محرابہٕ
سیود چھِ پیٹھٕ کنہٕ اکھ درشن دار یتہٕ پیٹھٕ زائنیانہٕ
چالِ لیش تہٕ چھُ۔ جنوبہٕ پاسہٕ چھِ ہیر ترٛے تہٕ بونہٕ ترٛے
پنجر دارِ۔ بونہٕ کنہٕ چھِ منزیمہٕ دارِ نِش چھِ امہٕ پاسہٕ ڈب
تہٕ گڈِتھ یتھ پاترِ وتھرأوِتھ چھِ۔ خانقاہس مشرقہٕ پاسہٕ



طرزِ تعمیرکہ اعتبارٕ چھُ اَتھ چار بام پَش تہٕ کھَسہٕ وِنہٕ آفتابہٕ پَنداہ فُٹہٕ تھدی زٕ بڑنگ چھُ کُشیرِ ہنٛدین واریاہن اَستانن ہٕیتی رلان۔

اَزٕنیک خانقاہ چھُ شیرٕ، فُٹہٕ۔ خانقاہُک تَحن چھُ دِوٕری کنین ہُنٛد تہٕ باقے چھےٚ اَتھ ساری سے تعمیرَس پوخہٕ سیرِ سیمنٹ، چوٗنہٕ تہٕ سکھ لاگِتھ۔

(م۔ع)

## کتاب نامہ:


*Hasan: Tarikh I
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Sufi: Kashir I, II


## ختم بَنٛد

سانہٕ لکرِ کامہٕ ہُنٛد اکھ خوٗبصوٗرت پہلوٗ چھُ ختم بندُس کھُٹہن بیترِ ہنٛدی تالو یُارونہٕ باپتھ ورتاوس رٕود مُت چھُ۔ مدین صابنہٕ مسجدِ ہنٛد ختم بنٛد تالوٗ چھُ صاف ہاوان زِ یہِ خاص قسمُک لکرِ کام چھےٚ سیٹھا کالہٕ پیٹھہٕ کُشیرِ اَنٛدرٕ مُروج۔ ختم بنٛد تالون ہُنٛد رِواج یوٗدوے وونی سیٹھا کم چھُ گومُت مگر وُنہٕ تہٕ چھُ فنس ستی دلچسپی تھاون والی اَتھ لول باگراوان تہٕ دَنہٕ دیار خرچ کٔرِتھ پننہٕ مندورِ سجاوان۔

ختم بندس چھِ واریاہ قِسم یِمو اَنٛدرٕ کینہہ یِتھہٕ کٕنی چھِ:-

روضس أندی أندی چھ شیٚنے فُٹہٕ کھجر غلام گردِشس تہٕ پیٹھہٕ ختم بنٛد تالو۔ قبلہٕ پاسہٕ چھ غلام گردِشہٕ نبر پانژہ تھم یمن أندی أندی یَچھ وۄلُت کرِتھ چھ تہٕ پچھن پیٹھہٕ چھیٚنے گُلکأری کرِتھ۔ تھمو نبر چھیٚنے قبلہٕ پاسہٕ ستھ فُٹہٕ کھجر جاے ترٛأوِتھ پانژہ محرأبی آیہٕ دارہٕ۔ روضس أندی أندی چھیٚنے پرٛتھ طرفہٕ ترٛیٚنے ترٛیٚنے شیشہٕ دارہٕ۔ یمن ہُنٛزِ طرفہٕ فارسی شعر چھ لیکھتھ۔ روضس چھ ژۄ شونٛی طرفن خوٗبصوٗرت فونوٗس لأگِتھ۔ دروازس دَچھنہٕ پاسہٕ تہٕ چھیٚنے اَتھ اکھ دأر۔ مشرقہٕ پاسہٕ چھیٚنے استانس ترٛیٚنے دارِ تہٕ اکھ لوکٹ کوٗٹھر۔ استانہٕ چَن لبن چھیٚنے خوٗبصوٗرت گُلکأری کرِتھ۔ شُمالہٕ پاسہٕ چھس ترٛیٚنے دارِ یمو نیٚبرِ کنہِ نوٗرخانہٕ تعمیر کرنہٕ چھ آمُت۔ روضس اندر چھ حضرت ابو بکر صدیق رضؓ ہُنٛد عصاے مُبارک یُس نقشبند خاندانس پیر مُریدی سِلسِلس منٛز توٚرمُت چھ۔ نقشبند صأبُن وۄرُس چھ پرٛتھ ؤری یہِ ۳۔ ربیع الاول لگان۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ :

*Hasan: Tarikh I, II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Mirza Saif-ud-Din: Khulasa-tul-Tawarikh
*Sufi: Kashir II

# خانقاہ وچی

یہِ خانقاہ چھ زأنہٕ پوٚر وُڈر دامنس تَل پُلوامہ ضلعس منٛز وَچہِ سرینگر پیٹھہٕ پانژٕتأجیہہ کِلومیٹر دوٗر۔ ۱۳۷۲ء منٛز آے میر سید علی ہمدانی رح پکھلی سٕٹرکہِ شُبیٚ یِنہٕ پیٹھہٕ وَچی نَتھ جایہِ یتہٕ نس رانٕہ گویا دتن اکھ مٔٹھ تعمیر کوٚرمُت اوس۔ کینٛہہ کال قیام کرِتھ کوٚرکھ اَتھی جایہِ نِش اسلامُک تبلیغ۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر (۱۳۸۹-۱۴۱۳ء) منٛز سُلطان سکندرن میر محمد ہمدانیؒ سٕندِ ناوِ اکھ خانقاہ تعمیر۔ یتھ خانقاہِ والا تہٕ وَنان آسی۔

بابا نصیب الدین غازی ین کوٚر دوٚیمہِ لٹہِ یہِ خانقاہ تعمیر۔ ۱۹۷۴ء تام بدلے یہِ اَتھ خانقاہَس مرمتہٕ کنہِ واریاہ صورت۔ اَتھی ؤری لیس منٛز آو پرٛون خانقاہ والنہٕ۔ زوٚل کھنن وِزِ دژایہِ اَتہٕ لِس واریاہ پھٹہٕ پھرٛاٹہٕ مرٛژ یمن منٛز وُنی کین تہٕ اَمہِ کس مشرقس منٛز اکھ تھمیہٕ ٹُکر موجود چھ۔ یمہٕ نِک لیپیٹہٕ ڈوڈ فٹ تہٕ تھزر ژور فٹہٕ چھ۔ اَتھ ٹُکرس چھ گوڈس نِش مرٛژن ہُنٛدی واریاہ وۄگُتی آکار وۄتلاونہٕ آمتی۔ ۱۹۷۴ء منٛز آو یہِ خانقاہ نوٚ سرٕ تعمیر کرنہٕ۔ یمیُک کٔرِ شیخ محمد عبداللہ ہن دیُت۔

دَرواز چھ۔ برٛانٛڈس مُنٛزی چھ دوٚشوٕے طرفو محراب دار کوچہٕ۔ مسجدِ چھنہٕ صِرف اَکھ دار تہٕ مغربہٕ کِہ طرفہٕ چھُس ہِنٛبرٕ لیُس زمینہٕ نِش تھوٚد چھُ۔ برٛانٛڈس بُتھہٕ آنگنس چھُ ژۄ پلسے دیوار۔ آنگُن چھُ اَنٛدری اَنٛدری ۳۲ فُٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ ۲۷ فُٹہٕ کھوٚل۔ اَمہٕ کِس شُمال مَشرقی کوٗنس نکھے چھُ برٛانٛد ہیوٚہ لیُس۔ اُفٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ اَٹھ فُٹہٕ کھوٚل چھُ۔ یہٕ برٛانٛد چھُ دیوارٕ نیٚبرٕ شُپہٕ چالہٕ تہٕ اَمی پیٚٹھی چھنہٕ مسجدِ اَنٛدر شمالہٕ طرفہٕ چہٕ لبہٕ کِنی اَنٛدر اَژنٕچ وَتھ۔ برٛانٛدکِس شُمال مَشرقی اَنٛدس کُن چھُ دوٚن خانَن ہُنٛد سرٛانہٕ کُٹھ۔ شُمالی طَرفُک سرٛانہٕ کُٹھ چھُ حمامُچ کام دِوان۔ حمامہٕ پیٚٹھ چھُ پیٚتھ کِتھرٕ نارٕ بوٚ مُنٛزی آب تُنٛتہٕ تہٕ خانس مَنٛز واتنَن یِتھہٕ مَنٛزہٕ سوٚمبرِتھ تھاوُنُک انتظام چھُ۔ تہٕ خانس تہٕ چھُ پَش دِتھ۔ آنگنس بُتھہٕ کوٗنس پیٚٹھ چھُ سَتھ فُٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ پانٛژھ فُٹہٕ کھوٚل کَمرٕ یُس گُداہچ کام چھُ دِوان۔ برٛانٛدِ لبہٕ چھُ لوٚکٕٹی لوٚکٕٹی اَکہٕ تاٗچہِ خانہٕ یِم شاید کھورٕ بانہٕ تھاونہٕ خاطرٕ بناونہٕ چھِ آمتی۔

مسجدِ ہٕنٛدِس تالوَس چھنہٕ پَلستر سیٚتی پوشہٕ تھٕرِ تہٕ جاناوار بنٲوِتھ۔ اَمہٕ علاوٕ چھِ رِیاٗضی ہٕنٛدی کینٛہہ خاکہٕ تہٕ دٕرینٛٹھ یِوان۔ مسجدِ مُنٛدٕلِش چھُ تزٕین کاٗوی دارٕ قُبن پیٚٹھ ڈٕرِتھ۔ یِمو مَنٛزٕ چھُ مُنٛزِم قُبہٕ ہنا بوٚڈ پَہن۔ قُبن چھُ مَنٛزَس سَنٛگٕ نٕنی یِمو تلہٕ نَنان چھُ زِ قُبن پیٚٹھ چھُ ٹوٗری آسی ہِتی۔ مسجدِ ہٕنٛدِس پَرٕتھ کوٗنس پیٚٹھ چھُ اَکھ اَٹھ کوٗنَل مینار بنٲوِتھ۔

وَننہٕ چھُ یِوان زِ یہٕ مسجد چھنہٕ راجہ بلدیو سنگھ ہٕنٛدِ مُحلہٕ خانُک انتظام چلاوَن واجنہٕ دتو یہٕ بنٲوِمٕژ یَس وزیرٕنی خطاب اوس آمُت دِنہٕ۔

۱۹۴۷ سَنہٕ برٛوٚنٛہہ اوس مسجدِ مَنٛز اسلامیہ ہاٗی سکوٗل تہٕ وۄنی چھُ اَتھ مَنٛز ٹیچرس ٹرینِنگ کالج۔

(م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ :

*Sharma N.D: Dogri Folk Literature and Pahari Art

## دُرگا ناگ مَنٛدر

دُرگا ناگ مَنٛدر چھُ سُلیمان ٹینگہٕ کِس دامنس تَل جنوٗب مغربہٕ پاسہٕ۔ روایت چھنہٕ زِ یِنہٕ ساعتہٕ راکھشسو (EVIL FORCES) کٲشری برٛہمن ریٚشہٕ تہٕ تپسی تنگ اَنی یِمو لوٗکو کٔر یِمَن بلایَن نِش نجات لبنہٕ باپتھ دُرگا ماتایہٕ ہٕنٛز آرادھنا، یٚمیُک نتیجہٕ یہٕ دٔراو زِ راکھسن ہُنٛد زیٚٹھ دوٚرگم ختم کرنہٕ باپتھ لوٚب اَٹھ نرِ واجنہٕ دُرگا ماتایہٕ آکار تہٕ مختلف دِوتاہَن تہٕ دیوی یَن



ہزار گردان، ہَشت پہلوٗ، چار بخش، موج، ہَشت ہزارٕ، بادام ہزارٕ، سہٕ بخش، دوازدہ گرد۔

ختم بَنٛد کِہن الگ الگ قسمن ہنٛدی ناو چھ فارسی۔ صاف چھُ زِ لکٕرٕ کامہٕ ہُنٛد یہٕ خاص فن چھُ ژوداہمہٕ صدی پتہٕ کٔشیرِ مَنٛز مُروَج گوٚمُت تہٕ عروٗجَس ووٚتمُت۔ ختم بند تالوٕ کُے بیاکھ روٗپ چھُ وٕسہٕ تالو۔

ختم بَنٛدَس مُتلِق چھُ وَننہٕ یِوان زِ اَتھ دِیُت کٔشیرِ اَنٛدر مِرزا حیدر کاشغری یَن چلے جاو مگر کتھ چھےٚ بحث طلَب۔ ختم بَنٛدُک بہترین نموٗنہٕ چھُ نقشبند صٲبنِس آستانَس مَنٛز درینٛٹھ یِوان۔ انگریزَن تام تہٕ گٔیہ ختم بَنٛدَن کَل تہٕ برطانیہس مَنٛز تہٕ اوس بٔروٗنہہ کالہٕ اَمیُک استعمال کَرنہٕ آمُت۔ ختم بَنٛد چھُنہٕ صِرف کٔشیرِ تامے یوت محدوٗد بلکہ چھُ مَنٛز ایشیا ہُرکیانہٕ استنبول، مراکو تہٕ دوٚیمَن جایَن تہٕ اَمیُک رَسَم چلے جاو۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ:

*Sufi: Kashir, II

خوٗشا صٲبُن ۔ وُچھِو " خانقاہ شاہ نیاز نقشبندی"

## دٕتو وزیرنہٕ ہٕشٕز مسجد

پٕژوٚنٛژہ قصبچ یہٕ مسجد چھےٚ اَکِس ژٕکوٗنجل حاطَس مَنٛز تعمیر آمٕژ کَرنہٕ یتھ زیٖچھر ٦٢ فُٹ تہٕ کھجر کینٛژَن جایَن ٣٧ تہٕ کینٛژَن جایَن ٤٢ فُٹ چھُ۔ اَصل مسجد چھےٚ مغربی اَنٛدَس پیٹھ۔ یہٕ چھےٚ ٣٧ فُٹ زیٖٹھ تہٕ ١٦ فُٹ کھٕنٛج۔ مسجدِ بُتھٕ چھُ بٕراٚنٛٹھٕ یتھ مَشرقی دیوارَس تٕرے محراب دار

١٠ فُٹہٕ چوٗرس بنیا کھ اَکھ سیمٹٕ سُند مَندر یَتھ مَنز ڈاپہ
فُٹہِ تھوٚد تہٕ سوا دفُٹ لیپٹہٕ پژنالہِ مَنز بنٛد کٔرِتھ شِو
لِنگ چھُ۔ اَتھ سٕتی چھُ دُرگاناگ مَندرس سٕیدِ سیٚود
ییٚنگہِ شالا۔
شری رتنانند سرسوتی سٕنز سمادھی بژوٚنہ کَنہٕ
شُمال مغربہٕ۔ اَنٛدٕ چھُ رام ستھمب یَتھ پیٹھ پَرِتھ اَنٛدٕ لَین
رٔمایَن کُھنِتھ چھُ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ اَتہٕ دُرگاناگ مَندرس
سٕتی اَمہِ کِس جنوٗب مغربس مَنز مہاتما مُنی باباہٕ سٕنز
سمادھ، یُس ١٩٦٨ ؁ء مَنز اَتھ جایہ وُڈراونہٕ آمُت
چھُ۔ اَتھ سمادِ چھُ اَنٛدی اَنٛدی شٔیٖستُرٕ و کاٹھکرٕ دِتھ۔
دُرگاناگ مَندرس چھُ پیٹھہٕ سیمٹُ کلش یَتھ
پیٹھ لو یہ ہنٛدی ترٛٲئے ٹوٗپی تہٕ اَکھ جَنٛڈٕ کھالِتھ چھُ۔
اَمہِ مَندرٕچ اَہمیت چھےٚ یِیمہِ تلہٕ فِکرِ تران
زِ یلہِ چھڑی امرناتھ جی یاترا کرنہِ رٔوانہٕ گژھان چھےٚ
اکھاڑٕ پتہٕ چھےٚ گوڈنیٚچ پوٚزا دُرگاناگس پیٹھے پوان
کرنہٕ تمہِ پتہٕ چھ یاتری امرناتھ کُن نیران۔
کتاب نامہٕ:۔

*Sansar Chand: Amar Nath Yatra

## درگاہ

وُچھو "آثار شریف حضرت بل" (جلد ۱)

## دیدٕمر

دیدٕمر چھُ نوٚو گُدلس تہٕ صفاگُدلس دَرمیان
وٮ۪تھہِ دُچھنہِ طرفہٕ۔ اَتھ آسی گوڈٕ دِدامٹھ وَنان۔ یہ
مٹھاوس دیدٕ رانہِ بنوومُت۔ ییٚلہِ اَمِ سٕندِس نیٚچوی
سُنٛد نیٚچوٗ بھیمہٕ گُپت موٗد، دیدٕ رٲنی بنیہِ ٩٨٠ ؁ء
مَنز کٔشیرِ ہٕنز حُکمران۔ سیٹھا چالاک، ڈاڈٕ تہٕ مُدبِر
آس۔ ١٠٠٣ ؁ء ہس تام لگ بھگ ٢٣ ہَن وَریِن
کٔرِن حکوٗمَت، اَمِ سٕندِس دورِ حکومتس مَنز روٗد
کٔشیرِ مَنز امن و امان قائیم۔
دِدامٹھ اوس تیوٗت مضبوٗط زِ باضے بلضے



نِش شکتی پڑاوِتھ کوٗرُن تتھ جایہ قرار یوٚسہ دُرگاناگ مَنٛدرٕ ناوٕ مشہوٗر چھےٚ۔ مقامی روایژ موجوب چھُ دُرگا ماتایہ بدذات دُرگم راکھشس پہاڑس پیٹھ بیٚترِ تل دوٚبراوِتھ ختم کوٚر مُت۔ اَتہ چھُ اَزی کِس مَنٛدرس برٛوٚنٛہہ کُنہٕ شُمال مغربہٕ پاسہ تتھ جایہ اَکھ ناگ وُزان ییٚتہٕ نِس دُرگا ماتایہ قرار کوٚرمُت اوس تہٕ اَتھ ناگس نِش اَسی پَتھ کالہِ امرناتھ گژھن وٲلی یاتری پوٗزا پاٹھ کران۔

شنکر آچاریہ بالس دامنس تل جنوٗب مغربہٕ پاسہ دُرگاناگ استھاپن چھُ واریاہ پرٛون دیوی استھاپن۔ استھانس چھُ امرناتھ یاترایہ ہُنٛد گوڈنیک پڑاو آسنک امتیاز تہٕ حاصل اما پوٚز مَنٛدر کوٚر مہراجہ پرتاپ سِنگھنہِ (۱۸۸۵ء — ۱۹۲۴) زمانہٕ شِوٗرتنانند سرسوتی ین ناگس پیٹھ کُنہٕ تعمیر۔ اَتھ مَنٛزٕ آیہِ سنگِ سفیدٕچ نیٚپہٕ کرٕنی اَٹھ نرِواجنی دُرگا ماتایہ ہٕنٛز موٗرتی لاگنہٕ یوٚسہ وُنہِ تہٕ موجوٗد چھےٚ۔

یہ مَنٛدر اوس سوٗرُے لکرِ ہُنٛد تہٕ اَمیُک پرٛکرم چکر اوس خٲلِص پَچَن ہُنٛد تہٕ پَشس اَسی لکرِ پیٹھ سادارن ٹینہٕ پیٹھ۔ ۱۹۴۵ سنہٕ مَنٛزٕ کوٚر شری سوامی رشوٗرتن گیٚرن ستن نفرن پیٹھ مشتمل اَکھ ٹرسٹ قایِم یتھ دُرگاناگ ٹرسٹ ناو تھاونہٕ آو۔ اَمی ٹرسٹن چھُ حال حالے پرٛون مَنٛدر مُنہدِم کٔرِتھ اَتھ جایہ اَکھ نوٚو مَنٛدر تعمیر کوٚرمُت۔ اَمِکِس تعمیرس آو چھرا سیمٹُک تہٕ شیٖشرِک استعمال کرنہٕ۔ مَنٛدرس نیٖبری کنی آو سیمٹُو تہٕ شیٖشرو ۳۴ فُٹہٕ چوٗرس پرٛکرم چکر بناونہٕ۔ اَتھ چھ ژوٗشوٕنی اَنٛدن پیٹھ کُل اَٹھ سیمٹوٕ تھم یِمَن مَنٛزٕ میٚحرابی چالہِ اَٹھ لوکٕٹی طاقچ گٔڈِتھ چھہ۔ مَنٛدرس اَژنہٕ باپتھ چھُ شُمالہٕ پاسہ دروازٕ یتھ اَنٛدری تہٕ نیٖبری کُنی زٕ گنٹی اَلاونہٕ چھہ۔ مَنٛدرٕکِس شُمالس مَنٛزٕ چھےٚ سوامی شِوٗرتنانند سرسوتی جی ہٕنٛز سمادھ تہٕ۔ اَتھ چھُ پیٹھہِ ٹینوٗ کلش یتھ پیٹھ ژور ٹھپل تہٕ سرتلیٖشو جنٛڈٕ چھہ۔

شُمال مشرقہٕ پاسہ چھُ دُرگاناگ مَنٛدرس پتہٕ کُنہٕ



مَنٛدرٕس مَنٛز وٕوہٕ دٕتی ہاوٕنہٕ آمٕژ۔ دوٚیِم مُرتھ چھےٚ
گرٛڈس سوار ہری ہر سٕنٛز۔ یِمو عَلاوٕ چھےٚ اَتہٕ
مہیشا سُر مردنی تہٕ شیٚیش شالی وِشنو سٕنٛز مُرتھ تہٕ
اَتھ آمٕژ۔

اکثر مُرژن ہُنٛد تعلق وِشنو ہَس سیتی آسنہٕ
سیتی چھےٚ ژینہٕ وَن لگان زِ اسِتھاپُنک تعلق چھُ
بڑ وٚنہہ کالہٕ پیٹھہٕ وِشنو عقیدٕس سیتی اوسمُت۔
مُرژن ہُنٛد اَنہار چھُ یِمن وَرمن دور چِن مُرژن
سیٹھا نکھہٕ اَنان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review 1976-77

## ڈوڈا ضلعکی قدیم آثار

ڈوڈا ضلعہٕ کِس اگرال گامَس مَنٛز چھُ اکہٕ
پرانہٕ کنہٕ مَنٛدرٕکی آثار تہٕ کیٛنہہ مُرژٕ دَریافت کرنہٕ
آمٕژ یِمَن مَنٛز لکھشمی نارایَن، شِو پاروٗتی مہیشا
سُرمردنی، دُرگا تہٕ ناگی ہنٛز مُرژ کھٕہی مہٕ ہتی لبہٕ چھےٚ۔
مُرژگری ہِنٛدین یِمن نموٗنن چھُ کتھہٕ تام مَنٛدرَس
سیتی تعلق اوسمُت۔

چنانچہٕ اَتھی گامَس مَنٛز چھِ باوٕلین، کوٚنڈٕن
تہٕ اکہٕ لکرٕ مَنٛدرٕکی آثار تہٕ بَد دراہمتی۔ آثارن ہُنٛد واٹھ
چھُ کنُوہِی مہٕ صدی ہستی۔

سَرس گامہٕ چھُ اکہٕ قدیم مَنٛدرٕکی آثار اَتھ یِنہٕ عَلاوٕ
شِو پاروٗتی، لکھشمی نارایَن تہٕ شِو سٕنٛز رٕدٕر رٕدٕ یہٕ اکھ
مُرتھ اَتھ آمٕژ۔ مُرژٕ چھےٚ پوٚت پاسہٕ اَچھ پھٹِتھ دراٚمژٕ
تہٕ کلس پلیٹھ چھس ہینگ۔ مُرتھ چھےٚ یونی پیٹھس پیٹھ
وٕوہٕ دٕنی۔ آثارن ہُنٛد تعلق چھُ ژٕوہ داہِمہٕ، پنٛداہِمہٕ
صدی ہستی۔

اکہٕ باولی ہِنٛدی آثار تہٕ چھِ موجود یِمن کنُوہِمہٕ
صدی ہستی واٹھ چھُ۔ بنٛڈار کوٹہٕ چھُ اکہٕ کوٹکی آثار موجود
یُس چوٚنہٕ سُرخہٕ مَنٛز کنِن ہُنٛد اوسمُت چھُ۔ مقامی لوکھ
چھِ اَتھ مُغل قِلعہ وَنان۔ یُس سداہِمہٕ صدی ہُنٛد چھُ۔

بنٛدرابَن جایہٕ چھُ تگہٕ اٹھن باولین ہِنٛدی
آثار یِمن ہُنٛد تعلق ارداہِمہٕ صدی ہستی چھُ۔ ہَرلہٕ چھےٚ
اکھ ترژھ جاے اتھ آمژ یتہٕ کِتان آثار چھِ دراہمتی۔
امہٕ ہُرِ یمانہٕ چھُ اکہٕ کنہٕ مَنٛدرٕکی تہٕ مُرژٕ گری ہِنٛدی آثار تہٕ
دراہمتی۔ منڈی مَنٛز چھِ ارداہِمہٕ صدی ہِنٛدی کیٛنہہ
آثار یِمن مَنٛز باولیہٕ، مندر، اڈک مُکھی شِولنگ،
شِو پاروتی تہٕ نندی سٕنٛز مُرژٕ شامل چھےٚ۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review 1979-80.

اوس تِھلیچ کٲم تہٕ دِوان تہٕ لُوکھ اَسی بچاوِ باپتھ اتھ اندر
چھپنہٕ یِوان۔ یہٕ مٹھ اوس رانی بِڈاتی مُدانی علاقن ہٕنٛدِ ین
سوداگرن ہٕنٛدِ باپتھ تعمیر کوٚرمُت۔

بھیمہٕ گُپت سُنٛدِ مرنہٕ پتہٕ بنیہ یہ دِداسُھاہ
رحمدِل تہٕ پننہٕ کارکردگیہ پیٹھ کوٚرُن افسوس۔ کشیرِ منٛز
کٔری اَمہٕ مختلِف جاین مندر تعمیر۔ دِدامٹھس منٛز
اوسن بھگوان وِشنوسُنٛد اکھ مندر بنومُت تمی جایہ یِیتہٕ
اَز زیارت مُلک صاب چھے۔

بقولِ کلہن پنڈت دېدمر اوس سنگِ سفیدُک
تہٕ اَمِچہ کِنہٕ آسہٕ گنگا جل کہ آبہٕ سیتی چھچھ مژ ہشہٕ باسان۔
اتھ مندرس منٛز روزنہٕ باپتھ اَسی یاتری نیبر پیٹھ یِوان۔
لڑایہ وِزہٕ اوس یہ مندر تِھلیچ کٲم دِوان۔ (ش۔ ا)

کتاب نامہٕ:

*Amin Kamil: Ed. Kashir (Son Adan 1977)
*Bamzai P.A.K: Archaeological Remains in Kashmir
*Hasan: Tarikh I
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir

## دیوان جی سُنٛد مندر

جیٖمی شہرس منٛز دیوان جی سُنٛد مندر اوس
برونٛہہ کافی تعدادس منٛز مُوٚنی ژِتھرو سیتی پٲراوتھ۔
مگر وۄنہِ چھ اکثر مُوٚنی ژِتھر چوٚنہٕ لونس تَل گامتی۔ خوش
قِسمتی کِنی چھ مندرکِس آنگنس منٛز دیوان اننت رامہٕ نہ
سمأز ہٕنٛدی مُوٚنی ژِتھر وۄنہٕ ڈٔنٛجہ۔ دیوان اننت رام اوس
مہاراجہ رنبیر سِنگھنہٕ وقتہٕ ۱۸۷۸ء منٛز ڈوٚگرن ہٕنٛد
حاکم یمہٕ سیتی ژینہٕ وَن لگان چھے زِ مُوٚنی ژِتھرن ہٕنٛد
تعلق گژھہٕ کُنُوہمہٕ صدی ہٕنٛدِس سوٚرن کالس سیتی آسُن۔

سمأز منٛز مُوٚنی ژِتھرن ہٕنٛز اَکِس تگہٕ منٛز چھ
کرشن تہٕ گوٚپیہ گِندان، دوٚیمہٕ جایہ چھ کرشن تہٕ رادھا
محلہٕ خانہٕ چہ ڈَبہ پیٹھ سنگیت بوزان تہٕ رادھا تہٕ کرشن
کُلِس تَل وۄدنی ہاونہٕ آمتی۔ باقے ترین مُوٚنی ژِتھرن ہٕنٛز
تگہٕ منٛز چھینہٕ سارینے صوٗرژہ پچھانہٕ یِوان مگر سِپاہ،
نندی، شیرِ وراے دوٚن زنین ہٕنٛد دھڑ تہٕ ہنوٗمان
ہٕنٛز صوٗرژ چھے صاف۔

مندرکِس گرٛبہ گرٛیہس تہٕ چھ مُوٚنی ژِتھر بناوِتھ
آسہٕ متی مگر تِم چھ وۄنہِ چھیتیمتی۔
(م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ:

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## ڈُمٹہٕ بل

اننت ناگ ضِلعَس منٛز ہانگل گوٚنڈ نکھہٕ
چھُ ڈُمٹہٕ بل واریاہ پرٛون تیرتھ۔ یِیتہٕ چھنہٕ تہٕ دِوے لگان
چھے۔ اَتہٕ اتھ آمژ کرٛیٖہنہٕ کِنہٕ ہٕنٛز وِشنوسٕنٛز مُرتھ چھے

یشو دھاہ نند بیتر بوزنہٕ چھ پۄان۔ کُلس پیٹھ چھ مَنٛدرس شیٖٹھِ پیٚٹھی مۄنی ژِتھر بنٲوِتھ۔ (م۔ل۔بی)

کتاب نامہٕ:

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## رادھاکرشن مندر۔ میراں صاحب

میراں صابُک (جۄم) رادھاکرشن مَنٛدر چُھ دیوان اننت رام سُنٛد تعمیر مَنٛدر چھ یہ ہئے ۱۸۳۰ءس منٛز تعمیر آمُت کَرنہٕ۔ مَنٛدرُک طرزِ تعمیر چُھ شیکھر طرزُک تہٕ اَمیُک باڈُو تہٕ چھُنہٕ زیادٕ بوٚڈ۔ مَنٛدرس ستی چُھ ۳۲ ایکڑ روقبُک لوکُٹ موکُٹ جاگیر تہٕ مَنٛدرٕچ انفرادیت چھ اَمکی مۄنی ژِتھر بدِ کڈان، یِمن متعلق راے



چھےٚ زِیم چھ کُنۄہی مہٕ صٕدی ہِندِس منٛز کالس منٛز بناونہٕ آمٕتی۔

مَنٛدرس منٛز یوٚدوے مۄنی ژِتھرَن ہُنٛد تعداد واریاہ زیادٕ چھُنہٕ مگر یہ کینٛژھا تہٕ چھُ تہٕ چھُ رُت۔

مَنٛدرُک بڑاندِٕس پٔرکرمس بُتھِ چھُ تَتھ چھ زِ لوکٕٹی ژِتھر یِتھ منٛز دِچھن کُن گنیش رِدھا، بُدھا تہٕ شِو چھ ہٲوِتھ تہٕ بٮ۪یِس ژِتھرس منٛز چھُ شِو پاروتی ہیتھ نَظرِ گژھان۔ کھوُورکُن چھُ رام تہٕ سیتا سنگھاسنَس پیٹھ۔ بٮ۪یِس اَکِس لوکٕٹِس ژِتھرس منٛز چھُ وِراٹ رۄپہٕ کرشن آمُت ہاونہٕ۔

گرٕبہٕ گرٕہٕس بُتھِ دیوارس پیٹھ چھےٚ دۄن دُوار پالَن ہِنٛز صوٗرٕژ بنٲوِتھ۔ بڑوٚنٛٹھِمس پٔرکرمس دٕچھِنہٕ طرفہٕ چہ لَبہٕ پیٹھ چھ زٕ بٔڈی مۄنی ژِتھر یِمن منٛز پرسرام سہسر باہوٗہس ستی لڑاے کران چھُ ہاونہٕ آمُت تہٕ بٮ۪یِس چھےٚ کرشن تہٕ رادھا یہ ہِنٛز صوٗرٕژ آمٕژ بناونہٕ۔ بُتھی طرفہٕ پٔرکرمہٕ چہ کھوورِ لَبہٕ پیٹھ تہٕ چھ زٕ بٔڈی مۄنی ژِتھر یِمو اَنٛدرٕ اَکِس منٛز کرشن تہٕ زٕ گوٗپیہ چھےٚ تہٕ دٔیمِس ژِتھرس منٛز چھُ وراہ اَوتار ہٲوِتھ۔ مَنٛدرٕکِس کلشس تہٕ چھےٚ اَنٛدرٕ رکی صوٗرٕژ بنٲوِتھ یِمن منٛز سنگھاسنس پیٹھ بِہِتھ

# رادھا کرشن مندر ـــ پرمنڈل

پرمنڈلُک رادھا کرشن مَندر چھُ شیکھر طرزِ کِن مَندرن ہنٛز گژٕر منٛز یوان۔ مَندر چھُ ۱۹۷۰ منٛز گجراتکو راجا رامن تعمیر کوٚرمُت یمیُک نیب مَندرس لاگیتھ دیوناگری خطس منٛز ڈوگری کتبہٕ سٟتی لگان چھُ۔ مَندرکو موٚنٛی زٕتھر چھِ جاذب نظر تہٕ وُچھن وٲلِس چھِ کشش کران۔ مَندرکین پیٹھیم موٚنٛی زٕتھر اَسہٕ نظرِ گژھان چھِ تِمن اندر چھِ شِو، پاروتی، نندی، برہما، رادھا کرشن تہٕ مہیشا مردنی تہٕ شامل۔ ہیتھ گژھِ گژھیہ کِس ردٕیس چھِ ترٛے زٕتھر۔ دروازس



پیٹھ کُنہِ چھُ ردھی تہٕ سِدھی ہیتھ گنیش نظرِ گژھان۔ گژھِ گژھیہکِس دروازس کھوورِ طرفہٕ چھُ کرشن، گوپین سٟتی گِندان تہٕ دچھنہِ طرفہٕ چھُ وِشنو بناوِتھ۔ گژھِ گژھیہٕکِس بُتھِ لَبہِ پیٹھ چھُ گوڈنیُک زٕتھر شِو، دوٚیمِ رام تہٕ تریٚیم سیتایہ ہُند۔ تالوس چھُس گلکاری کٔرِتھ۔ پترکِمہِ طرفہٕ گژھِ گژھیہ کِین دیوارن چھِ واریاہ زٕتھر۔ پژکرِس کھوورِ کُن چھِ ژور زٕتھر یِمن اندر کرشن، رام، لکھشمن، ہنومان دشرتھ، کیکی، نارد تہٕ وِشنو نظرِ یوان چھِ۔

گژھِ گژھیہٕکِس پتہٕ کُن دیوارس چھِ شےٚ منفرد زٕتھر، اکِس منٛز چھُ راجہٕ دشرتھ وِشوامترس بُتھہِ نیران تہٕ رام تہٕ لکھشمن وِشوامترس نِش پرنہٕ گژھان ہاونہٕ آمتی۔ اکِس بٔڈِس موٚنٛی زٕتھرس منٛز چھُ راجہٕ دشرتھ محل خانس منٛز سنگھاسنس پیٹھ بیہتھ تہٕ زٕ بالک، رام تہٕ لکھشمن چھِ محلہٕ خانہٕ اندرٕ وِشوامترس سٟتی نیران۔ اتھ سٟتی زٕتھرس منٛز چھِ زٕ بالک کوشلیایہ پرنام کران، تریٚیمِس زٕتھرس منٛز چھُ محلہٕ خانُک نیٚبر یُم پاس ہاونہٕ آمُت تہٕ نیٚبرٕ کُنہٕ چھُ اَکھ توکر آشنہٕ سٟتی بیہتھ۔ اَمہٕ علاوٕ چھِ ترٛین زٕتھرن منٛز یوٗگی تہٕ دوٚن منٛز سادھو وِشوامترٕ سِندِس آشرمس منٛز راجہٕ کُمارن سٟتی بیہتھ درینٛٹھ یوان۔

اَمہٕ ہیٚرکانہٕ چھِ مَندرس بییہ تہٕ واریاہ موٚنٛی زٕتھر یِمن منٛز گزشتہٕ سُند لوکچار، تسُند زیوٚن، واسدیو

تہ واندرن سیتی کرشن ہاوان آمُت۔ واندرن سیتی کرشن
ہاوُن چھ عجیبے پُس رِوائیژِنِش ڈلیتھ چھُ، اَمہِ اپر ژودرن
مؤذ ژِتھرن منز چھُ وِشنو شیشہ ناگس پیٹھ، مہاراجہ
گلاب سنگھ، دھیان سنگھ تہ سوچیت سنگھ اَکس سادھوس
بزرٗ ژہ کنہ ، کرشن لیشودا تہ گوپیہ۔ ونس منز گندان
بلرام تہ کرشن تہ کرشنہ سنٛدس محلہ خانس منز
سُداما ہاوُنہ آمُت۔

مؤذ ژِتھرن منز چھُ اکھ ژِتھر خاص توجہ منگان
یتھ اندر داند وٗیتھ کرشن گرٕ پوان ہاونہ چھُ آمُت۔

پسیر کھٹھک رام جی منٛدر چھُ مؤذ ژِتھرن ہنٛدِ
اعتبارِ ڈوٗگرِ مؤذ ژِتھرن ہنٛدس سفرس منز کاڈک
تہ جہارُک پاس دِوان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## رأے تھنکی آثار

رأے تھن چھُ سرینگرٕ کس جنوب مغربس منز
۳۲ کلومیٹر دور۔ اَتہِ چھے سڑکہِ تہ سونہ موے ناو چھ
کولہ درمیان گامس نکھے اکھ بارستہ کنی یتھ ثبر
کیستہ کالہ پیٹھ بُتھہ راگنیا یہ ہنٛد آکار ژانتھ پوٗزا چھ
کران۔

۱۹۷۵ء تام اوس نہ اَمہِ جایہ ہنٛدس توٗاریخی اہمیتس
متعلق اَسہ کنہ قسمہ کانٛہہ علم، پوٗز اَتھ وٗری یس منٛز
کوٗر اَمہِ علاقہِ کہو لوکو اِستھاپنس اَندی اَندی دیوار
اُبنٛدی تہ دھرم سال تعمیر کرنُک فیصلہ تہ ۱۹۷۵ منٛزِ
آو اَتہِ راگنیا آکارس بزرٗ ژہ کنہ کھداے ڈسلابہ کرنہ۔ اَتھی
دوران دراے کینٛہہ مُرژ، دون تھن منز پیٹھی مہ تہ
منز یمہ مرژ دراے تمن ہنٛد تعلق چھُ ہنٛدٗ دورس
سیتی تہ بنی یہ تہچن مُرژن چھ بُدھ مَتس سیتی واٹھ۔
اَمہِ علاوٕ دراو اَتھ جایہ لکرٕ ہنٛز مُجسمہ سازی ہنٛد اکھ
نموٗنہ تہ۔ یمہ اکہ پرانہ لوکٹہ موکٹہ تعمیرک کُن۔ اَتہ سیتی
دراے مینٛژرٕ ژرِنہ پھلی رلہ پینٹنگ معنے یہ نیر تھ ہیکہ زکہ
تام ساعتہ چھُ اِستھاپنچ تباہی ہنٛد وجہ نار تہ اوسمت۔
لوکٹہ موکٹہ تعمیرک کُن چھُ پلس بزرٗ ژہ کنہ جنوبس کُن
درٕ پیٹھی پوان پینٹنگ گرتھ ونان چھ زِ شاید چھُ اَتھ پیٹھ
ستوٗپ اوسمُت۔ یہ چھنہ کانٛہہ تعجب کیتھہ کیا زِ رأے تھنہ
گامس بون پہن اَری گامہ اَسی اکہ بودھ وِہار کی آثار
کہے کال بزرٗ ژہ تام موجوٗد، یمہ سیتی ننان چھُ زِ اَتھ
علاقس منز چھے بُدھ مت چہ سرگرمیہ واریاہس کالس چلان
آسمژ رأے تھنہ بون پہن سڑکہ کھوورٕ کُن چھے اکھ لوکٹ
وُڈر یتھ اَنز تہ رازٕ گیر (راج گدی) چھ ونان مقامی

رام تہٕ سیتا، وُنس مٔنٛز وۄشُو کٕڈان شِو تہٕ پاروتی تہٕ راس لیلا بیترِ شأمِل چھےٚ۔

(م۔ل۔س)

## کتاب نامہٕ :

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## راگنیا استھاپن

وُچھو "تُلہٕ مُل" (جلد ۱)

## رام جی کا مندر

جیٚمی شَہرس مٔنٛز پیر کھٕھک "رام جی کا مندر" چھُ روایژ مۄجوب مہاراجہ گلاب سِنگھنس بأیس راجہ دھیان سِنگھن تعمیر۔ یُس پتہٕ پٔژ وُنٛشٕرھک حُکمران بنیو۔ تمی اوس یہ مٔنٛدر اَکس وأراگی سادھو نارایَن داسنہِ خاطرٕ تعمیر کورمُت۔

مٔنٛدرُک تعمیر چھُ پنہٕ عام مٔنٛدرن ہِتی رَلان۔ اَتھ چھُ پنہٕ تھۄد کلش کھأرِتھ تہٕ نہ چھُس نیٚبرٕ کُنہِ رنٛگہٕ کانٛہہ پارٕ او۔ گرٕبھ گرٕ ہس بُتھہِ پرٕکرمس چھُس ۳۱ مۄنی زٕتھر بنأوِتھ یِمو اَندر وارِیاہ صوٗرٕژ وَنہٕ یوان چھِنہٕ۔ ساری مۄنی زٕتھر چھِ ۱۰۴ سنٹی میٹر کھجرٕ تہٕ ۱۰۲ سنٹی میٹر تھٔز رٕ۔

پرٕکرمس اَنٛدوٕنے پانٛژن زٕتھرن ہٕنٛز تگٕ مٔنٛز چھُ

مہابھارتُک جنگ، وُنس مٔنٛز گورتہٕ چیلہٕ، سمندر منتھن تہٕ مۄہنی روٗپہٕ وِشنو دِوتہن تہٕ اسرن امرِتھ بأگراوان۔ بٔیِس مۄنی زٕتھرس مٔنٛز چھُ دروپدیہ کوروَن ہنٛدِس دربارس مٔنٛز جامہٕ مُژرنُک منظر پیش آمُت کرنہٕ۔ امہِ پتہٕ یِوسہٕ پانٛژن مۄنی زٕتھرن ہٕنٛز تگ چھےٚ، تِچہٕ ساریے صوٗرٕژ چھِنہٕ بدٕنیران۔ مگر سیتا یہِ ہنٛدِ سوٗیم وَرٕج، کرٕشن تہٕ گوپیہ، تہٕ چیلہٕ ہیتھ بابا گورو نانک، شیشہٕ ناگس پیٹھ لہٕ تراوِتھ وِشنو تہٕ کرٕشن تھٔنی ژوٗرِ نوان ہِوی منظر چھِ وُنہٕ تہٕ ٹاکارٕ۔ کہِ مِس مۄنی زٕتھرس مٔنٛز چھُ پرٕسرامنہٕ اَتھہٕ سہسر یا ہوٗ شُند مار گژھن، رامس تہٕ راونہٕ سٕنٛز لڑائے



ترٛاوُن حضرتِ شیخ العالمؒ گُذٲرِ عارفانہٕ زِندگی

ہِنٛدی آخری سٔتھ ؤری رُپہٕ وَنہٕ تہٕ اَتھی جایہ سیدی

۸۴۲ ہجری منٛز رحمتِ حق۔ اَتہٕ پیٹھٕ آو یُہنٛد جسدِ مبارک

ژرارِ شریف واتناونہٕ تہٕ اوسوٗد کرنہٕ۔

رُپہٕ وَنہٕ چھےٚ حضرتِ شیخہٕ سٕنٛز اَکھ زیارَت

یَتھ منٛز سعٕ کُنۍ تہٕ چھےٚ موجوٗد یَتھ پیٹھ سُہ یادِ حق اوس

کران۔ اَتھ کِنہٕ اَنٛدی اَنٛدی چھےٚ مسجد تعمیر کرنہٕ آمٕژ

یَتھ چار بام پَش چھُ۔ اَتھ چھےٚ گُنٛس بۄن چھَمبَس تَل

اَکھ ناگہٕ پوٚکھر، یَتھ پیٹھ حضرتِ علمدارؒ وضوٗ اَسی کران۔

اَتہٕ چھُ سُہ کُل تہٕ موجوٗد یٕمہ کِس سایَس تَل حضرتِ شیخؒ

ہُنٛد اَسی ژٹیان۔

کلچرل اکادمی چھےٚ شیخ العالم شَشِ صد سالہٕ

تقریبَن دوران اَستانَس منٛز اَکھ یادگاری لوح

نَصب کٔرمٕژ۔ (ش۔ ا)

کتاب نامہ :

*Academy J&K: Burj-i-Noor
*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi

## رِتن پور

وُچھو" رتن دیوی وِہار" (جلد ۱)

## رِڈ زوٗنگ

کھلسی تہٕ سسپولَس دَرمیان گیراگامَس

بُتھِ رِڈ زوٗنگ گُمپہٕ چھُ اَز برٛوٗنٛہہ ۱۱۱۲ ؤری دۄیُومٲلی

پوٚتھ رُ وِ تعمیر کورمُت یِم دۄنۍ لامَن ہِنٛدی اَوتار چھِ

مانَنہٕ یِوان۔ گُمپہٕ چھُ اَکِہ نارچہٕ تالہِ پیٹھ تہٕ اوٚت واتنہٕ

باپتھ چھُ سیٚٹھٕ ہِنٛدِس شُمالَس منٛز اَکِہ کھوٚنہٕ منٛزی

کھَسُن پیوان۔

رِڈ زوٗنگ گُمپک رَبط تہٕ ضَبط چھُ سارِسی

لداخَس منٛز مشہوٗر۔ اَتھ منٛز چھُ ہَر ہمیشہٕ لامَن ہُنٛد

اَکھ خاص تعداد موجوٗد روزان ییٚلہِ زَن دۄیمَن گُمپَن



لۅکَن ہُنٛد وُنُن چھُ زِ اَتہِ أسی داندوایِن وِزِ مختلِف دوٗرن ہِنٛدی سِکہٕ نیران یِمو مَنٛزٕ وارِیاہ سِکہٕ غلام احمد مہجوٗرَن لُکَن نِش سۆمبری۔ مہجوٗر اوس رٲے تھنَس سٟتی أری گامُس تہٕ گُرو یٹھس وارِیاہس کالَس پٔٹھٕ أری۔

اَتہٕ یِمہٕ مۆرٕژٕ کھُدایہٕ مَنٛزٕ دٕرامٕژ چھِنٛہٕ احتیاط نہٕ سَپدنہٕ موکھہٕ چھِنٛہٕ تِمہٕ کھنٛڈی پھُٹٕمٕژ گامٕژٕ۔ اکثر مۆرٕژٕ چھِنہٕ نرم کَنہٕ (چھٕانہٕ کَنہٕ) ہٕنٛزٕ، یِوَسہٕ علاقَس أنٛدی یکھی بَدَس چھُنہٕ سَپدان۔ بُدھ دورچہٕ مۆرٕژٕ چھِنہٕ فنہٕ تہٕ کأرۍ گرۍ ہِنٛدِ لِحاظٕ سٟٹھا شۆبہٕ دار باسان۔ حالانکہِ ہِنٛدوٗ دورچِن مۆرٕژَن چھِنہٕ بُدھ مۆرٕژَن ہٕنٛزٕ ہِش نفاسَت، بلکہِ چھُ یِمَن مَنٛزٕ پھِہریرک یاس لگان۔ باسان چھُ زِ یِمَن ہُنٛد تعلق چھُ کھہی مہٕ ہٕٹھی مہٕ صٔدی سٟتی، ییٚلہِ زَن کشیرِ مَنٛزٕ مۆرٕژگری ہٕنٛزِ ہُنرِ زوال اوس آمُت۔ اَلبتہٕ یُس ترٛموکھَل سَنٛزٕ کَنہٕ ہُنٛد وِشنوٗ اَتہٕ چھُ دٕرامُت، سُہ چھُ سٟٹھا شۆبہِ دار۔ ظاہرا چھُ یہِ بُتیہِ کُمہِ تام جایہِ پیٹھٕ اور اَنہٕ آمُت۔ یتھے ترٛموکھل وِشنوٗ چھُ اَمہِ بۆرٛونٛہہٕ وُونتی پورِ تہٕ بَدَس آمُت۔

رٲے تھَن کِہَن آثارَن چھُ پتہٕ یاٹھی تریٛیو دورِ مَنٛزی نیٚرِن پیٚومُت۔ گوڈٕ چھُ اَتہٕ بُدھن ہُنٛد استھاپَن اوسمُت پتہٕ بنیوو یہِ وِشنوٗ استھاپَن تہٕ

وُنی کِہَن چھِنٛہٕ اَتہٕ دیوی ہٕنٛزٕ پوٗزا سَپدان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Dembi: Sharda Inscriptions of Kashmir
*Stein: Kalhana's Rajatarangini

## رُپہٕ وَن

رُپہٕ وَن چھُ ژٕرارِ شریفہٕ پیٹھٕ شُمال مغربَس کُن تقریبَن اَکھ کلومیٹر دوٗر۔ یہِ علاقہٕ اوس کُنہِ تام رازن حضرتِ شیخؒ سُنٛدِ جَدَن اَجدادَن جاگیرِ ہٕنٛزِ عطا کوٗرمُت مگر بَدَل وِنہٕ حالاتو کِنی پیو یِمَن یہِ جاگیر



روضہٕ بل




# روضہٕ بل

روضہٕ بل چھُ سرینگرکِس خانیارس تہٕ
اٚنزی مرمحلس درمیان۔

اَتھ متعلق چھےٚ مورخو تہٕ غیر مُلکی سیاحو کتابن
منٛز مختلف رایہ دِژِمژٕ۔ یُوز آصفس سیٚتی منسوٗب
اَتھ روضس متعلق یِمو عالمو تہٕ مورخو لیٚو کھمُت چھُ تِمن
اندر چھ خواجہ اعظم دیدہ مری، حسن، ڈاکٹر نذیر احمد،
پروفیسر فدا محمد حسنین بیترِ شامل۔ کینٛہہ یوٗرپی لیکھن والی تہٕ چھ
اَتھ یسوع مسیحس سیٚتی وابستہ کران۔ اَکھ ہتے چھ کینٛہہ اَتھ تہُنٛد
مَقبرٕ تہٕ مانان۔

طرزِ تعمیرکہِ اعتبارٕ چھُ روضہٕ بل کٲشرِ منٛز واریاہن
اَستانَن سیٚتی رَلان۔ اَمہِ کِس تعمیرس اندر چھ پوٚختہ
سیرہن سیمنٹک چوٗنہٕ تہٕ کنہن ہُنٛد استعمال آمُت
کَرنہٕ۔ روضہٕ بل چھُ ۴۰ فُٹہٕ زیٛوٗٹھ تہٕ ۳۱ فُٹہٕ کھوٗل تہٕ کَنہِ
چھُس دیوٲری کنہن ہُنٛد۔ اوٗک پوٚر روضہٕ بلس چھےٚ
قبلہٕ پاسہٕ اٚٹھ فُٹہٕ زیٛچھ تہٕ ژور فُٹہٕ کھجہِ کُل پانٛژہ دارِ
یِمن نقش نِگاری کٔرِتھ چھےٚ محرٲبی چالہِ اَکھ درشَن دار



ہشدی لامہ اکہ نٕتہ بئیہ واپھ گمپہ تراوِتھ چھ گژھان۔
گمپہ کِس سمن رۆقس (دُکھانگ) منز
چھنے شاکیہ منی، میترے یہ، امتیاس ژھونگ
کھاپا تہ تسندین دۆن ششن (چیلن) ہنز وصور ژو
علاوٕ اولوکیشور سُنز صوٗرتھ تہ لبن ہنز اکثر جاے
چھنے تبتی مسودٕ و سٹرآورِتھ یم جُز دانن منز برِتھ چھ۔
دۆیمس لوکٹس منڈرس منز چھ اکہِ طرفہٕ اتش تہ
بئیہ طرفہٕ میترے یہ۔ منڈرس منز چھ اکھ بوڈ چورتن
تہ۔ لامن ہندین کُٹھین منز چھ جان تعداد س
منز تھنکہٕ (علمہ) بئیس اکس بڈِس کمرس منز چھ
اکھ بوڈ چورتن یتھ منز گمپہ کِس بانی کار ژھل کرمس،

نی ما، ہشنز اسٹرکہ چھنے۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Franche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh II

## رنبیرسوامی

وێتھ ہندِ کھوورِ بٹھہِ ڈل حسن یارٕ موجوٗد ازی کہ
روگھناتھ منڈرُک اصلی ناو چھُ رنبیرسوامی منڈر۔
منڈرس منز چھنے رام چندر جینی موٗرتی تھاونہٕ آمژ۔
شیکھر طرزُک یہ منڈر چھ مہاراجہ رنبیرسنگھن
۱۸۷۵ سنہٕ منز تعمیر کوٗرمُت۔ رنبیرسوامی منڈرُک
شُمار چھُ گوڈٕ دورکین شیکھر طرزکین منڈرن منز سپدان۔
رنبیرسوامی منڈرس چھُ بُتھ مشرقس کُن تہ اندی
اندی چھس تھزٕ پینڈ کھارتھ۔ وێتھ ہندِ بٹھہِ پیٹھہ
منڈرس تام چھُ دِوری کنین ہُندیارٕبل کھارتھ۔ منڈرس
ستی چھنے یاترین ہنز آسائشہ موکھہ دھرم سال تہ
تعمیر آمژ کرنہٕ۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Hasan: Tarikh I

ارل سٹاین سُند وُنُن چھُ زِ آثارن ہُند
تعلق چھُ راز رنادتیہ سِندِس تعمیر کرِی مَتِس وِشنو
رنہ سوامن مَندرس سِتی۔

کِنہ ژاٗکِس اندر چھےٚ اَکھ قبر یَیمیک پیوٚر
وُنہ تہ موجود چھُ۔ آثارن کھوٗورکُن چھ پرانہ تعمیرِک آثار
یم رنگ شالایہ ہنٛدی آسنی گژھن۔

رنہ سوامن مَندرُک ذکر چھُ منکھ پنڈتن
یہ وُنِتھ کوٗرمُت زِ تَسندِس مارِس اُس اَکھ زبردست
پرِتھ تہ ژوٗنرازن چھُ مَندر پژرو پوٗریک خاص
مَندر گنٛزرمُت یَیمہ سِتی ژینہٕ وَن چھےٚ لگان زِ
رنہ سوامن مَندر چھُ پنٛداہِمہ صَدی منٛز ڈَنجہ
اوسمُت تہ اوٚت چھُ لُکھ پوٗزا یہ باپتھ اَسی ہتی گژھان۔
زیارت کِس حاطس منٛز حاجی صاٗبُن دفن آسُن
چھُ سٹاین سِنٛز نِشاندہی ردکران۔ ژوٗنرازنہٕ بیانہ
موجوٗب چھُ پنٛداہِمہ صدی منٛز رنہ سوامن مَندر
اَکھ آباد مَندر اوسمُت تہ آباد مَندرکِس حاطس منٛز
کیتھہ پاٹھی پیہ ہے اَکھ دینی بزرگ دفن کرنہٕ۔

(م۔ل۔س)

## کتاب نامہ:


*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Kak R.C: Ancient Monuments of Kashmir


# روضہ حبیب اللہ نوشہری

یہ روضہ چھُ سرینگرکِس شمالس منٛز
گاندربل گژھہٕ وُن وَتہ وشرارناگ تہ شری بٹہ مُکلس
درمیان نوشہر سٹرکہ کھوور پاسہ۔ روضہ کِس حاطس منٛز
اژوُن ژھینی کِنی چھےٚ مسجد اُسمژ یَیمیک بوٚنیُم حصہ
دوری کنین ہنٛد چھُ اوسمُت یتھ پتہ مہراج سیرہن
ہنٛز لبہ کھاٗیتھ بُرزپُش دِنہ اوس آمُت۔ یہ مسجد کَر
خستہ حالتس منٛز آسنہٕ کِنی نور الدین بزازن ۱۹۸۱ء
منٛز شہید تہ کرِن وُسعت دِتھ دوان وُریین اندر
نوٚسر تعمیر۔ حاطس منٛز اژوُن کھوور پاسہ اوس ۲۵
فُٹ چوٚرس تلاو یَیمیک نہ از کانٛہہ نِشانہ تہ چھُ۔
روضس چھُ شانٛد طرفہٕ کیوٚر یتھ شوٗژ تہ صاف آب
اوس۔ یہ چھُ گنٛد نالہ تِشگاف گژھنہٕ کِنی خراب گومُت۔
استانس قبلہ طرفہٕ چھُ دِوری کنین ہنٛد خانقاہ یتھ
مرمت کرنہٕ پتہ ٹینہ پُش دِنہ آو۔ اتھ خانقاہس منٛز
چھُ از درسگاہ۔

آثارو تلہ چھُ باسان زِ خانقاہ تہ مسجد چھےٚ
استانہ کھوتہ سیٹھاہ بڈ وُنہٕ اَسی ہتی۔ روضس شمالہ
طرفہٕ کژہِرِس نکہ چھُ از تہ اَکھ بوڈ بار پانڈوک موجود۔
خانقاہس بوٚنہ کِنہ آسہ زِ پوٚکھر۔ از چھےٚ یمہ دوٚنوے

تہٕ چھِنے روضس لاگِتھ۔ شُمالہٕ طرفہٕ چھُس ہشے ژور دارِ تہٕ مشرقہٕ پاسہٕ اُٹھ فُٹہٕ تھزٕ تہٕ ژور فُٹہٕ کھجہٕ اَکی گاچہٕ تڑِنے دارِ۔ غلام گردِشس اندرٕ چھُ پنجرکاری گرِتھ ۱۹ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ سَتھ فُٹہٕ کھوٗل روضہٕ۔ پنجرس چھِنے ژوٗ پاسے ژٕ فُٹہٕ چورَس اَکھ اَکھ شیشہٕ دارِ۔

روضس چھُ مشرقہٕ پاسہٕ دُوٗ دارِ لکر ہُند ۶×۹ فُٹہٕ اَکھ سادٕ دروازٕ۔ وَنہٕ کنی چھِنے اتہٕ یوزٕ آصف تہٕ سید نصیر الدین سُنزٕ کمنا بہٕ چھُ ژادرٕ تراوِتھ ژٕ قبرٕ۔ قبرن ہنٛدین پیرہن نکھہٕ چھِنے جنوب مشرقہٕ پاسہٕ اَکھ کنی یتھ پیٹھ ۱۴ انچہٕ زیٛٹھی دوٚن کھوٗرن ہنٛدی ژٕ نشانہٕ چھہٕ۔ اَتھ متعلق چھُ وَنہٕ یِوان زِ یِم نشانہٕ چھہٕ یوزٕ آصف سُنٛدین کھوٗرن ہنٛدی۔ اَمہٕ علاوٕ اُس روضس نکھہٕ مغربہٕ پاسہٕ اَکھ مُربع چالہٕ دار یتھ اَکی روزن وٲلی مہرینہٕ تہٕ مہراز ہُنٛد وَردَن کامیٲبی باپتھ تراوان اُسی۔ اَزکل چھِنے یہ دٲر استانس مغربہٕ پاسہٕ سڑک تھزراونہٕ سببہٕ بنٛد گامٕژ۔ (م۔ع)

کتاب نامہ:

*F.M. Hasnain: Fifth gospel.
*Hasan: Tarikh I, II
*Nazir Ahmad: Jesus in Heaven on Earth

## روضہ پیر حاجی محمدؐ

پیر حاجی محمد صابٕنٛ مقبرٕ چھُ سرینگر میر محلکس شُمالس

کُن صراف کدلہٕ۔ پیر صاب اُسی حضرتِ امیرس سٕتی کشیر آمتی۔ حافظِ کلام اللہ آسنہٕ علاوٕ اُسی عالم دین تہٕ مُبلّغ تہٕ سارِی ہے وٲنسہٕ رٚوٗدی اسلامُک تبلیغ کران۔ یِم گئے (سنہ ۷۹۲ھ) ۱۳۹۰ء منٛز یتمہٕ عالمہٕ۔ زیارت رُکس حالس منٛز چھُ اَکھ کنہٕ ژوک پیس گرٕ یتھ کہٕ اعتبارٕ بدشاہ سُنٛدِ ڈُمٹکس کُنس سٕتی رلان چھُ۔ فرق چھُس صرف یِیٛرے ژٕ حالس منٛز مَوجوٗد کنہٕ ژاکس چھِنے مشرقہٕ تہٕ مغربہٕ طرفہٕ ہیر کھارِتھ۔ یِیلہٕ زن ڈُمٹس دریاوٕ طرفہٕ اَگلے ہیر چھِنے۔ اَتھ جایہٕ چھُ پڑدن کُستام تعمیرہٕ اوسمُت یمیُک کُن پننس اَصلی حالتس منٛز مَوجوٗد چھُ۔

کوٗنہٕ ژینٛتن منٛزس بغلہٕ چھُ اَصلی تعمیرہٕ پتہٕ کنِہ سٕتی کھارنہٕ آمتی۔ رادٕ طرفہٕ کِین بغلن چھُ نکھہٕ تڑِنے تمرِنے دِلہٕ بناوِتھ۔

رام چندر کاکُن انداز چھُ زِ ہیر چھِنے پتہٕ تعمیرِس سٕتی واٹنہٕ آمٕژ۔ یِمَو پاترو سٕتی ہیر کھارنہٕ چھِنے آمٕژ تمہٕ چھِنے دوٚیمہٕ کمہٕ تام تعمیرُک حصہٕ تہٕ بدل کمہٕ تام مقصدٕ باپتھ اُسمٕژ۔ اَتھ اندازس چھِنے یِتھہٕ کنی پُشتنی گرٹھان زِ ہیر چھِنے اَصل تعمیرِ نش سٕیدِ سیوٗدٕ ژھینہٕ گامٕژ درینٛٹھ یِوان۔ آنگنس منٛز مشرقس کُن چھُ اَصل حالہٕ نِش الگ بیاکھ لوکُٹ مکانہٕ یتھ ترٕ ترٕ محراب تہٕ ڈور دار تھم چھِ لاگِتھ۔

تُربتِ شریفس پیٹھ چھُ اَچھوٗ زاڈیل پنجر کاری کرتھ
ژھریتھ پیٹھ زربافہ چہ تہ کمخابہ چہ ژادرہ ترأوِتھ چھےٚ۔
اندرِمِس روضس چھےٚ ژوٚ پارِ پنجر کاری کرتھ تہ قبلہ
طرفہ چھُس شیشہ پٹی لاگِتھ دارِ ییمہ منزٕ زائر تربتِ
شریفُک دیدار کران چھِ۔

غلام گردشہ کہ جنوٗب مشرقہ طرفہ چھےٚ
روضس سیتی بییہ اَکھ قبر یمن پیٹھ بدلہ کترِ ٹال
لاگِتھ چھِ۔ روضہ کہ قبلہ پاسہ غلام گردشس منز چھُ
تخت ییمہ پیٹھ مقامی لوکن ہندِ ونُنہ کنی
خواجہ صاب بہان آسی۔ آستانس مشرقہ طرفہ بییہ
مزارس منز چھِ اہندی لواحقین اوسودہ تہ جنوٗبہ پاسہ
تہ چھُس قبرستان۔

خواجہ حبیب اللہ حبّی نوشہری زاو ۱۵۵۵ء
(۹۶۳ھ) سلطان علی شاہ چک سندِس دورس
منزٕ۔ یُہ دوے آبائی پیشہ وانیُت اوسکھ مگر سلوکچ
وتہ پکنچ کل آسکھ لوکچارِ پیٹھے۔ خواجہ صاب آسی کاشرِ
علاوٕ فارسی پاٹھی تہ شعر ونان۔

یِہنز شاعری چھےٚ صوفیانہ موسیقی ہندین
مختلف مقامن منز شامل۔ روایت چھےٚ زِ خواجہ
صابُس اوس پانس تہ تار وائینک سلیقہ۔ یِم یِدی
جہانگیر سندِس دورِ حکومتس منز (۱۶۱۷-۱۸ء)
(۱۰۲۷ھ) منزٕ رحمتِ حق۔ (ع۔غ۔ن)

کتاب نامہ:

*Azad: Kashmiri Zaban Aur Shairi II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Sufi: Kashir II

## روضہ سیّد محمّد عالیؒ

سید محمد عالی سُند روضہ چھُ بڈگامُ ضلعس
منزٕ بکھر پور ہکریاچہ ہندِس بٹھس پیٹھ۔ یِہُند روضہ
چھُ سارِ کشیرِ منزٕ مشہور تہ دور دراز علاقو پیٹھ چھِ لوکھ اور
زیارت کرنہِ واتان۔ امہِ روضُک پرُون طرزِ تعمیر اوس
بلکل تِتھے ییتھ عام ریشِ آستانن چھُ آسان، البتہ
پرانِس تعمیرس آس نفیس پنجرِ کاری۔ نوٚو روضہ
تعمیر کرنس منزٕ چھےٚ امِک پرُون طرزِ تعمیر پرتھ رنگہ
ڈنجہ تھاونچ کوشش آمژ کرنہٕ۔ ییتھ منزٕ واریاہس
حدس تام کاریگرن کامیابی سپزمژ چھےٚ۔ روضُک
آنگن چھُ حاطہ بند ییتھ منزٕ اژنہ باپتھ مشرقہ تہ شمالہ طرفہ
ڈیڈِ چھےٚ۔ روضس چھُ بُتھ مشرقس کُن۔

سید محمد عالی سندِس روضس پیٹھ چھُ پرتھ
وری یہ اگستس منزٕ مالہ لگان، یُس رتس کھنڈس
چلہ ون روزان چھُ۔ تاریخ خاص کتھ چھےٚ یہ زِ اتہ چھُ زمین

روضہ حبیب اللہ نوشہری





پٮ۪ٹھہٕ گُنبد آبہٕ تہٕ زعوٗرٕ بیتر سِستی پوٗرنہٕ آمِت۔ اَستانَس چھُ اَندرہٕ نیبر سفید چوٗنہٕ گچھ کَرتھ تہٕ چوٗرنہٕ سُرخہٕ مَشنہٕ سیرِ ہنٛد چھُس لٲو۔ روضہ چھُ شیرہٕ ۲/۱ ۳۵ فُٹہٕ تہٕ رٕو یہٕ ۳/۴ ۳۶ فُٹہٕ۔ شُمالہٕ طَرفہٕ چھُس پانژھ محرابہٕ دار زٲوِج پِنجرٕ کٲری کَرتھ دارِ یمن پیٹھ ژور مُربع روشندان چھِ۔ مَشرقہٕ تہٕ جنوبہٕ طَرفہٕ چھُس ییٚژھے ترٛٚنے ترٛٚنے دارِ قِبلہٕ طَرفہٕ چھُس زٕ دارِ تہٕ دَروازٕ یِیتھ نوٗرخانہٕ چھُ

آمُت بَناونہٕ۔

دَروازٕ چ چار چوٗبِ چھےٚ موٗچہٕ ۱۲ آنٛچہٕ یِتھ کوٗرِتھ گُلکٲری کَرتھ چھےٚ۔ دَروازٕ چھُ ٹھنگن پیٹھ ۱/۲ ۵ فُٹہٕ کھوٚل تہٕ ۳ آنٛچہٕ موٚٹ۔

اُتھ چھُ ترٛٚ وور چار بام پَش۔ یِتھ حالے ٹین چھُ آمُت دِنہٕ۔ بژنگ چھُس عام رِیش طرزُک، یِتھ پیٹھ کِنہٕ سرتلیٖشو ٹوٗر چھُ۔ سٲری ہے اَستانَس چھُ ختم بنٛد تالو دِتھ۔

آمُت۔ سید محمدؒ عالی صائب اُسی حضرت شیخ العالمؒ

سِندی مُرید۔ یَمنٛ اہل وعیال ہیتھ چھِ یم پکھر پورکِس

روضَس مَنٛز اوسُودٕ۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہ :

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar



## روضہ شیخ احمد ژوگلیؒ

یہ روضہ چھُ سوپورٕ پیٹھٕ کوٗپوور گژھن وُن ۲۰

کِلو میٹر دوٗر ہنٛدوارٕ تحصیلہِ کِس ژوگُل گامَس مَنٛز۔

شیخ احمد اوس مخدوم صائبُن خلیفہ۔ تِمی چھےٚ شیخ

حمزہ مخدومؒ سٕنٛزِ زندگی پیٹھ رسالہ سلطانیہ" ناوٕ کِتاب لیچھمٕژ

رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ آو تِمی سٕنٛدِس مقبرَس پیٹھ اکھ روضہ

تعمیر کرنہٕ یُس ژوگلہٕ اَکِس لبرَس پیٹھ چھُ۔ اَتھ روضَس

سپٕز مختلف دورن مَنٛز مرمت۔ ۸۳-۱۸۸۲ئس مَنٛز

آو روضہ احمد خان ناوی عقیدت مَنٛدَ سٕنٛدِ دسی نوٚیِر

تعمیر کرنہٕ۔ اَمِچ ژینہِ وَن چھےٚ تِمہِ کتبہٕ سیتی لگان یُس

روضہ کِس دَروازٕ ہَنٛگس کھٕنٛنہِ چھُ :

روحتِ پُرفیض حضرت شیخ احمد فیض مند

ہست احمد خان بانی ایں مکانِ بہرہ ور

شد تمام انجام کارِ فیض بار دِل پسند

یک ہزار و سہ صد بودہ سنہٗ ایں نامور

۱۳۰۰ھ = (۱۸۸۲ء - ۱۸۸۳ء)

اَمہِ پتہٕ تہٕ سپٕز روضَس وَقتہ وَقتہٕ مرمت۔ مگر

دارِ دَروازٕ چھِس پرٛانی لاگنہٕ آمتی۔ صِرف چھُس تالوٗ

بَدلاونہٕ آمُت۔ پرٛانِس اَستانَس چھُ اوسُمت بُرزٕ

پَش۔ یتھ پیٹھ معمولی بٕرنگ چھُ اوسُمت۔ روضس چھُ تقریبَن

ژِتجھی وُری بَرٛد نہٕ ٹین دِنہٕ آمُت۔

روضہ سید محمد عالی

زراعت کماوٕنس مَنٛز اکار بکار پیٛنہٕ وول سامانہٕ ہکنُن آسان۔ بڑوٚنہہ کالہِ اُس ٹالَس پیٹھ پہلوان دَب تہٕ سَپدان تہٕ دوٗر دراز علاقو پیٹھہٕ یتھ گیوٚن والی اُسی روضَس اَندرٕ ٹیکھ گیوٚن لاگتھ حاضری دوان۔

سید محمد عالیؒ اُسی بذاتی بلخکی روزن والی اوٚے چھیم سیّد محمد بلخی ناوٕ تہٕ مشہوٗر۔ سیّد صاٗبن اوس سلطان سکندر (۱۴۱۳ - ۱۳۸۹ء) سنٛدِ وقتہٕ تشریف اوٚنمُت تہٕ ناگمی پرگنَس مَنٛز اوس تٔس جاگیر عطا کرنہٕ



 روضہ مرزا اکمل الدین



# رَوضہٕ مرزا اکملُ الدّین بدخشیؔ

یہ روضہٕ چھُ سرینگرس شُمالہٕ کنہٕ علم گرٕی بازرس تہٕ خولس دَرمیان سَڑکہٕ پیٹھ ڈُچھنہٕ پاسہٕ۔ قبلہٕ طرفہٕ چھُس اِمام بارہٕ زڈی بَل تہٕ شُمالہٕ طَرفہٕ مدین صابُن۔

مرزٕ صابُس عَلاوٕ چھِ روضہٕ کِس حاطس مَنٛز خواجہ شاہ نعمت اللہ کلوٗ، خواجہ قایمُ الدّین پتلو، تہٕ شہزادہ خانم تہٕ آسوٗدٕ۔ یہ اَستان کوٚر خواجہ قایم الدّین پتلوہَن گوڈنچہ لَٹہٕ مرزٕ صابنہٕ رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ تقریبَن

دوٚہ یہ وُہرِی ۱۷۲۰ء (۱۱۳۳ھ) مَنٛز تعمیر تہٕ اُتھ لُرِ لوٚر شُمالہٕ پاسہٕ اَکھ مسجد تہٕ بناوٕ ہِریہِ حالے نوٚ سیٚر شیرنہٕ سَنٛبالنہٕ چھِنہٕ آمٕژ تہٕ پتہٕ کنہٕ مَشرقہٕ طرفہٕ چھُس غُسُل خانہٕ تہٕ آمُت بناونہٕ۔ اَستانہٕ کِس تعمیرس اوس مینٛژ تہٕ مہرٲجی سیرٕن ہُنٛد لَداو۔ یِمکی آثار اَستان کِہ دَروازٕ تلہٕ چھِ نَنان۔ یہ دَروازٕ چھُ ½۵ فُٹہٕ تھزر تہٕ ½۳ فُٹہٕ کھجر نہٕ اَچِھ لَبہٕ تہٕ زٕینٛی چھِ مینٛژ بور کٔرِتھ یِمَن معمولی گلکٲری کٔرِتھ چھِنہٕ۔ دَروازٕ اژوٗن ۷×۵ فُٹہٕ وۄڈ چھُ دوہٕ ذٕ اَستانُس وُسعت دِنہٕ کِنی اَمہٕ کِس خاطس سیٚتی

آستان چھُ چوٗنہٕ سُرخہٕ لِپاٹے کٔرِتھ سیرِن تہٕ کنین ہُنٛد تعمیر۔ زٕچھر چھُس ۲۹ فُٹہٕ تہٕ کھجر ۲۲ فُٹہٕ کُن چھُس ۱۰ فُٹہٕ تھوٗد۔ روے چھُس جنوٗبہٕ پاسہٕ۔ آستانس تام گژھنہٕ خاطرٕ چھِنے حال حالے خوٗبصورت ٹالہٕ لٲگتھ ہیر کھارنہٕ آمٕژ۔ دروازٕ طرفہٕ چھُس ڈب گُڈتھ۔ اَتھ تہٕ چھِنے ٹالہٕ وِتھراوِتھ۔ آستانس چھِنے مغربہٕ پاسہٕ ژور، شُمالہٕ پاسہٕ ژور تہٕ مشرقہٕ پاسہٕ ترٛےٚ پنجرٕ دارٕ۔ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھِنے دروازس دٔچھنہٕ کھووٕرٕ ای



گانچہ زٕ زٕ دارٕ۔ ۲/۱ ۹ فُٹہٕ چورس روضہٕ چھُ خوٗبصوٗرت پنجرکٲری کٔرِتھ یتھ أندرٕ سیمنٹ کٔرِتھ پیوٗرٕ چھُ۔ آستانک غلام گردِش چھُ مشرقہٕ پاسہٕ ۸ فُٹہٕ، شُمالہٕ پاسہٕ ۲/۱ ۵ فُٹہٕ، مغربہٕ پاسہٕ ۱۰ فُٹہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ ۵ فُٹہٕ۔ غلام گردِشکس شُمال مغربی کوٗنس منٛز چھِنے صدیق بوے ناوٕ دٕ بزرگ ہِندٕ قبرٕ یمن ہُنٛد ذِکر تاریخ حسنس منٛز تہٕ چھُ آمُت۔

اَمہِ علاوٕ چھِنے قبلہٕ پاسہٕ بیاکھ قبر تہٕ یتھ متعلق وَننہٕ چھُ یوان زِ یہ چھِنے شیخ احمد ہِنٛدِس کُس تام رِشتہٕ دار ہِنٛزٕ۔ دوشونی قبرن چھُ پیٹھ سیمنٹ کرنہٕ آمُت۔ دُوور چار بام ٹینہٕ پٔش کٔرِتھ اَتھ آستانس چھُ چھتراولی طرزک ٹینہٕ بڑنگ۔ آستانس چھُ ژٕ واٹٕری قبرستان اَتھ چھُ شمالہٕ پاسہٕ ترٛےٚ پیپرٕ یمن منٛز اکھ پیوٗرٕ شیخ مسعوٗد سٕندٕ چھُ۔ آستانس جنوٗبہٕ پاسہٕ لامنس منٛز چھِنے جامع مسجد تعمیر کرنہٕ آمٕژ۔ سی۔ ای بیٹس سُندٕ وَنُن چھُ زِ اَتھ جایہ اُس بڑٕ وٕٹھہٕ تہٕ مسجد۔

آستانس پیٹھ چھِنے پرٛتھ وٕرِیہ ۷ ربیع الاول ختمات معظمات ہِنٛزٕ محفل سپدان۔ (م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہ:

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar



آمُت۔ روضس چھُ أنٛدرٕ ۲/۱ ۳ فُٹہٕ کھجہِ غلام گردش یَتھ تالوس پیٛپر مٲشی تہٕ لبَن گُلکٲری کٔرِتھ چھےٚ۔

یہِ أس بالا ڈٔری تہٕ اَتھ مَنٛز اوس اویسی صاٮ۪ب گوشہٕ نشین، ییٛلہِ سُہ شہید آو کرنہٕ۔ پیٛپرِ بَدل چھُ تربتس ژٕنٛدن لٔکرِ مُنٛد تختہٕ لاگتھ یَتھ پیٹھ پَنٛجرٕ کٲری کٔرِتھ ژھر چھُ۔ روضہٕ چھُ نقاشی کٔرِتھ ڈوٗنی ہِنٛچہٕ ہُنٛد۔ اَتھ چھ ژوشوےٚ طرفو بٔڈی بٔڈی شیٖشہٕ پٕٹی لاگنہٕ آمتی۔ زیارت چھےٚ عام رٕنٛش طرزِ تعمیرُچ مٲری مُنٛز مثال۔ اَتھ چھُ ڈوور چار بام ٹیٖنہٕ لٕش یَتھ پیٹھ برٛانٛگ چھُ۔ اویسی صاٮ۪بُن وہرُس چھُ پٔرِتھ ڈٔری یہِ ۲۹، ذلیقعدہ مناونہٕ یِوان۔

(ع۔غ۔ن)

كتاب نامہ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Noor-ul-Din-Zahid: Intizamiya Kameetee Uvaisi

## روضۂ ملک صاٮٔب

ملک صاٮ۪بُن روضہٕ چھُ سرینگرٕ وٕنٛتھٕ ڈٕچھنہٕ پاسہٕ ہفت یاربل تہٕ پالہٕ یاربل مُحلس درمیان لال چوکہٕ پیٹھ ۴ کِلومیٹر دوٗر۔ اَمہٕ کِس مَشرِقس مَنٛز چھُ صفا کدل تہٕ شُمالہٕ اَنٛدٕ گاش مُحلہٕ۔

خانقاہس مَنٛز چھُ ملک احمد یتو دفن، یُس سلطان حسن شاه (۱۴۸۴ء-۱۴۷۲ء) سُنٛد وزیرِ اعظم

زُلاوِنہٕ آمُت۔ روضہٕ چھُ اَندرٕ اَندرٕ ، ۵ فُٹ ۲ۄ زیٖکُھ
تہٕ ۴۴ فُٹہٕ شیٖر۔ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھُس ڈبہٕ ڈالانہٕ یُس وۄنی
نورخانہٕ چھُ تہٕ اَتھ پاسَس چھ سارِے سےٚ شیٖشہٕ لاگِتھ۔
قبلہٕ طرفہٕ پانژن دارِن تہٕ چھ شیٖشہٕ آمتی لاگنہٕ۔
تالو چھُس نوٚو ختم بند طرزُک ۔ اَستانَس چھُنہٕ
کُنہٕ قسمُک بزرنگ۔

مزارِ شریف اوس گوڈٕ تہٕ ژٕنس نبَس تَل
تہٕ از تہٕ چھ تتھے کُنی اماپوز مرزٕ صابنس تُربتہٕ
شریفس چھُ وۄنی سنگِ مرمرُک سرتابہٕ آمُت
بناونہٕ۔ یتھ مرزٕ صابنی کینہہ فارسی شعر کھنہٕ چھ آمتی۔

مرزٕ صاب زاے ۱۶۴۴ء (۱۰۵۴ھ) اَندر
شاہ جہانٕ سُندِس دورِ حکومتَس منز۔ آدٕنے کٕرکھ
عرفانکو منزل طے۔ یِم اُسی فارسی زبانی ہِندی
صوفی شاعر۔ "بحر العرفان" چھُ ہُنز شاہکار تصنیف
یُس شیٖتھ ساس باتن ہُنز مثنوی بحرِ خفیفس منز
چھے۔ دوٚیِم کتاب چھے "مخزن الاسرار" یتھ منز قصیدٕ غزل
بیتر چھ۔ مرزٕ صاب سپدی ۱۷۱۸ء (۱۱۳۱ھ) منز
رحمتِ حق۔

(ع۔غ۔ن)

کتاب فامہ:

*Azad: Kashmiri Zaban Aur Shairi II
*Hassan: Asrar-ul-Akhyar

## روضہ محمدؐ امین اویسیؒ

سرینگرس منز وێتھ ہِندِس ڈچھنِس
بٹھِس پیٹھ عالی کدلس نکھ چھُ سید محمد امین منطقی
سُند روضہ۔ اَتھ چھِ مشرقہٕ پاسہٕ رینچن شاہ سُنز
مسجد تہٕ قبلہٕ طرفہٕ گز ہتھ جوراہ دور عبد الرحمان بُلبُل
صابنی زیارت۔ سید محمد منطقی یُس اوس اویسی
تخلص تہٕ یِژ پاٹھی چھُ اوسی صاب ناو وَنَس تَل۔
اویسی صاب اوس صاحبِ کمال روحانی بزرگ تہٕ پننہٕ
وقتہٕ فارسی زبانی ہُند مشہور صوفی شاعر۔ شہ اوس
بڈشاہ صابن منگیتہٕ نیچو اویسی صابَن آد ۲۹ ذی قعد ۸۸۹ھ
(۱۴۸۴ء) شہید کرنہٕ۔

روضہٕ کس حاطس منز چھے قبلہٕ طرفہٕ اکھ
دپۆر پوختہٕ مسجد۔ اَستانس چھُ شمالہٕ پاسہٕ چھ لبہ
کتبہٕ لاگنہٕ یتھ آیت الکرسی تہٕ اتھ تلہٕ "شہیدِ کشمیر" عبارت
کھنتھ چھے۔ یِمہٕ تلہٕ اوہُند رحمتِ حق سپدنُک مادہ تاریخ
(۸۸۹ھ) ۱۴۸۴ء نیران چھُ۔ اَستانس چھُ ۲½ فُٹ تھود
کنہٕ ژوکھ تہٕ سُرخہٕ منز چھُس کنبن تہٕ سیرن ہُند
لداو۔ اتھ چھُ غلام گردش ہیرِ یو پاسو ۱۴ فُٹ کھجر
وسعت دِنہٕ آمت تہٕ شمال مغربی کونس تل چھُس دَرواز ژھٹہ

واریاہن ریشن خانقاہن ہِتی رلان۔ امہِ کس نوس تعمیرس منز چھ پرانہِ خانقاہکی پاٹھی زینہ، لکر تہ مہارا جی سیرہن ہُند استعمال آمُت کرنہ۔ خانقاہک بوڈ دروازہ چھ ۴ فُٹہ تھوٚد تہ ژور فُٹہ کھوٚل تہ اتھ پیٹھ چھ پوشہ ذاژن ہِندی نقش وِہ تلاوِتھ۔ ۲۴ فُٹہ چوٚرس خانقاہس چھِ ژہ شہے پاسو ستہ فُٹہ کھجہ تہ ژور فُٹہ تھز پنجر دار، یمن پیٹھ ڈایہ فُٹہ کھجر ووٚبی چھ۔

ملک صابنس روضس چھ پتس ٹین، یتھ پیٹھ تژ کوٚنل بژنگ چھ۔ دروازس اژونے چھ ملک صابُن روضہ، ییٚمہ کس پیپرس پیٹھ "عاقبت خیر آباد" کھنِتھ چھ۔ روضس نکہ چھ جنوٗبہ تہ مغربہ اندہ واریاہ پرانی پیپری نظرِ گژھان۔ یمن متعلق یہ مشہور چھ زِ یمہ قبرِ چھے ملک احمد یتو سندِ ین اَنگن اشناون ہِنزِ۔

مغربہ پاسہ چھے روضس نکھے اکھ مسجد یوسہ بقولِ مورخ حسن ملک صابن تعمیر کرمژ چھے۔ اتھ چھ مخدوم مسجد اوِکنی وَنان تِکیازِ اتھ متعلق چھے اتھ کِنہ لوکن ہِنز روایتھ زِ اتھ جایہ اسی حضرتِ شیخ حمزہ مخدومؒ واریاہس کالس عبادت کران۔ (م۔ع)

کتاب نامہ :

# روضہ میاں شاہ صابؒ

یہ روضہ چھ سری نگرہ باغ جوگی لنکر تہ نایدیارس درمیان دوہ درپوہ کھرہ ہِندِس بٹھس پیٹھ۔ اتھ چھ شمالہ پاسہ امام بارہ حسن آباد۔ روضس چھ جنوب مغربہ پاسہ خانقاہ ییٚتہ میاں شاہ صاب گوشہ نشین اسی۔ میاں عبدالرحمان شاہ صاب چھ پیشاہ صاب ناوِ تہ زٲنِس تل۔ اکثر ہانز چھ ناوِ لمن وِز پیشا صابُن ناو "پیشا پاشا" درِ راوِتھ سپدان۔ کاشرِ مشہور دوٚپ شنہ پیشا، رُدٕ بہاؤالدّین تہ داوِ بٹہ مول چھ ترِین روحانی بزرگن کُن اِشارہ کران۔

میاں شاہ صاب اوس ڈہی مہ صدی ہجری منز مخدوم صابس نش ننہ وورے مُلاقاتس گژھان۔ قبلہ طرفہ چھے یِہندِس روضس مسجد یتھ نہ ازتام کانہہ مرمت چھنے آمژ کرنہ۔ غلام گردشس وسعت دِتھ چھس جنوٗبہ پاسہ دروازہ آمُت بناونہ۔ یُس مشرقہ طرفہ چھ اوسمت۔ مشرقہ طرفہ چھ غلام گردشس وسعت دِتھ نوٗرخانہ آمُت بناونہ۔

استانس چھ اندرِ نیبر سفید چوٗنہ گچھ کرِتھ چوٗنہ سرخہ منز دہرا جی سیرن ہُند چھس لداو۔ روضہ چھ اندرِ اندرِ رہ پہ کنی ۲۸ فُٹہ تہ شیرِ طرفہ

اوس۔ اَتھ عہدس پیٹھ رُوزتھ گوٗ اَمِس بہادر فوٗجی جرنیل تازی بٹس سیتی اختلاف، یِیمہٕ سیتی حسن شاہ سٕندِس انتظامس کھرآو۔ اَدِ سُند باغی ذہن ژینتھ بوٚر حسن شاہَن۔ ملک احمد ییتو دوِن ڈٔریَن جیل تہٕ کڈنادِنس اَچھ تہٕ پَتہٕ سُند جیلس مَنٛز ے رحمتِ حق۔ بابا اسماعیل زاہدٕ سُند ٹوٹھ مُرید آسنہٕ سَببہٕ اوس صاحبِ حال تہٕ۔

مٔلِک صابُن روضہ یُس چھُ تعمیر کوٚرمُت اَتھ متعلق چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ حوالہٕ نَظرِ گژھان۔ ۳۴ فُٹہٕ چوٚرس روضس اوس دٕوری کنین ہُند کُٹھ تہٕ اَمِہٕ کِس لَدٕ اوس مَنٛز اوس دٕو دار لٔکرِ عَلاوٕ زیٛنہٕ تہٕ سیرِیَن ہُند استعمال آمُت کَرنہٕ۔ روضس اوس لٔکرِ ہُند تژٕ کوٚنل بڑنگ تیٛتھ نقش نِگاری ۱۹۳۴ ہس تام لَبنہٕ آسِ یوان۔ بڑنگَس پیٹھ اُوسُس سَرتلیٛو کلش کھارِتھ یِیمہٕ کِس تیٛنتھ لِس پیٹھ سَرتلیٛوٚ ژٔندرٕ بَناوِتھ اوس پَتس اُوسُس بُرزٕ۔ یہ روضہٕ چھُ مقامی لُوکو مہاراجہ ہری سنگھنِس دورس منٛز ۱۹۳۴ء مَنٛز دُبارٕ تعمیر کوٚرمُت طرزِ تعمیر کہ لِحاظہٕ چھُ مٔلِک صابُن روضہٕ کٔشیرِ مَنٛز



۲۲½ فُٹہٕ۔ شُمالہٕ طَرفہٕ چھَس ژور مَحرابہٕ دار زاُوِج پَنجرٕ کاٗری کٔرِتھ دارِ یِمَن پیٹھ روشَن دان چھ۔ قِبلہٕ طَرفہٕ چھَس یِژھے ترٛےٚ دارِ۔ تُربتہِ شریفَس چھُ زاُوٕیُل پَنجرٕ کاٗری کٔرِتھ ژھریتھ پیٹھ زَر بافچہٕ تہٕ کمخابہٕ چہِ ژادرٕ ترٛاوِتھ چھےٚ۔

روضس چھِ ژۄشۄے پاسو شیشہِ لاگِتھ تہٕ زائِر چھ ژۄ پاسے تُربتہِ شریفُک دیدار کٔرِتھ ہیکان۔ اَتھ چھُ ساٗری سے خَتم بَنٛد تالو دِتھ۔ پَتھ چھُس ترٛ وور چارِ بام یَتھ پیٹھ عام رٔنٛش طرزُک برٛنٛگ چھُ۔ (ع۔ غ۔ ن)

کتاب نامہ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar



## روگھناتھ مندر (پُرانی منڈی)

جیٚمہِ شہرَس مَنٛز پرانہٕ منڈی ہُنٛد روگھناتھ مَنٛدر چھُ مہارانی بھندرالی ہُنٛد تعمیر۔ مہارانی بھندرالی اوس اصلی ناو ایشوری دیوی یِمہ اُس بھندرال کس جاگیر دارہٕ سنٛز کوٗر یِیٚمہِ کِنۍ سو مہاراجہ رنبیر سنگھس باگِنۍ یِنہٕ پتہٕ مہارانی بھندرالی ناوٕ مشہور گیہ۔ ایشوری دیوی گر ۱۸۸۰ء مَنٛز مہاراجہ رنبیر سنگھن نیتھٕرٕ تہٕ ۱۸۸۴ء مَنٛز گوٚ رنبیر سنگھ دَیس ٹوٚٹھ۔ اَمہِ وِزِ اُس مہارانی صِرف سداہ ؤرِش۔

مہاراجہ رنبیر سنگھنہٕ گُزرنہٕ پَتے لوگ مہارانی پرانہٕ منڈی ہُنٛد روگھناتھ مَنٛدر تعمیر کَرُن تہٕ اَمیُک تعمیر کرنَس مَنٛز کوٗر تَمہِ سہٕ رقم خرچ یُس تَس مالہٕ نیُک گہنہٕ پات کٔنِتھ حاصل سپُد۔ تعمیر کٔرِتھ کوٚر تَمہِ مَنٛدر بابا پُشکر داسَس اَرپن یُس تَس پَنٛنِس یِشٹہٕ دیو روگھناتھ سُنٛد روٗپ باسان اوس۔ بابا پُشکر داس اوس

تۄرنے باگنیہ کرِمژ، یِمَن مَنز ژِتھرَن ہُنز دۄیِم تگ پژرتھ باگنیہ مَنز رام سِنٛدِ وَنوا سِچ باوَتھ چھےٚ کران۔ ترٛیِیم تگ چھےٚ رامَس تہٕ راوَنَس دَرمیان جَنٛگچ باوَتھ۔ پیٚٹھٕ کُنہ جٕتگرِ مَنز چھِ میوٕ آمتی ہاونہٕ تہٕ بوٚنٛم تگ چھےٚ گُلکاری ہُنز نِشانٕدہی کران۔ بیٹھکِ ہٕنٛدِن باقی دیوارَن پیٚٹھ چھِ رامایَن تہٕ کرٛشنہٕ لیلایہٕ ہُنٛد مَنظر بناوِتھ، یوٚز یِمَن اَنٛدر چھُنہٕ موضوعی اعتبارٕ تسلسُل نَظرِ گژھان۔ گُٹھکی مۄنٛزِ ژِتھر چھِ خاص کٔرِتھ رام سُنٛد وَنواس ہاونہٕ خاطرٕ استعمال آمتی کرنہٕ یِمَن اَنٛدر وَنَس مَنز تہنٛدی تکلیف خاص کٔرِتھ تم اِذایہِ یِمَن راونہٕ سٕنٛدی دَسی واتٕی، تہنٛز فتح منٛدی، اجودھیایہٕ سٕنٛد واپس یُن تہٕ رام سٕنٛز تاجپوشی شامِل چھےٚ۔ کُٹھس مَنز دَروازَس پیٚٹھ چھُ رِدھی تہٕ سِدھی ہیٚتھ گنیش سُنٛد مۄنٛزِ ژِتھر۔ کُٹھس مَنز اَنٛزُنے چھُ راجٕ دَشرَتھ سٕنٛدِ دَربارُک مَنظر اَچھَن برٛونٛہہ کُن یِوان۔ اَتھ مۄنٛزِ ژِتھرَس چھُ سۄنہٕ پاشِش گٔرِتھ تہٕ دَربارِن ہٕنٛدِس پوشاکَس مَنز رَنٛگَن ہُنٛد استعمال اَچھَن شیہلِتھ پاوان۔ رام چھُ لکشمَن تہٕ بھرت سٕتی ہیٚتھ سِنگھاسنَس پیٚٹھ بِہِتھ تہٕ شُترگن چھُ یِمَن برٛونٛہہ کُنہٕ وۄدنی۔ دَربارکِ اَمہِ مَنظرٕ دُچھَن کُن چھُ اَکھ لوکُٹ کُٹھ یتھ مَنز راجٕ دَشرَتھ شاہانہٕ سان سِنگھاسنَس پیٚٹھ بِہِتھ ہاونہٕ چھُ آمُت۔

رانی منڈی ہُنٛد رۄگھناتھ مَنٛدر چھُ کُنوُہمہِ صدی مَنز ڈوگری مۄنٛزِ ژِتھرَن ہُنٛدِس پوشہٕ باغ یتھ جہارتہٕ چھُ تہٕ رَنگارنٛگی تہٕ۔

مۄنٛزِ ژِتھرَن آنٛدر ہرگاہ رامایَن، کرٛشنہٕ لیلا تہٕ شیوی عقیدَن ہُنٛد پرتو نوٚن تہٕ ٹاکارٕ چھُ اَتھ سٕتی چھُ اَسہِ مغل دَورُک عکس تہٕ یِمَن مۄنٛزِ ژِتھرَن مَنز نظرِ یِوان۔ اَمہِ طرزُچ باوَتھ چھُ میوٕ کُشکابہ کران یُس ژوٗرہمہ تگِ مَنز پیٚٹھٕ کَنہٕ نظر چھُ گژھان۔

مَنٛدرَس مَنز چھُ گُلَس پیٚٹھ اَسہِ مۄنٛزِ ژِتھرَن ہُنٛز ژتوُوُہ تگِ دَژیٚنٛٹھ یِوان۔ دۄیِمیو صۄرژو ہُرِیمانہٕ چھُ اَسہِ مۄنٛزِ ژِتھرَن مَنز اردناری شور اَکِس سٹوٗلس پیٚٹھ بِہِتھ تہٕ نظرِ گژھان۔ مہنت سٕنٛزِ بیٹھکِ تلٕ کَنہٕ چھُ بیاکھ کُٹھ یتھ مَنز اَرداہَن مۄنٛزِ ژِتھرَن ہٕنٛدی باقیات مۄجوٗد چھِ۔ پانٛژہ مۄنٛزِ ژِتھر چھِ تِتھی یِمَن اَنٛدر صۄرژ بدٕ چھےٚ نیران۔ یِمَن اَنٛدر گنیش، رام، سیتاہٕ نٛدی لیٚس بیترِ علاوٕ مہاراجہ رنبیر سِنگھنی شبیہ تہٕ شامِل چھےٚ۔

مَنٛدرَس پٔٹھ راوَنَس مَنز یِنِمہِ حسابہٕ مصوِرٕ و رامایَنٛ راس لیلا، بھاگوت بیترِ کتابن مَنز مۄجوٗد حوالَن صۄرژھ عطا چھےٚ کرِمژ تتھ داد دِلَس چھُنہٕ کانٛہہ چارٕ لگان۔

رانی منڈی ہُنٛد رۄگھناتھ مَنٛدر چھُنہٕ طرزِ تعمیرکہ اعتبارٕ تیوٗت اہم ییٚژ اہمیت اَتھ مندرَس مۄنٛزِ ژِتھرَن

ذاژ بُتر اُژ کنہ ڈوگرہ تہٕ عقیدٕ کنہ اوس وِشنوٗ عقیدٕ کین دٲراگین مَنٛز شٲمِل۔

مہارانی ٲس کینٛژَس کالَس پانہٕ تہٕ مَنٛدرچ مۆنۍ ژِھترٕ وستی پارٲوِتھ بیٹھکِ مَنٛز روزان تہٕ اَتہِ روزنہٕ خٲطرٕ ٲس سعہ بابا پُشکر داسَس باقاعدٕ کرٲے دِوان۔ بابا پُشکر داس اوس پننٕ پان مَنٛدرُک سرپرست مانان تہٕ اَتہِ یم سادٕ سَنٛت روزان ٲسۍ تِمَن ٲس نہٕ کُنہٕ رٕنگہٕ کرٲے بیترِہنہٕ پوان۔ مَرنہٕ برٛونٛہہ پہَن کوٗر مہارانی پننٕ سوٗرے جاداد مَنٛدرَس اَرپن۔

بابا پُشکر داسنہٕ گُزرنہٕ پتہٕ بنیوو داہ ایکڑ زمین ہیتھ یہِ مَنٛدر رامانند سمپرداے ہٕنٛز مِلکیت۔

مَنٛدرٕ دھرم سال تہٕ مہنت ہٕنٛز بسن جاے



چھ اَکی تعمیرکہ حصہٕ تہٕ یِمَن اَنٛدر اَژنہٕ باپتھ چھُ اَکُے دَروازٕ اِستعمال یِوان۔ مَنٛدرُک تہٕ اَتھ سِتی وابستہٕ مَنٛدرَن ہُنٛد طرزِ تعمیر چھُ کُنوُہِم صدی ہِنٛدِ پہاڑی طرزِچ ژٕینہٕ وَن دِوان مگر اَتھ پیٹھ چھُ راجستھانی طرزِ تعمیرُک تہٕ اَثر۔ مَنٛدرُک کلش چھُ گوجر پرتہار مَنٛدرَن ہِنٛدِس شِکھرَس سِتی رَلان۔

مَنٛدرُک نیبرِیُم حِصہٕ چھُ پوٗختہٕ تہٕ دوٗر مگر اَنٛدرِیُم حِصہٕ چھُ اَکِہ سَرتازِ پوشہٕ گونٛدنُک احساس دِوان۔ مرکزی مَنٛدرَس چھُ اَنٛدرٕ کانٛہہ پارادِتہٕ عام رہایشی کَمرِ تہٕ چھ اَمی چالہٕ۔ مرکزی مَنٛدرَس مَنٛز چھےٚ رام سیتا تہٕ لکشمن ہٕنٛز مۆرژ۔ اَمہِ علاوٕ چھ مَنٛدرکس حاطس مَنٛز بیٚیہِ سَتھ لوکٹۍ موکٹۍ مَنٛدر یِمَن اَنٛدر، شنکر، نٹورشنکر، دُرگا، بدری نارایَن، لکھشمی نارایَن، مہاراج دھرم راج، ہنومان تہٕ بابا پُشکر داسنۍ سمادھ شٲمِل چھےٚ۔

رہٲیشی کَمرو اَنٛدرٕ چھ ترٛین کمرن سٕتھٕ خوبصورت مۆنۍ ژِھترٕ بنٲوِتھ۔ یِمے پاٹھی چھےٚ مہنت ہٕنٛز بیٹھک تہٕ مۆنۍ ژِھترٕ وستی شوٗبراونہٕ آمژٕ تہٕ اَتھ چھ تاوَس تہٕ ژِھتھر بنٲوِتھ۔

مہنت ہٕنٛز بیٹھک چھےٚ داہ میٹر زیٖٹھ تہٕ ترٛےنے میٹر کھج۔ نظرَن تھکاوٹ کاسنہٕ خٲطرٕ چھےٚ مصوٗرَن لبہِ

ترِ بن مۆنٛز ژِتھرٕن ہنٛز گوڈنچہ باگنِہ منٛز
چھِنہٕ گُل کٲرۍ، دٔنِس منٛز شو تہٕ پاروتی، تہٕ چھِ تس تل
کرشن نظرِ گژھان۔ مۆنٛز ژِتھرٕن ہنٛز دۆیمہ تگہ اندر
چھُ پوشَل منظر، سِنگھاسنس پیٹھ راز، وِشنو تہٕ کرشن
ہاوِنہٕ آمتی۔ ترٛیٚیمہِ باگنِہ منٛز یِمہ صوٗرژ اَسہٕ بُتھہ پیوان
چھِنہٕ تِمن اندر چھُ پوشن ہُند منظر، چیلہ ہِتھ باباجی،
بھرتری تہٕ راکھشن سٟتی لڑاے کران کرشن شٲمِل۔
ژوٗرِمہ باگنِہ اندر چھِ ترٛے مۆنٛز ژِتھر پچھانِہ یوان اکِس
مۆنٛز ژِتھرس منٛز چھِ دوٗوٕری سُندرِ گرٕ بینہٕ تِہُندی شُری
بٲژ دوٗوٕری کامہِ سٟتی آہری چھِ۔ انداز چھُ کرنہٕ آمُت
زِ یہِ چھُ بھگت کبیر سُند گرٕ۔ دۆیمِس ژِتھرس
منٛز چھِنہٕ بِہتھ دیوی آہرٕ ہاونہٕ۔ پٔنٛژمِہ باگنِہ منٛز تہٕ چھِ
زٕ مۆنٛز ژِتھر، اکِس منٛز چھُ رادھا یہ ترٛاوتھ کرشن
نیران آمُت ہاونہٕ تہٕ دۆیمِس منظرس منٛز چھُ دٔنِس
منٛز کرشن گوپیَن سٟتی گِندان آمُت ہاونہٕ۔ یُس
دروازٕ پٔنٛژمہِ تہٕ شیٚیمہِ باگنِہ ژھٕہن چھُ دوان
تَتھ دروازس چھِ پیٹھن پیٹھ دوشوٕنی طرفن باسلاح
سِپاہ بناوِتھ۔

سٕے سمبلی ہُند رگھناتھ مندر چھُ مۆنٛز ژِتھرٕن
ہُند نِگارخانہٕ۔ مندرس منٛز موجود مۆنٛز ژِتھرٕن ہُند
تعلق یۆدوَے مذہبی موضوعن سٟتی چھُ مگر ژِترکارن
ہنٛز ہوٗنرمندی چھِنہٕ پزِتھ جایہ گاہ ژھٕٹان مندرکِس
کُلہم مۆنٛز ژِتھرٕن وۄن دِتھ چھُ باسان زِ زٕن چھِنہٕ ہندو
دیومالا ہِمن مۆنٛز ژِتھرٕن اندر ژٕرِستھ آمٕژ۔ (ام-ل-س)

کتاب نامہٕ:

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## رگھناتھ مندر۔ میوٗل چک

جیٚیمہِ پیٹھ ۱۲ کلومیٹر دوٗر میوٗل چک چھُ
اکھ بوڈ گام ییٚتہِ اکھ شوٗبہ دار رگھناتھ مندر چھُ۔
مقٲمی لوکن ہنٛز روایژ موجوب چھُ مندر اکی باپاری
مردھان شہن تعمیر کوٗرمُت۔ مندرُک تعمیر چھُ
۱۸۸۶ء منٛز شروٗع سپدِتھ ۱۸۸۷ء منٛز انٛد
ووتمُت۔

مردھان شاہ اوس نِنے پوٗترٕ۔ روایت چھِنہٕ زِ یتھے
مندرُک پزِکرم مکمل سپدِ تس زاو نیٚچو یُس سُکھ
رام شاہ ناو تھوٗون۔

مندرس چھُ ڈوگری، ہندی، اُردو تہٕ ہندا
زبانِہن منٛز ژوٗر کتبہٕ لاگِتھ۔ کتبہٕ موجوب چھُ مندر
بپرکل سُند نیٚچو پوشاہ گنڈا تہٕ چیلاہن تعمیر کوٗرمُت۔
مقٲمی روایژ مقابلہٕ چھِنہٕ کتبُچ شہادت معتبر ییٚتہِ مندرٕچ

ہنٛدِ اعتبارٕ چھےٚ، یہِ مَنٛدر چھُ ڈوگری مۄنٛز ژِتھرَن ہُنٛد اَکھ حسین باغ یَتھ مُنٛز سونٛتھ دوہے بَرجستہٕ روزِ۔

کتاب نامہ :                                        (م۔ل۔س)

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## رگھناتھ مندر (سِرینگر)

وُچھو: رنبیر سوامی"

## رگھناتھ مندر سُے سِمبلی

جیٚمی شہرٕکِس شُمال مَغرِبَس مَنٛز ۱۵ کلومیٹر دوٗر سُے سِمبلی ہُنٛد رگھناتھ مَنٛدر چھُ روایژ مۄجوب مہاراجہ گلاب سِنگھُن (۵۷-۱۸۴۶ء) تعمیر۔ مہاراجہ گلاب سنگھ اوس سُے ہِنٛدِس پرٕیم داسَس سُنٛد معتقد، یِمہٕ کِنی تٔمۍ مَنٛدرٕ علاوٕ اَتہٕ پریم داسنی سمادھ تہٕ تعمیر کَرناوٕ۔ طرزِ تعمیرکہِ اعتبارٕ نہٕ چھُ مَنٛدر تہٕ نہٕ سمادھ کُنہِ شانہٕ شوکتُک باس دِوان، مگر مَنٛدرٕکِس طرزِ تعمیرَس پیٹھ مادٔنی علاقَن ہِنٛدین مَنٛدرَن ہُنٛد اَثر چھُ ٹاکارٕ۔ مَنٛدرَس چھِنہٕ کُنہِ رَنٛگہٕ کانٛہہ مُرژگری کَرِتھ۔ گرٕبھہٕ گرٕہس چھُ زٕ مۄنٛز ژِتھر یِمو اَنٛدرٕ اَکس مَنٛز کالی ناگ تہٕ کرشن تہٕ دوٚیمِس مَنٛز گژھِ زٕنی



رانی محلہٕ خانَس مَنٛز بہِتھ چھےٚ ہاوِنہٕ آمٕژ۔

مَنٛدرٕکِس پرٕکرمس چھُ کاہ مۄنٛز ژِتھر۔ یِمو اَنٛدرٕ کینٛہہ واریاہ بٔڈی چھِ۔ اَمہِ مَنٛدرٕکی مۄنٛز ژِتھر چھِ ڈوگرٕ مۄنٛز ژِتھرَن اَنٛدر شاید سارِوٕے کھوتہٕ بٔڈی تہٕ کُشادٕ مۄنٛز ژِتھر۔ سُے سِمبلی مَنٛدرٕکین مۄنٛز ژِتھرَن چھُنہٕ اَنٛدی اَنٛدی پوشہِ گَنٛبر بلکہِ چھےٚ اَکس تہٕ دوٚیمِس ژِتھرَس اَکِہ زاوِی جہِ رِکھہٕ سیتی باگرَن کَرنہٕ آمٕژ۔ کُنہِ کُنہِ چھِ مۄنٛز ژِتھرَن اَنٛدی اَنٛدی پوشہِ بناوِتھ۔ مۄنٛز ژِتھرَن مَنٛز چھُنہٕ کُنہِ تہِ جایہِ گَنٛزرُک احساس دِوان تہٕ منظرَن ہٕنٛز سادگی چھےٚ سیٹھا خوش کران۔



تہٕ وزیرِ اعلیٰ سٕنٛدِس پرائیویٹ دفترس دَرمیان موٗجوٗد۔ اَتھ چھےٚ بُتھہٕ اَکھ لوکٕٹ باغ ہَن۔

اگرچہ سَنہٕ ۱۹۰۰ عیسوی یَس مَنٛز فرینکلن وِلکلے سٕنٛدی ڈُسی تعمیٖر۔ ۱۹۲۸ہَس مَنٛز آو یہِ کُشادٕ کَرنہٕ تہٕ ۱۹۳۲ہَس مَنٛز آیہِ اَتھ مزید وُسعت دِنہٕ۔ گرجس آو اَکھ نوٚو دَرگاہ ہُرراونہٕ تہٕ یتھٕ پاٹھۍ چھُ گرٕجک اُزیک تعمیٖر کرنہٕ آسہٕ کہ اَصلی ڈِزاینہٕ مطابِق باسان۔ ۱۹۳۱ہَس مَنٛز آو مُقامی عیسایَن تہٕ نیٚبرٕ پیٹھٕ ینہٕ والین عیسایَن ہٕنٛزٕ کوٗششو سٟتی اَتہٕ پادٕری خانہٕ تہٕ تعمیٖر کَرنہٕ۔

(م۔ ل۔ ن)

کتاب نامہٕ:

*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade.
*Christian Conference: Christianity in J&K.

## رینچَن پوٗر

رینچَن پوٗر اوس تبتی شہزادٕ رینچنَن لیُس



لَبہٕ پیٹھ دوٚن زٕہن ہُنٛد ژِتھر تہٕ کُشنےٚ چھُ کران۔

مَندرٕچ خاص کتھ چھ اَکی مُوٗنی ژِتھر یِتھ یَمو اَندر چھ اکثر تہٕتی گٹ زٕ وُچھتھ چھُنہٕ پَلہٕ کیٛنہہ پیوان ووٚنی گوٚ یہِ کینٛژھا پتھ کُن یِکیٛو مُت چھُ تتھ پیٹھ چھُ لُکہٕ روائیژ ہُنٛد گوٚن اثر۔

گرٕبہ گرٕیہٕہس بُتھِ لَبَن چھےٚ پوشہِ ژِتھر تہٕ مالہٕ بَناوِتھ تہٕ مَندرَس مَنٛز چھےٚ رام تہٕ سیٖتایہٕ ہِنٛز مورژ گرٕبہ گرٕیہٕہس کھوٚورکُن لَبہٕ پیٹھ چھ ژور مُوٗنی ژِتھرِ یمی تہٕ ٹاکارٕ چھ۔ گوڈنیک ژِتھر چھُ لیشودایہٕ ہُنٛدیَن وہسہٕ شُدرٕ سیتی چھےٚ۔ یہِ مَنظر چھُ تمہٕ وَقتُک ییٚلہِ تَس کُہ کال بِژوٚنہہ کوٗر آس زامژٕ دوٚیمس مَنظرَس مَنٛز چھ شِو، بٕرہما تہٕ وِشنو نَظرٕ گژھان تہٕ ترٕیِمس مُوٗنی ژِتھرَس مَنٛز چھُ رام تہٕ لَکھشمَن راگھنیٖہ تیٖرلایان۔ یَمو مُوٗنی ژِتھرو ہیوٚر چھُ سیدہٕ بیاکھ مُوٗنی ژِتھر یتھ مَنٛز شکار کرَنُک مَنظر اوس ہاونہٕ آمُت مگر اَتھ چھُ ووٚنی پھیش لوٗگمُت صِرف چھےٚ ترٕےٚ خوٗبصوٗرت روٗسی کیٚچہٕ پیٚتھ کُن روزمژٕ۔ گرٕبہ گرٕیہٕہس پتہٕ لَبہٕ تہٕ چھ مُوٗنی ژِتھر آسی ہتی بَناوِتھ مگر یَمو اَندرٕ چھ صِرف اَکس جایہٕ رام تہٕ سیتا بوزنہٕ یِوان۔

گرٕبہ گرٕیہٕہس بُتھِ دٕچھُن کُن چھ ترےٚ نار

یَمو اَندرٕ چھ دوٚن اندر مَندر بَناوَن والیٚ سنٛز شبیہہ۔ یہِ زَن اکثر آسان چھُنہٕ تہٕ ترٕیِمس تارَس مَنٛز چھُ باغ تہٕ کیٛنہہ شوٗبہ دار گرُی آہتی ہاونہٕ۔

(ام۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ:

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## روٗمن کیتھولِک چرچ

روٗمن کیتھولِک گِرجہ چھُ سِری نگرٕ پولو گرٛاونڈس نکھہ مولانا آزاد روڈس پیٹھ گورنمنٹ زنانہٕ کالجَس



مَنٛز قایم کرنہٕ آمُت۔ زانہٕ پورکِہ شُمالہٕ پاسہٕ شٲلی وُڈٕر پیٹھ چھےٚ وُنہٕ تہٕ رازٕ دٲنی ناوٕ اَکھ جاے وُنِس تَل، یِیٚمہِ سٕتی یہِ ثریٚنہٕ وَن چھےٚ لگان زِ اَتہِ آسہٕ ہَن بٕڈشاہ سِنٛدِ وَقتہٕ شاہی محل تعمیر کرنہٕ آمتی۔ وُڈٕر ہنٛدِس دامنَس تَل قبرِستانہٕ مَنٛز چھُ اَکھ پیٚۄر نبشوٗمُت یَتھ اَکِہ پاسہٕ ذی الحج ۱۱۲۰ہجری تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ (یاغفار غفورٗ) کھٔنِتھ چھُ۔ سَنہٕ حِسابہٕ چھُ پیٚۄر مغل بادشاہ قطب الدین محمد معظم شاہ سِنٛدِس دورَس (۱۷۱۱-۱۷۰۷ء) مَنٛز جعفر خان صوبیدار سِنٛدِ وَقتُک۔

شٲلی وُڈٕر پاسہٕ اَسِس بٕڈشاہ صایٚبن سیٹھاہ تھٔدی سوٚتھ دِتھ اَکھ نہر کَڈنٲوٕمٕژ یَتھ کِتَرِ وٕی نٲرِ اَسی لاگنہٕ آمتی۔ ژوٚداہ میل زیچھ اَتھ نہرِ آسہٕ زٲنہٕ سوٚتھ وَنان۔ زٲنہٕ پۄرِس نَکھہٕ زٲنہٕ سوٚتھِس کھَنان کھَنان چھےٚ اَکھ مُرتھ دٕرامٕژ یوسہٕ سرینگرکِس ایس۔پی۔ ایس میوزیمَس مَنٛز موجوٗد چھےٚ۔ مُرژ مَنٛز چھِ دشہِ اوتار ہاونہٕ آمتی تہٕ انداز موجوب چھےٚ مُرتھ نَوِمہِ صدی ہنٛز۔ زٲنہٕ سوٚتھِس اَندی پَکھی چھےٚ بجہٕ بجہٕ پاتَر تہٕ دٕرامٕژیم زٲنہٕ پورِ ناگہٕ ہیٚر پاوٕن لاگنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ اَتہِ چھِ ۳۶۰ ناگ، یِمن مَنٛز وَرناگ تہٕ شٲمِل چھُ، یِیٚمیُک ذِکر نیلہٕ مَت پۄرانَس مَنٛز چھُ۔ ناگَس پیٹھ چھےٚ پٔرتھ وَرِیہٕ نَو رٕیٚہہ ماوَسہٕ کالہٕ (ژِتھر گَٹہٕ پچھکہِ آخری دوہہٕ) دِوے لگان۔ اَتہِ چھےٚ وارِیاہ پرٲنہٕ مُرژٕ موجوٗد۔

زٲنہٕ پۄرِس مَنٛز چھُ شیخ شمس الدّین بغدادی سُنٛد اَستان۔ یِہ اوس بٕڈشاہ سِنٛدِ وَقتُک اَکھ تھٔدِ پایُک رٗوحٲنی بُزرگ۔ تِمی سِنٛدِ رٗوحٲنیتُک اعتراف کٔرِتھ تھٲو بٕڈشاہ صایٚبن تَس اَکھ مَنٛدوٗر آیہِ تَن یَتھ مَنٛز بغدادی صاب روزان اوس۔ اَمی سےٚ بُزرگہٕ سِنٛدِس وَننَس پیٹھ آو بٕڈشاہ زٲنہٕ پۄر ترٲوِتھ سرینگر بَسنہٕ۔ بغدادی صابنہِ خٲطرٕ آو اَتہِ اَکھ لنگر قایم کرنہٕ یِیٚمِکی اخراجات شاہی خزانہ مَنٛز دِنہٕ اَسی یوان۔

حُسین شاہ چَکَن ییٚلہِ (۱۵۶۹-۱۵۶۲ء) سرینگرٕ باغ حسین شاہ چکس (یَتھ حسین آنگن تہٕ اَسی وَنان) مَنٛز مدرسہ حسین شاہ قایم کوٚر، تِمی تھوٚو زٲنہٕ پۄر اَمہِ مدرسہٕ خٲطرٕ جاگیر بٔرِتھ۔ سلطان علی شاہ سِنٛدِ ۱۵۶۹ءمَنٛز تختس بیٚہنہٕ پَتہٕ ژوٚل حسین شاہ چک زٲنہٕ پۄر تہٕ کینٛژن کالَس بیمار روزنہٕ پَتہٕ موٗد اَتی۔

زٲنہٕ پۄرِس آو سِکھ دورَس مَنٛز اَکِہ الگ پرگنُک دَرجہ دِنہٕ۔ تَنہٕ پیٹھٕ چھُ یہِ علاقہٕ پرگنہٕ زٲنہٕ پور ناوٕ وُنِس تَل۔

زٲنہٕ پۄرِس چھےٚ جنوٗب مغربہٕ پاسہٕ ویتسہِ مَنٛز گَڈنہٕ آمٕژ ٹونگر نہر وسلن۔ یہِ چھےٚ اَمہِ کِس شُمال مَغربی علاقَس سٲراب

سُلطان صدرُالدّین ناو (۲۳-۱۳۲۰ء) کٔشیرِ
ہندِس تختس بیوٹھ) پننِس ناوس پیٹھ بسوومُت۔
رینچن پۆر اوس أزی کِس بُلبُل لنکر محلس
ہمسایہ۔ اَتھ نوآباد محلس اوس بچاو باپتھ ژٕہ پأرۍ
خندق دِتھ یٔتھ آب بَرِتھ اوس روزان۔ محلس
أندۍ أندۍ خندق آسُن چھُ ژینہٕ وُن دِوان زِ تَمہِ
وقتہٕ چھُ رینچن پۆر یا تہٕ راز دأنی اوسمُت نتہٕ چھُ بادشاہ
أتھی محلس منٛز روزان اوسُمت۔ رینچن شٲہنو مسجد
یوسہٕ تمہٕ وقتہٕ جامع مسجد اُس تہٕ چھےٚ رینچن پۆرس
نکھے آسۍ۔ تحقیقہٕ موجوب اُس یہ کشیرِ منٛز تعمیر
گرنہٕ آمٕژ گوڈنیچ مسجد۔ وُذکین چھتہٕ بُلبُل لنکرس
أندۍ ٹکھر خستہ تکیر یا کُنہِ پرانہِ تعمیرُک آثار موجود۔ مگر
کشیرِ منٛز تعمیر سپدَن وول گوڈنیُک خانقاہ،
خانقاہ بُلبُل شاہ یا بُلبُل لنکر چھُ یا تہٕ رینچن
پۆرس منٛز اوسمُت نتہٕ اَتھ نکھہ۔ رینچن پۆرس
منٛزے اُس سُلطان شہاب الدّین (۱۳۵۵-۷۳ء)
سنٛز شاہی مندور بیہ دگیر تہٕ تعمیر سپدے مٕژ۔

کتاب نامہ: (م۔ل۔س)

Dhar K.N: Ed. Glimpses of Kashmiri Culture V
※Dutt J.C: Kings of Kashmir
※Kaul S.K: Jonaraja's Rajatarangini

# زاۂنہ پۆر

سرینگرٕ پیٹھٕ ۶۰ کلومیٹر دور زاۂنہ پۆر چھُ
ویجہ بیار پیٹھٕ شُبِی یَن گرٛزہ وُن وَتہٕ منٛز یِوان۔ یہ گام
چھُ بڈشاہَن (۱۴۲۰-۱۴۷۰ء) بسوومُت۔ زاۂنہ پۆر آباد
سپدنہٕ برونٛہہ اوس یہ علاقہٕ راجہ سورَن ہنٛدِس
دورَس منٛز آباد کرنہٕ آمتہٕ اَڈوٕنۍ پرگنک حصہٕ۔
سورَن ہنٛد وقتہٕ اُس علاقس سگناونہٕ باپتھ وێشو
منٛز سورن مانہٕ کلاناو نہر کڈنہٕ آمٕژ، یوسہٕ پتہٕ سونہٕ مأنی
ناو وُنس تل اُس۔ سٹین ہنٛد بیانہٕ مطابق آس
۱۸۹۵ء تام تہٕ سونہٕ مأنی وێشو منٛز کھستھ نلو، پأری گوم
تہٕ گجر گامو منٛز وسان۔

جونراج تہٕ شری ور ہنٛدِ موجوب اُس زاۂنہ
پۆر بساونہٕ یِنہٕ برونٛہہ اَتھ علاقس "کرال" نہر سیراب
کران یوسہٕ شُبی یَنہٕ پیٹھٕ راموہ تام واتس کڈتھ
اُس۔ یہ نہر اُس وێشو منٛز وسان یِمہٕ موجوب
علاقس کرال وێشو پرگنہٕ تہٕ وَنان آسۍ۔

زاۂنہ پۆر بساونہٕ پتہٕ آیہ اَتہٕ عالی شان عمارژ
تعمیر کرنہٕ تہٕ سیٹھا وسیع تہٕ خوبصورت باغ بناونہٕ پتہٕ
آیہ تمن منٛز تہٕ بجہ بجہ مندورِ تعمیر کرنہٕ۔ زاۂنہ پۆرٕ ییک
تحصیل دفتر اوس جنوب مغربس کُن صفانگر گامس

دورس (۱۸۸۵ء ۔ ۱۹۲۵) منٛز لٔہراونہٕ ۔ اَمہٕ پتہٕ
کرنوو مہاراجہ ہری سنگھن (۱۹۲۵ ۔ ۲۶ء) بلکُل اَتھی
جایہ اکھ نوٚو تہٕ دۄر کدٕل تعمیر ۔ کدلس آیہ جان پٲٹھی
بخشی غلام محمد سندِس دورس (۱۹۵۳ ۔ ۶۲ء) منٛز
نوٚ سرٕ مرمتھ کرنہٕ ۔ ڈوگر دورکس گوڈ کالس منٛز
آسی لوکن اَتھ کدلس پیٹھ پھیہ دوان ۔

دِوداری تھمبن تہٕ پٔچن ہُنٛد یہ کدٕل چھُ
وُنی کِہن ۳۰۰ فٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ ۳۴ فٹہٕ کھوٚل ۔ اَتھ چھہ
دولہٕ کرِتھ ہندی ژور ٹھمٹھ یمن تلہٕ ترٛےٚ ٹھُٹھ
بناوِتھ چھہ ۔ (م ۔ع)

کتاب ناٮ۪ہ :

*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade
*Hasan: Tarikh I
*Lawrence: Valley of Kashmir
*Mohibbul Hasan: Kashmir under the Sultans

## زٲنہٕ کوٹ

زٲنہٕ کوٹ چھُ سرینگرس شمال مغربہٕ پاسہٕ
شتھ کِلو میٹر دوٗر خوشی پوٗر وُڈر دامنس تل
۳۴ ۔ ۶ عرض بلد تہٕ ۴۶ ۔ ۷۴ طول بلدس درمیان آباد
یہ گام چھُ زین العابدین بڈشاہن (۱۴۲۰ ۔ ۱۴۷۰ء)
زینہٕ کوٹ ناوٕ بسوومُت یتہٕ تمی عالیشان عمارژ
تہٕ خوبصورت باغ تعمیر کرناوی متی آسی ۔ گامس اَندی
ٹیکھی آس یتھ کالہٕ ژمبل ۔ پادشاہ سندِ حکمہٕ کرناوٕ رہ پہٕ
بٹھن خستہٕ گامتین مکانن مرمتھ تہٕ نوٚ سرٕ کرناوِن
مندورٕ تعمیر یمن پیٹھ جنڈٕ لٔہراونہٕ آے ۔ اَنداز چھُ
سپدان زِ اَتہٕ چھےٚ بڈشاہس بروٚنہہ تہٕ بتی
آسمژٕ ۔ زٲنہٕ کوٹس منٛز تعمیر سپنٛزمژ مندورٕ چھےٚ
مغل دورس تام موجوٗد آسمژٕ ۔ مگر وُنی کنِس چھینہٕ
اَتہٕ بڈشاہ سندِ زمانکی آثار دٕرینٛٹھ گژھان ، یتِمہٕ
تلہٕ ژینہٕ وُن چھےٚ لگان زِ تعمیر چھہ ناپایدار مسالکی
آسی متی ۔ ۱۸۹۰ء منٛز چھُ زٲنہٕ کوٹہٕ سداہ مکانہٕ تہٕ
اکھ مسجد آسمژٕ تہٕ اَتکی لوکھ آسی سرکاری بارٕود خانن
ہندِ خاطرٕ شورٕ بیترٕ تیار کران ۔ ۱۵۰۵ء منٛز سیٚد
فتح شاہس دوٚیمہ لٹہٕ تختس بیٚہنہٕ کہٕ غرضہٕ سُلطان
محمد شاہس سیتی زٲنہٕ کوٹہٕ سخ جنگ یتہٕ منٛز فتح
شاہ کالہٕ پسپا گو مگر دوٚیمہ دوٚہہ جنگ لگنہٕ پتہٕ
زیوٚن ۔

۱۵۷۰ء منٛز ییٚلہٕ سُلطان حسین خان بیمار
پیو، سخ جنگہٕ جدل سپدنہٕ پتہٕ کوٚر نجی ملکن تہٕ علی
کوکن زٲنہٕ کوٹس منٛز رٲزتھ مشورٕ تہٕ حُسین خانن
بوے علی خان آو تختس بیٚہناونہٕ ۔

کران۔ ژیٚش پوٚرِنِش چھُ نہرٕ ہُنٛد شاخ شیُہِ ین
کُن گژھان۔ ۱۹۵۳ سنہٕ پتہٕ چھےٚ مُرٛدٕ بگ، یارِ پوٚر نہر
تہٕ کڈنہٕ آمژ لویسہٕ زٲنہٕ پورِکس جنوٗبس مَنٛز بُجہٕ وُڈر
سَنگ واتناوان چھےٚ۔ (م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہٕ:


*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Hasan: Tarikh I, II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir
*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Sufi: Kashir II


## زٲنہٕ کدٕل

زٲنہٕ کدٕل چھُ ویٚتھِ پیٹھ فتح کدلَس تہٕ عٲلی کدلَس درمیان لال چوکہٕ پیٹھٕ ترٛےٚ کلومیٖٹر دوٗر۔ روایژ کِنۍ چھُ شہرُک سارِوے کھوٚتہٕ پرٛون کدٕل عٲلی کدٕل۔

سِری نگر شہرس اندر کولَن تہٕ دریاوَن پیٹھ مُستقِل پٲٹھۍ کدٕل تارُنک رواج چھُ دورِ سلاطینس مَنٛز شروٗع سپُدمُت۔ شاہمیری خاندانہٕ برٛونٛہہ۔ اُسۍ دریاوَن پیٹھ ناوَن ہٕنٛدۍ کدٕل یِم کُنہِ تہٕ حملہٕ وِزِ وَٹنہٕ اُسۍ یوان۔ شاہمیری دورُک گوڈنیُک دوٚر کدٕل چھُ سلطان زین العابدین بڈشاہن ۱۴۲۷ء مَنٛز تعمیر کَرنوومُت۔ ۹۶ گز زیٖٹھِس اَتھ کدلَس اُسۍ دِوداری لکرِ ہٕنٛدۍ ۱۶ فُٹہٕ تھدۍ ترٛےٚ ٹھٔٹھ۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ اَتھ مختلِف دوَرن مَنٛز مرمتھ کرنہٕ۔

اَمِچ خستہٕ حالتھ تہٕ تجارتی اہمیت نظرِ تَل تھٲوِتھ آو پرٛون زٲنہٕ کدٕل مہاراجہ پرتاپ سِنگھنِس



نالہٕ پیٹھٕ نۆہر کڈناونہٕ یوٚسہٕ وُنی کینٛس زٲنہٕ گیرس
سیٛراب چھیٚے کران۔

ییٚلہٕ بڈشاہ سٕندِس زمانس منٛز سوپورس
نار لوٚگ تہٕ سوٗرُے سرکٲری رِکارڈ نارٕ بُزی گوٚ، تِمہٕ
وِزِ کھِنہٕ نوو بڈشاہن ترامہٕ پٹس پیٹھ اَکھ کتبہٕ یتھ
منٛز ییٚنہٕ والین پادشاہن ژینہٕ وَن دِنہٕ آیہٕ زِ زٲنہٕ گیر
پرگنس گژھہٕ پادٲوارُک شیٚتیُم حِصہٕ لگانہٕ کَنہٕ ہیٚنہٕ
یُن (ییٚلہٕ زَن اَمہٕ برۆنٛہہٕ ژۄرِیُم حصہٕ ہیٚنہٕ اوس
یوان)۔ یہٕ کتبہٕ آو زٲنہٕ گیرچہٕ کھتہٕ تام مُقدس جایہٕ لاگناونہٕ۔

بڈشاہ سٕندِ زٲنہٕ گیرٕ پِٹھ دارالخلافہ بناونہٕ کہِ
شرارتہٕ دیاوِیوو تژہٕ گام کہِ ژُک قبیلکی زٕٹھی پانڈو
ژکن زٲنہٕ گیرس منٛز شاہی عمارژن راتھ کیٚتِ نار۔
بڈشاہن کرناوِ یم عمارژ نۆ سَر تعمیر۔ مگر پانڈو ژکنہٕ
زٲنہٕ گیرس دۆیمہ لٹہِ نار دِنہٕ پتہٕ چھُنہٕ نَنان زِ یم
عمارژ کیا سپزٕ نۆ سَر تعمیر۔ زٲنہٕ گیرکین بڈشاہی
تعمیرن ہنٛدی چھنہٕ وُنی کینٛس کُنہٕ جایہٕ آثار دینٛٹھ
یوان ییٚمہ تلہٕ یہٕ ژینہٕ وَن چھیٚے لگان زِ تعمیر ژھنا پائدار
مسالکی اَسی ہتی۔

بڈشاہ سٕندی سے دورس منٛز آو تِمہٕ
پیٹھ مذہبی عالم سید حسین قمیؒ دعوتس پیٹھ اَنناونہٕ۔
بادشاہن دِژ تِمس باغ زٲنہٕ گیرس منٛز روزنہٕ خاطرٕ
جاے۔ یتھ اَدٕ سٕندِس ناوَس پیٹھ سیدہ پۆر ونان
چھہٕ۔

زٲنہٕ گیر پرگنس منٛز چھہٕ سُلطان العارفین شیخ
حمزہ مخدومؒ سٕند آبٲئی گام تُجر (ییٚتہٕ تہندِس
بابہٕ صٲب باباعثمان رینہٕ سٕند اَستان چھُ) خواجہ
حسن قاری ہنٛز زیارت گاہ ہردوشو، سید فتح اللہ
صاٖبنی زیارت بُٹھے تہٕ کزالہٕ سنگرِ (شیر کوٹ بالس)
پیٹھ باباشکورالدین صاٖبنی زیارت ناو ہیٚنی لایق۔
اَمہٕ علاوٕ چھُ اَتھی کزالہٕ سنگرِ دامنس تَل وَٹلب ہش
شفا شاے۔ اَتہٕ چھ سٲلانین ہنٛدِ روزنہٕ باپتھ
واریاہ رلیسٹ ہاوس تہٕ تعمیر کرنہٕ آمتی۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:


*Akbar Hydari: Ed. Baharistan-i-Shahi
*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Dutt J.C: Kings of Kashmir
*Hasan: Tarikh I, II
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir
*Sufi: Kashir I, II
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir


## زُکُر

زُکُر چھُ سرینگرکس شمالس منٛز لال چوکہٕ پیٹھ
۱۲ کلو میٹر دور۔ اَمہٕ کِس شمال مغربس منٛز چھُ آستان

أزٕکؠ زٲنہٕ کوٹ چھُ یہ ڈُپ زِ تہٕ اَکھ صنعت نگر بنیومُت یێتہِ مرکزی سرکارُک گرِ بناوُنک کارخانہٕ تہٕ بێیہِ واریاہ فیکٹری چھێ۔ یِمو کارخانو خاطرٕ چھێ اَتہِ واریاہ عمارژ تعمیر کرنہٕ آمژ یِیمہِ سٟتی زٲنہٕ کوٹُس جدید قصبچ رونق چھێ آمژ۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:


*Akbar Hydari: Ed. Baharistan-i-Shahi
*Hasan: Tarikh I, II
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir
*Sufi: Kashir I, II


## زٲنہٕ گیر

زٲنہٕ گیر چھُ پُہرِ نالہٕ کہِ کھوورِ بٹھہِ پێٹھ وولرس تام سوپور قصبُک شُمالہٕ تہٕ شُمال مغربہٕ پاسہٕ۔ اَتھ پرگنس منٛز اٲسی ۱۸۶۰-۱۸۵۶ء چہ سرُوے مُطابق اَکہٕ ترٛہہ گام۔ [31] یہِ پرگنہٕ چھُ زین العابدینَن بسووُمت۔ اَمہِ پرگنُک کاڈ چھُ ہندوارٕ تحصیلہِ کہِ سُگی پورگامہٕ پێٹھ کرالہٕ سنگرِ (شیر کوٹ بالس) تام۔ اَتھ کرِیوس کیاہ اوس بڈشاہس بڑٕ وُنہہ وننہِ یِوان، تتھ مُتعلق چھِنہٕ شہادت دستیاب۔

زوٗنہٕ راز چھُ وَنان زِ وولرِ بٹھی بٹھو اٲسی بڈشاہن زٲنہٕ کوٹدُل تہٕ زٲنہٕ پٹن ناوی بێیہِ زٕ قصبہٕ تہٕ آباد کٔرۍ متی مگر یِمن دوشوٕنی قصبن متعلق چھِنہٕ بێیہِ کانٛسہِ مورخن تذکرٕ کورمُت۔ بڈشاہن اوس زٲنہٕ گیرٕ زٕ مربع میل باغ بناونومُت، یتھ واریاہ میوٕ کُلۍ تہٕ رنگا برنٛگۍ پوش لاگنہٕ اٲسی آمتۍ۔ باغکہِن ژورن کونن پێٹھ آسہٕ ژور عالی شان عمارژ تہٕ اَتھ أندۍ أندۍ أمیرن وزیرن ہنٛدِ خاطرٕ کوچہ تعمیر کرناونہٕ آمژ۔ باغچ آمدنی اٲس عالمن فاضلن ہنٛدِ خاطرٕ وَقف۔ بڈشاہن بنوو کینٛژرس کالس زٲنہٕ گیرٕ پٔنُن دار الخلافہٕ۔ ۱۴۵۴ ء منٛز گڈناوِن پُہرِ نالہٕ پێٹھ وولرس تام اَکھ نہر، یِیمکۍ شاخ سارۍ سے زٲنہٕ گیرس وہراونہٕ آے تہٕ یِیمہِ سٟتی علاقس سگ واتان اوس۔ زٲنہٕ گیرٕ نہرِ ہُنٛد تاریخ تعمیر چھُ یِیمہِ شعرٕ منٛز نیران ؎

چوٗ شد تحفیر آں جوئے گرامی!
خرد تاریخ گفتا "جوئے خرم"!

۸۵۹ھ = ۱۴۵۴ء

یہ نہر اٲس پُہرٕ پێٹھ (ہندوور) گامہٕ نِش پُہرِ نالہٕ منٛز نیران، تہٕ ؤٹلب نِش اٲس وولرس سٟتۍ رلان۔ یہِ چھێ ووٗنۍ خستہٕ حالتس منٛز۔ ڈوگرٕ دورس منٛز (۱۹۰۱ء) آیہ سونرٕ ونۍ ابنٛڈٕ پور

یہ مسجد سأریے مُنہدم۔ اَمِچ خستہٕ حالتھ وُچھتھ کٔر ۱۹۵۶ ہَس منٛز اَتہٕ کیٚو مُقامی لۄکو پرانہٕ جایہ نۆو مسجد تعمیر۔ مسجدِ چھُ مشرقہٕ اَندٕ میاں عبدالرحمان مانک شاہ سُنٛد مقبرٕ یَتھ ساڈ ژور فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ڈوڈ فُٹ کھۆل پیٚوٗر چھُ۔ (م۔ع)

کتاب نامہٕ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

# زۆنٛگ کھۆل

زۆنٛگ کھۆل گُمپہٕ چھُ بالہٕ کھوٗنہٕ منٛز زانسکارکِس اتینگ گامَس منٛز۔ گُمپِچ سأرۍ عمارتھ چھےٚ کٔنہٕ کھٔٹ گرن ییٚٹھ ییٚمہٕ چہ بنیاد مُتلق اَتہٕ کین مُقامی لۄکن ہُنٛد خیال چھُ زِ یہ گُمپہٕ اوس اَصلی سوٗ گوٗکھ ییٚتھن ہنٛدوستانہٕ ییٚٹھ آمُت مشہوٗر گیانی نروپا دیان کران اوس۔ زۆنٛگ کھۆل گُمپَس منٛز چھےٚ وۄنہٕ تہٕ زٕ گوٗکھ یِمن ییٚٹھ زٕ منٛدر بنأوِتھ چھِ۔ گوڈنِچ گوٗکھ ہنابوٚن یُہَن چھُ ستھ میٹر چۄرس سمن ردق ییٚمہٕ چہ لبہٕ ژوٗ واپأری ژِتھرد ہیٚتی بٔرِتھ چھےٚ۔ اَمِہ چہ کھوورِ دارِنش چھ اَکشوبے تہٕ سم ورِ ییٚتہٕ نِن زنانَن ہیٚتی نظرِ گژھان۔ یہنٛزٕ مُرژ چھےٚ سیٚٹھاہ خوٗشوٗنہٕ تہٕ لۄبہٕ وۄنہٕ۔ اَمِہ چہ ڈٔچھنہٕ دارِنش چھ لاما پدم سمبھو تہٕ مہاکال سُنٛد خوٗبصوٗرت ژِتھر۔ اَمِہ چہ اَکِس لبہٕ منٛز چھُ آدمی قدَس برابر اولوکیشورکاہ کلہٕ کٔرِتھ نظرِ گژھان۔ اَمی سٕنٛزٕ ٹِنہٕ ییٚٹھ چھ مختلف رنٛگن ہنٛدۍ پلو لأگِتھ۔ کھوورِ پاسہٕ لبہٕ نِش چھُ اَکِہ کمرُک دروازٕ یَتھ اَندر دیان جاے تہٕ تبتی کِتابن ہنٛدۍ چھأپِتھ مُسودٕ چھِ۔

سمن روقس ییٚٹھہٕ یُہَن چھُ دوٚیِمس منٛدرس منٛز مرپا تہٕ وجردھرن ہنٛدۍ خوٗبصوٗرت موٗنی ژِتھر تہٕ مُرژ۔ اَمِہ علاوٕ چھےٚ یتی مہٕ لبہٕ منٛز خوٗبصوٗرت ژور مُرژ سجأوِتھ تہٕ کھوورۍ کِنۍ چھےٚ لاما کرما، اکشوبے تہٕ لاما نروپٕ سٕنٛزٕ مُرژ یِم سارۍ سے مُرژ چھےٚ۔ ہنٛٹی میٹر تھز یِمن ہنٛدۍ بھتی نوٗرٕ بٔرِتھ تہٕ اِظہارُک زوٗ چھ۔ اَمِہ علاوٕ چھ بروک پا سلسلس ہیٚتی وابستہٕ واریاہن ووستادن ہنٛزٕ مُرژ المارین منٛز سجأوِتھ۔

نروپا گوٗکھ چھ تام واتنہٕ یاپتھ چھُ سمن روفہٕ کِہ مشرقہٕ اَندٕ یالس ییوان کھسُن۔ اَمِہ گوٗکھ ہنٛزٕ سارۍ لبہٕ چھےٚ دِہہٕ ہیٚتی کژیہنہٕ سپنٛزٕ مرژ۔ اَتھ گوٗکھ منٛز چھےٚ کینٛہہ کھٹہٕ پھرانہٕ مُرژ یِم مُشکلَن پرچھانہٕ یِوان چھےٚ یِمن مُرژن مُتعلق چھُ یِوان وَننہٕ زِ یِم چھےٚ سارۍ کھوتہٕ پرانہٕ مُرژ یِم اَکِس کالس منٛز بناونہٕ آمژ چھےٚ۔ گوٗکھ سۆتھرس

شریف حضرت بَل تہٕ مغربہٕ اَنٛدٕ نسیم باغ۔ اُزی کِس زُکرٕس اُسی پَتھ کالہٕ جشکہٕ پوٚر دنان۔ اَتہٕ اوس کشان راز جشکَن ( دوٚیِم صَدی ) اَکھ قصبہٕ آباد کوٚرمُت یَتھ جگرو تہٕ دنان اُسی۔ یہٕ قصبہٕ اوس حسن سٕندِ مُطابق پرگنہٕ پھاگس سٕتی شامِل تہٕ اَتہٕ اوس کلہن سٕندِ وَننہٕ مُطابق راز جشکَن اَکھ مضبوط بُدھ وِہار تہٕ تعمیر کَرنوومُت۔ اَمہٕ علاوٕ اُس اُمی رازَن سیٚنٛدِ مَنٛز اَکھ نٔہر تہٕ کڈنٕ آمٕژ یوٚسہٕ سارِی سے قصبس سیراب کَران اُس۔

۱۸۴۷ء مَنٛز ییلہٕ جنرل کننگھم اَتھ جایہ آو وُچھ اَنہٕ مُشِیدن کیٚنٛہہ تمہٕ کَنہٕ لاگِتھ یمن پیٹھ مختلف شکلَن ہنٛدی آکار لبنہٕ اُسی یوان تہٕ اَمہٕ مُزید گیہ تِمس قبرستانَن مَنٛز تہٕ تَشہے کَنہٕ نظر ییمہٕ تلہٕ تِمی یہٕ اَخذ کوٚر زِ پنڈت کلہن سٕندِ وَنُن چھُ پوٚز زِ اَتھ جایہ کیا اوس راز جشکَن اَکھ وِہار بَناونوومُت۔

(م۔ ع)

کتابیات:

*Cunningham: Ancient Geography of India.
*Hasan: Tarikh II
*Stein: Kalhana's Rajatarangini

## زندٕشاہ مسجد

زِندہٕ شاہ مسجد چھ سرینگرکس رعنٕ واری علاقس



مَنٛز حسی بٹہ محلس، کوٹھٕ بلس تہٕ ٹلپہ کھہس نکھہ۔ یہٕ مسجد اُس سُلطان العارفین شیخ حمزہ مخدُوم سٕندِس وقتس (۱۴۷۶ء — ۱۴۹۶ء) مَنٛز میاں عبدالرحمان مانک شاہ المعروف شُہَن تعمیر کٔرمٕژ۔ زِندہٕ شاہ مسجد اُس ۲۴ فُٹہٕ زیٚٹھ تہٕ ۲۰ فُٹہٕ کھُج۔ اَتھ اوس دِوٚری کنین ہُنٛد کٔن تہٕ تعمیرس مَنٛز اوس بٔڈ شاہی سیرِ بن، چوٚنگ تہٕ لکرٕ ہُنٛد استعمال آمُت کَرنہٕ۔ اَتھ اُسی مشرقہٕ طرفہٕ چِناپہ مَنٛز ترٛے سرانہٕ کٕھٹُو تہٕ آب جمع روزنہٕ باپتھ خزانہٕ۔ مسجدِ اوس دِ دار لکرٕ ہُنٛد تالو تہٕ بامَس اوس بُرزہٕ پٕش دِتھ۔ مغل دورَس مَنٛز سپز اَتھ وارِیاہ لٹہٕ مرمتھ۔ ۱۹۵۶ء تام گیہ



توپہ نیران، یوسہٕ کُنہٕ ناگہٲنی بلایہٕ ہٕنٛز ژٕنیہٕ وَن ٲس آسان۔ روایت چھےٚ زِ کُنہٕ وِزِ ٲس تیتہٕ زورٕ سان توپہ نیران زِ پنجرٕ پٹھٕ ٲسی وولرس مَنٛز لایہٕ یوان۔

روضس آیہٕ مختلف دورن مَنٛز مرمت کرنہٕ۔ سنہٕ ۱۹۴۶ء مَنٛز تہٕ چھےٚ اتھ مرمت سپٕنٛز ہٕنٛز ٹیمینیک پےٚ تمہٕ کتبہٕ تلہٕ سیدان چھےٚ یُس حال حالے تعمیر کرنہٕ آمتس استانس دروازس کھوورِ کنی لاگتہٕ چھُ۔ سنہٕ ۱۹۷۴ء مَنٛز سپُد استان نوٚ سرٕ تعمیر۔ یتھ اندی اندی وُسعت دِتھ سوگو پھ تہٕ عمارژ تل ہینہٕ آیہٕ یتھ مَنٛز باباشکورؒ عبادت کران ٲسی۔ نوٚو تعمیر سپدنہٕ برونٛٹھے ٲس صادق صابنس دورس مَنٛز (۱۷-۱۹۶۴ء) استانس تام سڑک تہٕ کھارنہٕ آمژ تہٕ آبکُ تہٕ بجلی ہُند انتظام تہٕ سپُد مُت۔ نوٚس تعمیرس دوران چھےٚ تم وونٛچہٕ

مَنٛز چھےٚ اَکھ بُڈٕ گُنٛی دہ بَرٕتھ یَتھ پێٹھ نٔرُپا سٕنٛدۍ
کھورن ہٕنٛدۍ نِشانہٕ لبنہٕ یِوان چھ۔ اَکِس انٛدٕس
کُنُ چھ شٕپشوبن المارِین مَنٛز گرٕتھ ژٕرتھ مٕرژِین
متعلق اَتھ کٔہن لامَن ہُنٛد خیال چھُ زیم مُرژ چھےٚ
شاکھیہٕ مُنی، اکشوبے، ناگ بنگ شیرنگ، گگ
بنگ، گورو رن پوچی تہٕ نٔروپا سٔنٛزٕ چھےٚ ناگ بنگ سٕنٛز
مُرتھہٕ چھےٚ بلکُل زُنتہٕ زِنٛدٕ انسان سٕنٛز تصویر ناگ
بَنگس متعلق چھُ یِوان وَننہٕ زِ یہ اوس اتھ گامُس
مَنٛز زامُت۔

دوٚیِم گوٚمپہٕ یہ چھ ژِتنس ہیوٗر بہین چھےٚ اَتہٕ
چھےٚ نٔروپا سٕنٛز مُورتھ۔ اَژونے چھےٚ اَتہ می لارسپا،
ایتاب تہٕ اولوکیشور سٕنٛدۍ ژِتھر۔ وَجر دھر سٕنٛز
مُرتھ چھےٚ دچھنہٕ طرفہٕ لبہٕ مَنٛز استاد۔ اَمہٕ علاوٕ
چھہ اَتہٕ اَمہٕ ژین لبَن مَنٛز واریاہ دِوتاہن تہٕ لامَن
ہٕندۍ ژِتھر تہٕ تصویر بناوِتھ۔

اَتھ گوٚمپہٕ مَنٛز یَتھ نٔروپا گوٚمپہ تہٕ وَنان چھ،
یِم مختلف لامَن ہٕندۍ خوبصورت ترین ژِتھر تہٕ مُرژ
موجوٗد چھےٚ تِم چھےٚ فن کاری تہٕ کاریگری ہُنٛد اکھ
خاص نموٗنہٕ۔ (م۔ ع)

**کتاب نامہ:**

*Franche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh, II

# زیارتِ باباشکورالدینؒ

یہ زیارت چھےٚ سوپورکس شمال مشرقس مَنٛز ۱۷ کلومیٹر دوٗر شیرکوٹ بالہٕ ٹھٔنگِس پێٹھ۔ شیر کوٹ چھُ وولرکس شُمالی بٔٹھس سیتی۔ اَتھ چھ کرالہ سنگر تہٕ وَنان۔ یہ بال چھُ پرانِس زٔمانہٕ کیر پرگنس تہٕ کھیہ ہامی پرگنس تہٕ اَزی کس سوپور تحصیلس تہٕ بَنٛڈی پورٕ تحصیلس مَنٛزس۔

باباشکورالدینؒ اوس مانچھ ہامی پرگنہٕ کہٕ آرت گامُک روزن وول۔ (آرُت چھ اَز بٔڈ گامی تحصیلک گام)۔ شکور صاب اوس بابا زین الدین سُنٛد خلیفہٕ مُرشد سٕنٛدِس وَننس پێٹھ رُود یہ کھُیہ ہامی پرگنس مَنٛز شنگہ پال پالس پێٹھ بہن وُری ین ریاضت کران۔ زندگی ہٕندۍ پتیمہٕ وُری ین رُود شیرکوٹ بالس پێٹھ اَکِس گوٚمپہ مَنٛز یادِ خُدا کران یَتھ مَنٛز تِمی یِنیمہٕ عالمہٕ گُزرنہٕ پتہٕ دفن کرنٕچ وصیت کٔرمژ آس۔ مگر پتہٕ آو یہ اَتھ گوٚمپہ نزدیک بێیس جایہ دفن کرنہٕ یِنہٕ تِمی سُنٛد روضہٕ تعمیر کرنہٕ آو۔

باباشکورالدینؒ سٕنٛدِس روضس اُسی اَنٛدۍ اَنٛدۍ ساری سے پنجرٕ پٹی پێٹھہٕ اوس بُرزہٕ پش۔ روضہٕ مَنٛز اُس ۱۹۴۷ء تام کُنہٕ ساعتہ

مَحلس مَنز۔ بٹہٕ مالیشُن اوس پَتہٕ کالہٕ اَکھ گام یُس اَز سرینگرکہٕ اَکہٕ مَحلہٕ زٔنگی زانہٕ چھُ یِوان۔ بٹہٕ مٲلی صٲبُن اَصلی ناو اوس شیخ داؤد ریشی۔ خواجہ یوسف کاٹجو سٕندِ ذٔریعہ بنٔیاو اللہ داد ریشی سُند مُرید تہٕ پیشہٕ اوٗسُس زٔمیندآری۔ دَپان تہٕنزِ زِندگٲنی منز ییٚلہٕ کٔشیرِ سَخ دٔراگ وۄتھ، شیخ داؤد اوس صُبحَس وُگرٕ دیگ تیار کَرناوان تہٕ دۄہی دۄہَس اوس اَیاری یَکِن والین بتہٕ چھۄ ہَتین کھیاوان۔ ییٚمہٕ موجوب تَس لۄکھ "بَتہٕ مول" وَنان آسی۔ بوٚہ ہِئے ناو گوٚ ڈٲرتھ تہٕ شیخ داؤد سُند پَتہٕ بَتہٕ مول ناو مشہوٗر۔ اَمی نِسبَتہٕ پیوٚ اَتھ گامَس "بَتہٕ مالیشُن" تہٕ اَدٕ بٹہ مالیشُن ناو۔

بٹہٕ مٲلی صٲبنہٕ (۱۰۷۰ھ) ۱۶۶۰ء منز رحمتِ حَق گژھنہٕ پَتہٕ آو سُہ پَنٕنِس اَتھ لنگرس نَکھہٕ دفن کَرنہٕ تہٕ عقیدَت مَنٛدو کوٚرہَس روضہٕ تعمیر۔ شیخ داؤد سٕندِس گُزرنَس پَتہٕ شیخ مؤمن سُند یہٕ قطعہ تارِیخ چھُ اَستانہٕ کِس نقش کٔرِتھ دَروازِ ہَنٛگَس خطِ نستعلیقس منز کھٔنِتھ ؎

سالِ تاریخِ وفاتش ہاتفی
دادِ اِلہامی مرا از بہرِ آں
شیخ مومن باسرِ اخلاص گفت
"بتہ مالو کردہ ماوا درجنان"

۱۰۶۹

سرِ اخلاص یعنے "ا" تہٕ "بتہ مالو کردہ ماوا درجناں" چھُ ۱۰۷۰ھ سمان۔ یُس بٹہٕ مٲلی صٲبُن تارِیخِ وفات چھُ۔

بٹہٕ مٲلی صٲبنہٕ زیارتچ موجودٕ عمارت چھےٚ اَلٕپٕلہٕ ہَتھ ؤری برٛۄنٛہہ عمر خان ناوی اَکہِ عقیدَت مَنٛدَن تعمیر کَرناومٕژ۔ یُس پانہٕ تہٕ زیارتس جنوبہٕ پاسہٕ حاطَس منز دفن چھُ۔ یہ چھےٚ ۳۸ × ۴۰ کَنہِ ژٲڑِکس پیٹھ رٹہٕ آمژ۔ پیٹھہٕ چھُس چۄنہٕ سُرخہٕ منز لوٚختہٕ سیرٕ بِن ہُند لَداو۔ اَتھ چھےٚ مشرق، شُمال تہٕ مغربہٕ پاسہٕ پانژہ پانژہ پنٛجرٕ دارِ ییٚلہٕ زَن جنوبہٕ طَرفہٕ روٗیہٕ پاسہٕ دَروازُس دٔچھنی کھووٕری زٕ زٕ دارِ چھَس۔ بٹہٕ مٲلی صٲبُن روضہٕ چھُ اَستانہٕ کِہ فَرشہٕ تھوٚد ۴ فُٹہٕ۔ اَتھ چھُ شُمال، مغرب تہٕ جنوبہٕ پاسہٕ ۶ فُٹہٕ کھجرٕ غلام گردِش ییٚلہٕ زَن مشرقہٕ پاسہٕ اَمیُک کھجر ۱۵ فُٹہٕ چھُ۔ روٗیہٕ پاسہٕ چھُ زیارتس برٛانٛدٕ کٔڈِتھ یٚیمیُک چھجہٕ خوبصوٗرت تھَمَن پیٹھ رٹنہٕ چھُ آمُت۔ برٛانٛدس پیٹھ کھَسنہٕ خٲطرٕ چھےٚ سَنگِ مَرمرٕچ ہیر۔ زیارتَس چھُ ترٛوور چار بام یَتھ پیٹھ ریٚش طرزُک لکٕرہٕ ہُند سیٹھا تھوٚد برٛنگ چھُ۔

زیارتَس مغربہٕ پاسہٕ حاطَس اَندر چھُ بٹہٕ مٲلی صٲبُن خانقاہ۔ اَتھ چھُ لنگرخانہٕ تہٕ وَنان۔ خانقاہس چھُ کَرِ ٹوٗٹکہٕ ژاکِن ہُند ریٚشی طرزِ تعمیر۔

ضایع کَرنہٕ آمژ یمَن منٛز بڑٕ وٚنِہ زاٚنہٕ گیر نہرٕ منٛز یا وولرٕ منٛز آب کھاٚرِتھ زاٚیرن ہنٛدِ استعمالہٕ خاطرٕ تھَوِنہٕ اوس یِوان۔ اَستانُس جنوٗب مغربی کوٗنَس تَل پٔرٲنۍ مسجد شہید کٔرِتھ چھےٚ ۱۹۷۶ءمنٛز نوٚ مسجد تعمیر کَرنہٕ آمژ۔ مَسجدِ مغربہٕ پاسہٕ چھےٚ نقش کھٔنِتھ لُکرِ ہنٛز بُڈ ڈیٖڈی یَتھ متعلق وَننہٕ چھُ یِوان زِ یہ چھےٚ بابا پَیام الدیٖن ریشی یَن پننِس پیٖرِ بأجس زِندگٲنی منٛزے سوٗزمژ۔ ڈیٖڈی چھےٚ تمہِ آیہ لاگنہٕ آمژ زِ اَتہٕ پیٹھہٕ چھُ بابا ریشی سُنٛد آستان بوزنہٕ یِوان۔ استانٕس مغربہٕ پاسہٕ چھُ بوٚنٛزِمس طبقس منٛز لنگر۔ حال حالے چھُ اَمہِ بوٚن پٔہن زاٚیرن ہنٛدِ روزنہٕ خاطرٕ مُسافرخانہٕ تہٕ تعمیر کَرنہٕ آمُت۔ مُسافرخانَس بوٚن پٔہن مغربہٕ پاسہٕ چھےٚ بابا ریگی ریشی سٕنٛز قبر۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ شیر کوٗٹ بالَس وولرٕ طرفہٕ کِس تھنٛگِس پیٹھ بابا رٔوپی ریشی سٕنٛز قبر تہٕ۔

زیارت چھےٚ ۵۳½ فٹہٕ چوٗرس، ۵ فُٹہٕ تھزرٕ کَنہٕ تَرٲگس پیٹھ کھارنہٕ آمژ۔ پیٹھ چھُس پوٚخت سیرہِ ہنٛد لداو۔ اَستانُک رۄے چھُ جنوٗبہٕ پاسہٕ۔ دَروازِس تام چھےٚ دوٚیہ اندوٚ دٔوری کنٕن ہنٛز ہیر۔ دَروازِس ڈُچھتی کھوٚڑی چھےٚ ۱۰×۵ اَکھ اَکھ شیشہٕ دار ییلہٕ زَن باقی ترٕن طرفن اَمی گاچہ ترٔے ترٔے دارِ چھےٚ۔ محرابی چالہٕ دارِن ہُنٛد پیٹھِم حصہٕ چھُ پنجرٕ دار۔ اَستانَس اندر چھےٚ ۲ فُٹہٕ تھزرَس تام ٹالہٕ لأگِتھ۔ روضس اُندی اُندی چھےٚ ۱۴½ فٹہٕ کھجر غلام گردِش۔ یَتھ ختم بٔنٛد تالوٗ چھُ۔ غُلام گردِشک فرِش چھُ رَنٛگا برنٛگی چِپس ترٲوِتھ سیمنٹک۔ بابا شکوٗرالدیٖن سُنٛد روضہٕ چھُ ۱۷½ فٹہٕ چوٗرس۔ اَتھ تہٕ چھُ ختم بٔنٛد تالوٗ۔ روضس چھےٚ ۲ فٹہٕ تھزرَس تام ٹالہٕ لأگِتھ تہٕ پیٹھہٕ چھُس شیشہٕ فریم۔ روضس اندر قبرِ چھُ نقشہٕ کٔرِتھ لُکرِ ہنٛد گُنبز چالہٕ ژھٔر۔ یُس ۸ فٹہٕ زیوٗٹھ، ۵ فٹہٕ کھوٚل تہٕ ۶ فٹہٕ تھوٚد چھُ۔ ژھرس اُندی اُندی تہٕ چھُ چِپس ترٲوِتھ سیمنٹ کٔرِتھ آمُت۔

بابا شکوٗرالدیٖن سٕنٛدِس زیارتَس پیٹھ چھُ وُہری وٕری یَس زاٚیر یِوان۔ ییٚمہِ کِنی اَتہٕ لنگرٕ تہٕ چلان چھُ روزان۔

(م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:

*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Hasan: Tarikh, I

## زیارت بٹہٕ مالی صاب رح

بٹہٕ مالی صابنۍ زیارت چھےٚ سری نگرٕکِس بٹہٕ مالیُن

بٹہٕ مٲلؠ صأبنس زیارتکِس طرزِ تعمیرس منٛز چھےٚ بلاک طرز تہٕ نوٚن۔

بٹہٕ مٲلؠ صأبُن وہُرُس چھُ پٔرتھ ؤری یہٕ اپریلس منٛز لگان۔ وہرسہٕ کِہن دوہن چھِنہٕ یہنٛدی عقیدت مٔند ماز رنان بلکہِ چھِ ہہ کھہٕ سنی ژامن تہٕ ٹھوٚل کھیوان تہٕ کیٛاز بٹہٕ مٲلؠ صأب اوس نہٕ پانہٕ تہٕ ماز کھیوان۔ وہرسہٕ کِہن دوہن چھُ عام طور واوکڈان یِیمہِ موٚجوٗب شیخ داوٗد رشی کِیس" واوٕ بٹہٕ مول" تہٕ وَنان چھِ۔ (م۔ا۔ا)

## کتاب نامہ :

*Dedmari: Tarikh-i-Aazmi
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir

# زیارت خان صأب

خان صأبنی زیارت چھےٚ سرینگرکس جنوب مغربس منٛز ۳۲ کلومیٹر دوٗر، بڈگامی ضلعکِس اَتھ گامس چھُ زیارٔژ ہنٛدِ نسبتہٕ خان صأبُن ناو پیوٚمُت۔ رِوائژ موٚجوٗب اُس یہ زیارت گوڈٕ اکھ مُقٲمی عقیدت مند عبدالرحمان المعروف مُنی، تعمیر کرِ ہٕژ۔ ۱۹۴۳ء منٛز لوٚگ ساٹری سے گامس نار، یِیمیچ ژھٹھ خان صأبنِس روضس تام واٚژ تہٕ گوٚو یتھہٕ کٔنی سورُے اَستان شہید۔

خان صأبُن اَصلی ناو اوس سیّد صالح خان یُس اکِہ رِوائژ موٚجوٗب سُلطان نازک شاہ (۱۵۴۰-۵۱) سنٛدِس عہدس منٛز پکھلی پیٹھہٕ اَزی کِس خان صأب گامس منٛز آمُت اوس۔ یہِ جاے اُس تتھ وقتس منٛز گوٚن جنگل تہٕ اَتہِ اُسی چھرابال، نار تہٕ وُڈرِ یِیمہِ رٕس دامنس منٛز اکھ گوپھ برابر خان صأبنِس روضس تام زیٹھ چھےٚ۔ اَتھ گوپھ منٛز اُسی سیّد صالح خان آخری دمس تام ریاضت کران۔ گوپھ نکھہٕ چھِ امہِ کِس مشرقس منٛز اکھ ناگ یتھ بادشاہ ناگ وَنان چھِ تہٕ یہ ناگ چھُ رِوائژ موٚجوٗب سیّد صالح خان سٕنٛزِ کرامژ ہُنٛدُے نتیجہٕ۔

خان صأبنی زیارت چھےٚ مُقٲمی لوکو ۱۹۸۵ء منٛز نوِ سرٕ تعمیر کرِ ہٕژ۔ اَلبتہٕ چھُ رو منٛز پرانہٕ تعمیرُک مسالہٕ استعمال آمُت کرنہٕ۔ امہِ کِس تعمیرس منٛز چھُ سیاہ تہٕ سفید کنِن، دِوری کنِن، ٹھارٕ جی سیرِن، ڈوٗنی ہچہِ تہٕ دِودارِ لکرِ ہنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ یہ زیارت چھےٚ کُل ۳۲ فُٹہٕ چوٗرُس تہٕ اَتھ اَنٛدر چھُ خان صأبُن روضہٕ ۱۴ فُٹہٕ زیٹھ تہٕ ۱۲½ فُٹہٕ کھجر۔ روضس چھےٚ ۳ فُٹہٕ تھزر س

وَنان چھہٕ۔

طرزِ تعمیر کِنی چھےٚ یہ زیارت کٔشیرِ منٛز رٟشِ طرزَس سٟتی رَلان۔ اَتھ چھُہ دُ وور چار بام پٔش تہٕ تھَھ پیٹھ چھُہ ژور روٗ طرفہٕ ترٛ ترٛےٚ محرأبی چالہِ دارِ گُڈٕھ تہٕ زأدِج لُکرِ کأم کٔرِتھ کلشہِ دار برنگ۔

زیارتَس جنوٗب مغربس منٛز چھےٚ مسجِد یتھ اَتکی لُکھ بُڈ مُشید وَنان چھِہ۔ خان صأبنس روٗفَس سٟتی چھےٚ زنانَن ہنٛدِ بایتھ بیا کھ مسجِد یتھ منٛز اَتہٕ وٕہ رٔسس پیٹھ وعظ خوأنی یِوان چھےٚ کرنہٕ۔

اَتہٕ چھُہ پٔژھ وٕری یہ ۲۱ جوٗن بوٚڈ بارٕ مالہٕ لگان۔ اَتھ دوہٕس پیٹھ چھِہ اَتہٕ دٕمٲلی تہٕ کرنہٕ یِوان۔ (م۔ع)

کتاب نامہٕ :

*Hasan: Tarikh, I

## زیارت خواجہ حسن قاریؒ

خواجہ حسن قاریؒ ہٕنٛز زیارت چھےٚ زأنہٕ گیر پٔرگنَس منٛزِ شیوگامہٕ چہٕ بالہٕ کھوٚنہٕ منٛزِ۔ شیو چھُہ سوپورکِس شُمالَس منٛز اَتہٕ پیٹھہٕ ۱۲ کِلومیٹر دوٗر۔ قأری صأب اوس سِری نگرٕکہٕ بڑیڈی مرٕ محلک روٗزَن وول۔ شہ اوس شیخ حمزہ مخدوٗم صأبنبو



خلیفو منٛزِ۔ خواجہ حسن قاری اوس عالمِ دین آسنَس سٟتی سٟتی حافظِ قرآن تہٕ۔ سَتَن قرأتَن اَنٛدر قرآن پرانٕچ اُسُس مہارت۔ پننِس مُرشِد مخدوٗم صأبنہٕ زِندگی پیٹھ چھےٚ تمیٚ "راحت الطالبین" ناوی کتاب لیچھمٕژ۔ زِندگی ہنٛدِ ین آخری وٕرِین روٗد شیوگامکِس بالَس پیٹھ گوشہٕ نشین تہٕ اُتی رحمتِ حق سپدنہٕ پتہٕ آو اُتھے جایہ دفن کرنہٕ۔

خواجہ حسن قاریؒ ہٕنٛز زیارت چھےٚ ۲۲ فُٹہٕ زیٖچھر تہٕ ۱۹ فُٹہٕ کھجر۔ اَتھ چھُہ جنوٗبس کُن بُتھ۔ کٕہے کال برٛونٛٹھہ چھُہ اَتھ روٗ یہ طرفہٕ ڈالان گُڈنہٕ آمُت یتھ منٛزس اَستانَس اَنٛدر اَژنہٕ خأطرٕ ہیر چھےٚ۔ اَستانس اَنٛدر چھُہ قأری صأبُن روضہٕ یُس ۱۵ فُٹہٕ زیٖچھر تہٕ ۱۳ فُٹہٕ کھجر چھُہ۔ روضک ژھر چھُہ خوٗبصوٗرت زالی پنجرٕ دار۔ روضَس



تام سنگِ سفیدٕچ کُرسی کھاٗلِنہٕ تہٕ اَتھ چھےٚ ژٕ پاٗرۍ
نقِش نِگاٗری کٔرِتھ۔ رۆضس چھُہ دِو داٗرۍ لکرِ ہٕنٛدۍ ژور
تھم تہٕ ۲×۳ فُٹہٕ ۲۳ شیٖشہٕ دارٕ۔ رۆضس چھُہ جنوٗبہٕ
پاسہٕ ڈُوٗنی ہٕچہٕ ہُنٛد درواز یتھ پیٹھ زاوِج لکرِ کام کٔرِتھ
چھےٚ۔ رۆضس نٮ۪برۍ غلام گردِشس چھُہ کُل نو جالرٕ الاٗنٛدۍ
روضہٕ کس تالوٗس چھُہ ساٗری سے پُلے وُڈٕ تہٕ غلام گردِشس چھُہ
وسہٕ تالوٗ دِتھ۔ جنوٗبہٕ طرفہٕ چھُہ رۆضس سنگِ سفیدُک
ڈُوڈُنٹ چوٗرس آبہٕ خزانہٕ یتھ اَتھکی روزن واٗلۍ آبِ زمزم

نذرٕ نیاز یوان اوسکھ تہٕ اَسی غریبَن تہٕ مسکینَن پیٹھ خرچ کران۔ سنہ ۱۰۲۱ ہجری بمُطابق سنہ ۱۶۱۲ء سپدی رحمتِ حق تہٕ پانپرے آیہ اوسودٕ کرنہٕ۔

خواجہ مسعود ولی سُند یژون آستان چھُ ترٛیتیٛ وری یژوٚنہہ منہدم کرنہٕ آمُت۔ یژون تعمیر چھُ عام ریٚش طرزک اوسمُت۔ یہ اوس خام سیرٕ ہن ہُند تعمیر یَتھ بُرزٕ پَش، ژور درٛشَن دارِ تہٕ کُنتر یُو یژنگ اوسُمت چھُ۔ نوٚیِس تعمیرَس چھُ سیمنٹٕس مَنٛز پوٚختہٕ سیرٕ ہن ہُند لَداو۔ زیارتَس چھُ زیچھر ۹۰ فُٹ ییٚلہِ زَن کھجر مشرقہٕ پاسہٕ ۴۷ فُٹ تہٕ مغربہٕ پاسہٕ ۳۳ فُٹ چھُس لَشس



نیتبرٕ چھہ غلام گردِش لیٚس پٔرتھ طرفہٕ اَکی کھجرٕ چھٕنہٕ۔ غلام گردِشس چھُس ختم بَنٛد نالو۔ اَستانہٕ نیتبرٕمِس لبَن چھہ ژورَو فُٹو ہیٚور شیشہٕ لأگتھ تہٕ تِمہ پیٹھہٕ چھُس چوٗرس زٕ فُٹ تھزٕ پنٛجرٕ۔ گوڑ چھےٚ یمہ لبہٕ لکرٕ دار پنٛجرَن ہنٛزٕ اَسمٕژ۔ اَستانُس چھےٚ پٔرتھ طرفہٕ زٕ زٕ پنٛجر دارٕ۔ اَستانُس اوس گوڑ تٔرٕ وور چار بام بُرزٕ پُٹس یتھ پیٹھ کٔترٕ ٹیو خوبصورت بژنگ اوس۔ ٹین دِنہٕ وِزِ چھُپنہٕ پتٕھ ہیٚت ڈالنہٕ آمٕژ تہٕ کٔترٕ ٹیو پٔژون بژنگ چھُ اَتھ پیٹھ تہٕ کھارنہٕ آمُت۔ مورکہٕ پَچہ تہٕ زیٚبہ ڈکھ چھ لکرٕ کامہٕ ہنٛدی خوبصورت نموٗنہٕ۔

قأری صأبنس اَستانَس سیتی مغربہٕ پاسہٕ چھےٚ خواجہ اسحاق قاری ہنٛز سو کوٗٹھرٕ یتھ منٛز سُہ چلَس اوس بیہان۔ خواجہ اسحاق قاری اوس خواجہ حسن قاری سُنٛد کوٗنس بوےِ تہٕ مخدوٗم صأبٕنٕ مُریدٕ۔ تِمی چھےٚ مخدوٗم صأبنہٕ زِندگی پیٹھ "چلچلۃ العارفین" ناوی کِتاب لیچھمٕژ۔ کوٗٹھرِ أندرٕ أندی چھےٚ از بٔرٕ ونہٕ اَلہٕ پلہٕ ڈوڈ ہتھ ؤری شیوٗکی ڈُکھ جل عقیدت مَنٛد شٕہر ڈارَن مسجد تعمیر کرناوِمٕژ۔ یہ چلہٕ کوٗٹھر چھےٚ مسجدِ منٛز وُنہٕ تہٕ موٗجوٗد۔

اَمہ مسجدِ ہنٛدِ پیشہ تانٛ منٛز چھ تمہ ناوِ ہنٛزٕ پَچہ تہٕ یتھ متعلق روایتھ چھےٚ زِ خواجہ حسن قاری اوس اَتھ (ناوِ) منٛز خوشکی پٹھٕ لکان۔

خواجہ حسن قاری ہنٛدِس اَستانَس پیٹھ چھُ پٔرتھ ؤری یہ ۲۷، صَفر وٕہُرس لگان۔ اَتھ موقس پیٹھ چھ اَتہٕ تِمی سنٛدِ عاصہ شرٕیفچ تہٕ کمرٕبنٛدِچ زِیارت ہاونہٕ یوان۔ (م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہ:

*Hasan: Tarikh, I
*Ishaq Qari: Chilchila-tul-Aarifin
*Lawrence: Valley of Kashmir

# زیارت خواجہ مسعود پانپوری رح

یہ زیارت چھےٚ سری نگرٕکِس جنوٗبَس منٛز ۱۳ کِلو میٹر دوٗر پانٕپرٕ۔ خواجہ مسعود وَلی اوس پانٕپرٕکیو تھدٕ پوٚتٕ تأجرو منٛزٕ۔ خُدایہٕ سنٛدِس یادس منٛز سَپُد محو تہٕ ترٕوون دُنیأوی لوہ لنٛگر۔ اَکِس غارس منٛز کٔرٕن خلوَت نشینی اختیار۔ غارٕ منٛزٕ سَپُدس حضرتِ شیخ بابا داوٗد خاکی سنٛدِس خدمتَس منٛز حأضر گژھنک اِرشاد، یمو تِمَن خلوتَس منٛز بیٚہنک تأکید کوٚر تہٕ روٗدی پانٕپرے۔

خواجہ مسعود ولی اوس سیٹھا روشن ضمیر۔ یہ تہٕ

پچن چھےٚ ژالنہٕ چالہِ لُکرِ دَشہِ اَلأثرٕ۔ آستانَس چھےٚ مِحرأبی چالہِ ۲۷ دارِ یِمَن شیشہِ لأگِتھ چھہٕ۔ جنوٗبہٕ طَرفہٕ چُھ آستانَس مَنٛز اَژنہٕ باپتھ دَروازٕ۔ اَمِہٕ کِس غلام گردِشَس مَنٛز چھہٕ مسعوٗد صأبنی خلیفہٕ دَفن تہٕ روضہٕ شریفَس مَنٛز چھہٕ خواجہ مسعوٗد ولی، یِہنٛدی فرزند بابا علی تہٕ یِمَن لرِ شیخ محمد شریف (شوگہٕ بابا)۔ اَمِہٕ عَلاوٕ چھہٕ روضَس مَنٛز یِہنٛدی باہ خلیفہٕ تہٕ دَفن۔ روضَس چھےٚ مِحرأبی چالہِ کاہ شیشہِ دارِ۔ اَتھ چھہٕ ختم بَنٛد تالو تہٕ بیٚیہٕ چھُس جنوٗبہٕ طَرفہٕ مِحرأبی چالہِ اَکھ دَروازٕ یَمہٕ کِس داسَس سَنگِ مَرمَر لأگِتھ چھُ۔ غلام گردِشَس تہٕ چھُ ختم بَنٛد تالو تہٕ اَمِہٕ کِس بُتھرِس چھُ سَنگِ مَرمَر لاگنہٕ آمُت۔

استانَس سیتی مَغربہٕ طَرفہٕ چھُ فاتحہ خانہٕ یَتھ مَنٛز چھُ شیخ مسعود ولی ہِنٛدِ وَقتُک کیوٗر۔ اَمِہٕ عَلاوٕ چھےٚ اَتہٕ زِ مُشدٕ، اَکھ پرأنی تہٕ بیاکھ نوٚو۔ آستانَس لرِ لوٚر چھُ خانقاہ، یُس پرأنہٕ لُکرِ طرزِ تعمیرُک اَکھ ہاوُن لایق نموٗنہٕ چھُ۔ زیارتہِ ہِنٛدِس کوٚٹھرِ مَنٛز چھہٕ خواجہ مسعوٗد ولی تہٕ شیخ محمد شریف (شوگہٕ بابا) ہِنٛدی تبرکات۔ پیٚنٛژہ مہ صَفر چھےٚ خواجہ مسعود صأبنین تبرکاتَن ہِنٛز تہٕ ۲۱، صَفر خواجہ محمد شریف (شوگہٕ بابا) ہِنٛدین تبرکَن ہِنٛز نِشاندِہی سَپدان۔ (ش۔ا)

کتاب نامہ: *Hasan: Asrar-ul-Akhyar

## زیارت سید حاجی مُرادؒ

یہِ زیارت چھےٚ سِرینگرٕ کِس شُمال مغربَس مَنٛز ۳۹ کِلو میٹر دوٗر وُرمُلی تحصیلہِ کِس کریِرٕ گامَس مَنٛز۔ سید حاجی مُراد بُخاریؒ اوس بیپرو پرگنَس مَنٛز کانٛدہوم گامُک کِس سید فخرالدین بیہقی سُنٛد فرزند۔ لوکہِ چار ہے مول مرنہٕ پتہٕ کُرُن سید ضیاء الدین زیرک نأوی پیٚترَن روٗحأنی تربیت۔ حاجی مُراد صأبن اُسی ترےٚ حج کٔری، یِمَن گژھنَس دوران کوٚر تِمی ایران، روٗم تہٕ شام بیتر عَلاقن ہُنٛد سفر یتھ مَنٛز تَس ابواسحاق شطاری تہٕ کُبروی سِلسِلہٕ کِس میر عبداللہ برزشَس سیتی مُلاقات سَپد۔ ترٛیٚیِم حج کٔرنہٕ پتہٕ آو واپس کشیرِ تہٕ کانٛدہوم



چھُس ٹین دِتھ یتہ پیٹھہٕ اسلأمی طرزُک سیمٹ لاگنہٕ آمُت ۔ کلش چھُس ترامُو یُتھ رہ پہ
بٔرنگ چھُ۔ بژنگس چھُ أندرٕ سیمٹ تہٕ نیٚبر سنگِ مرمر گلکٹھ کھأرِتھ چھُ۔ بژنگس چھےٚ اُٹھ شیشہٕ دارِ تہٕ مورکہ



دَفن۔ ۸ × ۷ روضس اَندی اَندی چھُ مغربہٕ طرفہٕ، فُٹہٕ شُمالہِ پاسہٕ ۴ فُٹہٕ، مشرقہٕ طرفہٕ ۲ فُٹہٕ تہٕ جنوبہٕ طرفہٕ ۴ فُٹہٕ کھجہِ غلام گردش۔ روضہٕ چھُ خوٗبصوٗرت نقش کھُنِتھ لُکہٕ ہیٚند۔ حاجی مُراد صابنِس روضس مشرقہٕ پاسہٕ چھےٚ زیارتَس منٛزٕ لُکہٕ ہٕنٛز بینہٕ تارِتھ۔ یِتھ منٛز مستوٗرات دفن چھےٚ۔ اَتھ حِصَس چھُ تالوٗ اَکِس ژرنہٕ کُلِس پیٹھ رٹنہٕ آمُت۔ یُس زیارت تعمیر سیدنہٕ وزِ تازٕ چھُ اوسمُت۔ زیارتَس مُنٛزی مُنٛزی مرمت سیدنہٕ باوُجوٗد چھُ لُکہٕ ہٕندِ گرٕتھ تہٕ نقاشی تلہٕ باسان زِ یہ چھےٚ سیٹھا پرٛانی۔ زیارتَس دروازٕ ٹیٚبرِ کَنہٕ ژاندس



پیٹھ چھےٚ تبرکاتن ہٕنٛز المارٕ۔ اَتھ منٛز چھُ اَکھ کانٛگُر، زٕ کھڑاو، کٔترِ زٔور، شمعدان، ہانگل ہینگ، کانیٛوٗ جار تہٕ شمعدان چالہِ بٲکھ زٔور شٲمِل۔ تبرکاتن ہٕنٛز زیارت چھےٚ پرٛتھ وُری یہ، ۱ ذی الحج وہرسہٕ کِس موقَس پیٹھ کرناونہٕ یِوان۔

زیارتَس چھُ دُوور چار بام یُس یِتھ پیٹھ رٛیش طرزُک بڑنگ چھُ۔ صحنَس منٛز چھُ ژاندس نکھہٕ سواد پانٛژھ فُٹہٕ موچہٕ تہٕ زمینہٕ ہیوٚر ۱/۲، فُٹہٕ تھزٕ اَکھ اَٹھِ پاسَل کَنہٕ تھم ووہٕنی۔ یَتھ "چراغ پا" چھِ وَنان۔ چراغ پاہَس چھُ پرٛتھ طرفہٕ ہیٚرِ بوٚن کوٗرِتھ ژٲنٛگی تار کڈنہٕ آمِتی۔ یِمن منٛز وہرسس پیٹھ زوٗل کرنہٕ خٲطرٕ ژٲنٛگی چھِ تھاونہٕ یِوان۔ چراغ پاہَس چھُ ۶ شوال ۱۰۳۶ھ کھُنِتھ۔

(م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہ:


*Gauhar Bukhari: Gulshan-i-Murad
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Sarwari: Kashmir Mein Farsi Adab


## زیارت سیّد حسن منطقیؒ

یہ زیارت چھےٚ سرینگرٕ کِس جنوٗبَس منٛز ۲۶ کلومیٹر دوٗر ووٗنتی پورہٕ۔ سیّد حسین منطقی چھُ بیہقی

ترٛ اَدِتھ کرِن کڑہِن پرگنہٕ کِس کڑپرگامَس منٛز سکونت۔
حاجی مُراد سُند رُوحانی کمال نَظرِ تَل تھاوِتھ اوس بابا
پیامُ الدین ریشی تہٕ تَس نِش مُلاقاتَس واتان۔

سید حاجی مُراد سُند (۱۷، ذی الحج ۸۸۹ھ
۵ جنوری ۱۴۸۵ء) رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ کَرنوو سُلطان
محمد شاہَن (۸۶-۱۴۸۴ء) کڑپرٕ تمی سُند روضہٕ تعمیر۔
اَمہِ پتہٕ کوٚر روضَس میر حمزہ صابَن مزید پآراو۔ ۱۷۳۰ء
منٛز آو اَستان رحیم صوٗفی ناوی عقیدت مَند سٕندِ
دٔسی نوٚسرٕ تعمیر کَرنہٕ۔ دیوان لچھمن داس سٕندِس
دورس منٛز آو یکم جون ۱۸۸۵ء کشیرِ شدید بُنیُل
ییٚمہِ سیتی حاجی مُراد صابنی زیارت تہٕ شہید سپز۔
۱۹۰۲ء منٛز کَرنوو حاجی میر احمد بخاری یَن اَستان
نوٚسرٕ تعمیر۔ تعمیرُک تآریخ چھُ ییٚمہِ شعرٕ منٛز نیران ؎

شُد بجہدِ میر احمد بعدِ عزیزِ بامُراد
ہر کہ دید گفت اکنوں "روضۂ حاجی مُراد"

۱۳۲۰ھ = ۱۹۰۲ء

اَمہِ پتہٕ روٗد زیارتَس مُنٛزی مزید پآراو
سپدان۔ اَتھ دوران چھُ مولوی ثناءاللہ ناوی عقیدتمند
سٕندی دٔسی اَتھ ٹین تہٕ دِنہٕ آمُت۔

زیارتَس چھُ جنوٗبہٕ پاسہٕ روے۔ اَندرِمِس
حاطَس اَژنہٕ خاطرٕ چھےٚ اَستانَس مشرقہٕ پاسہٕ ڈیٖڈی



ییٚتہِ پیٹھہٕ زیارتہٕ کِس دَروازَس تام اَلہِ پلہٕ ہَتھ فُٹ زیوٗٹھ
ٹین دِتھ بڑاند چھُ۔ مغربہٕ پاسہٕ چھُس ۸۲ فُٹ زیٖچھر
تہٕ ۱۵ فُٹ کھجر فاتحہ کوٗٹھرناوٕ عمارَت۔ ییٚمہِ منٛز اَستان چھُ
شیشہٕ دار یوٗکِنی روٗضچ زیارت کَرنہٕ چھےٚ یوان۔ فاتحہ
کوٗٹھرِ منٛزَس چھےٚ لکرِ ہُنٛد ژھرلاگِتھ میر حمزہ بُخاری
سٕنٛز قبر۔

اَستانَس اَندر چھُ سید حاجی مُراد سٕندِس
روضَس نِیبر تمی سٕند زٕ فرزند سید حیدر تہٕ سید سعید

 زیارت سید قمیؑ



پرگنہٕ کِس سعدہٕ پورگامَس مَنٛز قُمی صاَب اوس قُمؑ (ایرانکُ) روزَن وول حکیم صَفدَر علی سٕندی کِنِہ اوس قُمی صاَب دیٖنی تبلیغہٕ کِس سِلسِلَس مَنٛز بڈشاہ سٕندِس زمانَس (۱۴۲۰-۱۴۷۰) مَنٛز کٔشیِر آمٕت۔ یِگرتسٕندِ لِکھہٕ مطابق چھُ سہ (۸۲۱ھ) ۱۴۱۸ء مَنٛز کٔشیِر آمُت۔ یُس سُلطان علی شاہ سُندٕ دور (۱۴۱۳-۱۴۱۹ء) اوس۔ اَمہِ حسابہٕ چھُنہٕ نشاط انصاری سُندٕ یہِ وَنُن صحی زِ قُمی صاَب آو (۷۶۱ھ) ۱۳۵۹ء مَنٛز یور۔ کٔشیِرہِ ہٕنٛدبن واریاہَن علاقَن دیٖنی تبلیغ کَرنہٕ پَتہٕ ووت قُمیؑ صاَب سعدپور۔ اَتہٕ قرار کٔرِتھ رُود دیٖنی تبلیغ کَران۔ عاٗلِم دیٖن آسنَس سٟتی سٟتی اوس سُہ تہٕذیٖبی درجک رُوحاٗنی بُزرگ۔ قُمی صاَبس سٟتی چھےٚ واریاہ کَراماژ منسُوب۔ "صِراط المستقیم" چھےٚ تٔمی سٕنٛز مشہوٗر تصنیف۔ قُمی صاَبنہٕ رحمتِ حق گژھنہٕ پَتہٕ آو تٔمی سٕندِس مرقدس پیٹھ روضہٕ تعمیر کَرنہٕ یتھ بُرزٕ پُشس پیٹھ برٛنگ چھُ اوسُمت۔ واریاہَس کالَس خستہٕ حالتَس مَنٛز روزنہٕ پَتہٕ کَرناو اَتھ مرحوم مولوی جواد صاٗبن مرمَت۔ اَمہِ وِزِ چھُ حاطَس مَنٛز اَکھ مُساٗفر خانہٕ تہِ تعمیر کَرنہٕ آمُت۔ ۱۹۱۲ء مَنٛز آو اَتھ آغا سید حُسین سابق گورنر سٕندی دُسی وُسعت دِنہٕ۔ اَمہِ وَقتہٕ آو اَتھ سِنگلاکپش دِنہٕ۔ کینٛہہ وٕری برٛونٛہہ چھُ اَتھ آغا مُظفر صاٗبن مرمَت کٔرِتھ مزید پارٕ اوکَرنووُمت۔

قُمی صاٗبنی زیارت چھےٚ نیٚبرِ نیٚبرِ ۳۵ فٹہٕ چوٗرُس۔ اَتھ چھُ کَنہِ کَنَس پیٹھ سیمنٹ پلستر کٔرِتھ۔ اَستانَس چھُ مشرقہٕ پاسہٕ دَرواز۔ دِوٕری کَنبن ہٕنٛدِس برٛانٛدَس دٕچھِنہِ کھووٕری چھُ زٕ خوٗبصوٗرت پایہِ۔ اَتھ چھےٚ شُمالہٕ مغربہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ پانٛژھہ پانٛژھہ محراٗبی پنجر دارٕ۔ یِمَن پیٹھ شیٖشہٕ روشَن دان چھُ بُشرقہٕ پاسہٕ چھیِس برٛانٛدِس دٕچھِنہِ کھووٕری اَمی گاچہٕ اَکھ اَکھ دارٕ۔ تارَس

ساداتو اَندرٕ اوسمٕت۔ اُمی سٕند بابہٕ صابٕ اوس سلطان سکندرٕ سٕندِس دورِس منٛز (۱۴۱۳-۱۳۸۹ء) کٔشیرِ آمٕت تہٕ پتہٕ کوٚرُن یتیٖ قرار۔

سید حسن اوس وٲنسہٕ ہٕنٛدِ اٰخری دوہن دٕوٚنتی پورٕ دینی تبلیغ کران تہٕ اَتی سٕپُد رحمتِ حق۔ اُمی سٕندِ مرنہٕ پتہٕ آو اَتہٕ روضہٕ بناونہٕ یُس زیارت سید حسن منطقی ناوی ؤنِس تَل چھُ۔

اَستانس چھُ بڑوٚنہہ کالہٕ بُرزٕپش اوسمٕت، تہٕ وونی چھس ٹین پوشی کرنہٕ آمٕژ۔ پش چھُس شہ دور تہٕ اَمیُک بُنیُم حصہٕ چھُ لکرِ ہٕنٛدِ خوبصورت بڑاکٕن پیٹھ ڈرِتھ۔ بڑنگس چھُس تالہِ پیٹھ سٕرتلہٕ ہٕنٛد ٹور یتھ سونہٕ گلٕٹھ کھالتھ چھُ۔ آستانس چھُ ختم بند تاوٕ تہٕ روضہ شریف چھُ لکرِ ہٕنٛد کھارِتھ، یتھ اَندی اَندی غلام گردِش چھُ۔ آستانہٕ کس حاطس چھُ ژوپاری دِوٕری کنٕن ہٕنٛد دیوار۔ زِیارتس چھُ کٕن تہٕ بڑا اَند تہٕ دِوٕری کنٕن ہٕنٛدٕ ے۔ اَتھ چھِنے ترٕیوٚ طرفو پانژھ پانژھ شیشہِ دارِ، ییلہِ زٕن جنوبہٕ پاسہٕ دروازس ڈٕچھنی کھووٕری نٕہ زٕ دارِ چھس۔ زِیارتس چھُ دِوٕری کنٕن ہٕنٛد ۱/۲ ۳۸ فُٹہٕ چوٗرس کنہِ ژوک تہٕ پیٹھ چھس پوٚختہ چُناپہٕ منٛز لَداو۔ آستانہٕ کس حاطس منٛز چھُ



قبرِستان، یتھ اَنٛدر کیٖنٛہہ بُزرگ تہٕ اوسوٗدٕ چھِ۔ ۱۱ ہار چھُ آستانس پیٹھ وورُس لگان۔ دٕوٚنتی پورٕچ جامع مسجد چھےٚ امچِ آمدنی پیٹھ تعمیر سپدان تہٕ بیٚیہ چھِ واریاہ درس گاہ تہٕ آستانہٕ چہ آمدنی پیٹھ چلان۔

(ش۔ ا)

کتاب نامہ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Hasan: Tarikh, I, II

## زیارت سید حسین قمیؒ

سید حُسین قمیؒ سٕنٛز زیارت چھےٚ سرینگرٕ پیٹھ ۵۸ کلومیٹر دوٗر سوپور کہٕ شُمال مشرق پاسہٕ زٲنہٕ گیر



چھ ژوک ۱/۲ ۲ فُٹہٕ تہٕ چوٗنہٕ سُرخہٕ مَنٛز چھُس سیرٕ ہُنٛد لَداو۔ آستان چھ أنٛدری أنٛدری ۳۲ فُٹہٕ چوٗرُس۔ قلندر صٲبُن روضہٕ چھ رٕو یہ ۱۰ فُٹہٕ تہٕ شیر ۱۲ فُٹہٕ۔ تُربتِ شریف چھُ حال حالے نوٚو آمُت لاگنہٕ یَتھ پیٹھ پنٛجرٕ کٲری کٔرِتھ پرٛوِن ژھر چھُ۔ روضَس چھ مَنٛزٕ مَنٛزٕ شیٖشہٕ پٔٹی لٲگِتھ۔ غلام گردِش کِس جنوٗب مغربی کوٗنَس پیٹھ چھےٚ شاہ صادق سٕنٛدِ یارن ہٕنٛز پانٛژھ قبرٕ یِمن أنٛدی أنٛدی ژٕ فُٹہٕ تھزرٕ ڈنٛگہٕ کھارِتھ چھُ۔ اَستانَس چھ ترٛوٗور چار بام ٹینٛہٕ پٔش۔ اَتہٕ چھُ پٔرتھ ؤری یہ ۲۹ ماہ ذی قعدہ وۄرُس لگان، یَتھ مَنٛز شاہ صابُن عاصۂ شریف، کھینہٕ بانہٕ، قلم تہٕ پنُنہٕ اَتھ لیٖکھمُت قرآنِ شریف بیتر ہاوان چھہ۔ (ع۔غ۔ن)

کتاب نامہ :


*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Sarwari: Kashmir Mein Farsi Adab


## زیارتِ شاہ ولیؒ

یہ زیارت چھےٚ کوپوٲرِ تحصیلہٕ کِس دٕروگہٕ مُلی گامَس شُمالہٕ پاسہٕ۔ شاہ ولی سُنٛد اَصلی ناو اوس زیتی شاہ۔ اُمی سٕنٛدِس ناوَس سٟتی منسوٗب اَتھ گامَس چھ مُقام شاہ ولی وَنان۔ زیتی شاہ اوس کوپوارٕکہٕ چَک خاندانُک۔ مجذوٗب حالتَس مَنٛز چھےٚ زیتی شاہ صٲبنِ واریاہ کرامژ مشہوٗر۔ علی شاہ چَک (۱۵۷۰ء — ۱۵۷۹ء) تہٕ اوس حاجتھ رَوٲیی خاطرٕ اَمِس نِش یِوان۔

رَحمتِ حق گژھنہٕ پَتہٕ آو شاہ ولی سٕنٛدِس مقبرِس أنٛدی أنٛدی روضہٕ کھارنہٕ۔ یَتھ مختلف دورن مَنٛز مرمت سپدان روٗز۔ (۱۳۲۳ھ) ۱۹۰۵ء مَنٛز آو یہ نوٚوسرٕ تعمیر کرنہٕ۔ یہ زَن پَچہ پیٹھ کھٔنِتھ یِیمہٕ کُتبہٕ تلہٕ نَنان چھُ:

ایں روضۂ منوّر سر نو کہ شد معمر

چھ ژھ پٲری روشن دان۔ اَتھ چھُ دور چار بام ٹینہٕ
پَش یتھ پیٹھ رٔنیش طرزُک بزنگ چھُ۔

اَستانس اندر اَژونے چھ ۱۵×۱۵ فُٹہٕ
کھجر غلام گردِش یتھ نُو طرزُک ڈیڈ وتا لو چھُ۔ منٛزبس
چھُ قُمی صٲبُن روضہ یُس ۲۲ فُٹہٕ چورس چھ۔ اَتھ چھِنے
ڈایہ فُٹہٕ تھزر پیٹھہٕ پُرتھ طرفہٕ خوبصورت پنجرٕدارِ۔
روضس اندر اَژنہٕ خٲطرٕ تہٕ چھُ مشرقہ پاسے دروازٕ۔
اَندرٕ چھُ شمالہ پاسہٕ قُمی صٲب تہٕ جنوبہ طرفہٕ تٔمی سٕنٛز
خانہ دارِنی تہٕ نوش دفن۔ یمن ترٛینشونٛی قبرن
چھُ پنجرکٲری کٔرتھ کُنۍ ژھر اوسمت۔ مگر قُمی صٲبنہٕ
قبرِ ہُنٛد ژھر چھُ تٔمہ وزِ تلنہٕ آمت ییلہٕ اَتھ سیمنٹ
کرنہٕ آو۔ ژھرکہٕ پنجرٕ پٔٹھ چھُ قبرِ پیٹھ وُنہٕ تہٕ موجوٗد۔
قُمی صٲبنہٕ قبرِ پیٹھ چھُ لکرِ ہُنٛد معمولی ژھر۔ روضکس
تالوس چھِنے پیپر ماشی کٔرتھ یتھ دوٚن مُرش چھِنے
لجھرٕ۔ روضہٕ چہٕ چار دیوٲری منٛز چھ پٔنداہ تھم یمن لبہٕ
نیٚنبری نیٚنبری گوکھ چھ کڈتھ۔

روضس مغربہ پاسہٕ غلام گردِشس منٛز
چھِنے اَکھ پٲترٕ یتھ تل قُمی صٲبُن اَکھ فرزند دفن چھُ۔
اَستانہ نیبرٕ مغربہ پاسہٕ چھُ تٔمی سُنٛد دوٚیم فرزند
دفن تہٕ اَہنٛزٕ قبرِ پیٹھ چھِنے ژور بونہٕ یم رواتہٕ مطابق
خود روٚ چھِنے۔

زیارتس پیٹھ چھِنے بُرج اسدکس موقس پیٹھ
جُلے یا اَگستس منٛز مرثی ہنٛز محفل سپدان۔ (ام۔ا۔)

کتاب نامہ:

*Akbar Haidri: Ed. Baharistan-i-Shahi
*Hasan: Tarikh, I, II
*Parmu: Kashmir Under Muslim Rule
*Sufi: Kashir, I, II

## زیارت شاہ صادق قلندرؒ

سرینگرکس شمالس منٛز لال چوکہ پیٹھ ۲۵
کلومیٹر دوٗر وتہٕ لارٕ (گاندربل)، چھُ بالہٕ لاز پیٹھ شاہ
صادق قلندرؒ سُنٛد اَستان۔ قلندر صٲب اوس اندرٲنی
خاندانہٕ منٛزٕ پننہٕ وقتہٕ کُھدرِ پایک عالم تہٕ حافظِ قرآن۔
ستن قرأتن ہُنٛد اوس ماہر۔ فارسی زبانی ہُنٛد شاعر
تہٕ روٗ پہٕ بھوانی ہُنٛد ہمکال شاہ صادق قلندرن روٗد
زندگی ہنٛد بن پٔتیمین دوٚہن شہر ترٲوِتھ لارٕ پرگنس
منٛز گوشہٕ نشین ییتہٕ ماہ ذی قعد (۱۰۹۳ھ) ۱۶۸۳ء
منٛز رحمتِ حق سپُد۔

اَستان چھُ حاطہٕ بنٛد۔ شمالہ پاسہٕ چھِس اَکھ پوٚنز
مسجد یتھ ستر ازبیاکھ دوٚپر مسجد زیرِ تعمیر چھِنے۔ آستانس

شاہ ولی صائبَن پانہٕ چھُ دُبت مُت۔ ناگس متعلق چھےٚ روایتھ زِ اَتھ مَنٛز چھُ زیٚتی شاہ صائبَن اَکھ ہوگاڑ یوٚک ژھنمُت یمَن ناگس مَنٛز گژھتھ زوٗژاو۔ زیارژتک انتظام چھُ کینٛژن کالن پیٹھٕ مرکزی ادارۂ اوقافِ اسلامیہ کِہ اہتمامہٕ چلاونہٕ یِوان۔ اَتہِ چھِ کاسۂ شریف کلاہ تہٕ تسبیح یِمَن ہنٛز زیارت ۱۴ا۔ زیٹھ ہاونہٕ چھےٚ یِوان۔ بڑ ژٕنہ کالِہ چھُ وۄرُسک تارِیخ ۱۴ ارژتھ اوسمُت۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ :

- *Hasan: Tarikh, I, II
- *Mohibbul Hasan: Kashmir Under the Sultans
- *Parmu: Muslim Rule in Kashmir
- *Lawrence: Valley of Kashmir

## زیارت شوگہٕ باباصاۓبؒ

وُچھِو" زیارت خواجہ مسعود پانپوری"

## زیارت قمر صاۓبؒ

قمر صائبُن اَستان چھُ سری نگرکس شُمالس کُن لال چوکہٕ پیٹھٕ اَرداہ کِلومیٹر دُور گاندربل، دوٚدرہامہٕ رَیٚنش پوٗرہ محلس مَنٛز۔ قمر صاب آو شہرِ بیہق خراسانہٕ پیٹھٕ میر سید منطقی یَس سِتی سُلطان سِکندر (۱۴۱۳ - ۱۳۸۹ ء) اِسنٛدِس عہدس مَنٛز کشیر۔ اَوہُنٛد یومِ وِصال چھُ ۱۱ ماہِ صفر۔ اَستان چھُ انتظامیہ کمیٹی نُوِسر وسعت دِتھ ۱۹۴۰ءٔ مَنٛز تعمیر کوٚرمُت، اَوکِنی چھُ پرانہِ طرزِ تعمیرُک آثار نابود۔ اَستانَس چھُ دِوری کنہِن ہُنٛدِ ۲ فُٹہٕ تھزر ژوٚک تہٕ چوٗنہٕ سُرخہٕ مَنٛز سیرِن ہُنٛد چھُس لداو۔ اَنٛدرِ نیٚبرِ چھُس سفید چوٗنہٕ گچھ کرِتھ۔ اَستان چھُ اَنٛدرِی اَنٛدرِی ۳۱ فُٹہٕ چوٗرُس تہٕ مَنٛزس روضۂ شریف چھُ ۹ فُٹہٕ چوٗرُس۔ یَتھ مُلِے وُوڈ لاگِتھ چھُ تہٕ ژوٗشِے پاسو شیٚشہِ لاگِتھ درشُن دارِ چھےٚ۔ تُربتِ شریف چھُ ژِہوٗن یَتھ



 زیارت شاہ ولی



| | |
|---|---|
| تاریخ شُد مُقرر | درگاہِ فیض بار |
| ہر جسم راکہ جاں است | گویا ہمیں بیاں است |
| کایں وردِ زباں است | درگاہ فیض بار |
| شاہ ولی عالی | ہر کہ آمدش سوالی |
| کے رفت باز خالی | درگاہ فیض بار |
| سایل امام الدین است | از دور بس قریں است |
| بر آستان جبیں است | درگاہ فیض بار |

" درگاہ فیض بار " ۱۳۲۳ھ چھُ نوٕ تعمیرُک تاریخ۔
تأریخ لیکھن وول امام الدین چھُ یمٕہ دوہن امہٕ علاقُک رینجر اوسمُت۔ امہٕ وزِ آو آستانس ہنا وسعت

دِنہٕ۔ مگر لکرِ ہٕنٛد خوٗبصوٗرت پنجرٕ کاری کٔرِتھ روضہٕ آو قایم تھاونہٕ۔

۱۹۷۳ سنہٕ منز آیہٕ زیارت نوٕ سرٕ تعمیر کرنہٕ ــــ ۴۲×۴۶ اتھ زیارتَس چھُ کنہٕ ژوک تہٕ پیٹھٕ چھُس سیرہٕ بن ہٕنٛد لداو۔ اَتھ چھُ جنوٗبہٕ طرفہٕ روے۔ اٚندرٕ چھُ خوٗبصوٗرت پنجرٕ کاری کٔرِتھ ۱۲ فُٹہٕ چورُس روضہٕ۔ روضس اٚندی اٚندی غلام گردِش چھُ مغربہٕ طرفہٕ ۱۷ فُٹہٕ۔ شُمالہٕ طرفہٕ ۱۴ فُٹہٕ، مشرقہٕ طرفہٕ ۱۴ فُٹہٕ تہٕ جنوٗبہٕ طرفہٕ ۲۰ فُٹہٕ۔ روضس اٚندرٕ چھُ قبرٕ پیٹھ پنجرٕ کاری کٔرِتھ ژھرِ پیرس چھُ سیمنٹ کٔرِتھ۔ غلام گردِشس چھُ ختم بنٛد تالو۔ روضس جنوٗب مغربی کوٗنس منز چھُ غلام گردِشس اندر شاہ ولی صٲبنٛد بوے میر مسعود تہٕ بابہٕ تھر میر حسین دفن۔ یمن دوشونی قبرن چھُ پیٹھٕ لکرِ ہٕنٛد کُنےٚ ژھر۔ آستانس چھےٚ مشرقہٕ، شُمالہٕ تہٕ مغربہٕ پاسہٕ پانٛژھ پانٛژھ محرأبی شیشہٕ دارِ پیلہٕ ژن جنوٗبہٕ پاسہٕ دروازس ڈیچھی کھووٕری اٚمی گاچہٕ زٕ زٕ دارِ چھےٚ۔ دروازس سیٚود دہلیزس اوس برونٛٹھ مسجدِ سٟتی واٹھ مگر زیرِ تعمیر نوٕ مسجدِ تہٕ آستانس چھُ تہٕ اَز پلو۔ آستانس چھُ دوٗر چار بام پٔش تیہ پیٹھ زٟش طرزُک بٔر ژنگ چھُ۔ زیارتَس نیٚبر کنہٕ جنوٗب مشرقی کوٗنس پیٹھ چھُ ۱۲ فُٹہٕ چورُس ناگ یتھ دِوری کنِ ہٕنٛد سام چھُ۔ ناگہٕ بٹھس پیٹھ چھُ شہٕ تُلہٕ کُلس



نۆرخانَس چھ ژوشوِنۍ اَنٛدَن پیٹھ کُل ۳۶ دِوداَرۍ تھم یِم داہ فُٹہٕ زیٖٹھۍ تہٕ ڈوڈ فُٹہٕ لیپیٹہٕ۔ جنوب پاسہٕ چھ نۆرخانَس ۴ فُٹہٕ کھول تہٕ اَٹھ فُٹہٕ تھود دِوداَرۍ لکرِ ہِنٛد نقشہٕ نِگاری کٔرِتھ دَروازٕ۔ زیارٕژ چھ ژٕ وور پَش دِتھ اَکھ ہیٚچوٗ بۄنٛگ کھاٗلِتھ یَتھ پیٹھ تیٚنٛشاَلس 'اللہ' بنأوِتھ چھ۔ بۄنٛگس چھےٚ وُروٗسی دِتھ ژٕو پاَرۍ کُل نۆ کُنٛتی جہِ بنأوِتھ۔

زیارت کیموٗہُک جدید تعمیر چھ خاٗلص سیمنٹُک۔ اَتہِ کیو مُقاٗمی لۆکو چھ اَمہِ جدید تعمیرُک دَس ۱۹۸۴ء منٛز تُلمُت تہٕ وُنہٕ چھس تعمیرٕچ کاٗم جاٗری۔ اَمیُک غلام گردِش چھ ۴۵×۴۹ فُٹہٕ تہٕ اَتھ چھ نۆرخاَنَس اَژنہٕ باپتھ جنوبہٕ پاسہٕ محراٗبی چالہِ گیٹ۔ اَتھ چھےٚ اَکس اَنٛدَس پیٹھ یہِ عبارت

کھنجہِ چھےٚ دوٚژھمٕژ تہٕ اَکھ چھےٚ مخملی غلاف پیٹھہٕ یَتھ پیٹھ قرآنِ شریفٕکی آیات تہٕ نعتِ شریف لیٚکھتھ چھِ۔ غلام گردِش چھُس ۱۱ فُٹہٕ کھجر۔ اَستانَس چھےٚ دَروازَس ڈُچھنی کھووٕری اَکھ اَکھ شیشہِ دٲرٕ تہٕ باقےٚ ترٛیشوٕے پاسو چھُس ترٛنےٚ ترٛنےٚ یاڑوٕجہٕ شیشہِ دارِ۔ اَستانَس چھُ دُوور چار بام ٹیٖنہٕ پَٹھ یَتھ پیٹھ عام رَنٛش طرزُک بٔرٛنگ چھُ۔ اَستان چھُ حاطٕ بَنٛد یِیمہِ کِس جنوٗب مَغربی کوٗنَس تَل اَکھ دُلکور مَسجد چھےٚ تہٕ جنوٗب مَشرقی کوٗنَس پیٹھ دِوٕری کَنین ہَنٛز ڈیٚڈی چھےٚ۔ قَمر صائبُن وفُاتس چھُ پَرتھ وٕری یہِ اَگستَس مَنٛز لگان۔

(ع . غ . ن)

کتاب نامہٕ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

## زیارت کیموہ

کیموٗہچ زِیارت چھےٚ وٚیجہ بٔرارِکِس مَغربَس مَنٛز سرینگرٕ پیٹھٕ اسلام آباد وَتہِ ۶۲ کلومیٹر دوٗر کیموٗہ گامَس مَنٛز۔

کیموٗہ چھےٚ سو بابرکت جاے بیٚتہِ علمدارِ کشمیر حضرتِ شیخ نورالدّین نوٗرانی رحؒ پَنُن لوکچار گزوٗر تہٕ یاوُن چھوو۔ اُتھی عرفانہٕ کھوٕنہٕ مَنٛز چھُ حضرتِ شیخنؒ نَفسِ اَمارٕ وَگہِ رٹنہٕ خاطرٕ غارٕ نشینی ہُنٛد سُنّت پولمُت۔ نوٗر نازِل سپدُنُک مَرکز چھُ کیموٗہَس سیٚتی گوٗپھٕ بَل یِیتہِ حضرت شیخن باہَن[12] وٕرِیَن خلوت نشینی اختیار کٔرتہٕ یہاۓ چھےٚ سو جاے یِیتہِ یِہنٛدی والدِ محترم شیخ سالارالدیّنؒ قابلِ تعظیم وٲلِدٕ شُدرٕ مٲج، پاک سیرت گرداجیٚنی زرے دیدؒ، فرزندِ ارجمند بابا حیدر تہٕ ڈیکہٕ بُڈ کوٗرٕ زوٗن دید ڈاف ترٛاوِتھ چھِ۔

زِیارت کیموٗہُک نوٗرخانہٕ چھُ مُجاوِرِ خاص مولوی سکندرَن اَلہٕ پَلہٕ اَکھ ہَتھ وٕری بٔرٛوٚنہہ تعمیر کوٚرمُت۔ پٔرٲنِس تعمیرَس چھُ کَنین، سیرٕ من تہٕ دِوٕدٲری لکرِ ہُنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ پٔرٲنی زِیارت چھےٚ شمال جنوٗب طرفہٕ ۲۷ فُٹہٕ تہٕ مَشرِق مَغرِب طرفہٕ ۱۳ فُٹہٕ زیٚچھٕ۔ مَغربہٕ طَرفہِ چھےٚ اَکھ کُل ترٛنےٚ دارِ۔ مَنٛزِم دٲر چھےٚ شےٚ فُٹہٕ زیٚچھٕ تہٕ ترٛنےٚ فُٹہٕ کھُج محرٲبی جالہِ یَتھ مَنٛزَس شیشہِ لٲگِتھ چھِ۔ اَتھ چھُ دُچھنہِ طَرفہٕ پیٹھہٕ کَنہٕ، یا شیخ نورالدّین نوٗرانی رحؒ تہٕ کھووٕرِ پاسہٕ، یا غوث الاعظم دستگیرؒ لیٚکھِتھ۔ مَغربہٕ پاسہٕ چھُ اَتھ دارِ شیخ العالمؒ سُنٛد یہِ شعر لیٚکھِتھ ؎

دِل چھُے گاڈٕ تَے ہوکھ موتھاوُن

ذِکرِ ہُنٛد پوٗنی دِس لَسہِ یو توٚے

یتھ مُتلق یہِ روایتھ چھےٚ زِ اَتھ تختس پیٹھ چھُ اَتھ آسوٚدِ گامتین پانٛژٕ وٕنی صاحبن غُسل آمُت دِنہٕ۔

روضس سیّدِ سیوٚد چھےٚ مغربہٕ پاسہٕ اَکھ ہتھ وٕری پرٛانی جامع مسجد یوسہٕ سابقہٕ ذیلدار کیموہ غلام احمد میرن تعمیر کرٕہٕژ چھےٚ۔ (م۔ع)

**کتاب نامہ :**

*Hasan: Tarikh, I, II
*Mohibbul Hasan: Kashmir Under the Sultans

## زیارتِ میر بابا حیدر (تُلہٕ مُلی)

میر صابُن اَستان چھُ سِری نگرٕکس شمالس مَنٛز لال چوکہٕ پیٹھٕ ۲۲ کِلومیٹر دوٗر تُلہٕ مُل گاندربلہٕ اَتھ چھُ قبلہٕ پاسہٕ کھیر بھوانی ہُنٛد استھاپن۔ میر صاب چھُ میر حیدر گجرٕاتی ناوٕ تہٕ وُنس تَل۔ میر صابٕنۍ اجداد آسۍ گجرٕاتکۍ حسبی نسبی سیّد۔ میر صاب آسۍ شیخ حمزہ مخدومؒ سٕندۍ خلیفہٕ، صاحبِ کمال تہٕ تھدِ پایکۍ بُزرگ۔ شیخ حمزہ سٕندین حالاتن تہٕ کراماژن پیٹھ چھےٚ تمۍ "ہدایت المخلصین" ناوٕ کتاب لیچھمٕژ۔ یہِ کِتاب آیہٕ اورنگ زیبس پیش کرنہٕ تہٕ اَتھ مَنٛز چھُ تمۍ پنُن کٔشیرِ واتنُک حال تہٕ لیوٚکھمُت اَستانس چھُ رٕنٛژ طرزِ تعمیر تہٕ یہِ چھُ حاطہٕ بنٛد۔



اَنٛدۍ اَنٛدۍ چھُس سارۍ سے قبرستان۔ دیوارٕ نیبر چھُس قبلہٕ پاسہٕ اَکھ دُپوٚر مسجد یتھ اَستانہٕ کہٕ حاطُک دروازٕ چھُ۔ اَستانس چھُ ڈایہ فُٹ تھوٚد کنہٕ ژوک تہٕ چوٗنہٕ سُرخہٕ مَنٛز چھُس کنین تہٕ سیرن ہُنٛد لداو۔ اَنٛدرٕ چھُس سفید گچھ کرِتھ۔ یہِ اَستان چھُ انتظامیہ کمیٹی نوٕ سرٕ وُسعت دِتھ ۱۹۲۵ءَ مَنٛز تعمیر کوٚرمُت، یمہِ کنی مَشرقہٕ پاسہٕ غلام گردِشہِ کس حاطس مَنٛز اَکھ قبر چھےٚ آمٕژ۔ اَستان چھُ اَنٛدرۍ اَنٛدرۍ ½ ۲۶ فُٹہٕ چوٗرس تہٕ روضہٕ چھُ ۵، فُٹ روٚیہ تہٕ ۸، فُٹہٕ شیر یتھ حالے ۱۳، آنٛچہ تھزٕ ژوکھ تہٕ سارۍ سے غلام گردِشس سنگِ مرمر وتھراونہٕ چھُ آمُت۔ تُربتہٕ شریفس پیٹھ چھُ لکرٕ ہُنٛد

زیارت کیموہ

لیپکھت ـ ' زیارت شریف شیخ نورالدین نورانیؒ '،
تہٕ مٔنزٕس چھُس ' یا احد ' لیپکھتھ۔ اُتھی گیٹس سیتی چھُ
جنوب مغربس اَنٛدٕ کلچرل
اکیڈیمی ہٕنٛدِ طرفہٕ
شیخ العالم شش صد سالہ
تقریبات کمیٹی سیتی وابستہٕ
ترٛیٚے فُٹہٕ تھزٕ تہٕ ڈوڈ
فُٹ کھج اَکھ سفید کٔنۍ
نَصب آمٕژ کرنہٕ یتھ پیٹھ
روفس اندر شیخ العالمؒ
سُنٛدِ آسوٗدٕ خاندانٕچ
تاریخ درج چھےٚ۔ اَتھ
کٔنہِ تلہٕ کٔنہِ چھےٚ بیاکھ
اَکھ کٔرٕہنٛز کٔنۍ یتھ پیٹھ
حضرت بابا نصیب الدین
غازی سُنٛد یہٕ شعر کھٔنِتھ
چھُ ـ
' کیموٗکِس شیخ نوٗردیٖنس رسوٗلِ کریمؐ
کھوٗر بوٗزنس سینس تام! "
زیارتہٕ کِس جنوٗبس مَنٛز
چھُ پٔنداہ ۱۵ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ
ژُداہ فُٹہٕ کھوٗل اَکھ گُنٛڈٕ تہٕ ناگ یتھ اَتھی لوٗکھ ماچھ ناگ ـ
وَنان چھِ۔ اَتھ مَنٛز چھےٚ شُمال مغربی اَنٛدس پیٹھ اَکھ پٹ





دانیال صاۂبنٕ سوٚ قبٕر موٚجوٗد یتھ مٔنٛز تِم گوڈٕ دفن أسی کرنہٕ آمتی۔ اَتھ قبرِ أندی پکھو آسہٕ بٔنیہٕ ترٛکینہٕ قبرٕ یِم ۱۹۸۳ سنہٕ مٔنٛز زیارتُک تعمیرٕ سپدنہٕ وِزِ زمینس تَل ہینہٕ چھےٚ آمژٕ۔ حُسین شاہ چَک (۱۵۶۲۔۶۹ء) ہٕنٛدِ دٔسی اوس اَتھ استانس أندی أندی اَکھ مضبوٗط فصیل تعمیر کرنہٕ آمُت۔ اَمہٕ وِزِ اوس قبرِ ہٕنٛزِ کنہٕ پیٹھ اَکھ کَتبہٕ کھَنٛنہٕ آمُت یتھ زٕ اۄنٛگُل مُربع اَکھ سوٚنہٕ ہٕنٛز موہر کھنٛنتھ جَرنہٕ أس آمژٕ۔ یہ کتبہٕ چھُنہٕ ازٕ اَتہٕ موٚجوٗد۔ اندازٕ چھُ زِ حُسین شاہ چَک ہٕنٛدِ فصیلہٕ چہٕ کنہٕ چھےٚ حال حالے تعمیر کرنہٕ آمتہٕ استانہٕ کِس صَفَس أندی أندی لاگنہٕ آمژٕ۔

دأنیال صاۂبنہٕ حاطہٕ کِس خستہٕ حال دیٖوارس پیٹھ چھےٚ قبلہٕ پاسہٕ اَکھ بُڈ پاتر وُنہٕ تہٕ موٚجوٗد یتھ پنٛجتنِ پاکَن ہٕنٛدی ناو خوٗبصوٗرت خطَس مٔنٛز کھٔنِتھ چھِ۔ اَتھ کنِ چھُ بوٚنہٕ کَنہٕ ۱۰۸۱ھ (۱۶۷۰ء) کھنِتھ یہٕ اوس اورنگ زیبہٕ ہٕنٛدِ وقتہٕ (۱۶۵۸-۱۷۰۷ء) مٔنٛز سیف خانہٕ گورنری ہٕنٛد دوٚیُم دور۔

دأنیال صاۂبُن استان چھُ نوٚ سرٕ ۱۹۸۳ سنہٕ مٔنٛز تعمیر کرنہٕ آمُت، یُس وُنہٕ (۱۹۸۸ء) تہٕ مکمل چھُنہٕ سپدمُت۔ ۲۲ فُٹہٕ چوٚرس اَتھ زیارتَس چھُ جنوٗبہٕ پاسہٕ تہٕ دروازٕ تہٕ شُمالہٕ پاسہٕ تہٕ۔ یِمَن دوشونی پاسَن چھےٚ دروازَن دٕچھِنی کھووِری اَکھ اَکھ دأریٖلہٕ زَن مشرقہٕ تہٕ مغربہٕ پاسہٕ اَتھ ترٛےٚ ترٛےٚ دارِ چھےٚ۔ پرٛتھ کانٛہہ دأر چھےٚ ۴ فُٹہٕ تھزر تہٕ ۳ فُٹہٕ کھجر۔ استانس أندی أندی چھُ ۶ فُٹہٕ کھجر صُفہٕ کھارنہٕ آمُت۔ اَتھ چھُ چار بام ٹینہٕ پٔش یتھ پیٹھ ٹین دِتھ چار بام برٛنگ چھُ۔

استانس أندرٕ قبرِ کھووِرِ پاسہٕ چھےٚ گٔنٛو زوٗرٕ تہٕ اَتھ شانٛدِ طرفہٕ چھُ کٔنیٖو ژوٗکُل ٹھُل ہیوٚہ

زاوٕل پنجر کاری کرتھ زھریُس ازخستہٕ چھُ گومُت۔
روضہٕ چھُ یٔژ کول لکرٕ ہُند یتھ موٹی شیشہٕ پٹی لاگتھ
دٔرشن دار چھےٚ۔ غلام گردشس چھُ تالوس پٔلے وُڈٕدتھ۔
دروازس دٔچھنی کھوورِ چھ زٕ طاق تہٕ باقے
ترٕیُو پاسو چھس پانژھ پانژھ طاق، یمن زاولہِ
پنجر پٹی چھ۔ سارنے طاقن چھ پیٹھہٕ روشندان تہٕ یمن
تہٕ چھ زاولہِ پنجر پٹی لاگتھ۔ آستانس چھُ دوور چار
بام ٹینہ پش یتھ ریش طرزک تھود برنگ چھ تہٕ
برنگس پیٹھہٕ کنہٕ چھ سرتلیو بوڈ ڈور دبہٕ لاگتھ، غلام
گردشس وسعت دنہٕ وزٕ چھ امیک طرز تعمیر ڈنجہ
آمُت تھاونہٕ۔ میر صاب سپُد، محرم (۹۹۷ھ
۱۵۸۸ء) رحمتِ حق۔ پرتھ وری یہٕ اگست رتس منز
چھُ قمری رتہٕ کرٕتی مرتار ہنگہ امی سُند ووٕرس
مناونہٕ یوان۔

(ع۔ غ۔ ن)

کتاب نامہ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

## زیارت میر سید دانیالؒ

میر سید دانیال ہنز زیارت چھےٚ گاندربل
تحصیلہِ کس ڈب گامس منز۔ ڈب چھ سرینگرٕ پیٹھہٕ
اکہٕ ترٕہہ کلومیٹر دورٕ شادی پورٕ ویتہ ہندِ دٔچھنہٕ
بٹھہٕ۔ مرزا حیدر کاشغری ہندٕ دسی سپُد میر
دانیال اشم تہٕ اندر کوٹس درمیان مہا پدم جایہ
فروری ۱۵۵۰ء (۹۵۷ھ) منز شہید۔ حسن چھُ قتل
سپدنہٕ چہ جایہ شوش مرونان۔ شہید سپدنہٕ پتہٕ
تُج دانیال صابنی میت تمی سندو مرید و تہٕ ژوٕر
ژورِ کرٕتھ ڈب گامہٕ چہ وُڈر پیٹھہٕ دفن۔ میر دانیال سندو
مریدو تھوو دشمن ہندِ خوفہٕ اتھ مقبرس "ریشہٕ بابہٕ"
صابُن ناو۔ میر دانیال سندٕ شہید سپدنہٕ پتہٕ دہر
رٔیتی (نومبر ۱۵۵۱ء منز) حیدر کاشغری سندِ قتل سپدنہٕ
پتہٕ آیہٕ دانیال سنز میت ڈب گامہٕ منز کڈتھ
زڈی بل کس خانقاہس منز دفن کرنہٕ۔ یتہِ تمی سُند
مول میر شمس الدین عراقیؒ گوڈٕ دفن کرنہٕ اوس
آمُت۔ خانقاہس منز دانیال صابنس مقبرس چھُ
اکھ کتبہٕ لاگتھ اوسمت یتہٕ پیٹھ ائمہٕ معصومینن ہندی
اسمائے مبارک تہٕ یہٕ شعر چھُ کھٔنتھ اوسمت ؎

آنکہ جاں باخت ز بہر رب مجید
حضرت شیخ دانیال شہید

کتبس پیٹھ چھُ دانیال صابُن مرن سنہٕ ۹۵۷ھ
تہٕ کھٔنتھ اوسمت (تہٕ گو ۱۵۵۰ء)۔
ڈبہٕ کس زیارتس چھُ وُنی کہنس تہٕ پیوٕر لاگتھ

ہوٚنژِ پورٕ اوس حضرتِ شیخ اَکِس گوٗپھ منٛز عبادت کران، مگر وونی چھُنہٕ یہِ گوٗپھ موٗجوٗد۔ کینٛہہ کال برٛونٛہہ اوس اَمیُک گوٚل نوٚن مگر وونی چھُ سُہ تہِ پُرٛونہٕ آمُت۔ گوٗپھ ہُریمانہٕ چھِ بِہِنٛد اَستان تہٕ یُس کٔشیرِ ہِنٛدِ بن تمام رٛیش اَستانَن نِش مُختلِف چھُ۔ ہوٚنژِ پورِچ زیارت چھےٚ عام کأشرِ مکانکۍ پأٹھۍ زِ پوش کٔرِتھ تہٕ زیارتہٕ کِس کمرس منٛز چھےٚ اَکھ پأترِ بیتھ پیٹھ حضرتِ شیخ بہان اوس۔ اَتھ پأترِ پیٹھ چھُ ژھرٕ تہٕ تتھ پیٹھ غلاف۔ ڈیان برٛونٛہہ کالہٕ چھےٚ زیارت نارٕ ستی شہید گأمژ۔ شہید گأمژِ زیارژ ہِنٛدِس طرزِ تعمیرس متعلق چھُنہٕ کینٛہہ تہٕ معلوٗم سپدمُت۔ وُنی کین چھےٚ زیارتس سِنگل دِتھ تہٕ برٛانٛدس چھُس رٛیش طرزُک سِنگلِ پش۔ ہوٚنژِ پورٕ تہٕ چھُ ۲۶، ۱۵۰ پٔرتھ وٗری یہِ تتھے پأٹھۍ مالہٕ لگان یتھہٕ کٕنۍ حضرتِ شیخہٕ سندِن دوٚیمین اَستانَن پیٹھ لگان چھُ۔

(م۔ا۔ا)

## کتاب نامہٕ:

*Amin Kamil: Ed. Shiraza (Number Riosh No.)
*Baba Kamal: Noornama (Mans)
*Rahman Rahi: Ed. Anhar, 1979

## ژمبر

ژمبر چھُ کھورنار واو علاقہٕ کِس اَنٛدس پیٹھ ہوٚنژِ ہینگہٕ



یَتھ استخارٕ (مَشوٗرٕ دوٚب) وَنان چھ۔

زیارتَس چھ مقأمی لوٗکھ شہید شُند وَنان۔

حاطَس مَنٛز چھےٚ جنوٗبہٕ پاسہٕ اَکھ مَسجد اَسمٕژ یوٚسہٕ

وۄنی مُنہدِم چھےٚ گأمٕژ۔ مہرأج سیرٕنٕ ہنٛزِ اَمہٕ

خَستہٕ حال مسجدِ ہنٛز قبلہٕ پأسٕچ اَڈٕلَب چھےٚ وُنہٕ

وۄنی یَتھ محراب تہٕ موٗجوٗد چھُ۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہٕ:

*Akbar Hyderi: Ed. Baharistan-i-Shahi
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir
*Safdar: Shian-i-Kashmir
*Syed Baqir: Akhtare-i-Darakhshan

## زیارت ہوٚنٛژی پوٗر

ہوٚنٛژی پوٗر چھُ کھاگہٕ تہٕ پوشکرس درمیان توسہٕ مأدانہٕ کِس دامنَس تَل سُہ گام یَیتہٕ حضرتِ شیخ العالمؒ ستَن وُری یَن عبادَت کران رۄد۔ ہوٚنٛژی پوٗر ووت حضرتِ شیخؒ تمہٕ ساعتہٕ یێلہٕ موکھتہٕ پوٗکھرٕ شَن رٕہتَن قَیام کٔرِتھ تمہٕ شہر ترٛاو۔



چوٗرتن وُچھتھ چھُ ہوٗ نہٕ مۄنٛدی ہُنٛدجان باس
لگان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh, II

## سنٛزی میدان

وُچھو "ییٛنٛڈر آثار" (جلد ۱)

## شُدھ مہادیو

چنینی ہنٛدِس شُمالس کُن جرنیلی سڑکہِ پیٹھ ۲۰ کلومیٹر دوٗر دیوکایہ ہنٛدِس ٹھس پیٹھ شُدھ مہادیو چھُ سیٹھاہ پرٛون تیرتھ۔ یُس یتہِ کالہٕ پیٹھہٕ مشہوٗر چھُ۔ پوٗرانن منٛز چھُ دیوکایہ تھوٚد درجہ دِنہٕ آمُت۔

استھاپنس پیٹھ چھُ عقیدت تہٕ احترام ظاہر کرُن وول ترٛشوٗل یُس شوٗسُند آکار چھُ مانہٕ یوان۔ کشیرِ تہٕ امہِ کِن اندی پکھہٕ علاقن منٛز شوٗہنٛدِ آکارکِنہِ ترٛشوٗل نصب کرٕنٛچ رِوایتھ چھےٚ سیٹھا پرٛانی۔ کشیر ہنٛدِس توارٛیخس منٛز چھُ اَسہِ کوٚڑ انوار آریہ راج سنٛد ہوٗمتی ہنٛدِ وقتہٕ ترٛشوٗل نصب کرنک حوالہٕ میلان۔ تس پتہٕ اوس راز انت دیو (۶۲۳۔۶۲۸ء) ہنٛز مہارٲنی سورِیہ متی کشیر منٛز شوٗہنٛدِ آکارکِنہِ کتھ تام جایہ ترٛشوٗل نصب کوٚرمُت۔

شُدھ مہادیُک مُقدس تہٕ مُتبرک ترٛشوٗل چھُ توارٛیخی اعتبارٕ تہٕ سیٹھا اہم۔ اَتھ پیٹھ چھُ براہمی خطس منٛز اکھ کتبہٕ کھٔنِتھ یُس ساری سے ریاستس منٛز پننہِ قِسمُک واحد تہٕ ساروٕے کھوتہٕ پرٛون کتبہٕ چھُ۔ کتبُک طرزِ تحریر چھُ رازٕ اشوکنہِ وقتہٕ مروج طرزِ تحریرس سیتی رلان تہٕ لیکھُتھک یہ طرز چھُ ترمیمہٕ، ژوری مہ صدی تام مروج روٗدمُت۔ کتبُک



دانِس پیٹھ۔ اَتھ گامَس منٛز چھِ حضرتِ شیخ العالمؒ سُنٛد اَستان تِتھ جایِ تعمیر کرنہٕ آمُت یتھ جایِ گوپھ پلہِ نیرِتھ حضرتِ شیخن تریُن وٕری یُن قرار کوٚر۔ اَمہِ زمانٕچ یادگار چھِ عَلام گردِشَس منٛز باگ سوکُٕن یتھ پیٹھ علمدار قرار اوس کران۔

ژٕمبر اَستان چھُ سٕتی مِس ہجری ہتی لِس منٛز تعمیر کرنہٕ آمُت۔ اَمِیُک طرزِ تعمیر چھُ عام رٔیش اَستانن سٕتی رَلان۔ اَتھ جایِ لُیس بڑوٚ نٛٹھٕیم اَستان اوس تِتھ تہٕ چھُ یوہَے طرزِ تعمیر اوسمُت۔ اَستانَس اَندی ٹِکھو آسہٕ ۱۹۷۶ء تام تہٕ پرانہٕ پأترِ یمَن پیٹھ پمپوش بیترِ کھُنیتھ آسی۔ پأترِ ہن ہُنٛد موقَس پیٹھ موٚجوٗد آسُن چھُ ثرینہٕ وَن دِوان زِ حضرتِ شیخہٕ سُنٛد اور واتنہٕ بڑوٚ نہٕ چھُ اَتہِ کُس تام پرٛون تعمیر اوسمُت۔ ژٕمبرکِس اَستانَس پیٹھ تہٕ چھُ حضرتِ شیخَس سٕتی منسوٗب باقی اَستانن ہنٛدی پأٹھی ۲۶، پوہہ مٲلہِ لگان۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:


*Amin Kamil: Ed. Shiraza
(Nund Riosh No.)
*Baba Kamal: Noornama (Mans)
*Rahman Rahi: Ed. Anhar, 1979


## ستکنہ

لیہہ کلوسٹرکہِ پیٹھہِ مرسلانگ تہٕ شٕشٕش ہوتَس منٛز باگ واقعہ ستکنہ گمپہٕ چھُ درمیأنی درجِہ کین گمپن منٛز شُمار سپدان۔ سپنٛدہٕ ہچھر منٛز کوہہٕ تالِہ پیٹھ تعمیر کرنہٕ آمتہٕ اَمہِ گمپہٕ پیٹھہٕ چھِ دوٗر تام نظر پلان۔

ستکِنہ لفظُک معنے چھُ "سہہ نَس" مگر یہ چھُنہٕ معلوٗم زِ یہ ناو کیازِ چھُ گمپس پیوٗمُت۔ گمپَس سٕتی وابستہٕ تعمیر چھِ سیٹھا موٗخصر۔ گمپکی ذأتی استعمالکی کمرِ چھِ تازٕ تازے تبتی طرزکیو موٗنی ژِتھرو سٕتی سجاونہٕ آمتی۔ اَمہِ ہریمانہٕ چھُ سمن رَوق (دُکھانگ) تہٕ لامن ہنٛدِ دو تھنہٕ بیٚہنکی کمر گمپُک حِصہٕ۔ سمن رَوقَس منٛز چھُ رفہ پیہٕ مُلہٕ مایہ گرِتھ سَتھ فُٹہٕ تھوٚد چورتن یُس از بڑوٚ نہٕ ترٛہہ وٕری ہیوٚہ چھُ بناونہٕ آمت۔





پیتہٕ آو تجویز کرنہٕ زِ سری نگرٕ تہٕ جوٗمہٕ کیو سرکاری توشہِ خانو پیٹھہٕ گژھن عجائیب گرٕ خاطرٕ تحفہٕ سوزنہٕ ینی۔ مہاراجن تہٕ حُکمران خاندانہٕ کیو شہزادو کوٗر تجویزس وَژھ دأنجہِ استقبال تہٕ یِتھہٕ پأٹھی گئیہ عجائِب گرس مَنٛز پرٛانین شالن تہٕ پرٛانہِ قسمہٕ کین جُنگی ہتھیارن ہنٛز اَکھ شاندار سوٗمبرن تیار۔ الگ الگ سیکشنَن سِتی تعلق تھاوَن وألی مختلِف نوادرات آیہ وارِ وارِ اَتہٕ تھاونہٕ۔

عجائِب گرس مَنٛز چھہ وارِیاہ سیکشن۔ قدیم آثارن تہٕ ضربن ہُنٛد سیکشن چھُہ خاص کٔرتھ قابِل ذِکر۔ قدیم آثارن ہُنٛد سیکشن اوس ۱۹۱۳ء تام اَکھ معموٗلی سیکشن مگر اُتھی وری یُس مَنٛز آو محکمۂ آثارِ قدیمہ رائے بہادر لالہ دیا رام ساہنی ہِنٛزِ نگرأنی تَل نَوِ سرٕ مُنظم کرنہٕ۔ یُس ریاستَس مَنٛز سائنسی طریقو کھُدأے کَرن وول گوڈنیک تربیت یافتہٕ ماہرِ آثارِ قدیمہ اوس۔ یِم چیز پانٛدریٹھنہٕ، پرہاس پورٕ تہٕ وٕنتی پورٕ دستیاب سپدی تِمو مَنٛز آے اکثر چیز عجائِب گرس مَنٛز تھاونہٕ۔ یِم چیز چھہٕ زِیادہٕ پأٹھی وسطی زمانٕکی۔

کھدأے کٔرِتھ یِم چیز حأصِل کرنہٕ آے تِمو ورأے چھہ کینٛہہ چیز پبلِک ورکس محکمہٕ تہٕ محکمۂ مالَس نِشہِ حأصِل کرنہٕ آمتی تہٕ کینٛہہ چھہ مُلی ہینہٕ آمتی۔ قدیم آثارن ہُنٛدِس سیکشنَس مَنٛز چھہ لداخہٕ کہِ بودھ علاقٕکی پرٛأنی نوادِر تہِ موٗجود، یِمن مَنٛز کینٛہہ تِم لوٚیہ مُرتھ تہٕ شأمِل چھےٚ یِم سرکأری توشہِ خانہٕ پیٹھہٕ اوٚت سوزنہٕ آمٕژ چھےٚ تہٕ تِمو علاوٕ چھہ وارِیاہ کَتر۔ موٚہر یِمہٕ آثارِ قدیمٕکی ڈایریکٹر جنرل سَر جان مارشلن عجائِب خانَس مَنٛز تھاوِنأوی۔

عجائِب گرَ آو گوڈنیتھ مِسٹر بلیسری ہِنٛدس قأبِل نفرس ماتحت تھاونہٕ یُس تمہِ وقتہٕ کشیر ہُنٛد اکونٹنٹ جنرل اوس۔ اُمی کوٚر پرتاپ سنگھنس میوزیمس

کیٚنہہ حصہٕ ییٚتھ مَنٛز اَمہِ کِہ تحریٖرک سَنہٕ بیترِ رتہ شأمِل چھُ، چھُ مُرشہِ تہٕ رٛوٚدہٕ بیترِ سیٖتی پھیش لگنہٕ کِنی نُہوٚنہٕ آمُت اماپوٚز کَتیکی کاہ حرف چھُ وُنہٕ تہٕ ڈَنٛجہِ۔ حرفَن معنے کَرنہٕ سیٖتی چھُ نَنان زِ تتہٕ شوٗل چھُ شِو تہٕ پاروَتی مِئُل سَپدنہٕ کِس سِلسِلَس مَنٛز نَصب کَرنہٕ آمُت۔ اَمہِ ہُریمانہٕ چھُ دوٚن زَنہٕن (وِبھوناگ تہٕ بھائی ناگ) ہِنٛدِ ناو تہٕ آیتی پَرنہٕ۔ خیال چھُ یِوان کَرنہٕ زِ یِم چھ پانہٕ وأنۍ مألۍ پوٚتھرٕ أسۍ ہتی تہٕ اَتھ علاقس مَنٛز چھِ راج أسۍ ہتی کَران۔ ییٚتہٕ کِنۍ چھُ اَنداز سَپدان زِ تتہٕ ییمہِ ژوٗرِ مہٕ صدی مَنٛز چھُ سُدھ مہادیوس اَنٛدۍ پَکھ علاقہٕ ناگ حکمرانَن ماتحت اوسمُت۔ اَتھ علاقس مَنٛز چھِ واریاہ ناگ استھاپَن۔ بھَدرواہک واسکی مَنٛدَر چھُ علاقس مَنٛز ناگ پوٗزایہِ ہِنٛدِس مُروج آسنَس تصدیق کَران۔

سُدھ مہادیو چھُ ہارٕ پٕنٛم کیٚشت بارٕ مألہٕ لگان۔ یُس ترٕہن دہن چَلان چھُ۔ مألس کیٚشت چھِ پہاڑی علاقَن ہِنٛدۍ ساسہٕ وادٕ لوٗکھ اور واتان تہٕ پوٗزایہِ گَنٛڈنَس تہٕ گیوٗنَس مَنٛز حصہٕ نِوان۔

سُدھ مہادیو پیٹھہٕ ترٕ میل دوٗر چھِ مان تلائی ناوٕچ جائے۔ اَتہِ چھِ پتھ کالہٕ چہِ واریاہ کَتر تہٕ کَترِ مُرژ ڈزامژٕ مگر باقاعدٕ کھُدائے تہٕ کَترِ مُرژن ہُنٛدِ سَنہٕ ووٗتر کھُر کَرُن چھُ وُنہٕ باقے۔ مان تلائی ہِنٛدۍ آثار چھِ اَکہِ پھِر بییہِ ثابتھ کَران زِ بڑٕ وٚہہ کالہٕ تہٕ چھُ یہِ علاقہٕ آباد اوسمُت۔ (م۔ل۔س)

## کتاب نامہ :

*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Saraf: Jammu Darshan

# سری پرتاپ سنگھ عجائب گر

سری پرتاپ سنگھ عجائب گر چھُ لال منڈی سری نگرہٕ وییٚتھ ہِنٛدِس کھووِرِس بٔٹھِس پیٹھ۔ اَتھ چھُ مغربہٕ طرفہٕ کشمیر کلچرل اکادمی ہُنٛد دفتر، مشرقہٕ اَنٛدٕ ہنا دوٗر پیٚہن کانوینٹ سکوٗل تہٕ جنوبہٕ طرفہٕ ایگریکلچر محکمُک لال منڈی باغ۔

مارچ ۱۸۹۸ءٕ یس مَنٛز کوٚر جنرل راجہ سُرام سِنگھن تہٕ کیپٹن ایس ایچ گاڈمرے ین مہاراجس اَکھ میمورنڈم پیش ییٚتھ مَنٛز یہِ تجویز کَرنہٕ آو زِ سرینگرس مَنٛز گوٚژھ اَکھ عجائب گر قائم سَپدُن ییٚتھ مَنٛز ریاست جموٗں کشمیرکۍ، بلتستانکۍ تہٕ گلگتکۍ نموٗنہٕ تہٕ آثارِ قدیمہ دستیاب سَپدَن وألۍ مختلف موٗلۍ چیز جمع کَرنہٕ ین۔



## کتٕر ٹایلہٕ

عجائِب گرس مَنٛز چھےٚ دوٚیمہٕ، ژوٗری مہٕ تہٕ پۄنٛدأہمہٕ صدی عیسوی ہِنٛز کٲشرِ ہِنٛز مختلف ٹایلہٕ۔ ہٕٹہٕ مَر، ہُیے نار، پہلگامہٕ، ہٲروَنہٕ تہٕ مدین صابنہٕ لَبنہٕ آمٕژ کتٕرٕ ٹایلہٕ تہٕ چھےٚ اَتہٕ سوٚمبراونہٕ آمٕژٕ۔

## کتبہٕ

نوٗیمہٕ صدی عیسوی پیٹھہٕ بڈشاہ (۱۴۲۰-۷۰ء) سِنٛدِس دورس تام یِم کَتبہٕ فارسی، عَربی تہٕ شاردا ہٕس مَنٛز چھِ تِموتَلہٕ چھےٚ کٲشرِ متعلق کیٚنٛہہ دِلچسپ کتھہٕ معلوٗم سپدان۔

## مُسوَدٕ

اَتھ سیکشنَس مَنٛز چھِ فارسی، عَربی تہٕ شاردا ہٕس مَنٛز لیکھنہٕ آمتی قلمی نُسخہٕ۔ فارسی لیَس مَنٛز چھِ مثٲلے یِم مُسوَدٕ :

بحرِ طویل، فارسی جغرافیہ، فالنامہ زلزلہ، رِشی نامہٕ، شہنامہ، دیوان حافِظ، سکندر نامہ، ہفت پیکر، یوسف زلیخا، مثنوی تہٕ علمِ فلکیات۔

اَمہِ علاوٕ چھِ بالی تہٕ شاردا ہٕس مَنٛز کیٚنٛہہ برزٕکی نُسخہٕ موجوٗد۔ میوزیمَس مَنٛز چھُ فارسی لیَس مَنٛز جہانگیرٕنہٕ (۲۸-۵-۱۶۰۶ء) اَتھہٕ لیکھتھ اَکھ قلمی دستاویز تھٔو مُت۔





مَنز سکّن ہُنٛد اکھ فرستہٕ تیار

ضرب

اَتھ مَنز چھِ کُشان دورٕ پیٹھٕ ڈوگرٕ دورس تام اکثر سِکہٕ موجوٗد۔

مُرٕژ

اَتھ سیکشنس مَنز چھےٚ مختلِف دورن ہٕنٛز مختلِف جاین لبنہٕ آمٕژ لو یہ، کِنہٕ تہٕ کیتر مُرٕژہ ڈہی مہ کُہی مہ صدی عیسوی دوران بنا ونہٕ آمٕژ دروٚچنا تہٕ سنٛگات سدھرشنا لوکیشور لو یہ مُرٕژ چھےٚ ایس۔ پی ایس میوزیمس مَنز محفوٗظ تھاونہٕ آمٕژ۔

دوٚسرٕ لبنہٕ آمٕت ڈہی مہ صدی عیسوی ہُنٛد ۲/۱ ۶ فُٹہٕ تھوٚد لو یہ اوتار پوٗٹ تہٕ چھُ عجایٖب گرس مَنز ژھرا اوٚتھ۔ اَتہٕ چھےٚ یمہٕ کِنہٕ مُرٕژ:

کارتکی (۷۔۶ صدی عیسوی، وٚنیجہٕ بیور)۔ وِشنو (۱۲ صدی عیسوی۔ ویرناگ)۔ شِو (۸ صدی عیسوی، گپکار پاندریٹھن)۔ بُدھ (۸ صدی عیسوی۔ پاندریٹھن، پرہاس پور)۔ لکشمی (۹ صدی، وٲنتی پوٗر)۔ پاروتی (۸ صدی عیسوی، پاندریٹھن)۔ اندھرا (۸ صدی عیسوی، پاندریٹھن)۔

وُشکرٕ لبنہٕ آمٕژ ژوٗری مہ صدی عیسوی ہٕنٛز اُپاشکا، بُدھ تہٕ بودھ ستوٗ، کیتر مُرٕژ تہٕ چھےٚ اتھ میوزیمس مَنز۔

سَنطوٗر، نے، سیتار، رَباب، طبلہٕ، چَنٛگہٕ،
طُنبخ ناٗر، سارنگ، باجہٕ بیترِ۔

## زیور۔

۱۹ صدی عیسوی ہنٛدی یِم زیوَر اتہٕ چھہ مۄجوٗد
تھاونہٕ آمتی۔ مثالے: ہار، جھمکہٕ ہار، ڈیجہ ہوٗر، کَنہٕ واز
تالہٕ رز، تعویزٕ، حلقہٕ بَند، پٕٹھر ٹنگرٕ، ٹوکہٕ کوٚر،
کَرٕشہٕ کرٕ بیترِ۔

## چَمرٕ وی، گاسوی تہٕ کانوی چیز۔

۱۹ صدی عیسوی ہنٛدی، چَمرٕ بوٗٹ، پاٗزار، بیگ
تہٕ اٹیچی چھہ اَتھ میوزیمس مَنٛز۔ اَمہٕ علاوٕ چھہ گاسو
پلہٕ ہور تہٕ پاٗزار تہٕ اتہٕ۔ کانوی بیگ، ٹوٗکرٕ، صوٚندوٗق
بیترِ تہٕ چھہ اَتہٕ۔

## پلو، پوشاک تہٕ فرشہٕ فروٗشہٕ

۱۹ صدی عیسوی ہنٛدی پلو تہٕ فرشہٕ فرٗوشہٕ
تہٕ چھہ عجائب گرس مَنٛز۔ مثالے: پھیرٕن، پشمینہ
گوٗن، کامہٕ دار شاہ پسند شال، کاٗنی شال، پارچہٕ
کیمخاب، زر باف، بنارس، کپرٕس بیٹھ بناوتھ
سری نگرُک نقشہٕ، بیرٕوی قاٗلینہٕ، ریشمی قاٗلینہٕ
بیرٕوی نمدٕ، گبہٕ تہٕ مختلف کپٕر ژادرٕ۔

## وٕٹسی آثار

اَتھ سکشنَس مَنٛز چھہ جانوٗرن تہٕ کُلین کٕٹِن
ہنٛدی وٕٹسی آثار مۄجوٗد۔

## کَنہٕ ذاٗژ

اَتہٕ چھہ مختلف کَنہٕ زاٗژن ہنٛدی نموٗنہٕ جمع
کرنہٕ آمتی مثالے: سنگِ مرمر، سنگِ سیاہ تہٕ
رَنگ برنٛگی کَنہٕ ذاٗژ۔

## جانور، جاناوار تہٕ کیٖمی کرٕل

اَتھ سکشنَس مَنٛز چھہ جیٛمکی، لداخکی تہٕ
کشیرِ ہنٛدی جانوٗر، جاناوار تہٕ کیٖمی کرٕل تھاونہٕ آمتی
مثالے: ہسہہ، ہاپُت، ہانگُل، زوٗمبہٕ گاو،
جنگلی ژھاوج، خرگوش، پوٚژر، شال، پوشہٕ لوٗو،
اَنز، بطخ، گانٹھ، راتہٕ موغُل، کاو، ژُر، ہاٗر، کوتُر،
بُلبُل، جَل، دہدر، سَٹُت، شوگہٕ، طوطہٕ، سوٕنہٕ
چرُ، پھمبہٕ سِر، شینہٕ ہیپنہ، ژِنہٕ ہاگرُ تہٕ کولہٕ ٹوٗنٛچ۔

(م۔ن۔ن)

کتاب نامہ:
*Kak R.C: S.P.S. Museum Srinagar

# سکندر پوٗر

سکندر پوٗر اُسی شاہمیری دورس مَنٛز سرینگرکہٕ
کوہِ ماران کہٕ دامنہٕ پیٹھہٕ تھہٕ ساٗری سے علاقس وَنان
یتھ اَز کَل بَلہٕ کھاہ، گوجوٕر، نَوٕ ہٹ، خوجہ بازار تہٕ

سری نگر عجائب گر

## ڈاک ٹِکٹہٕ، روٗپیہٕ تہٕ اِشٹام





اَکہٕ آنہٕ پیٹھہٕ پانٛژن روٗپین تام ڈاک ٹِکٹہٕ چھپۍ اَتہٕ۔ اَمہٕ عَلاوٕ چھپۍ اَتہٕ مہاراجَن ہٕنٛز روٗپیہٕ، روٗپیَن ہٕنٛدی قالِب تہٕ بنیٛہٕ اِشٹام تہٕ۔

## ہٕتھیار تہٕ جٔنگی سامانہٕ۔

۱۹ صدی عیسوی ہٕنٛدی یِم ہٕتھیار تہٕ جٔنگی سامانہٕ میوزیمَس مَنٛز تھاوِنہٕ آمتی مِثالے:

بٔندوٗق، پِستول، تلوار، توپ، چھُری، تبَر، شٔراک، نیزٕ، سپَر، شیٖشترٕ ٹوٗپی۔

## بانہٕ بَٹھہٕ

اَتہٕ چھِ ۱۸ تہٕ ۱۹ صدی عیسوی ہٕنٛدی کٔشیرٕ ہٕنٛدی کِنوی، زٕہَر مُہرکی، چینوی، ٹٔراموی تہٕ روٗپہٕ ہٕنٛدی بانہٕ بٔٹھہٕ بیٚتر۔ ۱۹ صدی عیسوی ہٕنٛدی لداخکی لوٗہٕ بانہٕ بیٚترِ تہٕ چھِ موٗجوٗد۔ ٹٔراموی یِم چیز تہٕ چھِ اَتہٕ کندٕ کٲری سماوار کندٕ کٲری ٹوٗری تہٕ طَشت نآر بیٚترِ۔

## فرنیچَر تہٕ سجاوٹی چیز

۱۸ تہٕ ۱۹ صدی عیسوی ہٕنٛدی ڈوٗنی ہیچُو فرنیچر بیٚتر تہٕ چھُ اَتھ عجائب گرس مَنٛز نظرِ گژھان۔ مُزید چھِ اَتہٕ ڈوٗنی ہیچو تہٕ پیپر ماشی ہٕنٛدی سجاوٹی چیز تہٕ۔

## ساز

۱۹ صدی عیسوی ہٕنٛدی یِم ساز چھِ اَتہٕ مِثالے:

اِسلأمی درسگاہ مدرسۂ حُسین تہٕ اَکھ باغ بنوومُت۔ یَتھ مَنٛز خواجہ خاوند محمود نقشبندی سُنٛد خانقاہ ۱۶۳۲ءس مَنٛز تعمیر چھُ سپُدمُت۔

سکندر پوٗر چھُ شہیٚری تہٕ ژٕک دورس مَنٛز اِسلأمی تبلیٖغُک تہٕ عِلمہٕ فنٕک مرکز رُودمُت۔ ییٚمہٕ کِنی اَتھ جایہ بَہلہِ پایکی بُزرگ دفن چھِ یِمَن مَنٛز یِم حضرات چھِ: سیّد بُرہان۔ سیّد تاج الدینؒ سیّد محمد، سید محمد اختتاج۔ (م۔ع)

## کتاب نامہ:


*Hasan: Tarikh, I, II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Mirza Saif-ud-Din: Khulasa-tul-Tawarikh
*Sufi: Kashir, II


# سلال قلعہ (تہٕ چرٕے نا)

ریاسی ہٕنٛدِس شُمالَس مَنٛز ۲۷ کلومیٹر دوٗر چھُ سلالؔ ییٚتہِ وۄنی چِناب بَس پیٹھ بجلی گھر بنان چھُ۔ سلال اوس برٛونٛہہ کالہِ لوکُٹ گام یَتھ مَنٛز مہاراجہ گلاب سِنگھ (۵۷-۱۸۴۶ء) ٕسُنٛد قلعکی آثار چھِ۔ زِینہٕ وَن چھٕے لگان زِ یہ چھُے اَکھ اہَم فوجی چوٚکی آسمٕژ۔ کوٗٹُک فصیل چھُ پھاٹِتھ کَنٛن ہُنٛد اوسمُت۔ مگر یہ وُنی چھُنہٕ وۄنی ممکِن زِ کوٗٹچ وُسعت بیترِ کیاہ چھٕے آسمٕژ۔ آثارِ وتلہٕ چھُ لکر ہُنٛد مَنٛدر یَتھ "چرٕے نا" دیوتا وَنان چھِ۔ مَنٛدرس چھُ اَکھ کمرٕ تہٕ کُنٛ چھُس ڈُلہٕ کنِن ہُنٛد۔ أنٛدی أنٛدی چھُس پرٛیدی کھٕیٚن دِنہٕ باپتھ براندٕ گَڈِتھ۔ براندٕچ تھمبہٕ تہٕ تَندُل چھٕے مَنٛدرٕکِس پٔتَس ڈٕکھ زٕٹِتھ۔ مگر پَتِمِچ اِکِل تہٕ وُتھر چھِنہٕ موقعَس پیٹھ موجود۔ تھمبہٕ بیٚہَن چھِ پوشہِ نمونہٕ بناوِتھ مَنٛدرس أنٛدری ہیٚچہٕ پیٹھ مُرژٕگری چھٕے جنٛگی منظرَن ہٕنٛز باوتھ کران۔ جنٛگک تعلُق گژھِ شاید ڈوگرٕ دورس سٕتی آسُن۔ آدمی قدٕ سٕیٚہٕن ہٕنٛز شبیہہ چھٕے أکِس أکِس کَنہِ پَلَس تہٕ ہیٚچہٕ مۄنٛڈس پیٹھ کُورنہٕ آمٕژ۔ مَنٛدرٕکِس حاطَس مَنٛز چھٕے پرٛژھہٕ ہتہٕ پیٚٹھی شبیہہ اِستادٕ تہٕ مَنٛدرس مَنٛز چھِ ژٕرھن شبیہن ہُنٛد تعداد سٕتھ یِمو مَنٛز چھُ أکِس شبیہہ مَنٛز زنانہٕ تہٕ مرد اَکھ أکی سُنٛد اَتھ رٕٹِتھ ہاونہٕ آمتی۔ زنانہٕ چھُ اَکھتُے کھوورِس اَتھس مَنٛز آبہٕ نوٗٹ ہیوٚتامُتھ زَن ہیٚچہٕ پیٹھ مُرژٕگری ہُنٛد تعلُق چھُ اَکھ أنٛدرٕ چھُنہٕ کانٛہہ خاص نفاسَت۔ مَنٛدر چھُ شاید کوٗٹکے حِصہٕ اوسمُت۔

(م۔ل۔س)

## کتاب نامہ:


*Gosh A: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1965-66

سکندر پور

مُلارۄٹ ؤنان چھ۔ اَتھی علاقس مَنز اوس (۱۳۸۹ء
۱۴۱۳ء) مَنز سلطان سکندرَن پننس ناوس پیٹھ سکندر پور
ناوٕ اکھ محلہٕ بسوومُت۔

شاہمیری دورٕ برٛونٛہہ آسہٕ اَتھ علاقس مَنز
واریاہ مَندرٕ یمن مَنز تارا پیڈ تہٕ نہاشری مَندر زیادٕ
پَہَن مشہوٗر آسی۔ سر والٹر لارنس تہٕ ایچ فرینکی
ہِندِ مۆجوب چھیٚ اَتھ جایہِ ژھنگ ژھبلک
(TSNANG THIBLAK) ناوٕ اکھ بودھ زیارت تہٕ
آسمٕژ۔ سکندر پورٕ تُل سلطان سکندرَن (۱۳۹۸ء)
کشیرِ ہنز ساروے کھوتہٕ بجہٕ مشیدِ (جامع مسجدِ)
تعمیر کَرَنٕک دَس۔

سکندر پورِ اوس سلطان سکندرَن بجہٕ
مسجدِ نکھہٕ اکھ عالی شان محل تعمیر کَرِ نوومُت ۱۳۹۳ء
یسیلِ میر محمد ہمدانیؒ کشیر آیہ تِمن آو اَتھی جایہِ
سلطان سِندِ طرفٕ مایہ پوٗرٕ استقبال کرنہٕ تہٕ
پتہٕ آو تہندِ روزنہٕ باپتھ اَزی کَس نوٗرس مَنز اکھ
عالی شان محل تعمیر کرنہٕ۔ ۱۴۷۰ء مَنز آو سلطان
حیدر شاہ سٕنز تاجپوٗشی ہُندٕ رسم تہٕ سکندر
پورکِس شاہی محل خانس مَنز انجام دِنہٕ تہٕ اَتھی محلس
مَنز کوٗر سلطان حیدر شہن پنُن بوے بہرام خان
پننس وزارتس مَنز شامل۔ اَتھی محل خانس مَنز آو

سلطان حیدر شاہ سٕندِ نیچو حسن خان کشیر ہُندٕ
ولی عہد بناونہٕ۔ تاجپوٗشی برٛونٛہہ اوس سلطان حسن
شاہ سکندر پوری روزان۔

سلطان حسن شاہ سٕندِس دورس
(۱۴۷۹ء) مَنز لوٗگ سکندر پورس تہٕ علاؤ الدین پورس
نار یَتھ سیتی داہ ساس مکانہٕ ذٕدی۔ اَمہِ نارٕ چ ژھٹھ
واتٕژ جامع مسجد تہٕ خانقاہ معلّی تام۔ نارٕ سیتی ووت
سلطان سکندر سٕندِس تعمیر کَرِ مَتِس شاہی محل
خانس تہٕ سخ دٕدار۔

موغل بادشاہ جہانگیر سٕندِس دورس
(۱۶۱۹-۲۰) مَنز لوٗگ سکندر پورس دۆیمہِ لٹہِ
نار یَتھ ژھٹھ ساری سے شہرس واتٕژ۔

ملک شمس الدین ژکن (۱۴۹۴-۹۶ء)
کوٗر سکندر پور جامع مسجدِ ہِندِ شمالہ پاسہٕ اکھ
خانقاہ تعمیر یُس بابا اسمٰعیل زاہد سٕندین خادمن
ہِندِ باپتھ وقف تھاونہٕ آو۔ اَتھی خانقاہس مَنز کٔر
سلطان العارفینؒ وُہَن وُریَن عبادتھ۔ اَتھ
خانقاہس نکھہ اوس اکھ لنگر تہٕ چلان یتھ باپتھ
واریاہ گام وقف تھاونہٕ آمتی آسی۔

(۱۵۶۳ء - ۱۵۷۲ء) مَنز اوس سلطان حسین
ژکن سکندر پورِ (اَزی کس خوجہ بازرس مَنز) اکھ

چھ گلہٕ کھٕلی بانہٕ تہٕ شأمِل۔ کنٛترِ بانٛو اندر چھ اَمہِ پتہٕ
سون توجہ تِمَن بانَن کُن گژھان یِمَن اندرٕ کیٚنہہ
بانہٕ اندرِ مۄٹی چھ تہٕ رنٛگ چھکھ کاٹھر۔ عام کاٹھرِ
رنٛگہٕ بانہٕ تہٕ چھ اَتھ دورس منٛز نظرِ گژھان۔ بانَن
منٛز چھ تِتھی بانہٕ تہٕ شأمِل یِم اَتھہ سِتی تھۆرتھ غلط طریقہٕ
پیٚنہٕ چھ آمتی۔ یِمَن بانَن چھےٚ میٚٹر تہٕ خراب تہٕ سِکہٕ
ہنٛز مِش چھکھ سِتی۔ بانَن پیٹھ صوٗرژ بناونچ چھنہٕ
کانٛہہ مِثالا نظر گژھان۔

کنہٕ کأنی نتیجہ ہُنٛد تجزیہ کرِتھ چھ ننیومُت۔
زِ سمستھنہٕ چھ تِمہٕ زمانہٕ کَنہِ کھ، وشکہٕ تہٕ دانہٕ بوان
اوسمُت۔ اَکھتی چھےٚ تِمہٕ کچھہٕ ذأژ تہٕ بوان آسمژ،
یِمہٕ کنٛکس تہٕ وشکہٕ سِتی مخصوص چھےٚ۔ بیٚیہ چھ
تِتھی آثار تہٕ اَتھہ آمتی یِموٚ سِتی ننان چھ زِ اَمہِ زمانہٕ
چھےٚ اَتھ علاقس منٛز یارٕ تہٕ آسمژٕ۔

گوڈنکہِ دورکی مرحلہٕ طے کرِتھ چھ اَمہِ
سمستھنہٕ تِتھی کنٛترِ بانہٕ نظرِ گژھان یِم شمالہٕ علاقہٕ کیٚن
کزیٚہنہِن رنٛگہٕ بانَن سِتی رلان چھ۔ باڈرِن تِہٕو
ہُرِیکانہٕ چھ دۆیِمہٕ دورک اَکھ کنہٕ دیوار تہٕ اَتھہ آمُت۔
سۆتھرس پیٹھ چھ اَمہِ دورکی ٹھپہٕ گُڈیمتی ترٛامہٕ
سِکہٕ تہٕ ژُنی دراہتی۔

ترٛییُم دور چھ زاوجہ کنٛتر کامہٕ سِتی بدنیران
یِتھ شوٗرح ووٗزل تہٕ سنگتری رنٛگ چھ کرِتھ۔ اَتھ
دورس منٛز چھ نوٚی بانہٕ قسم تھالِن تہٕ پیالِن ہنٛدس
صوٗرتس اَندر درینٛٹھ یوان۔ پیٹھہِ مہٕ تِہہ پیٹھ ترٛامہٕ
سِکہٕ اَتھہِ یِنہٕ ہُرِیسانہٕ چھےٚ اَمہِ دورچ خاص دریافت
سو کنٛترِ موہر یِتھ پیٹھ اُکس یوٗنٲنی دیوتاسنٛز صوٗرت
چھےٚ بنٲوِتھ۔ اَمہِ پتہٕ یُس دور شروٗع گوٚ تِتھ اندر روٗدی
پرٛأنی بانہٕ قسم چلہٕ وِنی۔ اَمہِ دورچ کنٛترِ شبیہہ، سِکہٕ
تہٕ کنٛترِ موہر چھےٚ سۆتھر پیٹھ تہٕ اَتھہ آمژٕ تہٕ کھدایہِ دوران
تہٕ اَتھہ آمژٕ صوٗرژ چھےٚ اَکے قالبہٕ کڈنہٕ آمژٕ۔ اَمہِ
ہُرِیسانہٕ چھ اَمہِ زمانٕکی کنٛترٕ مالہٕ کھٕلی، نیم قیمتی جواہر،
ترٛامہٕ وی تہٕ شیٖشہٕ چیٖز تہٕ بدٕ دراہتی۔ اَتھ دورس
اندر چھ سمستھنہٕ منٛدر تعمیر کرنک تہٕ مرژہ گری ہُنٛد
سِلسلہٕ شروٗع گوٚمُت۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1980-81.

## سُمدٕ گمپہ

سُمدٕ گمپہٕ چھ زانسکارکس شُمال مشرقی
حصس منٛز تعمیر آمُت کرنہٕ۔ زانسکارکہِ منٛزیمہ
حصہٕ پیٹھ چھےٚ اور گژھن واجنٛی وتھ مشکل۔ اَلچی



# سِمتھَن

سَنگمس تہٕ وێجہ بڑاِرس درمیان سری نگر جوٚم گَشرہ وُن جرنیلی سٹرکہِ سیتی کھووِر اَندہٕ سِمتھَن گام چُھ بٕروٚنہہ کالہِ تَمہِ تَمدُنی ووسہٕ دزوسہٕ ہُنٛد مرکز رُودمُت، یوسہٕ ووسہٕ دروس ژکھ دورس اَندی پَکھی پتھ کالہِ چَلان اُسس۔ اَمہِ گامچ توٲریخی اَہمیت سپنز ۷۹-۱۹۷۸ء منز تَمو آثارو سیتی نوٚسر گھریم آثار اَتہِ آرکیالوجیکل سروے آف انڈیا کیو ماہرو بَدِ گڈی۔

سِمتھَنہ کھُدٲے کرنَس دوران آیہ کینٛہہ خاص چیز بٕروٚنہہ کُن یمن پیٹھ غور کرٕنچ ضرورت چھےٚ۔

اولین دورس چھےٚ پاتھرہ باگنہٕ آثر کرنہٕ تہٕ تقریبن چُھ پتہٕ دورس منز یہٕ پزر بٕروٚنہہ کُن یِوان زِ اَتہِ چھ رہٲیشی علاقس یا حاطس اندر پیوٚٹھس پیٹھ واریاہ باڈرن تاہ نظرِ گژھان یِیمہِ سیتی صاف نشان چُھ زِبستی چھےٚ واریاہس کالس ڈنٛجہ روزمژ۔ گوڈنکِس مرحلس پیٹھ بستی ہنٛدِس مٔرس ووٚن دِتھ چھ کترِوی تہٕ اُڈی جن ہنٛدی مالہٕ پھلی تہٕ بٔنیہ اکھ ترامہٕ ٹُکراَتھ آمُت۔ اَمہِ دورٕچ کرٛالہٕ کام چھےٚ گوڈٕ انوارِ موٚٹ تہٕ رنگ چھُس ووزُل۔ کترہن کرنہٕ آمُت رنگک تاہ چھ موٚٹ، اما پوٚز کُنہٕ کُنہٕ چھ سنگتٕری تہٕ کُنہٕ شُس سنگتٕری۔ کترِ یاَن منز چھےٚ دِلچسپ دریافت کیٛشنہٕ کرِتھ سُہ بُشکابہٕ یتھ نیٚبری کنہٕ زٕ ڈورِ چھےٚ۔ باقی باَن اَنٛدر چھ مرتبان، تھَپہ دار ٹھانہٕ کرِتھ جار پیٛالو تہٕ چنبو ہریمانہٕ رنٛنہٕ پاکوٚنی بانہٕ برتن شاَمل۔ اَمہِ پتہٕ چھ کوٚندِ گڈی ہتی رنگ کرِتھ کترِ بانہٕ نظرِ گژھان۔ بانہٕ تھرنس منز چُھ نفیس کرٛالہٕ میٚژِ ہنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ بانو اَنٛدر چھ کینٛہہ کاژری تہٕ کینٛہہ شوخ ووزلی۔ رنٛنہٕ پاکوٚنہٕ کیٛن باَن چُھ ژٔرِس تمُن گوٚمُت یا چھکھ کوٚنٛڈ آمُت کرنہٕ۔

بیاکھ مرحلہ چُھ سُہ یێلہِ سِمتھَن آثارو اَنٛدرٕ بادٲمی رنگہِ بانہٕ بُتھہِ چُھ یِوان، یمو اَنٛدرٕ کیٛنژن باَن پیٹھ رِکھَن ہنٛدی ڈیزاین ہی چھ بناوِتھ۔ اَتھہِ آمتیٚن باَن اندر

سمَن روقس چھیٖ دُچھنہِ تہٕ کھوورِ لبہٕ ہنٛدِس خٲلی حِصس تازٕ تارے ژِتھٕر کٲری آمٕژ کرنہٕ۔ دَرواژس پیٹھ چھُ شاکھیہ مُنی سُنٛد ژِتھٕرُیس دُچھنی کھووری زٕ شِشٕ (مُرید) چھہٕ۔ سمَن روقس دوشوے طرفو چھ لوکٹی مَنٛدَریم ژورپاسے ڈاے میٹر چھہٕ۔ اَکس مَنٛدَرس مَنٛز چھیٖ اولوکیشور تہٕ دوٚیمس مَنٛز چھیٖ میترے یہٕ سٕنٛز مُرتھ۔ یِمہٕ دوشوَے چھیٖ گچھ مُرژ، یِموٚ أنٛدرٕ واریاہ سیٹھا خوبصورت چھیٖ۔

گمپُک پیش چھ نوِسرٕ شیرنہٕ آمُت۔ مندورٕ ہیوٚہ چھ اَکھ پژرون چورتن یتھمکی موٚنی ژِتھٕر خراب چھ گٲمتی۔ چورتنہٕ بڑوٚ ونہِہ یکیتھ چھ اَکہِ پرٛانہِ قلعکی آثار۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ:


*Franche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh


## سوپور کوٹ

وُچھو "سوپور" (جلد ۱)

## سوم تیرتھ

وُچھو "شُدرٕ مَر" (جلد ۱)

## سونہٕ دٕژنگ

سونہٕ دٕژنگ آس کوپوارکس شُمالس کُن ہایہامی پرگنس مَنٛز ۱۸ .۷۴ طول بلد تہٕ ۲۳ .۳۴ عرض بلدس درمیان اَلہٕ پلہٕ ۱۲۰۰۰ فُٹہٕ تھزرس۔ اَز کل چھُ اتھ پرگنس مَنٛز سونہٕ دٕژنگہِ بوٚن" دٕژنگ" ناوٚک گام آباد۔ دٕژنگ گامہٕ ہیوٚر ییہن چھُ مرناگ" یتھ ہسہٕ کلہٕ شکلہِ اکہِ کنہِ مَنٛز آب وُزان چھُ۔ یتھ کالہِ اوس سونہٕ دٕژنگ شاردا تیرتھ تہٕ چلاس گژھن والین ہنٛدِ خٲطرٕ اَکھ پڑاو۔ مہا تمَن مَنٛز چھُ سونہٕ دٕژنگہِ سونہٕ ورنہٕ دٕژنگہِ کا وَننہٕ آمُت۔ سونہٕ دٕژنگہِ أنٛدی پکھی چھ پٹھان دورس مَنٛز جنگجوٗ لوٗکھ بسان آسہٕ متی۔ یِم بمبین تہٕ چلاسین اَمہٕ وَتہِ کٔشیر ترٛس روٗٹ آسی کران۔ دٕژنگ گامس أنٛدی پکھی چھ اَز تہِ پانڈو دوسہٕ ناوٕ آثار دٕژنیٹھ یوان۔ دپان یتھ کالہِ آسی دَردِستانہٕ پیٹھٕ یِنہٕ وٲلی سونہٕ یا پاری

پیٹھ نگپالا پیٹھ سینٛدِ ہنٛدِ کھوورِ بٔٹھی گُمپس تام گڑھن چھُ ہنا سہل۔

شُمد گمپُچ بُنیاد چھےٚ رِنچِن۔ زنگ برنگ پوہَن تراوِترِ۔ رہٲیشی مکانو ہُریمانہٕ چھ گُمپس سیتی ترتے منٛدرِ۔ سمن رَوقس، میتریہٕ تہٕ اولوکیتیشورسٕندِ منٛدرس منٛز چھُ فنٕکی کینٛژہ ناٗدِر نموُنہٕ رٕژھراوِتھ۔ سمن رَوقس منٛز وروچن سٕنٛز مرکزی مُرتھ چھےٚ ایٚچی ہیٚنٛدِس سمن رَوقس منٛز مۆجوٗد وروچن سٕنٛز مُرژ کھوتہٕ زیادٕ جان پاٹھی پارٲوِتھ۔ مُرتھ چھےٚ پوشہ گنٛدکی پاٹھی سجاوِتھ۔ ژٕکس تل چھُس گمگہٕ بیٹھ منٛز ژور ڈکھی سہہ چھِ ہاوِتھ تہٕ یمن منٛز باگ چھُ تاج دِتھ وامُن (ژھوٹینگہٕ)۔ اَمہٕ ہیٚور چھےٚ ژور کلہٕ کٔرِتھ وروچن سٕنٛز مُرتھ۔ وروچن سٕنٛدِس سمہاسنس دوشوے طرفو چھےٚ پوشہٕ ڈیزاینس منٛز تنٛدلہٕ دیویہ بناوِتھ۔ یِمہٕ دیویہ چھےٚ تھدِ دِتھن پوٗز کران۔ خاص مُرژ ہیٚورُ چھ گرٕڈ آمُت ہاوُنہٕ یس اُسس منٛز زِ کٔرِم چھ کلہٕ کڈان۔

کھوورِ طرفہٕ چہٕ لَبہٕ پیٹھ چھ رتن سمبھو تہٕ اکھشو بیہٕ سٕنٛدی مجسمہٕ یم اشو (گٕڈی) آسن تہٕ گج (ہٲسی) آسنس پیٹھ چھ۔ یتھے پاٹھی چھُ ڈچھنہٕ طرفہٕ امیتابھ میور (مورٕ) آسنس تہٕ اموگھ سدھی گرٕڈ آسن داٗرِتھ۔ گُمپس منٛز مۆجوٗد مُرژن منٛز چھُ منجوشری، پدم پانہٕ شاکھیہ منی تہٕ جمبھالہٕ شامِل۔

پتہٕ مِہ لَبہٕ پیٹھ چھ ساسن بُدھن ہنٛدی رِکی رِکی ژٕتھر تہٕ یمن بوِن کُن چھُ ڈچھنہٕ طرفہٕ اکھ کتبہٕ، اَتھی سیتی چھ شاکھیہ مُنی، بودھی کُل تہٕ بُدھ سٕنٛدِن بکھتن ہنٛدی مۆنی ژٕتھر کھوورکُن بناوِتھ۔ پتہٕ ہن دون کوٗنن پیٹھ چھ واریاہ اَصلی مۆنی ژٕتھر رٕژھراوِتھ۔ کھوورِ طرفہٕ چھُ واگیشور دھرم داتو سُند منٛڈل۔

سمن روقچ اَہم مُرتھ چھےٚ منجوشری سٕنٛز یمس ژور بُتھی تہٕ اَٹھ نرِ چھےٚ۔ منجوشری سٕنٛدی ژور بُتھی چھ ژودِ رنٛگہٕ یانے لیوٗدُر، ووزُل، نیوٗل تہٕ سفید۔



کوٗشش کَرنہٕ، مگر گرجہ چہ عمارُژ ووت نہٕ کانٛہہ دَدارٕ۔
خاص موقو وراۓ آونہٕ گرجہ ۱۹۷۸ءَس
تام زیادٕ استعمال کَرنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ سُپُد کرٛسچن فیلوشِپ
سنٹرس تہٕ آل سینٹس چرچس پانہٕ وٲنۍ فاصلہٕ یِیمہِ
موٗجوٗب گرجس مَنٛز عبادت کرنُک سِلسِلہٕ باقاعدٕ جٲری
سَپُد۔ ۱۹۸۰ءِ پیٹھہٕ سَپُد گرجس اَنٛدر مختلف
زبانَن مَنٛز عبادت اَنجام دِنُک سِلسِلہٕ شروٗع۔

(م ۔ ن ۔ ن)

کتاب نامہ :

*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade
*Christian Conference: Christianity in J&K

# شاہ کوٗٹ

شاہ کوٗٹکۍ آثار چھِ پیر پانٛژال دَرِکِس
مَشرقس مَنٛز۔ علی آباد سرایہِ پیٹھہٕ چھُ آثارَن تام
سَتھ کِلومیٖٹر بَکھُن۔ اَصلی کُٹھ چھُ ژُنبی آرکہِ دچھنہِ
بَٹھِ تھزرس اوسمت، یَتہٕ پیٹھہٕ رٔوپری پَتھرِ پیٹھ
سَیِد سِیود نَظر چھِپہٕ۔ کُٹکۍ آثار چھِ ۷۴° ۴۱، طول بلد
تہٕ ۳۳° ۳۹، عرضِ بَلدس درمیان اَسی ہتی یِم ووٗنی
سیٹھاہ بے خدس تام کَم چھِ گامٕتۍ۔ چھکرِتھ سیر کھٔپٹھ
تلہِ چھِپہٕ ژینہٕ وَن لگان زِ کوٗٹ چھُ سیرِن ہُنٛد تعمیر
اوسمُت تہٕ باڈوِ کِنۍ چھُ لوکٹُے اوسمُت۔ اَنداز چھُ زِ
کُٹھ چھُ رٲچھ چوکہِ ہِنٛز کٲم اوسمُت دِوان تہٕ یہِ آسہِ ہے
مُغل دورس مَنٛز تعمیر سَپُدمُت۔

ہِنٛدو دورٕ پَتہٕ کرٕ مُغلو اَتھ وَتہٕ پیٹھ جایہِ جایہِ
سَرایہِ تہٕ کوٗٹ تعمیر یِیمہِ کِنۍ اَتھ مُغل روڈ ناو پیو۔

(م ۔ ل ۔ س)

کتاب نامہ :

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Stein: Ancient Geography of Kashmir

# شوپیَن

مرازِک قَصبہٕ شوپیَن چھُ سِرینگرکِس جنوٗبَس
مَنٛز پَنٛژاہ کِلومیٖٹر تہٕ اِسلام آباد پیٹھہٕ ۳۲ کِلومیٖٹر
دوٗر۔ قَصبہٕ چھُ ژُنبی آرکہِ دچھنہِ بَٹھِ تِتھ وَتہٕ پیٹھ آباد
یُس پیر پانٛژال دَرِ اَپور گژھان چھےٚ۔ عَرض بَلد
چھُس ۳۳° ۴۸َ تہٕ طوٗل بَلد ۷۴° ۵۳َ۔

شوپیَن قَصبہٕ کِہ پاکھلی علاقہٕ پیٹھہٕ اَلہٕ پلہٕ ۲
کِلومیٖٹر دوٗر چھُ لہن کھوٗر۔ دِوداروٗ ژلِتھ اَمہِ تھوٗنگہِ پیٹھ
چھےٚ پوٗرٕ کشیپر بوزنہٕ یِوان۔

موغلَن ہِنٛدِ وَقتہٕ اَسی شوپیَنی وَتہٕ شاہراہ

اَتھ دٕزنگہِ آسس پاس سوٚن چھلان۔ دٕزنگہِ" سونہٕ دٕزنگ" ناو پێٚنک ہێکہِ یہ تہٕ اَکھ وَجہہ آسِتھ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہٕ:

*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Stein: Ancient Geography f Kashmir

## سینٹ لیوٗکس چٕرچ

سینٹ لیوٗک سُند گرجہٕ چھُ کٔشیرِ منٛز عیسایَن ہُند سارِوٕے کھوٗتہٕ پرٛون عبادت خانہٕ۔ یہ اوس گوڈٕ سرینگرٕکِس دروگجَن سی۔ ڈی ہسپتالس نکھہٕ تعمیر سپُدمُت۔ گرجہٕ چھُ علم طِبہٕکِس سَرپرست سینٹ لیوٗکسَس سٟتی منسوٗب۔ گرجُک افتتاحی رسم دیُت ۱۲ ستمبر ۱۸۹۶ عیسوی کیُٚت لوٗہورکی بشپ میتھوہَن اَنجام۔ ڈاکٹر ارنسٹ تہٕ ڈاکٹر آرتھر نیو رُوٗدی اَمہِ کِس تعمیرس دوران خاص کٔرتھ سرگرم۔ وقت گُذرنَس سٟتی بنیوو یہ "مشن چرچ" یتھ ہِندُستانی گرجہٕ تہٕ وَنان۔

سی۔ ڈی ہسپتالہٕ کیو اکثر ابتدائی مُبلغو کٔرناوِ گرجس منٛز پننہٕ پننہٕ ناوی یادگاری لوحہ نَصب۔ یِمَن مُبلغَن اَسی ڈاکٹر المسلی، ڈاکٹر آرتھر نیو،



ڈاکٹر فینی بٹلر (گوڈنچ مشنری زنانہٕ ڈاکٹر تہٕ مُبلغ)، مِس ایرین پیٹری، ڈاکٹر ڈونر تہٕ ریورنڈ سیسِل بارٹن شامِل۔

۱۹۵۰ءہس منٛز آو دروگجَن ہسپتال ریاستی سرکارس حوالہٕ کرنہٕ تہٕ سینٹ لیوٗک گرجس منٛز عبادت کرُنک سِلسِلہٕ گو وارٕ وارٕ کم۔ مقامی عیسائے آسی اَمہِ پتہٕ آل سینٹس چرچس منٛزٕے عبادت کرنس ترجیح دِوان۔

۷ جون ۱۹۶۷ء آیہِ فسادکِس نتیجس منٛز گرجہ زالنہٕ تہٕ اَمہِ چھین دارہٕ تہٕ یادگاری لوحَن زکھ واتناونہٕ

پنجاب گژھان چھُ تِتہ مَنٛز چھِ دوٲیاتھ، میوٕ، دالہٕ، پَستہٕ، گیو، تِلہٕ گوگلُ، تیل تہٕ ٲلی شہٕ تیل، بییہٕ کوٚنگ بیتر۔

پرانیو آثارو ژنگی چھےٚ شُوپیٚنُچ قدیم جامع مسجد سبٹھاہ اہم گنٛزرنہٕ آہژ۔ یہٕ پرٲنی جامع مسجد ٲس ۱۹۴۴ عیسوی یَس تام شاہ صٲبنِس مُحلَس تہٕ ٹاکہٕ محلَس درمیان تھُو جایہٕ آباد ییٚتھٕن اَزِچ جامع مسجد تعمیر سپٕزمٕژ چھےٚ۔ (م۔ن۔ن)

کتاب نامہٕ :

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Hasan: Tarikh, I, II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir
*Stein: Ancient Geography of Kashmir

## شنکر آچاریہ مندر

وُچھو "گوپادری" (جلد ۱)

## شِوبھویش

وُچھو "ناراں ناگ"۔ (جلد ۱)

## شوپاروٗتی مندر (پَرمنڈل)

پَرمنڈلُک شِوپاروٗتی مَنٛدر چھُ مہاراجہ گلاب سنگھن ۱۸۴۰ء مَنٛز تعمیر کوٚرمُت۔ مَنٛدرچ توجہہ طلب کتھ چھےٚ اَکی موٗنی ژِتھر۔ گژِھ گژِیہَس سُبتھ دیوارس چھِ موٗنی ژِتھر بناوِتھ یِمَو أندر داہ وُنہٕ ڈنٛجہٕ چھِ۔ ڈچھنہِ لَبہِ پیٹھ ژِتھرس مَنٛز چھےٚ کرٛشنَس رٲدھا ہاوِتھ تہٕ کھوورِ طرفہٕ چہ لَبہِ پیٹھ چھِ سنگھاسنَس پیٹھ رام تہٕ سیتا ہاوِتھ تہٕ پوٚت منظرَس مَنٛز چھُ دوٗر تَھصبُک منظر نظرِ گژھان۔ اَمہِ بوٚن چھُ کُلِس تَل بِہِتھ شِو ہاوِتھ۔ بیٚیِس ژِتھرس مَنٛز چھےٚ کُلِس کوم کُرِتھ نایکہٕ ہاوِتھ۔

گژِھ، گژِیہچہِ لَبہِ پیٹھ چھِ رام ہٕنٛدِ دربارٕکۍ زٕ منظر، تہٕ ترٛیٚیِم منظر ہاوِتھ یِمَن ہُنٛد تعلق کرٛشنہٕ سٕنٛزِ زِندگی سٕتی چھُ۔ یِمَو أندر چھُ اَکِس موٗنی ژِتھرس مَنٛزٕ سَتہٕ زاد کرٛشن بتہٕ وُتھرس پیٹھ ہاوِتھ۔ بیٚیِس ژِتھرس مَنٛز چھِ سُداما، نَنٛدِ گوٗر، کرٛشن تہٕ بلرام سٕتی تمِس موٗنی ژِتھرس مَنٛز چھےٚ برٛہما سٕنٛز صوٗرتھ بناوِتھ۔

صوٗرژو علاوٕ چھِ پوشَن تہٕ پوشہٕ تَھرَن ہٕنٛدی منظر تہِ اَمہِ مَنٛدرٕچن لَبَن پیٹھ نظرِ گژھان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

(یعنے پادشاہَن ہٕنٛز وَتھ) وَنان ہِکیاز مو غل حکمران۔ اُسی اَپاٚری کٔشیرِ تران تہٕ اَپاٚری ییٚتہٕ پیٚٹھہٕ واپس گژھان۔ ڈوٗگرَن ہِنٛدِس دورَس تام اوس اَتہٕ اَکھ فوجی دَستہٕ تعینات تہٕ اَکہِ وَقتہٕ چھُ اَتہٕ نائبِ گورنرَس ہِنٛدِ دَرٕجک مُلک بَسان اوسمُت۔

شۆپیٚیَنہٕ پیٚٹھہٕ ہیمہٕ وَتہٕ مختلِف طرفَن گژھان چھےٚ تِمَو مَنٛز چھےٚ سرینگر گژھن واجنہٕ اہم ترین پوٚختہٕ تہٕ پکہٕ سَڑکہِ عَلاوٕ ۶۰ میل زیٚٹھ نہایت دُشوار گُذار پیٛدَل کوٚہی وَتھ پیرٕ پٔنژھہٕ واتان۔ یہِ وَتھ چھےٚ صِرف رٮ۪تہٕ کالہٕ کینٛہہ ژۄن رٮ۪تَن یِلہٕ روزان۔ بیٛاکھ وَتھ چھےٚ قصبہٕ کِس جنوٗبس مَنٛز ہاپتھ کھوڈناوٕ کوٚہَس نَکھہٕ بَدل گژھان۔ اَمہٕ وَتہٕ چھےٚ رائے نیٚبر ناوٕ اَکھ کٲفی کُشادٕ مَرگ یِوان۔ اور چھُ رٮ۪تہٕ کالہٕ شۆپیٚیَنہٕ عَلاوٕ جۆمی صوٗبہٕ کہِ راجوری علاقہٕ پیٚٹھہٕ تہٕ جَب گاسہٕ کھیٚنہٕ واتان۔ بیٛاکھ وَتھ چھےٚ قصبہٕ کِس جنوٗبَس کُن دِوپٔر پَرگنہٕ مَنٛزی زوجہٕ مَرگہِ پیٛنٹھی پکِتھ رِیاسی تہٕ تتہٕ پیٚٹھہٕ جۆم واتان۔ یِمَو علاوٕ چھےٚ بیٚیہِ اَکھ وَتھ شۆپیٚیَنہٕ پیٚٹھہٕ باہاج کُنٛبران، یہِ چھےٚ ویٚشو نالَس تَرِتھ تہٕ ۲۰ کرٛوہ کَڈنہٕ پتہٕ کھل ناروٕ واتان، تہٕ تتہٕ پیٚٹھہٕ دۄن شاخَن مَنٛز تقسیم سپدِتھ وادی ہِنٛدِ مختلِف علاقَو علاوٕ مختلِف دُشوار گُذار طرفَو جۆمَس سیٚتی تہٕ

زلان۔

قصبَس نَکھے چھُ موضع ڈلِجَن ییٚتہِ تہٕ وٲنی ناگ اَوکی مشہوٗر چھُ زِ اَمِیُک آب چھُ وُہری وٕزِیس وُشُن آسان۔ دَپان ہرگاہ کانٛہہ تِھنہٕ لَدٕ اَتھوارِ دِوان اَمہِ ناگہٕ وانہٕ سِران کرِتَس چھےٚ تِھنہٕ ژلان۔

شۆپیٚیَن ناوکِس لفظُک مُولَس متعلق چھےٚ مختلِف رایہِ۔ وَینی چھُ وَنان زِ غالبَن چھُ یہِ تُرکی لفظ "ژوٗ" (مطلب آب یا آر) تہٕ پاٚیِن (مطلب بۄن کُن، بنِیُم یا دانِس تَل) لفظَن مِلہٕ ہٮ۪تہٕ صوٗرَتھ۔ کینٛہہ زٲنی کار چھِ اَتھ شۆپرسانٛ ناوکِس پَرگنَس سیٚتی واٹان۔

حَسَن چھُ اَتہِ چِنَن عمارژَن تہٕ کُشادٕ بازرَن ہُنٛد ذِکرِ کران لیکھان زِ شۆپیٚیَن چھُ کشیرِ تہٕ ہِنٛدُستانَس دَرمیان اَکھ تجارتی مَنٛڈی تہٕ باقے واریاہو قصبو مُقابلہٕ چھےٚ اَتہٕ ژۄر تجارتی رونق۔ لارَس چھُ تجارتہٕ ژٔنگی شۆپیٚیَنَس، اِسلام آباد، وَرمُل ہری نگر تہٕ بَنٛڈیٛپورَس سیٚتی شمار کرِتھ لیکھان زِ اَتہٕ چھُ پنجٲبی تاجرو تہٕ پَنُن کاربار شروٗع کوٚرمُت۔ چنانچہ پنجابہٕ پیٚٹھہٕ یُس درآمدی مال شۆپیٚیَن واتان چھُ تتھ مَنٛز چھُ سِتھر، سَرتل، تَرام، شیٖشہٕ، نوٗن، مدریٖر چلے تہٕ تموک آسان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ دوہہٕ پتہٕ دوہہ ژوٗر ژوٗر پیٚٹرول واتان۔ شۆپیٚیَنہٕ پیٚٹھہٕ یُس برآمدی مال

مرژ گری ہنر نمایندگی کران۔ مندرس اندر چھے دیوی علاوٕ شونا تھس تہٕ پوٗزا سپدان۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہٕ:

*Stein: Kalhana's Rajatarangini

# صفاکدل

صفا کدل چھ وٕنیکہ پیٹھ نوٗ کدلس تہٕ ویرس درمیان لال چوکہٕ پیٹھ ۴ کلومیٹر دوٗر۔ امہٕ کس شمالس منز چھ عیدگاہ، شمال جنوبہٕ پاسہٕ خانقاہِ سوختہ تہٕ مغربہٕ اندٕ شاہ نعمت اللہ قادری سُند روضہٕ تہٕ خانقاہ۔ وٕنیکہ کھوورِ پاسہٕ چھے امہٕ کس بٹھس پیٹھ یارقند سرائے۔

صفاکدل اوس گوڈٕ مغل بادشاہ اورنگزیب سنٛدِس دورس (۱۶۵۸ - ۱۷۰۷) منز کشیرِ ہندی گورنر سیف الدین خانن ۱۶۷۱ء منز تعمیر کرنوومت۔ ۶۰ گز زیٖٹھس اتھ کدلس آسی دوٕ دارٕ لکرِ ہندی ۱۶ فُٹ تھدی ژور ٹھٕٹھ۔ اتھ آیہٕ مختلف دورن منز مرمتھ کرنہٕ۔

تجارتی لحاظہٕ اوس صفاکدل اوٚکھنی تہٕ مشہور تکیاز اتھ کدلس نکھہٕ یارقند سرایہٕ نش آسی مغل دورس تہٕ پٹھان دورس منز بڈٕ بارہ تجارتی مالہٕ لگان یتہٕ نس



استھاپن چھ اندری اندری ۱۰.۵ فُٹہٕ زیٖچھر تہٕ ۴۷ فُٹہٕ کھجر۔ وٕنیکہ ہشہٕ طرفہٕ چھے ہیوٗر کھسنہٕ خاطرٕ پاترٕ و تھرٕ اوٚتھ ہیر۔ دیوی بلس اندی اندی چھ شمالہٕ طرفہٕ ۱۶، مشرقہٕ تہٕ مغربہٕ پاسہٕ ۲۰ ونہٕ ۲۰ فُٹہٕ تہٕ جنوبہٕ پاسہٕ ۶ فُٹہٕ پرنیدکھن چکرٕ یتھ سنگِ مرمرچہٕ پاترٕ چھے وٕتھر اوٚتھ۔ منزس چھ ۶۵ × ۲۵ ناگ یتھ اندٕ اندی شینسترٕ جنگلہٕ دتھ چھ۔ ناگس ستے منزس چھ دیوی پیٹھ۔ دیوی چھ مغربس کُن بتھ تہٕ یہ چھے نندی لیس سوار۔ دیوی تہٕ نندی ہنٛزٕ مرژ چھے نیبرٕ پیٹھ انہٕ آمژ۔ البتہٕ مندرس نیبرٕ کنہٕ مرژ چھے

# شہام پۄر

سِکندر پۄرِس، نلہٕ کھاہَس تہٕ نقشبند صاٖبنِس محلَس دَرمیان شہام پۄر بسوو سُلطان شہاب الدیٖنن شہمیری دورس منٛز۔

شہام پۄر اوس شہمیری دورس منٛز مشرقہٕ پاسہٕ اُزی کِس پرٛنی وور تہٕ حسن آباد تہٕ مغربہٕ پاسہٕ حول تہٕ راجوری کدل تام آبادٕ۔ یُتھ ساس گرٕ آبادٕ گرِتھ بنوو یہٕ ہےٚ علاقہٕ سلطان شہاب الدیٖنن کشیٖرِ ہنٛز راز دانی۔ چونٛکہِ یہٕ جاے اٰس میر محمد ہمدانیؒ سٕندِ تشریف آوری سٟتی اِسلأمی تبلیغُک آگُر بنیو، لہذا اٰس سُلطان شہابُ الدیٖنن اَتہٕ اکھ جامع مسجد تعمیر کٔرمٕژ۔ اَمہٕ علاوٕ آسہٕ اَتھ جایہٕ سلطانَن فوجہ باپتھ اکھ ساس چھاونہِ بناومٕژ۔

(م۔ع)

کتاب نامہٕ: *

*Mohibul Hasan: Kashmir Under the Sultans

# شیلہ پُتری

شیلہ پُتری ہُنٛد اِستھاپن چھ



وَرمُلہِ کِس مغربَس منٛز خان پورس نکھہٕ ڈیٖتھِ ہنٛدِ کھوورِ بٹھِ۔ عام لۄکَن چھُ یہٕ استھاپَن دیوی بَل ناوٕ وَنِس تَل۔ شیل پُتری چھ پارٕوتی ہُنٛد اکھ ناو تہٕ بھوانی سہسرنامَس منٛز چھےٚ دیوی ہنٛز توتا شیلا ناوٕ تہٕ آہٕژ کرنہٕ۔

یۄدوَے دیوی ہُنٛد مۄجوٗدٕ مَنٛدر اکھ تازٕ تعمیر چھُ اما پۄز روایتہٕ مۄجوٗب چھ یہٕ استھاپَن سیٹھا پرٛون۔ اَمیُک تصدیق چھُ تمۄ کِنہِ مُرژد سٟتی سپدان یم وُنہٕ تہٕ مَنٛدرٕکِس آنگنَس منٛز مۄجوٗد چھےٚ۔



پتھوس عاؔلی کدل ناو۔

فوق صٲبنہٕ "شباب کشمیر" مطابق اوس یہ کدل سوٚرے پچھن ہنٛد۔ تاریخ حسن مطابق اوس یہ ۸۲ گز زیوٚٹھ تہٕ ۶ گز کھوٚل۔ ہسی ہٕڈر آیہ اَسس ترٛنےٚ ٹھٹھہ شراہ ۱۶ فُٹہٕ تھدی۔

اَمہٕ پتہٕ آیہ اَتھ مختلف دوٚرن منٛز مرمت کرنہٕ۔ اَمِچ خستہٕ حالتھ وُچھتھ آو پٔرون عاؔلی کدل مہاراجہ پرتاپ سنٛگھنس دوٚرس (۱۸۸۵ء۔ ۱۹۲۵ء) منٛز لُہراونہٕ تہٕ بلکُل اَتھی جایہ آو نوٚسر دِوداریٚ تھمبن تہٕ پچھن ہنٛد بناونہٕ۔

سنہٕ ۱۹۶۴ء منٛز آو اَتھ جایہ بیاکھ کدل تعمیر کرنہٕ یُس ۲۳۸ فُٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ ۲۲ فُٹہٕ کھوٚل چھُ۔ اَتھ چھِ وُڈ کَبنس ۲۰ فُٹہٕ تھدی ژور ٹھٹھہ۔ کدلس چھہ دوٚنوٚنی طرفن شیٖشترٕ و کاٹھکر دٕتھ تہٕ فرشس چھس پچھن پیٹھ روٚڈی ترٛاوِتھ۔

(م۔ ع)

## کِتاب نامہٕ:

*Biscoe: Kashmir Under Sunlight and Shade
*Stein: Klhana's Ragatarangini

## علی آباد سرائے

علی آباد سرائے چھےٚ سرینگرٕ کس جنوب مغربس منٛز شوٗپیٖ ینہٕ ہیوٚر ہرپوٗرٕ پیٹھہٕ ۲۲ کلومیٹر۔ مُغل روڈس پیٹھ یہ جاے چھےٚ ۳۹َ، ۳۳ْ طول بلد تہٕ ۳۹َ، ۷۴ْ عرض بلدس درمیان تہٕ سطح سمندرٕ کھوتہٕ چھےٚ ۹۷۰۰ فُٹہٕ تھزرس۔

علی آباد سرائے اُس پیر پانٛژال وَتہٕ منٛز ہنا شمالس کُن بِھمبرٕ پیٹھہٕ ۱۳۰ کلومیٹر تہٕ سرینگرٕ پیٹھہٕ ۹۰ کلومیٹر دوٗر۔ یہ اُس مُغل دوٚرس منٛز پیر پانٛژال وَتہٕ (ییتھ اَمہٕ برٛونٛٹھہ نوٚنہٕ وَتھ تہٕ وَنان اُسی) یکن والین لوٚکن ہنٛزِ آسایشہِ موکھہٕ وِلنگ تہٕ خوفناک جایہ تھکہٕ پیٚنٛچہٕ ژنگی تعمیر کرنہٕ آمٕژ۔

مُغل بادشاہ اکبرن آسہٕ پننس دوٚرس (۱۵۸۶ء۔ ۱۶۰۶ء) منٛز لاہورٕ پیٹھہٕ کشیٖرٕ ینہٕ گژھن



تبتی، تُرکی تہٕ یارقندی تہِ شامِل آسی سپدان ۔

یِمَن تاجرَن آسی مقامی لُکھ حاجی وَنان تِکیازِ یِمو مَنٛزٕ اوس اکثر وَچ کوٚرمُت آسان تہٕ اَمی تجارتی بِلہٕ ژارُک اثر اوس اَتہٕ کین لُکَن تیوٚت پیوٚمُت زِ اَوتہٕ تام آسی اَتِکی لُکھ تبتی، تُرکی تہٕ یارقندی زبانہٕ بولان۔

کَدلِچ خستہٕ حالتھ تہٕ تجارتی اہمیتھ نظر تَل تھاوِتھ آو پَتِمِہ صفاکدل مہاراجہ پرتاپ سنگھنِس دورَس (۱۸۸۵ - ۱۹۲۵ء) مَنٛزٕ لُہراونہٕ تہٕ آو بِلکُل اَتھی جایہ نوٚو سَر تعمیر کرنہٕ۔ یہِ کدل اوس ۱۸۰ فُٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ ۱۶ فُٹہٕ کھوٚل دِوداری تھَمبَن تہٕ پَکِن ہُنٛد بناوِتھ۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ اَتھ کدلَس مہاراجہ ہری سنگھنِس دورَس (۱۹۲۵-۴۷ء) مَنٛزٕ مرمت کرنہٕ۔

۱۹۶۰ء مَنٛزٕ آو اَتھ جایہ نوٚو سَر کدل تعمیر کرنہٕ یُس ۳۷۰ فُٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ ۲۸ فُٹہٕ کھوٚل چھُ۔ اَتھ چھ دُنی کَنِنس تہٕ دِوداری لکرِ ہٕندی شَتے ٹھٹھ۔ کدلَس دَچھنِ کھوٗوٕری چھُ شینٛترُو جنگلہٕ دِتھ ۔ (ا م ۔ ع)

کتاب نامہ :

*Bamzai P.N.K: History of Kashmir
*Hasan: Tarikh, I
*Mohibbul Hasan: Kashmir Under the Sultans

## عالی کدل

عالی کدل چھُ سِرینگرَس مَنٛزٕ زَینہٕ کدلَس تہٕ نوٚو کدلَس درمیان اُویسی صابنِس مقبرَس تہٕ ریٚنچَن شاہ سٕنٛزِ مسجدِ نَکھہٕ وَتھہِ پیٹھ۔

مُسلمان دورُک یہِ گوڈنیُک کدل چھُ سُلطان زینُ العابدین سٕندی بایہِ سُلطان علی شاہن (۱۴۱۳-۱۴۲۰ء) مَنٛزٕ وَتھہِ پیٹھ پَننِس ناوَس پیٹھ تعمیر کَرنوومُت۔ لہٰذا

# عیسأے قبرستان

عیسأے قبرستان چھُ سرینگرس مَنٛز
لال چوکس نکھہٕ وٕنیتھ ہیٚنٛدِس ڈُھنس بٹھس پیٹھ۔ اَتہِ
چھُ مُلکی تہٕ غأر مُلکی کرٛیسچن دَفن۔ قبرستانس سیٚتی مَحلہٕ چھُ
شیخہٕ باغ ناوٕ مشہوٗر۔ شیخہٕ باغ چھُ سِکھ دورس مَنٛز
کٔشیرِ ہنٛدی گورنر شیخ محی الدین (۱۸۴۴ء) مَنٛز
آباد کوٗرمت یتھ مَنٛز انگریزی مشنری ہنٛدی دَفتر بیترِ
قأیِم کرنہٕ آے۔ أتھی حاطس مَنٛز آو یہ حِصہٕ قبرستانہٕ خأطرٕ
وقف تھاونہٕ۔ کٔشیرِ مَنٛز آسہِ شایدٕ بیٚیہ کانٛہہ قبرستان
اَمِہ اہتمامہٕ رٕژھراونہٕ آمُت۔ مَرگُذارس چھےٚ کنٕین
ہُنٛز تھزٕ دیوار بنٛدی کٔرِتھ۔ دیوارس أنٛدی أنٛدی چھ
پھرِلِس لأگِتھ۔ قبرستان چھُ قدآوار یارٕ بوٗنہٕ سیٚتی
سَجأوِتھ۔ قبرستان چھُ سیٹھا صاف شفاف تہٕ اَتہِ چھ




رَنگ بٕرنٛگی پوشس تہٕ پوشہٕ تھٕر۔ ریتہٕ کالہِ چھُ مَرگُذارُک
دٕرٛمُن سبز مخمل ہیو باسان۔ قبرن ہنٛدی پیٚرِ چھِ کنٛیوی
تہٕ سنگِ مرمرٕکی یمن پیٹھ مختلِف قسمٕچ گُلکأری تہٕ نقش
نِگأری کٔرِتھ چھےٚ۔ میبل ایملی (MABEL EMILY)
یوسہٕ لیفٹیننٹ کرنل جے۔ اے کننگھم سٕنٛز ۲۵ ؤرِش
نوجوان آشیٚنی أسٕمٕژ چھےٚ تہٕ یوسہٕ ۲۰۔۷۔۱۹۰۴ء مَنٛز
یتیمہِ عالمہٕ گُذرے ہٕژ چھےٚ۔ تٔسٕنٛزِ قبرِ پیٹھ چھےٚ تٔسٕنٛز
سنگِ مرمرٕچ خوبصوٗرت تہٕ دِلکش موٗرتی سیٹھا کأریگری
سان بناونہٕ آمٕژ۔ زنانہٕ ہنٛدِس بُتھس پیٹھ چھُ غم باسان،
تہٕ تٔسٕنٛد حال وُچھتھ چھِ باسان زَن چھےٚ سو لۄت لۄت
اۄش ہاران۔ اَتہِ چھِ واریاہ مُلکی تہٕ غأر مُلکی عیسأے
دَفن۔ کیٚنٛژن ہنٛدی ناو چھِ یتھ پأٹھی:-

۱۔ جانی JOANIE وفات ۹۔۷۔۱۸۴۲ء
۲ ٹامس ولیم پٔرلیسٹ۔ پأدائش ۱۸۔۷۔۱۸۳۹ء



والین ہِنٛدِ سہٕولیتہٕ خاطرٕ دٕتہٕ مَنٛز ستہ سرایہٕ تعمیر کَرنادِ مٕژ۔ یِم سرایہٕ آیہٕ شاہ جہان سٕندِس دورس (۱۶۲۸-۱۶۵۸ء) مَنٛز علی مَردان خان سٕندی ڈسی شیرنہٕ۔ اَتھی وَقتَس مَنٛز آیہٕ علی آباد سرائے وُسعت دِتھ نَوِ سرٕ تعمیر کَرنہٕ۔ علی مَردان خان سُنٛد تعمیر آسنہٕ کِنی چُھ اَتھ علی آباد سرائے ناو پیوٚمُت۔

یہ سرائے اُس پیر پانٛژالس پیٹھ ہُسی وَنٛج نارٕ ہیوٚر صرف اوٚڈ کلومیٹر تہٕ وُری ٚیس مَنٛز اُس قریبِ شین رہتَن شیٚنَس تَل ہینہٕ یِوان۔

۱۸۸۱ء مَنٛز چھ علی آباد ناوی گامس مَنٛز پَشداہ گرٕ بسان اُسی ہتی تہٕ گامس بوٚن پہن چھِنے اَمہٕ وِزِ ۱۴×۲۶ اَکے کُمرٕ واجینی اَکھ سرائے اُسمٕژ۔ اَتھی سرایہٕ اَنٛدی پکھرٕ اُسی علی آباد سرایہٕ ہٕنٛدی آثار نظرِ گژھان۔

علی آباد سرایہٕ تہٕ ہیرپورس درمیان چھِنے کٕژم وٕرت دٕرنگ اُسمٕژ یَتھ کمٕ لُن کوٹ تہٕ وَنان اُسی۔ کھیمشدرٕ سُنٛدِ بیانہٕ مُطابق چُھ پانٛژال دھارا مُٹھ تہٕ علی آباد سرایہٕ نَکھے اوسمُت۔

علی آباد سرایہٕ چھِنے یہ بڈ بارٕ اَہمیت زیٚیلہٕ اَورنگ زیب سٕندِس دورس مَنٛز ۱۶۹۹ء حضرتِ محمدؐ صلعم سُنٛد موئے مُبارک کشیرِ اَننہٕ آو، تمہٕ وِزِ چھ کشیرِ ہٕنٛدی اَکابر ہیرہٕ پورٕ تہٕ علی آباد سرایہٕ مَنٛز اَمہٕ کہِ استقبالہٕ خاطرٕ پژاران رُودی مٕتی

علی آباد سرائے چھِنے مُغل طرزِ تعمیرٕک اَکھ نموٗنہٕ اُسمٕژ۔ طرزِ تعمیر کہِ اعتبارٕ آسہِ ہا یہ سرائے تہٕ تمے اَنہارٕ یُس اَنہار چنگس بیترِ سرایَن اوس۔ ہَتھ فُٹہٕ جوٗرس اَتھ سرایہٕ چُھ چوٗنہٕ سُرخہٕ مَنٛز سیرِن ہُنٛد لداو اوسمُت۔ اَمہِ کِس تعمیرس مَنٛز آسہٕ کُنہٕ قسمٕچ لکڑٕ استعمال کَرنہٕ آمٕژ۔ سرایہٕ ہٕنٛدِس چوٗرس تعمیرس اوس اَنٛدرٕ مِیس آنگنس وزٕمُن لاگنہٕ آمُت۔ اَتھ چھ کُل ترٛہ کُمرٕ اُسی مٕتی۔ ژٕنبی آرِکس کھوورِس بٕٹھِس پیٹھ واقع یہ سرائے اُس تھدبوٗشینہٕ باوٕسٕتی وُلیتھ، یُس سالانہٕ ہٕنٛزِ گُششہٕ ہُند باعث اوس بَنان۔ آرٕ بٕٹھِس نَکھہٕ چھِنے وُنہٕ تہٕ اَکھ لوح لاگِتھ۔ اَتہِ نَس چُھ الفرڈ جان ناوی کُس تام فوٗجی اَفسر دفن۔ یُس لوحچہ عبارتہٕ مطابق ۲۵، اگست ۱۸۷۶ء ہس موٗدمُت چھ۔

(م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہٕ:

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Duke Joshua: Kashmir Handbook
*Hasan: Tarikh I, II
*Hugel: Kashmir and the Punjab
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein Ancient Geography of Kashmir

۲۴۔ ایم للیتا جانسن

پَیدائش : ۱۸۷۵ء وفات : ۳-۱۹۴۳-۹-۲۶

۲۵۔ لیفٹننٹ کرنل فرانسس سیٹن

پَیدائش: ۱۸۸۱-۷-۱۴ وفات : ۱۹۴۶-۱۲-۲۲

۲۶۔ لیڈی جیمز

وفات : ۱۹۴۷-۱۱-۱۱

۲۷۔ ریورنڈ سڈنی ای ہکاکس

وفات : ۱۹۴۸-۱-۸

۲۸۔ مسز نیلی گریس تھارنبی

وفات : ۱۹۵۱-۳-۲۴

۲۹۔ رُسمانی ڈچن

پَیدائش : ۱۸۹۸-۱-۲۳ وفات: ۱۹۵۵-۱۲-۳۱

۳۰۔ فلائیٹ لیفٹننٹ ریلف۔ ڈیریک فرنانڈیز۔

وفات : ۱۹۶۰-۹-۱۹ وائنس: ۲۶ وری

۳۱۔ مسز ایس۔ پریم ناتھ

وفات : ۱۹۶۳-۱-۸

۳۲۔ اعجاز اختر

پَیدائش ۱۹۴۲-۱۰-۶ وفات : ۱۹۶۴-۷-۲۲

۳۳۔ ولیم آرتھر نپڈو

پَیدائش : ۱۸۷۹-۱۲-۱۲ وفات: ۱۹۶۷-۱۰-۱۳

۳۴۔ مسز ایس۔ ایل۔ شُکلا

پَیدائش: ۱۸۹۹-۵-۲۳ وفات : ۱۹۶۷-۲-۱۷

۳۵۔ گاڈ فرنڈ راتھ

پَیدائش : ۱۹۰۷ء وفات : ۱۹۶۹ء

۳۶۔ فرانسس بُرتھا ریمزے

پَیدائش : ۱۸۹۶-۸-۲۰ وفات : ۱۹۷۱-۳-۲

۳۷۔ جے۔ ڈچن

پَیدائش : ۱۸۹۵-۴-۱۴ وفات : ۱۹۷۳-۱۱-۱۳

۳۸۔ ہینری پیٹرسن کارس

پَیدائش: ۱۹۱۲-۷-۵ وفات : ۱۹۷۳-۵-۵

۳۹۔ افتخار ابنِ آذر

وفات : ۱۹۷۶-۴-۲

۴۰۔ ڈاکٹر میری ہاروی

پَیدائش : ۱۹۱۸-۴-۲۵ وفات: ۱۹۷۷-۴-۲۱

۴۱۔ غلام قادر وچو

وفات : ۱۹۷۷-۳-۳۰

۴۲۔ کارلنز ایڈال

وفات : ۱۹۷۹-۲-۱

۴۳۔ مسز میری دُھر

وفات : ۱۹۷۹-۱-۲۹

(م۔ ن۔ ن)

**کتاب نامہ :**

*Hasan: Tarikh I, II

وفات : ۱۹۰۰ء ۹ ۔ ۲۳

۳۔ میبل ایملی ۔ لیفٹننٹ کرنل جے ۔ اے ۔ کننگھم

ہنٹر آشیٹز ۔ وفات : ۱۹۰۴ء ۔ ۷ ۔ ۲۰ ۔ وائنس : ۲۵ ڈری

۴۔ میری لو اِلیسا لیپارڈ

پیدائش : اپریل ۱۸۳۰ء وفات ۱۹۰۷ء

۵۔ کرنل ہربارٹ کیمپل

وفات : ۱۹۰۹ء ۔ ۳ ۔ ۹ وائنس : ۴۹ ڈری

۶۔ ہینری اگنیشیہ اس بوایڈ

وفات ۱۹۱۲ء ۔ ۸ ۔ ۱۲ ۔

۷۔ کیتھر یو میری

وفات : ۱۹۱۸ ۔ ۵ ۔ ۲۲ ۔ وائنس : ۳۲ ڈری ۔

۸۔ ہینری رابارٹسن سپفورتھ

وفات : ۱۹۲۷ء ۔ ۴ ۔ ۲۴

۹۔ جوزف ہیرالڈ فلپس

وفات : ۱۹۲۱ء ۔ ۵ ۔ ۱ وائنس : ۵۷ ڈری

۱۰۔ میبل چلنڈھ

وفات : ۱۹۲۱ ۔ ۹ ۔ ۱۹

۱۱۔ مارکس جبرارڈ وال

وفات : ۱۹۲۲ ۔ ۷ ۔ ۲۵ وائنس : ۵۲ ڈری ۔

۱۲۔ ہیلن کیپ

وفات : ۱۹۲۵ ۔ ۳ ۔ ۲۴

۱۳۔ ایبوری

وفات : ۱۹۳۶ء ۔ ۷ ۔ ۳ ۔ وائنس : ۳۱ ڈری

۱۴۔ چارلی ایڈوارڈ ڈیوپس

پیدائش : ۱۸۸۱ ۔ ۵ ۔ ۸ وفات ۱۹۳۶ ۔ ۷ ۔ ۱۲

۱۵۔ آبرڈ کرسٹی ہیلی

وفات : ۱۹۳۶ ۔ ۷ ۔ ۳

۱۶۔ ایڈتھ میریا ہارٹ

وفات : ۱۹۳۸ ۔ ۷ ۔ ۸

۱۷۔ جان ٹامس ڈیوس

پیدائش : ۱۸۹۴ ۔ ۷ ۔ ۴ وفات ۱۹۳۸ ۔ ۱۱ ۔ ۲۸

۱۸۔ چارلس ارل ہیون پیٹمین

پیدائش : ۱۸۶۶ ۔ ۹ ۔ ۹ وفات ۱۹۳۹ ۔ ۵ ۔ ۲۴

۱۹۔ جینی نیڈو

پیدائش : ۱۹۶۸ ۔ ۵ ۔ ۲ وفات : ۱۹۴۰ ۔ ۱۱ ۔ ۶

۲۰۔ ایلفرڈ ولیم ہینسن

وفات : ۱۹۴۰ ۔ ۹ ۔ ۲ ۔ وائنس : ۵۸ ڈری

۲۱۔ مارگریٹ نیتھرسول

وفات : ۱۹۴۱ ۔ ۸ ۔ ۲۰

۲۲۔ الیکزانڈر دپور سینڈی

وفات : ۱۹۴۲ ۔ ۱۲ ۔ ۱۰ وائنس : ۴۰ ڈری

۲۳۔ ریتا کوبولڈ RITA COBBOLD وفات : ۱۹۴۲ء ۔ ۲ ۔ ۱۱

# فرح بخش

وِچھِو "شالہ مار" (جلد ۱)

## فیروزپور دٔرنگہِ ہٕنٛدی آثار

یَتھ درنگہِ رام چندر کاکَن فیروز پور درنگ ناو دِیُتمُت چھُ سو چھِنہٕ دَراصل کارکوٗٹ دٔرنگ۔ دٔرنگہِ چھِنہٕ اَکھ اَنٛڈ یوسہٕ بَربَلہٕ نیرِتھ اَزی کِہ فیروز پوٗرِ کِنی بوٗن چھِنہٕ وَسان۔ بَربَلہٕ یِمہٕ دوٗیِمہٕ لَنٛجہِ اَتھ وَتہٕ نیران چھِنہٕ تِمَو اَنٛدرٕ چھِنہٕ اَکھ وَتھ کھاگہِ دوٗیِم پوشکر، تریٛیِم دٔرنگہِ تہٕ ژوٗرِم سَتہٕ ہارِنی کِنی پاتھلِس وَسان۔ یِمہٕ سارِینے وَتہٕ آسہٕ کارکوٗٹ دٔرنگہِ نِش رَلان، یَتھ اَزکَل دَمامہٕ تہٕ وَنان چھِ۔ بنٛدٲتی آسی بڑوٗنٛہہ کالہٕ تِمَن گامَن دٔرنگ وَنان یِم گُزر چھِکھن یا یِمَن ہٕنٛدِ ہِن دامَنَن تَل آباد آسہن۔ راج ترنگنی مَنٛز چھُ دٔرنگ لفظ صِرف گُزر چوکِہ ہٕنٛدِس معنہٕ ییٚس مَنٛز استعمال سُپدمُت۔

فیروز پور دٔرنگ گامَس اَنٛدر چھِ پرٛانہٕ اَکہِ لوٗکٹہِ مَنٛدرٕکی آثار۔ مَنٛدرَس چھِنہٕ اَنٛدازٕ موٗجوٗب بڑوٗنٛہہ کالِ تھمہٕ تَنٛدَل اَنٛدی اَنٛدی آشریوسہٕ ووٗنی گُنہِ دٔرینٛٹھ یِوان چھِنہٕ صِرف چھِنہٕ ڈیڈی کَم کاسہٕ ڈٲنٛجہٕ، یَتھ زٕکھٹھی چھِ آسی ہَتی۔ ڈیڈ ہٕنٛدِ ہِن آثارَن چھِنہٕ مَلبہٕ پیٹھہِ کھوٗتمُت یَیمہٕ کِنی یِم آثار نَنی چھِ۔ مَنٛدرٕ وُچارٕ گرٛٹھنَس مَنٛز چھُ وُسنی گاٹُسک تہٕ کَلیٚن کٹٕھن ہُنٛد خاص وَجہ۔ واریاہَن ڈوٗنی کَلیٚن ہٕنٛدی موٗل چھِ اَصل تعمیرَس پھرٛاٹہِ کرِتھ نیٚبر دٕراہمتی۔

مَنٛدرَس چھُ بُتھ مَشرِقَس کُن۔ پَتِش چھُس آمُت وُسھٕ یَیمہٕ سَتی مَنٛدرٕ چھُ اَنٛدرٕ سوٗرُے پُروٗنہٕ آمُت۔ اَمِیُک سوٗتھرُ تہٕ چھُ وَلنہٕ آمُت تہٕ بَدرٕ پیٹھہٕ تہٕ چھُ مَلبَس تَل گوٗمُت۔ اَنٛدازٕ چھُ زِ مَنٛدرٕ آسہِ ہے وِشتو شُنٛد۔

مَنٛدرٕ چھُ اَنٛدی اَنٛدی ۱۱ فُٹہٕ مُربع اوسمُت تہٕ اَتھ چھُ پَتِش نارستان مَنٛدرَس ہیٛوٗہ اوسمُت نیٚبرٕ کِنی تہٕ چھُ مَنٛدرٕ نارستانَس سَتی رَلان۔ اَتھ چھِ اَنٛدَن ہٕنٛدی ژیٚنی رَژھا نیٚبرٕ تہٕ اَنٛدرٕ یِم تِمہٕ تُرمحراب چھُ ڈالانہٕ کِہ محرابہٕ نِشہِ لوکُٹ۔

مَنٛدرَس مَنٛز اَژنہٕ باپَتھ چھِنہٕ ہیر آسمٕژ یَتھ لَب کھارِتھ چھِنہٕ۔ مَنٛدرٕچ ڈیڈی چھِنہٕ نیٚبرٕ نیٚبرٕ ۱½ ۱۵ فُٹہٕ۔ ڈکرِ ہیٚوٗر چھُ کھُلہٕ مٲدان یَتھ اَنٛدی اَنٛدی گوٗن جَنٛگل چھُ۔ مٲدانہٕ کِس اَکِس کوٗنَس پیٹھ چھُ اَکہِ لوٗکٹہِ مَنٛدرٕکی آثار۔

گامَس تہٕ مَنٛدرَس دَرمیان قلایہٕ ہٕنٛدِ ہِن دیوارَن ہٕنٛدی آثار چھِ یَتھ کالچہٕ گُزر چوکِہ ہُنٛد مُژ۔

# فتح کدٕل

فتح کدٕل چھُ وٚیتھِ پیٹھ حبہٕ کدلس تہٕ زاٛنہٕ کدلس درمیان لال چوکہٕ پیٹھ ۲ کِلومیٹرٕ۔ فتح کدٕل اوس گوڈٕ ۱۵۰۰ء منٛز فتح شٲہن تعمیر کَرنوومت۔ ۹۸ گز زیٛچھس اَتھ کدلس آسی دِوداٲری لکرِ ہٕنٛدی ۱۷ فُٹہٕ تھدی ترٛےنے ٹھُٹھی۔ امہ پتہٕ آیہِ اَتھ مختلِف دوَرن منٛز مَرمتھ کَرنہٕ۔ مہاراجہ پرتاپ سِنٛگھنس دورس (۱۸۸۵ء - ۱۹۲۵) منٛز آو پٔرون کدٕل لُہراونہٕ تہٕ بلکُل اُتھی جایہِ نٔوٕ سَر بناونہٕ۔ یُس سوٗرے دِوداٲری تھٔمبن تہٕ پیٚچَن ہُنٛد اوس۔ اَتھ آسی دولہٕ کرین ہٕنٛدی ترٛےنے ٹھُٹھ یمَن تَلہٕ ترٛےنے چوب بنٲوِتھ آسی۔ جنگلہٕ دِتھ کدلس آسہٕ دوہٕنٛوٕنی طرفَن اوٚک پٕوری تہٕ دُپٕوری دُکانَن ہنٛزٕ تگہٕ۔ یِم دوٚرِ پیٹھ زانٛپانہٕ ہوی باسان آسی۔ یہ کدٕل اوس ۳۰۰ فُٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ ۳۲ فٹہٕ کھوٚل تہٕ اَتھ آسی ٹُم ٹُم تہٕ ٹانٛگہٕ آسٲنی سان ترٛان۔

ڈوٗگرٕ دورس منٛز بنیٚ ہتس کدلس پیٹھ اوس لکرِ ہُنٛد موٚٹ کوٹ اِستادٕ یتھ وٚیتھِ کُن رٕزٕ الانٛزٕ آسہٕ۔ یِمو رزوٕ ستی آسی یمَن لوٗکَن کھہٕ دِوان یمَن ہتے ہُنٛد رٕٹہٕ کھسہٕ ہے۔

۱۹۵۱ء منٛز آو ترٛیمہ لَٹہٕ اُتھی جایہِ شیخ محمد عبداللہ ہٕسنٛدِس دورس منٛز فتح کدٕل نٔوِ سَر تعمیر کَرنہٕ یُس وۄنی خراب حالتس منٛز موٗجوٗد چھُ۔

ہاوس بوٹ چالہٕ ترٛین ٹھُٹھین ہُنٛد یہ کدٕل چھُ دِوداٲری لکرِ ہُنٛد جنگلہٕ دِتھ ۲۴۵ فُٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ ۱۶ فُٹہٕ کھوٚل۔ اَتھ چھےٚ منٛز باگ دٔچھنی تہٕ کھوورِ ترٛےنے ترٛےنے ڈبہٕ کدِتھ۔ یمَن پیٹھ مُقامی لوٗکھ مَن رَنٛزوٕنہٕ معوکھہٕ بیٚہان آسی۔ ۱۹۸۲ء منٛز آو کدلس نکہٕ حبہٕ کدلہٕ پاسہٕ سیمٹوٗ کدٕل تارنہٕ یتھ بِسکو میموریل برج ناو تھاونہٕ آو تکیازِ اَتھ جایہ اوس سُہ سکوٗل یٚیمِچ بُنیاد بِسکو صاٗبن ترٛاوٕمٕژ ٲس۔ (م۔ع)

کتاب نامہٕ:


*Anand M.R: Ed. Marg Kashmir Number
*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade
*Hasan: Tarikh I




کالی شری ہُنٛد مَنٛدر کَمہِ اَنہارٕ اوس تمیٖک چھُنہٕ اَسہِ نِش کانٛہہ رِیکارڈ مۄجۏد اَلبتہٕ ادرٕ یور چھُکرتہ بڑۄنٛہہ کالچیو کَنہو سیتی چھُ پَے لگان زِ مَنٛدرٕ چھُ کَنیٖو اوسمُت۔ کالی شری مَنٛدرس اَندٕ یکھی مَحلس اوس بڑۄنٛہہ کالہِ کالی شری پورناوتہٕ اَزچھٕ اُتھی کلاشپوٗر وَنان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Bamzai P.A.K: Archaeological Remains in Kashmir
*Stein: Kalhana's Rajatarangini

## کپالہٕ مۄژن

سری نگرٕ کِس جنۏب مَشرِقس منٛز ۲۷ میل دۏر کپالہٕ مۄژن چھُ واریاہ پڑون تہٕ مشہۏر استھانَ۔ ژٕنبی آرس کھودرِ بُٹھہِ دِگامہٕ شُپیٖیہٕ چھُ مہاتمہٕ تہٕ لکہٕ عقیدٕژ مۄجوٗب بھگوان شِوَن تمہِ ساعتہٕ مَس کوسمُت یِیلہِ تَس برٛہمہٕ ہتیایہٕ ہِنٛز ہان کھۄژ۔ وونی چھِ شرادنہٕ پنٛزم پیٹھ لۄکھ اَتھ استھاپنَس پیٹھ شٕراد ہاوِنہِ گژھان۔ استھاپنَس نِش اَسی زِ شاردا کَتبہٕ یِم پنڈت آنند کول بامزی یَن کھۄنتھ لبی متہٕ اَسی۔ کَتبَن ہِنٛز عبارَت چھپے رایل ایشیاٹِک سوسائٹی ہِنٛدِ رِسالہٕ کِس ٲستی مِس جِلدس منٛز چھپے مٕژ۔ مگر

اَصل کَتبہٕ چھُنہٕ وونی ژُنس تَل۔

گوڈنیُک کَتبہٕ اوس تَتھ جایہٕ اَتھ آمُت یِیتھِن ترٛیشونی ناگَن ہُنٛد پونی چھُ سَمان۔ کَتبہٕ چھُ تیوٗت کھنٛڈی پھٕٹ گومُت زِ اَچھرَن معنے مطلَب کَڈُن چھُ مُشکِل۔

دۆیُم کَتبہٕ چھُ یِیمہِ حِسابہٕ اَہم زِ اَتھ چھُ تارِیخ دِتھ۔ کَتبہٕ چھُ باوتھ کَران زِ ناگَن منٛز شٕران کَرنہٕ سیتی چھِ تِتھے کٕنی پاپھ لِوان چھَلنہٕ یِتھہٕ کٕنی سَرٕچھ کٕرۄژٕ چھُ تراوان۔ اَنداز مۄجوٗب چھُ کتبہٕ ۷۸۹ءٕ منٛز لاگنہٕ آمُت۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Bamzai P.A.K: Archaeological Remains in Kashmir
*Dembi: Sharda Inscriptions of Kashmir
*Stein: Kalhana's Rajatarangini

## کرالہٕ چک

کشیِرِ اندر یِمَن جایَن پٲرٲوِتھ ٹاپِلَن ہِنٛدی آثار اَتھ چھِ آمتی، تِمَن منٛز چھُ کرالہٕ چک (اننت ناگ) تہٕ شامِل۔ ٹاپِلَن ہِنٛدی یِم آثار کرالہٕ چکہٕ اَتھ چھِ آمتی، تِمَن چھُ ہٲرَون ٹاپِلَن سیتی سیٹھا ہشَر۔ ٹاپِلَن پیٹھ چھِ رَنگارَنگ آکار بَناوِتھ یِم سیٹھا دِلچسپ چھِ۔ اَکِس

کارکوٹ دژنگہٕ ہنٛزٕ وَتہٕ اوس یُن گژھن یُتہٕ مٕصدی منٛز تہٕ جاری مگر اَتھ وَتہٕ لُج لوہر خاندانہٕ کہٕ بارٕس ییٛنہٕ پتہٕ ژُر اَہمیت، خاص کرِتھ تتھ زمانٕس منٛز ییٛلہٕ لوہر کوٹکین راژن کٲشرٕن راژن سٕتی رِشتہٕ داری ہیٛنٛدِ برکتہٕ نزدیکی رٲبطہٕ پٲدٕ گو۔

انداز مۆجوب گژھہٕ فیروز پور مَنٛدر کھۄ مہٕ صدی ہٕنٛد تعمیر آسُن، تہٕ کیاژِ باڈٕ وچھس لہٕ کُٹ۔ کٔشیرِ اندر چھہٕ پانٛدریٹھن تہٕ پایرٕکی مَنٛدر تہٕ باڈٕ جِسا اَتھ مَنٛدرس سٕتی رَلان۔ اَکھ کتھ چھےٚ صاف زِ فیروز پور مَنٛدرٕکی آثار چھہٕ گاندھار طرزِ تعمیرٕچ ژرینہٕ وَن دِوان یہٕ زَن ڈورِ دار تھمہٕ تہٕ ترٕ وترِ بو محرابو سٕتی ننان چھہٕ۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ:

*Kak R.C: Ancient Monuments of Kashmir

## کاشی وِشوانا تھ مندر (پرمنڈل)

کاشی وِشوانا تھ مَنٛدر چھُ پرمَنٛڈلچہ مَنٛدرٕ ترٕ وُنبرِ منٛز شامِل، اَتھ مَنٛدرس اوس مہاراجہ گلاب سِنگھن (۱۸۵۷ء - ۱۸۴۶) جاگیر تہٕ تھوٚومُت مَنٛدرس منٛز شِوتہٕ پاروتی ہنٛزٕ مُرژٕ چھےٚ پہاڑی مُرژٕ گری ہِنٛدی نمونہٕ وِشوانا تھ مَنٛدرٕچہ شِو ہٕنٛزِ مورتی منٛز چھےٚ شِوناتھس گونٛژہٕ۔ گونٛژہٕ کرِتھ شِو سٕنٛز صورت چھٕنہٕ ہندوستٲنی مُرژٕ گری منٛز نظرِ گژھان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ:

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings



## کالی شری

وٮ۪تھ ہٕنٛدِ دچھنہٕ بٹھہٕ خانقاہ معلیٰ ہٕس شمالہٕ پاسہٕ کالی شری استھاپن چھُ کم کاسہٕ ژٕ وداہ شتھ وری پرٛون۔ کالی شری ہٕنٛد مَنٛدر اوس راژٕ پرورسین ثانی ین شیٖٹھس ہتی لِس منٛز تعمیر کوٚرمُت۔ یہٕ دیوی مَنٛدر اوس تمن دیوی مَنٛدرن اندر شامِل یِم راژن پرورپورس منٛز تعمیر کرٕمٕتہٕ آسی۔

# کشتوار

کشتوار چھُ چناب دٔریاوٕکِس کھوورِس بٹھس نکھہٕ اُکِس تھدِس سۄتھرس پیٹھ ریاست جموں وکشمیرُک اکھ مشہوٗر قصبہٕ۔ اسلام آباد پیٹھ چھُ یہ جنوب مشرقس کُن ۴۰ میل، بھدرواہ پیٹھ شمالس کُن ۴۶ میل تہٕ جۆمی شہر پیٹھ ۱۲۹ میل۔ عرضِ بلد چھُس ۳۳°۱۰، طوٗلِ بلد چھُس ۲۵°۷۵، تہٕ سمندرس سۄتھرِ پیٹھہٕ چھُس تھزر ۵۲۰۰ فُٹ۔

کشتوار چھُ کوٗہی علاقہٕ یتھ منٛزس اکھ لوکٹ وادی چھےٚ۔ مشرقہٕ پیٹھہٕ مغرب تام چھےٚ یہ وادی ۶ میل پھہلتھ تہٕ شمالہٕ پیٹھہٕ جنوب تام ۲ میل۔ شکلہٕ کِنی چھےٚ یہ زمینہٕ چھَل ٹھوٗلہٕ چالہٕ۔ اتھ چھُ شمالس منٛز مَڈوِ واڈون تہٕ کٔشیرِ ہِنٛز وادی، جنوٗبس منٛز بھدرواہ۔ مشرقس منٛز زٔنٛدر بھاگا دٔریاو تہٕ مغربس منٛز رام بن تہٕ بانہال۔

کشتوار وادیہ چھِ اَنٛدی اَنٛدی قدآور بال آرٕ کرِتھ یم جنگلو سٟتی ڈلتھ چھِ تہٕ یہنٛدی ٹھنگی سفید شینہٕ کِنی ناپان آسان چھِ۔ اصلی اوس یہ اکھ بوٚڈ بارٕ جنگل تہٕ ناو اوس "سمرتھ گڈھ"، جغرافیٲئی تبدیلیو ذریعہ ہیٚتھِن اَتھ زمین بنٕنۍ لیو یا زیرِ زمین شُہلابن ہٕنٛدِ زورٕ دُسی دُسی گژھنہٕ تہٕ پھٔرٲٹو کِنی ہیٚوتھن آب وُزُن یِیمی وقت گُذرِنس سٟتی سورُے علاقہٕ پھاٹو تہٕ یتھ کِنی بنیو پرٛون جنگل اکھ بوٚڈ سر یتھ "گبرٛون سر" ناو پیو۔ اما پوز یہ سر تہٕ رُود نہٕ ڈٕنجہٕ۔ بیاکھ شہلابہٕ ذکہٕ آو، کشتوار بون کُن ٹھاٹھری نزدیک آو بالس چار تہٕ اکھ بوٚڈ وُژھر گو پٲدٕ۔ گبر سرُک آب دژاو امی وُژھرٕ کِنی تہٕ زمین دژایہ نُنی تہٕ آدٕ لٔج بستی۔

کشتوارس متلق چھُ وَننہٕ یِوان زِ اَتہٕ وژ گوڈٕ نیٖتھے اَکی برٛہمن بستی لیس ہنگپت ناو اوس۔ رِدا یتھ چھےٚ زِ کٔشیرِ ہنٛز وادی ییلہٕ سٟتی سرٲس تِمہٕ وقتہٕ اوس کشپ ریوشن کشتوارس قرار کرِتھ تہٕ اَتی پیٹھہٕ روانہٕ سپدِتھ بیٹھ سہ کونسرناگ بالس پیٹھ تپھ کرنہٕ یتھ زِن سٟتی سرُک آب کُنہٕ اَنٛد نیبر نیر تہٕ آبہٕ تلیٚ زمین ہۆکھتھ بستی لایق بنِہ۔

راج ترنگنی منٛز چھُ اَمہٕ علاقُک ناو کاشٹھ واٹ درج۔ سنسکرتک یہ مرکب لفظ (کاشٹھ واٹ) مانٛتھ چھُ ہیچی سن اتھ "جنگلی باغ" معنہٕ کران۔ لیسلہٕ پاٹھی چھُ امیک معنہٕ یتھ پاٹھی کرنہٕ یِوان۔

کشٹ: کریچھر تہٕ واٹ معنہٕ جاے، مطلب سہ علاقہٕ یینہٕ لسُن بسُن کرٛوٗٹھ چھُ۔ شاید چھُ اَوے یہ



ٹایلہٕ پیٹھ چھےٚ
دَچھ راٗنٹھ
بَناٗوِتھ یَتھ
دَچھ ترٛونگی
چھ اَویزان۔
اُتھی ٹایلہٕ
کھنجہٕ پیٹھ
چھُ اَکھ وُڈُون



جانانوار بَناٗوِتھ تہٕ بوٗنہٕ کَنہِ چھُس کھروشتی گژھند درج۔
بیٚیس ٹایلہٕ پیٹھ چھُ ڈُلامہٕ گملہٕ مَنٛزٕ کھوٚتمُت پوشہٕ کُل
بَناٗوِتھ یَتھ پَنہٕ وُتھر چھ دژاہتی۔ پوشہٕ کُلِس کھوٚدُرکُن
چھےٚ کھروشتی گژھند کھنہِتھ۔ اَکِس دوٚیمہِ ٹایلہٕ کھنجہٕ پیٹھ
چھُ پوشُس بَناٗوِتھ ییٚیمہٕ رَنٛج پچھان سَیدان چھِنہٕ۔ اَتھ پوشَس
چھےٚ مرکزٕ پیٹھہٕ راٗٹھ ہشہٕ نیران۔
یہٕ کَتھ چھےٚ پھرٕنی لایَق زِ کھروشتی خَط اوس
ژٕینٛژرِ مِس ہتی لِس تام مُروج ییٚمہِ کِنی یہِ اندازٕ کَرنہٕ ہیٚکہٕ
یِتھ زِ کنڑالہٕ چک آثارن ہُند تعلُق چھُ ژٕینٛژرِ مہٕ صدی
برٛونٛہہٕ زمانس سیتی۔ (م۔ل۔بس)



کتاب نامہٕ:

*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review 1973-74



منز باگ آسی، ہسی سنٛز شکل بناوان تہٕ نٔژنہٕ گیوٕنہٕ ہٕریکانہٕ
اوس کٔرتھ ڈھولن ہُنٛد مقابلہ تہٕ لگان۔ چوگانس منز آسی
کٔرے کال بٔڑۍ ونہ تام ژور کنوی تھم گول پوسٹو ژنگی استاد۔
چوگان سےٚ نش چھِنے سرکوٹ جایہ اکھ قبر یتھ متعلق یہ ونہٕ
چھ آمت زِ اتھ منز چھ کشیرِ ہُنٛد آخری تاجدار یعقوب شاہ
ژٕک دفن۔ حالانکہ وۅدٕنی چھِن اتھ برعکس یہ خیال گژھن
ہیوٚ یمت زِ یعقوب شاہ ژٕک چھ پننہِ نیسے مالس یوسف شاہ
ژکس سیتی بہارکس لِسوک علاقس منز دفن۔

ڈوگرہ دورہ کین ابتدائی ایامن تام اوس
اتہ تھزرس پیٹھ مستطیل شکلہِ اکھ قلعہ یُس کشتوار کی رازن
ہٕنزن جاین اندی اندی کھڑا اوس تہٕ یمہ پیٹھ ساری سے
قصبس نظر پلان آس۔ قلعس آسی گوشن پیٹھ برج تہٕ
کیٖتشٕن جاین نببر کُن پلوگدتھ ڈبہ۔ قلعس منز اوس
کم از کم ترٖہن نفرن پیٹھ مشتمل فوجی
دستہٕ روزتھ ہیکان تہٕ اتھ منز آسہ
زتوپہ تہٕ۔ یلہ کشتوار سِکن ہندس قبضس
منز آو اتھ قلعس آو قیدخانہ بناونہ تہٕ
پتہٕ آو مہاراجہ گلاب سنگھنس دورس
منز مکمل پاٹھۍ ٹُہراونہ۔

دپان پرانین رازن ہنٛد کانٛہہ تہٕ
نیب نشانہٕ باقے نہ تھاونہ کہ غرضہ اوٚ
راز املوک سنگھ لعینے سعادت منٛد خانُن سُہ عالی شان شالہ مار
باغ تہٕ یتھ منز بنا کورمت تعمیر تہٕ برباد کرنہ یُس قصبس مشرقہ
طرفہ اکس شیٖہجار دار نارس منز اوس۔ دپان اتھ باغس اوس
منزس اکھ آبہ تلاو تہٕ تلاوس منز آسہ کشیرِ پیٹھ تارٕ مژ زند
گاڈ ترٛاونہ آمژ۔

کیٖنہہ دری بٔڑونہہ تام آسی اتہ اکثر مکانہ اوک
پوٚری تہٕ معمولی آسان کشیر ہندی پاٹھۍ اوس مسالہ کنہٕ کٔنی،
میٖژ تہٕ لکر استعمال سپدان۔ اما پوز کاشرِ ہِن مکانن ہنٛد پوٚدشہ وینو
پٔشو بجایہ چھ اتہ لرین ہندی پٔش کوٹھن ہندی پاٹھۍ ہموار
آسان۔ کشتوار چھ مولہ لو معدنی خزانو سیتی مالامال۔ اوبرٕ
زرٕسٕ، نیلم تہٕ چونہ کنہٕ چھنے اتہ نہ دزامژ تہٕ مزید تلاش چھ
جاری۔

یتھ کالہ چھِنے کشتوارس منز شالبانی نہٕ آسمژ۔ چنانچہ کشتوار کس

لۆکہٕ وَنَن عام گوٗمُت زِ :

"کشتواڑ، کشٹ کا بھانڈا، دِن کو کھوکا رات کو ٹھانڈا۔" بہارستانِ شاہی مَنٛز چھُ کشتوارس "کاٹھوار" ناو دِنہٕ آمُت تہٕ کٲشِرِ مَنٛز تہٕ چھ وارِیاہ لۆکھ اَتھ جاے "کاٹھہٕ وار" تہٕ اَتہٕ کین رۆزَن والین "کاٹھہٕ وٲرؠ" وَنان۔ کاٹھ معنے لٔکرِ تہٕ وار معنے جاے یعنے سو جاے یۆیتہٕ لٔکرِ یا جنگل آسہِ۔ کینٛہہ لۆکھ چھِس "کشتہٕ وور" تہٕ کینٛہہ "کشتوار" وَنان، مگر پانہٕ کشتوارس مَنٛز رۆزَن وٲلؠ چھِس یؠسہٕ پٲٹھؠ "کشتواڑ" یا "کشتوار" وَنان۔

کشتوارِ کین بسکینَن ہِندِس نسلی پَتھ کالس مُتلق چھُ خیال زِ یِیلہٕ کٲشِرِ مَنٛز ناگو اِقتدار پرٛوو تِہنٛزِ اَکہٕ چھوکہٕ کوٚر کشتوار تہٕ پانَس ماتحت۔ چُنانچہ کشتوارِ چھِنہٕ کٔشِر جاے یہِندِس ناوس "ناگ" لفظ سیٛتی چھُ۔ مثالے : گودرشن ناگ، کانی ناگ، ڈامر ناگ تہٕ ناگ سین۔ ناگو پَتہٕ آے آریا۔ آریا ہو کُر ناگن شکست دِتھ دوٗر اُفتادہٕ پہاڑی علاقن کُن لار تہٕ یم کینٛہہ ناگ پَتھ کُن رۄدؠ تِم شرٛپیٖ اَتھی تہٕ ناگن تہٕ آریاین ہِندِس باہمی اَتھہٕ واسس لۆگ گوڈ۔ سایہٕ بدیٚوری گُذرنہٕ پَتہٕ تہٕ چھُ اَنہارس مَنٛز پھیر موجود۔

دُنیا ہچھِن مختلف جایَن ہِندی پٲٹھؠ اُسس کشتوارس مُتلق تہٕ پَتھ کالہٕ یہ افواہ عام سپنز ہٕشر (یا کرنہٕ آمِژ) زِ اَتہٕ چھِنہٕ ڈٲنہٕ بسان یِمہٕ شکلہٕ کِنؠ خوبصورت زَنانہٕ چھِنہٕ آسان مگر کھور چھکھ آسان پَتھ کُن پھیرِتھ۔ وَننہٕ اوس یِوان زِ یِمہٕ چھِنہٕ سیٚنٛتھر کران تہٕ ماران۔ چُنانچہ کٲشِرِ مَنٛز تہٕ اُسی کینٛہہ لۆکھ اَمہٕ وَہمہٕ کِنؠ کشتوار گژھنس کھوژان۔ مگر یہ بے بُنیاد خوف سپُد دوٗر یِیلہٕ ڈوگرہ دورس مَنٛز مہاراجہ گلاب سِنٛگھن (١٨٥٧-١٨٤٦ء) اَمیک باضابطہ تدوٗرک کوٚر۔

کشتوارِ کین مُقدس مقامات مَنٛز چھِنہٕ مسلمانن ہِنٛزِ زِ زیارژ خاص کرِتھ قابلِ ذِکر۔ سید شاہ محمد فرید الدین بغدادیؒ تہٕ تِہندِس صاحبزادہ سید شاہ اسرار الدین بغدادیؒ صابَن ہِندی زِ روضہٕ۔ گوڈنیک چھُ قصبس مَنٛز تہٕ دۆیُم قصبہٕ ہنا نیبر پہَن۔ یتھے پٲٹھؠ چھ قصبس مَنٛز شری نیل کنٹھ مَندر تہٕ ہٹہٕ گامہ اَشٹا بھُدی مَندر اَتہٕ کین ہیٚنٛدن ہِندی ینیژرہ پژھہ ہِندی مرکز۔

قصبس نیبر پہَن چھُ چوگان ناوُک اَکھ کھُلہٕ ڈُلہٕ سبزہ زار یَتھ مَنٛز پَتھ کالہٕ راز کھو اُمیر لۆکھ ہالہٕ گِنٛدان آسی۔ اَتہٕ چھ لۆکھ وُنہٕ تہٕ دسمبرس تہٕ جنوری مَنٛز سمان تہٕ ہالہٕ گِنٛدان۔ اَتہٕ اوس کٹک جاتر ناوٕ مالہٕ تہٕ لگان چوگانس

# کنبل وَن

وٚیجہِ بڑارِ پیٹھہٕ شیٚنۍ کِلومیٹر دوٗر پہلگام سَڑکہِ پیٹھ کنبل وَنہٕ چھہِ پرانہِ زمانکۍ آثار بَدِ کَڈنہٕ آمتۍ۔ اَتہِ چھہِ کرالہٕ کامہِ ہِہنٛدۍ تِتھۍ نموٗنہٕ دراہمتۍ، یِم مارتنٛڈٕ سوٗن تام کھُنتھ دراممتۍن کرالہٕ کامہِ ہِنٛدۍن نموٗنَن سیٚتۍ رَلان چھہِ۔ اَمہِ چالہِ کتر چھیٚنۍ بُرزٕ ہامہِ تہٕ دراہمتۍ۔ کَنبل وَنہٕ یِم چیز حاصِل سپدۍ ہمتۍ چھہِ تِمَن مَنٛز چھہِ سادٕ دٔندرِ بُشکابہٕ تہٕ لأز دار بُشکابہٕ شأمِل۔ تھزِ کارِ گُل دانہٕ تہٕ تکارِ تہِ چھیٚنۍ موقس پیٹھ اَتھ آمتۍ کترٕ مَنٛز چھیٚنۍ ترٛٮ۪ہ کَترِ تہٕ شأمِل یِمَن رَنٛگ ووزُل تہٕ سوٚتھر پیشُل چھُہ۔ یِژھن کترن پیٹھ چھہِ نیٖٹھۍ نَمہِ چالہٕ آکار بنأوتھ۔ اَتہِ چھُہ اَکھ خاص قِسمُک کرٛیٚہنہِ رَنٛگہٕ بُشکابہٕ اَتھ آمُت، یَتھ گوٚل پھرتھ چھُہ۔ اَمہِ ہُریمانہٕ چھیٚنۍ گٕٹہِ کاترِ رَنٛگہٕ کتر تہٕ اَتھ آمتۍ۔ اَتھ آمتۍن چیزَن مَنٛز چھُہ کَنیٚو بوٚڈ کاجہ وُٹھ تہٕ شأمِل یُس گرتھ کنۍ ژُکوٗنجُل چھُہ مگر بوٚنیُم اَنٛد چھُس ڈلوم۔ آثار چھہِ واریاہ کالچہِ بڑوٗنٛہۍ مہٕ کُنہِ بستیہِ کُن اِشارٕ کران۔

(م-ل-س)

کتاب نامہٕ :

*Thapar B.K. Ed. Indian Archaeology, A Review 1976-77.

# کوٗٹۍ تیٖرتھ

کوٗٹۍ تیٖرتھ چھُہ وُرمُلہِ قصبہٕ کِس مغربَس مَنٛز وٚیتھہِ ہِنٛدِ دٔچھنہِ بَٹھہِ۔ اَتھۍ جایہِ چھُہ سُہ مشہوٗر وراہ مَنٛدَر اوسمُت یٔمیُک ذِکر کلہنَن واریاہَن جایَن کوٗرمُت چھُہ۔ سٹاینہٕ سٕندِ وَقتہٕ تہٕ چھہِ تیٖرتھس اَنٛدۍ پکھۍ پرأنۍ آثار چھکرِتھ أسۍ مۍتۍ یِمَن مَنٛز لِنٛگ تہٕ مُرتۍ شأمِل آسہٕ۔ وراہ مَنٛدَرس اَنٛدر یوسہٕ مُرتھ لأگِتھ أس تتھ متعلِق چھُہ زوٗنراز لیکھان زِ سو آیہ پنٛدأہِمہِ صدی ہِنٛدِس گوڈٕ کالَس مَنٛز تباہ کَرنہٕ۔

آرکیالوجِکَل سروے یِن چھُہ تاہم اَتھ تیٖرتھس پیٹھ کرٛیٚہنہِ کَنہِ ہُنٛد بنیوٗمُت اَکھ مُکھہ لِنٛگ لوٚبمُت۔ وراہ چھُہ بٔذۍ اَتۍ وِشنوٗ سُنٛد روٗپ مگر تیٖرتھس پیٹھ اَکھ بُتھ کٔرِتھ شو لِنٛگ اَتھِ یِن چھُہ ہاوان زِ اَتھ جایہِ چھہِ شو مَنٛدَر أسۍ ہمتۍ۔

(م-ل-س)

کتاب نامہٕ :

*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Thapar B.K. Ed. Indian Archaeology A Review 1976-77.

# کوکرناگ

کوکرناگ چھُہ شہرِ سِرۍ نگرہ پیٹھہٕ ۷۰ کلومیٹر دوٗر۔

خاص بازرس منز تہ چھ شال وونہٕ تہٕ کینٛہہ وان
اسی متی مگر پتہٕ چھے یہ صنعت ختم سپنہٕ مژ تہ امہٕ بدلہٕ
چھے نرم نفیس تہ رنگین ژادر کملہٕ وونہٕ یِچ صنعت
پھاٚپھلیمٕژ۔

کشتوارک آب وہوا چھ ریتہٕ کالہٕ خوشگوار
تہ وندہٕ کالہٕ سرد۔ خاص کشتوارس منز چھ تیز ہوا لگان،
یُس ریتہٕ کالہٕ تاپہٕ تٔرس اعتدالہٕ چھ تھاوان، مگر
وندہٕ کالہٕ چھے امہٕ سببہٕ تہٕ سرنا قابل برداشت بنان۔
گلہم کٔرِتھ چھ اتیک آب وہوا صحت افزا۔ موسمی
لحاظٕ چھ کشتوار بھدرواہ کھوتہ وشنے پہن تہ تتہ مقابلہٕ
چھ اتہٕ رود تہ کم پیوان تہ شین تہ۔ شین پیُنک
امکان چھ وندہٕ کین ژون رٕتن روزان مگر پیتھ چھنہٕ
ژرِس کالس پتھرس پیٹھ دران۔ بالائی علاقس منز
چھنہٕ عمومن ۲ ہو دوہو علاوٕ دران تہ ژندرہٕ بھاگا
دریاوس کن وسہٕ ونس سوتھرس پیٹھ چھ
گژھن تام دہ ہنیے ٹھہرِتھ ہیکان۔ واریاہ آرٕ چھ کافی تھزرٕ
پیٹھہٕ دریاوس منز وسان تہ قصبس بتھہٕ چھ اکھ
آرٕ ہتہٕ بزو فٹو پیٹھہٕ ژھال دِتھ وسان تہ یہ چھ خاص
گٔرِتھ شین وِگلنہٕ کین دوہن اکھ بڈ پال ژادر بنان۔
میوٕ چھ کشتوارس منز لیسلہٕ پاٹھی، ژیر، ژونٹھ،
ٹنگ، ژٹن تہ دان۔ کم کاسہٕ چھ کونگ تہ کھسان۔

آزادی پتہٕ ووت جنگلن تہ جنگلی جانورن
سیٹھا ددار مگر بزونہہ اسی اتھ بال کاپرٕ پو، دِوداروٕ
تہ بدلیو سیتی ولِتھ تہ جنگلن منز اوس پرٕتھ کنہٕ
قسمک لوکٹ کیو بوڈ شکار میلان مثالے اِسہہ،
ہاپتھ، شال، پوژہ لوو، خارپُشت، ون ژھاوٕج،
روس، بجور، ہانگل تہ خرگوش۔ چنانچہ ازبژونہہ
شیٹھ ستتھ وری تام اسی انگریز شکاری دشوار وتو
سفر کٔرِتھ کشتوارٕ کین اندرونی کوہی علاقن منز شکار
کرنہِ واتان۔

کشتوار کین عام جاناوارن منز چھے ہاربو
ژربوٕ تہ گانٹو کاوو علاوٕ گُکلٕ تہ آسان تہ کُنہٕ کُنہٕ چھ
مورٕ شند آلو تہ کنن گژھان۔ پتھ کالہٕ چھ اتہ سونہٕ چرٕ
تہ اوسُمت۔

کشتوارٕچ اصلی تہ اکثریتی زبان چھے لسانیاتی
اعتبارٕ کاشرِ زبانی سیتی تیٖژ رلان زِ زبان شناس
چھ اتھ کاشرِ زبانی ہنزٕ اکھ بولی مانان۔ (ام۔ ن۔ ن)

کتاب ناہہ:


*Ishrat Kashmiri: Tarikh-i-Kishtwar
*Pathik: Cultural Heritage of the Dogras
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Sufi: Kashir I
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Tikoo P.N. Story of Kashmir

لأنہٕ کھنٕنہ چھےٚ۔ پَنڈاہی مٕہ صدی ہُنٛد یہٕ کتبہٕ چھُ بڈشاہ زین العابدین (۱۴۲۰ء ۔ ۷۰) سٕنٛدِ وقتُک۔ اَتھ کتبَس پیٹھ چھُ کٔشیرِ منٛز ژون رازَن ہنٛدِ دورِ حکومتُک ذکر کرنہٕ آمُت۔ یِم ژور راز چھِ گھاگیندر، رازِ جےپیڈ، سُلطان سکندر تہٕ بڈشاہ زین العابدین۔ (م۔ ع)

کتاب نامہٕ :

*Hasan: Tarikh I
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Sufi: Kashir I
*Vigne: Travels in Kashmir and Ladakh I

## گُپت گنگا (بھدرواہ)

گُپت گنگا مَنٛدر چھُ بھدرواہ علاقُک پرٛون تیٖرتھ۔ مَنٛدر چھُ نوٚساس فُٹہٕ تھَدِس آشاپتی بالہٕ کِس دامنَس تل نیرہٕ نالہٕ کِس ٹُھِس پیٹھ۔ یہِ چھُ بھدرواہ کہِ واسک ناگ مَنٛدرِ پیٹھہٕ اکھ کلومیٹر ہیٚوہ دوٗر۔ رِوایژ موجوب چھُ گُپت گنگا مَنٛدرُک استھاپن پانڈوَن ہنٛدِ وقتہٕ تہٕ اوسُمُت وَنان چھِ زِ یِم چھِ کٔشیرِ ہِمی گوٚپھ مَنٛزٕ وٲتِہتی یِمہ گوپھِ مَنٛز گُپت گنگا یہِ ہُنٛد ناگ وُزان چھُ۔ ناگہٕ کِس ٹُھِس پیٹھ چھُ پِلَس پیٹھ اِنسانہٕ سُنٛد پدی اکھ۔ لُکہٕ عقیدٕ چھُ زِ یہِ پدی اکھ چھُ بھیم سُنٛد۔ ناگُک پوٚنی چھُ اکہِ نلکہٕ مَنٛزٕ مَنٛدرس اندر آمُت نِنہٕ تہٕ تَتہِ چھےٚ پالدار سیٖدِ سیٚودِ شولِنگَس پیٹھ پیوان۔ شولِنگ تہٕ پُرٲنی دوٚشوے چیز چھِ کُزِنہٕ کِنہِ ہنٛدی تہٕ فنکٲری سان چھِ تیار آمتی کرنہٕ۔

گُپت گنگا یہِ ہُنٛد ژُوکوٗنجَل مَنٛدر چھُ ژٕکرٕ مُربع تہٕ اَتھ چھُ ڈُلوم کلَش۔ کشتوار تہٕ بھدرواہ علاقَس منٛز چھُ دوٚیُم گُپت گنگا تیٖرتھ بھنڈارکوٹ کِہ کُدلَس بوٚن کِنہِ ژٕنٛدرٕ بھاگا یہِ ہنٛدِس ٹُھِس پیٹھ۔ کٔشیرِ منٛز تہٕ چھُ اِشہِ بَرہِ ہنٛدِس استھاپنَس گُپت گنگا وَنان۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ :

*Ganhar J.N: Jammu Shrines

## گچھ

خاص قِسمُک چھِنہٕ یُس بُتھہٕ پرٛون شیٖن ہیٚوہ اوس آسان۔ یہِ اوس مکانَن ہنٛز لبہٕ پارٲونس منٛز استعمال پوان کرنہٕ۔ گچھہٕ سیٚتی آسی لبَن پیٹھ ڈزاین تہٕ نقش نِگار تہٕ دوٚتلان۔ گچھہٕ سیٚتی مکانہٕ پارٲوُن اوس

جنوٗبی برنٛگ پرگنَس مَنٛز واقع ۔ یہِ ناگ چھُ چوٗنہٕ بالہٕ
دامنہٕ تلہٕ بکہٕ وِلنس آبہٕ کِس صوٗرتَس مَنٛز شہِن سٕتَن
جایَن نیران ۔ اُمێک طوٗل بلد چھُ °٧٥.٢٠ تہٕ عرضِ بلد
°٣٣.٣٦ ۔ اَمہِ ناگُک آب چھُ سیٹھاہ مزدار تہٕ ہاضِم ۔
اَمێک اعتراف چھُ ابوالفضل "آیٖنِ اکبری" مَنٛز
کَران ۔ اَمہِ بکہٕ وِنہِ ناگچ شکل چھےٚ کوکَرٕ پنجس سٕتی رَلان وٕنی
یِیمہِ کِنی اَتھ کوکرناگ ناو چھُ پیوٚمُت ۔ اَمہِ ناگہٕ پێٹھٕ
چھُ اَز وارِیاہَن علاقَن چینہٕ آب فَراہَم یِوان کَرنہٕ ۔ اَتہٕ
چھُ گنٛدک آبُک اَکھ ناگ تہٕ یَتھ سٕرانہٕ کُٹھ بَنٕتھ چھُ۔
لۄکھ چھِ اور علاجہٕ باپتھ سران کَرنہِ یِوان۔

اَمہِ ناگُک یَتھ کُن موٗژوٚمُت آب چھُ
بڑٕ ڈٕنٛہہ یکتھ بڑنگ نالس سٕتی رَلان ۔ ناگَس دچھِنی
چھُ سیٹھاہ مٲری موٗنٛد باغ یُس بخشی غلام محمدنِس دورِ
حکوٗمتَس مَنٛز بناونہٕ آمُت چھُ ۔ اَمہِ ناگُک آب چھُ
ٹروٹ گاڈٕ رَچھنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ مفید تہٕ مُناسب۔
مُلکی غٲرٕ مُلکی سالانی چھِ اَتھ جایہِ گاڈٕ شکار کران۔

دَش ۔ (م)

کتاب نامہ :


*Hasan: Tarikh, I
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Sufi: Kashir, I
*Vigne: Travels in Kashmir and Ladakh


# کوٗنٛتلُن

وُچھِو "پُری محل" (جلد ۱)

# کھنموہ

کھنموہ چھُ پانپرِکِس شُمال مَغرِبَس مَنٛز
زیوٗنِکِس شُمال مَشرِقَس کُن ترٛےٚ کِلومیٖٹر تہٕ سِرینگرٕ
پیٹھٕ ۹ کلومیٖٹر دوٗر۔

کھنموہُک پرٛون ناو چھُ کھون موٗش اوسمُت۔
اَتھی جایہِ چھُ کٲہی مہِ صدی ہُنٛد مشہوٗر سنسکرت شاعر
تہٕ توٲریخ دان بِلہَن زامُت ۔ بِلہَنَن چھُ پَننہِ مشہوٗر
تصنیف ، وِکرمانک دیو چرت ، نٲوی کِتابہِ مَنٛز اَتھ
جایہِ کوٗنگ کھُسنک تہٕ کیٖشرَن ناگَن ہُنٛد ذِکر
کوٚرمُت۔ کھنموکِس بالٲیی حصَس مَنٛز چھُ اَکھ مُقدّس
ناگ یَتھ داموٗدَر ناگ وَنان چھِ ۔ اَمہِ علاقٕ چھےٚ اَتھ جایہِ
کێٚنٛہہ پھُٹہٕ پھرٲٹہٕ کَنہٕ تہٕ لَینہٕ آمٕژ یِمَن پیٹھ عبارَتھ
وٕرٲلِتھ اٲس۔

کھنموہ ہێوٚر پێٚٹھ ہرِتشور تیرتھَس گژھہٕ وُن
بھوٗنیشورجایہِ نِش چھےٚ اَکھ کوٗل وَسان یَتھ نکھہٕ ۱٫۴۵
میٖٹر زیوٗٹھ تہٕ ۳۰ سنٹی میٖٹر تھوٚد اَکھ کَنیُو کُتبہٕ اَصلی
حالتَس مَنٛز محفوٗظ چھُ، یَتھ پیٹھ شاردا خطَس مَنٛز داہ

صدی مَنٛز بیوٚٹھمُت اوس۔ گُروٗ ہرگوبند صاحب جی اوس شہنشاہ جہانگیرَس (۱۶۰۵۔ ۱۶۲۷ء) سیتی کٔشیر آمُت تہٕ یوٚت وٲتِتھ اوسُن قلعہ بَنٛد موغل شہر ناگر نگرس نیٚبر ٹھِکانہٕ کوٚرمُت۔

گُردوارَس نَظر گُذر تھاونہٕ باپتھ اوس ہرگوبند صاحبن ماتا بھاگ بھری ہُنٛد نیٚچوٗ بھائی سیوارام مُقرر کوٚرمُت۔

یہٕ مُقدَس گُردوارٕ چھُ سِکھ گورنر سردار ہری سنگھ نلوَن (۱۸۱۹۔ ۱۸۲۱ء) گوڈٕ اَنوارِ تعمیر کوٚرمُت تہٕ تَنہٕ پَتہٕ اَز تام چھُنہٕ گُردوارَس واریاہ پھِر مرمت کَرنہٕ آمٕژ تہٕ خاص مَرمَتھ کٲم آیہ ۱۹۴۷ء پَتہٕ اَنجام دِنہٕ۔

گُردوارہ چھٹی پادشاہی ہُنٛد طرزِ تعمیر چھُ عام گُردوارَن ہیوٚہ۔ یُس اِسلٲمی تہٕ ہِنٛدی طرزِ تعمیر چہ مِلہٕ مِشہٕ ووتلیوٚمُت چھُ۔ خاص کٔرتھ چھُ گُردوارَن ہُنٛد کلش واریاہَس حَدَس تام ایرٲنی طرزِ تعمیرس سیتی رَلان۔

چھٹی پادشاہی ہِنٛدِس گُردوارَس پیٹھ چھُ عقیدَتہٕ تہٕ احترامہٕ سان بھجن کیرتن تہٕ گوروٗ سُنٛد لنگر چلان۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ:

*Parmu: Sikh Rule in Kashmir
*Sufi: Kashir I



اِمتیاز یوان مانٕنہٕ تہٕ گچھ کڈُن یا گچھٕ سیتؠ کُنھ بیترٕ پارٕاوُن اوس آسن بَبَن وول آسنٕچ علامَت۔ کاشرِس مَنٛز چھِ واریاہ مُرکب تِتھی یِمَن گچھ کرٕ نِسبتہٕ زاین چھُ لوگمُت۔ گچھُک استعمال چھُ پییپرمٲشی مَنٛزٕ تہٕ سیدا۔ قالبہٕ کڈِتھ پییپرمٲشی ہِنٛدِس سامانس چھُ ٹُستریر گرِتھ گچھ کرٕنہٕ یوان۔ یعنے کٲرگر چھِ اَتھ گچھٕ سیتؠ لوان۔

(م۔ ل۔ س)

کتاب نامہ:

*Sufi: Kashir II

# گداُدھر مَندر

وُچھو "شیر گڈی" (جلد ۱)

# گردوارہ پرن پیلاں

پَرن پیلاں چھُ وَرمُلہٕ پیٹھٕ ۵۰ کلومیٹر دؠر وورِ تحصیلُک گام۔ یہٕ گام چھُ وِیتھِ ہِنٛدِ دُچھتہٕ بَٹھِ۔ اَتہٕ ٲس جہانگیرٕ سٕنٛدِس دورس (۱۶۰۵-۲۷) مَنٛز اَکھ سرائے تعمیر کرنہٕ آمٕژ یَمکی آثار وُنہٕ تہٕ موجود چھِ۔ جہانگیرٕ سٕنٛدی ہے دورس مَنٛز آو گرو ہرگوبند صٲب کشیرِ۔ وَرمُلِہ کینٛژرس کالس پرٕچار کرٕنہٕ پتہٕ دراو سُہ وورِ ہِنٛزِ وَتہٕ والپس۔ والپس گژھہٕ وُن تژوُن پَرن پیلاہَس مَنٛز پڑاو۔ سِکھ دھرمُک پرٕچار کرٕنَس دوران سپُد تمِس اَتہٕ کینٛژن مُسلمان بُزرگن سیتؠ مُلاقات۔

پَرن پیلاہَس مَنٛز یَتھ جایہ سُہ پرٕچار کران اوس تتھِین آو تمی سٕنٛدِ نیرنہٕ پتہٕ اَکھ گرُدوارٕ تعمیر کرنہٕ۔ یَتھ ۱۹۴۷ء پتہٕ وُسعت دِتھ نَوِ طرزُک گرُدوارٕ بَناونہٕ آو۔ اَتھ چھِ گرُدوارہ چھیٹی پادشاہی تہٕ وَنان۔

گرُدوارُک اِنتظام چھِنٛے وَرمُلی ضِلچ سِکھ پَربَنٛدھک کمیٹی چلاوان۔ اَتہٕ چھُ پرٕتھ وٕری یہٕ بیساکھی تہٕ گرو ہرگوبنٛد صٲب ہِنٛدِس زادُہَس پیٹھ دیوان لگان۔

(م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہ:

*Baramula De Gurdawarian
*Gyan Singh: Guru Khalisa

# گرُدوارہ چھیٹی پادشاہی

کاٹھی دَروازس نکھہٕ ہارِ پَربتہٕ کِس دامنَس تَل گرُدوارہ چھیٹی پادشاہی چھُ کشیرِ ہُنٛد اَکھ اَہم گرُدوارٕ۔ یہٕ گرُدوارٕ چھُ تھی مُقامس پیٹھ تعمیر آمُت کرنہٕ۔ یِتین شییُم گورو ہرگوبند صٲب جی سَدا ٲسہِ

ضِلع چہ سِکھ پَربَندھک کمیٹی ہٕنٛدِ اہتمامہ سۭدان۔

(م۔ا۔ا)

کتاب نامہٕ :

*Gyan Singh: Guru Khalisa.

## گردوارہ شری گرو سِنگھ سبھا

گرُدوارہ شری گورو سنگھ سبھا چھُ سِری نگرس مَنٛز لال چوکس تہٕ امیرا کدلس درمیان۔ گرُدوارہ چھُ مہاراجہ پرتاپ سنگھنِس دورس مَنٛز (۱۹۲۵ - ۱۸۸۵ء) مُقامی سِکھو تعمیر کوٚرمُت۔ مہاراجہ پرتاپ سنگھُن چیف انجینیر شری گنڈا سنگھ اوس اَمِیُک چیف آرکیٹیکٹ۔ اَمِہِ کِس تعمیرس اندر چھُ زینہٕ، سیمنٹہٕ، دٕوری کَنٛین تہٕ مہرابج سیرہٕ ہُنٛد استعمال آمُت کَرنہٕ۔ گرُدوارِ چھُ "ترُپوٚر" یمِیُک کُنٛ دِوٕری کَنٛین ہُنٛد چھُ۔ بٔنِ مِس پوٚرس مَنٛز چھِ یاترین ہٕنٛدِ باپتھ روزَن جاے۔ اَمِہِ کِس جنوب مغربس مَنٛز چھُ جموں وکشمیر گُردوارہ پَربَندھک بورڈُک آفس۔ دوٚیمِس پوٚرس مَنٛز چھِ شبَد تہٕ کیرتن کَرنہٕ باپتھ زٕ دیوان (ہال)۔ اَکھ دیوان چھُ مَردن ہٕنٛدِ باپتھ تہٕ بیاکھ زنانَن ہٕنٛدِ باپتھ۔ دونٕوٕنی دیوانَن مَنٛز چھُ گرُنتھ صاب سجاوِتھ۔ شُمال مغرب انٛدُک دیوان چھُ جنوب مغرب انٛدکہِ دیوانہٕ کھوتہٕ بوڈ تہٕ جان پاٹھۍ سجاوِتھ۔ گرُنتھ صائبچ جاے چھےٚ سائرے شنیلہٕ سٟتۍ پارٕ اوِتھ۔ بَروٚنٛہہ کَنہِ چھُس اَکھ تھال یَتھ مَنٛز ځلوٕ بیترِ تھاونہٕ یِوان چھُ۔ اَتھ نکھے چھےٚ بڈ تلوار تہٕ اَکھ لوکُٹ کرپان۔ شُمالہِ انٛدٕ چھُس تخت پوش یَتھ پیٹھ بہِتھ راگی شبد کیرتن کَران چھِ۔ گرُنتھ صائبچہِ جایہِ چھِ ژوٚن انٛدن پیٹھ ژور دِوداری تھم یِمن سٟتۍ اَستانچ چوٚکی دَرِتھ چھےٚ۔ دیوانَس (ہالس) چھےٚ دِوداری لکرِ ہنٛز داہ دارِ یِم ڈایہِ فُٹہٕ کھَجہ تہٕ ژور فُٹہٕ زیچھ چھےٚ۔ مشرقہٕ تہٕ جنوبہٕ پاسہٕ چھُس اَٹھ دروازٕ یِم ڈایہِ فُٹہٕ کھُلہِ تہٕ، فُٹہٕ تھٔدی چھِ۔ دیوانَس چھُ سنگتٔری زنٛگہٕ وسہٕ تالو۔ گرُدوارس چھُ مغربہٕ انٛدٕ "نِشان صائب" (الیدرِ رنٛگہٕ جنٛڈٕ) کھارِتھ تہٕ پَتھ چھُس ٹین۔

(م۔ع)

کتاب نامہٕ :

*Paramu: Sikh Rule in Kashmir
*Sufi: Kashir I, II

## گرُدوارہ گرونانک دیوجی (مٹن)

گرُدوارہ مٹن صاحب چھُ اسلام آبادکِس مشرقس مَنٛز سرینگرہٕ پیٹھٕ ۷۵ کلومیٹر دوٗر۔

# گُردوارہ تھڑا صاحب

وٙرٕمُلِکِس جنوٗب مشرقس مٔنٛز ۸ کِلومیٹر دوٗر یہ گُردوارٕ چھُ کلمپور سِنگھ پوٗرٕ۔ کلمپور چھُ سرینگرٕ پیٹھٕ وٙرٕمُل گژھن وٲلِس قوٗمی شاہراہس کھوورِ پاسہ وُڈرِ پیٹھ۔

گرو ہرگوبند صاب آو جہانگیر سٕندِس دورس (۱۶۰۵-۱۶۲۷ء) مٔنٛز کٔشیر۔ وٙرٕمُلس مٔنٛز پٔرچارس دوران اوس تٔمۍ کلم پوٗرٕ گژھان ییٚتہِ تٔمِس پیٖر بلول ناوی اکِس بزرگس سیتی روحٲنی کتھ باتھ سپدان اُس۔ اتہِ کھٔنہٕ نو گرٕ وچی ین اکھ کرٕ وٕریُس دُنہٕ تہٕ موجوٗد چھُ۔ کُنوہِمہ صٔدی ہٕندِس آخری وٕرِی ین مٔنٛز آیہ کلمپورِ گرٕ وچی ہٕندِ ناوٕ ۲۵ x ۲۰ اکھ پٔینڈ تعمیر کرنہٕ۔ اور اُسی کلم پوٗرس اندٕ پکھٕ بسن وٲلۍ سِکھ بیساکھی مناونہِ یوان۔ ۱۹۲۷ء مٔنٛز کٔر نو وینچہ بیوٗ مشہوٗرٕ عالمو بھائی ویر سِنگھ، سردار گورمکھ سِنگھ، سردار ہردت سِنگھ تہٕ سردار دامودر سِنگھن اتہِ گُردوارٕ تعمیر۔ یُس سنہٕ ۱۹۳۱ تام مکمل سپد تہٕ امی وٕرِیہ بیساکھی ہٕندِس موقس پیٹھ سپدُس اِفتتاح۔ وۄنۍ چھُ اتھ مزید پارٕ او کرنہٕ آمُت۔ نوٚو گُردوارٕ چھُ طرزِ تعمیرکہِ اعتبارٕ پنجابس مٔنٛز تعمیر سپدیمتین

عام گُردوارن سیتی رلان۔ (م۔ا۔ر)

کتاب نامہ:

*Baramula: Baramula De Gurdawarian
*Gyan Singh: Guru Khalisa

# گردوارہ شاجہ مرگ

گرو ہرگوبند صابنہِ جہانگیر سٕندِس دورس (۱۶۰۵-۲۷ء) مٔنٛز کٔشیر ینہٕ وِزِ ترٛووتٔمۍ گوڈنیک پڑاو شاجہ مرگہِ۔ شاجہ مرگ چھُ شوپیٖن کِس یارِ کبلم پورِس نِش مونغل روڈس نکھہٕ۔ محکمۂ مال کین کاغذن مٔنٛز چھُ شاجہ مرگ گامس کبلمپور وننہٕ آمُت۔ یہ گام چھُ بھائی کٹو شاہ سٕندِ ناوٕ منسوٗب۔ امہ موجوٗب اُسی اتھ شاہ جی مرگ تہِ وَنان۔ شاجہ مرگس چھِ شادِ مرگ تہٕ اُسی ہتی وَنان۔ اتھ جایہ اوس ییٚتھ کالہِ ویر یارٕ ناوٕ استھاپن۔ اتھ استھاپنس نکھہٕ بونہِ نِش آو اکھ گُردوارٕ تعمیر کرنہٕ۔ یُس کٔشیر مٔنٛز ہرگوبند صاب ناوُک گوڈنیک گُردوارٕ چھُ۔ گُردوارٕ لُہراوتھ آو کیٚنہہ کال برٛونٛہہ اکھ نوٚو طرزُک گُردوارٕ بناونہٕ ییٚتھ سیتی زایرن ہٕندِ خاطرٕ روزن جایہ تہٕ تعمیر کرنہٕ آیہ۔ گُردوارُک اِنتظام چھُ پُلوامی

گردوارہ ننگالی صاحب



# گردوارہ ننگالی صاحب

ننگالی صاحب گُردوارِ چھُ پڑونٛژھ قصبہٕ کِس
شُمالَس مَنٛز پیر پانٛژال چہ کھوَنہٕ مَنٛز لِنگلی ہنٛدِس
بُٹھِس پیٹھ ۲/۱ ۶ کلومیٹر دوٗر۔ ساری سے جیٚیمی صوٗبَس
مَنٛز چھُ یہ گُردوارِ سیٹھا مشہوٗر تہٕ لوٗکَن چھےٚ اَمِچ
سیٹھا یَژھ تہٕ پَژھ۔

ننگالی صاحب گُردوارِچ بُنیاد چھےٚ
بابا روچا سنگھ (۱۸۰۳ء) یَسنٛدی چیلہٕ سنت
بھائی سِنگھَن ترٛاوِ ہژ۔ یُس ۱۸۵۴ءَس مَنٛز ییمہٕ
عالمہٕ گوٚ۔

گردوارِکِس مہنتس متعلق چھےٚ اَنِد پیٹھہٕ
روایتھ روٗزِمٕژ زِ سہ گژھہ برہمچاری آسُن۔ حاطَس
اَنٛدر چھُنہٕ ماز کھیٚنُک تہٕ شراب چیٚنُک اجازتھ۔
پڑتھ آتھوارِ چھُ اَتہِ دیوان لگان یتھ مَنٛز سیٹھا تعدادَس
مَنٛز لوٗکھ شامِل سپدان چھِ۔ اَمہٕ دوٚہہٕ چھُ گُرو
سُنٛد لنگر جاری روزان تہٕ اَکھ ساس تامتھ یاتری
چھِ لنگرِ مَنٛز کھیوان چوان۔ بیاکھ اَہم کتھ چھےٚ یہ
زِ مہنت ہیٚنٛز گدی چھِنہٕ موروٗثی۔ گردوارے
ننگالی صاحب کِس بانی کارس نش چھُ ۱۸۱۴ءَس مَنٛز
مہاراجہ رنجیت سنگھ تہٕ ووقتہٕ تہٕ تمی اَسی گُردوارِ
باپتھ کینٛہہ گام جاگیر کٔرِتھ مُقرر کٔری متہ۔ ۱۸۲۸ءَس
مَنٛز ووت مہاراجہ گلاب سنگھ سنت نیلار سِنگھُن
درشُن کٔرِنہٕ باپتھ ننگالی تہٕ کٔرِن پانٛژھ گام گُردوارِ
باپتھ جاگیر مُقرر۔

۱۹۴۷ءیَس مَنٛز کوٚر حملہٕ آوَرو گُردوارَس
لوٗٹھ تہٕ نار دِتھ کوٚرُکھ تباہ۔ حالات ڈٲنجہ پیتھ آو
گُردوارِ نوِ سرٕ تعمیر کرنہٕ تہٕ اَتھ پیٹھ سپدی پنٛداہ
لچھ روپیہ خرچ۔ گُردوارِ چھُ ڈگیانہ (جمہ) یتیم بچَن
ہُنٛد اَکھ سکول تہٕ جیٚیمنک خالصہ ہائی سکول تہٕ
بچَن اَتھ کامِہ ہنٛز تربیت دِنُک تہٕ وُرملیک
آشرم تہٕ چلاوان۔ موجوٗدٕ گردوارِ چھُ دُلوٗرتہٕ پیٹھہٕ چھُس
اَکھ شاندار گُنبد تعمیر آمُت کرنہٕ یُس ڈُبہٕ

گرو نانک جی چھ شُراہِمہ صدی مَنٛز امرناتھ یاترا یہِ گژھان وُن مٹن ووتمُت تہٕ وِدھوان پنڈِتَن سیٚتی چھُن مُلاقات کوٚرمُت۔ مٹنہٕ کوٚر تمو ترٛوٚہن[13] دوہَن قیام تہٕ اتھ دوران کوٚر تمو پنڈت برٛہم داسس سیٚتی مُلاقات۔ امہِ ساعتہٕ اُسی مَردانہٕ تہٕ بالا ناوی زٕ شاگرد تمَن سیٚتی۔

گُردوارہ مٹن صاحب چھُ گوڈنچہ لَٹہٕ سردار ہری سِنگھ نلوَن ارداہِمہ صدی ہِندِس اخرس کیٚثت سوٚریہ مَنٛدرکِس جنوب مغربی حاطَس مَنٛز تعمیر کوٚرمُت۔ امہِ پتہٕ کوٚر مہاراجہ پرتاپ سِنگھن (١٩٢٥ - ١٨٨٥ء) پرانہِ گُردوارچہ جایہ نوٚو گُردوار تعمیر یُس ڈنجہ چھُ۔ امہِ کِس تعمیرس چھےٚ کَنہٕ تہٕ دوداُر لکڑ لاگتھ تہٕ پَتس چھُس ٹین دِتھ۔

ہریہ مَنٛدرس اژوُنے ناگس ڈچھنہ پاسہٕ چھُ ٣٥ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ ٢ فُٹہٕ لیپٹہٕ لیٚوُدر رنگ کرِتھ نِشان صاحب۔ یٚیمِچ کُرسی اَٹھ فُٹہٕ چوٗرس چھےٚ۔ نِشان صابَس چھُ ١٤ گز لیٚوُدر ساٹن وَلِتھ تہٕ تیٚنٛتالِس پیٹھ چھُس ٹینُو وُتھریتھ کھنڈا وَنان چھُ۔ نِشان صابَس بِلکُل نکھہٕ چھِ ترٛےٚ کَمرٕ یِمَن مَنٛز لنگر تہٕ سٹور عِلاوٕ اکھ بوٚڈ ہال چھُ یتھ مَنٛز گرو گرنتھ صاحب سُنٛد پرکاش چھُ۔

اَتھ چھُ ، فُٹہٕ تھدی تہٕ ترٛےٚ فُٹہٕ کھُلی کُل سَتھ دَرواز تہٕ ڈاے فُٹہٕ چوٗرس شیٚنٛے دار۔ ہالَس مَنٛز چھُ مغربہٕ طرفہٕ ٦×٨ فُٹہٕ دِوداری لکڑٕ ہُنٛد استھاپَن، یتھ مَنٛز گروٗ گرنتھ صاب سُنٛدی شیٚنٛے بیڈس (گرنتھ صحب) چھُ۔ یِمَن مَنٛز دوٚن گرنتھ صاحبَن ہُنٛد پرکاش پرتھ دوہہٕ کرنہٕ یوان چھُ۔ یِمَن گرنتھ صاحبَن مَنٛز چھُ اکھ گرنتھ صاب ساڈ ژور ہتھ ؤری پرٛون یُس بھائی گُرداس جی یَن پننہِ اتھہٕ لیٚوکھمُت چھُ۔ اکی گوڈنکی زٕ صفہٕ چھِ سونہٕ سٕنٛز میلہِ سیٚتی آہتی لیکھنہٕ۔

استھاپَنس چھُ سائری سے کپُر وَلِتھ تہٕ مشرقہٕ پاسہٕ گرو نانک جی سٕنٛز تصویر الاٛژ تہٕ امہِ کِس شُمال مغربہٕ طرفہٕ چھےٚ گرو گوبند سِنگھ جی سٕنٛز تصویر الاٛژ۔ استھاپَنس نکھہٕ مغربہٕ طرفہٕ چھےٚ لبہِ اردوٗ پاٹھو یہِ عبارت لیکھِتھ :

"گُردوارہ پہلی پاتشاہی نانک سر مٹن صاحب کشمیر یہاں گروٗ جی نے برہم داس پنڈت سے گوشٹی کی"۔ (م - ع)

کتاب نامہ :

*Sufi: Kashir I, II

گیلری یَتھ پیٹھ کھسنہٕ خاطر جنوٗبہٕ پاسہٕ کِہ دَروازٕ اَژوٗن
کھوورِ طرفہٕ ہیر چھےٚ۔ گُردوارَس چھ ژٕو شوٗنی کوٗنَن
پیٹھ ژور لوٗکٕٹی برنگ یم وُنہٕ زیرِ تعمیر چھےٚ۔ منٛز باگس
تھوٚد برٛنگ چھُ سنگِ مرمرُک یُس مکمل سِدٕ مُت
چھُ۔ نوٚو گُردوارٕ بناونہٕ وِزِ چھےٚ سہ بوٚنی ژٕٹنہٕ آمٕژ لوٚیسہٕ
گروٗ ہرگوبند صابَن دُرٛوش اُس۔ پرٛانہٕ گُردوارکہٕ
تختہٕ چھ پاتَرِ چھےٚ اَتہِ محفوٗظ تھاونہٕ آمٕژ۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:

*Baramula De Gurdawarian
*Gyan Singh: Guru Khalisa
*Hugal: Travels in Kashmir and Punjab

## گرٛھی مُنٛد کوٹ

گرٛھی مُنٛد کوٹ چھُ تھار کدوال قصبہٕ کِس
اَندَس پیٹھ جیٚمی صوٗبہٕ کِس اُج علاقَس منٛز۔ کوٹ
چھُ ژُ کوٗنجَل تہٕ اَتھ چھ کوٗنَن پیٹھ اَٹھ کوٗنَل ٹاوَر
بنأوِتھ۔ دیوارٕ نیٚبرٕ چھُس ۱۵ فٹ اُٹھ کھوٚل خنٛدق
اوسمُت۔ قَلایَس چھےٚ ژٕہ پاسے زَدَن ہنٛز دُوأر
تَنٛدَل یُتھ قَلایس اَندَر روزَن وول فوج دُشمنَس
پیٹھ گولہِ چلاّ دِتھ ہیٚکہٕ۔ کوٗٹس چھےٚ مَشرقہٕ طرفہٕ
ڈیڈی۔ ڈیڈِ نِش چھُس کدٕل تارِتھ خنٛدق اوسمُت۔
یُس ضروٗرژ وِزِ تھوٚد تہٕ تُلنہٕ یِیہِ ہے۔ ڈیڈِ بُتھ خنٛدقس
اَپور چھ ژور تھمبہٕ بیٚنہٕ۔ خبر اَتھ جاپہ کیاہ چھُ اوسمُت۔

کوٗٹچہِ ڈیڈِ چھُ دووٚر محراب تہٕ دوٚیوٚ پاسو
چھُس دوٚن زٕنٛین سُنٛمب بہَن جاے۔ یہِ طرز چھُ
اکثر مُغل کوٗٹَن منٛز دٕرینٛٹھ یوان۔ ڈیڈِ ہنٛزَن ہاکَن
پیٹھ چھُ دچھنہِ طرفہٕ بأرو تہٕ کھوورِ طرفہٕ گنیش بناوِتھ۔
ڈیڈِ ہنٛز شیٖشترٕ ہانکَل چھےٚ توٚتام دٕنٛچہ آمٕژ یوٚتام
رامچندرٕ کاکن اَمہِ علاقُک دورٕ کوٚر۔

کوٗٹس اَنٛدَر ڈیڈِ نَکھے چھُ اَکھ ژُ کوٗنجَل تعمیر
اوسمُت یُس راچھ کوٗٹھرٕ ہنٛز کأم آسہِ ہے دِوان۔ اَمہِ
علاوٕ چھُ کوٗٹس اَنٛدَر اَکھ ژُ کوٗنجَل مندر تہٕ گول کرٛور
تہٕ۔ فصیلس اَندر یہَن چھےٚ ہیر ہش کھأرِتھ، یہِ گرٛھ
یا تہٕ کُنہِ پرٛانہِ مکانُک ملبہٕ آسُن نتہٕ ما آسہِ ہے
اَتھین قِلکُ دوٚیِم قلاے۔ آثار چھِ ووٚنی کُلی گہٕلی تَل
اَنٕہتی۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Kak R.C: Antiquities of Basohli and Ramnagar.

## گنپت یار مندر

گاوٗکدلس تہٕ حبہ کدلس درمیان ویٚتھ ہنٛدِ
دچھنہِ بٹھِ گنپت یارُک اَژٕنیک مندر کراوس گوٗڈنیتھ

پمپوشس چالِہ چھُہ۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ:

*Ganhar Jammu Shrines
*Mani K.D: Poonch



## گُردوارہ ہرگوبند صاب (وُرمُل)

گردوارہ گروہرگوبند صاب چھُہ وُرمُلی قصبہٕ کِس شُمال مغربی اَندس پیٹھ وٮ۪تھہِ ہنٛدِ دچھنہِ بٹھہِ کوٚٹی تیپر تھَس تہٕ وراہ گنٛگہِ نکھہٕ۔ اَتھ چھِ گردوارہ چھٹی پادشاہی تہٕ وَنان۔

گروہرگوبند صاب آو جہانگیر سنٛدِس دورس منٛز (۱۶۰۵ء - ۱۶۲۷ء) کشیرِ۔ دپان اَمہٕ وِزِ اوس سُہ جہانگیرس سٟتی کشیرِ توٚرمُت۔ پننِس سفرس دوران بیوٚٹھ سُہ سرینگرٕ نیبر تَتھ اَتھی جایہِ یٮ۪تِتھ گُردوار چھُہ۔ تَمی رُواتہِ نِس پننہِ اَتھہٕ بوٚنی، یَتھ نکھہِ سِکھ دورٕکی گورنر ہری سنگھ نلواہن (۱۸۱۹ء-۱۸۲۱ء) اَمی سنٛدِ ناوٕ گردوار تعمیر کوٚر۔ مہراجہ رنجیت سنگھنہِ حُکمہٕ آو یمہٕ نے دوٚہن گُردوارٕ خاطرٕ جاگیر تہٕ مقرر کرنہٕ تہٕ گرنھی تہٕ۔ وُرمُلہِ کِیو سنگتو اَتھ کوٚر گردوارٕ خاطرٕ کنٛیُو کُرسی چالِہ اَکھ تخت پیش۔ گُردوارٕ اوس کنٛین ہُنٛد تعمیر یَتھ اَندر ۴ فُٹہٕ کھجر گیلری تہٕ اَس۔ وٮ۪تھہِ پاسہٕ اَس سنت مہاتماہن سٕندِ روزنہٕ خاطرٕ اَکھ کُٹیا یوٚسہٕ وٮ۪تھہِ کھجرٕ دِنس دوران لُہرنہٕ آیہِ۔ گُردوارس نکھہٕ وَنٛدس منٛز اِجتماعن ہنٛدِ خاطرٕ تعمیر کرنہٕ آمُت ہال چھُہ وُنہِ تہٕ ڈَنٛجہِ۔

۱۹۸۵ء منٛز آو پرُون گُردوارٕ لُہراونہٕ تہٕ اَتھ جایہِ آیہِ دِلہِ ہنٛدِس سنت ہربنس سنگھ سٕنٛدِ ڈَسی کارسیوا ذریعہٕ نوِس گُردوارس کام لاگنہٕ یُس وُنہِ زیرِ تعمیر چھُہ۔ نوٚو گُردوارٕ چھُہ ۵۴ فُٹہٕ چوٚرس۔ یہٕ چھُہ ہیٛرٕ بون شیٛشترٕ تہٕ سیمنٹک تعمیر۔ گُردوارٕ چھُہ ڈُپوٚر یَتھ ژوشوٚیو پاسو دروازٕ چھِہ۔ دوٚیمس پوٚرس چھےٚ اَندرٕ اَندی اَندی

# گوپھ کرال

سرینگرکِس جنوب مشرقس منز ۴۱ کلومیٹر دور ترالس نکھہ گوپھ کرال چھ بُرزہامہ پتہ دُنستام دریافت سپدمت کُنہ کالی تہذیبُک اکھ اہم پڑاو، یتھ کشیرہِ ہندِس تمدُنی سفرس ستی سون واٹھ چھ۔ ۵۴°، ۳۵ عرض بلد تہ ۴° ۷۵ طول بلدس درمیان آباد امہِ جایہِ ہند موجودہ ناو چھ تمن کرالن ہند ذُریت یم یِتھ کالہِ اتہ گوپھن منز لسان بسان اسی۔ کرال چھ وُنہ تہ اتہ آباد، پانہ چھ یم مکانن منز روزان، مگر پرانہ گوپھ چھکھ بانہ گنڈ رنگی استعمالس۔

گوپھ کرالہ چھ اسہ کینہہ تتھی چیز اتھ آمتی یمن چیزن ہند بُرزہامی آثارن منز کانہہ وجود چھنہ۔

یتھ وڈرپیٹھ ماہرو قدیم آثار نِنی چھ گڈہ متی تمہ وڈر ہند تال چھنے شمالہ پیٹھ جنوبس کُن ۴۰۰ میٹر زیٹھ تہ مشرقہ پیٹھ مغربس کُن ۷۵ میٹر کھچ۔ مغربی طرفہ چھ وڈر ۳۵ میٹر تھزر۔ وڈر ہنز مشرقی ڈُندر بون چھنے واریاہ کُنہ کھنگر وودنی آسمژ، مگر وودنی چھنہ یمہ وودنی حالتس منز



کینہہ کنہ آسہ کھُدایہ وزلر پیمژ تہ کینہہ آسہ اڈ کھنگر۔ آثار بدِ کڈنہ برونہہ آیہ یمہ موقس پیٹھ شنے ژکونجل دوب دِنہ یم ۴.۲۵ میٹر مربع اسی۔ پانژھہ دوب آیہ یمہ وڈر تالہ پیٹھ کھننہ یلہ زن شیمہ دوب اکس کھنگرِ اندی اندی کھننہ آیوو۔ گوڈنکین پانژن دوبن آو تیوت سنبر دِنہ یتھ پپر نِنی وژایہ یہ۔

کھدائے کرتھ واتی یتھ کالی آثارن ہندی ماہر یتھ نتیجس پیٹھ زِ گوپھ کرال چھ لُستی بستی ہندو ترییو دورو منزی دژامت۔

گوڈنکِس دورس منز چھنہ کانہہ کُتر بانہ بیتر بتھ پیومت یمہ ستی یہ چھ لگان زِ امہ ساتہ اوس نہ اتہ کرالہ کامہ دس وو تھمت۔ لوکھ چھ دوبن منز اسی متی بسان۔ دوبن آسی سوتھرِ اندری کِنی زِ باڈرن تاہ۔

 گنپت یار مندر



تعمیر سپدمت نِتھ مُتلق چھنہٕ اَسہِ کانٛہہ کتھا شٕقہٕ پاٹھی معلوٗم، مگر گنپتی شُندِ یہِ استھاپن چھُ وارياه پرون، تہٕ اَوکنی زِ وِتستاہماتمس مُنزٕ چھُ اَمہِ استھاپنگ ذِکر آمُت۔ گنپت یارُک استھاپن چھُ پتھ کالہٕ تہٕ سٮ۪ٹھا مشہوٗر اوسمُت۔ اَمیُک ثبوٗت چھُ وِتستاہماتمُک سُہ حوالہٕ یتھ منٛزٕ وَنہٕ چھُ آمُت زِ وَردھمانیش مَندر چھُ گنپتی تیرتھس نکھہٕ۔ گنپت یار مَنٛدر کوٗر نوٚو آیہِ شیکھر طرزس پیٹھ مہاراجہ گلاب سنٛگھن ۱۸۵۴ء ہس منٛزٕ تعمیرتہٕ اَمہِ کس تعمیرس آے پرانہٕ گدادھر مندرٕکی تھَمب لاگنہٕ۔ تَنہٕ پیٹھہِ اَز تام آیہ

مَنٛدرس وارياہ پھِر مرمت کرنہٕ، اَما پوٚز پرٛاٛنی کَنہٕ تھَمب چھِ وُنہٕ تہٕ اَمہِ تعمیرُک حِصہٕ یِم مَنٛدرٕکس برٛانٛدس لٔگتھ چھِ۔ جلاو دِتھ یِم ڈوٗرٕ دار تھَمب چھِ ڈوٗرِک طرزِ تعمیرٕچ ژینہٕ وَن دِوان تہٕ باسان چھُ زِ گداَدھر مَنٛدرس لاگنہٕ برٛوٚنٛہہ چھِ یِم تھَمب بدَل کٔرتھ تام تعمیرس لٔگتھ اٰسہِ متی تہٕ کیازِ ڈوٗرِک طرزِ تعمیرُک چلے جاو گو کٔشیرِ منٛزٕ وارياه برٛوٚنٛہہ کٔم، یوٚدوے لُکرِ تعمیرَن اَنٛدر اَمہِ طرزِ تعمیرٕچ ژھلے ہُتہِ یِیتہِ نظرِ گژھان چھےٚ۔

گنپت یار مَنٛدرس چھُ صِرف اَکھ کَمرٕ یتھ منٛزٕ گنیش سٕنٛز موٗرتی چھےٚ۔ مَنٛدرس چھےٚ اَنٛدری کِنی پرٛیٚدی کھٔہن دِلس گُنجائیش۔ یہے صوٗرت چھےٚ نیٚبری کِنی تہٕ۔ اَتھ چھُ جنوٗب مغربہٕ پاسہٕ وِیتھِ کُن شوالے یتھ منٛزٕ شولنگس چھےٚ پوٗزا سپدان۔

گنیش مَنٛدرس چھُ پچھمس کُن بُتھ تہٕ برٛوٚنٛہہ کَنہِ چھُس وَرنٛڈا یتھ پیٹھ وۄپاسک بیٚہان چھِ۔ مَنٛدر چھُ سوٚتھرِ نِش ژور فُٹہٕ تھٔدس کَنہٕ کٔنٛس پیٹھ تعمیر کرنہٕ آمُت۔ مَنٛدرس بُتھِ آنٛگنس چھےٚ پاٗترِ وَتھراٗوِتھ تہٕ وِیتھِ طرفہٕ چھُس ڈب گَڈِتھ۔ (ام۔ ل۔ بس)

کتاب نامہ:

*Hasan: Tarikh I
*Stein: Kalhana's Rajatarangini

اَندر چھ جلاو دِتھ تہٕ جلاو دِنے کنہٕ تیغ تہٕ کنٛوی تیٖنٛشتی،
یمن اندر چھ کینٛشرن کھمبرن دوٕیو اندوٕ تیٖنٛشتی گڈِتھ تہٕ
کینٛشرن اَکی اندٕ۔ نرم کنہٕ کاجہ وٹھ، پھٹہٕ مژ کٔنی یتھ منٛز
وٲج چھنہٕ شامِل۔ اکِہ بسن دوٕبہٕ نِش چھنے اکھ نیٚاٮ۪ی نہٕ
اَتھ آمٕژ یوسہٕ گسہٕ آمٕژ چھنہٕ، اَتھ اوس کیاہ تام ووٚزجارٕ سان
گُرٹ مایہ لٲرِتھ۔

اُڈی جن تہٕ ہٕنگن ہنٛدی ۲۷ ؤسلہٕ تہٕ چھہ اَتھ آمتی
یم یاتہٕ سآری رنگ کٔرِتھ چھ تہٕ نتہٕ تیٖنٛتس یا دار نِش۔ ؤسلہٕ
چھ زیٚچھن اُڈی جن۔ اُڈی جہ ٹُکرن تہٕ ہٕنگن آمتی بناونہٕ
اَتھ آمتہٕ سامانُک اکثر حِصہٕ چھ یاتہٕ کانہٕ کھلِ نتہٕ سکی
چالہٕ۔ اَمہٕ ہُر کمانہٕ چھنہٕ زٕ آرٕ زٕ برمہٕ کترادنہٕ باپتھ کامہٕ ینہٕ وآلی
زٕؤسلہٕ تہٕ بدِ دژ امتی۔ خاص دریافت چھنہٕ رنٛگ
کٔرِتھ سو اُڈی جہ ہشرن یتھ پوٚہ گھٹمت چھ۔

اُڈی جہ ہتھیار چھ اکثر تیر، ژھاولی، مارخور،
بیترٕ اُڈی جن آمتی بناونہٕ۔ کانہٕ کھل چھ سیٹھا نکی
زنتہٕ کنہٕ ژن یمن ہنٛدی ہٕنٛشتی چھ تیز کٔرِتھ تہٕ
کھٔرِتھ دِتھ۔ گٔہنہٕ پاتہٕ ژنگی چھ کھدایہ دوران کنٛوی ترٛنے
مالہٕ کھلی اَتھ آمتی یمو اندرٕ اکھ بوڈ چھ۔ اَتھ دورس
منٛز یم یُتھ تہٕ جانور گوپھ کرالہٕ آسہٕ متی چھ تمن اندر
اُسی جنٛگلی تیر، جنٛگلی ژھاولی، دٕرِنٛدہٕ ، ووٚزل ہانٛگل،
رامہٕ ہوٗن، مارخور، ہاپتھ بتیٚر شامِل، تیر تہٕ ژھاولی

اُسی سوی آمتی کرنہٕ۔ مگر یمن ہنٛد تعداد چھنہٕ پانٛژہ فیصدی
کھوتہٕ زیادٕ اوسمت۔ شِکار چھ اکثر تِتھین جانورن
ہنٛد سپدان اوسمت یم دوٕ کھن تہٕ زنٛڈن پیٹھ پلان
چھ آسہٕ متی مگر رامہٕ ہوٗن تہٕ چھ شکار اوسمت ــــــــ۔
اما پوز زیادٕ تر چھ وَن تیرن تہٕ ژھاولین ہنٛد شکار سپدان
اوسمت۔ نمونہٕ سیٚتی چھنہٕ ژینہٕ وَن لگان زِ گوپھ کرالہٕ چھ
چاروأے تہٕ ژھاولی باڈوٕ بڈی اُسہٕ متی مگر تیر اُسی باڈوٕ
کنی کم۔ ژینہٕ وَن چھنہٕ لگان زِ کٹہٕ ماز چھ کأشرِ بن سیٹھا
بڑوٚ نہہ کالہٕ پیٹھہٕ پژیان۔

چار وأین ہنٛدی آثار چھ سیٚدِ سیٚود باوان زِ
کرالہٕ کامہٕ نِش مُچھ دورس منٛز چھ لوکھ شکارس پیٹھ
زُوان اُسہٕ متی تہٕ چاروأے سوی کرنس اوس دس وٚتھمت۔



گوٚڈنیُک ۳۵ سنٹی میٹر موٚٹ تہٕ دوٚیُم ۱۰.۱ سنٹی میٹر فرشکہٕ زِ سطحہِ تام چھہٕ آبادی ہنٛدین دوٚن دوٚرن ہُنٛد پَے دِوان۔ یہِ کتھ چھےٚ پھرنٕچ لایق زِ یٔیمہٕ گرچہِ میٹرِ سِتی دوٚب باڈرنہٕ آمتِ چھہٕ، تِتھ چھےٚ چوٚنہٕ مِش سِتی۔

دوٚیِن ہُنٛد گوڈنیُک باڈرن تام چھُ ژکی میٹر پیٹھ یٔیلہِ زَن دوٚیُم تام گوڈنکہِ تہہٕ نِش ۲۰ پیٹھہٕ ۳۵ سنٹی میٹر ہیوٚر تِتھ مَلبس پیٹھ چھُ، یُس گوڈنکس تہَس پیٹھ پیوٚمُت چھُ۔ اَتکی کَنہِ گٲلی بسکین چھہٕ بڈین کھولوٚکٹین دوٚیِن اَنٛدر اَسی ہتِ بسان۔ لُتی لُبتی کرنہٕ باپتھ دوٚب چھہٕ سیوٚمب ژٕٹھِ آمتِ کھنِنہٕ۔ دوٚیِن ہُنٛد گرتھ تہٕ چھِنہٕ اَکی اَنہار۔ کیٚنہہ دوٚب چھہٕ ژرکہِ تلہٕ ڈُلاٲمِتِ تہٕ کیٚنہہ ٹھوٚلہِ چالہِ مگر اَکھ کتھ چھےٚ سارِنٕے دوٚیِن مَنٛز مُشترکہٕ زِ سٲری دوٚب چھہٕ ژرکہِ کھُلی تہٕ گلہِ تنگ۔ کیٚنٛژن دوٚیِن چھُ گلہِ تل ۳.۸۰ میٹر قُطر تہٕ کیٚنٛژن ۱.۸۰ میٹر۔ بڈین دوٚیِن ہُنٛد واڈھ چھُ لُبتی ہنٛدِس آدن کالس سِتی۔ دوٚیِن اُنٛدی اُنٛدی چھہٕ باہَ کُٹھچ گام وِنہٕ وٲلی زِ سی تہٕ رنِنہٕ پاکہٕنہٕ چہِ جایہِ تہٕ بدِ ڈرامژ۔ دوٚیِن تہٕ رنِنہٕ پاکہٕ چَن جایَن اُنٛدی اُنٛدی چھہٕ تھَم دِنکی دوٚب موٚجوٗد، یِم دوٚیِن پیٹھ ژھیدُن آسنچ باوتھ چھہٕ کران۔ ماہرن ہُنٛد اَنٛدازٕ چھُ زِ ژھیدُن کرنہٕ باپتھ آسہِ ہے گائسک یا ترک بیتر استعمال سپدان۔ کسرٕ رہ سِتی باڈرنکی آثار چھہٕ ژھیدن جایَن اَتھ آمتِ۔ سِتی چھےٚ یمَن جایَن اُنٛدی اُنٛدی کسرٕ رہ سِتی بیرِ آسمژ کھاٲرتھ یُتھ رُدٕ ووٗنی یا شِنہٕ وونی سٲرِی سٕے پرِوہے نہٕ۔ دوٚن کُٹھین ہنٛدی دوٚب تہٕ چھہٕ موقس پیٹھ بدِ ڈرامتِ مگر یمَن چھُ دوٚیمِس مرحلس سِتی واٹھ۔

اِبتدٲیی دوٗرچہِ یِمہٕ رنَن یا پاکَن جایہِ آسمژ چھےٚ پیٚنہٕ آمژ میٚژ چھےٚ یمَن جایَن ہنٛز نِشاندِہی کرنَس مَنٛز اَتھہٕ رٹ دِ کران۔ اَدِ اَکھ کتھ چھےٚ زِ کُنہٕ تہٕ دوٚیِس مَنٛز چھُنہٕ سَر توٗبوٗتھ چوٗلہِ اَتھ آمُت۔

اِبتدٲیی دوٗرکی یِم چیز موقہٕ پیٹھ اَتھ چھہٕ آمتِ تِمن



کرِ تہٕ اَتھہِ آمُت۔

گوٚپھ کرالہٕ گوڈنکہِ دورکہِ ترٛیٚیمہِ مَرحلُک
وَق چھُ کُنہِ کالہٕ پوٚختگی ہُنٛد زمانہٕ۔ اَمہِ وَقتہٕ کِہن
۷۰ پیٚٹھہٕ ۸۰ سنٹی میٹر موٹٮ۪ن بُستی ہنٛدٮ۪ن آثارن چھُ
سفیدی سان موٚٹ باڈٕرن تاہ پیٹھہٕ۔ اَتہٕ چھہ اَمہِ وَقتکو
واریاہ ژھوٗٹہِ دوٗب تہٕ ژھوٗٹہٕ ڈیر نظرِ گژھان۔ اَمہِ
دورُک زمانہٕ چھُ مسیحس برٛوٚنٛہہ ۱۶۰۰ ؤری تہٕ ۱۳۰۰ ؤری
درمیان مُقرر سپُدمُت۔

ترٛیٚیمہِ مَرحلچ کرالہٕ کأم چھےٚ واریاہ رَنٛگ
ہاوان۔ اَمہِ چھہ کاژٕرن رنگ دِتھ، کاژٕرن پھہرن دوٗزلہٕ
رنٛگہٕ بانٛن لرِ لوٚر کرٛیٚہنہِ رنٛگہٕ بانہٕ، ژرِ چہ پیٹھ ٹھرنہٕ
آمتی کرہنی بانہٕ بُتھہِ پیوان۔ سیکہِ مشہِ دوٗزلہِ رنٛگہٕ




کیٚنٛہہ کنترِ تہٕ چھےٚ موقس پیٹھ اَتھہِ آمژٕ۔ پرٛانٮ۪ن کنترِ
بانٛن ہُنٛز بمانہٕ چھہ اَتھہ دورس اَنٛدر گلہِ تھوٚد کنترِ مرتبان
تہٕ نظرِ گژھان۔ اَمہِ وَقتکی جلاو دِتھ ژرِ چہ ٹھُری متی بانہٕ
تہٕ چھہ اَتھہِ آمتی یِمن پیٹھ ڈزاین چھہ بنأوِتھ۔

کُنہِ ساماٮ۪نچ چھےٚ اَتھہ دورس مَنٛز وٕژھے۔ صِرف
چھُ کُنیُو اَکھ اَڈٕ گوٚر تیغ اَتھہِ آمُت۔ اَمہِ دورکس کُنہِ ساماٮ۪نس
مَنٛز چھےٚ نیامہِ، کاجہ وَٹھ بیترِ شأمِل۔ اَمہِ برٛوٚنٛہہ یِم کُنہِ
وُسلہٕ مَنٛز اَسی غأب گأمتی تِم چھہ ترٛیٚیمس مَرحلس پیٹھ
بییہِ ظأہر گژھان۔ تِکِلی چھےٚ اَمہِ زمانہٕ اَتھہِ آمُت خاص
دار
چیز۔ تہذیبی اعتبارٕ اَتھہِ آمتٮ۪ن چیزن مَنٛز چھہ کنترِ نشانہٕ
کنترِ تہٕ تِمہِ ٹالہٕ یِمن پیٹھ ڈزاین چھہ شأمِل۔ لبنہٕ آمژٕ ترٛاچہ
مَس پنہِ چھےٚ واریاہ اَہمیت یَتھ پیٚوت اُسترٛاَدِتھ چھہ۔ یہ
مَس پن چھےٚ تِتھ مَس پنہِ سیتی زلان۔

یوسہٕ موہنجوڈارو اَتھہِ چھےٚ آمژٕ۔ اَمہِ
دورکی چھہ ۱۴۱ اُڈی جہ وُسلہٕ اَتھہِ آمتی
یِمن تیز تیٚنٛتی چھہ۔ اَتھہِ آمتٮ۪ن چیزن
مَنٛز چھےٚ آرٕ بیترِ تہٕ شأمِل۔

اَمہِ دورکِ ہِن پُشن اَنٛدر چھہ
تیر، ژھاوِلی، چاروٗأے، ہوٗنٛی تہٕ سوٗر
شأمِل۔ یِم سأری جانوَر چھہ سوٗئی اَسی مَنٛز
سیتی چھہ اَمہِ برٛوٚنٛٹھِم سأری اناج

فصلن اندر چھےٚ وُشکہٕ، کنکھ، موٗنگ بیتر تمہٕ اناج یم اَتہٕ خاص طریقہٕ ورتاوِتھ اَتھ چھ آمتی اَکھتٕ چھےٚ، تمہٕ کِچھ ذٲتٕ تہٕ بدٕ دژامژ یمن ہُنٛد بوٗن آباد کھہن تہٕ دَجن ہتی مخصوٗص چھُ۔

گوڈنکہٕ مرحلہٕ پتہٕ چھ ژھیبہٕ ورٲے گوپھ کرالک دوٚیم مرحلہٕ شروٗع گومُت۔ دوٚیمس مرحلس پیٹھ چھُ ملبہٕ ۴۰ سنٹی میٹر موٚٹ اوسمُت یمیہٕ اندرٕ وارِیاہ ژٕنہٕ اَتھ چھےٚ آمژٕ۔ اَمہٕ مرحلک وق چھُ مسیحس برٛونٛہہ ۲۰۳۰ ہیوٗہ کھہرٕ سُدمُت۔ اَتھی مرحلس پیٹھ چھےٚ اَتھہٕ دژاہژ کرالہٕ کام ظٲہر گژھان۔ اَتھہٕ آمژن کنترہٕ بن منٛز کاژریرٕ سان کنترہٕ بن ہُنٛد تعداد چھ ہرتہٕ شُس ووزلہٕ رنگہٕ کنترہٕ بن ہُنٛد تعداد چھ بوٗزی تھےٚ۔ بانن منٛز چھ مرتبان، بُشکابہٕ تہٕ نیامہٕ پیٹھ ژرس آسمژٕ۔ بانن پیٹھ چھ سجاوٹہٕ کنہٕ ژکس تل پنجن ہنٛدی نشانہٕ، گلس نِش ژمچہٕ ہنٛدی آکار تہٕ گاسکی نشانہٕ نظرِ گژھان۔ کنترِ بانہٕ چھنہٕ پوٗرٕ پاٹھی پینہٕ آسی متی یوان۔

اَمہٕ زمانہٕ کِین لسنہٕ بسنہٕ کِین طور طریقن ہُنٛد لے چھُ تمہٕ ۵۰ پیٹھ سنٹی میٹر تام موٚٹہٕ باڑرن تہہ ہتی لگان لُیس گرچہ میٚژ ہُنٛد چھُ تہٕ چوٗنہٕ چھس ہتی ملناوِتھ تہٕ کم کاسہٕ چھُ یہِ چینز سارنے دوہ بن اندر وُچھنہٕ آمُت۔



کینٛژن جاین چھ باڈوس پانژ شیٹہٕ پھرٕ پیٹھ ہیٚیہٕ باڈرنہٕ آمُت۔ اَمہٕ وقتچ خاص دریافت چھ زیٚنہٕ اندر کھارنہٕ آمُت کنہٕ دیوارٕ یُس اندوٚنٛد ۷۰ سنٹی میٹر کُشاد چھُ۔

لسنہٕ بسنہٕ کِین دوہ بن ہُنٛد نظرٕ وتلہٕ ڈلُن چھُ ہاوان زِ دوہ ہدٕ شیچہ زندگی ہنٛدس طور طریقس منٛز چھےٚ اَمہٕ زمانہٕ مکمل تبدیلی آمژٕ۔ اَکہٕ دوہ یہٕ اندرٕ چھےٚ کٲفی ژٕنہٕ تہٕ اَڈٕ دزٕ لکر تہٕ ژنی دژاہژ، یمیہٕ تلہٕ نتان چھُ زِ اَنہٕ چھ زبردس نار لوگمُت۔

اَمہٕ زمانکی یم چینز بدٕ دژاہتی چھ تمن اندر چھُ اَکھ کنہٕ سُنیک، اَکھ چھٹژ واٲج گرتھ کٔنی، کُنوٗہ تیشتن کھٗہرن دِتھ اُڈی جہٕ وُسلہٕ، زٕ آرٕ تہٕ اَکھ شژ اَکہٕ پیچ شٲمل۔ یہ کتھ نہٕ چھےٚ توجہ طلب زِ تیر، گپن، ژھاوِلی بیتر ہوی کرنس منٛز گوٚ اَمہٕ زمانہٕ وُچھان وُچھان کٲفی ہُرِ ہِر مگر ژھاولین گوٚ باڈو کم۔ جنگلی تیرن، ژھاولین ہُنٛد شکار روٗد محدوٗد پیمانس پیٹھ سپدان۔ ہوٗنی اُڈی جن ہُنٛد تعداد گوٚ ہُران ییٚلہٕ زن رامہٕ ہوٗنی اُڈی جہٕ کم گییہٕ۔ ژھوٚٹو ہنگوٚ چاروِاین ہنٛزٕ اُڈی جہٕ تہٕ چھےٚ اَتھہٕ آمژٕ۔ ووزلیس ہانگلہٕ سنٛزن، ہانگلہٕ سنٛزن، مارخور سنٛزن تہٕ ژھاوِلی اُڈی جن ہُنٛد اَتھہٕ یُن چھُ ہاوان زِ کھینہٕ چینک خاص ذریعہٕ چھُ ماز اوسمُت۔ ہوی کوٚکرٕ سنٛزٕ اُڈی جہٕ تہٕ چھےٚ اَمہٕ زمانہٕ نظرِ گژھان۔ پرانین فصلن لرِ لوٚر چھ اَمہٕ دورک

چھِنٛے کێنٛہہ جلاو دِتھ تہٕ کێنٛہہ پھُہر۔ کنہٕ سکو چھِ کم کاسہٕ غائب گٲمتۍ۔ دوٚیمِس چیپٕرِ منٛز چھُ ترٛاکُک سُنٛگ ہٮ۪چھُر مالہٕ پھوٚل، کاجہ وٹھ، لوٚکُٹ زدِ کرتھ ترٕکُن تہٕ اَکھ لوٚکُٹ بانہٕ شٲمِل۔ نوٚکتھ چھِنٛے پہٕ زٕ اَسہٕ چھِنٛے وَسہٕ دار اُڈۍ جن ہٕنٛز کێنٛہہ ٹھپہٕ دوٚیمِس دورِس منٛز بُتھ پیوان۔ اَکھ نفیس کانٛٹہٕ آر چھِنٛے اَمے دورٕچ یادگار۔ ترٛانین اناجن لرٕ لوٚر چھُ دوٚیمہِ دورٕکِس سورن کالس منٛز گوٚپھ کرالہٕ دانہٕ تہٕ دوٚیم اناج تہٕ بوٕوان۔ یِمن اَندر چھُ کھوٚکرِ مُنٛد اضافہٕ سپدان، باسان چھُ زِ بسکِپنو چھُ شکار کرُن ترٛوومُت۔ اَمہٕ دورٕچ چھِنٛے صِرف مارخوراُڈۍ جہ اَتھ آمٕژ۔



گوٚپھ کرالُک ترٛیِیُم دور چھُ توٲرِیخی دورٕچ نِشاندہی کران۔ اَسہٕ چھُ سفیدی سان میٚنٛژھُنٛد باڈٕرن تاہ اَنٛد وَنٛد دٕرینٛٹھ پوان یێمی شہار پل دورِس پہٕ ڈٕپۍ زٕ تہٕ وُرُن چھُ کوٚرمُت۔ اَمہٕ دورٕکۍ آثار چھِ صِرف فرشہٕکِس صوٗرتس منٛز اَتھہٕ آمٕتۍ۔ توٲرِیخی دورِس منٛز چھِنٛے اَتھہٕ چہ کرالہٕ کامہٕ سِتۍ ژٕژ چہ ہِنٛز کرالہٕ کٲم تہٕ نظرِ گژھان۔ یِہ سہٕ گُڈنِکۍ ژرن تہٕ بہتر چھِنٛے۔ کرالہٕ کامہٕ منٛز چھِ بشکابہٕ، مرتبان، نکی بانہٕ، ژانٛگی، گملہٕ چالہٕ بانہٕ، رکابہٕ، ٹھپہٕ دار ٹھانہٕ، اَنٹی، حاشیہٕ دار بانہٕ تہٕ کھنٛنِ شٲمِل۔ روغنی بانَن ہِنٛز کتھ تہٕ چھِنٛے اَتھ آمٕژ۔ یِمن ٹھپہٕ سِتۍ نقش نگار کرِتھ چھِ، اَڈِگرۍ اُڈۍ جہ سکی، اَکھ جلاو دِتھ اُڈِ جہ سٕژن زدی دار گول کنہٕ، کاجہ وٹھ، کێنٛہہ کنہٕ سکو تہٕ اَکھ کترٕ وٕبڈ دٲیرِ چالہٕ ٹال ہِش تہٕ چھِنٛے اَتھس منٛز آمٕژ۔ اَتھی دورِس منٛز چھُ گوٚپھ کرالہٕ شیٖشہٕ تہٕ ظٲہر گژھان۔ ترٛانٛی سارۍ اناج چھِ بوٕوان، تہٕ دانہٕ کاشت سپدُنک چھُ اَمہٕ دورکہٕ سنہٕ تہٕ نِش ثبقہٕ ثبوت میلان۔ اَمہٕ دورٕچہ تیٖرٕن ہونین، ژھادلین، سوٕرن، برارِن، کوکرن تہٕ اَنہٕ گگرن ہِنٛز اُڈۍ جہ چھِنٛے کھدایہٕ دوران گوٚپھ کرالہٕ اَتھ آمٕژ۔

(ام۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review 1981-82.

قسم تہٕ بوٕوان اُسہٕ متۍ۔

چارواے گٔرِس مَنٛز رٕژھنۍ، تٔرکُن تہٕ فصل لوننُک سامانہٕ اَتھۍ یُن چھِ ہاوان زِ گوپھ کٔرالہٕ کیو کُنہِ کالہٕ بسکینو اُس اَتھ دوٗرس مَنٛز باقاعدٕ رہایشی زِندگی اختیار کٔرمٕژ تہٕ تِم اُسی باقاعدٕ پاٹھۍ زمین کمناوان، چاروائے رٕچھان تہٕ پوٚٹ وونان۔ شِکار اوس صِرف ووزلِس ہانگلٕ سُنٛد تہٕ مارخور سُنٛد سپدان۔ دوٚیمیو پشو ہُر یمانہٕ چھِنے گوپھ کٔرالہٕ گاڈٕ گُنٛڈۍ تہٕ خرگوش اُڈۍ جِہ تہٕ ڈرامٕژ۔ اَمہِ عَلاوٕ چھِ گگرن ہٕنٛدۍ مختلف قسم تہٕ اَنہٕ اُسی ہتۍ۔

جانوٗرن ہُنٛد تعداد اوس واریاہ خٔدس تام اَتھ مُرخلس پیٹھ کَم گومُت، پوٚز اَتھ ستۍ اوس بیروٗنی دُنیاہَس ستۍ رابطہٕ قایم گومُت۔

گوپھ کٔرالُک دوٚیُم دور چھُ شہمار یلَن ہُنٛد دور۔ موقس پیٹھ چھِنے اَسہِ کھَنگرِ کُنہٕ نظرِ گژھان یمَن تَل ۵۰ پیٹھہٕ ۶۰ سنٹی میٹر تام موٚڈۍ تاہ نظرِ گژھان چھِ یِمو ستۍ لسنہٕ لبنک پے چھُ لگان۔ اَکِس لرِ شاہ پلَس نِش آو اَکھ ژُکو نجل دفب دِنہٕ یِتھ ترٛے تاہ ڈرٛاے۔ اَمہِ دوٕ یہٕ اَنٛدرٕ ڈرٛاے واریاہ بٔڈِس تعدادس مَنٛز ٹینکہٕ یِمو ستۍ ژرینہٕ وَن چھِنے لگان زٕرِکُن چھُنہٕ زیادٕ سوٚن اوسمُت۔ دوٚیمِس دوٗرس مَنٛز چھُ یار تاہ داہ سنٹی میٹر ہیوٗ موٚٹ یِتھ مَنٛزی مَنٛزی دوٕب دِنہٕ ستۍ ژھین چھُ لوگمُت نہٕ تہٕ چھُ بور اَنٛدٕ وَنٛدٕ اَکے چالہٕ اوسمُت، دوٕبو اَنٛدرٕ چھُ کیٖنٛژن دوٕبن ہُنٛد استعمال ژھوکھ تہٕ کوڈٕ سوٚمبرنہٕ باپتھ سپدان اوسمُت، ژھوٹہٕ دوٕبو اَنٛدرٕ چھِنے واریاہ کَترِ تہٕ اُڈۍ جِہ اَتھ آمٕژ۔ پتی مِس دوٗرس مَنٛز یوسہٕ ذاتٕ وار کٔرالہٕ کام مروج اُس سو چھِنے دوٚیمِس دوٗرس مَنٛز تہٕ چلان روٗزمٕژ مگر دوٚیمِس دوٗرس مَنٛز گٔژھ ووزلہِ رنگہٕ



تہٕ ژرٕژ چہٕ پیٹھ ٹھُرنہٕ آمٕژ کٔرالہٕ کامہٕ ہُنٛد مقدار چھُ ژوٚرٕ۔ بانَن اَنٛدر چھِ مرتبان یمَن وَنٛدرٕ بنے سوٚم چھِنے۔ گلہِ ٹھٔنٛڈۍ جار، بُشکابہٕ، نیامہِ، کینٛژن، گول مرتبان تہٕ دوٚیمی بانہٕ تہٕ چھِ بُتھہِ پیوان۔ بانَن چھِ گلس پیٹھ ژُمچہٕ ہٕنٛدۍ تہٕ گاسہٕ ہُرِ ستۍ لگہٕ متۍ نِشانہٕ نظرِ گژھان۔ گدی دار گول کنین ہُنٛد تعداد چھُ ہُر تومُت یمو اَنٛدرٕ



علم مٔنٛز الشیاہَس مٔنٛز حأصِل اوس کورمُت۔ نَتہٕ چھِنہٕ یہِ کأشرٕ ہِن ژِتھر کارَن تہٕ فنکارَن ہُنٛز کأم یِمَن تبتی اَتھٕ رۄٹ کَرنَس آسہٕ ہَن۔ یِم أسی تِمےٚ کأشِری فنکار یِمَو ژِتھر کأری ہُنٛز ردایَتھ تبت تہٕ شُمال مغربی علاقس مٔنٛز واتناو۔ مٔنٛز الشیاہَس مٔنٛز چھُنہٕ اَمہِ قسمُک کانٛہہ نمونہٕ نظرِ گژھان۔

یہِ کَتھ چھےٚ ژٕنٛتس تھَونٛس لایَق زِ ژِتھرن ہُنٛد تعلق چھُ رِنچِن زَنگپو سٕنٛدِس زمانَس سٟتی۔ چُرتنَس کھودرِ پاسہٕ سمَن رَوق (دُکھانگ) چھُ سوٗرے نوٗہو تصویرو سٟتی سَجأوِتھ۔ اَمہِ کِہ دُچھنہٕ پاسہٕ چھےٚ اَکھ گوپھ یَتھ نروپا گوپھ وَنان چھِ۔ یَتھ مٔنٛز نِژوپا مرپا تہٕ مِل رسیاہُنٛز مُرژٕ چھےٚ۔ (م ع)

کتاب نامہ :


*Franche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh II


## لدٗو منٛدر

بالہٕ دامٔنس تَل آباد لدٗو چھُ سرینگرٕ پیٹھٕ ۳۵ کِلومیٖٹر دوٗر کھٕژوٕس تہٕ شارس درمیان آباد۔ اَتھ گامَس اَندر أسی پرأنی زٕ منٛدر، یِمو اَندرٕ چھُ بۄڑ ہیوٚہ منٛدر اَکس وِگنٕس تلاوس مٔنٛز باگ یَتھ مٔنٛزٕ سہٕ آب سمان چھُ۔ یُس اَمہِ کِس شُمال مشرقی کوٗنس تَل چھُ وُزان۔

تلاوس مٔنٛز باگ تعمیر کرنہٕ آمُت منٛدر چھُ سیٚود ساد تعمیر تہٕ یہِ چھُ نیٚبرِ نیٚبرِ ۲۵ فُٹہٕ مُربَع۔ یٟرنہٕ تہٕ شکلہٕ صوٗرژکِنی چھُ لدٗوٕ منٛدر کٔشیرِ ہِنٛدیو تمام پرانیو منٛدرو نِشہِ بیٚون تہٕ بدٔون۔ لبَن ہُنٛد نیٚبرِ کِنی چھۄن تہٕ چھۄت آسُن چھُ تِمہِ کَروچہِ سٟتی کم گژھان یوٚسہٕ تِژٕ دارِن کَنِین ہُنٛز چھےٚ۔ منٛدرٕکِس کُنٛس کَنِین ہُنٛز لاد چھےٚ شوٗبہٕ دار مگر اَنٛدرِ ہِنٛدِ ژیٚتی چھِ بِلکل سادٕ یِم لبوٚنٛش زٕژھ کھنٛڈ نبر چھِ۔

# لامایُر

لامایُر گُمپہٕ چھُ سپدٕ پتھرٕ مٔنز لیہہ پیٹھٕ ۹۶
شُنِمتھ کِلومیٖٹر دوٗر تہٕ ژُواہ ساس ژور ہتھ تہٕ دوٕیہ
ترٕہ (۱۳۴۳۲) فُٹہٕ تھزرس لامایُر چھُ ۷۶ْ ۵۰ طول
بلد تہٕ ۲۰، ۳۴ عرضِ بلدس درمیان بستھ۔ تھزرس
آسنہٕ سببہٕ چھُ لامایُر گُمپہٕ سالاَنہٕ دوٗری یوزنہٕ یوان۔
۱۹۶۲ء تام اُس گُمپُس نکھہٕ ٹٕٹھ والین ہٕنز تھکہٕ پینڈ۔

لامایُر چھُ بروک پا فرقس ستی تعلق تھاوان،
یُس ہتی بُدھ مَتک اَکھ شاخ چھُ یتھ کھِے۔گے۔پا
وَنان چھِ۔ اَمہٕ سِلسِلُک بانی کار چھُ تانترک ووستاد
تِلوپا تہٕ تٔسند ژاٹھ نروپا اوسمُت۔ تبتہٕ پیٹھٕ آمتس
اَتھ سِلسِلس گٔر نروپاہٕ سندیو پارو کارو جانہٕ مالہٕ حفاظت
تہٕ اَمہٕ سِلسِلچ تعلیم عام کرنہٕ باپتھ کٔرکھ ژِتّے سکوٗل قایم۔
یِمہٕ نے سکوٗلن مٔنز آو بروک پا سکوٗل تہِ قایم کرنہٕ۔
یَتھ یِنہِچ بُنیاد (۱۲۱۲-۱۱۴۳ء) مٔنز جگ تن گُمپِن ژاو۔

لامایُر گُمپہٕ (خانقاہ) چھُ دوٗن بالہٕ نیٚبرن
بوٚنہٕ کنہٕ۔ یہٕ چھُ مغربہٕ پاسہٕ سوٗرے حاطہٕ بند۔ اَمہٕ کِس
جنوٗبَس کُن چھُ دُکھانگ (اِسمن رَوق) تہٕ دچھنہٕ
پاسہٕ اولوکیشور مندر۔

لامایُر گُمپس مٔنز چھُ کُل پانژھ چُرتن (مندر)
یِمَن مٔنز بودھ دِوتاہن تہٕ تانترک دیوی یَن ہٕنز مُرژ
چھےٚ۔ یِم ساری چُرتَن چھِ بالہٕ چہٕ اُڈرِ مُرژ میٚژٕ ہٕندی۔
اَکِس لوکٹِس چُرتنس مٔنز چھےٚ کینہہ ترٕشہ مُرژ موجود
یِمہٕ رینچن زنگپو سٕندِ وقتچ باسن دِوان چھےٚ۔ یِمہٕ نے
مُرژن مٔنز چھےٚ ورو چن سٕنز مُرتھ یُہس پیٹھٕ بہتھ
نظرِ گژھان۔ مُرژ مٔنز چھُ ورو چن اَکِس اَتھس مٔنز
جوری (سمندری دیوتا) ہیتھ ہاونہٕ آمُت۔ دیوتاہن چھُ
اَندی اَندی منڈل بناوِتھ۔

چُرتن چن لبن پیٹھ بناوِتھ منڈل تہٕ ژِتھر
کاری چھےٚ شاکھیہ مُنی (مہاتما بُدھ) سٕنز زِندگی ہٕنز
لوٚبہٕ وٕنی منظر کشی۔ بُدھس ستی وابستہٕ یِم ژِتھر چھِ
چُرتنس اَژُون دچھنہِ پاسہٕ۔ اَتھ ژِتھر کاری متعلق
چھُ محققن ہُند خیال زِ یا تہٕ چھےٚ یہٕ ژِتھر کاری تِمن تبتی
ژِتھر کارن ہٕند محنتُک ثمر یِمو ہندوستانی روایتک



## لیڈرِ پتھر ہنٛدی کنہٕ کألی آثار

پٕہلگامہٕ تہٕ لیڈرِ ہٕنٛزِ پتھر مٕنٛز چھ گوڈٕ
کنہٕ کالکی آثار، تموٚ خشارو أندر اَتھ آمتی یمن ہُنٛد
تعلق دۄیمس شینہٕ کالس تہٕ اَمہٕ کِس مٕنٛزی مس
حصس سٟتی چھُ۔ پہلگامہٕ چھ اَمہٕ دوُرُک اَکھ کنہٕ
تیغ آمُت اَتھِ یِلہِ زَن ہیٚوٚر لیڈرِ پتھر مٕنٛز دۄیمہِ
کنہٕ کالکہِ دَرمیأنی دورٕچ اَکھ ہٕکٕرٕ تہٕ کاٹرِ میٹرٕ ہنٛدی
تاہ وُچھنہٕ چھہٕ آمتی۔ کنہٕ تیغ چھُ بٔنے سومہٕ کھنگرٕ
ہُنٛد یتھ اَکِہ کھوتہٕ زیادٕ جایِن دارٕ چھےٚ گٕڈِتھ۔ اَتھی
علاقس أندر چھُ مالیشو رمٕنٛدرس أندی یکھی برٛونٛہہ
کالہِ کنہٕ سامانہٕ گرنہٕ اوسمُت یِوان۔ مٕنٛدرس نکھے
ٹینگس چھےٚ ووٚنی یارِ کھرٕ مرٕ۔ اتہٕ پیٹھہٕ چھےٚ لیڈرِ ہٕنٛزِ پتھرِ
پیٹھ نظر پیوان۔ ٹینگرِ پیٹھ یِم آثار بَدِ چھ درٛامتی
تِمَن مٕنٛز چھےٚ رِکابن تہٕ بُشکابن ہٕنٛزٕ کھنجہٕ، کھمبرٕ
اَڈٕ گری بُشکابہٕ تہٕ رِکابہٕ بیٚترِ شأمِل۔

قدیم آثارن ہنٛدِن ڈاکٹر سنکلیا ہٕوٕن مأنٛن
ہُنٛد چھُ یتہٕ وُنُن زِ سأنٛس مُلکس مٕنٛز یمن جایَن
ابتدأئی انسانَن زاٚیُن لوٚب تمَن مٕنٛز چھےٚ لیڈرِ ہٕنٛزِ پتھرٕ
تہٕ سون دُری یاوُک علاقہٕ گوڈٕ اَنوارِ یوان۔ (ام۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Gosh A: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1965-66

## مارتنڈ ـــ نوکھُدأے

مرکزی آرکیالوجکل سروے یہٕ کرٕ مٕٹن وُڈٕر
پیٹھ مارتنڈ مندرس ڈُچھنہٕ أنٛدٕ یٕیمہٕ صدی ہنٛدِس
اُستی مس ڈٕہی لِس مٕنٛز تجرُباتی کھُدأے یمیٚچ نِگرأنی
ٹی۔ این۔ خزانچی تہٕ سرداری لال شالی آسی کران۔ تجرُباتی
کھُدأے کرِتھ سپدی تِمَن اَتھ جایہٕ کینٛہہ تتھی چیٖزٕ
حأصل یِموٚ سٟتی کٲشیرِ ہنٛدِس یتھ کالہٕ کِس دورَس
مُتعلق زان کأری سپدان چھےٚ۔

گوڈٕ نیتھے درٛاے میٚنٛزٕ تلہٕ پرٛانہٕ کٕنٛکی آثار یتھ
کُن کلہنَن یہٕ وُنِتھ اِشارٕ چھُ کوٚرمُت زِ مارتنڈ مٕنٛدٕر
چھُ پرٛانین کھنڈراتَن پیٹھ تعمیر آمُت کرنہٕ۔ پرٛانہٕ
کٕنٛکی آثار آسی سوٚتھرِ بوٚن ۱۰۳ میٹر۔ کھُدأے کرِتھ چھ
تِم چیٖزٕ بَدِ درٛامتی یِم آبادی سٟتی یِن مٕنٛز چھ آسان۔
دۄیمہِ وارِکی چیٖزٕ چھ سوٚتھرِ بوٚن ۲.۶۵ میٹر سٕنرٕس تام



مَنٛدرس چھُ جنوٗب مغربس کُن دروازٕ یتھ ہنٛگس پیٹھ اَڈٕ ژٕرکر چھُ بنأوِتھ ۔ ژٔنٛدرٕ چالہِ محرابس پیٹھ چھےٚ ترٕ ؤتہٕر کھأرِتھ یوسہٕ زیادٕ نبہٕ چھنہٕ ۔

مَنٛدر چھُ أنٛدی أنٛدی گول تہٕ اَتھ چھےٚ ۲۱ ۱/۲ فُٹہٕ گولٲیی ۔ گولٲیی ہِنٛدِ حسابہٕ چھُ لُدُوی مَنٛدر شنکر آچاریہ (جیٚشٹھ رُدر) مَنٛدرس ستی رلان ۔ أنٛدرٕ کنہِ تہٕ چھےٚ مَنٛدرس لبہٕ بلکل سادٕ البتہٕ چھس سۄتھر ہیوٚر داہ فُٹہٕ ہانٛکلہِ چالہِ لاد گُڈِتھ یتھ پیٹھ اَمیُک قُبہٕ چھُ دٔرِتھ، یُس ڈُلامبرٕ سان چھُ ۔ انٛدازٕ چھُ زِ اَتھ آسہٕ ہے وانگت مَنٛدرس ستی ہشر ۔

مَنٛدرُک تعمیر چھُ اَڈلیوٚکےٚ رٔودمُت یتھیک باس تمہٕ دُلہٕ تہٕ دٔرزٕ ستی لگان چھُیم مَنٛدر تعمیر سپدِتھ پتہٕ پُرٕونے چھُ رٔودی ہتی ۔

مَنٛدرچ تعمیری سادگی وُچھِتھ چھُ انٛدازٕ زِ مَنٛدر چھُ کٔشیرِ ہِنٛدین مَنٛز کالہٕ کین مَنٛدرن انٛدر ساروے کھۄتہٕ پرٔون تہٕ اَتھ دورس مَنٛز مُروج تعمیہ کاری ہنٛز روایت چھُ اَچھن برٛونٛہہ کُن انان ۔ لُدُوی مَنٛدرُک طرزٕ پوک مارتنڈ تہٕ وؤنتی پورٕ مَنٛدرن ہِنٛدِس صوٗرتس مَنٛز برٛونٛہہ کُن ۔

مَنٛدرس أنٛدی أنٛدی تلاو چھُ صِرف کٔژ تام آنٛچہٕ سۄن یتھ انٛدر رنگارنگ گاڈٕ چھےٚ ۔

ہیوٚر بالس کُن چھُ مسجدِ ستی بشاکھ مَنٛدر اوسمُت یُس کم کاسہٕ بڈِس مَنٛدرس ستی رلان اوس ۔ یہٕ مَنٛدر چھُ تعمیرن انٛدر پأترن ہِنٛدِ ابتدائی استعمالچ مثال ۔ سواتس انٛدر گُنٛزیار وِہار چھُ لُدُوی مَنٛدرس ستی رلان، یتھ متعلق انٛدازٕ چھوزٕ یہٕ چھُ پٔنٛژِمہٕ صدی ہُنٛد تعمیر، اَتھ بُنیادس پیٹھ لُدُوی مَنٛدر شیٚیمہِ صدی ہُنٛد تعمیر مانُن چھُ انٛدازس نکھہٕ ۔ (م ۔ ل ۔ س)

## کتاب نامہٕ :


*Bamzai P.A.K. Archaeological Remains in Kashmir
*Kak R.C. Ancient Monuments of Kashmir
*Stein: Ancient Geography of Kashmir






أسس کٲشیرِ ہنٛدِس راز کلشَس (۹۰-۱۰۶۴) نیتھرٕ ڈوٗگرٕ دوٚرس مَنٛز اوس یہِ علاقہٕ راجہ سوچیت سِنگھس (۱۸۲۲ء) ماتحت تہٕ تمیٚ آسہٕ سَرٕ بٔٹھس پیٹھ وارِیاہ سَرایہِ تعمیر کرِ مٕژ یمَن پٲرانَن مَنٛز درج واقاتن پیٹھ مَبنی سیٹھاجان موٗنی ژٕ تھر بناوِتھ آسی۔ یمَن ہنٛدی آثار تہٕ چھ اورٕ یور ٹھکرِتھ۔ موقس پیٹھ موٗجوٗد مَنٛدٕر چھ سیٹھا پٔرٲنی باسان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir

## مخدوم صاٮ۪بُن

وچھو "زیارت شیخ حمزہ مخدومؒ"

(جِلد ۱)

## مزارِ سیّد حسین منطقیؒ

سید حسین منطقی سُند مقبرٕ چھُ سِرینگرکِس مہراج گنج مَحلس مَنٛز مزارِ سلاطینَس اندر۔ سیّد حسین منطقیؒ اوس سیّد نورالدیٖنُن نیٚچو تہٕ سید تاج الدیٖنُن زُر۔ بیہقی یِم بُزرگ سادات آسی اَصلی وَطنہٕ پیٹھٕ پَنُن عیال ہیتھ ہجرت کٔرِتھ سُلطان سِکندرٕ سٕندِس دورِ حکوٗمتَس (۱۳۸۹-۱۴۱۳ء) مَنٛز کٔشیرِ آمتی۔ یِمَن یِم عزتہٕ سان رٔٹی۔ بَلکہِ سید محمد کانٛدٕ ہٲی سٕنٛزِ کورِ کوٗرِ کھ سُلطان زین العابدینَس سٕتی نیٚتھر۔ سیّد حسین منطقیؒ اوس علمِ منطقُک عالِم تہٕ فاضِل۔ یِہِندِ کِنی ہیٚنٛدِس خاندانَس منطقی ناو پیو۔ اَما ناسازگار حالاتو کِنی دژاو سیّد حسین منطقیؒ کٔشیر تراوِتھ تہٕ ووت چاوچہٕ ناوی گامَس مَنٛز یتہٕ یِہٕنٛدی والِد بزرگوار رحمتِ حق سپدی۔ یِیلہِ زین العابدینؔ (۱۴۲۰ء) مَنٛز تختَس بیوٚٹھ، تمیٚ کوٚر کٔشیر یِنہٕ باپتھ مجبوٗر۔ یِہِندِ کِنی سُہ کٔشیر پھیرِتھ آو تہٕ یِتی اوسُس سپدی۔ (ش۔ا)

کتاب نامہ:

*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi.
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar



اَتھِ آمتی تہٕ اَمہِ بوٕن چُھ اَصلی سوٚتھر۔

سوٚتھرِ تَل ۲۰۴۰ میٖٹر دژامٕژ زٕ بجہِ وۄشچہ چھےٚ گوڈٕ رٕنچہ لٕٹہِ کُشیرِ مَنٛز اَتھِ آمژٕ۔ دہ بوٚ اَندرٕ رٕچھنہٕ تعمیرن ہٕنٛدی آثار دژامتی۔ کھُدایہِ دوران چھےٚ اَکھ کُترِ مٕرتھ تہٕ اَتھِ آمژٕ یَتھ پیٹھ بأرُو رٔوپہ شوٗسٕنٛز ٹھُپھرٕ شبیہہ چھےٚ بنأوِتھ۔ تاہ بتاہ یِم کُتروٕ چینٛز نٔنی دژامتی چھِ تِمَن مَنٛز چھےٚ وۄزلہِ رٔنگہٕ تَنہِ کُترِ ہٕنٛز کٕھنٛز، کترٕ یٕھنہِ زأدی جہ کُترِ ہٕنٛدی بُشکابہٕ تہٕ سٕنگہِ مِشہِ وۄزجہ کُترِ ہٕنٛز نیأمی تہٕ شوٗخ وۄزلہِ رٔنگہٕ کُترِ ہٕنٛدی لوٕکٹی باتہٕ شأمِل۔ مُخمٔلی رٔنگہٕ اَکھ کُترِ چھےٚ موٗقس پیٹھ اَتھِ آمژٕ۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہ :-

*Thapar: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1976-77.

# مان سر آثار

مان سر چُھ جیٚمہِ کِس مَشرقس مَنٛز ۵۹ کلو میٖٹر دۄرٕ۔ یہ سَر چھُ دۄن مٕیل زیٖوٗٹھ تہٕ اوڈٕ مٕیل کھوٗل۔ روایتھ چھےٚ زِ یہ سَر چُھ شیشِ ناگس پَتہٕ دوان اَرجُن ہٕنٛدِ تیٖر سٕتی وُجوٗدس آمُت۔ ناگ راژس شِکست دِنہٕ خأطرٕ وۄتھ سہٕ مان سَرٕکِنی پاتال سَرٕ یِن سَرٕکنی کھوٚت والپِس۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ لفظِ ڈوگرُک آگر چُھ "دوگرت" یعنی زٕ کھوڈ۔ یِم زٕ کھوڈ چھِ مان سَر تہٕ سَرِین سَر۔ مان سَرکِس بٔٹھِس پیٹھ چھِ اَکھ پرانہٕ مَحلہٕ خانٕکی آثار یَتھ سِیٹھا جان موٗنی ژٕتھرٕ چھِ اُسی مٕنی۔ آثارَن نِکھےٚ چھےٚ بیا کھ مَندور یَتھ مَنٛز شیشِ ناگ یاترایہِ ہٕنٛدی پھنت چھِ روزان۔ سَرَس نِکھےٚ چھُ اوماپتی مہادیو، نرسمہہ تہٕ دُرگایہِ ہٕنٛدی دارِیاہ پرأنی مَنٛدر۔ اَتہِ چُھ زیٖٹھِ زۄنہٕ پیٚچھ سِتَم دوہ بوٚڈ مألہٕ لگان۔ یَتھ مَنٛز شأمِل سپدن دألی نژان گِندان تہٕ گیوان چھِ۔ سَرَس اَنٛدی اَنٛدی پرٕیدی کھیٚن دِیُن چُھ تازٕ کار نیٖترِ گژاکَن ہٕنٛدِ باپتھ رُت یِوان مانٛنہٕ۔ بزُرگٕ وٕنہِ کالہِ چُھ مان سَرُک اَنٛدی پَکھی علاقہٕ نیل پور ناوٕ وِیود اوسمُت۔

راج ترنگنی مَنٛز چُھ اَمہِ علاقُک ذِکر نیل پور تہٕ باپہِ نیل ناوٕ آمُت۔ گٔژمہِ صدی عیسوی مَنٛز اوس اَمہِ علاقُک راژٕ کرتی راج۔ کِرتی راژٕ سٕنٛز کُور بھوَن

اَنٛدرِ چھُس زیچھر ترٛہاٹھ فُٹہٕ ژور آنٛچہ تہٕ کھجر اکوٗہہ
فُٹہٕ ژور آنٛچہ۔ گرٛتھکہِ اعتبارٕ چھ اَتھ ترٛےٚ ہوی
طاق یِموٚ منٛزٕ چھُ مُنٛزیُم، افُٹہٕ تھوٚد تہٕ داہ فُٹہٕ
کھوٚل، بیٚیلہِ زٕ اَنٛدن ہنٛدی طاق ۱۴ فُٹہٕ تھُدی
تہٕ ساڈٕ ستھ فُٹہٕ کھُلی چھ۔ مسجد چھےٚ اَنٛدرٕ محراب دار
شاہ نشینو سیتی ترٛین حِصَن منٛز باگرتھ۔ یِترٛتھ باگس
چھُ پیٹھ قُبہٕ چالہِ پُش۔ مُنٛزیُم قُبہٕ چھُس زیادٕ ہَن بوٚڈ
تہٕ تھوٚد ییٚمہٕ کِنہٕ یہٕ زیادے توٚن چھُ۔ یِترٛتھ قُبَس چھ
نقش نِگار کٕرِتھ داتِکی ٹوٗری آسہِ متہٕ لاگتھ۔ اَما پوٚز ووٚنی
چھےٚ سارِے نقش کاری نٕہوٚنہٕ آمٕژ۔ اَز چھ قُبوٚ ہیٚبر
ژھری سیٖخ دٕریٚنٛٹھ یِوان۔ (م۔ ل۔ س)

کتابا نامہ:

*Sharma N.D. Dogri Folk Literature and Pahari Art.

## مسجد بابا داوٗد خاکیؒ

شیخ حمزہ مخدوٗمؒ سٕندِس خلیفہ
اول بابا داوٗد خاکیؒ سٕنٛز یہٕ مسجد اُس ناگر نگر قلاے کہ
باچھ دٔرواز اَژٕدُن کھوورِ پاسہٕ۔ یہٕ مسجد گٔر خاکی
صابن پنٛنِس شفیق پیرٕ سٕندِ لولہٕ تمہٕ پتےٚ
تعمیر ییٚلہِ مخدوٗم صابن ۱۵۶۴ء (۹۷۲ھ) ذام کٔر
مسجد بناوناو۔

بابا داوٗد خاکیؒ سٕنٛزِ مسجد اوس حمام تہٕ سیتی
مسجدِ دٔرواز اَژوٗن کھورِ پاسہٕ اوس مسجدِ شیرتھ تہٕ
پیرتھ اکھ کمرٕ یُس اَٹھ فُٹہٕ زیچھر تہٕ پانٛژھ فُٹہٕ کھجر اوس۔
اَتھ جنوٗبہٕ پاسہٕ اُس درشن دارٕ تہٕ دٔرشُن دارِ سیتی
اُسس پیٚنٛڈ کھارِتھ۔

اَتھ مسجدِ اُس اَوٕ کِنی سیٹھاہ اَہمیت
تکیا زِ ییٚلہِ ییٚلہِ تہٕ مخدوٗم صاب کُنہِ جایہ پیٹھ پھیرتھ
یِوان اوس۔ سہٕ اوس اَتھ مسجدِ منٛز ہنا قیام کران تہٕ
عقیدت مَنٛدن ہنٛز یِژ بٔرٕ آسنہٕ کِنی اُسی رَتم
درشُن دارِ پیٹھ بہتھ تِمَن تَسلا کران۔

یہٕ مسجد اُس عام رٔیِش طرزِ تعمیرٕ چ باوتھ
کران۔ اَمِیُک ژوک اوس پوٚختہٕ چِنا یہٕ ہُنٛد تہٕ باقےٚ
سوٗرِے لَداو اوسُس مہرا جی سیرہِ ہن ہُنٛد۔ اَتھ اوس
چار بام بُرزٕ پُش یتھ اکبر شاہ فاروقی ناوٕ کی اَکی مُقامی
بُزرگن ۱۹۵۸ء منٛز ٹین دیُت۔

یہٕ مسجد تعمیرٕ سپدنہٕ پتہٕ تقریبن ترٛہہ وری
آو ناگر نگر قلاے ۱۷۹۷ء منٛز مسجدِ ہنٛدِ شُمال مشرقی
کوٗنہٕ طرفہٕ ہُنا کوٚب کٕرِتھ بناونہٕ۔ ییٚمہٕ کِنی مسجدِ
ہنٛدِس جنوٗب مشرقی کوٗنس تہٕ ناگر نگر قلایس صِرف
ڈایہٕ فُٹہٕ فاصلہٕ روٗد۔ راجو تہٕ مہراجو کریا یہٕ سڑکہٕ
وُسعت دِنہٕ موکھہٕ یہٕ مسجد ڈالنٛچ کوٗشِش مگر لوکھ

## مزارِ مُلّا محسن فانی

مُلا محسن فانی سُند مقبرٕ چھُ سرینگرٕ گرگڈی محلہٕ وٕنیتھ ہنٛدِ کھوورِ بٔڑھہٕ۔ اَتھ مزارَس چھِ مُسافر مزار وَنان۔ زانٛہہ کَدلس نکھٕ گرگڈی محلس اَسی برُونٛہہ قُطب الدین پوٗر وَنان۔

محسن فانی اوس کٔشیرِ ہنٛد مشہوٗر فارسی شاعر تہٕ عالِم۔ شیخ یعقوب صرفی سُند اوس شاگرد۔ غنی کشمیری اوس فانی سُند شاگرد۔ مزید علم حاصل کرنہٕ خاطرٕ گوٚ فانی صاب کٔشیرِ نیبر۔ بلخس منٛز گٔرتِس نذر محمد خانَن حلہٕ رٕوس قدر۔ یمہ پتہٕ سُنٛدس مدرسس منٛز تمیٚ قصیدٕ لیکھ۔ ہندوستان واتِتھ بنٛوٚو سُہ شاہ جہانَن (۱۶۲۹ – ۱۶۵۷ء) اِلٰہ آبادُک صدر۔ شہزادٕ مُراد بٔنٛدِ بلخس منٛز نذر محمد خانَس شِکست دِنہٕ پتہٕ آو فانی نوکری منٛز کڈنہٕ۔ کٔشیرِ یِنہٕ پتہٕ تہٕ رُود سُہ کیٚنٛژَس کالَس صدر۔ یتھ دوران تمیٚ اکھ مدرسہٕ قایِم کوٚر۔ فانی صاب گُزرٕیوو ۱۶۷۱ء منٛز تہٕ آو گرگڈی محلہٕ مسافر مزارس منٛز دفن کرنہٕ۔ تمیٚ سٕنٛز قبر چھےٚ مزارٕ ڈٔنٛڈِس پیٹھ وٕنیتھ کُن گژھہٕ وُن ڈٔچھنہِ پاسہٕ، یتھ پیٹھ پٔژرون گرایہِ دار پیوٗر وُنہٕ تہٕ موٗجوٗد چھُ۔ ریاستی کلچرل اکیڈیمی چھُ حال حالے فانی صابُن مقبرٕ نوٚوسر تعمیر کرنُک فیصلہٕ کوٗرمُت۔

(م۔ ا۔ ا)



### کتاب نامہٕ:


*Sufi: Kashir II
*Sarwari: Kashmir Mein Farsi Adab


## مست گڈھ (مسجد)

روایژ موٗجوٗب چھےٚ جیٛنیمچ مست گڈھ مسجد نٕہتھ وٕری کھوتہٕ زیادٕ پرٛانٛی۔ یہِ چھےٚ جیٛنیمچ تٔوارٛیخی مسجد یمیٚک تعمیر کار راجہ رنجیت دیو (۱۷۳۵ – ۸۱ء) گٔنٛزرنہٕ چھُ یوان۔

مسجد چھےٚ ۷۰ فُٹ زیٖٹھ تہٕ کھُجرٕ چھس ۲۸ فُٹ اٹھرٕ

# منڈا

جیٚنِمہِ کِس شُمال مغربس مَنٛز ۲۸ کلومیٹر دوٗر منڈا (اکھنور) چھُ چناب دٔری یاوِچ دٕتہٕ پیپر پانٛژالہِ کِس دامٔنس تَل اَکھ گام۔ اَتہٕ آیہٕ پیٚتِمہِ صدی ہنٛدِس اِٹھمِس دہلس مَنٛز آرکیالوجکل سروے آف انڈیا چہِ نِگرانی مَنٛز کھُدائے کرنہٕ۔ کھُدایہِ دوران نٕنے پیہ بہٕ کیٚنٛہہ زاہ اَتہٕ چھِنے تریٚیہِ پھِر بستی لُجِمٕژ۔ یٕمی مہ تہہٕ تلہٕ یِم تمدنی آثار بَر چھِ دراہمتی تِم چھِ اولین دورُک مٕرہ اَمہِ تہہٕ تلہٕ پیٚتِمہِ ذیلی تمدنکی آثار اَتھِہ چھِ آمتی تِموٗ سیٚتی چھِنے ہڑپاکین بسکینن ہنٛدِ اور واتنیچ ژیٚنہٕ وٕن میلان۔ ابتدائی بستی ہنٛدین آثارن ہُنٛد تہہٕ چھُ اکہٕ پیٚٹھہٕ ۱۔۴۰ میٹر تام موٗٹ۔ کٔژالہِ کامہِ وُچھتہٕ چھُ دوٚن روایژن ہُنٛد وٕن پہوانٕ یُس مَنٛز گوڈنچہ روایژ ہڑپا بٔرژ وُنٛٹھی مہ دور چہ ووزچہ کٔژالہِ کامہِ سیٚتی واٹھ چھُ، اَتھ سیٚتی چھِنے ہڑپاہیچ ووزلہِ رنٛگہٕ کٔژالہِ کام تہٕ بُتھہِ پہوان۔ آثارن مَنٛز چھُ ہڑپا بٔرژ وُنٛٹھی مین آثارن ہُنٛد تناسب ۱۵ پیٚٹھہٕ ۲۰ فیصدی تام یُس ہیوٗر ہیوٗر وارہ وارہ کم چھُ گژھان۔ اَتہٕ چھُ مرتبان تہٕ دراہتی، یِمن ڈبہٕ پیٚٹھ چھُ موٗٹ رنٛگین حاشیہِ یِمیٚک تعلق ہڑپاکہِ تحفظی دورِ بٔرژ وُنٛٹھی مِس دورس سیٚتی چھُ۔ مرتبانوٗ ہُریکانہٕ چھِنے بلتیے کٔژالہِ کام تہٕ نظرِ گژھان۔ ہڑپا کٔژالہِ کام چھِنے ووزلہِ رنٛگہٕ یتھ مَنٛز روغنی بانہٕ تہٕ شٲمِل چھِ تہٕ سادہٕ کنترِ بانہٕ تہٕ۔ یِم کٔژالہِ کامہِ ہنٛدی نمونہٕ دراہتی چھِ تِمن اَنٛدر چھِ مرتبانوٗ ہُریکانہٕ رِکابہٕ، کینٛنٛزٕ، جگ تہٕ کھاسی تہٕ شٲمِل۔ تژہ مبوٗ سیٚتی پارأوتھ مرتبان چھِنہٕ اَتھ آمتین آثارن مَنٛز شٲمِل یِمیٚک وجہ یہ ہیٚکہِ آسِتھ زِ کھُدائے آیہٕ محدود پیمانس پیٚٹھ کرنہٕ۔ کاژِرِ رنٛگہٕ کنترِ تہٕ چھِنے آثارن مَنٛز شٲمِل۔ موٗقس پیٚٹھ چھِنے ترٛاہوٗ دکلہِ ہشرن تہٕ اَتھ آہرٕ یتھ مغربی ایشیاکین آثارن سیٚتی ہشر چھُ۔ اُڈی جہ ہنٛدی نوکدار پھل، کنترِ ونٛگرِ، کنترِ وکلی چہ چالہِ چیٖزٕ تہٕ ترٛژہِ کنترِ یِمن پیٚٹھہ ہڑپا خط کوٚرِتھ چھُ، زنٛمکھو تیٖغ، اَکھ نامکمل موہر، کاجہ دٔلہ تہٕ گرٛٹہ کنہٕ تہٕ چھِنے آثارن ہُنٛد اَکھ حصہ۔ کھُدایہ وُسعت نہٕ آسنہٕ موکھہٕ دراوٕ نہٕ کانٛہہ خاص تعمیرٕ نوٗن پوٗز اَکھ وُسی پیٚٹھمت کنہٕ دیوار دراو بَر۔

دوٚیِمہِ ذیلی تہٕکہ موجر چھُ ۱۔۶۰ پیٚٹھہٕ ۱۔۷۰ میٹر تام۔ اَتھ تہس چھِنے کنترہ بو حسابہٕ زِ خصوٗصیتٕژ گوڈ چھِنے ہڑپا طرز چہ ووزجہ تہٕ کاژرِ کنترِ یوان یِمہٕ عام پاٹھی دوٚیِمین جاین ہنٛزن روغنی بانن ہشے چھِنے۔ ہڑپا طرز چہ کنترِ کامہِ مَنٛز چھِنے رِکابہٕ، کینٛنٛزٕ تہٕ جگ شٲمِل

گےٚ نہٕ تتھ پیٹھ آباد۔

۱۹۷۰ ہس منٛز رٕنیہٕ یہٕ مسجد مخدوم صابنہٕ انتظامیہ کمیٹی پننِس تحویلس منٛز تہٕ کٔرکھ شہید۔ اَز چھےٚ اَمکی آثار کُنہٕ تہٕ لبنہٕ یوان۔ (ع۔ غ۔ ن)

کتاب نامہٕ:


*Hasan: Tarikh I, II
*Hasan: Asra-rul-Akhyar


## ملنگ پور ستوٗپ

ملنگ پوٗر چھُ ونیتھہٕ ہِندِ کھوور بٔٹھہٕ وٕٹنی پور پیٹھہٕ ترٛےٚ میل دوٗر کوٚیل وُڈر ہِندِس دامنس تل۔ گامس ستی چھُ وُڈر پیٹھ منٛز کالہٕ کہِ اکہٕ ستوٗپکہٕ آثار۔ اکثر آثار چھِ آورٕ واورٕ گامتی۔ مگر ستوٗپک مُربع کُن چھُ ڈٕنجہِ لیس اَتھ منٛز کالہٕ کین یتھنےٚ تعمیرٕ نکھ چھُ اَنان۔ ستوٗپک کُن چھُ دہٕ یو اَندٕ وٕ چھجل۔ ستوٗپس چھ ہیرِ پاوٕ بٔڈی بٔڈی یمو ستی اَنداز چھُ سیدان زِ اصل تعمیر چھُ باڈٕوٕ بوڈ اوسمت۔ آثارن ہِنٛد سارِوےکھوتہٕ دلچسپ چیز چھےٚ سو مُرتہٕ گری یُس ہیرن نیبری لاگتھ کُنہٕ دلن گرتھ چھےٚ۔ ہیرِ ہٕنزن کھوورِ اَندٕ چن پاترن ہٕنز سایہٕ کھنجہِ چھےٚ موقس پیٹھ موجود مکمل صوٗرتس منٛز چھُ پاترن پیٹھ اَکس ژٕلہِ وٕنس شخصس اکھ ترٛہ بلاے پتہٕ دوان ہاوُنہٕ آمتیس ہٕنگ، تو ٹنتھ تہٕ یکھ اَسنہٕ ہٕریکانہٕ نِصف جسم ڈٕرنٛد سُنٛد تہٕ نِصف کھوکھشہٕ یکن واجنہٕ ڈاٹھ ہِنٛد چھُ تہٕ اَچھ چھس پھٹتھ ڈرامژٕ سنگتراشن چھُ تمہٕ ساعتہٕ لڑایہٕ ہِنٛد عروج ہوومُت ییلہِ بلاے ژٕلہِ وٕنس شخصہٕ ہٕنٛز کھوورِ زنگہٕ پنٛجس منٛز ژٕٹتھ کٔرتھ یُس چھےٚ کران۔ بلاے چھےٚ وٹنتھ مُژرتھ اِنسانس کلہٕ کنی نینگلاونس تیار۔ ناووٚمیدی ہِنٛدِس حالتس منٛز چھُ اِنسان کھوورِ اَتھہٕ بلایہٕ ہِنٛدِس اَکس منٛز کھوکھر ٹھکان ہاونہٕ آمت۔

مغربہٕ طرفہٕ چہٕ ہیرِ ہٕنزن پاترن پیٹھ چھےٚ بلایہٕ ہٕنز صوٗرتھ تہٕ آرایشی ژٕکر زیادٕ جان پاٹھی ژٕژھرتھ۔ یودوے پاترٕ دلک بژٕونٹھیم اَڈ چھُ پھٹمُت، یتھ پیٹھ اِنسان اوس بناوتھ۔ اَمہٕ ہیرِ ہٕنزن پاترن پیٹھ بناوتھ بلایہٕ چھےٚ کانٛگنہٕ داریال، نالی ہار تہٕ یکھ چھس وتھرل۔ یتیمس پنٛجس چھس پانژہ اونگجہٕ یمو منٛز ترٛےٚ بژٕونہہ کُن تہٕ اکھ یتھ کُن سیٚدِ سیوٚد بوزنہٕ چھےٚ یوان۔ اَمہٕ صوٗرژ یتھ یہٕن چھُ پاراوِتھ منڈل بناوتھ۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ:


*Kak R.C. Ancient Monuments of Kashmir

رام باغ شمشان بھوٗمی تام واتناوٕنہٕ پیٚتہٕ داہ سنسکار آس کَرنہٕ۔ مہاراجہ ہری سنگھن کٔر ۲۰ ستمبر ۱۹۲۵ عیسوی داہ دِنچہ جایہٕ سمادھ تعمیر۔ سمادھ چھِنہٕ دٕوٗرِ کنٕہِن ہٕنٛزٕ تہٕ اَمیُک طرزِ تعمیر چھُ شمٲلی ہندُستانہٕ کیٚن عام مَنٛدرَن ہیٚتی رَلان۔ پوٗزایہ باپتھ چھُ اَتہٕ اکھ پُزٲرۍ دھرم اَرتھ ٹرسٹہٕ طرفہٕ مقرر۔ سمادھ چھِنہٕ حاطہٕ بَنٛد تہٕ حاطس أنٛدۍ أنٛدۍ قلایہ چھِ دَروازن نکھہٕ اَیوان کھاَرتھ یِمَن مَنٛز لوٗکھ لَسان بَسان چھِ۔ سمازٕ أنٛدۍ أنٛدۍ پوٗختہٕ سیرٕہِن ہُنٛد دیوار چھُ ووٗنۍ خَستہٕ گوٚمُت۔ (ع۔ غ۔ ن)

کِتاب نامہٕ:

*Hasan: Tarikh, I, II

# مہاراجہ گلاب سِنگھنی سمادھ

سِرینگرٕ پیٹھٕ بڈگوم گژھہٕ وُن دٕوٗدھ گنٛگایہ ہٕنٛدِ دچھنہٕ بَٹھہٕ رام باغ سَڑکہٕ کھوورِ پاسہٕ چھِنہٕ مہاراجہ گلاب سنگھنی (۱۸۴۶-۱۸۵۷ء) سمادھ۔ مہاراجہ گلاب سِنگھ گوٚ ۲ اگست ۱۸۵۷ء سوٗرگہٕ واس۔ دوٚیمہِ دوہہٕ آیہٕ اُمی ہٕنٛز ارتھی شیرگڈِ پیٹھٕ سرکٲرۍ اعزازٕ سان رام باغ شمشان بھوٗمی تام واتناوٕنہٕ پیٚتہٕ داہ سنسکار آس کرنہٕ۔ اُہنٛدِ مَرٕنہٕ شیٚنیچھ بوٗزِ تھٕہ آو مہاراجہ رنبیر سنگھ ۷ اگست سِری نگرِ تمی کٔری پانٛژھ لچھ روپیہ اُہنٛدِ ناوی خیرات۔ مہاراجہ رنبیر سنگھن کٔر اُہنٛدِ داہ دِنچہ جایہٕ سمادھ تعمیر تہٕ لنگرٕ خٲطرٕ کٔرِن شیٚتھ ساس روپیہ مقرر۔

سمادھ چھِنہٕ دٕوٗرِ کنٕہِن ہٕنٛزٕ تہٕ اَمیُک طرزِ تعمیر چھُ شمٲلی ہندوستانہٕ کیٚن عام مَنٛدرَن ہیٚتی رَلان۔ یَتھ عام پٲٹھۍ شِکھر طرزِ تعمیر چھِ وَنان۔ اَتہٕ چھُ اکھ پُزٲرۍ پوٗزایہ باپتھ دھرم اَرتھ ٹرسٹہٕ طرفہٕ مقرر کرنہٕ آمُت۔ سمازٕ چھُ أنٛدۍ أنٛدۍ پوٗختہٕ سیرٕہِن ہُنٛد دیوارٕ ٹِس ووٗنۍ خَستہٕ چھُ گوٚمُت۔ دَروازن نکھہٕ چھِس ایوان کھاَرتھ یِمَن مَنٛز لوٗکھ لَسان بَسان چھِ۔ (ع۔ غ۔ ن)

کتاب نامہٕ:

*Hasan: Tarikh, I, II

# مہتاب گڈھ

مہتاب گڑکۍ آثار کٔرۍ آرکیالوجکل سروے ہٕنٛدۍ ماہرو وییمی صدی ہٕنٛدِس ژٕتیمِس دہٲلِس مَنٛز دریافت۔ آثار چھِ لکھن پوٗرس نکھے تھزِس پیٹھ تہٕ مُقٲمی لوٗکھ چھِ یِمَن آثارَن مہتاب گڑھ وَنان۔

مگر کھاسی چھیتہٕ نظرِ گژھان۔ کاژرِن کترٕن ہُنر
نُمایندگی چھ بُشکابہٕ تہٕ رِکابہٕ کران یمَن مَنٛز تھی بانہٕ
تہٕ شامِل چھ یمَن ہُنر ڈب سادٕ چھیٚنۍ۔

وِیژھنہٕ پیتہٕ چھُ ننیوٗ مُت زِ کژالہٕ کامہٕ اندر
چھُ ہڑپا کترٕن ہُنٛد حصہٕ سیتہٕ پیٹھہٕ ۱۹ فیصدی
تام سیتی چھیٚنۍ کینٛہہ موٚچہٕ کترِ تہٕ اَتھہِ آمتہٕ یمہٕ تاوٕ
کاتُرِ چھیٚنۍ۔ کژالہٕ کامہٕ ہُنرٕن دوٚن روایژن ہُنٛد
میٖل چھُ پیتھہِ پاٹھی ٹاکارٕ اَچھَن تَل یوان۔

دوٚیمہِ دورٕچ نِشاندہی یُس تہٕ کران چھُ،
تمِیُک موٚچُر چھُ ۰.۷۰ اپیٹھہٕ زِ میٹر تام۔ اَتھ دورَس
مَنٛز چھیٚنۍ توارِیخی دورکہِ گوڈٕ کالٕچ کترِ کامٕ،
یتھ مَنٛز رِکابہٕ، بُشکابہٕ، لیٖنجہٕ تہٕ لوکٕٹی لوکٕٹی ڈوٚیمہِ
بانہٕ شامِل چھ۔ یمَن بانَن ہُنٛدِ ڈٕنٛدرِ چھیٚنۍ آکارٕ تہٕ
آرائِشہٕ روٚس۔

ترٕیمہِ دورٕچ نِشاندہی یُس تہٕ کران
چھُ تتھ چھُ ۰.۷۰ اپیٹھہٕ ۱.۹۰ میٹر تام موٚچُر۔ اَمہٕ دورٕچ
بستی ہُنٛدی لوکھ چھِ کُشان طرزٕکی کژالہٕ بانہٕ
استعمالس لاگان آسی ہتی۔ یمَن پیٹھ چھاپہٕ تہٕ کوٚرنہٕ
سیتی نقش نِگار بناوِتھ چھِ۔ نقش نِگارن مَنٛز
چھ پوٚشن تہٕ وتھرٕن ہُنٛدی نموٗنہٕ نظرِ گژھان۔ اَمہٕ
دورٕکین آثارن مَنٛز چھیٚنۍ کاژرِ سنگرِ، کترِ مُژزارٕن ساز

گرِتھ گرٕ) مالہٕ ٹھلی، ٹھانہٕ، جاناوار، وصوٗل وایان زِنہٕ
ہُنر شبیہہ، اُڈی جہ کانہٕ پھل، کنیٖشو ڈبہٕ، شیٖشترٕ
گرٕی تہٕ کانہٕ پھل۔ ترٛامِ سورنہٕ تجہٕ، ترٛاموٕ سِکہٕ تہٕ
گژھہٕ کنہٕ بیترِ شامِل۔

اَمہٕ دورکیو تعمیرو اُنٛدرِ چھ اَکہٕ مکانہٕ چہِ کنہٕ
دوٚسہٕ اوٚڈانہِ گڈنہٕ آمژٕ۔ یمَن اَنٛدٕ اَنٛدٕ ترٛیٚنۍ میٹرٕ
کھوٗل کوچہٕ چھُ ترٛاوِتھ۔

کُشان دورٕ پتہٕ چھ لوکھ یہِ جاے ترٛاوِتھ
گوٚت تام ژلِہتی۔ سوٚتھرِس پیٹھ موٗجوٗد وارِیاہ دب
چھ اَرداہی مہٕ تہٕ کنوٗہی مہٕ صدی مَنٛز سرگرمیَن ہُنٛز
ژرینہٕ وَن دِوان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review 1976-77

## مہاراجہ پرتاپ سنگھنی سمادھ

سِری نگرِ پیٹھہٕ بڈگوم گژھہٕ وُن رام باغ سڑکہِ
کھوورِ پاسہٕ ڈوٗدھ گنگا یہٕ ہنٛدِ ڈچھنہٕ بٹھِ چھیٚنۍ مہاراجہ
پرتاپ سنگھنی (۱۸۸۵ء۔ ۱۹۲۵ء) سمادھ:

مہاراجہ پرتاپ سنگھ گوٚ ۲۳ ستمبر ۱۹۲۵ء شامچہ
شیٚنہِ بجہِ سورگہٕ واس۔ ۲۴ ستمبر آیہٕ اُہنٛز ارتھی

# ناراں تھل

وینتھ ہنٛدٕ ڈچھنہٕ بنٛٹھ ورٛملہ بون ژور کلومیٹر چھُ
"ناراں تھل" گام۔ یہ گام چھُ تتھ ئِدی وَتہٕ پیٹھ یوٚسہ
ورٛملہٕ پیٹھ مظفرآباد اُس گژھان۔
گامس نکھے چھ اکھ مندر یتھ متعلق وَننہٕ چھُ یوان
زِ یہ اوس تلاوس منٛز باگ مگر پتہٕ روٗد نہٕ تلاوُک
وُجوٗدے کُنہٕ۔ وُنی کین چھ صرف مندرُک پیٹھیم تہہ
زُمینہٕ نیبر۔ یہ چھ ساد سلیٹہٕ پاتھرن ہُنٛد تعمیر یمن وونی
پوٗر پانٛژھ ساس ؤری چھ ژامت۔
مندرس چھُ صرف مشرقہٕ کنی محراب دار درواز۔
اندرمہٕ کنہٕ فرشکی آثار تہٕ چھ وُنہٕ موجوٗدے، مندرُک
دوٚیم وارُس امُیک پیٹھیم اند چھُ سہ چھُ کُنی پاترٕ ہُنٛد
پاتھر چھُے ساڑھ ستھ مربع فٹہٕ تہٕ موکھ چھس ڈوڈ فُٹ، مندر
چھُ اندری اندری ساڑھ ستہ فُٹہٕ مربع تہٕ تھزر چھُس
نُو فُٹہٕ ۵ انچہ۔ مندرس چھُنہٕ تالو دِتھ۔
پُرشہ چھ ووگہٕ کنہٕ چھ منٛزس زوٚدیُس علم تھاونہٕ
یاپتھ اوسمُت چھُ۔ مندر چھ ژُبری منٛز کالُک تعمیر، یوہے
بُہی مرٛ صدی ہُنٛد ہیوٚہ بلکہٕ امہٕ تہٕ پتے یہن تعمیر سپدمُت۔
مشرقس کُن بتھ آسنہٕ کنی چھُ صاف باسان زِ یہ چھُ
وِشنو مندر اوسمُت۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہ:
*Bamzai P.A.K. Archaeological Remains in Kashmir

# نانکی باولی

نانکی باولی چھُے جینہٕ کِس شمالس منٛز
بنتو باغس نش تہٕ اَتھ جایہ چھُے از تہٕ برابر پوٚزا پیدان۔
نانکی اُس راز ہری دیوٕ نی (۱۶۸۸ - ۱۵۵۲)
نوکرانی۔ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ حسین آسنہٕ کنی اُس سو رازس
سیٹھا ٹاٹھ تہٕ سہ اوس پننہٕ اکثر وَق امی سیتی
گُزاران یمہٕ کنی ساریے آسہ تہٕ نوکرانہٕ تسند دزان
تہٕ پزاران زِ تس کرن کانہہ وکانہٕ۔
ہری دیو ییلہٕ اورنگ زیبس سیتی کشیر گو،
راٰنیو اوٚن وزیر دلپت اَکھس منٛز یتھ سہ نانکی مارٕ۔
تس ییلہٕ پئے لوٗگ سو گیہٕ راج پروہتن ہُنٛد چھپنہٕ
مگر وزیر دلپتن اُنی سو یہ ونتھ والپس زِ تس گژھہ
نہٕ کانہہ خدشہ، مگر محلہٕ خانس منٛز واتنا وتھ دِتُت تس
راٰنیو تیٚزت تکلیف زِ سو گیہٕ مرتھ تہٕ زالنہٕ بدل
کٔرِکھ تسنٛز لاش دفن۔ والپس یتھ گو رازس تہٕ تسنٛد
دوکھ تہٕ وزیر دلپت اوس پننس پانس مجرم زانان۔
چنانچہ جُرمُک احساس دور کرنہٕ باپتھ کٔر تمی اَتھ جایہ
نانکی ہنٛز سمادھ تعمیر تہٕ رازن کوٚر پنڈت بیاس اَتھ جایہ
پوٗزا کرنہٕ باپتھ مقرر تہٕ تمہٕ پیٹھہ از تام چھ یاتری اَتھ
جایہ واتان۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہ
*Nargis: Duggar Desh

یُس بنٛد اٲتی محلہٕ خانہٕ چھُ اوسمُت۔ محلہٕ خانہٕ اَنٛدرٕ چھ دٕنی کیٚن صرِف اَکِہ کُٹھِکو مَشرقی تہٕ شُمٲلی دیوار ووٚدنی۔ یمَن پیٹھ مۄنی زِتھر چھِ بنٲوِتھ۔ مۄنی زِتھرَن اَنٛدر چھیٚپے مُقٲمی سَردارَن ہٕنٛز شبیہہ، گنیش، وُچھہٕ وٕنی گنٛدھرو تہٕ عشقہٕ بٲزی ہٕنٛدی کیٚنہہ منظر شٲمل۔ مۄنی زِتھرَن مَنٛز چھیٚپے نَفاستچ تہٕ نزاکتچ کٔمی باسان تہٕ باسان چھُ زِ یِم چھِ پہاڑی مُصَوری ہٕنٛدِ تمہِ دورٕکی یادگار ییٚلہِ اَتھ زوال اوس آمُت۔ محلہٕ خانہٕ علاوٕ چھ نکھے اَکِہ کوٗٹھکی تہٕ آثار مۄجوٗد۔ کۄٹ چھُ ڈُلہٕ کَنیٚن ہُنٛد تعمیر اوسمُت۔ قلاہٕ نبر چھُ وُنہ تہٕ اَڈ ژٕکرِ چالہِ بُرجکی آثار مۄجوٗد۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Gosh A: Indian Archaeology, A Review 1965-66.

# مہیش کدٕل

چودھری مہیش شنکر داس اوس اورنگ زیب عالمگیر (۱۶۵۸ - ۱۷۰۷ء) ہٕنٛدِ وَقتہٕ کُشیرِ ہُنٛد اَکھ بارسوٗخ آسَن بٔن وول شخص۔ سُہ اوس رٕنی وارٕ بسان تہٕ اَتہٕ اوسُن پَننِس ناوس پیٹھ اَکھ خوبصورت باغ بنوومُت۔ اَمی شخصَن اوس چوٗدری باغ ناوی دوٚیُم باغ نشاط باغہٕ کِس شمالَس مَنٛز بنوومُت یَتھ متعلق وَنان چھِ زِ یہِ اوس ڈَل دٕہرِ پیٹھٕ بالہٕ لٲز تام کاڈ دِتھ تہٕ واریاہن طبقَن مَنٛز اوس بٲگرٲوِتھ۔

چنانچہ رٕنی وارِکس تہٕ نشاط کِس باغَس درمیان رٲبطہٕ قٲیم تھاونہٕ باپتھ دِتی تٔمی ستھٕ کِس زٕکنہٕ کدٕل اَکھ رٕنی وارِنِش تہٕ دوٚیُم نشاطَس نکھہٕ۔

رٕنی وارِنِش یُس کدٕل تٔمی بنٛڈٕس تور نَتھ چھُ ٹُھٹھِس مَنٛز کھیسٲوِتھ یتھ پیٹھ یہِ کتبہٕ لیکھِتھ :

ہست تاریخ ایں خجستہ اساس
بانی پل مہیش شنکر داس

مادہ تاریخ شُد مصرعہ پیراستہ
باد پُل چودری قایم و آراستہ

شعرٕ مَنٛز چھُ کدلک مادہ تاریخ ــ ۱۰۸۶ھ نیران یُس انگریزی ۱۶۷۵ - ۱۶۷۶ء بنان چھُ۔

چودھری مہیش شنکر باغ چھُنہٕ وونی مۄجوٗد مگر سۄتھ تہٕ کدٕل چھِ از تہٕ تٔسنٛز یادتازٕ کران (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Bamzai P.A.K. Archaeological Remains in Kashmir

پتھرس آس سبز مخمل ہیوٗہ دٕرٕمُن لاگنہٕ۔ راز جٔنکہٕ (دوٗیم صدی عیسوی) ہِندِ وقتہٕ کٔڈنہٕ آمتہٕ زٔکرِ نالہٕ منٛز آیہٕ اَکھ جوٗے کٔڈنہٕ یوٗسہٕ نسیم باغہٕ منٛزِ نیران اَس۔ بڑوٗٹھہٕ کُن پکتھ اَس یہٕ کوٗل آثارِ شریف حضرت بل کہٕ مغربی صحنہٕ تہٕ پرانہٕ عمارژ منٛزِ پکتھ زیارتس روٗ یہٕ طرفہٕ اَکہٕ لوٗکچہٕ پال ژادرِ ہنٛزِ شکلہٕ نٔنی نیران تہٕ چھیکرس ڈلس ستی رلان۔ باغس اَندی اَندی آوٗ قلاے کھارنہٕ تہٕ منٛزس آے ہموار تہٕ پال ژادرِ تعمیر کرنہٕ۔

پٹھان دورِ حکومتس منٛز سپد باغ پٹھان گورنر امیر خان جوان شیر (۱۷۹۵ء) ہِندِ دٔسی واران۔ باغہٕ منٛز آیہٕ سنگِ سیاہ تہٕ باقے قیمتی کنہٕ ژہنہٕ تہٕ سوٗنہٕ لانٛگہٕ تہٕ شیر گٔڈِ لاگنہٕ۔

ڈوٗگرن ہِندِس دورِ حکومتس منٛز پیٚلہٕ دیوان ہری چند تہٕ وزیر پُنوٗن (۱۹۲۲ - ۱۸۵۷ء) ہِندِ دٔسی لداخکی بخشی اچھنبوٹ تہٕ کرن شاہ لڈایہٕ منٛز ہارِناوِتھ قاد کرنہٕ آے تہٕ دوٗ شوٗے آے اَتھ باغس منٛز ڈوٗگرہٕ مہاراج گلاب سِنگھس (۱۸۵۷-۱۸۴۶) بڑوٗٹھہٕ کُن پیش کرنہٕ۔

ملک تقسیم سپدنہٕ بڑوٗٹھہٕ تام اُسی سالہٕ پتہٕ باقے باغن پھیرنہٕ تھوٗرنہٕ علاوٕ نسیم باغ تہٕ واتان تہٕ اَتہٕ بوٗنہٕ شینہجار چھاوان تہٕ قدرتہٕ کین نظارن موج تُلان۔ رتہٕ کالہٕ اَسی کٔشیرِ منٛز روزن والیو عیسائے پادریو علاوٕ مغربی ملکو پیٹھٕ آمتی سیاح اَتہٕ چھولدارِن منٛز روزان۔ سرینگرکی کینہہ سکوٗل اَسی اَتہٕ ہفتہٕ وادٕن سکاوٹ کیمپ منعقد کران۔

آزادی پتہٕ بنیوٗ یہٕ باغ سرینگرکہٕ ریجنل انجنیرنگ کالجُک گوڈنیُک کیمپس تہٕ اَزکالہٕ چھ ۸۰۰ گز راد تہٕ ۴۰۰ گز ہوٗنٛزِ یہٕ بوٗنہٕ باغ کشمیر یونیورسٹی ہِندِس حاطس منٛز شامل تہٕ اَتہٕ چھ یونیورسٹی ہِندی کٔنتی شعبہٕ چلان۔ یوٗدوٕے باغہٕ چہٕ کٔڑ بوٗنہٕ وِز وِزِ ژٹنہٕ آیہٕ مگر تہٕ سپدِتھ تہٕ چھٕے وُنہٕ واریاہ چھجدار تہٕ وانٛسہٕ بوٗنہٕ دٕری گٔنڈِتھ باغس منٛز اِستادٕ باغہٕ کہٕ پرانہٕ مٲری منٛز رُک نیب دِوان۔ باغہٕ منٛزِ وُسن واجنہٕ پرانہٕ آبہٕ جوٗیہٕ ہُند چھُنہٕ وونی نشانہٕ تہٕ نظرِ گژھان۔
(م۔ن۔ن)

کتاب نامہٕ:

*Amin Kamil: Ed. Kashir (Son Adab 1977).
*Hasan: Tarikh I
*Kak R.C: Ancient Monuments of Kashmir
*Mirza Saif-ud-Din: Khulasa-tul-Tawarikh.
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh

# نزرماگمپہ

نزرماگمپہ چھُ تھکٕرے بٔرٕ وٕشہٕ پہَن کھَھو اپور. امہٕ گمپُک تعمیر کار چھُ رینچین بزنگ پو (دٔہِم صدی) [ لیئٹنا ولداخس منٛز سپٹھاہ عزتہٕ سان ہینہٕ چھُ یوان. یتھٕ کٔنی چھُ یہ گمپہ لداخہٕ کین سپٹھا پرانین تعمیرن منٛز شُمار سپدان.

الچی گمپکہ بانی کار کھالدن شش ربن آس نزرماگمپس منٛزے تعلیم حاصل کرمٕژ. حوالہٕ تلہٕ چھُ صاف ظاہر زِ الچی چھیٚ نرماگپک تعمیر. الچی، ٹابو، تھولنگ تہٕ ژھپرانگ گمپن ہٕشی پاٹھۍ چھُ نرماگمپہ تہٕ ستُریرس، گمپس پتھ کُن چھُ ڈکرِ پیٹھ اکہٕ پرانہِ کوٹھکۍ آثار موجود.

وُنِکین چھِ پرانین آثارن ہٕشی پھیٚٹہ پھرٕاٹہٕ اور یور ژھکرِتھ مگر تمن چیزن ہٕنز چھیٚ وٕژھے یموسیتی اسہٕ تفصیلات سرٕ گھُر کرنُک موقع پدس پییہ ہیے. وُنِستام چھُنہٕ پتہٕ موٗلوم مُثید زِ نرماگمپہ کِتھٕ پاٹھۍ گو وُجار.

(ام. ل. س)

## کتاب نامہ :

*Franche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh

# نسیم باغ

نسیم باغ چھُ سرینگرٕ حضرت بل کِس شُمالس منٛز ڈلہٕ کِس شُمال مغربی دٔہس پیٹھ جنبک علاقس نکھہٕ. روبرو چھُس ڈلہٕ اپارِ شُمال مشرقی بٔٹھس پیٹھ شالہٕ مار باغ تہٕ تتھ باغس پُشتہٕ کنہٕ وۄدٕنی قداوار زٔبرون بالہٕ ٹھنگہٕ تہٕ بٔرٕ وٕشہٕ کنہٕ کھوورِ طرفہٕ چھُس ڈلہٕ کِس شُمالی اندس سیتی زلہٕ وُن تیل بل نالہٕ. باغ بناونو مغل پادشاہ شاہ جہانن تہٕ مادٕ تاریخ چھُس یتھٕ کٔنی:

درجہاں چوں بہ حکم شاہجہاں
روضۂ تازہ از نسیم آمد
کرد گلگشت آں چو شاہجہاں
بلبل از شاخِ گل کلیم آمد
گفت تاریخ روضہ شاہی
از بہشت عدن نسیم آمد!

۱۰۴۵ھ

تہٕ زٕن گو: ۱۶۳۵ء

دپان آفتاب اوس حمل برجس منٛز اژان تہٕ باغس منٛز آیہٕ باہ ستھ بوٗنہٕ قلم رُونہٕ تہٕ سنگہٕ بدلہٕ اوسکھ دوہ دِتراونہٕ یوان ییٚمہٕ کِنی اکھ قلم تہٕ ضایہ گونہٕ -

وَقتہٕ گرٕی بٲغیو حاطہٕ بنٛدی ہِنٛدی درواز بنٛد تہٕ
ہیوٚمتکھ اُتھی اَنٛدر پناہ۔

وِجیش ایشور مَنٛدر چھُ وَیتھ ہنٛدِ کھوورِ
بٔٹھِ اُزی کہِ ہریشچنٛدر مَنٛدر بوٚن پہَن اوسمُت۔
مَنٛدرس بوٚن پٔہن چھُ ویتھِ گٔدل تٲرِتھ اوسمُت۔
مَنٛدر چھُ واریاہ ژیر تام ڈٔنجہ اوسمُت۔ رازٕ اننت
دیوٚس پتہٕ اوس رازٕ کلشن (۱۱۶۳ء - ۱۱۸۹ء) اَتھ
مَنٛدرس سونہٕ سُنٛد چھتر کوٚرمُت۔

ڈٲگرہٕ دورس منٛز بنیو ہریش چنٛدر منٛدر
تہٕ اَمیُک تعمیر سُپُد ۱۸۷۱ء منٛز مہاراجہ رنبیر سنگھ
سٕنٛدِس دورس منٛز مکمل۔ نوٚو مَنٛدر تعمیر کرنس
منٛز چھے پرانین تعمیرن ہنٛز کَنہ استعمال کرنہٕ آمٕژ۔
یمیُک انداز مَنٛدر وُچھتھ سپدان چھُ۔ چنانچہ
پرانین مَنٛدرن ہنٛدی مُرژگری ہنٛدی واریاہ نموٗنہٕ
چھِ وُنہٕ تہٕ ہریش چنٛدر مَنٛدرکس حاطس منٛز موجوٗد۔
وِجیش تیرتھس پیٹھ مرُن چھُ سیٹھا رُت
اوسمُت یوان مانہٕ۔ چنانچہ رازٕ اننت دیو تہٕ گوَ
زندگی ہنٛدین آخری دوٚہن ویجہِ بژور تہٕ اتی گوَ
پننہِ وَتہٕ۔ (م.ل.س)

کتاب نامہ:

※Stein: Kalhana's Rajatarangini

# ورمل

ورمل چھُ سرینگرٕ کِہ شمال مغربہٕ طرفہٕ ۳۱
میل دوٗر کٔشیرِ ہنٛد اَکھ مشہوٗر قصبہٕ۔ یہ اوس گوڈٕ ویتھِ
ہنٛدِس ڈٔچھنِس بٔٹھس پیٹھ تَمہِ تنگ کوٚہی دَرٕ کِس
دٔہانَس پیٹھ واقع یَمہِ منٛزی ویتھِ ہُنٛد آب کٔشیرِ ہنٛز
وادی یتھ کُن ترٛاوِتھ نیران چھُ۔ مگر وُنی کینس چھُ ورملی
قصبہٕ ویتھِ ہنٛدِس کھوورِس بٔٹھس کُن پھٔلیومُت۔
عرضِ بلد چھُس ۱۲، ۳۴°، طول بلد ۲۳، ۴۷° تہٕ سمنٛدر
سوٚتھرِ پیٹھٕ تھزر ۵۲۰۰ فُٹہٕ۔

ورمل چھُ بارہ موٗلہ ناوٕ تہٕ مشہوٗر تہٕ یتھ کالہٕ
آسی اَتھ وراہہ موٗلہ وَنان۔ یہ ناو تہٕ چھُ بجایہٕ خود قدیم
دِشتو، آدِ وراہہ ناوٕچ صوٗرتھ یُسٕنٛد اَتہٕ ویتھِ ڈٔچھنہِ
طرفہٕ وراہہ ناوُک تیرتھ اوس تہٕ یمیس اَتہٕ سیٹھا پرانہٕ
وَقتہٕ پیٹھٕ پوزا سپدان آس۔ اَمی ہنٛدی کنی اوس اَتھ
قصبس تہٕ اَمہِ اَنٛدی پکھہ علاقس بیاکھ ناو وراہکھیشتر
پیومُت۔ اَتھ متلق چھے نیل مت پرانس تہٕ مہاتمن
منٛز واریاہ دلیلہٕ درج یِمو موجوٗب اَتھ مقدس جایہ
تہٕ اَتھ ہمسایہ علاقس منٛز موجوٗد تیرتھن وِشنو ہنٛدِس
وراہ روٗپس ستی نسبت دِنہٕ یوان چھے۔ اَمہِ مَنٛدرٕ
ہنا بوٚن کُن چھے دری یاوٕ بٔٹھس پیٹھ اَکھ قدیم دزنگ

## نیموگوپھ

نیموگوپھ چھِ سرینگرِ لیہہ سڑکہِ
کھوورِ پاسہِ نیمو گامہٕ کس مشرقس منٛز اَتہٕ پیٹھ چھُ نیموگام
۱۳ کلومیٹر۔

اَتھ چھِ پدمہ سمبھو گوپھ تہٕ وَنان۔ یہٕ گوپھ
چھِ انسانی قدس برابر اَکس بٹس کنہٕ پلس منٛز
یِتھ مغربہٕ پاسہٕ صرف اَکھ انسان بیہتھ ہیکہ۔ مقامی
روائژ موجوب ییلہ اٹھمہ صدی منٛز بُدھ دھرمک
عظیم گیانی پدمہ سمبھو ہندوستان پیٹھ تبتہٕ کُن سنسان
وَتو لداخ ووت اُمس پیو جایہ جایہ بد روحن ستی
مقابلہٕ کرُن تہٕ یمن نش بچنہٕ باپتھ بناونہٕ آیہ گیانہٕ
باپتھ کینٛہہ گوپھہٕ۔

دپان ییلہ پدمہ سمبھو اَزی چھِ نیموگوپھ نش
ووت اُمس پیو اَکس بد روحس ستی سخ مقابلہٕ
کرُن تہٕ اَمہ بلایہ نش بچنہٕ باپتھ کوٚر پدمہ سمبھون
پنُن پان اَتھ جایہ موجود اَکس بٹس کنہٕ پلس حوالہٕ۔
تبتی عالم چھِ پدما سمبھوس گوروان پوچی تہٕ وَنان یمیُک
مطلب، پایہ بوڑ لامہ گو۔ اَتھ گوپھ متلق چھُ یتہٕ
مشہور زِ ییلہ لداخین نش سکھو اَتھ جایہ گوروان پوچی
بوز، یمن گیہ رائے زِ اَتھ جایہ ما آسہِ ہے گرو نانک جی
ووتمُت یتیمہ کنہِ اَتھ جایہ سرینگر پیٹھ لداخ گژھن والی
سکھ ڈرائیور سیٹھاہ ہے تعظیمہ سان رُکان تہٕ اَتھ جایہ
عبادت کران چھِ۔

اَتھ گوپھ پیٹھہ کنہِ چھُ سکھو اَکھ لوکٹ ہوکُٹ
گُردوارہ تہٕ بنوومُت یتہٕ نس سکھ گرو نانک جی
سُند ناو احترامہ سان ہیوان چھِ۔ (م۔ع)

### کتاب نامہ:

*Frenche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh-II

## وجے ایشور

وجے ایشور چھُ کشیرِ ہند سیٹھا پرون تیرتھ
اوسمُت تہٕ اَمہ ناوُک منٛدر تہٕ اوس یتھ حاطس
منٛز یتھ اندر اشوک ایشور منٛدر اوس۔ کشیرِ اندر
چھِ شیوس وجیش تہٕ ایشان ناوہ تہٕ پوزا اَسمژ یدان
استھانس پیٹھ کوٚر گوڈنیک منٛدر آریہ راج اشوکن
مسیحس بڑونہہ ترٕ ییمہ صدی منٛز تعمیر تہٕ یتہ وارِیاہ
کاٹی بسوو راز وجے ین استھانس اَندی اَندی قصبہٕ
یتھ وجبہ بڑور ناو پیو۔

منٛدرس اَندی اَندی حاطہ بندی چھِ کافی
مضبوط آسمژ چنانچہ راز شُسل (۱۱۱۲ء – ۱۱۲۰ء) ہند

سیاحن سہولیت سپنہٕ تہٕ کٲشرِ ہُنٛد تجارت ہُرٕ ووٚ۔

آزٲدی برٚونٛہہ اُس کٲشرِ باقٕے مُلکن سیتی رلاوَن واجینہٕ سارٕے وے کھو تہٕ اَہم ہیٕاٚے وَتھ تہٕ وٚنٛڈکالس منٛزٕ اُس نہٕ منٛزٕ دسمبر پیٹھٕ منٛزٕ مٔی تام اَمہِ سڑکہِ وَرٲے کانٛہہ وَتھ کٲشرِ واتنہٕ باپتھ یِلہٕ روزان۔

آزٲدی برٚونٛہہ اوس ؤرمُل کٲشرِ ہٕنٛدین تجارتی مرکزن منٛزٕ اَکھ سٹھاہ اَہم مرکز گَنٛزرنہٕ یِوان۔ مگر قبٲلی حملہٕ پتہٕ یِلہِ دورِ بوٚن سڑک بنٛد سپٕز اَمہِ چھِ اَتھ اَہمیٚتھ منٛزٕ آیہِ واریاہ فرق۔ تاہم چھیٚے ووٚنی اَتہِ چہٕ تجارتی سرگرمیہ نوٕ سرٕ ہُران، یٚیمہِ کِنۍ قصبہٕ وٚیتھہِ ہنٛدین دوشوٕنی بٹھن پیٹھ زُژہِ زُژہِ پھٲلان چھُ۔ چنانچہِ اَزکل چھُ وٚیتھہِ ہنٛدِس کھوورِس بٹھس پیٹھ موجوٗد اَکھ نٔو روٗن بازر تہٕ نٔو رونق لبتھ دوٚہہٕ پتہٕ دوٚہہٕ ہُرٕ وٕنی سرگرمین ہُنٛد مرکز بنان تہٕ کاڈٕ کڈان۔ اَمہِ اَنٛدٕ تہٕ چھیٚے نوٕ نوٕ بستیہٕ آباد سپدان۔ برٚونٛہہ اوس ؤرمُل، شوپیٚن، اِسلام آباد، تہٕ بانٛڈی پورٕ کہٕ پأٹھۍ کٲشرِ ہُنٛد تجارتی مرکز۔ ؤرمُلہ وَتی اوس کٲشرِ نوٗن، مدریر، چاے، تموک، ہستھر، ترام، شیٚستر، سرتل، میٚٹرِ تیل، پیٹرول بیترِ ضروٗری مال واتان تہٕ یورٕ پیٹھ میوٕ، دوا جرِ، بستہٕ، گبو، تلہٕ پھل، یٚیر، یٚیرِس ووٗنی ہتی چیٖزٕ بیترِ ہندوستان تہٕ افغانستان سوزنہٕ یِوان۔ اَتہِ اُس اَکھ سٹھاہ اَہم چُنگی۔

کٲشرِ پیٹھٕ یِوسہٕ تہٕ عمارتی لکڑ کٲشرِ نیبر سوزنہٕ یِوان اُس سو اُس وٚیتھہِ ہنٛدِ ذٔریعہٕ یِسلہِ پأٹھۍ ؤرمُلہ کُنی سوزنہٕ یِوان۔ ؤرمُلہِ اوس گنٛدھک ڈبہٕ بناونک گوڈنیک تہٕ واحِد ریاستی کارخانہٕ۔ ؤرمُل چھُ چوٗنٕہ کانٛہ باپتھ کٲشرِ منٛزٕ مشہوٗر۔ اَزکل چھُ ؤرمُل پننہِ میوٕ صنعژ کِنۍ کٲفی اَہم بنیومُت۔ (م۔ ن۔ ن)

کِتاب نامہٕ:


*Kaul S.K. Jonaraja's Rajatarangini
*Lawrence: Valley of Kashmir
*Lawrence: Gazetteer of Kashmir
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir


ووٚنتہٕ بھون

وُچھو" امرِ بتھ بھون" (جلد ۱)

## وٚیجہِ برور

وٚیجہِ برور چھُ سرینگر جموٗم جرنیلی سڑکہِ پیٹھ ووٚنتی پورَس تہٕ اِسلام آبادَس درمیان وٚیتھہِ ہنٛدین دوشوٕنی بٹھن پیٹھ آباد کٲشرِ ہُنٛد اَکھ اَہم قصبہٕ یُس اَکِہ وَقتہٕ مرازک مرکز اوسمُت چھُ۔ یہِ چھُ اسلام آبادٕ پیٹھٕ ۴ میل، ووٚنتی پورٕ پیٹھٕ ۹ میل تہٕ سرینگرٕ پیٹھٕ ۲۶ میل دوٗر۔ طول بلد چھُس ۷۵ْ ۹َ۔ عرض بلد ۳۳ْ ۴۸َ۔

رِوایتھ چھیٚے زِ اَتہِ اوس وجیش، وِجیشور،

أسمِژ۔ اَتہٕ چھُ کوٚہَس پیٹھ اَکھ مَنٛدر اوسمُت یَتھ
مَنٛزٕ واریاہ لوٗ یہِ مُؤثر چھےٚ آسمِژ۔ یِم پَتہٕ اَکِس نارِس
مَنٛزٕ بُرباد چھےٚ سپنٛزمٕژ۔

تٲریخی حوالہٕ وُچھتھ چھُنہٕ اَتھ کَتھہِ کانٛہہ
شَک زِ وُرمُل چھُ اَکھ سیٹھاہ قدیم قصبہٕ۔ وٕیتھہِ ہٕنٛدِس
ڈٕچھنِس بٔٹھِس پیٹھ آسنہٕ کِنی اُس اَتھ اَکھ خصوٗصیتھ
یہِ زِ اَتہٕ پیٹھہٕ یوٚسہٕ قدیم وَتھ بوٚن مغربِ کُن نیران چھےٚ
تَمہِ کِنی چھُ یہِ عَلاقہٕ وادی بٮ۪ن بٮ۪ن علاقَن سٟتی رَلان۔ مگر
بیٚیہِ طرفہٕ چھَس یہِ کوتاہی روٗزمٕژ زِ کھوورِ کِنی چھُس
وٕیتھہِ ڈٕچھنی کِنی پہاڑ تہٕ مَنٛز باگ علاقہٕ چھُ کھَجہِ کِنی
تَنٛگ یَیمہِ کِنی نہٕ پَتھ کالہِ یہِ پٔرون قصبہٕ پھٔہلتھ چھُ
ہیٚوکمُت۔ توٚے کِنی چھُ وٕیتھہِ ہٕنٛدِس کھوورِس بٔٹھِس
پیٹھ موجوٗد وُرملی قصبہٕ کہِ جنوٗب مشرق طرفہٕ لگ بَگ
زٕ میل دوٗر یَتھ کالُک ہُشک پوٗر قصبہٕ اَتھ مُقابلہٕ
واریاہ بوٚڈ قصبہٕ اوسمُت۔ کَشن راز ہُشک (دوٚیم صدی
عیسوی) سُند پَتھ کالُک بسوومُت ہُشک پوٗر گو
أزیک "وُشکر" یُس پَتھ کالہِ وُرملہِ کھوتہٕ واریاہ بوٚڈ
اوسمُت چھُ۔ زمانہٕ گُذرنَس سٟتی سٟتی ژھیوٗو ہُشک پوٗر
أزی کِس لوٗکٕٹس گامَس "وُشکرس"، مَنٛز یٮ۪لہِ زَن
وُرملی جہار لبتھ اَکہِ تجارتی مرکزٕ آسنٕچ خاص اہمیتھ
پرٛاو، کٔشیرِ ہٕنٛدی راز کھیم گُپتَن (۹۶۰ - ۹۵۱ء) أسی ہُشک پوٗرس
نَکھہٕ زٕ مٔٹھ بناوِ متی یِمَن سری کَنٹھ مٔٹھ تہٕ کھیمہٕ مٔٹھ وَنان
أسی۔

وٕیتھہِ ہٕنٛدِس ڈٕچھنِس بٔٹھِس پیٹھ چھےٚ جامع مسجِد
یوٚسہٕ زین العابدیٖنَن (۱۴۷۰ - ۱۴۲۰ء) تعمیر کَرنٲوِمٕژ چھےٚ۔
وٕیتھہِ ہٕنٛدِس کھوورِس بٔٹھِس پیٹھ چھُ جانباز صابُن
مشہوٗر آستان آستانٕچ خصوٗصیتھ چھےٚ یہِ زِ کانٛہہ
قَسَم دٕرےٚ کَرنہٕ وِزِ یا اَمہِ قِسمُک بیٚیہِ کُنہِ کَتھہِ وِزِ
چھُ عقیدت مَنٛد آستانہٕ چہِ اَکِس سیٹھاہ بجہِ دیگہِ مَنٛز
بَتہٕ رَنان یُس تیار سپدِتھ غریب غُربا تَن مَنٛز بٲگرنہٕ
یِوان چھُ۔ دُرٲنی گورنر عطا محمد خانَن (۱۸۱۳ - ۱۸۰۶ء)
اوس اَتہٕ اَکھ لوٚکُٹ قلعہٕ تعمیر کوٚرمُت۔ سِکھ دورَس
مَنٛز تہٕ اوس سِکھو اَکھ قلعہٕ تعمیر کوٚرمُت، مگر یِمَن دوشوٕنی
قلعَن ہٕنٛدی آثار چھِنہٕ وونی نظرِ گژھان۔

گورنر عطا محمد خانَن حُکمہٕ یُس کُٹھل تعمیر کَرنہٕ
آمُت اوس سُہ اوس زیٚچھرِ کِنی ۱۴۶ گز تہٕ کھجرِ کِنی ۵ گز، ٹھٔٹھ
أسس ۶ تہٕ تھزر ۲۴ فُٹ۔ موجوٗدٕ وقتس مَنٛز آو وٕیتھہِ
اَپارِ یپور قصبہٕ کِس مشرقی ڈٔنٛدِس پیٹھ بیاکھ کُٹھل
بناونہٕ یُس مُقابلتَن لوٚکُٹ چھُ۔

کوہالا پیٹھہٕ وُرمُل تام آیہِ اَکھ پوٚختہٕ سَڑک
آزادی برٛونٛہہ بناونہٕ یوٚسہٕ گوڈنیتھے ۱۸۸۹ء مَنٛز آوَن
جاوَن باپتھ یلہٕ ترٛاونہٕ آیہِ۔ اَتھ تہٕ یَیمہِ کِنی کٔشیرِ ینہٕ واتہٕ لٮ۪ن

یتھ تٔرنے ٹھٹھٕ آسی۔ زیچھر اوٗسس یوٗ ہے ..اگز ہیوٗہ تہٕ کھجر ۷ افٹہٕ تام تہٕ تعمیرِ اعتبارٕ اوس یہٕ کٔدل سرینگرکین کٔدلن ستی رلان۔

کُنُوہمہِ صدی مَنٛز اوس ویٚنجہٕ بڑور اکھ بوٚڑ قصبہٕ۔ اَتہِ آسہٕ ..۴۰ لرِ یمو مَنٛزٕ اکثر خام سیرٕ ہن تہٕ لکرِ ہنٛزٕ بنے ہٕز آسہٕ تہٕ پشن اٚسکھ ژھپے دِتھ۔ یِہنٛزٕ بے ترتیبی چھےٚ اکھ دِلکش اِنتشار باسان۔ آبأدی چھےٚ زیچھر ویٚتھ بٹھٕ بٹھی کأنی علاقس پھہلتھ اٚسمٕژ۔ یوٚز کھجر کنی اوٚس قصبہٕ ژھوٚٹ۔ وَتہٕ آسہٕ تنگ، ہیجہٕ کُجہٕ، ناسہٕ تٔراس تہٕ سیٚٹھہٕ ہے ناصاف۔ اَما عمارژن ہُنٛد گٕنجار، تجارٔژ رونق تہٕ بازرن ہنٛز ترتیب نظرٕ تل اَنتھ اوس ویٚنجہٕ بڑور اکھ آباد قصبہٕ۔ ڈیچھن پوٚرنیک کھوورٕ پوٚرنیک تہٕ دیوٕسرک تجارتی ہیوٚن دیُن اوس یسلہٕ یأٹھی ویٚنجہٕ بڑاری سپدان۔

اَتہی اکثر روزن وألی اٚسی شالباف تہٕ کم قلیلا دانٛدر، غلہٕ دار تہٕ زمیندار۔ ویٚنجہٕ بڑور اوس لکرِ ہنٛزٕ ونُزٕ جافرٕ بوٚ تہٕ اعلا قسمہٕ چہٕ ژادرٕ وونہٕ باپتھ کلھم کٔشیرِ مَنٛزٕ مشہور۔ قصبس مَنٛز آسہٕ بسیار وارِ یمہٕ کٔژیری وانہٕ سگونٕہ یوان آسہٕ تہٕ کٔژیرہن اوس وُہ فٹہٕ سنٛزٕ پیٹھہٕ آب یوان۔

۱۶۵۰ءیس مَنٛز اوس مغل شہزادٕ داراشکوہن ویٚنجہٕ بڑارِ ویٚتھ بٹھہِ اکھ شاندار باغ بنووُمت یمکی وونِ سیٚٹھہے کم آثار موجود چھ۔ وونی چھ اَمہِ کھوورِ بٹھٕ نیک چھرا اکھ مأدان۔ شأہی باغہٕ کیو نشانو مَنٛزٕ چھےٚ وونی تمہٕ کینٛہہ لأنہٕ مَنٛز استادٕ شاندار بوٚنہٕ، یمہٕ سیٹھا وأنسٕٹھ چھےٚ۔ تمو علاوٕ چھ آبہٕ جوین تہٕ دون پوٚختہٕ حوضن ہنٛدی نشانہٕ موجود تہٕ ویٚتھ نکہٕ چھ اکِہ بالا درِہنٛدی کھنڈراتھ نظرِ گژھان۔ یگر ویٚتھہِ ہنٛدِ دُچھنہِ بٹھہِ داراشکوہ باغ چھُ اَز تہٕ سرسبز تہٕ شاداب۔ باغس چھُ لِدرٕ دُری یادکِس بٹھس پیٹھ واقع "بنگل" گامہٕ پیٹھٕ آب واتان اوسمت۔

ویٚنجہٕ بڑارِکین توأریخی تعمیرن مَنٛز چھےٚ اَتِچ جامع مسجد تہٕ شأمِل یمہٕ کِس اٚکس اَندس کُن پیٚوٚر لأگتھ اکھ قبر چھےٚ یوسہٕ اکِہ ردائٹر موجوب لل دیدِ کُن منسوب سپدان چھےٚ۔

قصبس مَنٛز چھےٚ اٚٹھ زیارژ یمو مَنٛزٕ زیارت بابا نصیب الدین غازیؒ مشہور چھےٚ۔ یہ زیارت چھےٚ ویٚتھِ کھوورِ پاسہٕ قصبہِ کِس جنوٗبی اَندس پیٹھ جامع مسجدِ نکہٕ۔

(م۔ن۔ن)

کتاب نامہٕ:

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Hasan: Tarikh I
*Stein: Kalhana’s Rajatarangini
*Stein Ancient Geography of Kashmir
*Sufi: Kashir II

وِنیجہٕ بڑور

وِجیشوٗر، وِجے ایشور یا وِجے بھٹارک ناوٕ اکھ شِو
مَنٛدرُیس سیٹھا قدیم کالہٕ پیٹھٕ کٔشیرِ ہنٛدیو سارِوے
کھوتہٕ مشہوٗر تیرتھو منٛزٕ اکھ تیرتھ مانہٕ یِوان اوس۔
امہِ مَنٛدرٕچہ قدامتٕ ہنٛز ثریُہ وَن چھِنہٕ کلہن نہٕ ییٚمہٕ
بَیانہٕ تلہٕ لگان زِ راجٕ اشوکَن (۲۲۸ - ۲۶۱ ق م) اوس
اَتھ اَنٛدی اَنٛدی چوٗنہٕ مَسالہٕ سٟتی پلستر کٔرنہٕ آمُت پرانہٕ
حاطہٕ بنٛدی یہِ بدلہٕ اکھ نٔو کَنہٕ حاطہٕ بنٛدی تعمیر کٔرمژ تہٕ
اَکھتُے اُسن تَتھ حاطس اَنٛدر اشوک ایشور ناوٕ
زٕ مَنٛدر بناوِمٕتی۔ وِجیشوٗر مَنٛدرس اَنٛدی پکھی
بسأو اکھ راجٕ وِجے یَن (۱۰۶ - ۱۱۴ ق م) اکھ سیٹھاہ
مارٕ منٛز بستی یوسہٕ مَنٛدرٕ نِسبتہٕ مشہوٗر سپٕز تہٕ تھی
بسی تیہ بنیو اَزُیک وِنیجہٕ بڑور۔

قدیم وِجیشوٗر مَنٛدر چھُنہٕ اَتہٕ ووٚنۍ موجوٗد،
اَلبتہٕ چھِ دپان زِ تمہِ چہ کنہٕ آیہٕ واریاہ کٲلی نوٚو مَنٛدر
بناونہٕ وِزِ وَرتاونہٕ یتھ گلاب سنٛگھن (۱۸۴۶ء -
۱۸۵۷ء) کُن دیُت تہٕ مہاراجہ رنبیر سنٛگھنہٕ زمانہٕ
ووت اَمیُک تعمیر ۱۸۷۱ء یَس منٛز اَنٛد۔

وِجیشوٗرس (اَزِکِس وِنیجہٕ بڑارِس)
چھِ بڑوٚنہہ کالہٕ پیٹھے اہمیتھ۔ مہرگُلن کٔری وِجے
کھیترس منٛز گاندھٲری برہمنَن اکھ ساس جاگیر
عطا۔ راجٕ انت دیو (۱۰۸۹ - ۱۰۶۳ء) ییلہٕ پننِس نیچوٚس
کلشس سنٛدِ دسی بتنگ یتھ پننی راجدٲنی ترأوِتھ
دراو تمی کورینن سوٗرُے دربار، محلہٕ خانہٕ، فوجہٕ قشونہٕ
ہیتھ اَتھی جایہِ قرار۔ ترٛہن کِشرن خانہٕ جنٛگی ین ہنٛد
ذِکر چھُ آمُت کرنہٕ یمن منٛز وِنیجہٕ بڑور حاصِل
کرنہٕ باپتھ فوجی تصادم سپدِمتی چھِ۔

ظاہر چھُ زِ یتی ملن ہنتہٕ بدِین وریِن
دوران آسن امی قصبن سیٹھا ہیوٚر بوٚن وُچھی متی۔
۱۰۸۱ء یَس ہنا بڑوٚنہہ یہن دیُت راجٕ کلشن وِجیشوٗر
مَنٛدرس نار یتھ بلہِ لسٕنٛد موٗل راجٕ انت دیو اَنہٕ
ڈیرِ دِتھ بہنتھ اوس۔ نارِ سٟتی گو مَنٛدر تہٕ تتھ اَنٛدی
پکھی سأرے بستی خاکستر۔ اَما پوز کینہہ کال پتے
سپٕز کلش سنٛدِ حکمہٕ تیرتھس اَنٛدی پکھی بستی نوٚسر آباد
بُہی مہِ صدی منٛز چھُ قصبس وٚیتھِ اپارِ یپور
کڈل اوسمُت۔ ۱۰۴۱ ہجری (مطابق ۱۶۳۱ء) کیٛت
اوس مغل شہزادٕ دارا شکوہَن یہِ کڈل وٚیتھِ پیٹھ
تعمیر کورمُت۔ زیچھر اُوسُس ۱۰۰ گز تہٕ کھجر ۶ گز۔
ٹھُٹھُ اُسس ترٛیے، یم ۶ فُٹٕ آبس منٛز کھارتھ اٲسی
سِکھ گورنر کرنل میان سنٛگھنس دورس منٛز
(۱۸۳۶ - ۱۸۳۴ء) کھوٚت وٚیتھِ تیشتھ یُپ زِ کڈلے
نیوٚن ڈٕہتھ۔ بیٹس چھُ لیکھان زِ لگ بگ ۱۸۷۲ء منٛز
تہٕ اوس قصبہٕ کِس درمیانس منٛز وٚیتھِ اپارِ یپور کڈل

چُھ اَمہِ کِس مَشرِقَس مَنٛز کیٖنٛشرِن کِنہٕ مَنٛدرَن ہٕنٛزِ مۄجوٗدگی ہُنٛد تَذکِرٕ کران۔ پۄز یِمَن مَنٛدرَن ہُنٛد چُھنہٕ ووٚنی کانٛہہ نیب نِشانہٕ مۄجوٗد۔ خۄد ویرناگَس متعلق چھُ سُہ لیٚکھان زِ" یہِ چھُ اَکھ حوض یُس جٕریب کھۄل چھُ تہٕ اَتھ چھ حارَان کُنہ گرٛز ہیتھ یُسی دارُلمُبکھ ووتھان۔ اَتھ چُھنہٕ ووٚنتُے تہٕ اَنٛدی اَنٛدی چھَس کَنیٚو تھَر۔ مۄقَس پیٹھ مۄجوٗد وِشنوٗ سٕنٛز مۄرتی چھیٚنے کاشرِ مُرٛزگری ہُنٛد اَکھ مارٕ مۄنٛد نموٗنہٕ تہٕ تہٕ اَتھ شعبَس مَنٛز ہُرہ کرٕ تہٕ۔

اکبرَس پَتہٕ بیٚیلہِ جہانگیرَن (۱۶۲۷ - ۱۶۰۶)

ویرناگ وُچھ تٔمی کۄرٕ یکدَم اَتھ شیٖرٕ یارٕ کرنُک فٲصلہٕ چنانٛچہِ تٔمی کَرنوو اَتھ اَنٛدی اَنٛدی گَرٕ مَشَرن کَنیٚن ہُنٛد اَکھ اَٹھ پاسَل حوض تعمیٖر یتھ ناگُک سورُے آب گۄڈٕ اَتھی مَنٛز سَمہِ۔ سٹاین سُنٛد خیال چھُ زِ حوضَس اَنٛدی اَنٛدی یُس تھَرکھارنہٕ آو تَتھ آسہٕ ہَن تِمہٕ نِے مَنٛدرَن ہٕنٛزِ کَنہِ لاگنہٕ آمٕژ یِمَن ہُنٛد تَذکِرٕ ابوالفضل کران چُھ۔

جہانگیر چھُ ویرناگُک تَفصیل بَیان کران لیٚکھان :-

"یہِ چھُ اَکھ اَٹھ پاسَل حوض یُس رادٕ ہونٛزٕ ۲۰ گز چھُ۔ اَتھ نکھٕ چھ گوشہِ گیرَن ہِنٛد بایَچھ تعمیٖر سٕپدی مَتہِ اَکہِ عبادت گاہکی آثار، پَل تہٕ شیلہٕ کۄرِتھ بناونہٕ آمٕژ کوٹھرِ تہٕ وارِیاہ گۄپھہ چھِ مۄجوٗد۔ اَمیُک آب چھُ شوٚد۔ یوٚدوَے مَنٛے ہیٚوک نہٕ اَمہِ کِہ سَنٛرُک اَنٛدازٕ لَگاوِتھ مگر اَتھ مَنٛز ہیٚے خشخاش دانہٕ ترٛاوان چھٕ سُہ چھُ توٚت تام بوزنہٕ یِوان یوٚت تام زٕکِس بہان چھُ۔ اَتھ مَنٛز چھیٚنے وارِیاہ گاڈٕ نَظرِ گژھان۔ چوٗنکہِ مَنٛے اوس بوٗزمُت زِ اَتھ چھُنہٕ ووٚنتُے۔ میانہِ حُکمہٕ آیہِ اَتھ مَنٛز کُنی گنٛڈِتھ رَز ترٛاونہٕ تہٕ ییٚلِہ یہِ رَز میٖننہٕ آیہِ اَدٕ نیٚیوو زِ سَنٛبرٕ اوُسُس نہٕ ڈوڈ آدمی قدٕ کھوتہٕ زیٛادٕ۔ تخٕتَس بیٚہنہٕ پَتہٕ دِیُت مَنٛے ناگکی بٹھی کَنیٚو سیٚتی تعمیٖر کَرنُک حُکُم تہٕ تِمَو بَنوو اَکھ باغ یٚیمہِ مَنٛزٕ ناگُک آب کولہٕ ہِنٛدِس صوٗرتَس مَنٛز وَسان چھُ۔ باغَس اَنٛدرٕ اَے ایوان تہٕ لَرٕ تعمیٖر کَرنہٕ تہٕ اَکھ ترٛژھ جاے گٔرِ کھ تیارٕ زِ دُنیاہَس سال کَرن وٲلی ہیٚکَن مشکلنے ترٛژھ ہشہ بلیہ کِنہ جایہِ ہُنٛد نیٖب دِتھ"

دَیان کشیٖرِ پیٹھٕ واپسی سفرَس دوران ییٚلہِ جہانگیرَس راجورِی نکھٕ چِنگَس گامَس مَنٛز وقتِ نَزع ووت،

# ویرناگ

ویرناگ چھُ ویتھِ ہُنٛد اصلی ناگہٕ اگُر
یُس اِسلام آباد ضلعٕکِس شاہ آباد پرگنٕکِس مَنٛز
ویرناگ ناوِ معروف گامَس منٛز چھُ۔ بانہاج باٚلِچ
اَکھ نبر کُن پلوٗ کٕڈِتھ چھل چھِنٛے اَتھ پُشتنٕ کنہٕ اِستادٕ
یوٚسہٕ اَنٛدٕ وَنٛدٕ سرسبز یارپوٗ، زَنڈو تہٕ جنٛگلی دوٚہ کھو
سیتی ڈٲلتھ چھِنٛے۔ بانہاج دَرِکہٕ تھٔنگہِ پیٹھٕ چھُ اوتام
مَغرِبَس کُن ۳ میل تہٕ اِسلام آبادٕ پیٹھٕ جنوب
مَشرِقَس کُن ۱۷ میل دوٗر۔ عرضِ بَلد چھُس ۳۳°، ۲۲
تہٕ طوٗل بَلد ۱۸°، ۷۵۔

ویرناگ پٔرون ناو چھُ نیل گُنڈ (یعنے
نیل ناگہٕ سُنٛد تلاو) شوٗل گھات (یعنے ترٕشوٗلہٕ ترٕنگ)
تہٕ اَسَس وَنان۔ اَمہٕ اَنٛدرٕ نیرونٕس دَریاوَس
پیٛو وِتَستا ناو (یعنے سُہ دَریاو یُس اَکہٕ تتھٕ وُلہٕ
مَنٛزٕ نوٚن دراو یُس اَکِس وِتَستی (مطلب اَکھ پاد)
برابر کُشادٕ اوس۔

موجوٗدٕ "ویرناگ" ناوُک مطلب گو
"ویر" پرگنٕک ناگ۔ ہرٕ وٚنہ کالہٕ اَسی شاہ آباد پرگنٕس
ویر وَنان۔ /

ابوالفضل تہٕ چھُ اَمیُک تذکرٕ ویر ناوے

کران، تہٕ اَمیُک موجوٗدٕ ناو "شاہ آباد" چھُ اَتھ تَمہٕ وَقتہٕ
پیوٚمُت یییلہٕ مُغل بادشاہ شہنشاہ جہانگیرنہٕ آشنہٕ
نوٗرجہاں بیگمہٕ اَتہٕ اَکھ شاہی روبہ خانہٕ بنوو۔ غالبَن
گو پتہٕ اَوے کِنی یہ ناگ تہٕ ویرناگ ناوے مشہوٗر۔

ویرناگس متعلق چھِنٛے اَکھ ڈلیل سیٹھا مشہوٗر۔
نیل مَت پُران چھُ وَنان زِ ییلہٕ کشیر دٕ جوٗدَس
اَنٛنہٕ آیہٕ کشیپَن کٔرشوٗس وہنتی زِ چوٚنکہٕ کشیرِ ہنٛد ک
بسکین چھِ پشاچَن سیتی میل جول تھاوان کِنی ژھیٹھی
توٚ کِنی گٔژھ تسنٛز آشیٚنی پاروٗتی تمَن شوٗژرا ونہٕ باپتھ
دَریاوُک رٔپ ہٮ۪تھ کشیرِ مَنٛز نَنی نیرٕنی۔ شوٚسُنٛد
اَمہٕ باپتھ رٔضامَنٛد تہٕ پاروٗتی پرٕوو شوٚسُنٛد دَنٛنہٕ پاتالس
مَنٛز اَکہٕ دَریاوُک رٔپ ہٮ۪تھ تہٕ شوٚس وَوٚنُن زِ سُہ کرِن
زمینَس کانٛہہ وُل (وُژھر) پادٕ ییمہٕ مَنٛزِ سوٚہ پاتالہٕ
کھٔسِتھ بُتراتھ پیٹھ نَنی نیر۔ چنانٛچہ شوٚن دِیُت
پُنٕ ترٕشوٗل تٔمِتھ سیوٚد دٲرِتھ یییتَھن اَز ویرناگ
وُزان چھُ۔ ترٕشوٗلہٕ ترٕکہٕ سیتی گو پُتھرِس اَکِس وِتَستی
(یعنے اَکھ پاد) برابر کھوٚل وُل تہٕ اَمی وُلہٕ کِنی دٕراہیہٕ
پاروٗتی وِتَستا آبہٕ ہُبرٲے بنِتھ نٔنی۔

باسان چھُ ویرناگ آسہٕ ہیے مغل بادشاہ
شہنشاہ اکبرنہٕ (۱۶۰۶ - ۱۵۸۶ء) ہٮ۪ندِس زمانَس مَنٛز
تہٕ ہیٚنٛدٕ بَن ہُنٛد اَکھ اَہم تیرتھ گٔنزرنہٕ یوان۔ ابوالفضل

ٹلۍ وسان تہٕ پتہٕ دوٚن جاین فوارن ہٕنز شکلہِ ہکہٕ
گٔرِتھ نیران پتہٕ چھےٚ تمہ۔ جوٚ یہِ ستی نوٚسر رلان یوسہٕ
باغہٕ منٛزٕ وسان چھےٚ تہٕ چھپ کرِس اکہِ۔ ۱۰ گز کشادٕ
کوٚلہِ ہٕنز صوٗرتھ پٲدِتھ ساندرن ناگس منٛز
واتان۔ رام چندر کاک چھُ ۱۹۳۳ عیسوی یس منٛز
لیکھان زِ دوٚیم جوٚے اُس باغس منٛز بناونہٕ آمہٕ تہٕ
تعمیرو ٹلۍ تلی نیرِتھ باغہٕ منٛزٕ وسان تہٕ پتھہٕ کنۍ اوس
آب تمن شاہی سٔرانہٕ گژھان واتان۔ یم باغس نیبرٕ
کنہِ بناونہٕ آمتی اسی تہٕ یہند ووٚنی مشکلے کانہہ نشانہٕ
لبنہٕ یوان چھہ۔

از کل چھےٚ ناگہٕ پیٹھہٕ نیرن واجنی ۱۲ فُٹہٕ
کھج آبہٕ جوٚے باغہٕ کہِ اکہِ اندہٕ پیٹھہٕ بیٚیس انٛدس
واتان۔ جوٚ یہِ درمیانس منٛز تہٕ شمالی انٛدس پیٹھ چھےٚ
زٕ جدید بالادرِ تعمیر کرنہٕ آمژٕ۔ قیاس چھُ زِ باغہٕ کہِ حاطہٕ
نیبرٕ نیرنہٕ یژوٚنہہ یتیمہِ منہدِم وسہٕ وِنہٕ جایہ پیٹھٕ
جوٚ یہِ ہُنٛد آب دگہِ وسان چھُ سوٚ جاے چھےٚ باس
دِوان زِ یتھ کالہِ آسہِ ہے باغہٕ کہِ موجوٗدٕ طبقہٕ نیبر بوٚن
یہٕن باغک بیاکھ طبقہٕ بیٚمیتیک نہٕ ووٚنی کانہہ نِشال
باقے چھُ۔ وُنی کین چھُ باغک ہیٚرِ مُے یوت طبقہٕ
دیوار بٔشد۔

جہانگیرنہِ حکمہ بناونہٕ آمتیو تعمیرو منٛز چھےٚ
ووٚنی صِرف ناگس اَندی اَندی پکنہٕ باپتھ ۶ فُٹہٕ کھج
تہٕ ۱۳۰ گز گیرٕ واجنی وتھ کم زیادٕ رٕژھرِتھ یتھ کنہِ
فرِش کرِتھ چھُ تہٕ یتیمہِ کس نیٚبرِمس ڈٔنٛدِس پیٹھ
۲۴ لوٚکٹی محرابہٕ دار طاق موجوٗد چھےٚ یم ۱۲ فُٹہٕ
کھٔلۍ تہٕ ۶ فُٹہٕ سنی چھےٚ تہٕ تھٔزر چھکھ تیوٚت زِ اکھ قداوار
اِنسان ہیکہِ یمن منٛز کاڈ گڈِتھ ووٚدنہٕ روٗزِتھ۔ یم محراب
اسی اصلی کنۍ بناونہٕ آمتی تہٕ دیوارن پیٹھ اوس
مٲری مٔنٛدی پاٹھی گرنہٕ آمہٕ تین تھٔچن کنہِ وِہن براکٹن
ہُنٛد اکھ سِلسِلہٕ تعمیر کرنہٕ آمُت یم ذِہنہن ٹلہٕ
ڈٔکھچ کام دِوان اسی۔ یمو براکٹو منٛز چھہ وُنہٕ تہٕ واریاہ
موجوٗد۔ اٹھہٕ گوشُل تعمیرس چھہ دوٚیو پاسو زٕ بڈی ایوان
تہٕ پٔرِتھ ایوانہٕ منٛز چھےٚ اکھ ہیر ہیٚرِمس پوٚرِس
کھسان یتیمہِ ہیٚرِ مہِ پوٚرک نہٕ ووٚنی کانہہ خاص نِشانہٕ
بَرقرار چھُ۔ اکثر محرابن یُس پوختہٕ سیر یوٚژروے
لبنہٕ یوان چھُ نہٕ اٹھہٕ گوشلس منٛز داخل سپدنہٕ کِس
ایوانس پیٹھہٕ کنہِ تعمیر سپدی منتہٕ دوٚیمہِ پوٚرکی یم پھٹہٕ
پھٔژاٹہٕ دیوار اَتہٕ نظرِ گژھان چھےٚ تمن ہُنٛد تعلق چھُ
تمہ مرمتس ستی یُس ڈوگرہٕ مہاراج رنبیر سنگھنِس دوٚرِس
منٛز وزیر پُنوں سٕنٛدِ ہدایتہٕ موجوٗب تمن کرنہٕ آو
زمانن یوٚدوے ویرناگس سہٕ پٔرٕدن اوٚ ہیر
گوٚ ہیر تہٕ مٲری منٛزٕ برقرار تھووُنہٕ اما پوٚز وُنہٕ تہٕ چھہ

تمی کوٚر تمنا زِ مرتھ گژھ تمی سنٛز میت ویرناگ واتناوِنی تہٕ تتی وُڈراوِنی۔

ویرناگہٕ کِس اَٹھہٕ پاسٕل تعمیرِ کِس جنوٗبی دیوارس لاگِتھ اَکھ کتبہٕ چھُ جہانگیرنہٕ حکمہٕ تعمیر بنا سپدُنک واقعہٕ تہٕ تارِیخ یتھہٕ کٕنی باوان :-

" پادشاہِ ہفت کِشور، عدالت گستر ابوالمظفر نورالدّین جہانگیر ابنِ اکبر شاہ غازی بتاریخ ۱۵ شنہٕ جلوس دریں سرچشمہٕ فیض آئین نزولِ اجلال فرمودند۔

تاریخ:-

از جہانگیر شاہ اکبر شاہ
ایں بنا سر کشید بر افلاک
بانی عقل یافت تاریخش
قصر آباد چشمہٕ ورناک !

آخری مصرعہ" قصر آباد چشمہٕ ورناک" تلہٕ چھُ تارِیخِ بنا ۱۰۲۹ ہجری مطابِق ۱۶۲۰ عیسوی نیران۔

امہٕ پتہٕ ستہٕ وہرِ بنا ونو جہانگیرنی نیٚچوی شاہ جہانَن (۱۶۲۷ - ۱۶۵۸ء) ژٕوڈرکِس حیدر ملکس حکم دِتھ ناگس بٕر ونٛٹھہٕ کٕنہٕ اَکھ نفیس باغ یتھہٕ منٛز بسِ تہٕ اَندو کنہٕ لوکچہ پال تٕرادرِ تہٕ پال جوٚ یہ سٕزَن لانٛن منٛز تعمیر کرناونہٕ آیہٕ۔

امہٕ تعمیرک کتبہٕ چھُ مغربہٕ طرفہٕ دیوارس



لاگِتھ حالانکہٕ یہٕ اوس اصلی اَٹھہٕ گوشُل تعمیرس منٛز اژنہٕ باپتھ مشخص اَیواہٕ کِس دیوارس لاگِتھ مگر موجوٗدٕ صدی ہِنٛدِس ابتداہس منٛز آو یہٕ رِیاستی پبلک ورکس محکمہٕ کِہ دٔسی پننہٕ جایہٕ پیٹھہٕ ژلِتھ موجوٗدٕ جایہٕ لاگنہٕ۔ کتبس چھ یِم شعر کھٔنِتھ :

حیدر بہ حکم شاہ جہاں پادشاہ دہر
شکرِ خدا کہ ساخت چنیں آبشار و جوی !

ایں جوی دادہ است زِ جوئی بہشت یاد
زیں آبشار یافتہ کشیر آبِ روی
تاریخ جوی گفت بگوشم سروش غیب
از چشمہٕ بہشت بروں آمدہ است جوی

"چشمہٕ بہشت" منٛز چھُ تارِیخِ بناء ۱۰۵۵ ہجری موٚین سپدان مطابِق ۱۶۴۵ء نیران۔

چارلس ایلیسن بیٹس چھُ کُنوہمہ صدی ہِنٛدِس اَڈھ مس ڈہی لس منٛز لیکھان زِ حوضک آب چھُ زمینہٕ تلی اَکِہ سنگین نہرِ منٛزی نیران یوسہٕ کاہ فُٹہٕ کھنٛج تہٕ تژ نے فُٹہٕ ژٔسی چھےٚ۔ امہٕ کین دٔندِن پیٹھ چھےٚ کینٛژن محرابن ہنٛز بنیاز تہٕ گرِ سہٕ موجوٗد یمن متعلق وننہٕ یِوان چھُ زِ یمن پیٹھ آسہٕ نوٗرجہاں بیگمہٕ ہِنٛدِ باپتھ کینٛہہ جایہٕ بناونہٕ آمژٕ۔ ناگُک آب چھُ حوضہٕ منٛز نیران تیرانے دوٚن جوٚین منٛز باگرنہٕ یِوان۔ اَکھ جوٚے چھےٚ گوڈٕ زمینہٕ



لوکچہ پاں ژادرٕ تہٕ پاں جوٗ یہ سینزٕن لاٗنِن مَنٛز تعمیر کَرنہٕ آیہ۔ اَمہِ تعمیرُک کتبہٕ چھُ باغَس مَغربہٕ طَرفہٕ دیوارَس لاٗگِتھ، حالانکہِ رام چندر کاکنہِ وَننہٕ موٗجوٗب اوس یہ کتبہٕ اَصلی ویرناگہٕ کِس تعمیرَس مَنٛز اَتہٕ باپَتھ مُشخص اَیوان چہ لَبہِ لاٗگِتھ۔ وُہی مہ صدی ہٕندِس اِبتداہس مَنٛز آو یہِ ریاستی پبلک وٗرکس ڈپارٹمینٹ کہ ڈسی پَننہِ جایہِ پیٚٹھہٕ تُلِتھ موٗجوٗدٕ جایہِ لاگنہٕ۔ کتبَس چھِیم شعر لیکھِتھ:۔

حیدر بحکم شاہِ جہاں پادشاہ دہر
شُکرِ خُدا کہ ساخت چنیں آبشار و جوی!
ایں جوی دادہ است زِ جوٗیِ بہشت یاد
زیں آبشار یافتہ کشمیر آب روی

تاریخ جوی گُفت بگوشم سروشِ غیب
اَز چشمۂ بہشت بروں آمدہ است جوی

"چشمۂ بہشت" مَنٛزٕ چھُ تاریخ بِنا ۱۰۵۵ ہجری معیّن سپدان۔ (تہٕ زَن گو: ۱۶۴۵ء)۔

ویرناگُک آب اوس اَکہِ سنگین نَہرِ مَنٛزی نیران نیرانے دوٗن جوٗین مَنٛز باگرنہٕ یِوان۔ اَکھ جوٗے اُس گوڈٕ زمینہِ تَلی وَسان تہٕ پَتہٕ دوٗن جایَن فَموارَن ہٕنٛزِ شکلِ بکہٕ کَرِتھ نیران تہٕ پَتو تَتھ جوٗیہِ سیتی نوٗسَرٕ رَلان یوٗسہٕ ویرناگ باغہٕ مَنٛزی وَسان چھِنے تہٕ چھیکرَس اَکِہ۔ اگر گُشادٕ کوٗلہِ ہٕنٛز صوٗرت پژاوِتھ ساٗنٛدر بینہ مَنٛز داتان۔ سنگین نَہرِ ہٕندِ بن دٕنٛدِ بن پیٚٹھ اَسی محرابن ہٕنٛدی کٕنٛ موٗجوٗدی مَن متعلِق وَننہٕ یِوان اوس زیمَن جایَن اُس نوٗرجہان قرار کَران۔

باغَس اَنٛدر اُس دوٗیم جوٗے یوٗسہٕ باغہٕ کِہو باقے تعمیرٕ و تَلی نیرِتھ باغہٕ مَنٛزی وَسان آس، پَتھ کُنی اوس آب تِمَن شاہی حمامَن واتان یِم باغَس نیٚبرٕ کَنہ بَناوِنہٕ آمتی آسی تہٕ یِہُنٛد وونی مُشکلِنی کانٛہہ نِشانہٕ لَبنہٕ یِوان چھُ۔

اَز کَل چھِنے ناگہٕ پیٚٹھہٕ نیرَن واجنی ۱۲ فُٹہٕ کھۄج آبہٕ جوٗے باغہٕ کِہ اَکہِ اَنٛدٕ پیٚٹھہٕ بٮ۪یِس اَنٛدَس واتان۔ جوٗ یہِ مَنٛزَس تہٕ شُمالی اَنٛدَس پیٚٹھ چھِنے نٕ جدید

کأشرِ لۄکھ تہٕ نیٚبرِم سیاح وزِ وزِ اور وٲتان تہٕ
اَتہٕ سرٛوٚر تہٕ حَظ پرٛاوان۔ (م۔ ن۔ ن)

کتاب نامہٕ:


*Abul Fazl: Ain-i-Akbari II
*Bamzai P.A.K: Archaeological Remains in Kashmir
*Beveridge Henry: Ed. Tuzuk-i-Jahangiri
*Hasan: Tarikh I
*Kak R.C. Ancient Monuments of Kashmir
*Kaul Manohar: Kashmir
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Ved Kumari: Nilamata Purana I


## ویرناگ باغ

ویرناگ باغ چھُ جوٗہرٕ ٹنلہٕ ہندِس دامنَس
تَل شاہ آباد پرگنَس منٛز۔ باغہٕ کِس پوٗت مَنظرَس
منٛز چھُ ویرناگُک اُٹھہٕ کوٗنٕل تعمیٖر وۄدنی تہٕ تَتھ
پُشتہٕ کنہٕ چھِ یا نہاج باٖلہٕ اَکھ نیٚبرکُن پلوٗ کڈتھ
چھٔل استادٕ یِوان۔ اَندٕ وٕندٕ سبزٕ باربو، زندٕرو تہٕ
جَنگلہٕ بوٗٹہٕ سیتی وٚلتھ چھےٚ۔ عرض بلد چھُس ۲۲°، ۳۳°
تہٕ طول بلد ۱۸°، ۸۵°۔

ویرناگ باغ چھُ مُغل شہنشاہ جہانگیٖرن
(۱۶۰۶ء — ۱۶۲۷ء) بنوومُت۔ چنانچہ "تزکِ جہانگیری"
منٛز چھُ درج زِ تمہِ سُندِ تختس بیٚہنہٕ پتہٕ آیہٕ ناگس
سام گنڈنہٕ تہٕ باغَس اندر آیہٕ پان ژادرِ تہٕ بالادری تعمیٖر کرنہٕ
ویرناگہٕ کِس اُٹھہٕ کوٗنٕل تعمیرس پیٚٹھ یُس کتبہٕ لٲگِتھ چھُ تمہِ
موجوب چھُ ویرناگکی پاٹھو تمہ سیتی والبتہٕ باغ تعمیٖر
سپدنُک تاریخ تہٕ ۱۲۰۹ ہجری بمطابق ۱۶۲۰ عیسوی۔
جہانگیٖرن اَکھ ہمکال فرٛنٛگو فرانسِسکو پیلسی
آرٹ چھُ باغکی تعریف کران لیکھان زِ "یہ اوس اَکھ
سیٹھا ہے فرحت واتناوَن وول عیش گاہ، یتہٕ پادشاہ
سُندِ باپتھ اَکھ تیُتھ شکارگاہ اوس یتھ نہٕ ساری
ہندوستانس منٛز جوڑ ے اوس"۔

باغَس منٛز چھُ اوسمُت اَکھ صوٗرت خانہٕ
یتھ منٛز ہمایوٗن، اکبر، جہانگیر تہٕ ایرانی پادشاہ
شاہ عباس سنٛز شبیہہ آسہٕ۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ
کشیٖر پیٚٹھہٕ واپسی سفرس دوران ییلہٕ جہانگیٖرس
راجوری نکھہٕ چنگس گامس منٛز وقت نزع وۄت تمی
کوٗر تمنا زِ مرِتھ گژھہٕ تسنٛز میٚیت ویرناگ واتناونہٕ
تہٕ تتی وُڈراونی۔

جہانگیٖرس پتہٕ ستھ وُری گژھتھ دِتیت
شاہ جہانن (۱۶۲۷ء — ۱۶۵۸ء) ژوڈرکِس حیدر
ملکس باغس وسعت دنُک حکم یمہٕ موجوب ناگس
بڑونٛٹھہٕ کنہٕ اَکھ نفیس باغ یتھ منٛزس تہٕ اَندو کنہٕ

بالا دَرِ تعمیر کَرنہٕ آمٕژ۔ باغہٕ کہٕ حاطہٕ نیبر نیرنہٕ بٔژوٚنہٕ
ییٚتہٕ مُنہدِم وَسہٕ وِنہٕ جایہٕ پیٚنٹھی جوٚ یہٕ ہُنٛد آب دگہٕ
وَسان چُھ ہوٚ جاے چھنیٚ باسس دِوان زِ یتھ کالہٕ
آسہِ باغہٕ کہٕ موٗجوٗدٕ طبقہٕ نیبر بیٚن یِہَن باغک
بیٚاکھ طبقہٕ ییٚمیٚک نہٕ ووٚنی کانٛہہ نِشان تہٕ باقے
چُھ۔ وُنی کِنَس چُھ باغک ہیٚرِمہِ یوت طبقہٕ
دیوار بٔند۔
(م۔ ل۔ ن)

کتاب نامہٕ :

*Beveridge Henry: Ed. Tuzuk-i-Jahangiri
*Hasan: Tarikh I
*Kak R.C. Ancient Monuments of Kashmir
*Kaul Manohar: Kashmir
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh,
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir

## وٕژار ناگ

وٕژار ناگ چُھ سرینگرٕ کِس شُمالَس کُن لال چوکہٕ پیٹھہٕ ۱۲ کِلومیٖٹر دوٗر نوشہرس نکھہٕ کشیٖرِ ہُنٛد اکھ مشہوٗر تہٕ مُقدَس ناگ۔ شُمالہٕ طرفہٕ چھُس صوٚروٗر تہٕ مشرقہٕ پاسہٕ ووٚنتہٕ بُھوَن۔

وٕژار ناگَس چُھ یہٕ ناو اوکِنی پیوٚمُت زِ دَپان کائنات بَناونہٕ وِزِ چُھ شِوَن دیوی دیوتاہَن سِتی اتھی جایہِ وٕژار کوٚرمُت تہٕ امی موکھہٕ چھہ ناگَس اَنٛدی پکھی محلَس وٕژار ناگ مُحلہٕ وَنان۔

وٕژار ناگہٕ چُھ ژٕہتر ماوسہٕ (ژٕہتر گٹہٕ پچھٕ کہٕ آخری دوٚہہ) کیٚژُت مالہٕ لگان تہٕ پٔژہ وٲلی چھِ ناگَن مَنٛز سٔران تہٕ پوٚزا پاٹھ کَران۔

وٕژار ناگَس چھِ سَتھ رَس ناگ تہٕ وَنان، تکیاز دَپان اَتہٕ چھِ سَتھ ناگ آسی ہتی یِمو منٛز دُنہٕ تہٕ ژوٚر ناگ وُزان چھِ۔ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ناگ چُھ ۵۴ فُٹہٕ چورس۔ اَتھ چھنیٚ ژوٚشوٚنی اَنٛدَن ترٛےٚ فُٹہٕ زیٚچھ تہٕ ڈوڈ فُٹ کھجہ کَنہٕ لٲگِتھ۔ ناگ چُھ ۸ فُٹہٕ شروٚن، یَتھ مَنٛز ناگ آبَس بوٚن ژُکِس تَل سفید کَنِن ہُنٛد ژُکوٚنُل آسُن چُھ یَتھ ژوٚشوٚنی اَنٛدَن سفید کَنہٕ لٲگِتھ چھنیٚ۔ ناگہٕ کِس شُمال مشرقی کوٗنَس چھنیٚ زٕ فُٹہٕ زیٚٹھ تہٕ اکھ فُٹ کھجہ اکھ کرِ ہِنی کَنی ووٚدِنی یَتھ پیٹھ شاردا عبارتھ لیکھِتھ چھنیٚ۔ ناگَس چُھ اَنٛدی اَنٛدی سیمنٹو پلستر کٔرِتھ سیر ژوٚ جالہٕ دار جنٛگلہٕ۔

دوٚیُم ناگ چُھ وٕژار ناگہٕ کِس حاطَس مَنٛز اَژوٚنے کھووٕری کِنی مذکوٗر ناگَس جنوٗب مشرقہٕ طرفہٕ۔ یہٕ چُھ ۱۵ فُٹہٕ زیٖوٹھ تہٕ ۱۲ فُٹہٕ کھوٚل۔ اَتھ چھہ ژوٚشوٚنی اَنٛدَن دِوٕری کَنِن ہِنٛدی پاوی بَناوِتھ۔

ترٛیٚیُم ناگ چُھ بُڈِس ناگَس مغربہٕ پاسہٕ تہٕ ژوٗرِیُم چُھ شُمالہٕ طرفہٕ۔ یِم دوشوے ناگ چھِ کَنہٕ ساہہٕ بیتر وراے۔

وچار ناگس منز چھ زٕ مندر یمو منز بوڈ ہیوٗہ مندر سارِوے کھوتہ بڈس ناگس سیتۍ شمالہ پاسہ چھ تہ یُس ڈوگرٕ مہراج پرتاپ سنگھنس (۱۸۸۵ء–۱۹۲۵) دورس منز بناونہ چھ آمت۔ مندر چھ ۵۴ فُٹہ ژیوٗٹھ تہ ۱۵ فُٹہ کھوٗل تہ امہٕ کس تعمیرس منز چھے کنہٕ تہ بہراجی سیرِ استعمال سپزمژ تہ اندرٕ نیبر چھس سیمنٹو پلستر کرِتھ۔ مندرس منز چھے ژور مُرژ، ژور شولِنگ تہ اکھ نندی، امہٕ ہُریمانہٕ آسی وچار ناگ (مو کھتہ پوکھرِ) پرانین تعمیرن ہندۍ آثار موجود یِم گاندھا طرزٕچ باوتھ کران آسی۔

بیاکھ مندر چھ بڈس ناگس شمال مغربی کوٗنس نکھہٕ۔ یہ چھ ڈوگرٕ مہراج رنبیر سنگھنس (۱۸۵۷–۱۸۸۵ء) دورس منز تعمیر سپدمُت۔ مندر چھ دِہری کنین ہُند تہ امُیک گرتھ چھ شیکھر طرزُک۔ مندرس منز باگ اندرۍ کُنی چھ اکھ شولِنگ ووہڑنی یتھ پیٹھ کنہٕ تالوس اکھ سرتلیو گاگر الاترٕ چھے۔

ناگس چھ مشرقہ طرفہٕ خام سیرہن ہُند دیوار دِتھ تہ امی پاسہٕ چھ ناگہٕ کس حاطس منز اژنہ باپتھ اکھ لوکُٹ دروازٕ تہ اکھ ڈیڈۍ۔ حاطس منز چھے کینہہ وانسٹھ بونہ تہ موجود تہ امہ علاوٕ اکھ بڈ نمبل یتھ وپرِ وُدِتھ چھے۔

وچار ناگہٕ کس اصل حاطس نیبر شمال مشرقہ اندٕ اوس اکھ بوڈ بونہ باغیُس حال حالے ہموار کرِتھ اَکس نوبستی منز تبدیل کرنہ آو۔ (ام۔ن۔ن)

## کتاب نامہ:

*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Ved Kumari: Nilamata Purana I

# ہٹہ مرکی بودھ آثار

از کالک ہٹہ مرچھ پتھ کالک شکتی منٹھ پیٹھینیک



پیٹھے کشیپرِ منٛز اوسُمت۔

ہاہِٹہٕ مَرٕ تہٕ دوٚیمَن جایَن اَمہِ چالہِ ہٕنٛزَن ٹایلَن ہُنٛد اَتھِ یُن چھُ ہاوان زِ ٹایلہٕ بَناوُنہٕ چھُ تَمہِ زمانہٕ کشیرِ اَندر اَکھ کاروبار اوسُمت تہٕ اَمُیک دٲیرا اوس نہٕ کُنہِ خاص علاقس تام محدوٗد۔ اَتھ سٟتی چھےٚ یہ کَتھ تہٕ کھَرٕ گسِیدان زِ شکتی مَنٛطھ بَننہٕ برٛوٚنٛہہ تہٕ چھُ ہاہِٹہٕ مَر بودھ دَھرمُک مرکز اوسُمت۔ لیٚدرِ پَتھرِ منٛز پَتھ کالکی وارِیاہ آثار اَتھِ ینی چھُ یِیمہِ کَتھِ ہُنٛز زینہٕ وَن زِ اَتھ پَتھرِ منٛز چھُ تہذیبی تہٕ تعمیری سَرگرمِیَن سیٹھا برٛوٚنٛہہ دَس وۆتھمُت۔ چُناںچہ سارِوے پٔرٲنی کُنہِ کٲلی آثار تہٕ آے اَتھی پَتھرِ منٛز اَتھِ۔ ٹایلہٕ کرِ محمد حسین مخدومی تہٕ روشن لال صفایاہن ۸۸ ہتھ دریافت۔ ہاہِٹہٕ مَرٕ ٹایلَن پیٹھ تہٕ چھےٚ کھَروشتی گرنٛد صُمی طرِیقس منٛز نَظرِ گژھان۔ یِیمہِ سٟتی ٹایلَن ہُنٛد زمانہٕ کھَر کَرنَس منٛز اَتھِ روٚٹ چھُ سپدان۔

(م۔ ل۔ س)

کتاب نامہ :

*Stein: Ancient Geography of Kashmir



آسہِ دولہٕ دولہٕ رَنٛدٕ دِتھ یَمَن منٛز سِتوٗپ چالہِ میٚٹرٕ ڈیرٲسی۔ میٚٹرِ ڈیرَن ژٕہ پاسے چھُ سیرِ کُھٹ تہٕ گَترٕ وُنہٕ تہٕ چھکرِتھ۔ اَکِہ ڈیرِچ میٚٹرٕ ڈالنہٕ پَتہٕ دژاو فرش نوٚن یِتھ توٚنہٕ آمٕژ کَرٕ ہِنی میٚٹرٕ پیٹھہٕ اُس یِیمہِ سٟتی اَنٛدازٕ کَرنہٕ چھُ آمُت زِ اَمہِ جایہِ ہِنٛز مَنٛدورٕ چھےٚ سیٹھا برٛوٚنٛہہ کالہِ نارٕ بُزری گٲمٕژ۔ موقس پیٹھ چھےٚ ژٕنٛدرٕ چالہِ ٹایلہٕ تہٕ سیرٕ تہٕ اَتھِ آمٕژ۔



## ہوے نار آثار

ہوے نار آثار چھِ پہلگامَس نَکھہٕ اَکِس وَن چھِپیہِ اَنٛدرٕ یِیہِ بالہٕ کھوٚنہِ منٛز چھےٚ۔ بالہٕ کھوٚنہ

کیھمندرن کنگالی ہٕنٛدِس سِلسِلس مَنٛز ذِکر کوٚرمُت چھُ۔ لیدرِ ہٕنٛدِ دٕچھنہٕ بٹھہٕ آباد ہٹہٕ مرچھُ تتھ علاقس مَنٛز یوان یتھ کھووٕرۍ پٕور وَنان چھہ۔ شکتی مٔٹھ کمۍ اوس تعمیر کوٚرمُت، تتھ متعلق چھُنہٕ کانٛہہ حوالہٕ میلان، سِٹاپنَن ییلِ ییٚمہٕ ہتی لٕکس گوڈٕ کانٛس مَنٛز ہٹہٕ مرُک دورٕ کوٚرتَس آوٕ نہٕ اَتہٕ خوبصوٗرت مُرژگری گٔرِتھ کیٚنشرٕ وکنہو وٕرٲے کیٚنٛہہ تہٕ اَتھٕ یمَن کٔنِن ہُنٛد استعمال تہٕ اوس اُکس تعمیرس اَنٛدر کرنہٕ آمُت۔

تازٕ تازٕے کٔرِ ریاستکۍ آثارِ قدیمَن ہٕنٛدۍ محکمَن اَتہٕ کھُدٲے تہٕ کھُدایہ دوران دژایہٕ ٹایلہٕ یمَن مُتلِق اَنٛدازٕ چھُ زِ یمَن ہُنٛد تعلق گژھہ ترٛیٚیمہِ صدی عیسوی سیتۍ آسُن۔ یمہٕ ٹایلہٕ چھےٚ اُکس طبقہٕ بٔنٛد حاطس لٲگِتھ۔ قٲلبو دژاہژ یمہٕ ٹایلہٕ آسہٕ ہٹھۍ ہیتھ ہیرِ بوٚن سٲرۍ سِے وَتھرٲوِتھ۔ کٔون تہٕ بیر ترٛدٕ پرٕنہٕ خاطرٕ چھےٚ خاص قسمہٕ چہ ٹایلہٕ لاگنہٕ آمژ یمو سیتۍ کٲرۍ گرۍ ہُنٛد باس چھُ لگان۔

اُکس جایہ چھُ ٹایلو سیتۍ برجستہٕ پمپوش ووتلاونہٕ آمُت۔ یتھ مَنٛز باگ پمبہٕ لوکھر چھےٚ بنٲوِتھ، بیٚیس اُکس ٹایلِ پیٹھ چھُ آب وَسان آمُت



ہاونہٕ۔ ٹایلِہ ہٕنٛدیُس ساد حِصہٕ چھُ تمہ پیٹھ چھُ مَنٛزَس وُڈان پچھن بنٲوِتھ۔ یُس اَنٛدۍ اَنٛدۍ ترٛیٚے مُربع چھِ تہٕ مُربعہن نیٚبرِ چھُ پوشَن ہُنٛد ڈیزاین بنٲوِتھ۔ دوٚیمہٕ اُکس ٹایلہِ چھِ ترٛیٚے حِصہٕ۔ پیٚنٹھۍ مِس حِصَس مَنٛز چھُ ترٛکوٗنل ڈیزاین، ترٛکوٗنہٕ کِن اَنٛدن پیٹھ چھُ دَندہی درینٛٹھ یوان تہٕ مَنٛزی مِس حِصَس مَنٛز چھےٚ پمپوشن ہٕنٛز ٹنگ۔ ترٛیٚیم ٹایلِ تہٕ چھےٚ پننہِ جایہ سیٹھا دِلچسپ۔ اَتھ پیٹھ چھےٚ دٕچھ رٲنٛٹھ دٕچھ ترٛ وَٹنگی ہیتھ نظرِ گژھان۔ یوٚتام زَن ٹایلَن ہُنٛد تعلق چھُ یمَن دٕچھتھ چھُ کٲرۍ گرۍ ہُنٛد پوٗرٕ پوٗرٕ باس لگان، یِہ سہٕ کٲرۍ گرۍ تمہ زمانہٕ کٔشیرِ مَنٛز اَسمژ چھےٚ۔ ٹایلَن ہُنٛد اَتھِ یُن چھُ ثابِت کران زِ قٲلِبہٕ دژاہژن پوختہٕ سیرن ہُنٛد رواج چھُ عیسٲے سنہٕ کہٕ گوڈٕ کالہ

# BIBLIOGRAPHY

*Aazam Dedamari: Tarikh-i-Aazmi, Lahore,?
*Abul Fazal: Ain-i-Akbari, I,II,III, Delhi, 1977.
*Academy J and K: Burj-i-Noor, Srinagar, 1981.
*Academy J and K: Stone Inscription Laid by Academy, Srinagar, 1977.
*Akbar Hydari: Ed. Baharistan-i-Shahi, Srinagar, 1982.
*Amin Kamil: Ed. Kashir (Son Adab-1977), Srinagar, 1977.
*Amin Kamil: Ed. Shiraza (Nunda Riosh), Srinagar, 1978.
*Anand M.R.: Ed. Marg Kashmir Number, Bombay, 1956.
*Andarabi M.A.: Ed. Hamara Adab (J and K NO.), Srinagar, 1985.
*Ashok Jairath: Folk Art of Duggar, Delhi, 1983.
*Azad Abdul Ahad: Kashmiri Zaban Aur Shairi, II, Srinagar, 1962.
*Baba Daoodi-Khaki: Virdul Muridin, Srinagar, 1959.
*Baba Kamal: Rishi Nama (Manuscript).
*Baldeve Kumar: Early Kushans, Delhi, 1973.
*Bamzai, P.A.K.: Archaeological Remains in Kashmir, Lahore, 1935.
*Bamzai P.N.K.: A History of Kashmir, Delhi, 1973.
*Baramula De Gurdawarian.
*Basham A.L.: Date of Kanishka, London, 1980.
*Bashir. K: Ed. Tameer, XIV, Srinagar, 1988.
*Bates C.E: A Gazetteer of Kashmir, Delhi, 1980.
*Bernier Francois: Travels in the Mughal Empire, 1972.
*Beveridge Henry: Tuzuk-i-Jahangiri, 1968, Delhi.
*Biscoe Tyndale: Kashmir in Sunlight and Shade, Delhi, 1959.
*Brown Percy: Indian Architecture, I, II, Bombay, 1942.
*Charak. S.S: History and Culture of Himalayan States, IV, Jammu, 1978.
*Charak. S.S: Gulab Nama of Divan Kripa Ram, Jammu, 1974.
*Christian Workers Conference J and K: Christianity in Jammu and Kashmir.
*Cunningham. A: Ancient Geography of India, Delhi, 1969.
*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1980-81, Delhi, 1983.
*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1981-82, Delhi, 1984.
*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review 1979-80, Delhi, 1983.
*Dembi. B.K: A Corpus of Sharda Inscriptions of Kashmir, Delhi, 1984.
*Dhar K.N: Glimpses of Kashmir Cultural Series, v, Srinagar, 1982.



یموسیرہ لو تہ ٹایلو سیتی چھ نشان زِ آثارن ہُنٛد
تعلق چھُ بودھ دھرمہٕ کس ہین یان فرقس سیتی اوسُمت۔
اَکِس ٹایلہِ دوٚیو اَندو ہاونہٕ آمتین شِکارن چھُ کُشن
طرزُک وٕژلت۔ پوٚتُس چھُ شکارٕ ی نرِ تھوٚد ژٹتھ
شادمانی ہُند اِظہار کران آمُت ہاونہٕ۔ ٹایلہِ یوٚنی مہ
اَندٕ ژھِنس کوٚنس منٛز چھُ دھرمہٕ ژکر بناوِتھ یتھ اُٹھ
کمرِ چھِنے۔ دھرمہٕ ژکر چھُ سیدِ سیوٚد آثارن ہُنٛد بودھ
دھرمس سیتی تعلق ہاوِتھ دِوان۔ باقٕے ٹایلن پیٹھ چھ
اَجدر رچالہِ جانوٗر جنٛگہٕ جنٛگ کران آمتی ہاونہٕ۔ اَمہِ

گرتھ چھن ٹایلن تہ چھُ دٕپاسے حاشیہ ترٛاوِتھ
ٹایلن پیٹھ مۄجوٗد علامژ چھِنے وُنِستام کشیرِ اَندر
جورِ رٕوس تہ یِمن علامژن چھُ چینس سیتی واٹھ
لگان۔ کشیرِ تہ چینس درمیان تمدنی لین دینُک
سِلسِلہ چھُ وارِیاہ پرٛون، ییٚمیُک تصدیق
بُرزہٕ ہامہ آثارو تہ چینی توارِیخہ سیتی سپدان چھُ۔
ٹایلن پیٹھ کھروشتی گرٛنٛد چھِنے یِمن کُشان
دورُس سیتی واٹھ۔ اما پوٚز بےٚ سِم
ژرتر کارٕ ی تہ ٹایلن ہُنٛد ژھۄر گرتھ چھُ ہاوان
زِ ہوے نار آثار چھ ہارُون آثارن ہُنٛد کھۄتہ تہ
پرٛانی۔

ہوے نار آثارن ہُنٛز نشان دِہی کرِ گو ڈٲکٹر
لطیف محمد حُسین مخدومین مگر سائینسی طریقہٕ موقس
پیٹھ کھدٲے کرنہٕ چھِنے وُنہ باقٕے۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہ:

*Basham A.L. Date of Kanishka
*Press note of State archaeology-1988

*Nazir Ahmad: Jesus in Heaven on Earth, England, 1952.
*Noor-ud-Din Zahid: Intizamiya Kameetee Ziyarat Hazrat Sayed Amin Uvaisi, Ali Kadal, Srinagar, 1967.
*Pandey K.C: Abhinava Gupta, Varanasi, 1963.
*Parmu R.K: A History of Muslim Rule in Kashmir Delhi, 1961.
*Parmu R.K: A History of Sikh Rule in Kashmir, Srinagar, 1977.
*Pathik Jyoteeshwar: Cultural Heritage of the Dogras, Jammu, 1980.
*Quarter Master General: Gazetteer of Kashmir and Ladakh, Delhi, 1974.
*Rahman Rahi: Ed. Anhar (Shaikh-ul-Aalam No. 226), Srinagar, 1979.
*Saadat Mohammad: Hayati Javid, II, Srinagar, 1923.
*Safdar H.G: Shian-i-Kashmir, Delhi, 1970.
*Saraf M.R: Jammu Darshan, Jammu, 1974.
*Sarwari Qadir: Kashmir Mein Farsi Adab Ki Tarikh, Srinagar, 1968.
*Sharma N.D: Dogri Folk Literature and Pahari Art, Srinagar, 1969.
*Sidiqi Tayub: Zik-rul-Aarifin, Srinagar, 1959.
*Snellgrove: The Cultural Heritage of Ladakh I, II, Delhi, 1980.
*Stein M.A: Kalhana's Rajatarangini, Delhi, 1979.
*Stein M.A: Ancient Geography of Kashmir, Delhi, 1979.
*Sufi G.M.D: Kashir, I, II, Jammu, 1974.
*Syed Baqir: Akhtar-i-Darakhshan, Bombay, 1971.
*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1976-77, Delhi, 1980.
*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1977-78, Delhi, 1980.
*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1973-74, Delhi, 1979.
*Tikoo P.N: Story of Kashmir, Delhi, 1979.
*Ved Kumari: The Nilamata Purana, I, Delhi, 1988.
*Vigne G.T: Travels in Kashmir, Ladakh, Iskardo, I, II, Delhi, 1981.
*Wakefield W: History of Kashmir and the Kashmiris (The Happy Valley), Delhi, 1975.

*Drew Frederic: The Jammu and Kashmir Territories, Delhi, 1971.
*Duke Joshua: Kashmir Handbook, London, 1883.
*Dutt J.C: Kings of Kashmir, Delhi, 1985.
*Franche A.H: History of Ladakh, Delhi, 1977.
*Ganhar J.N: Jammu Shrines and Pilgrimages, Delhi, 1973.
*Gauhar Bukhari: Gulshan-i-Murad, Srinagar, 1969.
*Gosh A: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1965-66, Delhi, 1973.
*Gyan Singh: Guru Khalisa.
*Hasan Khoihami: Tarikh-i-Hasan, I, II, Srinagar, 1960.
*Hasan Khoihami: Asrar-ul-Akhyar, Srinagar, 1960.
*Hasnain F.M: Buddhist Kashmir, Jammu, 1973.
*Hasnain : Fifth gospel Delhi-1988,
*Hugal B.C: Travels in Kashmir and the Punjab, Delhi, 1972.
*Ishaq Khan: History of Srinagar, Srinagar, 1979.
*Ishaq Qari: Chilchi-lat-ul-Aarifin, Srinagar, 1982.
*Ishrat Kashmiri: Tarikh-i-Kishtwar, Jammu, 1973.
*Kak R.C: Ancient Monuments of Kashmir, Delhi, 1971.
*Kak R.C: Antiquities of Basohili and Ramnagar, Delhi, 1972.
*Kak R.C: Handbook of the Archaeological and Numismatic Sections of the Sri S.P.S. Museum, Srinagar, Calcutta, 1923.
*Koul Manohar: Kashmir, Delhi, 1971.
*Kaul S.K: Jonaraja's Rajatarangini, Hoshiarpur, 1967.
*Kaul Sansar Chand: Amar Nath Yatra, Srinagar, 1954.
*Khan G.H: Freedom Movement in Kashmir, Delhi, 1980.
*Lal B.B: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1969-70, Delhi, 1973.
*Lawrence Walter: The Valley of Kashmir, Delhi, 1979.
*Lawrence Walter: Provincial Gazetteer of Kashmir, Delhi 1985.
*Mani K.D: Poonch, Jammu, 1980.
*Maqbool Muqbil: Abu-ul-Fuqra Ki Mukhtasar Sawaneh Hayat, Srinagar.
*Mira Seth: Dogra Wall Paintings in Jammu and Kashmir, Bombay, 1987.
*Mirza Hydar: Tarikh-i-Rashidi, Patna, 1973.
*Mirza Saif-ud-Din: Khulasa-tul-Tawarikh, Srinagar, 1984.
*Miskeen Mohi-ud-Din: Tarikh-i-Kabir, Lahore, 1921.
*Mohibbul Hasan: Kashmir Under the Sultans, Srinagar, 1974.
*Nargis N.D: Tarikh-i-Jadeed, Duggar Desh, Jammu, 1963.

# کٲشِر ہِنٛدی ضَرب

## پوٚت منظر

تہٕذیبی اِرتقا چہٕ دٕہِ دٕہِ مَنٛز اوس سکَن ہُنٛد بارٕسس یِن اَکھ اِنقلٲبی قدَم۔ اَکھ تیُتھ اِنقلٲبی قدَم ییٚمی سٕتۍ تازٕ سمٲجی رِشتَن زایُن دیُت، سمٲجی ترَقی مَنٛز گوٚو وُژھ پٲدٕ، باپارٕکیو ذرِیعو کوٚڈ کاڈ، اَکھ نوٚو طبقہٕ آو بارٕسس ییٚمی بٕرٕ وٕنہہ یکیتہ سماجس مَنٛز ہَنٛگ دارَن تہٕ جاگیردارَن ہِنٛز جاے رٹ۔ جِنسس بَدل جِنس دِنہٕ کِہ لین دینک موڈ گوٚو تمے ساعتہٕ تبدیل ییٚلہِ سِکہٕ بازر پیٚو۔ یوٚدوَے وُنہٕ تہٕ جِنس اَدلہٕ بَدل کَرنُک طریقہٕ دوٗر گامَن گُٹھَن مَنٛز مُروَج چھُ پوٚز شہَرَن تہٕ قصبَن مَنٛز لوٗگ پٔرٲنِس طریقس وارٕ وارٕ ٹکھ تہٕ تجارتُک تہٕ باپارُک بنیٲدی ذرِیعہٕ بنیو سِکہٕ۔ سِکہٕ سٲزی ہِنٛدی ترٛےٚ موٗلہٕ اَگر چھِ یوٗنان، ہِندوستان تہٕ چین۔ ترٛیٚشوِے تہٕذیبو چھُ ترقی ہِنٛدِس اَکِس خاص مقامَس وٲتِتھ کھۄرٕ کوٚرمُت زٕمولَس صوٗرت عطا کَرنُک ساروِے کھوٚتہٕ تہٕ مُناسِب ذرِیعہٕ چھُ دات۔

ترٛیٚنو تہٕذیبو اَنٛدرٕ کوٚر نہٕ کُنٕہ ہمہٕ صدی تام چینَن بیرٛوٗنی اَثر قبوٗل مگر ہندوستٲنی سِکہٕ سٲزی روٚٹ یوٗنٲنی، روٗمی تہٕ اِسلٲمی تہٕذیبوٚ نِش وار یاہ کینٛہہ۔ ییٚمہٕ کِنۍ واریاہ عٲلموٚ سوال چھُ تُلمُت زِ ہِندوستانَس چھا سِکہٕ سٲزی ہِنٛز کانٛہہ پَننۍ رِوایتھ۔

داٖتکی سِکہٕ بازر پینہٕ برٕ وٕنہہ آسہِ دوٚیمی کینٛہہ چیٖز ضَربہٕ کِنہٕ وَرتاوس۔ مِصری، سُمیری، بازنطینی تہٕ یوٗنٲنی تہٕذیبَن ہِنٛز ترقی اُچھن تل اَستھ تہٕ چھےٚ پہٕ کَتھ ژٕ ترادِنۍ لایق زِ یمَن جایَن اوس نہٕ سِکہٕ ژٕنگی کانٛہہ چیٖزاہ بارٕسس بلکہِ آسہِ مختلِف چیٖزٕ قیمتچ اکٲیۍ لِوان مانِنہٕ تہٕ اَتھی بُنیادِ پیٹھ اوس لین دین سپدان۔ ہومرٕ سِنٛدِ زمانہٕ اوس یوٗنانَس مَنٛز داند تہٕ ہندوستانَس مَنٛز گاو موٗلُک مُقرر میٖنٛژ یا اکٲیۍ۔ یِتھے پٲٹھۍ اوس سوٗن، روٗپھ، ترٛام، لبتہٕ تہٕ غلام تہٕ لین دین کِس معاملس مَنٛز تبادلُچ بُنیاد۔ افریقہس مَنٛز اوس کِمے کال برٕ وٕنہہ تام کَپٕر گز موٗلُچ اِکٲیۍ۔ خود کٲشِر زبٲنۍ چھِ یِتھی کینٛہہ بیان ژٕژھرِ تہٕ تھاوی مِتۍ۔ "نوش یِوِنہٕ ہار تہٕ کھوٚر تَل مٲری توس ہوٚنٛڈ"، "ہارٕ ہوٚس تہٕ ہار نہٕ یا کورٕ ہار"، بیا نوٚ سیتی چھُ پے لگان زِ برٕ وٕنہہ کالہٕ چھےٚ ہار سِکوٚ بَدلہٕ وَرتاوس آسمٕژ تہٕ اَز تہٕ چھِ آسی "ہارٕ" لفظ لِقدٕ کِس

کرَن ووِل اوس نہٕ راز یا سردار بلکہٕ زَردار تہٕ باپٲری.

یہ سِلسِلہٕ رُود شیٚیمہٕ صدی تام چلان تہٕ اَمہٕ پتہٕ نیٚوُ یہ

کارِ حکومتَن پننِس اَتھس منٛز. باقاعدٕ سِکہٕ جٲری

کرنہٕ برٛونٛہہ اُس یہ کٲم داتہٕ چاٹِن سونہٕ یا روٗپہٕ

لاٹھِن بیترِ لوان ہینہٕ۔

## ضربہٕ مسالہٕ

مغربی دُنیاہَس منٛز سِکہٕ جٲری کرنُک ابتدا،

سُپُد مسیحَس برٛونٛہہ سَتیمہٕ صدی منٛز، ییلہٕ الیشیاے

کوچکہٕ مغربی ساحلہٕ پیٹھ سِکہٕ جٲری آے کرنہٕ. یِم سِکہٕ

ٲسۍ الیکٹرم دانٕکۍ. الیکٹرم چھ سونُک تہٕ روٗپُک

رَل، اَتھ منٛز چھُ سونُک مقدار اَڈکہٕ کھوتہٕ ہُرِیانہٕ یعنی

۷۰ فیصدی سون تہٕ ۳۰ فیصدی روٗپھ مگر یہ مقدار

چھُنہٕ تمام الیکٹرم سِکَن منٛز اَکھ ؤنٛد ڈَنٛجہ رُودمُت.

اَمہٕ پتہٕ آے سونہٕ سٕنٛدۍ تہٕ روٗپہٕ سٕنٛدۍ سِکہٕ تہٕ جٲری

کرنہٕ. الیکٹرم سِکہٕ ٲسۍ چانٛدِ ہٕنٛدٮ۪ن دہَن سِکَن

برابر. سونہٕ سُنٛد اَکھ سِکہٕ اوس رلہٕ ۱۳ چانٛدِ ہٕنٛدۍ

سِکہٕ لوان. پوز یہ مول تہٕ تناسُب رُود وقتَس ستۍ

ستۍ ہُران تہٕ چھوٗنان۔

برٛونٛہہ کُن پکِتھ آو سِکہٕ جٲری کرنہٕ باپتھ ترام،

ناگ، لوہے، زِسُد تہٕ شیٖشٕتُر تہٕ استعمال کرنہٕ۔

جٲری کرنہٕ آمتٮ۪ن سِکَن منٛز چھِ ترامہٕ سِکَن ہُنٛد تعداد

سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ. کم تعداد چھُ سونہٕ سٕنٛدٮ۪ن سِکَن ہُنٛد.

سونہٕ سٕنٛدٮ۪ن سِکَن ہُنٛد تعداد کم آسنٕکۍ ہکَن زٕ وَجہ

اُسِتھ، اَکھ یہ زِ سون اوس پتہٕ کالہٕ پیٹھٕے کم دستیاب

دوٚیِم یہ زِ سونہٕ سٕنٛدۍ سِکہٕ گٲلِتھ ٲسۍ زیوَر بناونہٕ یوان۔

سِکَن ہٕنٛدِ دَزنُک دارومدار اوس اکثر دات

فراہم آسنَس پیٹھ. کٔشیرِ منٛز مُروج برٛونٛہہ کالہٕ کٮ۪ن

سِکَن منٛز چھ ترامہٕ سِکہٕ بڈٕس تعدادَس منٛز موٗجود.

اَسہٕ چھُنہٕ پَے زِ ترام اوسا مُقٲمی طور دستیاب سَپدان

کِنہٕ نیٚبرٕ پیٹھ اوس اَناونہٕ یوان. اَسہٕ برٛونٛہہ کَنہٕ

چھ توٲریخی حوالہٕ موٗجود یِمَن منٛز وننہٕ چھُ آمُت زِ برٛونٛہہ

کالہٕ اوس کٔشیرِ منٛز ترام نیران. مگر وونی چھُنہٕ واریاہ کالہٕ

پیٹھ کٔشیرِ منٛز اَمیُک نیب نِشانے. اَمہٕ کِنۍ چھُنہٕ

سانہٕ باپتھ مُمکِن زِ ٲسۍ کَرَو کانہٕ منٛز کَڈنہٕ آمتِس ترامَس

تہٕ سِکَن ہٕنٛدِس ترامَس مُقابلہٕ، یُتھ کیمیٲیی تجزیہٕ

کٔرِتھ ٲسۍ وُچھتھ ہیکہٕ ہو زِ یُس ترام سِکہٕ جٲری کرنَس

منٛز ورتاونہٕ چھُ آمُت سُہ چھا مُقٲمی ترام کِنہٕ نیٚبرٕ پیٹھ

اَننہٕ آمُت۔

سِکہٕ چھُ مُلکہٕ چہ بجٲیی تہٕ پاپرِ جٲیی ہنٛز علامت تہٕ

یِمو بادشاہو سلطنتَس وُسعت دِتھ دولتَس ہُر پر کوٚر

تِمو کٔرۍ سونہٕ سٕنٛدۍ تہٕ روٗپہٕ سٕنٛدۍ وزن دار سِکہٕ جٲری۔

کٲشِر ہِندی ضرب

معنیس مَنٛز استعمال کَران مِثلن "ہارِ دول" "ہارِ دیار"۔

کھُداہِ دوران چھےٚ کٲشِرِ اَندر واریاہَن جایَن ہارِ مَچہِ تہٕ ہارِ لیٖمہِ دزامٕژ ییٚمہِ سیٗتی ہارِ سکوٗژگی وَرتاوَس آسنَس پُشنےٚ چھےٚ گژھان۔ ژٕتجھی پَنژاہ وُری برٛوٚنٛہہ آسی شُری پھیٖرِ وٕنہِن ہانٛزٕ نِن ہارَن بدلہٕ کِنہٕ یوٚبی، "ترِ یوٚدی" "پمبہٕ لوکھر" تہٕ "لٲر" بیترِ ہیوان۔

ہارِ آسہٕ سِکو کِنہٕ چیٖنَس، جنوٗبی ایشیاہَس تہٕ اَفریقہَس مَنٛز تہٕ برٛوٚنٛہہ کالہٕ مُروَج، ترکستانَس مَنٛز اُس چلاے تبادلٕچ کھر اکٲیی۔

"ہارَد" ہُریمانہٕ چھےٚ "وِرِنی" تہٕ کٲشِرِ اَندر سِکہٕ کِنہٕ یا تبادلکہٕ ذریعہٕ کِنہٕ بارَسس اٰسمٕژ ییٚمہِ ٹیکِپےٚ ییٚمہِ اِظہارٕ تلہٕ لگان چھُ "مےٚ چھَنہٕ وِرِنی تہٕ چٔندس" مگر وِرِنی چھےٚ سیٹھاکَم موٚلچ اٰسمٕژ تہٕ ہارِ آسہٕ ہےٚ وِرنہٕ کھوتہٕ زیادٕ موٗل، تہٕ اَدٕ موکھٕ زِ ہار چھےٚ عام پٲٹھِن ہِندِس معنیس مَنٛز استعمال سَپدان ییٚلہِ زَن، وِرِنی، دُمبرِ ہِندِس معنیس مَنٛز استعمال چھےٚ سَپدان۔ "وِرنہٕ" ہُند ذِکِر ییٚنَس سیٗتی چھےٚ یہ کتھ تہٕ پھرنٕ لایق زِ پٲلی زبٲنی مَنٛز آمتیو حوالو مُوجوٗب چھُ ہیچہ ہِندی سِکہٕ تہٕ مُروَج اٰسی مٕتی۔ کُتر سِکہٕ تہٕ چھُ کینٛژن جایَن عالموٗ دَریافت کٔرِ مٕتی۔ رِگ ویدس تہٕ اَتھروَیدس مَنٛز چھُ "نِشکہٕ" ناوی اکہٕ سونہٕ چیٖزُک ذِکر آمُت۔ کینٛژَن عالمَن ہُند

خیال چھُ زِ "نِشکہٕ" اوس سونہٕ وُس مگر اَکِس جایہ چھُ حوالہٕ آمُت دِنہٕ زِ گاوٕ ہُریمانہٕ آے ۱۰۰ نِشکہٕ برٛہمنَس انعامہٕ کِنہٕ دِنہٕ۔ بَیانہٕ موجوٗب چھُ باوَر پیوان کَرُن زِ نِشکہٕ چھُ یا تہٕ سِکہٕ اوسمُت نتہٕ لین دینچ اَکھ مُقرر اکٲیی۔ نِشکہٕ اوس باقاعدٕ سِکہٕ، تَمِچ باوَتھ چھےٚ پرٛانین کتبَن تہٕ اَدبی ماخذَن ووٚن دِنہٕ سیٗتی سَپدان۔ "کارشاپَن" اوس برٛوٚنٛہہ کالہٕ اَکھ سونہٕ سُند سِکہٕ یتھ نِشکہٕ تہٕ اٰسی وَنان۔ یہ سِکہٕ اوس رِگ ویدکہٕ دورٕ پتہٕ تہٕ واریاہَس کالَس استعمال سَپدان۔ "کارشاپن" لفظُک آگُر چھُ کَرکَش یتھ رَژھہ وَزَن اوس آسان۔ "کارشاپن" اوس سونہٕ علاوٕ روپہٕ سُند تہٕ ترٛامُک تہٕ آسان۔ روپہٕ سُند "کارشاپن" اوس پُرانا تہٕ دھرنا ناوٕ تہٕ لوٗکَن دیوٚدییٚلہٕ زَن اَمہِ چالہٕ ہِندِس ترٛامہٕ سِکَس "پنا" اٰسی وَنان۔ ژٕری حوالہٕ بَدس اٰستہٕ سیٹھاکَم تعدادَس مَنٛز اَمہٕ قسمکی سِکہٕ بَدس آسنی چھُ ہاوان زِ یِم سِکہٕ چھِنہٕ زیادٕ پرٛژٕرس اٰسی مٕتی تہٕ یِمَن ہُند استعمال آسہٕ ہےٚ زیورِ یا داتہٕ کِنہٕ سَپدان۔

مسیحس برٛوٚنٛہہ شییٚمہِ صدی مَنٛز اٰسی ہِندوستانَس مَنٛز ٹھپہٕ دزامٕتی سِکہٕ وَرتاوَس تہٕ اَمہِ چالہٕ ہِندی سِکہٕ اٰسی پینٛژمہِ صدی تام جنوٗبی ہندوستانَس مَنٛز چلان۔

گوڈٕ اَنوارِ ییٚمہِ وَقتہٕ سِکہٕ جٲری آے کَرنہٕ یِمَن جٲری

گپتا، شاردا، عربی تہٕ فارسی بیترِ خط نظرِ گژھان۔ کھروشتی خط چھُ ہارِوَن ٹایلَن پیٹھ تہٕ کھٔنتھ سِکہٕ چھےٚ سوٗ واحِد شہادت ییٚمہٕ سِتی یہِ چھُ لگان زِ کشیپرِ تہٕ امہٕ کِس اَندِس ٹیکھس مَنٛز چھِ تتھ رسم خط تہٕ مُروَج آسی یِمَن ہُنٛد ووٚنی کانٛسہِ ووٚن تہٕ چھُنہٕ۔ کٔشیرِ مَنٛز جٲری کرنہٕ آمٕت گوڈنیُک سِکہٕ یتھ پیٹھ شاردا خطس مَنٛز رِوایت دٕرج چھےٚ، چھُ وَرمن خاندانہٕ کہِ دورُک یُس یتھ کتھِ کُن اشارٕ چھُ کران زِ شاردا خطَس لوٚگ کٔشیرِ مَنٛز نوٚوِ یمہٕ صدی یا امہٕ برٛوٚنٛہہ پَہَن چلے جاو۔ امہٕ برٛوٚنٛہِمِن سِکَن پیٹھ چھےٚ براہمی تہٕ گُپتا خطَس مَنٛز رِوایت دٕرج۔ مختلِف علاقَن مَنٛز مُروَج سرکٲری زَبانَن تہٕ طرزِ تحریرِس متعلق زان پرٛزنٲوِنہٕ کرنہٕ کِس معاملس مَنٛز چھِ یِمہٕ پٲٹھی سِکہٕ معتبر دستاویزن ہُنٛز گژھنٕ مَنٛز یِوان۔ سِکہٕ یوٚت شوٗبہ دار گرٕتھ تہٕ پارٕ اوِتھ آسہٕ تیوٚت چھُ کٲری گری مَنٛز ترقی ہُنٛد باس لگان۔

شُمال مغربی ہندوستان اوس اکہِ زمانہٕ ایران چہِ اکھیمینی سلطنتُک ہُنٛد حِصہٕ۔ تمو اوس شُمٲلی علاقَن مَنٛز پَنُن ضرب مُروَج کوٚرمُت۔ تہنٛدِس رُوپیہٕ سُنٛدِس سِکس اوس سگلوس تہٕ سونہٕ سُنٛدِس سِکس ڈارِک ناو۔ سکندرِ اعظم روٗد ہندوستانس مَنٛز مسیحس برٛوٚنٛہہ ۳۲۷ پیٹھہ ۳۲۴ ہَس تام تہٕ تَس متعلق چھُ وَننہٕ یِوان زِ تمی کوٚر اَتھ دوران پنُن ترامہٕ ضرب مُروَج۔ روٗپہٕ سُنٛد سہٕ سِکہٕ یتھ پیٹھ ایتھنی راتہٕ موٗغُل بناوِتھ چھُ آو تمےٚ زمانہٕ ہندوستانس مَنٛز جٲری کرنہٕ۔ محققن ہُنٛد خیال چھُ زِ سکندر سُنٛد ہم کال ساو بھوتی چھُ سہٕ بادشاہ ییٚمی یوٗنٲنی رِوایت ہیتھ سِکہٕ جٲری کٔری۔ چنانچہ سِکَن ہُنٛدِس گرٕنِس تہٕ تھرٕنِس مَنٛز روز برٛوٚنٛہہ پیٹھےٚ یوٗنٲنی نٔہجہٕ بارٕسس خاص کٔرِتھ کٔشیرِ اَندر ییٚتہِ یہِ سِلسلہٕ ہندو دورِکس سورَن کالَس تام مُروَج روٗد۔

## کٔشیرِ ہُنٛد نقدی نظام

تحریری حوالو تہٕ ییٚتھ کالی آثارو چھُ ہووُمُت زِ کٔشیر اٲس موریا سلطنتُک حِصہٕ مگر کٔشیرِ اَندر چھُنہٕ موریہ دورُک اکھ تہٕ سِکہٕ اَتھ آمُت۔ یہِ وَنٛڑھےٚ ہیٚکہٕ ہےٚ کٔشیرِ موریہ سلطنتس مَنٛز شٲمِل نہٕ آسنچ دلیل بنِتھ مگر پزر چھُ یہِ زِ سٲری سےٚ ہندوستانس مَنٛز چھُنہٕ وُنِس تام موریہ دورُک کانٛہہ تہٕ سِکہٕ اَتھ آمُت — امیُک وجہ ہیٚکہٕ یہِ آسِتھ زِ یا تہٕ آسہٕ ہےٚ نہٕ تتھ دورس تام سِکہٕ سازی سرکٲری تحویلس مَنٛز نہٕ آمٕژ نتہٕ

پۆز ژیتھے کأنسہِ بادشاہس ژٕکس ہیؤتن ین تمٕ کرٕ
پینہٕ وُتھر ہوی تٕرامہٕ سِکہٕ جأری۔ ژیتے یوت
وارِیاہو بادشاہو کرٕ پننہٕ وقتہٕ پٔرانین بادشاہن
ہندی سِکہٕ نوٚسرٕ جأری۔ یتھٕ پأٹھی چھِ سِکن ہُند بتدریج
مُطالعہ سیٚدٕ سیوٚد مختلف دورن منٛز بجأیی یا خستہ
حألی ہُند نقشہٕ اَچھن برٛونٛہہ کُن انان۔ کھوٚٹی سِکہٕ
(خاص کٔرِتھ سونہٕ ہٕندی تہٕ روپہٕ ہٕندی) جأری کرٕنی
چھِ صاف ہاوان زِ سِکہٕ جأری کرن وول چھُنہٕ اقتصأدی
اعتبارٕ ژوٚر خوش حال کینٛہہ۔ چنانچہ اَمچ ٹاکارٕ مِثال
چھےٚ کشیرِ اَندر دُرأنی دورٕکی سونہٕ ہٕندی تہٕ روپہٕ
ہٕندی سِکہٕ۔ اقتصأدی بدحأئی موٗجوٗب ترٛاوِ برطانوی
حکوٗمتن ہندوستانس منٛز دوٚیمہ بڈٕ جنگہِ پتہٕ گلٹھ
کٔرِتھ ترٛامہٕ روپیہ بازرٕ تہٕ پاسہٕ چانٛدٕ ہٕنٛزٕ روپیہ کرٕن
بند۔

# ٹکسال

اِبتدأیی دورس منٛز اُسی ٹھپہٕ گڈٕ ہِتی سِکہٕ
مُروج مگر پتہٕ لوٚگ قالبہٕ ڈٔرامتین سِکن چلنے جاو۔
ٹھپہٕ گڈٕ ہِتین سِکن ہُند گرٛتھ اوس اکثر بیٚے سوٚم
آسان مگر قالبہٕ گڈٕ ہِتین سِکن منٛز چھُ سمبر ڈٔرِتھ یوان
یُس زن نفاستس کُن اَکھ قدم اوس۔ ٹھپہٕ گڈٕ ہِتی
ژُکوٗنجل سِکہٕ تہٕ چھِ اَتھ آمتی تہٕ ڈُلأی سِکہٕ تہٕ۔ ٹھپہٕ سِکن
اُس کوٗن کٔرِتھ گولأیی یوان کرنہٕ۔ اَمہٕ چالہٕ ہٕندی ژُکوٗنجل
سِکہٕ چھِ باقے سِکو کھوتہٕ پرٛأنی۔

سِکن وُچھتھ چھےٚ عقیدن تہٕ ہونرمٕندی
ہُنرٕ زانکأری تہٕ سپدان۔ سِکہٕ چھُ تہذیبی ترقی ہُند
رفتار بدلٕ گڈلِنس نہٕ زانٛنس منٛز اَتھ روٚٹ کران۔ سبٛندٕ
پیٚتھر منٛزیمہٕ علامژ اَسہِ مختلف کِتر موہرن پیٹھ ڈٔرِتھ
چھےٚ یوان تِمے علامژ چھےٚ پتہٕ وارِیاہن علاقأیی سِکن
پیٹھ تہٕ کھنٛنہٕ۔ مثلن، اَنٛدی اَنٛدی جنگلہٕ دِتھ کُل، نندی
شو بیترٕ۔ علامژن ہُند سِکن پیٹھ کھنٛنہٕ آسُن چھُ صاف
ہاوان زِ قُدرژ کین مختلف روٗپن ہٕنٛز یوسہٕ پرستش
سبٛندٕ پیٚتھرٕ ہنٛدس تہذیبس منٛز مُروج اُس۔ سبٛندٕ
پیٚتھرٕ ہُند تہذیب ختم گژھتھ نہٕ آسی قُدرت پرستی
ہٕندی عقیدٕ زِنٛدٕ۔

ضربِکی تحریر چھِ دأنہِ وادن موجوٗد روزان،
چنانچہ وارِیاہ راز چھِ تِمی یمن ہُند ناو صرف سِکو کِنی زِنٛدٕ
چھُ نتہٕ چھُنہٕ توأریخس منٛز تِہُنٛد سرسری ذکرٕ تہٕ
آمت۔ منٛدورن گُنٛنس تل سِکہٕ دوب ترٛاونُک
رِواج تہٕ اوس نہٕ بلی۔ یہ رِواج اوس مکانہٕ کِہ تعمیرُک
زمانہٕ دُلنس تل تھاونُک اَکھ ذریعہ۔ کشیرِ ہٕندین
پرٛانین سِکن پیٹھ چھِ اَسہِ کھروشتی، یوٗنأنی، براہمی

طرزِ تعمیر زٕژھرِ تہٕ آسُن چھُ اکھ فکر انگیز معاملہٕ تہٕ باسان چھُ زِ یونانی ما آسہٕ ہن تمے زمانہٕ کٔشیرِ واتی متی۔ یئیلہِ تِموٚ باختر تہٕ امیُک اندی پکھی علاقہٕ پانس تابین کوٚر۔ ستری پتہٕ آیہٕ کٔشیرِ کُشانن ہندِس اِقتدارس تَل تہٕ بنے یہٕ تمہِ عظیم سلطنتُک حصہٕ یمہِ منٛز ایشیا پیٹھہٕ خلیج بنگالس تام کاڑ اوس کوڑمُت۔

# ضربک گوڑ انہار

کاشرِ پانہٕ نوو روٗمی دینار گوڑ دینار تہٕ پتہٕ "دیٖار" وٕنِتھ۔ "دیار" لفظ چھُ وُنہٕ تہٕ نقدی ہندِس معنیس منٛز عام کاشرِس زیوِ پیٹھ۔ امہِ ہِرِ بمانہٕ آسی بییہِ تہٕ کینٛہہ سکہٕ یمن کاشرِ ناو آسی تہٕ یمن ہٕنٛز ووٚنی یاد باقے چھےٚ۔ ییتھین سکن منٛز آس "باہ گنٛی" "پننٛژہٕ ہتیٚشن تہٕ ساسیٚشن شامِل۔

سکن ہنٛد مطالعہ سیتی چھےٚ ژینہٕ وَن لگان زِ کُشانوٚ پتہٕ بنے یہٕ کِدار کُشان کٔشیرِ ہنٛدی حُکمران۔ کِدار کُشانن ہنٛد تعلق اوس کُشانن ہنٛزِ تتھ دوٚیمہِ چھوکہِ سیتی یمیک بادشاہ محموٗد غزنوی (کہم صدی) ہنٛدِس وقتس تام کابلس پیٹھ حکوٗمت آسی کران۔ کِدار کُشان چھِ توارِیخس منٛز لوکٹیو کُشانوٚ یا کانسیو کُشانوٚ ناوِ تہٕ ذٕلنس تَل۔ کانسیو کُشانوٚ کٔر ۴۳۰ء منٛز گاندھارِ پننٛی حکوٗمت قائم۔

# کِدار ضرب

کِدار کُشانن ہنٛز سونہٕ موہر آسہٕ بِلکُل تتھے یتھہٕ شاہی کُشانوٚ رائج کرمٕژ آسہٕ۔ یمن ہُنٛدی پاسہٕ ووٚدنی راز چھُ ہاوِتھ تہٕ تھٕر طرفہٕ ہہتھ دلوٚی چھےٚ۔ موہرِ پیٹھ چھُ لفظِ کِدار، برہمی خطس منٛز لیکھتھ یُس ژوٗری مہِ پانٛژی مہِ صدی منٛز مُروج خطچ نِشاندہی چھُ کران۔ کِدار رِوایت ہیتھ پانہٕ نوو کاشرِ بادشاہو سکن ہنٛد یہٕ طرز۔ شییمہ صدی پیٹھ چھُ کاشرِ ہن سکن منٛز کُشان سکن مُقابلہٕ گرتھ تہٕ کاری گری رنٛگہٕ پھیریہ دریٖتھ یوان۔ نوٚی مہِ صدی تام روٗد یہٕ مُروج۔ باسان چھُ زِ ییتھی سکہٕ آسہٕ ہن شییمہ صدی بٔروٚ نٔتھے کٔشیرِ منٛز چلان۔ چنانچہ کُٹنہِ مَتس منٛز چھُ لیکھتھ زِ اٹھمہِ صدی منٛز آسی کٔشیرِ انٛدرِ سکس کِدار وَنان۔ کِدار کُشانن ہنٛدِس کٔشیرِ پیٹھ اِقتدارس متعلق چھےٚ راج ترنگنی خاموش مگر مختلف زمانن منٛز آسی امہِ قبیلکی لوٗکھ کٔشیرِ منٛز تھدین عہدن پیٹھ تہٕ تِموٚ چھِ کٔشیرِ منٛز کینٛہہ تعمیر تہٕ کٔری متی۔ یِہنٛدِس شہادژ موجوٗب آسی کِدار کُشانن بٔروٚ نٔتھے پیٹھہ کٔشیرِ سیتی واریاہ جان تعلقات۔ کِدار کُشانن ہنٛز واریاہ مُوہر چھےٚ مختلف سومبرن منٛز موجوٗد مگر یہٕ وَنن چھُ مُشکل زِ کٔشیرِ پیٹھ جاری کرنہٕ آمٕژ موہر کوسہٕ اکھ چھےٚ۔

آسہٕ ہَن تِمے سِکہٕ مُروج یِم اَمہِ بڑٕ وٚنہہ بازرس مَنٛز
آسی مثلَن سوورن، کارشاپَن تہٕ پَن بیتر۔ اَز بڑٕ وٚنہہ
ژتجی پانژہٕ تاجی وُری سپدی عالمن کینٛہہ سِکہٕ یُدسٕ
یمَن پیٹھ کانہہ عبارت دَرج چھنہٕ مگر اَکہِ طرفہٕ چھُ بالَس
پیٹھ ژُندر تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ ہوٚس بناوِتھ۔ یِتھی سِکہٕ
چھِ ٹیکسیلا پیٹھہٕ کوسامبی تام دٔرامتہٕ تہٕ اندازٕ چھُ
پوان کرنہٕ زِ یِمَن سِکَن ہُنٛد تعلق چھُ موریا دورس
سیتی۔ گوڈٕ ے چھُ اشارٕ کرنہٕ آمُت زِ شیٚیمہِ صدی تام
اوس سِکہٕ مختلف ادارن ہنٛدِ ذٔسی بازرتژاونکُ
رِواج ڈٔنٛجہٕ، مگر کینٛژن جاین آیہِ اَمہِ برٛونٛٹھے
سِکہٕ سازی سرکاری تحویلس مَنٛز نِنہٕ۔ یِہ ہے
وَجہ چھُ زِ ستٔرپ دورٕ برونٛٹھِمی سِکہٕ چھِنہٕ اَسہِ یُدس
تہٕ بڑٕ وٚنہہ کالکی یِم سِکہٕ اَسہِ حٲصِل سپدی متی چھِ تِم
چھِنہٕ اَسہِ توٲرِیخکی موڈ بدِ کڈنس مَنٛز اَتھہٕ روٗٹ
کران۔ یِمَن یِتھ کالہٕ کِین سِکَن پیٹھ چھِنہٕ کانٛہہ
روایت درٕج صِرف چھُکھ ٹھپہٕ ترٛاوِتھ یِتھ متعلق پے
چھُنہٕ زِ یہِ چھا سرکٲری کِنہٕ پرائیویٹ۔
موریہ دور سورٛنس سیتی یا اَتھ اَنٛدی ٹِکھی روز
کشیر تہٕ اَکھ ڈٕچھتی کھووری علاقہٕ یوٗناٛنی ستٔرپن تابِین
رٔنٛیچ نِشاندہی قدیم آثار، کشیرِ ہنٛد طرزِ تعمیر تہٕ ستٔرپَن
ہنٛدی تِم سِکہٕ کران چھِ یِم کشیرِ اَنٛدر مختلف جاین یِمَن

مَنٛز ژُکھ دَر تہٕ شٲمِل چھُ اَتھ چھِ آمتی۔ حالانکہ سِکہٕ
اَتھِ یِنی چھِنہٕ لٲزمی طور یِتھہ کٔنہٕ پٕشنٛے کران زِ یِیمہِ
علاقہٕ اَنٛدر یِم سِکہٕ اَتھ چھِ آمتی سُہ علاقہٕ کیاہ چھُ تَس
رازس ماتحت اوسُمت یِیمی سِکہٕ جٲری چھِ کٔری متی۔
اَمہِ کِنی زِ سِکہٕ چھِ سوداگارَن تہٕ سالانین ہنٛدِ دَستہٕ اَکہِ
جایہِ پیٹھہٕ دوٚیمہِ جایہِ واتان روٗدی متی۔ تحقیق کرن والین
چھِ مالابار ساحلہٕ پیٹھہٕ جان تعدادس مَنٛز پرٛانی روٗمی
سِکہٕ اَتھِ آمتی حالانکہ مالابارس پیٹھ چھُنہٕ زانٛہہ تہٕ
روٗمی حکومت اُسمٕژ۔ او مالابار ساحِل چھُ یِتھ کالہٕ پیٹھہٕ
مغربَس تہٕ مشرِقس دَرمیان تجارتُک مرکز اوسُمت تہٕ
روٗمی سِکہٕ تہٕ دوٚیمی آثار اَتھِ یِنی چھُ یِتھ کالہٕ کِین تجارتی
تعلقاتَن ہِنٛدِ یَن ڈُکھ کران۔ مگر مختلف تحریرٕ یَمَن مَنٛز گاندھار
جاتک تہٕ اشوک اودان بیترِ کتابہٕ شٲمِل چھٕنے، تِمہٕ چھٕنے
یِتھ کٔنہٕ پُشنٛے کران زِ کشیرٕ اُس تِمہٕ جَن پَدک اَکھ حِصہٕ یِتھ
جَن پدس بودھ گرنتھَن مَنٛز گاہے گاندھار کشیر تہٕ
گاہے گاندھار وَنہٕ چھُ آمُت۔ توٲریخی شہادژ، قدیم
آثار، سِکو تہٕ کتبو چھُ ثابتھ ڈیتمُت کرِتھ زِ اَتھ علاقس
پیٹھ اُس یوٗنانی ستٔرپَن ہنٛز بالادستی۔ سٲری سے شُمٲلی
ہندوستانَس مَنٛز بلکہِ مشرِقس مَنٛز چھٕنے کشیر سوٗ واحد
جاے یِیتہِ وُنستام ڈورک طرزِ تعمیرکی آثار ڈٔنٛجہ چھِ، یہ
طرزِ تعمیر چھُ یوٗنانُک قدیم ترین طرز۔ کشیرِ اَنٛدر ڈورِک

سُہ حکمران اوس تِتہٕ چھےٚ کُشانَن ہنٛدی سِکہٕ مُروَج آسنٕچ

روایت زِنٛدٕ اَسمٕژ۔

## پٕرٛورسین ثٲنی ہنٛدی سِکہٕ

راز پرٛورسین (دوٚیُم) سُنٛد ضرب چھُ سوٗنہٕ سُنٛد

تہٕ نہٕ روٗپہٕ سُنٛد تہٕ۔ بُتھہِ پاسہٕ چھےٚ اَتھ بِہِتھ دیوی ہٲوِتھ

لیس کھووٕرِس اَتھس کیٚتھ پمپوش چھُ۔ سِکس چھُ

دُچھنِہ پاسہٕ برٛہمی خطس منٛز شری پرور درٕج۔ دیوی

اَتھس کیٚتھ پمپوش آسُن چھُ لکشمی ہنٛز ژینہٕ وَن تہٕ دِوا

تہٕ شاہی تھپکہٕ تھٲوِتھ تہٕ۔ تھُر پاسہٕ چھُ سِکس ہیٚٹھ راز

بنٲوِتھ لیس کھووُرکُن بُتھ چھُ۔ کھووٕرِس اَتھس کیٚتھ

چھُس بَلَم یِتھ پیٚتِس پیٚٹھ ژُنٛدرمہٕ چھُ بنٲوِتھ۔ راُزس

چھُ دُچھنِہ نرِواشس گَڈِتھ تہٕ نرِ پیٚٹھ کُن چھُ تِرِشوٗل

نظر گژھان، اَمے پاسہٕ دُچھُن کُن چھُ سِکس پیٚٹھ

لفظِ "سین" لیکھِتھ تہٕ رازٕ سُنٛدِس کرٛٹھس بوٚن کُن

چھُ کھووُر طرفہٕ کرٕ۔ دارا لیکھِتھ۔ ترِشوٗل تہٕ ژُنٛدر چھُ

شیوی عقیدٕ ہٕنٛز باوتھ تہٕ رازٕ سُنٛدِ شیوی آسنٕچ

ژینہٕ وَن چھےٚ پرٛورپورس منٛز تٔمِسٕنٛدِ گوڈنیک شِو

مندر تعمیر کرٕنہٕ سِتی تہٕ لگان۔ دِلچسپ کتھ چھےٚ یہِ زِ

تورمان سُنٛدِ ضربک بُتھِ پاس چھُ راز پرٛورسین

دوم سُنٛد تھُر پاس تہٕ یِتھے پٲٹھی چھُ تورمان سُنٛدِ

سِکک تھُر پاس پرٛورسین سُنٛدِ ضربک بُتھِ پاس۔

راز پرٛورسین دوٚیُم سُنٛد سوٗنہٕ ضرب چھُ روٗپہٕ ضربہٕ

نِش ژوکھ۔ اَتھ سِکس پیٚٹھ چھُ رازَس بُتھ برٛونٛہہ کُن۔

راز چھُ وِدوٕنی، اَمِس چھُ کھووُر اَتھ ہُلس پیٚٹھ تہٕ دُچھُن

اَتھ چھُس تھوٚد کھٲرِتھ۔ رازس دُچھنی تہٕ کھووٕری چھِ زٕ زٔنی

بِہِتھ ہٲوِتھ۔ رازٕ سُنٛد ناو پرٛورسین چھُ برٛاہمی خطس

منٛز درٕج۔ اَتھی سِکس چھےٚ تھُر پاسہٕ سِہَس سوار دیوی

ہٲوِتھ لیس کھووٕرِس اَتھس کھیٚتھ پمپوش چھُ تہٕ کھووُرکُن

چھُس پھولدان۔ 'کِدار' روایت چھےٚ کھووٕرِ پاسہٕ سِکس

پیٚٹھ سِیدٕ ہیٚرِ پیٚٹھ بوٚن کُن لیکھِتھ۔ دیوی چھےٚ کننگھم

لکشمی مانٛزمٕژ مگر یہِ چھُ امیکایہ ہُنٛد روٗپ باسان بِسِک

تھُر پاس چھُ گُپت طرزس سِتی رَلان۔ کننگھم یوٚدوے

لیکھان چھُ زِ سِکَن پیٚٹھ درٕج طرزِ تحریر چھُ پٔنٛژِمہٕ

صدی ہُنٛد مگر بذٲتی گژھِ یہِ اندازِ تحریر شیٚیمہٕ صدی ہُنٛد

آسُن قیاسس تہٕ شہادت چھےٚ یتھ کتھِ ڈکھ کران زِ

پرٛورسین دوٚیُم سُنٛد دوراوس شیٚیمہٕ صدی ہُنٛد اَنٛد۔ اَتھ سِلسِلس

منٛز چھےٚ گوڈنچ شہادت ہیون سانگ سُنٛز لیس

(۶۲۹-۳۱) منٛز کٔشیرِ آو۔ سُہ چھُ اَمِہ وَقتہٕ پرٛورپورس

نوٚو شہر وَنان۔ ییٚمیُک معنے یہِ ہیٚکہٕ اَسِتھ زِ

تہٕنٛدِ یِنہٕ برٛونٛہہ کِہے کال اوس پرٛورپور لبساونہٕ آمُت۔

نہٕ یہِ کِہے کال ہیٚکہٕ نہٕ ہتھ ڈوڈ ہتھ وَری اَسِتھ۔ تہٕ کیازِ

کننگھم چھُ کٔشیرِ پیٹھ ہندٕ ، دوٗرُک گوڈنیُک
سِکہ مہر کُل (شیٖیم صدی) سُند سِکہ مانان ۔ مہر کُل ووت
تَمہ ساعتہٕ کٔشیر ییلہٕ تس باتے ہندوستانس مَنز دکہ
کوڈٕکھ ۔ تس اٚس گوڈٕ سیالکوٹ راز دانی ۔ کننگھم
سُند وَنُن چھُ زِ سُہ سِکہ یتھ پیٹھ "جیہ ۔ تہٕ ۔ مہر کل"
روایت دَرِج چھےٚ ۔ سُہ سِکہ کیاہ چھُ کٔشیر ہنٛزِ ٹکسالہ
منٛزِ دٔرامُت ، چھُ بحث طلب ۔ گوڈنیتھ اَوکنی زِ اَمس
راز سُند کانٛہہ تہٕ سِکہ چھُنہٕ کٔشیر ہِنٛد علاقہٕ مَنٛز
اَتھ آمُت ۔ دۆیُم اَوکنی زِ مہر کُل بنیو کدار کُشانو پتہٕ
کٔشیر ہُند حکمران ۔ کدار کُشانن ہنٛز ژٕینہٕ وَن "کدارا"
چھُنہٕ تہنٛدِس سِکس پیٹھ نظر گژھان حالانکہ تُس
پتہٕ چھُ کدار لفظُک اندراج آسہِ راز پرورسین تہٕ
دۆیمین رازن ہنٛدِس ضربس پیٹھ دٔرینٛٹھ پوان ۔ مہر
کُلس پتہٕ چھُ کھِنکھِل سُند بڈس سِکہ تہٕ تمے گاچھ
ییمہِ گاچہ مہر کُل سُند سِکہ چھُ ۔ کھِنکھِل چھُ نرینٛدرا
دتیہ ناوٕ آسہِ وُلنس تل ییٚس متعلق کننگھم چھُ لیکھان زِ
یہ ناو چھُ تٔسندِ سیتھی ناو کھِنکھلُک ہندوستٲنی ترجمہ ۔

## تورمان ضرب

کٔشیرِ اندر چھ سیٹھاہ بڈس تعدادس مَنٛز
تورمان سُندی سِکہ اَتھ آمتی ۔ یم ساری سِکہ چھ ترامی ۔

تورمان سُندی سِکہ چھُ ہتھکہ اعتبارٕ بلکل کدار کُشانن
سیتی رلان ۔ اُہنٛدین سِکن پیٹھ چھُ بُتھی یاسہ ووٕ دِنی راز
تہٕ دۆیمہ طرفہٕ پمپوش اَتھہ ہیتھ دیوی بناوتھ ۔ سِکس
پیٹھ دَرِج رازٕ سُند ناو چھُ براہمی خطس مَنز "شری تورمان"
براہمی خط چھُ اَمہِ خطُک پنٛژِمہ ، شیٖیمہ صدی منٛز مروج
صوٗرتھ ۔ سِکس چھُ تھٔرانٛدٕ سیٚدِ سیٚوٕ وکھوو دُرکن کدار
لیکھتھ ۔ راج ترنگنی مَنٛز چھُ دَرِج زِ تورمانن کرِی تمے
سِکہ پننہٕ ناوٕ جٲری یِم سِکہ تس برٛونٛہہ کُنی تام رازن
کٲفی تعدادس منٛز جٲری کٔرِمتی آسی ۔ گوڈنیتھ سِکہ
جٲری کرن وول آسہِ ہے کانٛہہ سیتھی رازٕ ۔
یہ کتھ چھےٚ بحث طلب زِ ییٚلِس تورمان سُند
ذِکر راج ترنگنی مَنٛز آمُت چھُ ، سُے تورمان چھا مہر کُل
سُند مول تورمان ۔ مگر اکھ کتھ چھےٚ پھرنی لایق زِ گوڈنیتھے
چھُ کلہنَن مہر کُل سُنٛد پتہٕ تورمانُن ذِکر کوٚرمُت ۔ دۆیُم
یہ زِ آسہِ نش چھِنہٕ کانٛہہ ترٛژھ شہادتھ زِ مہر کُل سُند مول
تورمان کیاہ چھُ کٔشیرِ پیٹھ حکمران اوسمُت ، ترٛییم کتھ چھےٚ
یہ زِ تورمان سُنٛدِس سِکس پیٹھ چھُ لفظ "کدار" درج ،
ییمہ سیتی تٔسندِ سیتھی یا کُشان آسنچ ژٕینہٕ وَن لگان چھےٚ ،
خود تورمان ناو چھُ تٔسندِ ترک آسنُک پے دِوان ۔ ضربس
پیٹھ "کدار" دَرِج آسہٕ سیتی چھےٚ یہ ژٕینہٕ وَن تہٕ میلان
زِ ہرگاہ تورمان پانہٕ سیتھی اوس نہٕ مگر یتھ علاقس پیٹھ

ٗمکتا پیڈ ہندۍ نہٕ زِ تِہندِس ٲلِس دُرلبھ ہندۍ جٲرۍ کٔرِمٕتۍ۔

دُرلبھ پرتاپ دِتیہ ہِند پتہٕ بنیو چندراپیڈ راز تہٕ تس پتہٕ تاراپیڈ۔ یِمَن دوشونٕی رازن ہنٛدٕ ناوٕک کانٛہہ سکہٕ چھُنہٕ بَدس۔ اوٚکھی زیٚم رٕوٕدۍ سیٹھا کم وقتس حُکمران۔

یِمَن رازَن پتہٕ بنیو راز للتادِتیہ مُکتاپیڈ کٔشیر ہند حکمران۔ اَمِس رازٕ ہند یعنی للتادِتیہ ہِندٕ ناوٕک کانٛہہ تہٕ سکہٕ چھُنہٕ وِنستام بَدس سُپدمُت۔ للتادِتہن کٔر ۳۶ ؤری یَن حکومت تہٕ بٔڑۍ بٔڑۍ تعمیر اَند واتنٲوِتھ تھوٚوٕن ناو زندٕ۔ تہند وقتہٕ اُس کٔشیر سیٹھا بجا۔ خبر تِمۍ کیازِ کٔرۍ نہٕ پننہٕ ناوۍ سکہٕ جٲرۍ، حالاں کہ پرتاپہ ناوٕ جٲرۍ کرنہٕ آمتۍ اُدۍ ہندۍ سکہٕ چھِ ہندُستانس منٛز بسیار جایَن میلان۔

یہ کتھ باوَر کرنس چھےٚ بُنیاد زیٚم سکہٕ شری پرتاپ ناوٕ بَدس سُپدۍ مٕتۍ چھِ تِمَن سِکَن ہُند تعلق چھُ رازٕ للتادِتس سٍتۍ نہٕ زِ دُرلبھ ہس سٍتۍ یُس پرتاپ دِتیہ ناوٕ حکمران بنیو۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھُ کٔننگھم راج ترنگنی ہنٛز ژٕورمہٕ ترنگہٕ ہِندٕ ۱۲۴ شلوکُک حوالہٕ دِتھ وَنان زِ لیشوورمن ہِندٕ

سلطنت زِیٚنِنہٕ پتہٕ تھوٚو للتادِتَن پرتاپ ادت لقب۔ سٹین تہٕ آر۔ ایس پنڈت چھِ اَتھ شعرس بدل مٕعنےٚ کران۔ آر۔ ایس پنڈت چھُ شعرُک ترجمہ یِتھہٕ کٔنۍ دوان:

"لیشو ورمن سُند دٕہ دٕہ کرن وول فوج
پھو للتادِتیہ سُندِ تیزٕ سٍتۍ تِتھےٚ کٔنۍ ہُرتھ
یِتھہٕ کٔنۍ بٲلۍ کول تاپہ سٍتۍ ہو کھان چھِنےٚ۔"

سٹین چھُ شعرُک یِیٚمہٕ چالہٕ ترجمہ کران۔ :

"پہاڑس سٕومب لیشو ورمن سُند فوج ژُمبو اَکس بڑزُنڈس منٛز۔ راز للتادِتیہ اوس تِتھ دزِونس افتابس ہیوٕ یُس بٲلۍ کولہٕ ہو کھنٲوِتھ چھُ تھاوان۔"

مگر شلوکس وارٕ پاٹھۍ ہُنِتھ چھُ بقولِ ڈاکٹر اے کننگھم ہنٛز وِیٛرِھنےٚ اَندازس نکھہٕ باسان۔ شلوکس منٛز چھُ پرتاپادِتیم یا یو، محاورٕ استعمال کرنہٕ آمُت تہٕ اَتھ محاورس چھُنہٕ للتادِتیہ ہِندِس ٲلِس سٍتۍ کانٛہہ تعلق۔ یہ چھُ مَحض للتادِتَن اَکھ گون تہٕ مٕعنےٚ چھِس زِ للتادِتیہ بنیو پرتاپ دِتیہ۔ یا یہ زِ للتادِتہن پژوو لیشو ورمن زیر کٔرِتھ پرتاپادِتیہ لقب یِتھ کٔنۍ ۱۲۴ اَمِس شلوکس منٛز اشارٕ چھُ آمُت کرنہٕ۔

## پرتاپہ ناوکۍ سکہ

"شری پرتاپ" رَوایژ داٲلۍ سکہٕ چھِ کٲفی تعدادس

تم گیہ کم کاسہ شئے پیپر تہ شیٹیو پیپر بو پتہ آسہ ہے نہ
نوٚو شہر نوٚوُے شہر رُودمُت۔ دوٚیم کتھ چھےٚ
یہ زِ جدید تحقیقہ موجوب آو مہرکُل ۵۵۵ء پتہ کشیر
مہرکُلس پتہ بیوٚٹھ راز پرٛورسین دوٚیُم تختس پیٚمہ کنہ
تُہند دورِ حکومت شیٚیمہ صدی ہُند سورن کال تہ
سترمہ صدی ہُند گوڈ کال آسنہ ہیکہ۔ راز پرٛورسین
نِس تہ کارکوٹ خاندانہ کِس دُرلبھ وردھن نِس وقتس
دوران چھ ووڈنی راز تہ بہیتھ دلوی طرزک کینہہ پھیری
سکہ تہ . اتھ آمتی۔ یمن منٛز چھُ اڈن پیٹھ بُتھی
پاسہ شری نریندر تہ تھر پاسہ کِدار درج۔ امے طرزک
بییہ کینہہ سکہ تہ چھ یمن بُتھی پاسہ شری گوکرن تہ تھر
پاسہ کِدا لیکھتھ چھُ۔ یہ چھُ سُہ نریندر دتیہ یُس تُہند
ذکر گوڈے چھُ آمُت، مگر یہ کتھ چھےٚ شک آور
باسان زِ یہ نریندر دتیہ چھا سُہ یُس کشیر ہُند راز
اوس کنہ نہ۔ مگر کارکوٹ تہ گوکرن ہندین سکن
یُس ہشر نریندر دتیہ ہندین سکن ستی چھُ ننتھ بنیاز
پیٹھ چھےٚ شک کرنس سیٹھاکم گنجائش روزان۔

## کارکوٹ ضرب

کارکوٹ دورک سکہ چھ موٚڈ دژوٚڈ مگر کاری گری
ہِندِ اعتبارِ چھ یِم پھیری۔ امہ دورکین سونہ دینارن
چھُ روپچ تہ لوے رلہ۔ کینژن سکن چھُ لوہ یہ ہُند
تیوت مقدار ستی زسونہ کھوتہ چھ ترم دینار لوہ یہ ہندی
باسان۔ امہ دورک ترامہ سکہ تہ چھ بدس تہ یمو سکو
اندر چھ اکثر تہتی یمن گژھ چھےٚ دتھ مگر بذاتی چھ یم سکہ
نقلی۔ راج ترنگنی منٛز چھُ درج زِ راز جیا پیڈن
(۷۵۱ء – ۷۸۵ء) لُب ترامہ کان تہ کرن اکہ کم اکھ از
ترامہ سکہ جاری۔ تسندی جاری کری متی ترامہ سکہ چھ
کنشتک تہ ہشک سندین جاری کری متین سونہ
سکن تہ روپہ سکن ہنز چالہ مگر یمن سکن چھنہ کشان
سکن ہنز ہش شوب۔

کارکوٹ خاندانک یانی کار راز اوس دُرلبھ
وردھن یمیٚ پننہ ناوک سکہ جاری کوٚر۔ امی سندس
سکس پیٹھ چھےٚ دلوی ہنز بٔنے سوٚم شبیہ، یہ سہ
شاید لکشمی چھےٚ۔ بُتھی پاسہ چھ سکس پیٹھ دُرلبھ دیو
لیکھتھ۔ تھر پاسہ چھےٚ ووڈنی راز سنٛز بٔنے سوٚم شبیہ
تہ امے پاسہ چھُ سکس پیٹھ جیہ تہ کِدار لیکھتھ۔ امہ
خاندانہ کیو دوٚیمو رازو تہ کری امہ چالہ سکہ جاری۔ فرق
چھےٚ صرف ناون ہنز۔ پرتاپ دتیہ اوس دُرلبھک
سُند لقب۔ مشہور راز للتادتیہ (۷۳۱ – ۶۹۵ء)
اوس امی سے دُرلبھکا سُند نیچو تہ یمن سکن پیٹھ
پرتاپ دتیہ روایت درج چھےٚ تم سکہ چھ شاید للتادتیہ

ڈاکٹر ہورنے سُند خیال چھُ زِ یِم سِکہٕ چھِ مَنٛدسور کِس رازٕ یَشو وَرمن سٕندی یِیمہِ مہر کُلَس شِکست دِیُت. مگر یِیمہِ رازن مہر کُلَس شکَس دِیُت سُہ اوس یشو دھرمَن نہٕ زِ یَشو وَرمَن یِیمہِ موکھہ یہِ دعوا رَد چھُ گژھان. کھُدایہِ دوران دژاو مانِکیالے سَتوٗپہٕ تلہٕ تہٕ یَشو وَرمَن سُنٛد اَکھ سِکہٕ. کَننِگھم چھُ اَتھ سِکَس قنوٗجہٕ کِس رازٕ یشو وَرمنَس لوٗنچہٕ گَنڈان. مگر اَکھ دِلچسپ کتھ چھےٚ زِ یَشو وَرمَنَن چھُنہٕ گوڈنیتھے پننہٕ ناوُک ضرب جاری کوٚرمُت. ووٚنی اگر تمیٚ پننہِ ناوُک ضَرب کوٚڈمُت تہٕ آسہِ ہے تیٚلہِ گژھِ ہیتھ سِکہٕ وسطی ہندوستانہٕ مَنٛز اَتھ یِنی یہٕ زَن سَپُدنہٕ بلکہِ چھُ یہِ سِکہٕ پنجابہٕ دژامُت. بیٚیہِ چھےٚ بیاکھ کتھ زِ قنوجہٕ کِس رازٕ یشو وَرمنَس کوٚسہٕ مجبوٗری اُس زِ سُہ کرِہے کارکوٹ خاندان کِس جاری کرِی مِتِس سِکَس نقل. ووٚنی چھُ سوال زِ یہِ سِکہٕ کَس یشو ورمن سُنٛد چھُ. جینت بھٹّ یُس رازٕ شنکر وَرمن (۸۸۴–۹۰۳) سُنٛد کالہٕ بوٗج اوس چھُ پننِس مشہوٗر ڈرامہ "آگم ڈمبرس" مَنٛز لیکھان زِ رازٕ شنکر وَرمنَس اوس اَکھ ناو یشو وَرمن تہٕ. یہِ کتھ چھےٚ اندازَس نِکہٕ باسان زِ تِمہٕ سُنٛد یہِ سِکہٕ کیازِ آو پنجابہٕ اَتھ. اَتھ سِلسلَس مَنٛز چھُ واضح زِ اَکھ چھُنہٕ پنجاب کشیرِ نِش زیادٕ دوٗر دوٚیِم یہِ زِ پنجابَس خاصکرِتھ کانگڑا بیترِ علاقن پیٹھ رازٕ شنکر وَرمن سٕندِ حملُک حوالہٕ چھُ تواریخی اعتبارٕ کھۄتہٕ. کارکوٹ، یِہنٛدیم ہم کال یانکھہٕ ہم کال رازٕ آسی تمو کرِی کم کاسہٕ اَکی گاچہ سِکہٕ جاری. یہِنٛد یوٚسکو مَنٛز یِم سِکہٕ سونہٕ سٕندی گنٛزرنہٕ چھہ آمتی تِم سِکہٕ چھِ بذاتی الیکٹرم سِکن ہٕنٛز گرٛزنہٕ مَنٛز یوان. اَڈہن سِکن مَنٛز چھُ سونُک مقدار دَہ پیٹھہٕ یاہ فیصدی، روٗپھ، ترٛواہ پیٹھہٕ پَنٛداہ فیصدی تہٕ باقے حِصہٕ ترام. ترامَس سیتی چھےٚ قلایہ ہٕنٛز تہٕ مِش. باقے ساری سِکہٕ چھِ چھۄرا ترام. اُتر پردیشَس مَنٛز چھُ کھُدایہِ دوران کارکوٹ طرزٕکی نہٕ صِرف الیکٹرم بلکہِ چھِ ترامہٕ سِکہٕ تہٕ کافی تعدادَس مَنٛز دژامتی. وَرمن خاندانہٕ پَتہٕ چھُ راج ترنگنی مَنٛز تِمن ہٕنٛد اندراج کُنہٕ وکانہٕ روٗس تہٕ رازن ہٕنٛز یُس ترتیب اَمہ پَتہٕ اَتھ مَنٛز دِنہٕ آمٕژ چھےٚ، تتھ چھِ سِکہٕ تہٕ تائید کران.

شنکر وَرمنَس پَتہٕ کشیرِ ہٕنٛدی سِکہٕ چھِ اَکی گاچہ تہٕ روایتی، یِیمہِ کِنی یِمن ہٕنٛز اہمیت تہٕ بوٚزی کھٚسے چھےٚ.

## دِدّا کھیمہٕ ناوٕکی سِکہٕ

کھیمہ گُپت (۹۵۰–۵۹) سٕندِ وَقتُک ضَرب چھُ نِرل تہٕ کیازِ یہِ سِکہٕ چھِ دوٚن ناوَن پیٹھ جاری

منٛز ہندوستان کیو مختلف حصو اندر اتھ آمتی۔ یمن جاین یم سِکہ اتھ چھ آمتی تمن منٛز چھ فیض آباد ضِلعس منٛز بھٹاویر، باندا ضِلعس منٛز ماو تحصیل، سارناتھ، راج گھاٹ، مونگیر تہٕ نالندہ بیتر شامِل۔

درلبھکا پرتاپا دتیہ اوس کشیرِ ہند مقامی راز۔ تس اوس نہٕ وسطی ہندوستانس سیتی کانٛہہ تعلق۔ بڈِس تعدادس منٛز اُترپردیش تہٕ بہارٕ اتھ ینہٕ واجی سِکہ ہیکہٕ نہٕ درلبھکا پرتاپا دتیہ سٕندی اسِتھ۔ البتہٕ یم سِکہ للتادتیہ سٕندی مانٛنس چھنہٕ کانٛہہ اٹھکاو۔ امہ برونٛہہ کنہٕ چھ واضح تواریخی حوالہ موجود یمو کنی للتادتن نہٕ صِرف وسطی ہندوستان فتح کوٚر بلکہ گڈٕ بنگال تہٕ دکن تام تہٕ ژھٔٹھ تہٕ گجرات علاقس تھاہ ہیتھ پھیور واپس ییمیک تصدیق مختلف ذریعو کنی سپدمت چھ۔ راز للتادتیہ سٕندی ساروے کھوتہ زیادٕ سِکہ چھ اُترپردیشہٕ اندرٕ اتھ آمتی، ییمہ سیتی ژینہٕ ون لگان چھےٚ زِ یہ علاقہٕ چھ للتادتس ماتحت اوسمت۔ سِکہ آسہن ظاہرا فوجی خرچہ یا کاربارٕ باپتھ استعمال کرنہٕ آمتی۔

باندا ضِلعکہ ماو تحصیلہ تہٕ وارانسی ضِلعس منٛز راج گاٹھ اتھ آمتی سِکہ تہٕ چھہ راز للتادتہٕ فی مانٛنہٕ یوان۔ تم چھ عام کاشرین ٹھپہ ین سِکن ہوی یمن تھریاسے بہتھ دیوی تہٕ بتھی پاسہ ووہنی راز چھ بناوِتھ۔ "شری پرتاپ" روایت چھےٚ دچھن کن لیکھتھ۔ کیٛنژن سِکن پیٚٹھ چھ کھوورکنی "کر" تہٕ "دار" دیوی ہنٛزن زنگن منٛز باگ لیکھنہٕ آمت۔ تھر پاسہ چھ سِکن پیٚٹھ کدا دچھنہٕ طرفہٕ۔ یمہ نےٚ وون جاین اتھ آمتین کیٛنژن سِکن پیٚٹھ چھ شری تہٕ پرتاپ لفظن منٛز باگ لفظ 'ج' لیکھتھ۔ پٔریاگ دیال سٕند تجویز چھ زِ "ج" چھ شاید جِجا ناوک ژھوٹُر۔ جِجا اوس جیا پیڈن سٕہ اُستاد ییمی راز سٕنزِ غارحاضری منٛز کشیرِ ہندِس تختس قبضہٕ کوٚر۔ الٹکر سٕندِ موجب چھ "ج" جے پیڈ ناوک ژھوٹُر۔ جے پیڈ اوس للتادتن زُریس شمالی ہندوستان زینِنہِچہ مہمہِ منٛز رازس سیتی اور گومت اوس۔ بطورِ گورنر شمالی ہندوستانس پیٚٹھ حکومت کرِتھ زیوٚن مزید علاقہٕ تہٕ بڈی بب سٕندین سِکن پیٚٹھ کوٚرن 'ج' لفظُک ہُرہ بر۔ پزر کیاہ چھ اتھ متعلق چھےٚ بوز شوژ باقے مگر برم پھوچھیکرس چھٹِتھ زِ للتادتن کیا اُسی نہٕ پننہِ ناوکی سِکہ جاری کری متی۔

## یشو ورمن سٕندی سِکہ

راز یشو ورمن سٕندی کیٛنہہ کارکوٹ طرزکی سِکہ چھ پنجابس منٛز تہٕ اتھ آمتی۔ کیٛنژن لوکن مندتہٕ ماہِر خرہ۔

ہُنٛدِ زمانہٕ چھُ اَکھ سوٚنہٕ ضرب مُروٗج اوسمُت یَتھ 'رُوٗپک' ناو اوس. ڈکشنری موٗجوب اوس رُوٗپک سوٚزن سِکُک ½، مگر یہِ باگنے چھنہٕ ہٮ۪ٹہٕ وَسنۍ لایق. آیینِ اکبری مَنٛز چھُ روپہٕ سائسٕیُن روپہٕ ہُنٛد سِکہٕ آمُت گنٛزرنہٕ.

آیینِ اکبری موٗجوٗب چھُ اکبرٕ ہٕنٛدِ وَقتہٕ ضربُک نِظام یِیٚمہِ چالہِ اوسمُت:

| | |
|---|---|
| ژٕ باہ گنٛہٕ | اَکھ پنٛشرٕ |
| ۴ پنٛشرٕ | اَکھ ہَتھ یا ہٹیٛن |
| ۱۰ اشٕتھ | اَکھ سائسٕیُن |
| ۱½ سائسٕیُن | اَکھ روپہٕ سائسٕیُن یا سِکہٕ |

پنٛشرٕ ہَن اُسر" لسر" تہٕ وَنان یوسہٕ مسہِ یا تراہ سِکہٕ آسنچ ژرینہٕ وَن چھنے. پنٛشرٕ اوس" دام" ضربُک ژوٗرُیم حِصہٕ یَتھ ۸۰ گرین وزن آسُن گوٚژھہ. مگر کنِنگھم ہٕنٛزٕ سوٚمبرنہٕ مَنٛز شأمِل یِتھین سِکن چھُ ۸۵ پیٚٹھہٕ ۹۵ گرین تہٕ ترٕہَن راژن ہٕنٛدِ ہَن ۲۰ سِکن ہِنٛدی نموٗنہٕ چھُ وَزنہٕ کِنۍ ۹۱ گرین ییٚلہِ زَن کشیٖرٕ گیُپت ہَن سِکن ۴۵ گرین وَزن چھُ.

ہرشہِ دیونہٕ وَقتُک روپہٕ ضرب اوس ۲۲½ گرین وزنہٕ یُس روپہٕ ہُنٛد اَٹھیُم حِصہٕ یا پانٛژن دامن برابر اوس. اَتھ سِکَس اوس اوٚڈ سائسٕیُن یا پانٛژٕہ ہَتھ موٗل. اَما پتہٕ مُسلمانَن ہِنٛدی روپہٕ سِکہٕ چھِ وَزنہٕ کِنۍ ۹۴ گرین تہٕ یِمَن ہُنٛد موٗل چھُ ژٕ ساس یا دُ سائسٕیُن. اندازٕ موٗجوٗب آسہٕ ہے روپہٕ ضربُک موٗل یِیٚمہِ چالہِ.

½۱ سائسٕیُن = پانٛژٕہ ہتنۍ = ۲۲.۴ گرین اَکھ کون یا ½ کرش

ا سائسٕیُن = ژٕ پانٛژٕ ہتنۍ = ۴۴.۵ گرین = اَکھ کرش (ڈھیپہٕ تراوِتھ)

ا روپہٕ سائسٕیُن = پنٛداہ شتھ = ۶۷.۲ گرین = اَکھ یوٗنٲنی دِرٲکھم

۲ سائسنۍ = ژٕ ساس = ۸۹.۶ گرین = کرش

ابوالفضل ہٕنٛدِ بیانہٕ موٗجوٗب اوس روپہٕ سائسٕنس ۹ ماشہِ وَزَن. یہِ کتھ زأنِتھ زِ روپہٕ ماشہِ چھُ صِرف دوٚن رتَن ہُنٛد (رتہٕ چھِ سو رکھہٕ وَنان) اَمہِ موٗجوٗب اوس ۹ ماشہِ وَزنُک سِکہٕ ۱.۸۲ × ۲ × ۹ = ۳۲.۷ گرین وَزنہٕ آسان مگر کنِنگھم سُنٛد بیان چھُ زِ ماشہِ آسہٕ ہے پانٛژن شٮ۪ن رتَن ہُنٛد آسان تہٕ اَمہِ موٗجوٗب آسہٕ ہے سِکہٕ ۹۸.۲۸ تہٕ ۱۸.۹ گرین دَرمیان وَزنُک آسان.

پتہٕ سِکک اَصلی وَزَن بدِ گڈٕنچ بتیاکھ وَتھ چھنے یِتھہٕ کُنِ. اَکِس روپہٕ سائسنِس اوس پنٛداہ شتھ

سُپدمُت۔ اتھ سکس چھےٚ بتھی پاسہ بہتھ دیوی بناوِتھ، سکس پیٹھ چھُ دِ تہٕ کشیمہ کھووری تہٕ دچھنی کِنی درج۔ دِ چھُ 'دِدّا' ناوُک تہٕ "کشیمہ"۔ کشیمہ گُپتک ژھوٚٹ تھُر پاسہ چھےٚ سکس پیٹھ شاہی زخت لاگِتھ ووٚدِنی راز ہنٛز شبیہہ، بوٚنہ کنہ چھُ دچھن کُن گُپت لیکھتھ، ییٚمہ سِتی راز سُند ناو پوٚر چھُ گژھان۔ دیدرانہ ہُند ناو سکس پیٹھ درج آسُن چھُ صاف ہاوان زِ رٲنی ہنٛز زندگی منٛز تہٕ چھےٚ سو سیٹھا طاقتور تہٕ با اثر اُسمژ۔ کشیمہ گُپتس چھینہ تس بڑوٚنہہ کنہِ پکن پاے اوسمُت۔ اوٚے تہٕ چھُ کلہن تس 'دِدّا کشیمہ' وَنِتھ ٹسنہ ژٲنٛان۔ دیدرانہ متعلق چھےٚ یہ کتھ ژِ تس پاوِنی لایق زِ اکس کتبس منٛز چھُ تس "دِدّا دیوی بدل" "دِدّا دیو" وَننہ آمُت، ییٚمہ سِتی ژینہ وَن لگان چھےٚ زِ پننہِ وقتہٕ چھُ تہٕند اہر اوسمُت تہٕ عام لوکھ چھُ تس زنانہ کھوتہٕ زیادٕ مرد گنٛزران اُسی ہِتی۔

## ہرش دیو سُند ضرب

راز ہرشن (۱۱۰۲ – ۱۰۸۹ء) کوٚر ترامہ سکو ہُریمانہ سوٚنہ، سُند تہٕ چانٛدِ ہُند ضرب تہٕ جاری تٔندی سوٚنہ ضرب آسی دوہ یہ قسمہ۔ اکس قسمس چھُ بتھی پاسہ گُری سوار بناوِتھ یُس دچھن کُن بٕرِ ش چھےٚ۔ تھُر پاسہ چھُس دیوی یوٚسہ بہتھ چھےٚ۔ بتھی پاسے چھُ سکس پیٹھ ہرشہ دیو لیکھتھ۔ دوٚیمہ گاچہ سکس چھُ بتھی پاسہ شری ہرشہ دیو لیکھتھ۔ تہٕ تھُر پاسہ چھُس دچھن کُن کھونکھن گرِتھ ہوٚس بناوِتھ۔ ہسی طرزہ اوس ہرشہ دیون ہم کال کرناٹ ضرب وُچھتھ پانہ نووُمت۔ اتھ کتھِ کُن چھُ کلہنن تہٕ اشارٕ کوٚرمُت۔ ژینہ وَن چھےٚ لگان زِ کرناٹکس تہٕ کشیرِ درمیان چھُ تعلقات اُسی ہِتی۔ ہرشہ سُند ترامہ ضرب چھُ سوٚنہ ضربہ کِہ دوٚیمہ گاچہ تہٕ اتھ چھُ بتھی پاسہ ہرش لیکھتھ تہٕ تھُر پاسہ چھُس ہوٚس بناوِتھ۔

ہرشہ سندی ترامہ سکہ چھِ گُنجارٕ سان بدس مگر سوٚنہ سُندی تہٕ روپہ سُندی سکہ چھِ عنقا۔ باسان چھُ زِ تمی آسہ نٕ چانٛدِ تہٕ سوٚنہ سُندی سکہ صرف تھوکہ تھوکہ موجوب گڈی ہِتی تہٕ یہُند چلن آسہ ہے اکس خاص حلقس تام محدود۔ تاہم چھُ سوٚنہ سُندی تہٕ روپہ سُندی سکہ تہٕ مروج اُسی ہِتی۔ یم یا تہٕ گہنہ پات بناونہ خاطرٕ گالنہ چھِ آمتی۔ نتہٕ آسن کینہہ سکہ نوٚ سرٕ جاری کرنہ آمتی۔ سوٚن تہٕ روپھ موٚلُل تہٕ نایاب آسنہ موکھہ آسہ ہے عام لوکن ہُندی پاٹھی رازو تہٕ پرٲنی سے مالِ موجودس کام ہیٚژمژ۔ لیشسکر (۴۹ – ۱۹۴۰ء)

کرِتھ تژامُک آسان۔

کٲشرِ ہنٛدِ ضربُک اصلی آگُر چھُ سیتھی تہٕ یہٕ اوس گُپت دورٕچ راز و تہٕ پانہٕ نووُمُت۔ یمَن سِکَن پیٹھ چھُ مہرکُل بیترِ سٕندِس زمانَس مَنٛز راز بڑٕدٕ مہٕ کُن بُتھ کرِتھ تہٕ کھوورِس اَتھَس مَنٛز چھَس سدٕ بُرِش تہٕ دچھنِس زچھَس مُژرٕ تھِیتھ سیدٕ ہوٗنہٕ کھونٛڈ چھُ سِکَس ٹھُر پاسہٕ چھِنٛے اردٕ ک شِو دیوی یوسہٕ ماجہ بُتراٰژ ہِنٛز علامَتھ چھٕنے، یہاٰے دیوی آیہٕ گُپت دورَس مَنٛز لکھشمی ماننہٕ۔ اُمِس چھُ کھوورِس اَتھَس مَنٛز پمپوش پۆز اردٕ ک شِو دیوی اوس پمپوشہٕ بَدل طغرٕ اَتھَس مَنٛز آسان۔ کٲشرِ اَنٛدر چھُ یہٕ سِلسِلہٕ تورمانہٕ تہٕ راز پٔرورسینَن پیٹھٕ شروٗع سَپدیوٚمُت۔ اَمِ پتہٕ یِم سِکہٕ جٲری کرنہٕ آے تِموَ مَنٛز آیہٕ وارٕ وارٕ ترَن ہِنٛزِ جایہٕ عبارت لیکھنہٕ۔ گوڈٕ آیہٕ کھوورٕ ژُکُم کرنہٕ یہٕ زَن اَسہٕ شنکر ورمَن تہٕ گوپال ورمَن سٕندِن سِکَن پیٹھٕ نظرِ چھُ گژھان۔ اَمِ پتہٕ کیٚن سِکَن پیٹھ آو دچھنِ ترِ ہِنٛزِ جایہٕ لقب "شری" لیکھنہٕ۔ لفظ "شری" چھُ اکثر ناوَن ہُنٛد گوڈٕ لوٚگ، سیتی گوٚ سِکَن ہُنٛد طرز تہٕ بگران ییٚمہِ کِنی اَصلُک وۆنُے روو۔

کٲشرِ ہنٛدی تِم ضرب اٰسی نوِ طرزٕکی یِم ہرش دیوَن سونہٕ سٕندی تہٕ روپہٕ سٕندی جٲری کٔری سونہٕ



سٕندی تہٕ روپہٕ سٕندی یِم نوی سِکہٕ اکِ پاسہٕ ہۆوس ہاوان چھُ تِم چھُ کرناٹِ سِکَن ہُنٛد نقل تہٕ گُرِ سوار قِسمکی سِکہٕ چھُ کابُل کیٚن کدارٕ رازَن ہنٛدِس طرزَس پیٹھ۔

کٲشرِ مَنٛز مُرَوج معیٲری سِکہٕ رٔدی کنِشکَس (۶۷۸) پیٹھٕ ۱۳۳۹ء تام اَکی ڈَنٛجہٕ ییٚلہِ کٲشرِ مَنٛز شاہمیری سلطانَن ہُنٛد دور شروٗع گوٚ۔ کٲشرِ ہُنٛد ضرب رٔد کَم کاسہٕ تژوٚہَن شتَن وٕرِیَن اَکی ڈَنٛجہٕ۔ اما دہہٕ کھوتہٕ دہہٕ آو سِکہٕ ٹھُرنَس صاف ییٚمہِ کِنی ضرٕ بچ شبیہہ وَنٕنہٕ مُشکِل گیہ۔

ہرش دیوٗسُند ضرب

موٗل یُس پَنٛداہ دام تہٕ چھُ واتان۔ دام اوس روٗپیہ ہُنٛد ۰ہ/۱۵ حِصہٕ۔ روٗپیہ اوس ۱۷۹½ گرین شوٗد روٗپیہ وَزَن۔ یتھہٕ پاٹھۍ آسہٕ ہے روٗپیہٕ سائیٖن ۱۵×۱۷۹½ / ۴۰ = ۶۷۰۳۱ گرین وزنہٕ تہٕ یہ وَزن چھُ یوٗنانی دِرَہمہٕ کِس وَزنَس سیٖتۍ رَلان۔ ہَرشہٕ دیوٗسُند اَتھ آمُت روٗپیہ سِکہٕ چھُ روٗپیہٕ ساسہٕ نیٚک ترٛہیُم حِصہٕ تہٕ کیاز اَتھ چھُ ۲۲۰۴ گرین وَزن۔ اَمہٕ اعتبارٕ آسہٕ ہے روٗپیہٕ سِکَن ہِنٛز باگرن ترٛہن حِصَن مَنٛز اوڈ سائیٖن تہٕ روٗپیہٕ سائیٖن تہٕ سائیٖن۔ یہ ہیَے میٖزان نَظرِ تَل تھاوِتھ آسہٕ ہے پٔرورسیٖن دوٚیِم سُندِس روٗپیہٕ سِکَس پٔنٛژہ شتھ یا ڈاے ساسنۍ موٗل۔

کٲشیٖرِ ہنٛدِ ضرٕبچ زان کَرنہٕ باپتھ چھےٚ لہٰذا یہ کتھ زانٕنۍ زِ سوٚ نہٕ سُندین مُروَج سِکَن مَنٛز چھُ سوٗورن روٗپیہٕ سُندین سِکَن مَنٛز روٗپیہٕ سائیٖن، سائیٖن تہٕ اوڈ سائیٖن تہٕ ترٛامہٕ سِکَن مَنٛز پٔنٛژہ تہٕ باہ گَنٛڈ مُروج آسٕہتی۔

سفید داٹکی یِم سِکہٕ دِدّ رانہٕ، سنگرام دیون، اننت دیوٗن تہٕ کلشن ۹۸۰ء پیٹھہٕ ۱۰۸۰ء تام جٲری کٔری تِمَن ہُنٛد موٗل چھُنہٕ کنِنگھم کھرٕ ہیوٚکمُت کٔڑتھ۔ سِکَن ہُنٛد یہ قسم چھُ ترٛامہٕ کھوتہٕ موٗلُل بگراٹیک موٗل چھُ روٗپیہٕ کھوتہٕ کَم، اَمہٕ حسابہٕ چھُ یہ وکھر ضرب۔

کنِنگھمُن سُند خیال چھُ زِ یِم سِکہٕ آسہٕ ہَن ہیٚتنہٕ تہٕ موٗل آسہٕ ہکھ پانٛژھ پٔنٛژہٕ ہی ترٛامہٕ سِکہٕ۔ یِتھی سِکہٕ آسہٕ ہن روٗپیہٕ چہ وِژھیہ موکھ جٲری آمتی کَرنہٕ تہٕ آسہٕ ہَن روٗپیہٕ ضربہٕ چہ جایہ وَرتاوس۔ کٲشیٖرِ اَنٛدر مُروج سِکَن ہٕنٛدِس زُمرس مَنٛز چھُ گوڈنیتھ ترٛامہٕ دیٖنار پوان۔ راز ہَرنیہ چھُ پانَس بٔروٚنٛہہ مُروَج ضَربَس بَلاہٹ ناو یاد کٔرِتھ پَننہٕ ناوٕ دیٖنار جٲری کَران۔ "آہَت" لفظُک معنی چھُ ضرب ییٚمہٕ کنۍ یہ عام ضربہٕ باپتھ وَرتاوَس اوس۔ کٲشیٖرِ اَنٛدَر اوس اَکِس خاص سِکَس ہٕتیٖن ناو اَمہٕ کنۍ چھُ کنِنگھمس اَنٛدازٕ زِ "بلاہٹ" وَنِتھ چھُ ہند سیٖتھی رازن ہُنٛد ترٛامہٕ ضرب مُراد تہٕ یہ ضرب چھُ ہَرنیہ سُندِس زمانَس تام مُروَج اوسمُت۔ یِمَن سِکَن چھُ سُے وزن یُس عام ہِند سیٖتھی سِکَن چھُ تہٕ کٲشیٖرِ اَنٛدر چھ اَمی گاچہ ہَرنیہ کُل، مہرکُل تہٕ گوکرنَس بیٖترِ سُنٛدی سِکہٕ۔

رازٕ اننت سُندِس دورس مَنٛز چھُ اَسہٕ ٹنک ناوٕ اَکِہ سِکُک حوالہٕ میلان۔ ترٛامہٕ ضَرٕبک یہ ٹنک اوس روٗپیہٕ ہُنٛد ہٕتیُم حِصہٕ۔ مُمکِن چھُ زِ سفید داٹکُ یُس ضرب رازٕ اننتَن جٲری اوس کوٚرمُت تِتھی ما آسہٕ ہَن ٹکہٕ وَنان۔ آزٲدی پتہٕ نوٚو ضرب مُروَج سپدنَس تام اُسی ڈُپانٛسِس زُکوٗنچل سِکَس ٹکہٕ وَنان یُس روٗپیہٕ ہُنٛد ۱/۶۴ اوس آسان۔ یہ سِکہٕ اوس گوڈٕ گوڈٕ سَرتلہٕ ہُنٛد تہٕ پتہٕ گلٹہٕ

یوٗنٲنی دورٕکی سِکہٕ

| گژنٛد | دات | بُتھ | تھر | شنہٕ | راز | وہرشھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۴۔ | روٗپھ | بادشاہ سٕنٛز اَڈُمرتھ یَس تاجہ چالہٕ فوٗجی ٹوٗپی چھِنے دِتھ۔ یوٗنٲنی روایت پیٹھٕ کَنہٕ : بسیلیوس سوترُوس۔ بوٚنہٕ کَنہٕ : مناندرٕ وس | کھوٗورکُن وُچھان پلاس (اٹرٲے ہٕنٛزٕ رٲچھدٕر دیوی) اُمِس چھِنے کھوٗور ٹرمُژرِتھ . . . . . روٲیتھ چھُس پیٹھٕ کَنہٕ کھروشتی پاٹھو۔ پیٹھٕ کَنہٕ : مہاراجسٕ، تراتراشا بوٚنہٕ کَنہٕ : مناندر اشا ڈچھنہِ طرفہٕ : سوٚتھرس پیٹھ طُغرٕ [◇] | | مناندر | شُمال مغربی علاقُک بادشاہ |
| ۵ | روٗپھ | پکھل نژن گریوسہٕ ووہِنی چھِنے تہٕ کھوٗورکُن چھُس بُتھ۔ اُمِس چھُ مُژرِتھ ڈچھنِس اَتھس مَنٛز چھکھ۔ روایت چھِنے دیوی ہِنٛدِ شیرِ نِش شرٛوع گژھان تہٕ یہ چھِنے ڈنٛدرِ سِتی سِتی لیکان بسیلیوس نکی پھورو انٹی ماکھو کھوورِ طرفہٕ چھُس بُتھہِ طغرٕ [◇] | گرِس سوار بادشاہ ڈچھُن کُن پھیرِتھ کھروشتی روایت، یوسہٕ راز ہٕنٛدِ شیرِ نِش شرٛوع چھِنے گژھان۔ مہاراجسٕ۔ جے دھراش اہتماکستا | | انٹی ماچوس نکی پھروس | (پتہ کالہٕ کرٕ) شُمال مغربی ہندوستانک راز |

# یوٗنانی دورٕکۍ سِکہ

| گرنڈ | دات | بُتھ | کتھر | سَنہ | راز | وٕژھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | روپھ | تاج ووڈِ دِتھ بادشاہ سُنٛد شیر یتھ اُندی اُندی پھلین ہُنٛد ژُکر چُھ بناوِتھ بادشاہ ہنٛز شبیہہ چھنے جوانی ہنٛز۔ | بُرش، ہیتھ ہرکیوٗلس اُمس چھنے نظر کھوٗرکُن، یتھ کھنگرِ پیٹھ ہیتھ تہٕ بہ مُسلہٕ چُھس وتھرُن بُرشہ ہُنٛد دَن چُھس کھووِرِس کوٗٹھس پیٹھ۔ ڈچھن کُن بیسلیوس کھوٗرکُن یوتھ ڈیمو۔ اچھر K.M چُھ ڈچھنہٕ طرفہٕ بوٗن کُن۔ | م۔ب ۲۲۰ | لوتھی ڈیمس | لوتھی ڈیمس اوس باختروک حُکمران |
| ۲۔ | روپھ | ڈچھن کُن وچھان بادشاہ سُنٛد مُژاڈیس ووڈِ تاج تہٕ اُندی اُندی پھلین ہُنٛد ژُکر چُھ بناوِتھ۔ | ڈایوسکہ رائے چھ گُرِس سوار۔ اُمس چھنے کھزرلنڈ تہٕ ساوِتھ نیزٕ اتھِ پیٹھ کنہٕ۔ بیسیوس بوٗنہٕ کنہٕ: یوکرٹایڈو۔ طغرٕ : M | م۔ب ۱۷۵ | یوکرٹایڈس | یوکرٹایڈس اوس (پنتھ کالہٕ کہٕ) باخترُک تہٕ شمال مغربی ہندوستانک حُکمران۔ |
| ۳۔ | روپھ | ڈچھن کُن پھیران ہوٗس کھوورِ طرفہٕ بسیلیوس پیٹھ کنہٕ: اپالوڈوٹو۔ ڈچھن کُن: سوتی روس۔ بوٗنہٕ کنٛیک طغرٕ | ڈچھن کُن وچھان پھیکہٕ تھوٗدانِد کھروشتی روایت (ڈچھن کُن) مہاراجسّ۔ کھوٗرکُن : تڑاورت پیٹھ کنہٕ : اپالوڈتسّ | | اپالوڈتس | (پتھ کالہٕ کہٕ) شمال مغربی ہندوستانک بادشاہ |

| گرٛنٛد | دات | بُتھ | پتھ | سَنہٕ | راز | وٕثرھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۸۔ | رۄپہٕ | چھنٕے۔ یوٗنٲنؠ روایت:<br>بیسلیؤن۔ بیسلیؤن<br>میگالوازوا | کُن یتھ مَنٛز سِپر چھُس:<br>کھروشتی روایت: مہاراجسٕ<br>راج راجسٕ۔ مہاتسٕا اَبشہٕ<br>کھوورکُن طغرٕ |  |  |  |
| ۹۔ | رۄپہٕ | زیوٗس چھُ کھوورکُن<br>پھیپرِتھ وۄدٕنؠ۔<br>اَمِس چھنٕے کھوورِس<br>اَتھَس مَنٛز شاہی<br>پٔرِس تہٕ ڈُچھنی نٔر<br>چھَس نیبرٕ کُن مُژرِتھ<br>یوٗنٲنؠ روایت: بیسلیوٗس<br>بیسلیون میگالو ازوا | یکھَل صوٗرتھ ڈُچھِن کُن بُتھ کٔرِتھ<br>وۄدٕنؠ۔ اَمِس چھُ اَتھَس مَنٛز<br>پوشہٕ گوٚنٛد تہٕ کُھمزٕ لٔنٛڈ۔<br>کھروشتی روایت: مہاراجسٕ<br>راج راجسٕ۔ مہاتسٕ رشٕ<br>عبارَتھ چھنٕے رٕژھا کٕرِتھ۔ ڈُچھُن<br>کُن طغرٕ۔ |  | ایزلس |  |
| ۱۰۔ | رۄپہٕ | گُرِس سوار راژَس<br>ڈُچھنِس اَتھَس مَنٛز<br>سِکی دار لوٗر چھنٕے پٔتی کِنی<br>چُھس کان تہٕ ترکش<br>یوٗنٲنؠ روایت:<br>بیسلیوس، بیسلیون | وۄدٕنؠ زیوس، ڈُچھنی نٔر مُژرِتھ<br>تہٕ کھوورِس اَتھَس مَنٛز چھَس<br>زیٹھی سِکی دار لوٗر۔<br>کھروشتی روایت: مہاراجسٕ<br>راج اتراجسٕ، مہاتسٕ ایلشسٕ<br>ڈُچھنِس سوٚتھرِس کھروشتی۔ آ |  | ایزلس |  |

| گۄنڈ | دات | بُتھ | تھَر | سَنہٕ | راز | وۄثرِھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۶۔ | روٗپھ | وۄڈِ تاج دِتھ، ڈُچھن<br>کُن وُچھان راز ہٕنز<br>اَڈٕ مُرتھ ۔ روایت چھےٚ<br>اَڈٕ ہنا ژھینٕز مُثر<br>(بسیلیوس) سوتروس<br>(اپوٗ) سترا تو | شۄہرچ دیوی کھوٗوُر کُن پھیرِتھ<br>وۄدِنی، اَمِس چھےٚ بَر گَژٕہٕنز<br>علامت اَتھہٕ ۔<br>کھنڈِ پُھٹ کھروشتی روایت<br>مہاراجسَ، تژاتراس (ہیوستراتشا)<br>کھوٗوُر کُن طُغرٕ<br>ڈچھن کُن کھروشتی ۔ آ | | ہپوس تژاتس | |
| ۷۔ | روٗپھ | وۄڈِ تاج دِتھ ڈُچھن<br>کُن بادشاہ سٕنز اَڈ<br>مُرتھ، یوٗنٲنی روایت<br>بسیلیوس میگالو<br>سوتروس اپوس تژاتو<br>(یہِ سِکہٕ چُھ اصلی حالتس منٛز) | ڈُچھن کُن وُچھان گُرِس سوار<br>زرِہ بکتر گنڈِتھ بادشاہ ۔<br>کھروشتی روایت، مہاراجسا، تژاتژاتشا<br>(مہاتساجیامتاسا) ہپوتراشا<br>گُرِہ سٕنزن بژوٚنٹھمن زَنگن نِش<br>طُغرٕ | | ہبوسترٕاتس | |

# ہِند سیتھی سِکہٕ

| گۄنڈ | دات | بُتھ | تھَر | سَنہٕ | راز | وۄثرِھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۸۔ | روٗپھ | ڈُچھن کُن وُچھان<br>گُرِس سوار راز یُس<br>غلاف کرِتھ بَرِش اَنہِ | پلاس چھےٚ کھوٗوُر کُن نظر تھٲوِتھ<br>وۄدِنی، اَمِس چھےٚ ڈچھِنی ٲرَنٛچہ کُن<br>وُزملہٕ ہیتھ تہٕ کھوٗوُر اَتھہٕ چُھس بژوٚنہ | | اینزِس | |

| گرند | دات | بُتھ | تھر | سَنہٕ | راز | وِشرھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | | سِکس پیٹھ چھُ ۔ | پیٹھ. یِم بڑ پمپوشہٕ نِش وِزامتی چھ، نہٕ ہسی چھِ ووڈِنی یِم دیوی گوڈ چھ دِوان. کھروشتی اَ تہٕ اَچھُر تہٕ یا اَچھُر چھُ سِکس ڈچھنِس تہٕ کھووُرِی۔ | | ایزلیس | |
| ۱۴ | رِوپھ | سوے عبارت تہٕ طغرٕ بیتریُس نمبر ۱۰ سِکس پیٹھ چھُ۔ | اَتھ چھنٕ رِوایت کم کاہ کِرپنہٕ آمِژ بنڑوٕنہہ کُن بُتھ کُرِتھ دیوی تہٕ دیوتا سِنٛز شبیہہ۔ دوٕتہٕس چھُ ڈچھنہٕ نرٕ واش گڈِتھ تہٕ کھووُرِس اَتھس مَنٛز چھُس شاہی ڈنڈٕ۔ دیوی چھ ووڈِ تاج تہٕ ڈچھنِس اَتھس منٛز چھس پوشہٕ مال. کھووُرِس سوٗتھرِس پیٹھ طغرٕ ⚹ کھووُرکُن ۔ کھروشتی ے | | ایزلیس | |
| ۱۵ | رِوپھ | سوے عبارت تہٕ طغرٕ یوسہٕ نمبر ۱۰ اہس پیٹھ چھنٕ۔ یوٗنانی روایت: بیسلیوس بیسلیوٗن میگالو تولوو | ووڈِنی زیوٗس یُس گاہ چھُ ژھٹان اُہس چھُ کھووُرِس اَتھس مَنٛز شاہی ڈنڈٕ۔ ڈچھُن اَتھ چھُس مُژراوِتھ یِتھ مَنٛز کوو کُرِتھ وُزملہٕ ہِنٛز علامتھ چھس۔ کھروشتی روایت سپل ہورا (پتر اسادھرمیسأ) بسپل گداماسا | | ونونس تہٕ سِپل گدامس | |

| گڑنٛد | دات | بُتھ | تھَر | سَنہٕ | راژ | وۄشھنۍ |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | | میگالوو. ازیلِسو ڈُچھُن کُن طغرٕ: سوٗ ے عبارَت یوسہٕ نمبر ۱ اسکَن پیٹھ چھےٚ. ڈُچھنِس سوٚتھرِس پیٹھ طغرٕ: | کھوورِس سوٚتھرِس، کھروشتی یا ڈالیسکورے اُبرٕشہٕ ہیتھ ووٚدٕنی. کھروشتی عبارت سوٗ ے یوٚسہٕ داہ نمبر سیتھی سِکس پیٹھ چھےٚ | | ایزِلِسس | |
| ۱۲. | روٗپھ | زیوٚس لیَس ناکے (فتحمندی ہِنٛز دیوی) واش گُڈِتھ ڈُچھنِس اَتھَس مَنٛز چھےٚ اُمِس چُھ کھوورِس اَتھَس مَنٛز زیوٚٹھ شاہی ڈنٛڈٕ. روایت سوٗ ے یوسہٕ نمبر اَکس سِکس پیٹھ چھےٚ. ڈُچھنِس سوٚتھرِس پیٹھ طغرٕ: | سوارڈالیسکورے یُس ڈُچھُن کُن چھُ وچھان کھروشتی روایت سوٗ ے یوسہٕ داہ نمبر سِکس پیٹھ درج چھےٚ. | | ایزِلِس | |
| ۱۳. | روٗپھ | سوٗ ے عبارَتھ تہٕ طغرٕ بیترِ یوسہٕ نمبر ۱ | روایت تہٕ نمبر ۱ اہَس ہِش. بمپوشِس پیٹھ ووٚدٕنی لکھشمی دوٗن لوکٹین بمپوشن | | | |

# کُشان دورٕکی سِکہ

| گرند | دات | بُتھ | تھر | سَنہ | راز | وِشرِھنے |
| --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- |
| | سون | کھوُورکُن پھیپرِتھ رِیش<br>گرٕتھ رازٕ. اُمِس چھِنے<br>دوٕ ڈھنگرِ دار ٹوپی،<br>زنگن بیزار تہٕ موٹ<br>پار گرِتھ کھورباہٕ . یہ<br>چھُ ہوٕنہٕ کوٕنڈس نِش<br>تہٕ کھوورِس اَتھس مَنٛز<br>چھُس زِیٹھ بُرِش سِکیس<br>پیٹھ چھِنے یوٗنانی رِوایت<br>شاہن شاہو کنشک<br>کُشانو۔ | ژٕندرٕ دِوتا سِنٛز ژٕنٛدر گرٕتھ شبیہہ،<br>ژٕنٛدر چھُ کھوورِس اَتھس مَنٛز ڈورِ دار<br>شاہی عاصہٕ یُس حمکان چھُ اُمِس چھُ<br>ڈچھُن اَتھ مُٹھرِ آوِتھ یُس رِٛیہہ<br>ژھٹان چھُ باسان،<br>ڈچھُن کُن۔ ناو<br>کھوُورکُن طغرٕ | | کنشک | کنشکس متعلق<br>چھُ دوٕ نِ کم کاہہ<br>ہچھر زُسہ بنیو ۶۷۸<br>مَنٛز بادشاہ. رازٕ<br>ترنگنی مَنٛز چھُ کنشک<br>راز سِلسِلک اَخری<br>رازٕ. مگر یُہ چھُ<br>ترتیبہٕ حِسابہٕ<br>گوٕڈنیک<br>بادشاہ . |
| ۲ | سون | „ | ژور نرِ گرِتھ کھوُورکُن پھیپرِتھ شِو<br>یَس پُتی کِنی مَنٛڈل چھُ. اُمِس چھُ<br>اَکِس اَتھس مَنٛز دآیرٕ دوٚیمِس مَنٛز<br>کشکول، ترٛیمِس مَنٛز کمنڈل تہٕ<br>ژوٗرِمِس مَنٛز ترِشوٗل ۔ | | کنشک | |

| گرنند | دات | بُتھ | تھٕر | سٕنہٕ | رازٕ | وِہرٕھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۱۶ | روپھ | سوار بادشاہ پیٚمِس نِشانہٕ باپتھ اتھس مَنٛز بٔرش آیہ وِتھ چھیٚے۔ | گاہ ژھٹہٕ وُن زیوٗس ووڈٕنی اٰمِس چھُ کھووِرِس اتھس مَنٛز زیوٗٹھ شاہی ڈنڈٕ تہٕ دچھنِس مژرٲوِتھ اتھس مَنٛز چھس کاوی دار وُزمٕلہٕ ہٕنٛز علامت۔ کھروشتی رِوایت مہاریش مہاسا ایاسا کھووِرِس سۄتھرِس پیٚٹھ طغرٕ | | سپل رِشیس تہٕ زیوٗس | |
| ۱۷ | روپھ | گُری ہٕنٛزِ تھٕر پیٚٹھ ووڈٕنی رازٕ اٰمِس چھیٚے دچھنی ٲرواتھ کٕڑِتھ تہٕ بُتھہٕ دچھن کُن۔ یوٗنانی رِوایت۔ بسیلئونتش بسیلیو انخوابداگاش۔ دچھنِس سۄتھرِس پیٚٹھ طغرٕ | دچھِن کُن وُچھان، ووڈٕنی زیوٗس پیٚمِس دچھنی ٲرمژرِتھ چھیٚے۔ کھروشتی روایت : گدو پھارا برات پُترا اسا۔ مہاراجش اوا ادگاش | | ابداگیشس | |

نوٹ :- یم ساری سِکہٕ آسیا کٔشیرِ اندر مرُوج کینہ، اتھ متعلق چھنہٕ کانہہ شقہ ثبوت بدس، مگر یِمن بادشاہن ہِندی سِکہٕ چھہ کٔشیرِ مَنٛز اَتھہ اٰمتی تہٕ وُنی کیٚن چھہ سری پرتاپ سنگھ میوزیمس مَنٛز موجوٗد۔ امہ کرِ یم سِکہٕ کٔشیرِ مَنٛز اَتھہ یِنہٕ تہٕ بدس آسنہٕ کِنی سۄ مبرٕ مَنٛز شامل۔ تیٚتھ واریاہ تواریخی حوالہٕ چھہ موجوٗد یِموٚ موجوب اندازٕ چھہ لگان زِ گاندھار کٔشیر جن پَد دورس یا اَمہ پیٚتھ برٛونہہ ما آسہٕ ہے کٔشیر یوٗنانی سترپن ہِندِس دٲیرہٕ اقتدارس مَنٛز۔

| گرنٛد | دات | بُتھ | تھر | سٕنہٕ | راژ | وِشرھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | | اَتھہٕ اَہوتی دِدان۔ کھوورِس اَتھس مَنٛز چھُس زیوٗٹھ ترِشوٗل یَتھ پیٹھ گلتَن کھوورکُن چھپے یوٗنٲنی روایت ؛ شاہان شاہو واسدیو کشانو | ڈُچھُن کُن : اوشو | | جشک (واسدیو) | |

# ہندو دورکین سِکَن ہنٛز زان کاری

| | دات | بُتھ | تھر | وزن | راژ | وِشرھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۱ | ترام | کھوورکُن بُتھ کرِتھ ووٚدنی راژ۔ بِتھہٕ کُنی ہِنٛد سیتھی راژن ہِنٛدین سِکَن پیٹھ راژ نظرِ چھُ گژھان۔ شری تُرپہ مانہٕ | بہیتھ لکھشمی یَس کھوورِس اَتھس منٛز پمپوش چھُ [ کِہ ] دار۔ یِہ چھُ کھوورکُن ہیٚر پیٹھہٕ بوٚن سِیدٕ ہ لیکھِتھ۔ | ۵۰ ½ رَژ | تورمان | نایاب سِکہٕ یمیٚک نقل برٹش میوزیمس منٛز چھُ تہٕ اَصل کننگھم ہِنٛز سوٚمبرنی منٛز۔ |
| ۲ | ترام | راژ چھُ تھِتھے پاٹھی ووٚدنی یِتھہٕ کُنی ۱ منٛز چھُ مگر شیٚرس پیٚتھ کُنی چھُس مَنٛڈل۔ شری تورمانہٕ | بہیتھ لکشمی چھُ کھوورِس اَتھس منٛز پمپوش تہٕ ڈُچھُن اَتھہٕ چھُن تھوٚد تُلمُت۔ کھوورِس کُن چھُ سِیدٕ ہ کِدار لیکھِتھ۔ یِنٛژن سِکَن پیٹھ چھُ بوٚن کِنہٕ سہہ کلہٕ بنٲوِتھ۔ | ½ ۵۶ رَژ | تورمان | |

| گرنٛد | دات | بُتھ | تھر | سَنٛہ | راز | وِہُرھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | | | کھوٗورکُن چھُس طغرٕ<br>دٕچھِن کُن : اَدٕش | | | |
| ۳ | سوٗن | رازٕ پنٕنز نیٛصف<br>شبیٛہہٕ یٔس بُتھ کھوٗور<br>کُن چھُ، اَمِس چھُ وۄڈٕ<br>تاج، کھوورِس اَتھس مَنٛز<br>چھُس اَنکُش تہٕ دٕچھِنِس<br>اَتھس مَنٛز شاہی<br>عاصہٕ۔ یوٗنٲنی روایت:<br>شاہان شاہو<br>اوٗشکو کُشانو | سِری یہٕ کھوٗور پھیٖرِتھ دِوتا<br>یٔس پٔتی کِنۍ مَنٛڈُل چھُ، یہٕ چھُ<br>زٕژٕ ژھٹان۔<br>طغرٕ:<br>دٕچھُن کُن : مِیارو | | ہُشک | |
| ۴ | سوٗن | کھوٗورکُن پھیٖرِتھ<br>رازٕ یٔس کَلَس پٔتی کِنۍ<br>مَنٛڈُل چھُ، اَمِس<br>چھِنے تُوٗنتَل ٹوٗپۍ وۄڈٕ<br>تہٕ زرٕ بکتر چھُس<br>گَنٛڈِتھ۔ لوٗکٹس<br>ہَونہٕ کھۄنٛڈس چھُ دٕچھِنہٕ | یٔروٗنہٕ کُن وُچھان زٕنرٕ گٔرِتھ<br>شِنو، اَمِس چھُ دٕچھِنِس اَتھس<br>مَنٛز مارٕٛیک تہٕ زیوٗٹھ ترٕشوٗل<br>کھوورِس اَتھس کیٚتھ۔<br>کھوورِ طرفٕ ہیٚوٗر کُن چھُس<br>طغرٕ: | | جشک<br>(واسدیو) | |

| گرنٛد | د | ُبتھ | تھر | وزن | راز | وپٹھنَے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۶ | ترام | زَنہٕ ہٕنٛزوکھٕ شبیہہ ڈٕچھُن کنُ۔ شری گوکرن۔ | ووڈِنی راز ہنٛز بۓ وأر شبیٖہہ۔ گرٛٹھ ٹلی کِدا [ را ] | ۵۳½ رٕژ | گوکرن | یہ کُنے سِکہٕ چھُ کُنٛنگھم سٕنٛد مبرنہٕ مَنٛز۔ |
| | | | کارکوٹ خاندان | | | |
| ۷ | سون | بِہیتھ لکھشمی ہٕنٛز اُڈگٔر شبیٖہہ۔ ڈٕچھنی شری دُرلبھ کھووُر کنُ۔ دیو | ووڈنی راز ہنٛز بۓ سُم شبیہہ جے [ تی ] کِدار | ۶۱ رٕژ | دُرلبھ وَردَھن | |
| ۸ | سون | گرَتھ تیٖشُٹھُ یُتھ ءٕ چھُ شری وگراہا کھووُر کنُ زٕ اَچھٕر چھِنہٕ یِوان پَرنہٕ۔ | کِدا [ رأ ] دوٕ یہ لَٹہٕ آمُت ترٛاونہٕ۔ | ½ ۵۶ رٕژ | وِگرٕہا | |
| ۹ | ترام | بِہیتھ دیوی۔ شری پرٛتاپ | ووڈنی راز گرٛٹھی ٹلی کدار | ۵۰½ رٕژ | پرتاپ دِتیہ I | ابتدأیی دورُک نایاب |
| ۱۰ | ترام | دیوی تہٕ شری پرٛتاپ | راز تہٕ گرٛٹھی ٹلی کدار | ۴۶½ رٕژ | پرتاپ دتیہ II | |

| گرند | دات | بُتھ | تھر | وَزن | راز | وۄشھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ٣ | سوٗن | راز چُھہ بۄڑ ؤتھہ کُن بُتھ کٔرِتھ ووٚدنی. کھوورٕ اَتھہ چُھس ہلس پیٹھ تہ دٔچھن اَتھہ تھوٚد، زٔرٕنی چھہ بوٚن کُن ہیتھ، دٔچھنہِ تہ کھوورِ چُھس "شری پرٚورسین" لیکھِتھ۔ | لکھشمی چھےٚ سِہس سوار، اَمِس چُھہ کھوورکُن پوٚشہ گمُلہٕ. کھوورِس اَتھس مَنٛز چُھس پمپوش. کھوورکُن چُھس سِدھٕ کِدار لیکھِتھ۔ | | پرٚورسین | یہ سِکہ چُھہ پٔننِس اَصلی حالتس مَنٛز موجوٗد. |
| ۴ | روپھ | کھوورِس اَتھس مَنٛز پمپوش ہیتھ بیہتھ لکھشمی دٔچھن کُن چُھہ "شری پرٚور" لیکھِتھ۔ | راز چُھہ کھوورکُن بُتھ کٔرِتھ ووٚدنی، اَمِس چھےٚ کھوورِس اَتھس مَنٛز ژٔنڈ، چالہٕ تھپھ کٔرِتھ گدا۔ دٔچھن اَتھہ چُھس مَنٛز آوتھ۔ اَتھس پیٹھ کٔنہ چُھہ ترشوٗل۔ دٔچھن کُن چُھہ "سین" لیکھِتھ۔ کھوورِس کٔرٕھس بوٚن چُھہ "کِدار" تہ بوٚنہ کنہٕ رٔتن ( ) لیکھِتھ۔ | ۶۰ رٔژ ڈائیہ ۵.۹۵ آنچہ | پرٚورسین | سِکہ چُھہ برٹش میوزیمس مَنٛز |
| ۵ | سوٗن | بیہتھ زنہٕ ہنٛز اَڈ گرٕشبیہہ۔ دٔچھن کُن شری نریندرا۔ | ووٚدنی راز ہنٛز بے سُم صورت، کُرٕھ تلے۔ کِدا [را]۔ | ۵۷ ۱/۲ رٔژ | نریندرا دتیہ | |

| گرند | دات | بُتھ | تھر | وزن | راز | وِشرھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۱۹ | ترام | بہِتھ دیوی۔ چہ | ووٕدِنی راز | ...... | چکر ورما | |
| | | بہِتھ دیوی۔ پارتھَ | (و) رَما دیوٕ | | | |
| ۲۰ | ترام | بہِتھ دیوی۔ شری | ووٕدِنی راز۔ اُن مَتّ | ...... | ورما | |

# رَلہٕ مِلہٕ خاندان

| گرند | دات | بُتھ | تھر | وزن | راز | وِشرھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۲۱ | ترام | بہِتھ دیوی۔ یشسکر | ووٕدِنی راز۔ دیوَا | ...... | یشسکر | |
| ۲۲ | ” | بہِتھ دیوی۔ شری پرٔوٕ | ووٕدِنی راز گُپتَ | ...... | پرٔوٕگُپتا | |
| ۲۳ | ” | بہِتھ دیوی۔ کشیمہ گُ | ووٕدِنی راز۔ پتا۔ دے (وَ) | ..... | کشیمہٕ گُپت | |
| ۲۴ | ” | بہِتھ دیوی دِکشیمہ گُ | ووٕدِنی راز۔ دِپتا | .... | دِدّا کشیمہ | یہ سِکہٕ کوٗرکشیمہ گُپتَن دِدّا نیتھرٕ |
| ۲۵ | ” | بہِتھ دیوی۔ ابھِ نیٗو | ووٕدِنی راز۔ گُپتَ | ..... | اَبھِ مَنیو | کرٕنہٕ پتہٕ جاٗری لُس |
| ۲۶ | ” | بہِتھ دیوی، نندی گُ | ووٕدِنی راز پَتا | ..... | نندی گُپت | عام چھُہ مگر اَمہِ |
| ۲۷ | ” | بہِتھ دیوی۔ ترٕبھوَن | ووٕدِنی راز۔ گُپت | ..... | ترٕبھوَن گُپت | بڑوٗ ثنھٹھُیم کشیمہ |
| ۲۸ | ” | بہِتھ دیوی۔ بھیم گُ | ووٕدِنی راز۔ پتا | | بھیم گُپت | گُپتہٕ سُند جاٗری |
| ۲۹ | ” | بہِتھ دیوی۔ شری دِدّا | ووٕدِنی راز۔ دیویاہ | | دِدّارانی | کوٗرمُت ضرب چھُہ منفرد۔ |
| ۳۰ | ” | بہِتھ دیوی۔ سنگرام راَ | ووٕدِنی راز ج دیوا | | سنگرام راج | |
| ۳۱ | ترام | بہِتھ دیوی۔ انَنت را | ووٕدِنی راز۔ جَ دیوا | | اننت دیوٕ | |

